# کاشُر انسائیکلوپیڈیا

## جلد (۲)

(آثارِ قدیمہ، فنِ تعمیر، ضربیات
لوٗیہ مۄژ، کنہٕ مۄژ تہٕ کترٕ مۄژ)

چیف ایڈیٹر

**محمدّ یوٗسف ٹینگ**

جموّں اینڈ کشمیر اکیڈیمی آف آرٹ کلچر اینڈ لینگویجز، سرینگر

(۱۹۸۹ء)

گوڈنیک ایڈیشن : ۱۹۸۹ء

تعداد : ۱۰۰۰

تزئین و کتابت : محمد یوسف مسکین

تصاویر : بشیر اختر، اوم پرکاش، غلام محی الدین

چھاپ خانہ : فوٹو لیتھو ورکس۔ دہلی۔

ادارتی ناوُن ہنڈی ژھوٹری :

موتی لال ساقی (م۔ل۔س)

محمد احسن احسن (م۔ا۔ا)

عبدالغنی ندیم (ع۔غ۔ن)

شمیم اختر (ش۔ا)

مجید عاصمی (م۔ع)

م۔ نوشین نگہت (م۔ن۔ن)

ادارتی صلاح کار :۔

پروفیسر پی۔ این پُشپ (سابق ناظم آرکیولاجی، میوزیم و ریسرچ)

ڈاکٹر محمد اسحاق خان (صدر شعبۂ تواریخ، کشمیر یونیورسٹی)

عِلم چھُے صنٛدوٗقَس سوٗن زَن بَرُن

نُندِ رێوش رح

# پیش لفظ

ییمہ اِنسائیکلوپیڈیاہک گوڈنیُک جلد اوس ترٚیے وٕری برونٛہہ کاشراونہٕ آمُت۔ دوٚیُم جِلد اوس پننہِ مُشکِل نمٲیی تہٕ مشقّت طلبی باوجوٗد وٕری کھنٛڈ بروٗنٛہہ تیار مگر اَسہ زون مُناسب زِ بیٚیہِ رٔژھا دَم گرٛزھ دِنہٕ یُن یُتھ اَتھ دَم گژھتہٕ نعمٔژ وارٕ چھاو ییہِ۔ تہٕ گوٚیہ زِ اَکھ ییہِ اَتھ ترٚییمہ ژوٗری مہٕ پھِر بیٚیہِ چھانٛژ لاگنہٕ تہٕ ژھٕٹ کڑنہٕ۔ بیٚیہِ تھاوواٗسی گوڈنکہِ جلدکین پوٚت آلوٗن وارٕ کٔن۔ دلیوٕ کاشہ باخبر نادیاندا اَسہ کُنہ بے شونکس کھٹہ کُجرس کُن توجہ پھِرِ یُس سانہٕ تحقیقی پھیارنہٕ مَنٛزٕ نظرٕ ژھل گرِتھ سنزوٕنٹے دٕژامُت آسہ۔ الحمداللہ زِ اَتھ دورانس گٔے ساٚنی یہ پٔژھ محکم زِ یہ محنتہٕ چھٕنہٕ رٔتھ کھٔشرِمٕژ۔ گوڈنیُک جلد آو کاشرِ زَبانی ہنٛدین سارِنے معتبر اَدیبن تہٕ عالمن (کاشہ بَل چِک ہے رٕووُمت آسہ، سُہ چھُنہٕ اِرادی بلکہ بشری) سوزنہٕ۔ یہ معیاد اوس سیٹھا یِتھ مَنٛزٕ تِم فُرصَژ تہٕ فراغژ سان اَتھ نظر گُذر دِتھ ہیکہٕ ہن تہٕ ہر گاہے کانٛہہ وَشفہٕ ییہِ ہیکھ بوزنہٕ تِہنٛز نِشاندِہی کرِتھ ہیکہٕ ہن۔ مگر اکثر سپُد یہ زِ تِمَو دیُت اَسہ شاباش تہٕ مرحبا۔ اَتھ حدس تانی زِ ییٚلہِ ووہ ذِتمن موضوعن پیٹھ، ییم گوڈنکہِ جلدُک مغز چھِہ، کانٛہہ ریڈیو، ٹیلی وِژن، فلم، اخبارن، رسالن یا کِتابن مَنٛزٕ لیکھان چھُہ، سُہ چھُہ لگ بگ لاّزمی تہٕ لابُدی طور اَمہٕ جلدکین نوٚشتن ہنٛز عبارت نقل کران۔ ووں گوٚ کانٛہہ کانٛہہ دوست چھُنہٕ حوالہٕ دِنٛچ ضرورت محسوٗس کران۔ ظاہرٕ ما اَمہٕ کِنی زِ یہ چھُہ اَسہ سارِنے ہُنٛد سرٛوٚد سرمایہ تہٕ سرٛودِس پیٹھ چھُہ سارِنے حق۔ کینژھا اَمہٕ کِنی تہٕ زِ کاشرِ تحقیقی کس کلچرس مَنٛزٕ چھُنہٕ دُنہٕ حوالہٕ دِتھ کَتھ پیش کرنُک عادت پوٚختہٕ گومُت۔ یہ انسائیکلوپیڈیا چھُہ خار اَکہٕ اَدارٕچ پیش کَش۔ تنقیدی تہٕ تحقیقی مادانن مَنٛزٕ چھنے دُنہٕ اَسہ عام پٲٹھی (معزز استثنا ہو ورٲے) انفرادی عالمن تہٕ اَدیبن ہُنٛد ناد

ہِنٛز تھٕے کُنہِ گٹھِ گوچھ گرٛھان یتھ کُنہِ ازبرٛونٛہہ ہتہٕ شتھہ ؤری کاشُر مہریٖنی پننِس رٕنۍ سُنٛد ناو ہِنٛز مٕنٛد چھان اُس۔ بہرحال، یتھ کُنہِ دوٚنۍ آشنٕین گلہٕ زیوٚ چھٕنہٕ گرٛھان تھٕے کُنہِ سیدٕ بہ علمی گجر تہٕ پلنے۔ واریاہ ہو دوستو وۄن نہٕ کہیں تہٕ اُسی چھ اَتھ خاموشی اکثریتس SILENT MAJORITY ہِنٛز منظوٗری ہٕنٛد اشارٕ تصوٗر کران زٕ سارٕنے سوسایٹین مَنٛز چھُ اَمہِ اہم طبقک کردار یتھے کُنہِ اُنکہٕ وَنہٕ یوان۔ اَلبتہٕ اَتھ جلدس منٛز آسہٕ پرٛوٗف چہٕ کیٛنہہ دوکھ غلطی روزنہٕ مٕژ۔ اَتھ پیٹھ کرٕ اَسہِ واریاہ ہو ٹالموٗکھسرتہ پانہٕ تہٕ سپیز اَسہِ اَپیٖچ مٕنٛد چھ محسوٗس۔ مگر یہ PRINTERS DEVIL چھُ یتھ ہاکھل زٕ آکسفورڈ ڈکشنری تام منٛز چھ اَمی ہٕنٛدی ہینگ بوزنہٕ یوان۔ یہ چھُنہٕ کانٛہہ جواز صرف یٖنمہٕ کتھہ ہٕنٛد اِظہار زٕ غلطی سیتی گمژہ نہٕ پرٛژ کامہِ پیتہٕ زٕنٛین ارادن پیٹھ شک کرنہٕ یُن۔ بہرحال اُسی ہیکو دوٚنۍ بٔڈ عاجزی تہٕ اِنکسارٕ سان وٚنتھ زٕ یٖنمہٕ اِنسایکلوپیڈیا کہ گوڈنکہ جلدٕ سیتی چھ تمہٕ کاشرِ کلاسیکیٖک پُن وۄتھمُت یٖنمکی خاب اَسہِ ؤری یہ وادن رٕچھمتی اُسی تہٕ یمن لَل دٕیدٕ ہٕنٛد یہ دُعاے خیر آشیرواد دوان رٕود ع

اُسی اُسی تہٕ اُسی آسو اَسے دور کرٕ یتہٕ وتھ

چنانچہ یہ پرٛژھ حاصل کرنہٕ پتہٕ کوٚر اَسہِ یمن نوٚشتن ہٕنٛد پننہِ رسالہ ہانگلہِ شیرازس، منٛز ترجمہ پیش کرنُک سِلسِلہٕ شروٗع۔ یم نوٚشتہٕ چھ ژٲری ژٲری اُردو، ہندی، پنجٲبی، ڈوگری بیترِ شیرازن منٛز باقاعدٕ نیران تہٕ انگریزی شیرازس منٛز تہٕ یہِ یہ دس جلد تُلنہٕ۔ یمن زبانٕین ہٕنٛدی عالم تہٕ ادیب تہٕ چھ دوٚنۍ یمن نوٚشتن پران۔ یمن نہٕ صرف چھ یم ٹارکھتی ہتی بلکہ تم چھ اصرار کران زٕ کٔشیرِ ہٕنٛز پرٛزنتھ سُنۍ تہٕ گٔنی بناونہٕ خاطرٕ گرٛژھہِ یہ سِلسِلہٕ زیادٕ باضابطہٕ تہٕ مستحکم بناونہٕ یُن۔ یمن نوٚشتن ہٕنٛدِ اعتبارُک اَکھ پہلوٗ چھُ یتہٕ زٕ یمن ہٕنٛدین ترجمہٕ کارن منٛز ووٚن نہٕ پروفیسر رحمٰن راہی ہیوٚ ادیب تہٕ علم شناسو تہٕ شٲمل روزن خلافِ شان کیٛنہہ۔

کاشرِ انسائیکلوپیڈیا کہِ معتبر تہٕ مستند آسنُک اَکھ ثبوٗت چھُ ہنا ؤرگہ مگر تو تہٕ سیٹھاہ باون ہار، سہ گو یہ زِ ڈوگری تہٕ گوجری زبانن نہٕ چھُ یہ اِنسائیکلوپیڈیا ڈلیشتھ رسوٗل میرنہٕ کتھہ 'لوٚب آمے خوبصورتیے، ہیوٚ معاملہٕ سپُدمُت۔ یمن دوٚ شوٗنٛز زبانن منٛز آیہ اکادمی ڈکشنرین ہٕنٛدی منصوٗبہٕ ییٛہسے مکمل کرنہٕ۔ چنانچہ دوٚ شوٗنٛز چھ شتسے شتسے جلدٕ۔ ڈوگری ڈکشنری ہٕنٛدِ شییمہِ جلدٕچ روٗنمٲیی کرٕ ۲۷، فروری ۱۹۸۹؁ء اکادمی ہٕنٛدی صدرنشین ڈاکٹر فاروق عبداللہ صابن جیٚنمہِ اکادمی ہٕنٛدِس جشنِ اعزازس منٛز۔ دوٚنۍ چھپے دوٚ شوٗے زبانہٕ

اَمہِ کیلاشس یاترایہِ پتہٕ کأشرِس انسائیکلوپیڈیاہَس کُن وُچھان ۔ اکادمی چھےٚ یِمَن تجویزَن پیٹھ غور کران. مگر سُہ چھُ اَکھ الگ موضوع۔ اَلبتہٕ تِمَن ہِنٛدِ یتھ اِنسائیکلوپیڈیاہَس مُشتاق گژھنہٕ چھےٚ اَسہِ کأشرِن کاژ وٕدگنان ۔ اَمہِ جلدِ کِس بٔڈِس نۆشتہٕ لِگار موتی لال ساقی صأبَس صدرِ جمہوریہِ ہِنٛدِ طرفہٕ پدم شری ہیٚک اعزاز عطا کرُن چھُ بالواسطہٕ طور یِیٚمہِ انسائیکلوپیڈیاہچ عزت اَفزأیی تہٕ اَمیُک عرفان عام گژھنُک اعتراف تہٕ انعام تہٕ۔ یہِ RECOGNITION چھےٚ یتھ انسائیکلوپیڈیاہَس تہٕ پھیوت گنڈان۔

---

یِیٚمہِ انسائیکلوپیڈیاہُک دوٚیُم جلد چھُ اَسی ہَنا ژٕرِ اعتماد تہٕ پژہ سان پیش کران. اَکھ وجہ چھُ یی زِ تجربہٕ چھُ پانہٕ بوٚڈ ووستاد تہٕ وَتہٕ ہاوُک۔ دوٚیُم یہِ زِ اَسہِ دِژ اَزی کِہ پھِر واراہ ژھأنڈ ژھارِ تہٕ زیادٕ مَتَن کوٚر جمع۔ یتھ جلدَس مَنٛز چھنہٕ صِرف کٔشیرِ ہِنٛدٮ۪ن آثارن یوت زیادٕ تیز تہٕ ترٕوِنی نظر ترٲوِنہٕ آمٕژ، اَکھتُے چھےٚ جیٚمہِ تہٕ لداخ کیٚن آثارن متعلق زیادٕ وُسیع باڈوچ کام سپٕزمٕژ۔ تصویرَن ہُنٛد شُمار تہٕ معیار تہِ چھُ زِ ہَنا تھزراونچ کوٗشش کرنہٕ آمٕژ۔ یِیٚمہِ جلدُک اَکھ اَنٛدازٕ ہیٚکہِ بیٚون بیٚون آثارن متعلق شأمِل یِیٚمہِ گوشوارٕ ستی کرنہٕ یتھ۔

عام دِلچسپی ہِنٛدی نۆشتہٕ ۱۶۳

لۄیہ مُرژَن پیٹھ نۆشتہٕ ۵۹

کَنہٕ مُرژَن پیٹھ نۆشتہٕ ۱۷

کتٕرِ مُرژَن پیٹھ نۆشتہٕ ۱۳

سارٕنے صِنفہٕ ہِنٛدٮ۪ن نۆشتَن ہُنٛد میزان ۲۵۲

اَمہِ علاوٕ چھُ یِیٚمہِ جلدُک اَکھ سیٹھاہ دِلکش، عالمانہٕ تہٕ تفصیلی جُزو ضربیات۔ یہِ چھُ ماقبل مسیح یعنی یونأنی دورٕ پیٹھہٕ آغاز گژھان تہٕ اوترٕ اوترٕ یعنی ڈوگرٕ دورٕ کیٚن سِکَن پیٹھ اَنٛد وأتِتھ تقریبَن ڈایَن ساسَن وٕرین کوٚم کران۔ کٔشیرِ ہِنٛدٮ۪ن ضربیاتَن پیٹھ اُس مرحوم ابنِ مہجورن کیٚنٛہہ اِبتدأیی مگر سیٹھا معتبر کأم کٔرمٕژ اَلبتہٕ ساقی صأبَن یِیٚمہِ تفصیلہٕ سان تہٕ سٕنتھ ٹسٕرتھ اَتھ واتِس کوٚڈمُت تہٕ گاشس ہُرِ روومُت چھُ، سُہ چھُ اَتھ کأشرِس ضربیاتَس مَنٛز اَکھ تیُتھ ہُرہ بٔرناوان یُس ہرہمیشہ زوتان تہٕ شوٗبان روزِ۔ بوزوَے تہٕ انگریزی زبأنی ہبرٕ چھپنہٕ ظأہرا کُنہِ ہندوستأنی زبانہٕ مَنٛز اَتھ موضوعَس پیٹھ اَمہِ اَنٛدازٕ وٕنیُک تام لیکھنہٕ آمُت۔ مےٚ

چھنے پٔرِھ زِ کاشرِس توٲریخس پیٹھ لیکھن واجِیم تواریخ کس اُتھ انتہایی مستند، مسلسل تہ مستحکم سرچشمس سوٗرے مواد بڑوٚنہِ کنہِ نہ آسنہٕ کنی واریاہن جایَن دول دِوان آسی، تم ہکن امہِ باب چہ روشنی منٛز واریاہن گیٚنہن سُہپٹ کٔڑتھ۔ مرحوم ابن مہجوٗرن اوس اُخری شہیری حکمران محمد شاہ تہ فتح شاہ نین، پانژن پانژن شین شین تخت بدلین ہُند معتبر کلینڈر یموٗ سِکو ہنٛدِ مددِ سیتی مرتب کوٚرمُت۔ سِکہ چھِ نقش برسنگ ہش کتھ آسان تہ امیک لیکھت چھُ تواریخ کِہ چھوٚر چھوٚر کرُونہ آبہ جہ یہ ہُند مہر تصدیق آسان تہ توٗے پیٚیہ اُتھ بابس سارنے وارٕ اُچھ مُنٛز رٲوتھ نظر دِنی۔

یٔمیہ جلدِ کین شاملاتن منٛز چھ کیٚنہہ تژِھ جایہ تہ آثار تہ موجوٗد۔ یمن متعلق غالبن گوڈنچہ لٹہ قلمس کتھ چھنے آمژ تہ یہُند تفصیل بیٚیہ کنہِ کتابہ منٛز خالے نظرِ گژھہ۔ یمن منٛز چھُ تُجَر، اہم، بھیم سوامن، بھوج منٛدر، امام بارہ احمد پور بیتر۔ امہِ علاوٕ چھُ تقریبن پرتھ نوٚشتس سیتی تصویر تہ۔ تصویرن منٛز چھُ عمارتو علاوٕ آثارک مزاز تہ طرز بیتر ہاونہ باونہ خاطرِ خطاطی تہ باقی نقوشن پیٹھ تہ توجہ دِنہٕ آمٕژ۔ موٗنژ ژھرن یعنی دیواری تصویرن ہنٛزِ تہ چھنے گوڈنچہ لٹہ وٕشِھنے کرنہٕ آمژ تہ تصویری وضاحت تہ۔

یَتھ جلدس منٛز شامِل واریاہ کُچ نوٚشتہ چھ بڑوٚنہہِ شیرازس منٛز اُدبین تہ عالمن ہنٛدِ سوال جوابہٕ خاطرِ چھاپنہٕ آمتی۔ اَمہِ کریاو واریاہن اُدبین بیترِ محفلن منٛز یم بوزنک سال تہ مگر چھکرس موژیو اُکس یژھہ محفلہِ منٛز صرف محمد امین کامل صاب تہ یتھ شعرس گو مفہوٗمس تلکھ پیٹھ ع

زمانہ بڑے شوق سے سُن رہا تھا
ہمیں سو گئے داستاں کہتے کہتے

---

انسائیکلو پیڈیا نویسی چھنہٕ کاشرٕ بلکہِ اکثر و بیشتر ہندوستانی زبانن ہنٛدِ خاطرِ وہ یہرنے تہ کم وُنیز صنف اوٚ خاطرِ چھنے کیٚنژن نوکتن پیٹھ سون نظر کون واضح کرنچ ضرورت ہش باسان۔ انسائیکلو پیڈیاہن منٛز چھُ موضوعس متعلق نوین کتھن ہُند اشارٕ آسہٕ دِنے مگر یہ چھِنہٕ ضروری زِ سہ کرِ کتہٕ خاص موضوع یا منصوٗبس متعلق بلکلے نوٚو تہ نیرل تحقیقات پیش۔ یہ چھنہٕ انسائیکلو پیڈیا نویسی ہُند گوڈنیک PRIMARY فرض۔ انسائیکلو پیڈیا چھُ بنیادی طور پٔننہٕ ترتیبہٕ کس وَقتس تام استصواب

یعنی CONSENSUS کِس علمُس ترتیب دِوان، اَہم نقط ہِے نظرَن ستی پنُن پان وابستہٕ کرنہٕ ورٲے تہنٛز نوٹُس نِوان تہٕ یوٚتاڈ نہٕ یِم نظریہٕ اکھ قابِل لحاظ اعتبار تہٕ اعتماد حاصل کرن، توٚتاں یِمَن پیٹھ تصدیقچ موہر ترٛاونُس ہراسہ کران۔ انسائیکلو پیڈیاہچ کام چھِنہٕ لازمی طور پہٕ زِکُنہٕ منصوٗبَس متعلق کرِ پننی دوٚرِ رِس تہٕ سٔنہٕ ونی تحقیقی مُہم شروٗع۔ سُہ چھُ تواریخ چہ سوہ نہٕ کورِ GOLDEN GIRL یعنی ہیلنہٕ ستی منسوٗب ٹرٲے شُہرچہ باز تلاشک مُژ پیش کران مگر پانہٕ چھُنہٕ یتھ ہیوٚ کانٛہہ منصوٗبہٕ تُلان۔ انسائیکلو پیڈیا چھُ بنیادی طور علم تہٕ توارِیخک ژیتہٕ ووٚتُر تہٕ عِطر پیش کران۔ پٔزتھ مَن سٔرِس مَنٛز ودتھن داجنہٕ لہرِ ہُنٛد حِساب تھاوُن نہٕ چھُ اَمہٕ خاطرِ مُمکِن تہٕ نہٕ واجب۔ مِٹے دِژ ذرا دوٚرِچ مِثال اَمہٕ سببہٕ زِ بقول مولانا روٗمی ع

خوشتر آں باشد کہ سرِّ دلبراں

گُفتہ آید در حدیثِ دیگراں

اَتھ سِلسِلَس مَنٛز روزِ اکھ مِثال دِنی مُناسِب۔

روضہٕ بل سرینگرِ یوٗزآصفؒ ہٕنٛدِس مَقبرِس متعلِق چھُ وُنی کیٚس تقریبن سارِی سے اسلامی، مسیحی تہٕ بودھ دُنیاہَس مَنٛز اکھ علمی مُجادلہٕ تہٕ مُناظِرٕ جاری۔ کشیرِ، ہندوستانس، پاکستانس، یوٗرپس تہٕ امریکہٕ ہَس مَنٛز چھپٕے اَتھ پیٹھ کتابہٕ شایع سپٕنہٕ مژٕ تہٕ یہ سِلسِلہٕ چھُ وُنہٕ لِکان۔ اَڈی چھِ اَتھ یسوع مسیح سُنٛد مقبرٕ مانان تہٕ اَڈی چھِ اَتھ اِنکار کران۔ سٲنی انسائیکلو پیڈیاہن چھُ پننہٕ اصوٗلہٕ مُطابِق اَمِچ نوٗٹُس نیٚمژ مگر حتمی فاصلہٕ اَمہٕ بحث وتکرارکِس نتیجَس پیٹھ ترٛووُمُت۔

یہ نہٕ زِ ییٚمہ جلدِکِس ترتیبَس مَنٛز کیاہ ٹکٕ اَسی ہرورِ سوہ مِن سٔترِن وُتھنے یوت پیٹھ اَسہٕ آیہ بارِ گُنڈی تہٕ تیز کھمبرِ تہٕ دَرپیش تہٕ کُنہٕ وِزِ ہیوٚک نہٕ اَسہٕ پنُن منشا حاصل کٔرِتھ۔ مثلَن رینچن پورکِس مُلحق نوٚشتَس ستی اَسی اَسہِ کشیرِ ہٕنٛدِس گوڈنِکِس مُسلمان سُلطان صدرالدین رینچن شاہ (ییٚمی اَکِس دائنسٹہ تھدیبَس اَنٛدٕ لیوٚکھ تہٕ بیٚیِس توارِیخی اِنقلابُس دُس تُل) ہٕنٛزِ قبرِ ہُنٛد تصویر یِژھان شامِل کرٕنی مگر سُہ چھُ کُنٕی تام قُلفَس تَل تھووُمُت تہٕ پیٹھ چھُس زِنٛگ بُٹھیٚک تیوٚت

لہ ڈاکٹر تاراچند ہٕنٛدِ وَننہٕ مُطابِق چھُ دَر اصل یوٗزآصف بودھی سِتواء (ییٚنہٕ کاالک بُدھ) اِصطلاحکُے اکھ روٗپ (م۔ی۔ٹ)

بوڈ پہاڑ زِ اتھ زیرِ دِزی گیا و پننہِ کلہِ ہیر گٔنڈُن۔ لہٰذا پیو اَسہِ رینچَن مُشید ہٕنز تصوٗرٕ پیٹھے قناعت کرُن تِ تھین سُہون پیٹھ مَنگو اَسی ضرور عفو کریم آثار اَتھ مُنٛز تراوِنی تہٕ گو قومی بے حسی ہُنٛد ثبوت دِیُن۔ اُمیٖد چھےٚ تدٕ وُرک ہیٚکہِ اَکھ بیدار قومی رایی کٔرِتھ۔

---

آثارِ قدیمہٕ کیٚن دوٕن جِلدن ہٕنٛدِ تکمیلہِ پَتہٕ چھےٚ اَسہِ دوٕنی پَنہٕ نٔن باقی موضوعن کٔنٛ مُدٕ گنٛڈ مٕژ۔ یہ زَن نوٚن تہٕ پژرون چُھ سُہ گوٚز یہ منصوٗبہٕ واتہٕ دَرجٕنہِ واد وٗریٚن مَنٛز اَنٛد تہٕ اَکوٗ ہمہٕ صٔدی مَنٛز تہٕ آسہِ ذوان دوران ہان شاءاللہ اَسی تِلوٚ پَنہٕ نو مجاز ادارو تہٕ پَنہٕ نٔن صلاح کار کمیٹیٖن تہٕ عالمن ہٕنٛدِ بڈِ حلقہٕ کِہ مَشورٕ سٕتی جغرافی تہٕ اَرضیات کِس موضوعس جِلدٕ دِس تہٕ یوٚتاہ پوشو تیوٚتاہ وٗلی کرو بیٚیاکھ جِلد پیش۔

یِیمہٕ جِلدٕ کیٚن نوٗشتَن چھےٚ پروفیسر پی۔ این پُشپ تہٕ کشمیر یوٗنیورسٹی ہٕنٛدِ تواریخکہِ شعبکی صدر ڈاکٹر محمد اسحاق خانَن تہٕ نظر ژِژمٕژ۔ بہٕ چھُس سٹاف ممبرن، ادارتی صلاح کارَن تہٕ خطاط محمد یوٗسف مسکین، انچارج پبلی کیشن بشیر اختر، فوٹوگرافر ادم پرکاش، سارنی ہُنٛد شکر گزار زِ تِہنٛدِ ہِمتو سٕمتو سٕتی ووت یہ جِلد مُنٛزِ لس۔ ذاتی طورٕ یہ کامرانی ڈیشتھ چھےٚ میر سٕنٛدِ شعرٕچ باش گاہ مٕژ ع

مُنہ کی جھلک سے یار کے بے تاب ہو گئے
شب میرؔ ہم کو پرتوِ مہتاب لے گیا

محمد یوٗسف ٹینگ

سرینگر۔ یوم نوروز
۲۱، مارچ ۱۹۸۹ء

ڈنجہ چھ مگر اُتھ چھنے پتھ کالہٕ کینہہ کھنڈراتن ہنٛدی باقی
ہیت ڈیٚجہِ۔ (وُچھو کاکہ پور تہٕ) (م۔ل۔بی)

کتاب نامہ:

*Kaul S.K: Jonaraja's Rajatarangini
*Stein: Kalhana's Rajatarangini

# اُتپل سوامن

اُتپل سوامن چھ وێتھہِ ہنٛدِ کھوورِ بٔٹھ کاکہ پورہٕ۔ یہ گوٚو سے کاکہ پور یتھ راج ترنگنی منٛز اُتپل پوٗر چھ آمُت وَننہٕ۔ زونراجن تہٕ چھ اَمہِ قصبُک ذکر اَتھ ناوِ کوٚرمُت۔ صاف چھ ظاہر زِ تَس سٕندِس زمانَس۔ (۱۳۸۹ـ۱۴۵۹ء) تام تہٕ چھ یہ قصبہٕ اُتپل پورٕ ناوٕ مشہوٗر اوسمُت۔ ناوٕ تلہٕ چھ ظاہر زِ اُتپل سوامی مَنٛدر چھ وِشنو مَنٛدر۔ طرزِ تعمیرٕ اعتبارٕ گاندھار طرزِچ ژینہٕ وَن دِنہٕ باوجود چھ یہ مَنٛدر باڈٕ کہن وَرِمن دور کھوٚ باقی کنہٕ مَنٛدرو کھوتہٕ سیٹھا لوکُٹ۔ اَما کاری گری حسابہٕ چھُس نہٕ کانٛہہ پَرٕگی۔

اُتپل سوامن مَنٛدر تعمیر کرن وول اوس اُتپل، یُس راجٕ اونتی وَرمنس (۸۵۵ـ۸۸۳ء) رشتہٕ کنہِ بُڈی بب اوس۔ تمی اوس مَنٛدرتہِ بنوومُت تہٕ قصبہٕ تہٕ پننِس ناوَس پیٹھ بسوومُت۔

راجٕ رام دیو (۱۲۵۲ـ۱۲۷۳ء) سٕندِس دورِ حکومتس منٛز تہٕ چھنے مَنٛدرس مرمت کرنہٕ آمژ، یُس صاف چھ ہاوان زِ مندرس آسہ کیاہ تام خرابی گامژ۔

یوٚدوَے اُتپل سوامی مَنٛدر وُنہِ تہٕ پننہِ جایہ

# اُدھمپور

اُدھم پور چھ جوٚم کشتواڑ سڑکہِ پیٹھ جموٗ صوبُک اکھ اہم ضلعہٕ۔ عرض بلد چھُس ۵۵ ۳۲°، طول بلد ۱۱۱ ۵°۷، تہٕ سمندرٕ سطحہِ پیٹھٕ تھزر ۲۰۴۰۰ فُٹ۔ یہ زیلہٕ چالہٕ علاقہٕ چھ تمہِ کس جنوٗبس منٛز شوالک پربتو پیٹھٕ شمالہٕ اندٕکِس ہمالہ کوہٕ سلسلس تام پھٔہلتھ۔ اَمہِ کوہٕ سلسلہٕ اپارٕ چھ کشیرِ ہنٛد کوہٕ لگامہِ تحصیل، مشرقہٕ طرفہٕ چھُس ڈوڈا ضلعہٕ



تہٕ مغربہٕ طرفہٕ پژۄنژھ علاقہٕ ۔ اُدھمپور ضلعٕکِس
اہم ترین قصبس تہٕ چھ اُدھم پورے وَنان ۔ اَمہٕ
علاوٕ چھ ضلعس منٛز بیٚیہٕ زٕ قصبہٕ رام نگر تہٕ ریاسی ۔
یِتھ کالہٕ اوس اُدھمپور ضلعس منٛز زانسکار ، ہُر سیانہٕ واڈون
تہٕ کشتوار تہٕ شامل ۔ اُدھم پور قصبس چھُ ڈوگرہ مہاراج
گلاب سنگھنی زٕٹھی نیچوی میاں اُدھم سنگھن کُن ذٕتیمٕت
تہٕ تَوے کِنی اُسی اَتھ گوڈٕ گوڈٕ اُدھم سِنگھ پور وَنان تہٕ
پَتہٕ پیٚوو اَتھی اُدھمپور ناو ۔ بڑۄنہہ کالہٕ چھ اَتھ جایہ
لودھ پور ناوٕ اَکھ گام آباد اوسمٕت ۔

اُدھمپور ضلعکی اَہم ترین مَندرٕ چھ اُدھمپور
قصبہٕ نیبرٕ ، تِمَن منٛز چھ اکثر وِشنو مَندر یم پولیس



ٹریننگ سکوٗلس نکھہٕ چھ ۔ یہ وِشنو مَندر چھ ڈوگرہ
راجہٕ کِس ابتدأیی دورس منٛز تعمیر سپدیمت تہٕ
طرزِ تعمیر حِسابہٕ چھ یہ شیکھر طرزکیٚن مادانی علاقن منٛز
میلان چھُ ۔ مَندرن ہُنٛد یہ طرزِ تعمیر چھُ اودھمپورس ہمسایہ
علاقہٕ کرمچی تہٕ بلاور مَندرن ہُنٛد طرزِ تعمیرٕ نِشہٕ بلکل
مختلف ۔

اُدھمپورس منٛز چھےٚ کینٛہہ باولی ( بٔڈی دمہٕ کھارتھ
آبہٕ چاہ ) یِمن مُرزٕ گری کرتھ چھےٚ ۔ کینٛژن باولین چھےٚ
پائترٕ لاگتھ یِمن پیٹھ ناگن ہُنٛدی آکار بنأوِتھ چھِ ۔ یہ چھےٚ
ژیٚنہٕ وَن زٕ اَتھ علاقس منٛز تہٕ آسہَن یِتھ کالہٕ لُکھ ناگہٕ
پوٗزا کران ـــــ آزأدی پتہٕ آیہٕ اُدھمپورٕ پیٹھٕ بیاکھ
سٹرک دار اُدھمپور سٹرکہٕ ناوی کڈنہٕ ییٚمہٕ کِنی
یہ قصبہٕ ، جوٗم اوٚک طرف ترأوِتھ کٹھوعس
نکھہٕ جرنیلی سٹرکہٕ سیتی رلاونہٕ آو ۔

اُدھمپور قصبہٕ چھُ ووٚنی کیٚتہٕ کور بدلیتھ
اَکھ جدید قصبہٕ بنیومُت ، ییٚتہٕ جدید طرزٕکیو
مکانو ، بازرو تہٕ سٹرکو علاوٕ مختلف درجکیٚن
سکوٗلن ہُنٛد زال ووہرتھ چھُ اَتہٕ چھُ اَکھ ڈگری
کالج تہٕ ۔

(ام ۔ ن ۔ ن)

کتاب نامہ :


※Ashok Jairath: Folk Art of Duggar
※Charak: Culture of Himalayan States
※Drew: J&K territories
※Quarter Master: Gazetteer of Kashmir and Ladakh
※Tikoo P.N: Story of Kashmir.

# اعظم گڈھ کوٹ

اعظم گڈھ کوٹ چھ بھمبر گلی کِنی پڑٛونژھ راژویر وَتہٕ راجوری پیٹھٕ ۱۶ کلومیٹر دوٗر۔ مغل طرزک یہ کوٹ چھُ سیٹھا مضبوٗط او سُمت تہٕ بھمبر گلی پیٹھٕ چھُ اکہ راتچ چوکہٕ ہِنز کام او سُمت دوان۔ یۄدوَے یہ کتھ معلوٗم چھنہٕ زِ کوٹ کٔمی چھُ تعمیر کوٗر مُت مگر اَمیُک ناو چھُ ژینہٕ وَن دِوان زِ یہ گژھ پڑٛونژھ کِس یا راژویرہٕ ہِندِس کُنہِ مُسلمان بادشاہ سُند تعمیر آسُن۔ (م۔ل۔س)

## کتاب نام

❉Bates: Gazetteer of Kashmir

❉Quarter Master: Gazetteer of Kashmir and Ladakh

# اکھنور قلعہ

وُچھو ''اکھنور'' (جلد ۱)

# امام بارہ احمد پورہ

یہ امام بارٕ چھُ احمد پورٕ - احمد پوٗر چھُ سرینگرٕ پیٹھٕ ٹنگمرگ گژھہٕ وٗن ماگم قصبہٕ کِس شُمالَس مَنز اَتہٕ پیٹھٕ دوٗن ژور کلومیٹر دوٗر۔ احمد پورکِس امام بارَس شُمال مغربہٕ پاسہٕ لَیس کُن چھےٚ سیّد احمد قمی صابنی زیارت، یُس کشیرِ مَنز رضوی ساداتن



ہُند جد مانہٕ چھُ یِوان۔ امام بارٕکِس شُمالَس مَنز چھُ قبرستان یتھ مَنز کینژہ سیٹھا پرٛانی باڈٕ بڈی پیپر نظرِ چھِ گژھان۔ اندازِ چھُ زِ اتھ مزارَس مَنز چھِ پننِ وقتٕکو کینژہ اکابر دَفن۔ سُلطان حسن شاہ (۸۴-۱۴۷۲ء) سُند سپاہ سالار ملک احمد ماگرے تہٕ تٔمی سُند مول ملک لدی ماگرے تہٕ چھِ احمد پوری دَفن۔

یتھ جایہ امام بارٕ تعمیر چھُ کرنہٕ آمُت، تتھِن چھےٚ برٛونہہ بونہٕ آسمژٕ۔ حاطس اَندی اَندی اوس ترِبِن طرفن کِنہٕ دیوار بیٚلہٕ زَن اکہ پاسہٕ عام کاشُر طرزِ تعمیرُک امام بارٕ اوسُس۔ محرم الحرام کِین دوہَن تہٕ باقی موقعَن پیٹھ آسہٕ حُسینی مجلسہٕ اتھ حاطس مَنز سپدان، بیٚلہٕ زَن امام بار

صِرف مستوٗراتَن ہِنٛدِ خاطرٕ مخصوٗص اوس۔ پرانہٕ دیوارِ چہٕ کنہٕ چھےٚ وُنہٕ تہٕ اِمام بارٕس ڈٕچھنی کھوٗرٕ نَظرِ گژھان۔

اِمام بارُک نوٚو تعمیر چھُ مرحوٗم مولوی محمد جواد انصاری ہِنٛدی ڈٕسی سُپُدمُت تہٕ اَتھ چھُ ۱۰ دسمبر ۱۹۵۲ئ کُن دِنہٕ آمُت۔ ۱۲۵ فُٹٕ چوٗرس یہ اِمام بارٕ چھُ کشیرِ مَنٛز سارِوٕے کھوٚتہٕ بوٚڈ امام بارٕ۔ اَتھ چھُ ۴ فُٹٕ تھزرٕ دِوٕری کنہٕ ژوٚک تہٕ پیٹھ چھُس سیمنٹٕس مَنٛز سیرِن ہُنٛد لداو۔ تعمیرٕچ اَکھ خصوٗصیت چھےٚ یہ زِ اَکہِ ژوٚشوٕے کوٗن چھہ ہیٚرِ بٕن آرِشہٕ دار۔ اِمام بارٕس چھےٚ جنوٗبہٕ تہٕ مَشرِقہٕ پاسہٕ دِوٕری کنین ہِنٛزٕ ۱۴ فُٹٕ کھجرٕ ژٕ ڈیڈٕ۔ مغربہٕ پاسہٕ محرابس ہُتی کنی چھُس لوٚکٹ ڈیڈی یتھ نیٚبرِ کنی دِوٕری کنین ہِنٛز ہیر چھےٚ ہیٚلہِ ژن جنوٗب تہٕ مَشرِقہٕ پاسہٕ چوٚڈیڈو کنی امام بارس مَنٛز پٕھترِ پیٚنٹھی اَژُن چھُ۔ مغربہٕ پاسہٕ چہٕ ڈیڈٕ أندر اَژوٗن ڈٕچھنی کھوٗرٕ چھےٚ گیلری پیٹھ کھسنہٕ خاطرٕ ژٕہیرٕ۔ امام بارس چھےٚ بوٚنہٕ مَشرِقہٕ تہٕ جنوٗبہٕ پاسہٕ ژٕوداہ ژٕوداہ پَنجرٕ دارٕ، مغربہٕ پاسہٕ چھُس باہ تہٕ شُمالہِ پاسہٕ اَرداہ پَنجرٕ دارِ۔ بوٚنی مہٕ پورِ چہٕ پٔرتھ دارِ سیٚود چھےٚ اَتھ ہیٚرٕ تہٕ اَمی گاچہٕ اَکھ اَکھ پَنجرٕ دارٕ۔

اِمام بارس چھُ أندرٕ ٦٨ فُٹٕ چوٗرس پوٚکھرٕ یتھ



أندی أندی دِوٕری کنہٕ ژوٚک چھُ تہٕ مَنٛزٕ چھُس میٚنٛزٕ برٔے کرٕنہٕ آمٕژ۔ پوٚکھرُک تالو چھُ ۲۴ فُٹٕ موٚچرٕ شُرہَن لکرِ تھمن پیٹھ رٹنہٕ آمُت۔ پٔرتھ تھمَس چھُ خوٗبصوٗرت کنہٕ ژوٚک۔ پوٚکھرٕس مَنٛزَس دٲیرِ سیٚود ژورَن تھمَن پیٹھ چھُ اِمام بارُک پٔرنگ کھارنہٕ آمُت۔ پوٚکھرس چھُ ڈیڈٕو تالو ہیٚلہِ ژن پٔرنگُک أندرٕم گُنبزٕ کُنہٕ پٲرٲوٕ ورٲے چھُ۔ پوٚکھرس أندی أندی چھُ ۱۲ فُٹٕ کھجرٕ غلام گردِش یتھ سیٚود امام بارس پَش یا تالو چھُنہٕ۔ لیٚوٚنکھی چھُ ۱۴ فُٹٕ کھجرٕ ڈالانہٕ یتھ بُتھِ ۲ فُٹٕ تھزرٕ دِوٕری کنہٕ ژوٚک تہٕ أندرٕ میٚنٛزٕ برٔے کرِتھ چھےٚ۔ ڈالانہٕ سیٚود چھےٚ

امام بارِکِس دوٚیمِس پوٚرِس پؠٹھ ١٢ فُٹہٕ کھجٕر چوٚرِس گیلری یَتھ أندرِ پاسہٕ ساری سے پنجرہٕ دارِ چھےٚ. گیلری مَنٛز چھےٚ مَذہبی اجتماعَن ہنٛدِس موقعَس پیٹھ مستوٗرات بیہان. گیلری چھےٚ ۲ فُٹہٕ موٚچر ۵۵ ہن کَنہٕ تھَمَن پیٹھ رَٹنہٕ آمٕژ. امام بارَس چھُ ٹینہٕ پُش. پوٚکھر سیٚود چھِس اسلامی طرزٕکِس مرکزی بژنگَس أندی أندی تور لٕہ کٔٹی خوٗبصوٗرت بژنگ.

سید احمد قمی صأبُن اَستان تہٕ قبرِستانس ہیتھ چھُ اَزکَل امام بارَس أندی أندی پوٚختہٕ چیناپہٕ مَنٛز کَنہٕ دیوار دِنہٕ یوان. (م.ا.ا)

کتاب نامہ :

*Hasan: Asrar-ul-Akhyar
*Safdar: Shian-i-Kashmir

# امام بارہ بڈگام

بڈگامُک امام بارٕ چھُ سرینگرٕکِس مغرِبَس مَنٛز ١٤ کِلومیٹر دوٗر. امام بارٕچ جایہِ چھےٚ گوڈٕ بونہِ آسمٕژ یمَن تَل مذہبی اجتماع تہٕ حسینی مُجلِسہٕ سپدان آسہٕ. اَتھ جایہِ اوس آغا سیّد مہدی جمعہ نماز پرناوان. ١٨٨٧ء مَنٛز کوٚر جواہِر ایمانی نہٕ منہاج فَلاح کِتابَن ہنٛدی مُصنِّف آغا سیّد محمّدَن اَتھ جایہِ امام بارٕ تعمیر. یَتھ تالوٗس پیپر ماشی کٔرِتھ اَس. اَتھ اَسی محتشم کاشانی سٕنٛزٕ باہ بَنٛدٕ مَرثی ہنٛدی شعر خوشخط لیکھِتھ. امام بارٕچ نقاشی چھےٚ سرینگرٕکی اصغر علی یَن گٔرمٕژ تہٕ خطاط چھُ میرہ گُنٛڈ (بڈگامُک) میر سیّد حُسین اوسمُت.

١٩٢٤ء مَنٛز آو امام بارَس آغا سید احمد ہٕنٛدی دٔسی وُسعت دِنہٕ. یَتھ مَنٛز پرانہِ امام بارکہِ پیپر ماشی تہٕ خطاطی ہنٛدی ژکل استعمال کرنہٕ آے. یہ کٲم واژ ١٩٢١ء مَنٛز اَنٛد. اکتوٗبر ١٩٥٥ سنہٕ مَنٛز آو امام بارَس انجمن شرعی شیعانَس تحت آغا سید یوٗسف الموسوی سٕنٛدی دٔسی بٔییہِ یَن وُسعت دِنہٕ. وُنی کین چھُ امام بارٕ



۱۵۱ فُٹہٕ چوٗرُس ییٚلہِ زَن اَتھ پٔرتھ کوٗنٔس پیٹھ ۱۲ فُٹہٕ کھَجہٕ ژور ڈیڈِ چھِٚے۔ یَموٗ سٟتی چھُ یہ اَٹھہٕ پاسَل بنیوٗمُت۔ ترٛٚے فُٹہٕ تھَزرٕ دِوٕری کنہِ ژاکہِ ہیوٗر چھُس سیرٕ ہُنٛد لَداو۔ جنوٗبہٕ پاسہٕ چھِٚے اِمام بارَس ۱۲ فُٹہٕ کھَجہٕ بیاکھ ڈیڈی۔ یوٗسہٕ مستوٗراتَن ہٕنٛدِ ینہٕ گژھنہٕ خاطرٕ مخصوٗص چھِٚے۔ اَتھ ڈیڈِ اَژوٗنٔے ڈٔچھنی کھووٕرِ چھِٚے گیلری پیٹھ کھَسنہٕ خاطرٕ زٕ ہیر۔ اِمام بارٕچن پانٛژوٕنی ڈیڈٕن چھِٚے خوٗبصوٗرت پَنجرٕ کٲری کٔرِتھ۔ کوٗنَن ہٕنزَن ژوٕن ڈیڈٕن چھِ دوٕیوٗ پاسوٗ کَنِن ہٕنٛدی مینار کھٲرِتھ، یِم سنگتراشی ہٕنٛدی جان نموٗنہٕ چھِ۔ ژوشوٕنی ڈیڈٕن چھِ الگ الگ ناو۔ شمال مَغربی کوٗنہٕ چہِ ڈیڈِ چھُ "باب الرضوان" شمال مَشرقی ڈیڈِ "باب الامان" جنوب مَشرقی ڈیڈِ "باب السلام" تہٕ جنوب مَغربی ڈیڈِ "باب الرحمہ" ناو تھاونہٕ آمُت۔

اِمام بارَس چھِٚے ہیٚرِ گیلری سیٚود شُمالہٕ مَشرقہٕ تہٕ جنوٗبہٕ پاسہٕ پَنداہ پَنداہ پَنجرٕ دارِ۔ مَشرقہٕ پاسہٕ چھِٚے یوٗنِہِس پوٗرَس تہٕ پَنداہ پَنجرٕ دارِ۔ ییٚلہِ زَن شُمالہٕ طرفہٕ دَہو بجوٗ پَنجرٕ دار بوٕ علاوٕ نَو اوٚک پٹی دارِ چھِٚے جنوٗبہٕ پاسہٕ چھِٚے اَتھ بوٕنہٕ ترٛوٗاہ پَنجرٕ دارِ۔

امام بارَس اَنٛدرٕ چھُ اَٹھہٕ پاسَل پوٚکھُر یَتھ ڈیڈ بوٕ سبزرٕکی طرف ترٛوٗاہ ترٛوٗاہ فُٹہٕ چھِ۔ باقٕے ژور طرف چھِ ڈُباٹھ ڈُہاٹھ فُٹہٕ زیٹھی۔ پوٚکھُر چھُ ڈوٗڈ فُٹ



تھوٚد دِوٕری کنِن ہُنٛد۔ اَتھ چھُ پٔرتھ اَنٛدٕ ۴ فُٹہٕ موٗچرٕ ژور ژور تھَم یِمَن کَنہِ ژاکی چھُ۔ پوٚکھرَس مَنٛزَس ۲۰ فُٹہٕ چوٗرُس دٲیرَس اَنٛدی اَنٛدی چھُ اَمی گاچکی ژور تھَم۔ یِتھہٕ پاٹھی چھُ پوٚکھرُک تالوٗ تہٕ بٔرنگ وُہَن تھَمَن پیٹھ رٔٹنہٕ آمُت۔ دٲیرِس سیٚود چھُ گُنبزٕ جالہٕ تالوٗ یُتھ پیپرٕ ماشی کٔرِتھ چھِٚے تہٕ مُثنوی مُثنزی چھِس فارسی شعرٕ تہٕ لیکھتھ یَتہ حِصَس چھُ پٔژوٕن اَنہار ڈٔنجہٕ آمُت تھاونہٕ۔ ییٚلہِ زَن گُنبزُک دامنہٕ نوٚد چھُ بناونہٕ آمُت۔ گُنبزَس سیٚود چھُ اِمام بارَس اِسلامی طرزُک بٔرنگ کھٲرِتھ۔ پوٚکھرَس اَنٛدی اَنٛدی چھِٚے دِوٕری کنہِ وَتھرٲوِتھ وٚوتھ غلام گردِش۔ لَبوٗنکھی چھِ پانٛژہ پانٛژہ فُٹہٕ کھَجہٕ ترٛٚے زُوی شہِ، یَموٗ سیٚود پیٹھ اِمام بارٕچ گیلری چھِٚے۔ ژُوی شوٗ سیٚود تالوٗس چھِٚے

جنوب، مغرب تہٕ شمالہٕ پاسہٕ پیپر مٲشی گرِتھ۔ انداز چھُ زِ امام بارس وُسعت دِنہٕ وِزِ چھِ پرانہٕ امام بارٕکی پیپر مٲشی ژُکل پرٕ پیمتی یِیمہٕ مُوجوب مَشرقہٕ طرفہٕ گیلری تلہٕ پیپر مٲشی چھنہٕ۔ گیلری چھےٚ کنہٕ تھمن پیٹھ رٹنہٕ آمٕژ۔ مَشرِق، جنوب تہٕ مغربہٕ پاسہٕ چھ ۱۲ فُٹ موٚ چرٕ شُراہ کنہٕ تھم ییلہِ زن شمالہٕ پاسہٕ اَمی کاچکو ژٕہ داہ تھم چھِ۔ گیلری چھےٚ اَندرٕ پاسہٕ چوٚرس پنجرٕ کٲری سٟتی ژلیتھ۔

اِمام بارس قبلہٕ پاسہٕ چھےٚ جامع مسجد یَتھ ۱۹۳۷ء مَنز آغا سید یوسف الموسوی سٕندی ڈٕسی وُسعت دِنہٕ آو۔ ۱۹۶۸ء منز آو مسجدِ بیٚیہٕ ہٕن وُسعت دِنہٕ۔ مسجد ہنٛدِ مشرقہٕ پاسہٕ چھےٚ اِمام بارچی لَب مُجرا کھینہٕ آمٕژ۔ (م۔ا۔ل)

کتاب نامہ:


*Akbar Hydari: Ed. Baharistan-i-Shahi
*Safdar: Shian-i-Kashmir


## اِمام بارہ حسن آباد

یہ امام بار چھُ سرینگرٕ کِس حسن آباد محلس منز۔ امام بار چھُ گوڈٕ رِچھ لٹہٕ پٹھان گورنر جمعہ خان الکوزئی سٕندِس دورس (۱۷۸۸-۹۲ء) منز مشہور تاجر

مرزا محمد علی ین تعمیر کرنو وُمت۔ واریاہس کالس خستہٕ حال روزنہٕ پتہٕ کرنو و ۱۹۳۵ء منز مرحوم آغا سید احمد الموسوی ین نوٚ سرٕ تعمیر۔ امام بارٕکِس حاطس منز مشرقہٕ



پاسہٕ دوٕ دَرِیوٕ کھنٛزٕہِس پیٹھ چھُ مرزا شاہ صابُن مقبَرٕ ییٚتھ۔ افُٹ چوٚرُس تہٕ ۲½ فُٹہٕ تھٔزر شیٖشتَر وٕ جنگلہٕ گُنٛڈِتھ چھُ۔ جنٛگلَس أندرٕ چھےٚ بُڈی پیٚپر لاگِتھ بییہٕ زٕ قبرٕ۔ امام بارٕکِس شُمال مَغرِبی کوٗنَس کُن چھُ شیعہ عالمَن تہٕ فاضلَن ہُنٛد سُہ مزار یٚمیہٕ ہنٛز اکثر قبرَن ہندِ ین لوٚحَن پیٹھ فارسی تہٕ عربی زَبانی مَنٛز کتبہٕ چھِ۔ کتبہٕ چھہ مختلِف خَطَن منٛز فنِ خطاطی ہنٛدی بہترین نموٗنہٕ۔ مزارُک شُمالہٕ پاسہٕ چھُ لنگر باغ یَتھ منٛز دولت چکَن (۱۵۵۱-۵۵ء) بابا حسن نجارٕ سنٛدِ خاطرٕ اکھ عالی شان خانقاہ تعمیر کوٚرمُت اوس۔ اَز چھِنہٕ اَتہٕ خانقاہکی آثار تہٕ نَظرِ گژھان۔ اماپوٚز حال حالے کھُدایہِ دوران مَلبہٕ تلہٕ چھُ نشان زٕ خانقاہ اوس چوٗنہٕ سُرخہٕ منٛز سیرِ ین ہُنٛد تعمیر۔

۹۶ فُٹہٕ چوٚرُس اَتھ امام بارَس چھُ ۳۔ فُٹہٕ تھٔزرٕ دیٖوٕری کٔنہٕ ژوٚک تہٕ پیٹھ چھُس چوٗنہٕ سُرخہٕ منٛز کنین تہٕ سیرِ ین ہُنٛد لَداو۔ اَتھ چھےٚ شُمال، مَشرِق تہٕ جنوٗبہٕ پاسہٕ ترٛےٚ بَجہ ڈیڈٕ۔ یِمو منٛزٕ شُمالہٕ پانٛژ دیٖوٕری کنین ہنٛزٕ ۸ فُٹہٕ کھجرٕ ڈیڈی محراٗبی چالہِ چھےٚ۔ جنوٗبہٕ پانٛژ ڈیڈی چھےٚ مستوٗراتَن ہنٛدِ ینہٕ گژھنہٕ خاطرٕ مخصوٗص۔



امام بارہ حسن آباد



شمالہ تہٕ مَشرِقہٕ پاسہٕ چَھن ڈیڈٕ پن ڈُچھنی کھووٕری چھےٚ ہیٚرِ تہٕ ژور ژور پُنجرٕ دارِ تہٕ یِمہٕ نے سیدٕ بوٚنہٕ تہٕ۔ جنوٗبہٕ پاسہٕ چھِ ڈیڈٕ ڈُچھنی کھووٕری اُنی مہٕ پوٚرچہٕ زٕ دارِ چھےٚ حال حالے بَند کرنہٕ آمٕتہٕ۔ قبلہٕ پاسہٕ چھےٚ محرابَس سیٚود دوٚیمِس پوٚرَس اَکھ دُٲر ہُریکانہٕ۔

اِمام بارَس أندرٕ بوٚنِمِس پوٚرَس مَنٛزَس چُھ ۵۰ فُٹہٕ چوٚرُس پوٚکھرٕ یِیٚمُٹِک تالو گُنوٗہن تھَمَن پیٚٹھ رُٹنہٕ چُھ آمُت۔ یِمَن مَنٛزٕ چھِ پوٚکھرَس مَنٛزَس دٲیِرکۍ ژور تھَم تہٕ شامِل۔ دٲیِر چُھ ۱۴ فُٹہٕ چوٚرُس۔ اَتھ سیٚود بَرٛنگک گُنبَز چالہٕ تُلیٚمُت حِصہٕ چُھ پیٚپرِ ماشی سیتی پٲرٲوِتھ۔ یِیٚلہِ زَن اَمہِ نیٚبری نیٚبری پوٚکھرُک باقی حِصَس وَرٕ تالو چُھ۔ پوٚکھرَس أندی أندی چُھ ۸ فُٹہٕ کھَجٕر غُلام گردِش یَتھ پٲترِ وَنھرٲوِتھ چھےٚ۔ غُلام گردِشَس سیٚود نہٕ چُھ اَتھ تالو تہٕ نہٕ پَش۔ لبوٚنکھی چُھ چوٚرُس ۱۴ فُٹہٕ کھَجٕر ڈالانہٕ یَتھ زٕ زٕوی شہٕ چھےٚ۔ ڈالانہٕ سیٚود دوٚیمِس پوٚرَس چھےٚ ۱۴ فُٹہٕ کھَجٕر گیلری یَتھ پیٚٹھ مذہبی اجتماعَن ہٕنٛدِس موقعَس پیٚٹھ مستورات بہان چھےٚ۔ گیلری چھےٚ أندرِمہِ پاسہٕ پٔرتھ أندٕ لکرٕ ہٕنٛزٕ جافرٕ گَنڈنہٕ آمٕژ۔ ہیٚوٗر کھَسنہٕ خٲطرٕ چھےٚ جنوٗبہٕ پاسہٕ چھِ ڈیڈٕ اَژُون ڈُچھنی کھووٕری زٕ ہیٚر۔ بوٚنِمِس پوٚرَس چُھس قبلہٕ پاسہٕ ڈالانَس بُتھہِ خوٗبصوٗرت

محراب تہٕ منبر تہٕ اِمام بارس چھُ پٔشس ٹیٖن دِتھ۔ پوٚکھرس سیٖود مَنٛزس چھُس اِسلأمی طرزُک بڑنگ۔ (م۔ا۔ا)

کتاب نامہٕ :


⁂Hasan: Tarikh II
⁂Safdar: Shian-i-Kashmir


## اَمرگڈھ

امرگڈھ قلعہٕ چھُ بِھمبرٕکِس شُمال مَشرقس مَنٛزٕ ۵ اکِلومیٖٹر کٔشیٖر ترٚن واجنہٕ وَتہٕ نِش ژورمیٖل ڈُلِتھ۔ کنیٖشوٕ یہٕ ژُکوٗنجل قلعہٕ چھُ اَکِس کھنگرِ پیٹھ تعمیر آمُت کرنہٕ۔ مغربہٕ طرفہٕ چھُس بٕتھی دگہِ سوٚن تار۔ ژوٗن کوٗنَن پیٹھ چھُس ژور راچھٕ ٹاوَر آسی ہتی۔ قلعہٕ چھُ راجہِ دھیان سِنگھ سُند تعمیر کٔرِتھ ۱۸۲۸ شہٕ ہَس مَنٛز ولیشاکھِ دوٚہ بِھمبرُک راجہِ مُقرر کرنہٕ اوس آمُت۔ اَمہٕ برٚونٛہہ اوس یہٕ علاقہٕ راجہ سُلطان خانَس ماتحت۔ کُنوہمہِ صدی ہنٛد تعمیر آسنہٕ کِنی چھُ قلعُک طرزِ تعمیر مُغل چالہِ۔ (م۔ل۔س)

کتاب نامہٕ :


⁂Bates: Gazetteer of Kashmir
⁂Charak: Gulab Nama
⁂Quarter Master: Gazetteer of Kashmir and Ladakh




## امرمحل

اَمرمحل چھِ جیٚمہٕ شہرٕچ اَکھ سیٹھاہ اَہَم عمارت۔ مخصوص طرزِ تعمیر کِنی چھُ اَمرمحل سأنِس ریاسَتس مَنٛز یوٗرپی طرزِ تعمیرُک اَکھ شوٗبہٕ دار نموٗنہٕ۔

یہٕ مَحل کوٚر مہاراجہ پرتاپ سِنگھ سٕنٛدی بأیی امر سِنگھن (وَفات۔ ۱۹۰۹ء) اَز برٚونٛہہ اَلہِ پَلہٕ ہَتھ وُری تعمیر تہٕ اَمیُک نقشہٕ چھُ فنِ تعمیرٕکی اَکی فرانسیسی ماہرن تیار کوٚرمُت۔

اَمرمحل چھُ اَکِس ٹینگرِ پیٹھ تعمیر آمُت کرنہٕ تہٕ اَتہِ پیٹھٕ چھِ توِتہٕ جیٚمکِس آندٕس پکھٕس پیٹھ دوٗر تام نظر پلان۔

فنِ تعمیرُک یہٕ مأری موٚنٛد نموٗنہٕ چھُ وۄنی اَکِس عجأیب گرس مَنٛز تبدیل آمُت کرنہٕ۔ یتھ مَنٛز پہأڑی مصوری ہُنٛز سیٹھاہ نایاب سوٚمبرن ژھرِتھ چھےٚ۔ اَمہِ علاوٕ چھےٚ

اَتہٕ ڈُوگرہ مہاراجن ہٕنٛدٕن پورٹریٹن ہٕنٛز گیلری تہٕ
وٕچھنٕ وأجِن سٕنٛد توجہ مٕنگان۔ اَمرٕ محلیچ لایبریری چھےٚ
یہ لجو کتابو ژٕ ہنگی علم دوستن ہٕنٛدِ توجہک مرکز۔

کتاب نامہ : (م ل بس)

*Charak: Culture of Himalayan States IV
*Saraf M.R: Jammu Darshan

## اونتی پور

وُچھو "وٕنتی پور" (جلد ۱)

## اہلمر

گُنٛڈ اہلمر (ناوُک) محلہٕ چھُ وٕیتھہٕ ہٕنٛدِ دچھنہٕ
بٹھہٕ پژأنس کھوہ ڈُبلس تہٕ
ٹنڈی یارس درمیان بٔستھہ۔
اہلمرس چھُ یہ ناو تمہٕ مٔٹھہٕ
(سرایہ) کِنی پیوٗمُت یُس مٔٹھ
اَتہٕ راژٕ لکھشمہٕ دیو (۱۲۰۲ء-
۱۲۸۶ء) ہٕنٛزِ راژٕ اہلیا یہ
پٔنٛنس ناوس پیٹھ اہلیا مٔٹھ
ناوٕ تعمیر اوس کوٚرمُت۔ سُے
گو اہلمر۔ سرایہ اٚندی پکھی چھُ
اَتھ جایہ اکھ لۄکٕٹ آبادی یُس پتہٕ گُنٛڈ اہلمر ناوٕ مشہور گو تہٕ لے
ناوٕ چھُ لوکن وٕلِس تَل۔ اَز کل چھِنہٕ گُنٛڈ اہلمرٕ پیٹھ کانٛہہ
سرایہ ہٕنٛدی آثار موجود۔ اَنداز تلہٕ چھُ باسان زِ مٔٹھ
چھُ ٹھِکی جایہ اوسمُت یٔتِتھن اَز کل مَنٛدر چھُ۔

کتاب نامہ : (م.ل.بس)

*Dhar K.N.: Kashmir Culture Seires V
*Kaul S.K: Jonaraja's Rajatarangini

## اہم شریف

اہم شریف چھُ سرینگرہ پیٹھ ۶۲ کلومیٹر دوٗر بٛنٛڈ
پورکِس شمال مشرقس منٛز بالہٕ دامنس پیٹھ۔ بابا داؤد خاکیؒ
تہٕ حسن ہٕنٛدی کِنی چھُ اَتھ گامس اہم تہٕ اٚسی متی وٕنان۔





غازی چک سُندِس عہدس (۱۵۶۳-۱۵۵۵ء) منز کوٚر شیخ حمزہ مخدومنؒ کُھیہ ہاٚمی علاقہ کس سیاحتس دوران اَہمہ کینٛہہ شرس کالس قرار تہٕ اَتہٕ بناٚون پننہٕ عبادتہٕ خاطرٕ اَکھ مسجد۔ اَمی نِسبتہٕ چھ اَہم گامس اَہم شریف وَنان۔ گامس متعلق چھ حسن لیکھان زِ یہ اوس "گزرگاہِ رجال الغیب" ییٚلہِ زن بابا داوٗد خاکیؒ مخدوم صابنہٕ مسجدِ ہنٛد تاریخ لیکھنہٕ وِز اَتھ "عبادت گاہ رجال الغیب" چھ وَنان۔ مسجدِ ہنٛد تاریخِ تعمیر چھ یِمن شعرَن منٛز باونہٕ آمٕژ۔

مسجدے ساخت دَر دیہہِ آہام
شیخ حمزہ کہ شیخ شیخاں است
ہم عبادت گہہِ رجال الغیب!
ہم مطافِ ملائکؔ و جان است
کردہ طوافِ ایں دو کعبہ بہ جان
ہر مُریدے کہ اہلِ ایقان است
بندہ خاکی کہ از سرِ اخلاص
حضرتِ شیخ را ثناء خوان است

گفت تاریخ ایں عبادت گاہ
"کعبۂ ثانی مُریدان" است
۹۶۳ھ

"کعبۂ ثانی مُریدان" یعنے ۹۶۳ھ (۱۵۵۵ء) چھ مسجدِ ہنٛد تاریخِ تعمیر۔ کتر پیٹھ کھنٛنہٕ یہ کتبہٕ اوس مسجدِ لاگنہٕ آمُت۔ مگر کَتِر کتبہٕ چھٹنہٕ پتہٕ چھ یِم شعر ٹینٛس پیٹھ لیکھتھ اَستانہٕ کس دروازس پیٹھ کنہٕ لاٚگتھ۔

مسجد چھےٚ اَندری اَندری چورس ۸ فُٹ تہٕ تھزر چھس ۶ فُٹہ۔ اَتھ چھ تالوس پیٹھ بدلہٕ باٹھ ترٛاٚوِتھ یِتھ تکہٕ کینٛسہ بور گرٕتھ چھ۔ مسجدِ منٛزس چھ ۶ فُٹہ تھوٗد تہٕ ۲-۱ موٚٹ اَکھ تھم یِتھ تالوٕ پاسہٕ گولکھ کڈِتھ چھ۔ محرابس ڈٕچھنہِ کھووٕر

چھ اَکھ اَکس پیٹھ زِزِ لوکٹی طاقچ۔ جنوٗبہٕ تہٕ شُمالہٕ پاسہٕ چھُس اَکھ اَکھ لوکُٹ دٲر۔ اَمیُک دَرواز چھُ ۲-۴ تھوٚد تہٕ ۴-۲ کھوٚل۔ مسجدِ اندر چھےٚ زٕ دال گاہ ژٲنگی جَر یِمَن پیٹھ رِوٲیتہٕ مُطٲبِق مخدوٗم صاب عبادت آسی کران۔

۱۲۹۴ھ (۱۸۷۷ء) مَنٛز آیہٕ امان اللہ نٲوی اَکس عقیدت مَنٛدِ ہٕنٛدی دٕسی مسجدِ مَرَمتھ کَرنہٕ۔ اَمہِ وِزِ چھُ اَتھ زاوُیل بور کَرنہٕ آمُت۔ یَتھ پیٹھ مسجدِ نیٚبرِمہِ پاسہٕ نقشہٕ نِگٲری کَرنہٕ چھےٚ آمٕژ۔ تالوٗس تہٕ چھُ اَمہِ وِزِ زاوُیل بور کَرنہٕ آمُت۔ مسجدِ ہٕنٛدِس بُرزِ پُشِس چھےٚ اَتھ وَقتَس دوران مَرَمتھ کَرنہٕ آمٕژ یَتھ پیٹھ لکرِ ہُنٛد پنجرٕ دار بٔرنگ چھُ اوسمُت۔ اَمی زمانہٕ چھےٚ مسجدِ اَندی اَندی غلام گردِش تعمیر کٔرِتھ اَتھ اَستانٕچ شکل دِنہٕ آمٕژ۔ مرمت شروٗع سپدنُک مادٕ تاریخ چھُ دہلیٖزَس پیٹھ کَنہِ پیٹھ پیٹھ کھٔنتھ یِمو شعرو مَنٛز نیران ؎

شکر لِلّٰہ کہ نوبتِ ثانی
از کراماتِ قُطبِ ربّانی
شُد بہ شوق ویقین امان اللہ
این مطافِ طوافِ ربانی!
گفت عبد ضعیف تاریخش
بُرجِ پُر نور مکۂ ثانی!

۱۲۸۹ھ = ۱۸۷۲ء

تعمیر مکمل سپدنہٕ پتہٕ چھُ امان اللہ ہٕنٛدی فرزند محمد عبداللہ پارساہَن یِمَن شعرَن مَنٛز اَمیُک تاریخ بوومُت ؎

بحمداللہ کہ این غیرتِ گہِ نوُر
کہ اسمش مکۂ ثانیست مشہوُر
شُد از سعی امان اللہ بیامش
مُعلی قُبۂ از عین کافور!
زِ عبداللہ شنو تاریخ خانہ
سر از بُرجِ زمین زد مہرِ پُرنُور

۱۲۹۴ھ - ۱۸۷۷ء

۱۹۷۸ء مَنٛز دیُت مقامی اوقاف کمیٹی اَستانس وُسعت یَتھ رٗوحٲنی بُزرگ مرحوٗم کوثر صابَن کٕمہِ دیُت۔ اَمہِ وِزِ آو مسجدِ ہٕنٛز پرٲنی عمارت ژٕھراونہٕ تہٕ پٲراونہٕ خٲطرٕ اَتھ اَندی اَندی لَبَن سیتی سیتی شیشہٕ خانہٕ بناونہٕ۔ یَتھ بونہٕ ڈایہ فُٹہٕ تھٔزرس تام سفید ٹالہٕ لاگِتھ چھےٚ۔ اَمہِ شیشہٕ فریمہٕ مَنٛزی چھےٚ مسجدِ ہٕنٛز پرٲنی نقشہٕ نِگٲری تہٕ لَبنہٕ لِوان۔ اَمہِ وِزِ چھُ اَستانہٕ کِس غلام گردِشِس تہٕ وُسعت دِنہٕ آمٕژ۔

مسجد چھےٚ نیٚبرِ نیٚبرِ ۱۵×۱۵۔ غلام گردِش چھُ جنوٗبہٕ پاسہٕ ۶-۱۰، مغربہٕ پاسہٕ ۱۰ فُٹہٕ، شُمالہٕ پاسہٕ ۱۵ فُٹہٕ تہٕ مشرقہٕ اَندٕ ۳-۱۵۔ شُمالہٕ تہٕ جنوٗبہٕ پاسہٕ چھےٚ اَتھ

پانژہ پانژہ محرأبی شیشہِ دارِ تہ مغربہ پاسہ چھس ژور دارِ۔

غلام گردِشس تہ چھےٚ اندی اندی ڈابہ فٹہ تھزرس تام سفید ٹالہِ لأگتھ۔ استانس چھ دہلیزس ڈچھنی کھووری زِکمرِ بناونہ آمتی۔ یمن مشرقہ پاسہ ترے ترے دارِ چھےٚ۔ ڈچھنہِ طرفہ کِس کمرس چھےٚ شمالہ پاسہ تہ کھوورِ پاسہ کِس کمرس چھےٚ جنوبہ پاسہ اکھ اکھ دأر۔ سارنے دارن چھ پیٹھہ پنجرِ دار روشن دان مغربہ پاسہ کِہ کمرِ منزی چھےٚ دۆیمس پورس ہیر کھارنہ آمژِ۔ دۆیمہِ پور چھ کوٹھر منز چھ تبرکات یمن منز حضرت محمد صلعم سُند عمامہ شریف تہ جامئہ مبارک چھ۔ کوٹھرِ سِدہ چھ پشس الگ برنگ کھارنہ آمت یُس درشن دارِ

پُژھی استعمال چھ سپدان تہ یمہِ پیٹھی تبرکاتن ہنز زِیارت ہاونہ چھےٚ یِوان۔ استانس چھ نوِ طرزک ٹینہ پش یتھ پیٹھہ ریش طرزک برنگ چھ۔ برنگس چھ منز منزی پنجرِ ٹی یِم اندازن پرانہِ برنگکی چھ۔ برنگچ ٹوپی تہ چھےٚ پرانہِ برنگہِ چی۔

استانس منز تبرکاتن ہنز زِیارت چھےٚ رِتمہِ نے دوہن ہاونہ یِوان یمن دوہن پیٹھہ آثار شریف حضرت بلہِ موئے مقدسچ زِیارت ہاونہ چھےٚ یِوان۔ امہِ علاوہ چھےٚ اتہ پرتھ وری یہِ ٢٤ صفر مخدوم صاٗبنس ؒ ووہرِسس پیٹھہ شب خوانی سپدان۔

مخدوم صاٗبنس استانس جنوبہ پاسہ چھےٚ تہندی مُریدِ خاص بابا داوٗد خاکی ؒ یُن مسجد تعمیر کرمژ۔



یوسہٕ اَنٛدرِ اَنٛدرِ ۱۲ × ۱۲ پٲ ۱۲ چھِنے۔ اَتھ چھُ اَنٛدرِ نیبرٕ
کیٚسرِ بور کٔرِتھ۔ مسجدِ چھُ گوڈٕ بُرزٕ پٔشس اوسُمت مگر
حال حالے چھُ اَتھ مُقامی اوقاف کمیٹی ہِنٛدِ دٔسی
ٹیٖن دِنہٕ آمُت۔ (م۔ ا۔ ا)

کتاب نامہ:


*Daood-i-Khaki: Virdul Muridin
*Hasan: Asrar-ul-Akhyar
*Ishaq Qari: Chilchi-hatul-Arifin
*Sidiqi Tayub: Zik-rul-Aarifin.


## اہَن

سِرینَگرٕکِس شُمالَس مَنٛز ۲۶ کِلومیٖٹر دوٗر "اہَن" چھُ اہَن سَرٕکِس مَشرقی بُٹھِس پیٹھ آباد۔ گامہٕکِس مَغربَس مَنٛز چھُ مانسبل۔

توٲریخی کِتابَن مَنٛز چھُنہٕ اَمِہ گامُک کانٛہہ ذِکرٕ، نہ چھُ مانسبلٕکِس بُٹھِس پیٹھ تَمہِ ٹینگُک ذِکر آمُت یِمہِ پیٹھہٕ آثار اَتھِ چھِ آمتی۔ ۱۹۶۲ء مَنٛز دٕرایے اَمِہ ٹینگرِ پیٹھہٕ کینٛہہ نایاب چیٖز یِمَن مَنٛز ہارٕوَن ٹایلن ہُنٛدٕ چالِہ ٹایلہٕ، لأری مہ کُن تہٕ اَکھ خستہٕ حال ستوٗپ شأمِل چھُ۔

قیاسہٕ موٗجوٗب چھُ اہَن آثارن ہُنٛد تعلق تِتھی دوٗرَس سٟتی یتھ دوٗرَس سٟتی ہارٕوَن آثارن ہُنٛد تعلق چھُ۔ (م۔ل۔س)

کتاب نامہ:


*Baldev Kumar: Early Kushans
*Hasnain: Buddhist Kashmir


## بابا پور

وُچھو "بور" (جلد ۱)

## بردان گُمپہٕ

پَدَم (زانسکار) کِس جنوٗبَس مَنٛز دوٚن گنٛٹن ہُنٛدِ وَتہِ بردان گُمپہٕ چھُ اَکِس ٹینٛگرِ پیٹھ تہٕ اَمِہ کِہ دامنہٕ کِنی چھُ لنگتی نالہٕ وَسان۔ دوٗرِ پیٹھہٕ چھُ گُمپہٕ کوٗٹ باسان۔

بردان گُمپُک بأنی کار چھُ دِربا رگیا۔ مُژھ یِیمی اَمِچ بُنیاد سَداہِمِس شیٚتِلِس مَنٛز ترٲو۔ گُمپَس سٟتی وابستہٕ واریاہ مکانہٕ چھِ خستہٕ گأمتی۔ گُمپہٕکِس سُمَن رٕوقس چھِنے لبَن پھرٲٹہٕ یِمہِ کِنی مۄنٛز زِتھرن سَخ نوقصان چھُ دۄتمُت۔ بردان چھُ لداخہٕکِس ستکنہ گُمپَس سٟتی وابستہٕ۔ گُمپَس مَنٛز چھِ ژُتِجھی تامُتھ لامہٕ روزان۔ گُمپہٕ کِہ اَنٛدرِمہٕ آنگنہٕکِس کوٗنَس پیٹھہٕ چھُ اَکھ مَنٛدر یِیمہِ چِن لبَن تیوٗت موٚٹ دِہی تاہ چھُ کھوٚتمُت زِ ژِتھر چھِنہٕ پوٗرِ پٲٹھی دٕرینٛٹھ یِوان۔ صرف

چھ کینٹشرٕن مکھٹن تہٕ ہتھی یارٕن ہندی آکار لبنہٕ یوان۔

سٔمن روقس بتھہِ ڈیڈی چھےٚ اَندرمہٕ آنگنچ خاص شوٗب۔ اَتھ پیٹھ چھےٚ ترٛےٚ ہتھ وٕری پرٛانی مصوٗری سیٹھا خوشوٗنی تہٕ پوٗر پاٹھۍ ڈٔنجہ۔ سٔمن روقہٕ چہ کھوورِ لبہ پیٹھ چھ کھا گُشند ترٛٲہراوُن وول زٕتھر۔ اَمہٕ ہیٚوور چھ مرپاشند زٕتھر۔ بٔرک پالامن ہنٛزٕ نگہٕ چھےٚ زٕتھرن ڈٔچھنی تہٕ کھووری بناوِتھ۔ ڈٔچھنہِ لبہ پیٹھ چھ وَجرٕ دھر، سُمور اَمیتیا تہٕ اکشوبے ہٕندۍ زورمنڈل۔ سٔمن روقس اَژوُن ڈٔچھنہِ لبہ ہٕندس کوٗنس مَنٛز چھےٚ وَجرٕستوٗ ہنٛز اَکھ خوبصوٗرت مورتھ۔ دَرواز اَژوُنے چھُ اَکھ کٔتبہ، یتھ پیٹھ



کِنی نکی نکی زٕتھر چھ، مگر یِمن چھےٚ وونی ہیٚکہ ڈٕجھٕر۔ کتبہٕ چھ مَندر تعمیر سپدنہٕ کہِ سٕنٛچ نِشان دِہی کران۔ دَروازٕ ہٕنٛگس پیٹھ چھ زوٗرِ نرٕ گٔرتھ مہاکالہٕ سُند زٕتھر۔

واریاہن دیوین تہٕ دِوتہن ہنٛز مورژ چھےٚ درواز ہیٚوور اَلمارین مَنٛز سجاوِتھ۔ یِمن چھےٚ مَنٛزٕس بُدہٕ سٕنٛز پیتھ کالہٕ چہ، اَز کالہٕ چہ تہٕ پیش کالہٕ چہ مورژ۔ یِمن کھوورکُن چھےٚ وَجرٕ دھر تہٕ زبیہس سٕنٛز دزنگ، ناگ ڈبنگ نمگیال تہٕ ڈٔچھنہِ پاسہٕ چھےٚ پَدم سمبھو تہٕ اولوکتیشوَر سٕنٛز بَجہ بَجہ مورژ۔ بَجن مورژن بتھہِ چھےٚ بٕلیہ کینٛہہ سَم قد مورژ۔ کھوورِ طرفہِ اَندٕس پیٹھ چھ وَجرٕ پانہٕ سُند اَکھ مجسمہٕ، یُس ہُمس پیٹھ استعمالس چھُ لگان۔ یہ چھ ہُمہٕ وِزنارس پیٹھ تھاونہٕ یوان تہٕ اَہوتی ہنٛدۍ چیز چھ مجسمہٕ کِس اَٲس مَنٛز تراوان، یِم اَندرٕ کھو کھٔر یارٕ مَنٛزی نارس مَنٛز چھ پیوان۔

یِمو مورژو علاوٕ چھےٚ گُمپس مَنٛز نروپا، مرپا، ملارسپا، منجوشری تہٕ میترےیہ ہٕنٛز مورژ تہٕ ترٛےٚ چورتن۔

(ام۔ ل۔ س)

کتاب نامہ:


*Franche: History of Ladakh
*Snellgrove: Cultural Heritage of Ladakh II

## بھدرواہ قصبہ

بھدرواہ اوس جمّو صوٗبک پرٛون کٹھہ راج یُس مُغل دورس تام مقامی رازن ماتحت اوس۔ عرض بلد چھُس ۵۹ ، ۳۲° ، طول بلد ۴۵ ، ۷۵° تہٕ سمندر سوتھر پیٹھہٕ تھزر ۴۲۷ ، ۵ - ڈوڈا ضلعٕ چھُ کوٗہی علاقہ مگر بھدرواہ قصبچ وادی چھےٚ مقابلتن ہموار۔ بھدرواہ وادی چھےٚ جموٗ ہکس شمال مشرقس منز ۱۰۲ میل، کشتوارکس جنوٗبس منز ۴۶ میل، چمبا کس شمال مغربس منز ۶۰ میل تہٕ بسوہلی ہندِس شمالس منز ۶۳ میل دوٗر۔ قصبہ کس شمالس منز چھُ چناب دریاو وسان تہٕ بھدرواہ وادی ہُند سورُے آب چھُ نیرُ نالہٕ کہ ذریعہٕ اُتھ دریاوس سیتی رلان۔ وادی چھےٚ اکھ میل کھُلہٕ تہٕ زیچھر چھُس ژور میل تہٕ دوشوٚنی اَندن نِش چھےٚ تیز تنگ زکوہ ہہ دامنوٗ تلی چھےٚ مشکلنے نیرن وتھ روزان۔

راج ترنگنی منز چھےٚ بھدرواہ ہیچ ذکر بھدراو کاشی ناوٕ سیتی۔ روایت چھےٚ ز بھدرواہ چھُ بھدر کالی دیوی سیتی منسوب۔ دپان ییلہِ واسکی ین گرُڈ ہنزِ ناراضگیہ نشہٕ بچنہٕ موکھ بھدر کالی دیوٕ یہ زار پار کوٚر تمہ بخش بھدرواہ واسوکی یُس تہٕ پانہٕ کھُتر کیلاش پہاڑی ہندِس سرِس کنُ یتھ کالی کنڈ تہٕ ونان چھُ بھدرواہ تہٕ اندی پکھی گامن منز چھُ ونہٕ تہٕ کینہہ مندر بھدر کالی سیتی منسوب۔

بھدرواہ وادی چھُ نیلین نیلین، نپہ نپہ کرِ وِہن تہٕ گزز وِہن ناگن تہٕ آرن ہُند زال وہرِتھ ییم لوکٹیو بٹرو پلو پیٹھی ژھالہٕ ماران تہٕ پاں ژاودرن ہنز صوٗرتھ پراوان تہٕ وچھن والین دل نوان چھُ۔ اَکہ ناگک آب چھُ بلکل قصبہٕ منزی نیران تہٕ امہٕ منز نیرن واجنہٕ لوکچہ لوکچہ جوٗیہ چھےٚ قصبہ کیو تمام بازرو منزی لکان۔ اتھ چھےٚ پرتھ طرفہٕ شیپہٕ تھنگین تہٕ پہاڑی وترائی پیٹھ بجر تہٕ قداوار یار گژایہ ماران۔ کوہہ دامن نکھ چھُ ہیرِ پادی چالہٕ لوکٹی لوکٹی دال ڈوٗری ییم اندی پکھی وسہ وِہو نالو تہٕ آرو سیتی سگہٕ وِنہ لبان چھُ۔

بھدرواہکی پرٛانی بستکین چھُ ناگن ہندی عقیدت مند اُسی متی تہٕ واسک ناگ مندر چھُ امہ کتھہ ہُند نوٗن ثبوت۔ بھدرواہ چھےٚ خالے کانہہ جلسے ییتہِ نہ کانہہ شکتی مندر چھُ۔

بھدرواہ چھُ کیلاش یاترایہ تہٕ پٹ مالہ بایتھ مشہوٗر۔ کیلاش یاترایہ ہنز چھیڑی چھےٚ شراونہٕ پنم پتہٕ پنڈلہ ہہ دوہی بھدرواہ کہ واسک ناگ مندر پیٹھہٕ پرٛتھ دوہ یہ وہری نیران تہٕ ۱۴۰۰۰ فٹہٕ تھدِس کیلاش سرس

پیٹھ واتان۔

پَٹ ٹالہٕ چھُ بٔھدرواہک اَکھ سیٹھہے مشہوٗر لکہٕ ٹالہٕ یُس قصبس مَنٛز کھلہٕ جایہ مناونہٕ یوان چھُ۔ یہِ شادیانہٕ چھُ ترٛین دوہَن چلاوُن روزان۔

بٔھدرواہ قصبس تہٕ اَتھ اَندٕ پکھٕ علاقس مَنٛز چھِ کیٛتی قلعہٕ، یِم اَتہٕ کٕین بسکینَن ہِنٛز دِلاوری ہِنٛز شیٛچھ وَنان چھِ۔ یِم قلعہٕ چھِ اَز برٛونٛہہ ۵۰۰ ہیٚتھ ۸۰۰ ؤری تعمیر سپدی متۍ۔ بٔھدرواہ قلعہٕ چھُ قصبہٕ کِس مغربس مَنٛز ۵۰۰، ۲ فُٹہٕ تھزرِ ٹینگرِ پیٹھ تہٕ اَمہٕ کِس طرزِ تعمیرس پیٹھ چھُ مُغل طرزِ تعمیرُک ٹاکارٕ اَثر۔ قلعہٕ اوس ڈوگرٕ مہراج پرتاپ سنگھنِس (۱۸۸۵ء – ۱۹۲۵ء) دورس تام فوٗجی مقصدٕ باپتھ استعمال سپدان۔ قلعس نکھے چھِ پرٛانیٚن راجٕ مَندوٚرَن ہِنٛدۍ کھنڈرات نظر گژھان۔ قلعس ہنا بوٚن یپٛن چھِنے اَکھ پرٛانۍ مشید تہٕ سیٚد صأبنۍ زیارت۔ قصبس مَنٛز چھِنے بیاکھ اَکھ مشید تہٕ گنٛدا صأبنۍ زیارت۔

بٔھدرواہکۍ اصلی حکمران چھِ میاں راجپوت اُسی متۍ یِمَن واٗژ کٕنی بسوہلی تہٕ کلوکٕین حکمران خاندانَن سیٛتی واتھ اوسمُت چھُ تہٕ یہٕنٛزٕ وٕے مختلف پیٖڑیَن ہِنٛدۍ اَکھ ووت چھیکرس بٔھدرواہ جوٚمرِ کِس راجٕ گلاب سنگھس تام۔

بٔھدرواہ قصبہٕ یُو دوٕے کوہی قصبہٕ چھُ مگر اَتہٕ چھِنے پزٕ تھ وِنزٕ وۄہسہٕ دروٚسہٕ روزان۔ ڈٕژٕ د چھُ گنٛوہی مہٕ صدی ہِنٛدِس اِٹھٕمِس دٕہیٛلِس مَنٛز لیکھان زِ اَتہٕ کٕین اَہلِ پلہٕ سارٕنے مکانَن چھِنے دِو داٗر لکر، کنہٕ تہٕ زیٛن لاگنہٕ آمٕژ تہٕ اکثر مکانَن چھُ وُسہٕ وِنہٕ آیہٕ سنگلہٕ پُشس۔

قصبس مَنٛز یِم مختلف لوٚکٕٹۍ کیٛوٗڈی بازر چھِ تِموٚ مَنٛزٕ چھُ یِتھ کالہٕ اَکھ کھُلہٕ بازر اوسمُت یُس اَکہٕ زیٖچھ تہٕ سیٚد سیٛوٗد وَنہٕ بٔھدرواہ قلعس سیٛتی رلان اوسمُت چھُ۔

بٔھدرواہکۍ لوٗکھ چھِ زمیٖنداری تہٕ دُکانداری علاوٕ شالبافی تہٕ کران آمتۍ۔ قصبہٕ اوس نقش دار کنگنٕو باپتھ تہٕ مشہوٗر۔

بٔھدرواہس تہٕ کشیرِ چھُ پانہٕ واٗنی آب و ہوٗک واریاہ ہشر۔ یِیمہٕ کِنۍ اَتھ "چھوٚٹا کشیر" تہٕ وَنان چھِ۔ چنانچہ اَتہٕ چھِ ژوٗنٛٹھ، ژٕہٕنی، زیٖر، گلاسہٕ، بادام، تہٕ تُلہٕ ہوی مزدار میوٕ وۄہپدان۔ کُلٕین مَنٛز چھِ پھرِس تہٕ بوٚنہٕ تہٕ شأمِل۔ اَتہٕ چھُ تھدٕ قیمٕک خوشبو دار ماچھ سوٚمبرنہٕ یوان۔ اَتیُک تھوک تہٕ اوس نفیس تہٕ جان گنٛزرنہٕ یوان۔

بٔھدرواہس مُتلق چھُ خیال زِ اَتہٕ چھِنے مختلف

داتہٕ زیرِ زمین۔ چنانچہ جنوٗبی اَندس کُن چھُ شیٖشتر نیران۔ بڈر واہس منٛز چھِ پاز یسلہٕ پاٹھۍ نظرِ گژھان تہٕ لوٗکھ چھِ تمِن ژھل لاگِتھ رٚٹان اَسرہتی۔

(م۔ن۔ن)

## کتاب نامہ:


※Bates: Gazetteer of Kashmir
※Drew: J&K Territories
※Pathik: cultural Heritage of the Dogras
※Stein: Kalhana's Rajatarangini
※Stein: Ancient Geography of Kashmir
※Saraf M.R. Jammu Darshan


# بُھرُج وِشنو مَندر

بُھرُج گام چھُ جیٚمی شَہرکس شُمال مَشرِقَس منٛز ژوداہ کِلومیٖٹر دوٗر مُقٲمی روایژ موٗجوٗب اوس اَتہِ کرِ وِشنو مَندرِ چہ جاپہ باہ شَتہ وٚری برٛونٛہہ نہِ اَکھ مَندر ییٚتہ مشہوٗر راز پرتھوی راج چوہانن (۱۱۷۰ء - ۱۱۹۲) جاگیِر تھوٗوُمت اوس۔ اَزُیک پوٗختہ مَندر چھُ مہاراجہ رنجیت سِنگھن (۱۷۹۹-۱۸۳۹ء) تعمیر، یمیٚ باہ ایکڑ زمین مَندرس جاگیر کٔرِتھ تھاوٕ تہٕ مَندر کوٗرُن رامانند سمپرداہِ حوالہٕ۔ مَندرُک طرزِ تعمیر چھُ راجستھٲنی تہٕ گردوارہٕ طرزِ تعمیرِ چہِ ہِلہ مِشہِ بارسس آمُت۔ مَندرکِس دَروازس پیٹھ چھُ کَتبہٕ لگنہٕ یِس

سوٗرُے پَرنہٕ یِوان چھُنہٕ۔ مَندر دُچھتھ چھُنہٕ باسان زِ یہ چھُ رازٕ مَندر اوسمُت، مگر روایت چھےٚ زِ مہاراجہ گلاب سنگھ اوس مَندرس پیٹھ یِوان۔ مَندرس پیٹھ چھِ اَز تہِ تمام طبقَن تہٕ فرقَن ہِندی لوٗکھ یِوان، گژھان روزان۔ مَندرس اندر چھےٚ رام سیتا یہ ہِنٛز مورژ لاگِتھ۔ مَندرچ خاص کَتھ چھےٚ اَکھ موٗنی ژِتھریم دَرِنڈاہس پرکرمس تہٕ اَندرِ مَندرس چھِ بَنٲوِتھ۔

مَندرکِس دَروازس پیٹھ چھُ کَتبہٕ علاوٕ گنیش بَنٲوِتھ تہٕ گربھ گرٛیہہٕ نِبر چھےٚ ژوداہن موٗنی ژِتھرَن ہِنٛز تَندَل یِمَن ہُند کھجر ۳۸ پیٹھہٕ ۴۳ سنٹی میٹر تہٕ تھزر ۱۰۵ پیٹھہٕ ۱۶۴ سنٹی میٹر چھُ۔ دَروازٕ ہیٚوٚر موٗنی ژِتھرَن ہِنٛز تَندَل چھےٚ ۱۳۱ سنٹی میٹر کھج تہٕ تھزر چھُس ۲۵ سنٹی میٹر۔ وِشنوی روایژ ہُند جہار چھُ اَسہ مَندرکین موٗنی ژِتھرَن منٛز دریٚنٛٹھ یِوان مگر اَتھ روایژ لرِ لوٚر چھُ شوٗمتُک اَنہار تہٕ نظرَن تَل یِوان۔

دَرِنڈاہس منٛز اَتھُن کھوٗوٗرکُن چھُ وِراٹ سروٗپس منٛز کرشنہٕ سُند لوٚڈ موٗنی ژِتھر۔ دوٚیِم ژِتھر چھُ مہنت بھگوان جی سُندِس سادھوٕ ہن ستی چھُ بہتھ۔ ترٛیِمِس ژِتھرس منٛز چھُ اَکِہ پاسہٕ کرشن دوٚنَل راکھِسس ماران آمُت ہاوِنہٕ تہٕ بیٚیہِ پاسہٕ چھُ تَسُند وِراٹ سروٗپ نظرِ گژھان۔ ییٚتھےٚ پاٹھۍ چھُ پرتھ موٗنی ژِتھر اَکھ نوٚو مَنظر

پیٹھ واتان۔

پٹ ٹالہٕ چھُ بھدرواہُک اکھ سیٹھاہ مشہوٗر ٹلہٕ ٹالہٕ
یُس قصبس منٛز کھُلہٕ جایہِ منٛاوٕنہٕ یوان چھُ۔ یہِ شاندار
چھُ ترٛین دوہن چلہٕ وُن روزان۔

بھدرواہ قصبس تہٕ اتھ اَندٕ پکھی علاقس
منٛز چھِ کیٛنہہ قلعہٕ، یِم اَتہٕ کین بسکینن ہُنٛز دِلاوری ہُنٛز
شیٛچھ وَنان چھِ۔ یِم قلعہٕ چھِ اَز بروٚنٛہہ ۵۰۰ ویٛہہ ۸۰۰
وُری تعمیر سپدی ہتی۔ بھدرواہ قلعہٕ چھُ قصبہٕ کس مغربس
منٛز ۳،۰۰۵ فٹہٕ تھزرِ ٹین گرِ پیٹھ تہٕ امہٕ کس طرزِ
تعمیرس پیٹھ چھُ مغل طرزِ تعمیر ک ٹاکارہ اثر قلعہٕ اوس
ڈوگر مہراج پرتاپ سنگھنس (۱۸۸۵ - ۱۹۲۵ء)
دورس تام فوٗجی مقصدٕ باپتھ استعمال سپدان۔
قلعس نکھے چھِ پرانین راز مندورن ہنٛدی کھنڈراتھ
نظرِ گژھان۔ قلعس ہنا بوٚن یہن چھےٚ اکھ پرانی مشید
تہٕ سید صاحبنی زیارت۔ قصبس منٛز چھےٚ بیاکھ اکھ
مشید تہٕ گندا صاحبنی زیارت۔

بھدرواہکی اصلی حکمران چھِ میاں
راجپوت اسی ہتی یمن ژاٹھ کنی بسوہلی تہٕ کلو کین حکمران
خاندانن سیتی واٹھ اوسمت چھُ تہٕ یہنٛزٕ وے مختلف
پیرین ہنٛدٕ بوٗ اکھو ووت چھیکرس بھدرواہ
جوٚمرِکس راز گلاب سنگھس تام۔

بھدرواہ قصبہٕ یُو دوٚے کوٚہی قصبہٕ چھُ مگر اَتہٕ
چھےٚ پرٛتھ وِنزٕ ووسہٕ درو سہ روزان۔ ڈزِد چھُ کنوٚہی مہ
صدی ہنٛدِس اٹھومِس دہلیس منٛز لیکھان زِ اَتہٕ
کین الہ پلہ سارِنی مکانن چھےٚ دِو دار لکر، کنہٕ تہٕ
زینن لاگنہٕ آمژ تہٕ اکثر مکانن چھِ وسہ وِنہٕ آیہِ سنگلہٕ
پٔشس۔

قصبس منٛز یِم مختلف لوکٹی کھوٚبڑی بازر
چھِ تِمو منٛز چھُ پتھ کالہٕ اکھ کھُلہٕ بازر اوسمُت یُس اکہٕ
زیچھ تہٕ سیدرِ سیوٚد وُنہٕ بھدرواہ قلعس سیتی زلان
اوسمُت چھُ۔

بھدرواہکی لوکھ چھِ زمیندٲری تہٕ دُکانداری علاوٕ
شالبافی تہٕ کران آمتی۔ قصبہٕ اوس نقش دار
کنگنو باپتھ تہٕ مشہوٗر۔

بھدرواہس تہٕ کشیرِ چھُ پانہٕ واٗنی آب و
ہوٚکُک واریاہ ہشر۔ یِہِ مہ کنی اتھ 'چھوٗٹا کشمیر' تہٕ ونان
چھِ۔ چنانچہِ اَتہٕ چھِ ژوٗنٹھی، ژہنی، ژیرٕ، گلاس، بادام،
تہٕ تِلہٕ ہوی مزدار میوٕ ووپدان۔ کلِن منٛز چھِ پھرٕ یُس
تہٕ بونہٕ تہٕ شامل۔ اَتہٕ چھُ تھدِ قیمک خوشبودار ماچھ
سوٚمبرنہٕ یوان۔ اتھ کس تمُک تہٕ اوس نفیس تہٕ
جان گنزرنہٕ یوان۔

بھدرواہس متلق چھُ خیال زِ اَتہٕ چھےٚ مختلف

داتہٕ زیرِ زمین۔ چناںچہ جنوٗبی آنٛدس کُن چھُ شیٔستر
نیران۔ بعٔد واہس منٛز چھُ پاز یَسلہٕ پاٹھۍ نظرِ
گژھان تہٕ لُکھ چھِ تمِیٚن ژھِل لاگتھ رٔٹان آسرِ میتی۔

(م۔ن۔ن)

## کتاب نامہ:


*Bates: Gazetteer of Kashmir
*Drew: J&K Territories
*Pathik: cultural Heritage of the Dogras
*Stein: Kalhana's Rajatarangini
*Stein: Ancient Geography of Kashmir
*Saraf M.R. Jammu Darshan


## بھُرج وِشنو مَندر

بھُرج گام چھُ جیٚنیٖ شہرٕکس شُمال
مَشرِقس منٛز ژوداہ کلومیٹر دوٗر مُقامی روایژ موجوٗب
اوس اَتہِ کہ وِشنو مَندر چھِ جایہ بادشاہ وُری ہرٛونہہ
تہٕ اَکھ مَندر ریتہٕ مشہوٗر راز پرتھوی راج چوہانن
(۱۱۷۰-۱۱۹۲ء) جاگیر تھووُمت اوس۔ اَزیُک
پوختہٕ مَندر چھُ مہاراجہ رنجیت سنگھن (۱۷۹۹-۱۸۳۹ء)
تعمیر، یٚیمہِ باہ ایکڑ زمین مَندرس جاگیر کٔرِتھ تھاوٕ تہٕ
مَندرکوٗرن راماند سمپرٛدایہ حوالہ۔ مَندرُک طرزِ
تعمیر چھُ راجستھانی تہٕ گُر دوارٕ طرزِ تعمیرچ ہلہ مِشہ بارسس
آمُت۔ مَندرٕکس دَروازس پیٹھ چھُ کنٛتبہٕ لگنہٕ یُس
سورُے پرنہٕ یوان چھُنہٕ۔ مَندرُ دچھِتھ چھُنہٕ باسان زِ
یہ چھُ راز مَندرٕ اوسمُت، مگر روایت چھےٚ زِ مہاراجہ
گلاب سنگھ اوس مَندرس پیٹھ یوان۔ مَندرس پیٹھ
چھِ اَز تہٕ تمام طبقن تہٕ فِرقن ہندی لُکھ یوان گژھان
روزان۔ مَندرس اندر چھےٚ رام سیتا یہ ہنٛز مورژ لاگتھ۔
مَندرچ خاص کتھ چھےٚ اَکھ موٗنی ژٕتھریم وَرنڈاہس
پرٛکرمس تہٕ اَندرِ مَندرس چھِ بنٲوِتھ۔

مَندرٕکس دَروازس پیٹھ چھُ کنٛتبہٕ علاوٕ گنیش
بنٲوِتھ تہٕ گربھ گرٛیہہ نیبر چھےٚ ژوٚدہن موٗنی ژٕتھرن ہنٛز
تنٛدرل یمن ہنٛد کھجر ۳۸ پیٹھ ۴۲ سنٹی میٹر تہٕ تھزر ۱۰۵
پیٹھ ۱۶۴ سنٹی میٹر چھُ۔ دَرواز ہیٚور موٗنی ژٕتھرن ہنٛز
تنٛدرل چھےٚ ۱۳۱ سنٹی میٹر کھج تہٕ تھزر چھُس ۲۵ سنٹی میٹر۔
وِشنوی روایژ ہنٛد جہار چھُ اَسہ مَندرکین موٗنی ژٕتھرن
منٛز دٔرینٛٹھ یوان مگر اَتھ روایژ لِر لوٚر چھُ شوٚمتک اَنہار
تہٕ نظرن نَل یوان۔

وَرنڈاہس منٛز اَژوٚن کھوٚورکُن چھُ وِراٹ
سروٗپس منٛز کرشنن سُند بوٚڑ موٗنی ژٕتھر۔ دٔیم ژٕتھر چھُ
بھنت بھگوان جی سُنٛدٕلیُس سادھوین سیتی چھُ بیٚہتھ۔
ترٛییمس ژٕتھرس منٛز چھُ اَکِہ پاسہ کرشن دوٚنٚل رائکھسس
ماران آمُت ہاوِنہٕ تہٕ بیٚییہ پاسہ چھُ تَسُنٛد وِراٹ سروٗپ
نظرِ گژھان۔ یِتھے پاٹھۍ چھُ پرتھ موٗنی ژٕتھرُ اَکھ نوٚو منظر

اُچھَن۔ بٔرٛوٛنٛہہ کُن اَنان۔ اکثر مۄنٛزٕ ژِتھرَن ہُنٛد آگُرُ چھُہ رامایَن، بھاگوت تہٕ شِو دَرشَن۔

مَنٛدرکہِ پٔژکرُمک سوٗرُے تالو چھُ پوشہٕ تھَربوٗ سِتی پٲراونہٕ آمُت۔ یِتھے پٲٹھی چھِہ تمام مۄنٛزٕ ژِتھرَن اَنٛدی اَنٛدی پوشَن ہِنٛدی نظارٕ ووتلاونہٕ آمتی۔ گربھ گرٛیہَس دٕچھِن کُن محرابَس مَنٛزٕ چھِنٛے ہأشیہ چالہِ مۄنٛزٕ ژِتھرَس مَنٛز راس لیلا ہاونہٕ آمٕژ۔

مۄنٛزٕ ژِتھرَن ہِنٛز یِہ سہٕ رَنگا رٛنگی اَسہِ اَتھ مَنٛدرَس مَنٛز دٔرینٛٹھہ یوان چھےٚ تہٕ رنگارٛنگی چھُہ مَنٛدر عقیدَتُک مَرکَز آسنَس لٔرِ لوٚر مُرٛژگری ہُنٛد اَکھ موٗلُل گَنٛجینہٕ تہٕ بنوومُت۔ (م۔ ل۔ س)

کتاب نامہٕ:

*Mira Seth: Dogra Wall Paintings

## بھیم سوامِن

ہارِ پَربتہٕ کِس جنوٗبی کوٗنَس پیٹھ چھےٚ اَکھ کھنگرِ یتھ



لۆکھ گنیش زانٛہہ پۆزا چھ کران ۔ باچھ دَروازس نِش
مہاگنیش ناوٕ اَزکل دٕنس تل یہٕ اِستھاپَن چھُ بڑو نہہ۔
کالہٕ بھیم سوامن تہٕ بھیم سوامن گنیش ناوٕ مشہور روٗدمُت۔
بھیم سوامن سو یمبو تیٚہرتھک ذِکر کران چھُ
کلہن لیکھان :۔

"تَسنٛدِ (راز پرورسین نہٕ) پنٕنہٕ دِلہٕ عبادت
کرنہٕ کِنی پھٕٹیٚر وِنایکَن یَس بھیم سین تہٕ وَنان
چھہ پَنُنہٕ مرضی پٔٹھٕ موکھ مغربہٕ پیٹھٕ مشرقس
کُن، یہٕ ہاوتھ دِنہٕ خاطرٕ زِ سہٕ چھُنہٕ تہٕندِ
نوشہرِ نِش ناراض۔"

کلہن سُنٛد بیان نظرِ تل تھاوِتھ چھُ صاف زِ بھیم سوامن
مندر چھُ کم کاسہٕ یتی میوٕ پنٛد ہوشتو وٕری یَو
پیٹھٕ لۆکَن ہِنٛدِ عبادتُک مرکز روٗدمُت۔

یتھ کھٔنگرِ گنیشس، زانٛہہ اَز تہٕ پۆزا سپدان
چھےٚ، سو کھنگر چھےٚ لۆکَن ہِنٛدِ عقیدٕ کِنی ہُسر کُلس
سیتی رلان۔ کھٔنگرِ چھُ سیٹھا موٗٹ سیٚنٛدرِ تاہ
پیٹھہٕ کھوٚتمُت یِمہِ کِنی اصلی صوٗرت ووہٕ نظری
چھنہٕ پوان۔

جوٗنراج چھُ لیکھان زِ تروہِمہٕ صدی منٛز
پھٕٹیٚر وِنایکَن بُتیہ مشرقہٕ پیٹھٕ مغربس کُن بُتھ یِلہٕ
زَن شرٛی وَرن لیوکھمُت چھُ زِ سُلطان زین العابدینٕ

بُڈشاہَن (۱۴۲۰ـ۱۴۷۰ء) کوٚر بھیم سوامن مندرٕ نوٚو سر تعمیر۔ (م۔ل۔ب)

کتاب نامہ :

*Dutt J.C: Kings of Kashmir
*Stein: Ancient Geography of Kashmir
*Stein: Kalhana's Rajatarangini

## بھیم کیشو

وُچھو "گوپہٕ مندر" جلد ۱

## بہیرٕ

بہیرٕ چھُ پرانٛس دٔونٛتس پرگنس مغربہٕ کِنی پہپر
پانٛژ السّ نکھہٕ۔ عرض بلد چھُس ۳۴ ۳ تہٕ طول بلد ۳۹ ۷۴
یہٕ اوس بڑو نہہ کالہٕ پرگنہٕ تہٕ اَزکل چھُ تحصیل صدر مقام۔
گامَس منٛز چھُ اکھ ناگ یتھ بہرٕوپ ناو چھُ۔ دپان امی
ناگہٕ کِنی آسی گامَس تہٕ بہرٕوپ وَنان۔ بہرٕنٛچ موجودٕ صوٗرت
چھےٚ بہیرٕ۔ ناگچ ذِکر تہٕ چھےٚ امی نیل مت پرانس منٛز
بھدرکالی دیوی تیٚہرتھہٕ ناوی سپزمٕژ۔

بہیرٕ چھےٚ اکھ گوپہٕ۔ روایتھ چھےٚ زِ مشہور
شیوی عالِم تہٕ فلسفی ابھینوگپت (دہم، کہم صدی)
ژاو اتھ گوپہٕ منٛز پننی چیلہٕ ہیتھ تہٕ پتہٕ پھیوکرنہٕ واپس۔
۱۷۶۶ عیسوی منٛز بنٲوِ بہیرٕ وِس منٛز دٕراَنی گورنر لال محمد کھٔکھن
اکھ گڑھی۔ ۱۸۰۱ عیسوی منٛز کٔر عبداللہ خانن اتھ قلعس مرمتھ
یُس پتہٕ ۱۸۸۴ عیسوی یُس منٛز بنلہٕ سیتی وٕسی پیو۔ (م۔ن۔ن)

کتاب نامہ :

*Hasan: Tarikh I
*Pandey: Abhinava Gupta
*Stein: Ancient Geography of Kashmir
*Ved Kumari: Nilamata Purana I

## پیتنگ

پیتنگ گمپہٕ چھُ پدم (زانسکار) قصبہٕ بوٚن شُمال مَشرِقس کُن لِنگتی (دٔریاوِ) اَکہِ کھووِر بٔٹھِ۔ گمپہٕ چھُ گامہٕ ہیوٚر بالہٕ تینثاُلس پیٹھ تَتھ جایہِ ییٚتین اَکھ بوٚڈ چوٗرتَن تہٕ وارِیاہ مُکانہٕ چھِ۔ یِم سارٕی آثار چھِ پرٛانہٕ گمپچ یاد تازٕ کَران ییٚمیُک ذِکرِ زانسکارِکِس تواریخس مَنٛز چھُ آمُت۔

بُدِس چوٗرتنس نَکھے چھُ مَندَر یتھ مَنٛز اولوکیشوَر پدم سمبھو تہٕ میترےیہٕ سٕنٛزٕ مُرٛتھ چھِ۔ دُچھنہٕ لَبہٕ پیٹھ چھُس اِمتیاس، شاکہِ منی، ژوٚدہَن ارہتَن تہٕ بھےشجیہ گرو تہٕ کھووِر لَبہِ پیٹھ چھِ دَجرہٕ بھیرو، پدم سمبھو تہٕ ژھوٚنگ کھا۔ یاسٕندی موٗنی ژِتھرِ پدم سمبھو سٕندی چھِ اَتہٕ اُٹھ روٗپ ہاوِتھ۔ دَروازٕ لَبہِ پیٹھ چھِ ژوٚن دِشَن ہٕنٛدِین رازَن ہٕنٛدی موٗنی ژِتھرِ بناوِتھ۔

خاص پیتنگ گامہٕ بوٚن چھِ البتی ناوِکہِ اَکہِ پرٛانہٕ قِلکی آثار موٗجوٗد۔ (م۔ل۔س)

### کتاب نامہٕ:


※Franche: History of Ladakh

※Snellgrove: Cultural Heritage of Ladakh II


## پتھر مسجد

پتھر مسجد چھےٚ سرینٛگرس مَنٛز خانقاہ معلیٰ اَمِس سٔیدِ سیوٚد وَیتھہِ ہٕنٛدِ کھووِر بٔٹھِ۔ مسجد چھےٚ مغل بادشاہ جہانگیر سٕنٛدِس دوٗرس مَنٛز ملکہ نوٗرجہانہِ ہٕنٛدِ وَنَنہٕ سنہٕ ۱۶۲۳ء مَنٛز تعمیر کَرنہٕ آمٕژ۔ یہ چھےٚ کشیرِ مَنٛز مُغل فَنِ تعمیرُک اَکھ جان نموٗنہٕ۔ اَمیُک ذِکر چھُ شاہی مسجد، مسجدِ سنگین، تہٕ نو مسجد ناوٕ تہٕ سپُدمُت۔

تواریخ "شیعانِ کشیر" مطابق اوس نوٗرجہانہِ یہ مسجد شیعہ مسلکہٕ کین مسلمانَن ہٕنٛدِ خاطرٕ تعمیر کرناوِمٕژ۔ تہٕ کیٚنہہ کال گژھِتھ سپٕز کَمَو تام وَجہو کِنی بنٛد۔ مگر حکیم صَفدَرنہٕ اَتھ رایہِ چھُنہٕ باقے مورخو ڈکھ کوٚرمُت۔ کینٛژَن جاین چھُ اَمہِ کہِ غار آباد روزنُک یہ وَجہہ وَننہٕ آمُت زِ چونکہِ مسجد چھےٚ زنانہٕ ہٕنٛدِ دَسی بناونہٕ آمٕژ تَمہِ موٗجوٗب چھَنہٕ اَتھ مَنٛز نماز پَرٕنی جایز۔ مگر یہ نہٕ چھُ اَکھ وَجہہ دِنہٕ آمُت، ییٚلِ نوٗرجہانہِ پرٛژھنہٕ آو زِ مسجد بناونَس کوتاہ رقم لوٚگ، تَمہِ دِژ کوٗنشہِ کھوٚرس کُن اشارٕ کَرِتھ تیتھ وُلٹہٕ جواب زِ لکھ گےٚ ناروتار تہٕ کوٚرُکھ اَتھ مَنٛز نماز پَرنَس پرہیز۔ یِتھہٕ پاٹھی روٗز پتھر مسجد وارِیاہَس کالَس غیر آباد۔

فاضِل خان سٕنٛدِ وَقتہٕ (۱۶۹۷ء – ۱۷۰۴ء) آیہِ

مَسجِدِ مرمتھ کرنہٕ تہٕ اَتھ سٕتی آو حمام تہٕ کھارنہٕ تہٕ دَرس گاہ
تہٕ تعمیر کرنہٕ۔ اَمہٕ تلہٕ چھُ نَنان زِ اَتھ دورس منٛز چھِنہٕ

مسجد بنٛد آسمٕژ ـــــ ۱۷۵۴ءکِس دژاگس منٛز کور کشیرِ
ہنٛدی گورنرٕ سُکھ جیونَن مسجدِ منٛز دانہٕ جمع تہٕ واریاہَس



کالس آیہ گُدامہٕ رنگو استعمال کرنہٕ۔

میر ہزار خان سندِ وقتہٕ آیہ مسجدِ ۱۷۹۳ءمنز بیٚیہ مرمتھ کرنہٕ۔ اَمیُک تاریخ چُھ یمہٕ شعرو تلہٕ نَنان

؎

شکر حق کز دعای اہلِ یقین
باز آباد گشت خانۂ دین
کرد سردار خِطّہ میر ہزار
مسجدِ نَو بناء بقصد تزئین
اختر و نقشِ او فروزان باد
تا بود بر فلک مہ و پروین
این چُنین مسجد از بلندیٔ قدر
آسمانی بود بروئے زمین
عاقبت رو سیاہ و ملعون شُد
ہرکہ او غلامی نہاد درین
خبر از ہاتفی بپُرسیدم!
تا کُند سالِ آن مرا تلقین
ہاتفی گُفت "عہدِ میر ہزار
نَو شُد آباد مسجدِ سنگین"
۱۲۰۸ھ = ۱۷۹۳ء

یوہے کُنبہٕ چُھ مسجدِ ہنٛدِس صدر دَروازس دہلیزِ پیٹھہٕ کُنہٕ کھٔنِتھ۔ موٚرّخ حسنَن چھِنہٕ تریٚیمُ تہٕ ژوٗرِیم شعر دَرج کوٚرمُت۔

یتھہٕ پأٹھی چھےٚ تریٚنہٕ وَن لگان زِ اَمہٕ وزِ چھےٚ مسجد نوٚسرِ آباد کرنہٕ آمٕژ۔ اَمہٕ پتہٕ کرِ پیٹھہٕ آو اَتھ منٛز نماز پرنس منع کرنہٕ، تمیُک چھُنہٕ کُنہٕ جایہ ذِکر۔ اما پوٚز یہ چُھ ثبقہٕ زِ ۱۹۳۱ءمنٛز آیہ مسجد لوٗکَن ہنٛدِس مُطالبس پیٹھ مہاراجہ ہری سِنگھنہِ وَقتہٕ یلہٕ تراونہٕ۔

پتھر مسجد چھےٚ ۱۸۰ زیٚٹھ تہٕ ۵۴ کھُج۔ مسجدِ ہنٛز کُرسی چھےٚ گرِتھ دوٗرِ کنین ہنٛز۔ کُنہٕ داسس چھےٚ پمپوشہٕ وُتھرَن ہنٛز ڈأر گُڈِتھ۔ داسہٕ ہیٚور چھ مسجدِ ہنٛدِ روٚیہ پاسہٕ صدر دَروازس ڈٕچھنی کھوٚوُرِ ژور ژور محرأبی لغلہٕ۔ یِم اَتھ دارِن ہنٛز کأم دِوان چھ۔ یِمہٕ نِے محرابن سیٚدِ سیٚود چھ اَتھ قبلہٕ پاسہٕ تہٕ نَو محراب۔ یمو منٛز چُھ دَروازکہِ سبزرُک مرکزی محراب سیٹھا بوٚڈ۔ محرابَس ڈٕچھنہٕ تہٕ کھوٗرِ یِم ژور ژور محراب چھ تِمَن پیٹھ چھ محرأبی آیہ روشندان۔ مسجد چھےٚ زیچھرِ آیہ اُٹھن اُٹھن پایَن ہنٛزِو دوٚیو تَشد لوٚستی ترِن حِصَن منٛز تقسیم کرنہٕ آمٕژ۔ پٔرتھ کانٛہہ پایہ چُھ بہہ کوٗنل۔ مسجدِ ہنٛدِ پَش چھ چار دیوأری علاوٕ یِمہٕ نِے شُرہَن پایَن پیٹھ رٔٹنہٕ آمُت۔ یِیلہِ زَن پرسی براوُن اَردِ ہَن پایَن ہُند حوالہٕ چُھ دِوان۔ پٔرتھ کانٛہہ پایہ چُھ بوٚنہٕ کُنِن ہُند تہٕ

پیٹھ سیرِن ہُنٛد کھارنہٕ آمُت۔ سیرِن ہٕنٛدِس حِصَس
چُھ مۆٹ وٕزٕوٕٹ چۄٚنہٕ سُرخہِ بور کرُِتھ۔ اَمی تھَزرِ چُھ مَسجِدِ

ہٕنٛزِ چار دیوٲری تہٕ چۄٚنہٕ سُرخہِ بور کَرنہٕ آمُت۔ پایہِ چھ پیٹھ مِہ
اَنٛدٕ اَکھ اُکس سیتی اَمہِ آیہ رَلاونہٕ آمتی زِ چار دیوٲری ہٕنٛتھ



پَرٛتھ ترٛوَرن پایَن مَنٛز باگ چھُ اَکھ گُنٛبز بنان۔ یِتھہٕ یاٗکھی چھِ تالوس سَتوٗوُہ[27] گُنٛبز، یِم چھوٚلِتھ یمپوٚرِشہ چالِہ چھِ۔ محرابَس سیدٕ بوٚڈ ہیٚوٗہ گُنٛبز چھُ کرنیل یہان سِنگھن (۱۸۳۴ء) مَنٛز لُہرووُمت۔ مَرمَت کَرنہٕ پَتہٕ چھُنہٕ یہِ گُنٛبز باقی شَتہٕ وُہَن گُنٛبزَن ہیٚوٗہ خوٗبصورت ہیٚوکمُت بَنِتھ۔

گُنٛبزَن چھےٚ پیپر ماٗشی کٔرِتھ آسمٕژ۔ یَتھ خراب گَژھنہٕ کِنہٕ آٗس یہِ نقاٗشی وُتہٕ ہِتی چھَلِہ چھَلِہ وٕژھمٕژ۔ وُنی کینَس چھےٚ یِمَن گُنٛبزَن تہٕ لِپاےٚ کَرنہٕ آمٕژ تہٕ یَتھس تہٕ چھُ پیٹھہٕ سیمنٹ کَرنہٕ آمُت۔ یَتھِ دانَس لبان یہَن



چھِنےٚ مسجدِ اٚندی اٚندی دٕوری کَنٛین ہٕنٛز گَنٛڈٕی ژٔھر تہٕ
پَشہِ دامٔنس مَنٛز چھِنےٚ ژٕہ پٲرِ گوٚ یہ گَڈِتھ یمَن اٚندی
اٚندی پمپوشہِ وٚتھرِ نَقاشی کٔرِتھ چھِنےٚ۔ یِتھہ نَقاشی
چھِنےٚ مسجدِ ہٕنٛدِ رَوِ یہ پاسہٕ تہٕ مَنٛزی مَنٛزی نَظرِ گژھان۔
مَسجدِ ہٕنٛدِ نیٚبرِ مہرِ طَرفہٕ محرابہٕ سیوٚد چھِنےٚ کَنٛین چھِلہٕ
وَژِھمژ۔ یِم چھِنےٚ مسجدِ ہٕنٛتی قبلہٕ پاسہٕ چھ دانہٕ لٲنہٕ نار لگنہٕ
وِزِتاوِ ہِتی پکھچہِ مژٕ۔

پَتھر مسجدِ ہٕنٛدِس آنگنَس آسہٕ خوٗبصوٗرت
دٕوری کٔنہٕ اَمہٕ آیہٕ وٚتھراونہٕ آمژٕ زِ سورُے آنگُن اوس
کُنی کُنی باسان۔ آنگنُک فرٕش تہٕ چھُ مہان سِنگھ نے
پراٹہٕ نوومُت تہٕ پراچہ مژٕ کَنہٕ چھِنےٚ تمہٕ ہِنٛزی نِگرٲنی
مَنٛز بسَنت باغَس تہٕ شیر گَڈھ ہٕنٛدِ یارِ بَلن
لاگنہٕ آمژٕ۔

کِہے کال برٛوٚنٛہہ چھِنےٚ آرکیالوجیکل سروے
آف انڈیا ہَن مَسجدِ کینٛژن جاین مَرَمتھ کٔرمژٕ تہٕ ڈٕنجہ
تھاونہٕ باپتھ دوا پٲشی تہٕ کٔرمژٕ۔ (م۔ا۔ا)

کتاب نامہ:


*Bates: Gazetteer of Kashmir
*Brown: Indian Architecture I, II
*Hasan: Tarikh II
*Sufi: Kashmir II
*Safdar: Shian-i-Kashmir


## پٹن

'پٹنُک بِناٲتی ناو اوس شنکر پوٗر پٹس راز شنکر
وَرمَنن (۹۰۲-۸۸۳ء) پَننس ناوَس پیٹھ آباد چھ کوٚرمُت
سرینگرٕ پیٹھ شمالس کُن ۲۹ کلومیٹر دوٗر ورملہ سڑکہٕ
پیٹھ ۷، ۲۳ ۔°۴۰، طولِ بَلد تہٕ ۳۴ عرضِ بَلدس درمیان
آباد پٹنس چھُ برٛوٚنٛہہ کالہٕ پنٛجاستر ناو اوسمُت۔

برٛوٚنٛہہ کالہٕ چھ یہ قصبہٕ پٹن (منڈی) اوسمُت۔
یِیہِ پوٚٹھ تہٕ چارواۓ کِننہٕ دِنہٕ نَک مرکز اوس یِیمہٕ کِنہٕ اَتھ وارِ
وارِ یِیہ ہیٚے ناو ڈٕرِتھ گوٚ تہٕ اَصلی ناو گوٚ گال کھٲتس۔

رام چند کاک چھُ لیکھان زِ پٹنس چھُ پتھ کالہٕ
شنکرپٹن ناو اوسمُت۔ مگر راج ترنگنی مَنٛز چھ اَمِیُک
ناو صرف شنکر پوٗر لیکھتھ۔ کھیشمندرن تہٕ چھُ پٹنس
شنکر پوٗر ناو لیوٗکھمُت۔ ابوالفضلن چھُ امیُک ذِکر
اکہٕ پرگنہٕ کِنہٕ کوٚرمُت۔ غازی شاہ تہٕ وِزِ ۱۵۵۷ء مَنٛز
لوٗگ شاہ ابوالمعالی تہٕ غازی شاہ نِس فوجس پٹنہٕ مُقابلہٕ
یَتھ مَنٛز شاہ ابوالمعالی کٔشیرِ مَنٛزٕ نیبر نیرنس پیٹھ مجبوٗر گوٚ۔
شنکر وَرمنَن تہٕ تٔسنٛزِ رانہٕ سوگندا یہ کٔری پانہٕ
آباد کٔری یِتس قَصبَس مَنٛز شنکر گورِیش تہٕ سوگندیش
ناوی زِ مَنٛدر تعمیر۔ راز ہٕنٛدی وُزیرٕ رَتنہٕ وَردَنن کوٚر
قصبس مَنٛز رتن وَردنیش ناوی بناکھ مَنٛدر تعمیر۔ یہ مَنٛدر



اوس تمی سدا شوٕ سٕنزِ پُژھ بنوومُت۔ ناوِتلہٕ چھُ باس لگان زِ وَردنیش اوس شوٕ مَنٛدر۔

پرانین آثارن ہنٛدِس مغربَس مَنٛز ۱۰۰ گز دور لیس لوکُٹ مَنٛدر موجوٗد چھُ، انداز چھُ زِ یہ ہے چھُ رتن وَردنیش راز س تہٕ رانہٕ ہنٛدِ ن تعمیر کرٔمتین مَنٛدرن علاوٕ۔ قصبہٕ کِس شمالَس مَنٛز اسی گاشِ پوٗرِس نِش زِ خاص قسمکی کنہٕ تھم یمن ہُنٛد تعلق کتہٕ تام خاص تعمیرَس سٟتی اوسمُت چھُ۔ بنہٕ وُن چھُ زِ اَتھ جایہِ ما آسہِ ہے بنیا کھ کانٛہہ خاص تعمیر۔ مقامی لوکھ چھِ اَتھ جایہِ گرمُٹھ وَنان۔ خَسَن چھُ لیکھان زِ اَتہٕ اسی پرانہٕ وقتٕکی کینٛہہ دُکان تہٕ موجوٗد مگر وُنی کِس چھُنہٕ اَمہِ قسمُک کانٛہہ نِشانہٕ نظرِ گژھان۔

شنکر پور قصبہٕ تعمیر کرنَس متعلق چھُ یتھ کتھِ پھیُر دِیُن ضروٗری زِ شنکر وَرمَن کوٗر پرس پورکین تعمیرن لُرِ پار تہٕ تتہِ اُنِ جان جان چیز یَنہٕ آباد کرٔی مُتہٕ قصبچ شان ہُرراونہٕ باپتھ

(م۔ل۔بس)

کتاب نامہ :


※Abul Fazl: Ain-i-Akbari III
※Bamzai P.A.K: Archaeological Remains in Kashmir
※Hasan: Tarikh I
※Parmu: Muslim Rule in Kashmir
※Quarter Master: Gazetteer of Kashmir and Ladakh
※Stein: Kalhana's Rajatarangini


## پدم سمبھوٕ سٕنز گوپھ

پدم سمبھوٕ سٕنز گوپھ چھےٚ سری نگر لیہہ سڑکہِ پیٹھ نی موٗگامَس پور ۱۳ کلومیٹر۔ اَتہِ چھُ انسان ٹھزرِ اَکھ بےٚ سوٗم کنہٕ پل یتھ مغربہٕ پاسہٕ بیٹھنہٕ باپتھ جاے کورِتھ چھےٚ۔ مقامی روایژ موجوٗب یَیلہِ اِٹھی مہ صدی منٛز بُدھ دھرمُک عظیم گیانی پدم سمبھو ہندوستانہٕ پیٹھہ تبتہٕ کھوٗ سُنسان وَتو لداخ ووت۔ اُمِس پیوٗ جایہِ جایہِ بدرکوٗ حَن سٟتی لڑُن تہٕ یمن جاین نِش بناو تمی دھیانہٕ باپتھ اَکھ اَکھ گوپھ۔ اَکہِ روایژ موجوٗب یَیلہِ پدم سمبھو لداخ کُن گژھان اوس۔ اُمِس سپز اَتھ جایہِ



(أزی چھ پدم سمبھو گوںپہٕ نِش) أکِس بدرٕ حِس سِتی بُتھی لاگے۔ دَپان پدم سمبھوہَن کوٚر یِنٛہٕ پان اُتھی جایہِ أکِس بٔڈِس کَنہِ پٔلِس حوالہٕ یِمی اَمِس (پدم سمبھوہَس) پانَس مَنٛز جاے دِژ۔ یِہ گوںپہ چھےٚ اَمہِ موٗجوٗب تہٕ مشہوٗر زِ اتھ مَنٛز چھُ پدم سمبھو وارٕیاہَس کالَس دھیان کران اوسمُت۔

تبتی عالِم چھِ پدم سمبھوہَس گورُو رِنپوٗچی وَنان یَمِیُک مطلب یاگہِ بوٚرُت وۄستاد گوٚ۔ اَتھ جایہِ چھِ گورو نانک جیاٚ تہٕ ووتمُت اوے چھِ اَتھ جایہِ یِنہٕ وٲلی سِکھ سیٹھہٕ ہے تعظیمہٕ سان نَمان تہٕ عبادَت کران۔ اَتھ گوںپہ ہَنا پیٚٹھ کُن چھِ سِکھو اَکھ لوکُٹ موکُٹ گُرٗدوارٕ تعمیر کوٚرمُت (م۔ع)

کتاب نامہٕ:

❊Franche: History of Ladakh

❊Snellgrove: Cultural Heritage of Ladakh II

# پرتھوی گری

پرتھوی گری ہُنٛد کوٚٹ چھُ پرٛوٗنٛژھہٕ پیٹھہٕ ۴۵ میل دوٗر مشرِقس کُن تھدین یالَن مَنٛز باگ۔ کوٚٹہٕ پیٹھہٕ چھےٚ کرن کوٚٹ، میٛنڈر پتھر تہٕ راز ویرہٕ ہِنٛدِس سارِی سے علاقس پیٹھ نظر پوان۔ یِمہِ سِتی اَلہٕ پلہٕ سمندرٕ پیٹھہٕ کاہ ساس فُٹہٕ تھزرس کوٚٹھ جنٛگی اہمیتھ ثأبِتھ چھےٚ سپدان۔

تلہٕ چھُ وۄنی پوٗرٕ پاٹھی ؤسی پیوٗمُت۔ آثارو کَنہِ چھِ موقس پیٹھ کَنہِ دیوار، کَنٛہوی دَروازٕ تہٕ پژون کژور موٗجوٗد۔ قلُک کَنہِ دَروازٕ چھُ اَز تہٕ بالہٕ تھونٛگَن دَرمیان دوٗرِ پیٹھہٕ بوزنہٕ یوان۔ دَپان پژوٗنہہ کالہٕ أسی قلس مَنٛز رازَن ہِنٛدی سَرتَلہٕ بانہٕ تہٕ موٗجوٗد۔ لوکھ أسی اَتھ جایہِ مُتبرک مانان تہٕ قلُک کَنہِ دَروازٕ مُترٕتھ أسی نیازٕ کَنہِ تہٕر بیترِ تراوان۔ مگر وۄنی چھُ یہِ سِلسلہٕ بنٛد گوٚمُت۔ پرتھوی گری ہُنٛد اَکھ کتبہٕ چھُ سری پرتاپ میوٗزِیمَس (سرینگر) مَنٛز موٗجوٗد تہٕ یہِ چھُ رازٕ اننت دیوٕنہٕ زمانک۔ اَمہِ سِتی چھُ ثأبِتھ سپدان زِ گٔہی مہٕ صدی مَنٛز چھُ پرٛوٗنٛژھ کشیرِ ماتحت اوسمُت۔

پرتھوی گری ہُنٛد ذِکر چھُ راج ترنگنی مَنٛز کلہنَن تِمہِ ساعتہٕ کوٚرمُت۔ ییٚلہِ رازٕ ہَرشَن (۱۰۸۹-۱۱۰۱)

راز ویر پیٹھ حملہٕ کوٚر تہٕ اَمہٕ کوٚ ٹکس دامنس تَل ڈیٹن ڈیر۔ کوٚٹ کاپہ اَنٛنس مَنٛز ناکام روزنہٕ پتہٕ آو سُہ خزانہٕ تہٕ مال جاداد ترٛاوِتھ واپس کشیر۔ سرارل سٹاینن چھُنہٕ کوٚٹس متعلق کانٛہہ تفصیل دِتُمُت۔ ییٚمہٕ تلہٕ ژینہٕ وَن چھِنے لگان زِ تَس چھُنہٕ یہ جاے اَتھ آمٕژ۔

کوٚٹ کَر چھُ تعمیر سپُدمُت تتھ متعلق تہٕ چھُنہٕ کانٛہہ۔ ثبقہٕ توٲریخی حوالہٕ اَسہٕ نظرن تَل۔ بگر دیدہ رانہٕ (۱۰۰۳ - ۹۸۰ ء) ہِنٛدِ وقتہٕ چھُ پرتھوی پال راز ویر ہُنٛد حکمران اوسمُت۔ یُس تُنگن شکست دِیُت تہٕ بنوٚون باج گذار۔ ینان چھُ زِ کوٚٹ آسہٕ پرتھوی پالن تعمیر۔ کوٚٹک پرُون تعمیر اُسن چھُ کھَرتہٕ کنیاز لوہر کوٚٹہٕ ہُر سیانہٕ چھُ البیرونی ین راز ویر اَنٛدی پکھی مضبوط قلن ہُنٛد تہٕ ذکر کوٚرمُت یتھ مَنٛز پرتھوی گری تہٕ شامل آسِتھ ہیٚکہ۔ راج ترنگنی ہُنٛد پرتھوی گری کوٚٹ چھُ راز ویر علاقہٕ کِن لوٚکٕن پرتھوی پال کوٚٹہٕ ناوٕ ولنس تَل یُس یتھ اندازس پکسٕنے چھُ کران زِ کوٚٹ چھُ پرتھوی پالُن تعمیر۔

کتاب نامہ: (م ر ل س)

# پروٹسٹنٹ چرچ

رام منشی باغ سری نگرکہٕ جنوٗب مغربہٕ طرفہٕ ویتھہِ ہِنٛدِس ڈیچھنس بنٛڈس پیٹھ کُن یَین تہٕ دوٗر درشن کینٛدرس سرینگرس مشرقہٕ اَنٛد چھُ آل سینٹس پروٹسٹنٹ گرجہ سیٹھاہ خوبصورت جایہ۔ یُس ۱۸۹۶ء مَنٛز سرہٕ ہیمقرسول سنٛدِ ڈیزاینہٕ مطابق تعمیر کرنہٕ چھُ آمُت۔

گرجس تہٕ اَتھ سیٚتی موجود پادری خانس چھُ اَنٛدی پکھی اَکھ بوٚڈ باغ یُس رنٛگہٕ رنٛگہٕ پوشہٕ ذاتھ و بیتر کھی



*Bashir K: Ed. Tameer

وُچھنَس لایق چھُ۔ چناشچہِ باغ وُچھنہِ چھہ پئتھ وُری یہِ مُلکی تہٕ غیر مُلکی سیاح اور واتان۔

گرٕجک مُبلِغ چھُ پادٕری خانَس مَنز روزان تہٕ اور ییٚنہٕ والین سمکھان۔ مُبَلغَس چھیٚ چرٕچ کونسل مُقرر کَران تہٕ یہاے کونَسل چھیٚ گرٕجہِ کین معاملَن ہنٛد اِنتظام کَران۔

پَتھ کالہِ أسی کشیرِ مَنز ٹھٔہرن وٲلی انگریز گرٕجکی اَخراجات پۄرٕ کَران تہٕ وونی چھُ یہِ ژۄر یہَن چَنٛدَس تہٕ خیراتَس پیٹھ چلان۔ بپتِسمہٕ تہٕ کھاندرَس متعلق شیٚیچھہ خَبَر چھیٚ عموٗمَن مُبلِغَس سوزنہٕ یِوان۔ (م۔ن۔ن)

کتاب نامہٕ:

*Biscoe: Kashmir in Sunlight and Shade
*Christian Conference: Christianity in J&K

# پمپروَن

وُچھِو "اکھنور" (جلد ۱)

# پیپرہن

وَرٕملی قَصبہٕ کِس جنوٗب مَغرِبَس مَنز ۱۳ کِلومیٹر دوٗر پیپرہن چھُ وودرِ تحصیلُک گام۔ وٚیتھ ہنٛد دچھنہِ



بُٹھِ پہ گام چھُ ۱۱۔°۳۴ عَرضِ بَلد تہٕ ۱۹۔°۷۴ طولِ بَلدَس دَرمیان۔ اَتہِ چھیٚ بابا عبدالغفور سٕنز زِیارت۔ بابا عبدالغفور اوس بابا مسعود نروری سٕنٛد پۄ اولادو مَنزٕ یُس پیر حاصل کَرنہٕ خاطرٕ مُلتان ووت۔ واپَس ییٚنہٕ پَتہٕ گو مقام بَجہ ہامہٕ (اوڑی) ۲۶ صَفر ۱۱۰۵ھ (۲۶ اکتوبر ۱۶۹۳ء) رَحمَتِ حق۔ نَقل کَرنہٕ بڑوٚنہہ أس تمی وَصیت کٔرمٕژ زِ یہٕ گژھہ نہٕ دفن یُن کَرنہٕ بلکہٕ یتھ جایہِ میٚون توٚبوٚدِ بیٚہہِ سُے آسہِ میون أخری آرام گاہ۔ دَیان وُڈان وُڈان آو تُنٛد توٚبوٚدِ تہٕ بیوٚٹھ پیپرہنہٕ وٚیتھہِ بُٹھِس پیٹھ۔ غفور صاہنی بٲے بابا محموٗدَن کَرنو



توبۆدس أندی أندی ڈُمٹھ چالہِ روضہٕ تعمیر یتھ کُنہٕ طرفہٕ دارأس نہٕ۔ افغان دورس منز یێلہِ گورنر آزاد خانن (۸۴-۱۷۸۲ء) فوجن پیرنہٕ لش ویتھہِ اکور ترِتھ کِشہٕ ہامہِ پننی چھاونی بناو۔ پیرنہٕ وچھ یمو ڈُمٹھ چالہِ عبدالغفوٗرن روضہٕ تہٕ ژھُنکھ یہٕ زانتھ پزاٹھتھ زِ اتھ منز آسہِ خزانہٕ۔ امہِ پتہٕ آو عبدالغفوٗر صأبُن استان نوِ سرٕ تعمیر کرنہٕ۔ یتھ منزٕ مرمت سپدنہٕ باوجود پرأنی ہیت قایم روز۔

زیارتس چھ روے شُمالہٕ پاسہٕ، تعمیر چھ چوٗنہٕ سُرخہِ منز ژاکی طرزٕ لوکٹین لوکٹین آپلن ہُند۔ ۲۸ فُٹہٕ چوٗرس استانس چھ شُمال، مشرِق تہٕ جنوٗبہٕ پاسہٕ ۵ فُٹہٕ کھجر ورنڈا کڈِتھ، یتھ خوٗبصوٗرت نقش کھنِتھ ۱۸ تھم چھ یمن پیٹھ پش چھ رٹنہٕ آمُت۔ مشرِقہٕ پاسہٕ چھیٚے استانس زٕ لوکچہٕ شیشہِ دار یمو منزی روٗضچ زیارت کرنہٕ چھیٚے یوان۔ شُمالہٕ پاسہٕ چھ اتھ ۵ فُٹہٕ تھوٚد دروازٕ۔ أندرٕ چھ ۱۱ فُٹہٕ چوٗرس روضہٕ یتھ ترٚے ترٚے خوٗبصوٗرت پنجر دارٕ چھیٚے۔ روضس چھ پیٹھٕ چوٗنہٕ سُرخہِ پلستر کٔرِتھ ڈُمٹھ چالہِ تالو۔ اتھ چھ ترٚن أندن ۳½ فُٹہٕ غلام گردِش یێلہِ زن قبلہٕ پاسہٕ ۲ فُٹہٕ کھجر چھ۔ روضس أندرٕ چھ سہ توبوٗدٕ یتھ منز غفوٗر صأب اوسوٗدٕ چھ۔ توبوٗدٕ چھ عام قسمک یتھ ژور کھوٗری چھ۔ اتھ چھ شاند قبلس کُن۔ توبوٗدس پیٹھ چھ پنجرٕ دار ژھر۔ روٗضچ تہٕ توبوٗدکہٕ ژھرچ لکر چھیٚے بالکُل ساد ورار باسان۔

استانس چھ ترٚوور چار بام ٹیٚنہٕ پش۔ یتھ پیٹھ عام رٚشس طرزُک بزنگ چھ۔ بزوٗنہ چھُس امی چالہِ بُرزٕ پش اوسُمت۔

استانہٕ کس حاطس منز چھ غفوٗر صأبُن برادر بابا محموٗد، بابہٕ تھر، بابا اسلم پیر، بابا فقر الدین، بابا حضوٗر پیر تہٕ بابا شیخ پیر دفن۔ یمن سارنٕے چھ أندی أندی روضہٕ تعمیر کرنہٕ آمتی۔ یمو منزٕ چھ کینٛہہ خستہٕ حال۔



اَستانٕہ کِس شُمال مَغرِبَس مَنٛز اۄڈ کِلومیٖٹر دۄر وُڈرِ پیٹھ چھےٚ ژٲکی طرزِ تعمیرٕچ اَکھ بُڈ بارٕ ڈیٖڈی یَتھ مُتلِق وَننٕہ چھُ یِوان زِ اَتھی جایہِ چھُ گوڈٕ تۄبۄدٕ بیوٗٹھمُت۔ زِیارتَس پیٹھ چھُ یَژھ وَرِی یہِ ۲۶ ربیع الاول صَفَر وۄہُرِس لگان۔ (م۔ ا۔ا)

کِتاب نامہٕ :


❊Hasan: Tarikh I, II
❊Hasan: Asrar-ul-Akhyar


# تجرٕ

تُجَر چھُ سوپورٕ کِس شُمالَس مَنٛز سِرینگرٕ پیٹھٕ ۶۷ کِلومیٖٹر دۄر۔ زٲنٕہ گیر پَرگنَس مَنٛز یہِ گام چھُ ۲۷ . ۳۴° ، طولِ بَلد تہٕ ۲۳ . ۳۴° عَرضِ بَلَدَس دَرمیان

بالہٕ دامنَس تَل۔ اَتھ گامَس چھُ یہِ تُجَر زِ یہِ چھُ سلطان العارفین شیخ حمزہ مخدوٗم سُنٛد آبٲیی گام۔ اَتہٕ چھےٚ مخدوٗم صٲبنِس رٕ بابہٕ صاب بابا عثمان رینہ تہٕ تِہُنٛدِس بٲیِس بابا علی رینہ سٕنٛزٕ زِیارتہٕ عَلاوٕ سۄ مَسجد تہٕ مۄجوٗد یُس مخدوٗم صٲبنِ رحمتِ حق گژھنہٕ پَتے تِمی سٕنٛزِ زاجایہِ ہٕنٛزِ پُرنہِ پیٹھ تعمیر کَرنہٕ چھےٚ آمٕژ۔ یِمَن زِیارتَن ہٕنٛدِ بَرکتہٕ چھِ تُجر گامَس تُجر شریف تہٕ وَنان۔

بابا عُثمان رینہ سٕنٛز زِیارت چھےٚ گامَس مَنٛز مَشرِقہٕ پاسہٕ۔ بابا عُثمان چھُ تھَدِ دَرجُک رۄحٲنی بُزرگ اوسمُت۔ سُہ اوس بارَستہٕ جاگیردار۔ تُجرٕ وٲلے تِہُنٛد سورُے جاگیر اوس ژۄرک دۄرَس مَنٛز ضبط کَرنہٕ آمُت۔ عِبادَت تہٕ رِیاضَت کَرنَس سٟتی سٟتی اوس سُہ پانہٕ تہٕ زمیٖنداری کَران۔ رحمتِ حق گژھنہٕ پَتہٕ آو تِمی سٕنٛدِس مَقبرَس پیٹھ روضہٕ تعمیر کَرنہٕ۔ یَتھ مُختلف دوٗرَن مَنٛز مرمت سپدان رۄد۔ ۱۹۱۹ء مَنٛز چھےٚ زِیارت نۆوِ سَرٕ تعمیر کَرنہٕ آمٕژ۔ یہِ حَوالہٕ چھُ پَچہِ پیٹھ کھَنِتھ اَکِہ کُتبہٕ سٟتی میلان یُس صاف پٲٹھی پَرنہٕ چھُنہٕ یِوان۔ زِیارتَس اوس گوڈٕ بُرزِ پَش یَتھ پیٹھٕ کَترٕ نیوٗ بڑنگ چھُ اوسمُت۔ بابا عثمان صٲبنہِ قبرِ چھُ پَنجرٕ کٲری کَرِتھ ژھٕر تہٕ اوسمُت۔ یِیمِ صَدی ہٕنٛدِس پوٗنٛژِمِس دہیلِس مَنٛز کَرِ نوو لشگیٹھکی عبداللہ میر ناوی عقیدَت مَنٛدَن یہِ



اُستان نوِ سَرٕ تعمیر۔ نۆو زِیارت چھےٚ ۲۲ فُٹہٕ چورُس۔ اَتھ چھُ ترٕےٚ فُٹہٕ تھۆد کَنہٕ کُن تہٕ پورُس چھُس چوٗنہٕ سُرخہٕ مَنٛز سیرِہٕ ہُنٛد لَداو۔ زِیارتَس چھُ جنوٗبہٕ پاسہٕ دَروازٕ یَتھ دُچھنی کھوڑی لَکرِ جنگلہٕ دِتھ زِپیٚنٛجہٕ چھےٚ۔ دَروازٕچ چار چوٗبی چھےٚ نَقش دار۔ مَشرِقہٕ شُمالہٕ تہٕ جنوٗبہٕ پاسہٕ چھےٚ اَتھ پانٛژھ پانٛژھ محرٲبی دارِ۔ رۄیہٕ پاسہٕ چھےٚ دَروازَس دُچھنی کھوڑی اَمی گاچہٕ اَکھ اَکھ دار۔ زِیارتَس مَنٛز چھُ روضس اَنٛدی اَنٛدی ۸ فُٹہٕ کھجہٕ غلام گردِش۔ روضہٕ چھُ ۱۲ فُٹہٕ چورُس، ڈایہ فُٹہٕ تھزِ۔ پلیٚٹھہٕ چھِ اَتھ شیٖشہٕ لاگِتھ۔ روٗضک لَکرِ ہُنٛد ژوک چھُ نقش کھٔنِتھ سیٹھا پژون باسان۔ روضس اندر چھےٚ

باباعثمان رینہٕ ہَس نکھہٕ تمۍ سُنٛز آشِنی بی بی مریم تہٕ دَفن اَستانٕس چھُ دُوور چار بام ٹیٚنہٕ پَتٕس یَتھ پیٹھ رێش طرُزک بژنگ چھُ۔ پرٛانہٕ زِیارژنک کَترٕیو بژنگ چھُ استانَس دہلیزِ سیٚود بُڈِس بژنگس بُتھہٕ لاگنہٕ آمُت۔

بابا علی رینہٕ سُنٛز زِیارت تہٕ چھےٚ تجرس مَنٛز۔ مَقٲمی لۆکھ چھِ اَتھ عَلہٕ بابہٕ صأبُن تہٕ وَنان۔ بابا علی رینہ اوس مخدوم صأبُن بوے۔ سُہ چھُ صاحبِ کمال رۆحٲنی بُزرگ اسمُت۔ تذکرۃُ العارفین چھےٚ تمۍ سُنٛز تصنیف۔ رحمتِ حق گژھنہٕ پتہٕ آو تمۍ سُنٛد روضہٕ تعمیر کَرنہٕ۔ روضہٕ چھُ گوڈٕ لَکرِ ہُنٛد تعمیر اوسمُت۔ یَتھ پنٛجرٕ مَنٛزی شیٖشہٕ بَرِتھ چھِ اَسۍ مِتۍ۔ مختلِف دورَن مَنٛز مرمت سپدنہٕ کِنی چھےٚ نہٕ اَتھ زِیارتَس پرٛٲنی ہیٔت قٲیم رۆزمٕژ۔ حال حالے چھُ اَتھ زیارتَس پٲراو کَرنہٕ آمُت۔

زیارت چھےٚ ۲۰ فُٹہٕ زیٖچھرٕ تہٕ ۱۸ فُٹہٕ کھجہٕ۔ کَنہٕ کُن چھُ ژدر فُٹہٕ تھۆد یَتھ سیمنٹ گَرِتھ چھُ۔ پور چھُ پوٚختہٕ سیرِہٕ تہٕ کَنِن ہُنٛد۔ زیارتَس چھُ جنوٗبہٕ پاسہٕ دَروازٕ۔



دَروازس ذُچھنی تہٕ کھوٗرِ چھےٚ اَکھ اَکھ مِحرأبی دأرِ۔ مشرقہٕ، شُمالہٕ تہٕ مَغربہٕ پاسہٕ چھےٚ اَتھ ترٛے ترٛے مِحرأبی دارِ۔ دہلیٖزَس ذُچھنی کھوٗرِ چھےٚ چوکہِ۔ اَتھ حصَس چھُ الگ پَتش۔ زیارتَس أندرِ چھُ روضَس أندی أندی ۶ فُٹہٕ کھجرِ غلام گرٚدِش۔ بابا علی رینہ سُنٛد روضہٕ چھُ ۹ فُٹہٕ زیٖوٗٹھ تہٕ ۷ فُٹہٕ کھوٚل۔ روٗضک لُکرِ ژوٗک چھُ سیٹھا پرٛون یَتھ نقش کھٔنِتھ چھِ۔ ترٛےیے فُٹہٕ تھزرَس تام چھُ روضس لُکرِ پیٹھ سَن مائیکا لاگنہٕ آمُت۔ اَمہِ ہیٚوٚرِ چھِ اَتھ ژٕ پأرِ پانٛژھ فُٹہٕ تھٔدی شیٖشہِ پٔٹی لأگِتھ۔ یِمو مُنٛزِ قَبرِ ہٕنٛز زیارت کَرنہٕ چھےٚ یِوان۔ بابا علی رینہ ہٕنٛزِ قَبرِ چھُ سیمنٹ کٔرِتھ ساد بیٚوٚر بتھ پیٹھ لُکرِ ہُنٛد ژھر

چھُ۔ زیارتہٕ کِس غلام گرٚدِشس چھُ توٗتا لو دِنہٕ آمُت یَتھ مُنٛزِ مُنٛزِ پیپر ماشی کٔرِتھ پرٛأنی پَچہِ ژکَل تہٕ چھِ وأرِتھ۔ یِم چھِ پرٛانہِ زیارتُکی أسی مِتی۔ زیارتَس چھُ چار بام ٹینہٕ پَتش یَتھ پیٹھ ریٚشِس طرٛزُک برٛنگ چھُ۔ اَتہِ چھُ پرٛتھ وُری یہِ ۲۴ صفر ووٚرُس لگان۔ اَتھ موٗتس پیٹھ چھےٚ

اَتہِ مخدوٗم صاٗبنہٕ تسبیح، عاصے شریف، کُلاہِ شریف جامہٕ مُبارک تہٕ کھڑاوِ عَلاوٕ تہٕنٛز طَشت تہٕ نارِ ہٕنٛز زیارت ہاونہٕ یِوان۔ تسبیحِ چھِ صِرف پانٛژھ دانہٕ۔ مخدوم صاٗہنی یِم تبرکات چھِ اَمی دوہہٕ ہَندوأرِ تحصیلہِ کِرِ شہلوٗر گامہٕ پیٹھٕ اَننہٕ یِوان یِیتہِ مخدوم صاٗہنی پانہٕ تعمیر کٔرمژ مسجد چھےٚ۔ اَتھ مَسجدِ تہِ چھےٚ زیارٕتچ اہمیت۔

تجرِ چھُ شیخ حمزہِ مخدوم ہٕنٛزِ زاجاے آسنہٕ کِنی مشہوٗر۔ مخدوم صاٗب یَتھ جایہِ زامتی چھِ تَتھ پُرنہٕ پیٹھ چھےٚ تہنٛدِ رَحمتِ حق گژھنہٕ پتہٕ مَسجد تعمیر کَرنہٕ آمژ۔ مسجد چھےٚ تمہِ مکانہٕ کِس کَنہِ گُنَس پیٹھ تعمیر سپنہٕ مژ یَتھ مَنٛز مخدوم صاٗب زاو۔ یہِ چھےٚ ۲۴ فُٹہٕ چوٚرُس۔ چار دیوأرِ چھَس

کوٚنٛدٕ سیرٕن ہٕنٛز۔ اَتھ چھےٚ قِبلہٕ پاسہٕ ترٛےٚ دارِ۔ جنوٗبہٕ

تہٕ شُمالہٕ پاسہٕ تہٕ چھَس اَکھ اَکھ دٲر۔ وَس تالوٗکی پٔچہٕ پیٚس

چھ خوٗبصوٗرت نقٲشی کٔرِتھ۔ مَسجدِ ہٕنٛز روٗیہ پاٹھٕ سیٚچ

لَب چھےٚ شہیٖد سپٕنٛز۔ یوسہٕ حال حالے نوٗکھارنہٕ

چھےٚ آمٕژ مگر اَتھ چھُنہٕ دَروازٕک کانٛہہ حِساب تھاونہٕ

آمُت۔ مسجدِ اَنٛدَر اَژنَس چھےٚ جنوٗبہٕ پاسہٕ چہٕ دارِ کِنی وَتھ۔

مَسجدِ اَنٛدَر چھ زٕ تھَم۔ یِم چھ دوٚن بیٚون بیٚون گَرتھَن

ہیٚنٛدی۔ شُمالہٕ پاسہٕ کِس تھَمَس مُتلِق چھےٚ رِوایتھ زِ

یہِ چھُ مخدوٗم صٲبنہٕ مَکانُک سُہ تھَم یَتھ سیٖتی ڈوٚکھ دِتھ

سُہ رِیاضت کَران اوس۔ اَتھی تھَمَس دٔچھنہٕ پاسہٕ

چھےٚ سوٚہ پٲتر اَسمٕژ یَتھ پیٚٹھ مخدوٗم صاب نِماز اوس

پَران۔ یہِ پٲتر چھےٚ مسجدِ جنوٗبہٕ پاسہٕ سَڑکہٕ نَکھہٕ کَنہٕ ژاکَس

پیٚٹھ لکرِ اَلمارِ مَنٛز زِیارتہٕ باپتھ تھاونہٕ آمٕژ۔

مَسجد اٲس گوڈٕ ڈیٖن دِتھ دُپور

عمارت۔ اَتھ ہمسایہِ جامع مَسجد تعمیر

سَپدَنہٕ وِزِ آو مخدوٗم صٲبنہِ مَسجدِ ہُنٛد

پٔش تہٕ دوٚیِمہِ پوٗرٕک دار اَتھی لاگنہٕ تہٕ

اَتھ تارِیخی مَسجدِ آیہٕ خستہٕ حالتس مَنٛز تہٕ اَتھ

ژھیےٚ دِنہٕ۔ اَتھ چھُ اَز بیٚیہِ ڈیٖن دِنہٕ آمُت۔

(م۔ا۔ا)

کتاب نامہ:

*Dedamari: Tarikh-i-Aazmi
*Hasan: Asrar-ul-Akhyar
*Tayub Sidiqi: Zik-rul-Aarifin

## تختِ سُلیمان

وُچھِو "گوپادری" (جلد ۱)

## تِسرُوستوپ

تِسرُوستوپ چھُ لیٚہہٕ پیٚٹھہٕ ترٛےٚ کِلومیٖٹر دوٗر۔ یہِ چھُ لداخہٕ کِہن سارِنے ستوٗپَن مَنٛز تھوٚد تہٕ بالاستوٗپ مانَنہٕ یِوان۔ پنٛداہمہِ صدی مَنٛز اٲسی اَتھ 'ژھنگ پو' وَنان۔ تِسرُوستوپ اوس ۵۵۰ فُٹہٕ تھوٚد کینٛژھنوٗ مُت دوٗر اوس



یہ اَکھ بۆڈ سِتوٗپ ہیٚوٗہ باسان یِیلہٕ زَن اَندٕری کِنۍ اَکھ بُدھ خانقاہ اوسُس یَتھ مَنٛز ۸۰ اَکٕھٕ اَسی۔ اَچھ حالتھ چھِے وونۍ کھنگرن ہٕنٛزَن صوٗرژَن مَنٛز اَتھ جایہ مۆجوٗد۔ اَتھ مُتلِق چھُ مشہوٗر زِ اَتھ جایہِ نِش اوس رازٕ بۆم وَے یَن اَکھ شِگاف بَنٛد کَرنہٕ باپتھ اَکھ سِتوٗپ بَناونوومُت۔ اَکِہ روایَژ موٗجوٗب اَس اَمہِ شِگافہٕ مَنٛزِ کٕنہ سِتام بُلاے نیران۔ یِیمہٕ سِتی اَتہِ کیٚن روزَن والین سیٚٹھاہ نقصان واتان اوس۔

فرینکی یَن کَرناوے یہٕ اَتھ جایہ کھُدأے۔ مگر تَس دیُت نہٕ اَتھ جایہ روزَن والیو اجازَت۔ تِکیازِ یِمَن لۆکَن اوس خدشہٕ زِ اَمہِ مَنٛزٕ ما نیرِ بیٚیہِ کانٛہہ بُلاے یوسہٕ رازٕ بوم دے سٕنٛدِس عہدَس مَنٛز اَتھ جایہ نیران اَس۔ یہ سِتوٗپ چھُ وُنی کیٚن محکمہ آثارِ قدیمین ہٕنٛزِس تحویلس مَنٛز نیوٗمُت۔ (م۔ع)

کتاب نامہ:

※Franche: History of Ladakh
※Snellgrove: Cultural Heritage of Ladakh

# ٹنکیہ بَل

سِرینگرِ پیٚٹھٕ ۳۳ کلو دوٗر اننت ناگ ضِلعس

مَنٛز چھُ تکیہ بَلہٕ کُشان دورٕکی قدیم آثار اَتھِ إٓمتی۔ یَتھ جایہ آثار اَتھِ چھِ إٓمتی سو جاے چھِنے رِیلہٕ وُترٕ چالہٕ اَتھ آمتین آثارَن مَنٛز چھِنے لیٚدرٕ، کٕژ یہنٕہ تہٕ کاژرٕ رَنٛگہٕ چہِ کٕتر شأمِل۔ خاص توجہ چہِ حقدار چھِنے تَمٕرون طرزٕ چہِ تِمہٕ ٹایلہٕ یِمَن پیٹھ پَنہٕ وُتھر چھِ بَنأوِتھ۔ ژنٛدٕ ہار کوٗلہٕ دٕچھنہِ بَٹھہِ اَرِس کھنگرِ پیٹھ براہمی خَطَس مَنٛز کَتبہٕ تہِ چھُ قٲبِل توجہ۔ یُس غالبَن ژوٗری مہِ صَدی ہُنٛد چھُ۔ بَراہمی خَطَس مَنٛز بیاکھ کَتبہٕ چھُ مَربو وَڈٕوٕنہٕ اَتھِ آمُت۔ بَراہمی خَطَس مَنٛز کتبہٕ اَتھِ یُن چھُ ژینہٕ وَن دِوان



زِ اکہِ وَقتہٕ چھُ براہمی خط کٔشیرِ مَنٛز تہٕ مُرَوج اوسمُت۔ یہِ کَتھ چھےٚ پھِرٕنۍ لایق زِ شاردا خط تہٕ چھُ براہمی کُے اَکھ رۄپ۔ ٹایلَن ہُنٛد تکیہ بلہٕ تہٕ دۆیمَن جایَن اَتھِ یُن چھُ ہاوان زِ نقش دار یا روغنی ٹایلہٕ بناونُک کار چھُ کٔشیرِ مَنٛز واریاہَن جایَن چَلان اوسمُت تہٕ اَتھ چھُ کُنٛبک دَرجہ اوسمُت حاصِل۔　　(م۔ل۔س)

کتاب نامہٕ:

*Thaper: Indian Archaeology

# جامع مَسجِد سوپور



سوپورٕچ جامع مَسجِد چھےٚ سِرینگرٕ پیٹھٕ ۵۵ کلومیٹر دۄر ویَتھِ ڈٕچھنہِ پاسہٕ۔

مُغل بادشاہ اورنگ زیب عالمگیرَن اُس یہِ مُشید (۱۶۵۸ - ۱۷۰۷ء) مَنٛز تعمیر کَرمُژ۔ واریاہَس کالَس اُس یہِ خَستہٕ حالَژ مَنٛز تہٕ ستمبر ۱۹۷۹ء مَنٛز کٔر مقامی لۄکَو نٔوِس طَرزَس پیٹھ تعمیر۔

۱۷۰ فُٹہٕ زیٖٹھ تہٕ ۸۸ فُٹہٕ کھُج اَزٕچ جامع مسجِد چھےٚ ترٕ پۄر۔ اَمہٕ کِس تعمیرس مَنٛز چھُ بٔڈشاہی سیرَن، دِوِدار لکرِ، دِوری کَنَن ہُنٛد چۄنَک تہٕ سیمِنٹُک استعمال کَرنہٕ آمُت۔ اَتھ چھےٚ مَغربہٕ اَنٛدٕ ۸ فُٹہٕ تھٔز تہٕ زِ فُٹہٕ کھَج ۲۶ تہٕ جنوٗبہٕ پاسہٕ ۱۶ محرأبی چالہِ دارٕ مشرِقہٕ پاسہٕ چھَس تُستی مِس پوٚرَس ۴۸ فُٹہٕ چوٚرَس سیمِنٹٕ ڈَب، یَتھ ۲ فُٹہٕ لیپیٹہ دار ۱۰۸ اسیمِنٹٕہ تھَم چھِ۔

ترٕ یِیٚمِس پوٚرَس پیٹھ چھ ترٕہَن اَنٛدَن سیمِنٹٕچ شرٕہ فُٹہٕ گول ۲ گُنبد تہٕ ۲۴ فُٹہٕ تھوٚد اَکھ مینار۔ مُشیدِ اَنٛدَر چھِ قبلہٕ پاسہٕ سَتہ فُٹہٕ تھٔدۍ تہٕ ساڑ پانٛژہ فُٹہٕ کھُلی زِ محراب۔ شُمالہٕ پاسہٕ چھِ اَتہٕ زِ بُزرگ سیّد آسوٗدٕ، اَکھ عزیز الدین بُخاری یِم حضرت میر سیّد علی ہمدانی رح یَس سٕتی اَتھ جایہِ آمتی اۭسی تہٕ بیٚیہِ اَکھ مقامی دَرویش

جناب محمد عبداللہ خان۔ (م۔ع)

کتاب نامہٕ :

*Hasan: Tarikh I

## جامع مسجد شوپیٚن

سرینگرٕکِس جنوٗبَس مَنٛز ۵۱ کِلو میٖٹر دوٗر پژاٗنٛس

شوپیٚن قصبَس مَنٛز اَژان اَژاٗنی چھےٚ ہٕر یوٗر گژھن واجنہٕ سَڑکہِ اَنٛدَس پیٹھ شاہ صابٕنِس مَحلَس تہٕ ٹاکہٕ مَحلس درمیان شوپیٚنیُک جامع مَسجد ساروٕے چیٖزٕو بَڑوٗ ٹھہ پانَس کُن توجُہٕ پھران۔ اَتھ جایہِ یوسہٕ پَژاٗنی جامع مسجد اُس سو تہٕ اُس اَمہِ کی پاٹھی سَڑکہِ اَنٛدٕ اَکِس تھدِس بُنھِس پیٹھ اِستادٕ ییٚتہِ پیٹھٕ کشیرِ ہٕنٛزِ واَدی ہُنٛد نظارٕ



جامع مسجد شوپیٚن

دۆر دۆر تام بوزنہٕ یوان اوس۔ وَننہٕ چھُ یوان زِ
سوٚ قدیم مسجد سپٕز پتھ کالہِ واریاہ لٹہِ شہید
تہٕ اکہِ روائتہِ مۆجوب گۆژ سُلطان زین العابدین بڈشاہ
صابُن (۱۴۲۰ء — ۱۴۷۰ء) نوِ سرِ تعمیر۔ ۱۹۴۴ء
منٛز آیہ پرٛانٛز مسجد پۆرٕ پأٹھۍ شہید کرنہٕ تہٕ اَمیُک
لگہٕ ہار مسالہ آو نوِ جامع مسجدِ ہنٛدِس تعمیرس لاگنہٕ۔

قدیم جامع مسجدِ ہنٛدِ طرزِ تعمیرُک تفصیل
بیان کران یہ کینٛژھا وینی لیکھان چھُ (تہٕ تس پتہٕ
ینہٕ والیو چھُ یِسلہٕ پأٹھۍ مسجدِ مُتعلق تمی شُنٛدٕے تفصیل
نقل کۆرمٕت) تمہِ موجوب چھٕنے سوٚ تہٕ تمی چالہِ اسمٕژ
ییٚمہِ چالہِ تمہِ وقتہٕ چہٕ (یعنے سِکھن ہنٛدِ دورچہٕ) وادی
ہنٛزٕ اکثر مشیدٕ آسہٕ۔

اَمِچ شکل صوٗرتھ تہٕ طرزِ تعمیر اوس چینی
پگوڈاہس سِتی رَلان، اَما پوٚز چینی چالہِ چارِبام پشہٕ
برعکس اوس اَمیُک بُرزس پیٹھ میٔٹرِ وہراوِتھ
پشِ سیوٚد تہٕ ہموار پأٹھۍ وَسہٕ وُن۔ کُرسی آسس
زمینہٕ کِہ سوٚتھرٕ پیٹھ کینٛہہ فُٹہٕ ہیوٚر کھأرِتھ تہٕ تتھ
منٛز اُس کنیو علاوٕ لکرٕ تہٕ استعمال سپٕزمٕژ۔ کُرسیہ
پیٹھ آسی گۆرِتھ تہٕ ژٕرِتھ اَڈھ تھم اِستادٕ یمن بوٚنٛی مَنٛز
تہٕ ہیٚری مَنٛ اَنٛدن عجیب عجیب شکلن ہنٛدی
پینہٕ وُتھرنال ڈلِتھ آسی۔ سارسینی طرزِکین محرابن
تہٕ کانسَن اُس یِسلہٕ پأٹھۍ نقاشی کٔرِتھ تہٕ چینی فأشنہٕ
سجاوٹی تماشہٕ الأنٛدی۔

مسجد آس اَنٛدری کِنی ژٕ پاسَل تہٕ ہچہٕ کامہٕ
منٛز آس اکھ لۆبہٕ وُن نموٗنہٕ۔ دارِ تہٕ دروازٕ تہٕ اَسٕس سارسینی
طرزٕکی یمن شیشٕ پٹہو بجایہ نفیس پنٛجرٕ کأری کٔرِتھ تہٕ
جافری لأگِتھ آسی۔ تعمیرس منٛز وَرتاونہٕ آمٕژ سأرٕے
لکرٕ آس دِودارٕ۔

مسجدِ ہُنٛد پُش اوس ہیر پاوِن ہنٛدی پأٹھۍ
اکھ اَکس ہیوٚر قدیم ٹسکن (اطالوی) طرزِکین پشن سِتی
رَلہٕ وُن۔ چنانچہ پشکُ سارۍ بوٚنیُم تاہ اوس
باقے پاولو کھوتہٕ بوٚڈ تہٕ پژرِتھ کانٛہہ۔ ہیٚرِیُم تاہ اوس
پانٛسَ بوٚنی مس پأوِس مُقابلہٕ لوکُٹ۔ سارۍ ہیٚری مس
پشَس پیٹھ آسی کینٛہہ سٹھہٕ ہیۍ پس قدِ تھم وہ وُنی
یمن پیٹھ بیاکھ اکھ لوکُٹ ٹسکن چالہِ پشہٕ ہن اُس۔
اَتھ پشہِ ہنٛدِ پیٹھ اوس اکھ مخروطی شکلہِ بُرنگ اِستادٕ
تہٕ برنگس تالہِ پیٹھ سرتلہِ ہُنٛد ٹوپ یُس ڈنٛڈس
اَکس پیٹھ دُبہٕ پھیرِتھ ڈلِج باسان اوس۔

جی۔ ایم۔ ڈی صوفی سُنٛد خیال چھُ زِ وۆنی تِ پورِ
پیٹھٕ، مہل دۆر ترال علاقُک خانقاہ چھُ شوپیٚن چہ
پرانہٕ جامع مسجدِ ہنٛدِ طرزِ تعمیرُک نموٗنہٕ۔

مسجدِ ہُنٛد عام خولہٕ خط چھُ تبوٗت لۆبہٕ وُن او سمت

جامع مسجد شُپیَن

زِ وٕہنۍ چھُ پنُن نٮ۪ن ہمکال تہٕ ہموطن انگریزن مشورٕ دِوان
زِ ہرگاہ اِنگلستانس منز رٮ۪نہٕ کالہٕ باپتھ یاکُنہٕ سجاوٹی
تعمیر کرِ خیالہٕ پٮ۪ٹھ ہٮ۪ش جاے بناوٕن تمن تگہٕ زانُن زِ
محل وقوٗع بدلنہٕ سٟتۍ گژھ نہٕ اَمہٕ طرزِ تعمیرُک حُسن کم۔
شُپی یَنچ جدید مسجد چھےٚ سری نگرٕچہٕ جامع مسجدِ
ہندِس طرزس پٮ۪ٹھ قصبس منز بسن والیو تعمیر کرٕمٕژ۔
مسجدِ آو ١٩٤٤ عیسوی یس منز کٔن دِنہٕ تہٕ اَمِچ
تعمیر سپُد آزادی پتےٚ کیٚنہہ ؤری گژھِتھ مکمل۔ تمہِ
وقتہٕ چھےٚ تعمیرس ٨٠، ساس روپیہ لٮ۪گمژ۔
مسجدِ منز باگ چھُ صحنہٕ تہٕ اَتھی صحنس اندر چھےٚ



مسجد مستطیل شکلِ تعمیر سَپنز ہِش۔ زیٖچھر چھُس ۲۸۰ فُٹہٕ تہٕ کھجر ۱۴۵ فُٹہٕ۔ کُرسیہ چھےٚ گُرِتھ کنہٕ لاگِتھ تہٕ کُرسیہ ہیٚور کُن تعمیر چھُ پوٚختہٕ ڈبل سیرِ ہن ہُنٛد۔ آنگنہٕ طرفٕچ لبَن چھُس موٚجر ۲ فُٹہٕ ۳ آنچہ تہٕ یمَن لبَن چھ ۶۰ محرابہٕ چالہِ طاق بناوِتھ۔ پرٛتھ طاق چھُ ۱۰ فُٹہٕ تھوٚد تہٕ ۸ فُٹہٕ کھوٚل۔ نیٚبرِم لبَن چھ ژوشوٚے طرفو روشندان یمَن ہُنٛد کُل تعداد ۲۵ چھُ۔ پرٛتھ روشن دان چھ ۳ فُٹہٕ کھوٚل تہٕ ۲/۱ ۵ فُٹہٕ تھوٚد۔ مشرقہٕ طرفہٕ چھُس ۱۰ فُٹہٕ تھزَ تہٕ ۹ فُٹہٕ کھجِ محرابہٕ چالہِ ڈیڑی یتھ تالوس نقش کرِتھ چھ۔ ڈیڑِ پیٹھ چھُ ۳۰ فُٹہٕ تھوٚد بٔرنگ یتھ اہرامی چالہِ کیش چھُ۔ بٔرنگس چھُ تالہِ پیٹھ ژٔنٛدر کھاڑِتھ۔ مسجدِ ہٕنٛدِ ژوشوٚنی گوشَن پیٹھ چھ اُرشہٕ دار ڈُمٹھ کھاڑِتھ۔ جنوٗبہٕ طرفہٕ چھ مسجدِ زٕ بٔڈی تہٕ لوکٕٹ دَروازٕ یم ترتیب وار ۹ × ۱۰ تہٕ ۶ × ۸ فُٹہٕ چھ۔ لوکٕٹِس دَروازَن پیٹھ کنہٕ چھ اُرشہٕ دار تہٕ بٔڈِس دَروازَن پیٹھ کنہٕ محرابہٕ دار ڈُمٹھ۔

نیٚبرِم تہٕ اَنٛدرِم لبَن دَرمیان اَصل مسجدِ ہٕنٛدِس حِصَس منٛز چھُ ژوٚ پاسے ۱۶۳ کاٹھ کِ تھَم اِستادٕ۔ پرٛتھ تھمَس چھُ تھزَر ۱۲ فُٹہٕ تہٕ موٚجر ۳ فُٹہٕ۔ تھمَن پیٹھ چھُ مسجدِ ہُنٛد کاٹھ وَسہٕ تالو۔ قبلہٕ طرفہٕ چھُس لَبہِ منٛز بناونہٕ آمُت ۱۲ فُٹہٕ کھوٚل تہٕ ۱۱ فُٹہٕ تھوٚد محراب یتھ پُشتہٕ کنہٕ ۶ فُٹہٕ تھوٚد تہٕ ۲ فُٹہٕ کھوٚل ڈُلوم تھٔر دٕو براوِتھ چھُ تہٕ یُس مسجدِ نیٚبرِ کنی بوزنہٕ یوان چھُ۔ قبلہٕ کِس محرابَس چھےٚ ہیٚر کنہٕ ڈٔکس سَنگِ سفیدٕچ اَکھ کٔنی لاگِتھ یتھ اللہ اکبر لیکھِتھ چھُ۔ مسجد چھُ ساری سے پٔشِس ٹیٚن دِتھ۔

(م۔ ن۔ ن)

## کتاب نامہٕ:

❊Sufi: Kashir II
❊Vigne: Travels in Kashmir and Ladakh I

## رجب

اُدھمپورِ پیٹھ باہ کلومیٹر تہٕ ریٛنبلہٕ کِس جنوب مغربَس کُن زٕ کلومیٹر دوٗر رجب چھُ مشہوٗر استھاپن۔ اَتہٕ کِس شِو مَنٛدرس پیٹھ چھُ شِو راتری دوٚہ شیٚکھر طرزٕ کِس اَکِس مَنٛدرس نِش مالہٕ لگان۔ مَنٛدرس منٛز اَژِتھ چھُ یاتری گوڈٕ ہیٚور تام پانَس منٛز گٔژھان۔

مُرژٕ گری اعتبارٕ چھےٚ شہاں دی ناوی باولی قابلِ توجہ۔ اَتھ باولی چھےٚ کھوورِ پیٹھ ڈچھُن کُن سامس پیٹھ مُرژ بناوِتھ۔ یمَن منٛز چھےٚ اَکِس پانِٹرِ پیٹھ تٔرنےٚ جَل ٹیری یہِ بناوِتھ یمو منٛزٕ دوٚن لٹ رٔلاوِتھ چھےٚ۔ اَمہٕ

یِتہٕ چھےٚ ڈٲلی بنأوِتھ یِتھ مَنٛز ترٛشِتے زۭنہٕ چھےٚ بِہِتھ۔ ڈولِہٕ کھَرو مَنٛزٕ چھےٚ اَکِس کھَرِس واوِج اَتھَس کیتھ تہٕ دوٚیِمِس کھَرِس چھےٚ بُرِش ڈَکھ وِنی۔ اَمہِ پَتہٕ چھےٚ مُنٛزِھ اوتار سٕنٛز صوٗرتھ یِتھ ژوَرِ تُرِ چھےٚ۔ اَکِس چھُ اَکِس اَتھَس مَنٛز شَنکھ۔ دوٚیِمِس مَنٛز کمنڈل، ترٛیِیِمِس اَتھَس مَنٛز پمپوشِہ ٹوٗر تہٕ ژوٗرِمِس اَتھَس مَنٛز کھوکھری۔ بیاکھ مُرتھ چھےٚ سٕنٛز یوٗنی، ہیتھ ہنوٗمانہٕ سٕنٛز۔ اَمہِ پَتہٕ چھُ تھمس پیٹھ اِستادٕ اَکِہ مُحلٕہ خانُک خاکہٕ۔ اَتھ جایہِ چھےٚ بیٚیہِ تہٕ کیٚتِھہٕ مُرژ مگر تِمہٕ چھےٚ ہَدِ نیران۔

مُقامی رِوایَتھ چھےٚ زِ رجب چھُ سیٹھا پرٛون تُرتھ۔ مگر شِقہٕ پأٹھی یہِ وَنُن چھُنہٕ مُمکِن زِ اَمہِ مُرژگری ہُنٛد تعلق کَتھ دورِس سٟتی چھُ۔ مُرژن ہِنٛدِس گرٛتھس مَنٛز چھُنہٕ سہ نفاسَتھ نظرِ گژھان یوٚس اَسہِ بٕبوٗرٕ دٕرینٛٹھ چھےٚ یِوان۔ (م۔ ل۔ س)

کتاب نامہ:

*Ashok Jairath: Folk Art of Duggar
*Ganhar: Jammu Shrines

# جین مندر

جیٚمہِ اَدس پرٛون جین مَنٛدر اُزی کِس پٹیل چوکَس مَنٛز یِتھ اَنٛدر جین ترِتھنکرن ہٕنٛز مُرژ آسہٕ۔ یِمہٕ سارِیے مُرژ چھےٚ وۄنی اَکِس خوٗبصوٗرت مَنٛدرس مَنٛز منتقل کرنہٕ آمژٕ۔ سَنٛگِ مَرمَرُک یہِ نوٚو مَنٛدر چھُ پرٛانِہ مَنٛدرِ کھوتہٕ لوکُٹ مگر گرٛتھکِ اعتبارٕ چھُ سیٹھاہ خوٗبصوٗرت۔ مَنٛدرس مَنٛز موجوٗد بھگوان مہاویرِ تہٕ باقی ترِتھنکرن ہٕنٛز مُرژ چھےٚ سَنٛگِ مَرمَرٕچہِ۔ مَنٛدرس مَنٛز تھاونہٕ آمژ مہاویرٕ سٕنٛز مُرتھ چھےٚ کیمبے (احمد آباد) پیٹھٕ اَنٕنہٕ آمژٕ۔ وَننہٕ چھُ یِوان زِ



بے پیڈ پور

وُچھو " اندر کوٹ "

( جلد ۱ )



مورتی یۄسہٕ کاشتہ ؤری برٛوٚنٹھہٕ دریافت سپٕنہٕ چھےٚ۔

جین مَندر چھُ شیکھر طرزٕکین مَندرن سٟتی رلان، مگر اَمہٕ کس ٹوٗپس چھُ کرچی مَندرن سٟتی کُنہِ حدس تام ہِشر۔ اَمہِ طرزٕکی ییتھی ہوی مَندر چھِ اَسہِ اُڑیساہَس منٛز نظرِ گژھان۔ (م۔ل۔س)

کتاب نامہٕ :



❊Ganhar J.N: Jammu Shrines



# حَبہٕ کدٕل

حَبہٕ کدٕل چھُ وٕیتھِ پیٹھ بڈشاہ کدلس تہٕ لِبسکو میموریَل برٕجِس درمیان لال چوکہٕ پیٹھہٕ اکھ کِلومیٹر دۄر۔

سرینگر شہرس اندر کوٚلَن تہٕ دریاوَن مُستقِل پاٹھی کدٕل تارُنک رواج چھُ دورِ سلاطینَس منٛز شروع سپُدمُت۔ کاشمیری خاندانہٕ برٛوٚنٹھہٕ آسی اکثر کوٚلَن تہٕ دریاوَن، ناوَن ہِندی کدٕل آسان یِم کُنہِ تہٕ حملہِ وِزِ وٕٹنہٕ آسی یِوان۔

کلہن سٕندِ وَننہٕ مُطابِق چھُ وٕیتھِ پیٹھ گۄڈنیُک ناوِ کدٕل شیٚیمہِ صدی عیسوی منٛز راز پرٛورسین ثانی یَن تورمُت یُتھ برٛہت سیتو وَنان آسی۔ رازٕ ہرشَن (۱۰۸۹-۱۱۰۱ء) کوٚر اَزی کس حبہٕ کدلس نزدیک وٕیتھِ کھوورِ بٹھِ بیاکھ ناوِ کدٕل تعمیر یُس پتہٕ رازٕ سُسل سٕندِ وَقتہٕ ۱۱۲۳ء منٛز نارٕ بُزری کرنہٕ آو۔

گۄڈنیُک حبہٕ کدٕل اوس سلطان حبیب شاہ المعروف حبہٕ شاہَن (۱۵۵۵-۱۵۵۴ء) تعمیر کوٚرمُت ۹۷ گز زیٖٹھس اَتھ کدلس آسی دِہ دارٕ لکرِ ہٕندی ۱۶ فُٹہٕ تھدی ترٛےٚ ٹھٕٹھی۔ اَمہٕ پتہٕ آیہٕ اَتھ مختلِف دورَن منٛز مرمتھ کرنہٕ۔ اَمِچ خستہٕ حالتھ تہٕ تجارتی اہمیت نظرِ تل تھٲوِتھ آو پرٛون حبہٕ کدٕل مہاراجہ پرتاپ سنگھنِ دورس منٛز (۱۸۸۵-۱۹۲۵ء) لُہراونہٕ تہٕ اَتھی جایہ آو نۆو سرٕ بناونہٕ۔ نۆو تعمیر اوس دِہ دارن ٹھٕٹھین پیٹھ پکچُو دٲو دِتھ۔ کدٕل اوس ۳۰۰ فُٹہٕ زیوٗٹھ تہٕ ۳۲ فُٹہٕ



کھوٗل تہٕ اَتھ اُس مَغربہٕ پاسہٕ رٔیش محلہٕ تہٕ پوٗرشیار طَرفہٕ وَتھ تنگ۔

۱۹۵۱ءٕ مَنٛز آیہٕ پرتاپ سِنگھنِس تعمیر کرنہٕ آمتِس کُدلَس شیخ محمد عبداللہ صٲبنِس دوٗرس مَنٛز مرمتھ کرنہٕ۔ ہاوس بوٹ چالہٕ ترٛاوَن کھٹھِن ہُنٛد یہٕ کُدل چُھ دِوداری لکرِ ہُنٛد جنگلہ دِتھ تقریبن ۳۰۰ فُٹہٕ زیوٗٹھ تہٕ ۲۰ فُٹہٕ کھوٗل۔ أتھی دوٗرس مَنٛز آیہٕ کُدلَس دوشوٕے پاسو پُدی وَتھ کُشادٕ کرنہٕ۔ وُنی کیٚن چُھ کُدلَس دوشوٕنی طَرفَن شیٖشترٕ جنگلہٕ دِتھ۔

۱۹۳۱ءٕ پیٹھہٕ تحریکِ حُریتِ کشمیر دوران اوس یہٕ کُدل اَکھ سیاسی پلیٹ فارمہٕ کہٕ حٲثیتہٕ استعمال یوان کرنہٕ۔ (م۔ع)

کتاب نامہٕ:

*Hasan: Tarikh I
*Ishaq Khan: History of Srinagar
*Khan G.H: Freedom Movement in Kashmir

## حَضرتبَل

وُچھِو "آثار شریف حضرت بَل" (جلد ۱)

## حویلی بیگم

حویلی بیگم ناو چھہٕ مَنٛدورِ ہِنٛدی کَم کاسہٕ آثار چھہٕ ینٛج تیٚر تھی علاقَس مَنٛز چھکرِتھ۔ اَتھ علاقَس مَنٛز اوس جیٚنمکِ روشَن خیال تہٕ رٕوادار راز رنجیت دیوٗن مسلمانَن ہُنٛد اَکھ محلہٕ بسووُمت یَتھ تَمہِ زمانہٕ مغل پورناو اوس۔

حویلی بیگم مَنٛدورٕ اُس راز رنجیت دیوٗن مغلانی بیگمہِ ہٕنٛدِ باپتھ تعمیر کرٕنٲوِمژ۔ یوسہٕ پنجابہٕ کِس گورنر معین الدین (۱۷۴۸ء - ۱۷۵۳ء) سٕنٛز آشیٖنٛز اُس۔

معین الدین سٕنٛدِ مَرنہٕ پَتہٕ بنوو تٔمۍ سٕنٛد وٲرِشُن تیٚنٛچو محمد امین خان شہنشاہَن پنجابُک گورنر تہٕ اقتدار کوٚرُن مغلانی بیگم

حوالہٕ۔ مگر محمد امین گوٗو وِہری پتےٚ مرتھ۔ مونڈ گژھنہٕ
وِزِ اُس مغلانی صِرف اَرداہ وٕرِش مگر ۱۷۵۶ءتام
روٗزِ سو سیٹھاہ سرگرم۔ اَمہِ پتہٕ نیوٗکھ تَس اقتدار مگر سو
بیٹھ نہٕ ژھوپہٕ کرِتھ تہٕ احمد شاہ دُرانی سٕندِ مدد کورُن
حاصِل ۱۷۵۷ء منٛز ییلہِ احمد شاہ دِلہِ ووت تمہِ دیُت
اُمس جالندھر تہٕ جموں و کشمیر جاگیر۔ پتہٕ دِژوکھ تَس جاگیرِ
بدل ترٛیہ ساس روپیہ وظیفہٕ یُس دُرانین نِش
رٹنس تمہِ انکار کور۔

مغلانی بیگم گیہِ حویلی بیگم مندورِ اندر ۱۷۸۰ء
منٛز پننہِ وقتہٕ۔ چنانچہ یتھ علاقس منٛز یہ مندور اُس
سُہ چھُ اَزتہٕ اَے ناوِ دیوان۔ حویلی بیگم تعمیر کرنہٕ ستی چھہ
راجہ رنجیت دیو سٕنٛز رَواداری ہُنٛد پے لگان۔

راجہِ رنجیت دیو سٕندِ وقتہٕ اوس جینِس
منٛز مغل طرزِ تعمیرِ زورن پیٹھ۔ اَمہِ کنہِ چھِ یی اندازِ
زِ حویلی بیگم تہٕ آسہِ ہے اَے طرزِ تعمیرُک نموٗنہٕ۔ (م-ل بن)

کتاب نامہ:

*Charak: Culture of Himalayan States
*Nargis: Duggar Desh

## خامپور سرائے

خام پور چھُ سرینگرٕکس جنوٗبس منٛز
شوپیٚن گژھن واجنِہ سڑکہِ پیٹھ پکواڑ تحصیلس منٛز
اَکھ لوکُٹ گام ۵۶-۳۳ طول بلد تہٕ ۵۲.۴۰°،۴۷ عرض بلدس
درمیان آباد۔

۱۵۸۹ءس گوٚ مغل بادشاہ جلال الدین محمد اکبر کشیرِ
ہُنٛد دورٕ کرِتھ خامپور کنی راجدانہٕ واپس۔ اُتھی گامس منٛز
قلعس بژونہٕ کنہِ خامپور ڈُڈر پیٹھ کرناو۔ مغل بادشاہ
شاہ جہاں (۱۶۲۷ - ۱۶۵۸ء) سٕندِ حکمہ موجوب ناظم کشیر
علی مردان خانن اَکھ مضبوط تہٕ سنگین سرائے تعمیر۔ یوسہٕ
وونی بلکل خستہٕ گاہٕ تھر چھےٚ۔

خامپور سرایہ ہٕنٛدِس تعمیرس چھُ کنین،
سیرِن تہٕ چونک استعمال آمُت کرنہٕ۔ اَتھ اَسی مربع
چالہِ داہ بٔڑی کمر۔ کاڑ اوسُس اَکھ ہتھ مربع فُٹ، گٕنوٗنہٕ
صدی ہٕنٛدِس گوڈٕ کالس تام اَسی سرایہ اندر مسافر
ٹھہران تہٕ تمہِ وِزِ اَسی اَتھ ژور کمرٕ ڈٕنچہ۔ سرایہ بژونہٕ
کنہٕ اوس کھُلہٕ میدان یتھ منٛز مسافر خیمہٕ دِتھ ٹھہران
اَسی۔

خامپور جایہ چھےٚ کشیرِ ہٕنٛدِس تواریخس منٛز اَمہِ
لحاظٕ تہٕ اَہمیت زِ اَتھی جایہ لیوٚکھ آو "تاریخِ رشیدی"
ناوی کتابہ ہُنٛد خالق تہٕ مغل بادشاہ ہمایون سٕنٛد
رشتہٕ دار مرزا حیدر دوغلات سلطان نازک شاہ (۱۵۴۵-۵۱ء)
سٕندِس عہدس منٛز ہلاک کرنہٕ۔ اَمہِ علاوٕ دیُت سرایہ
نکہ پٹھان دورس (۱۷۴۱ء) منٛز عنایت اللہ خانس

ابوالبرکات خانن شکست۔ مغل دورس منز اُس
یہ سرائے سرینگر واتنہٕ برٛونہہ اٰخری پڑاو۔ (م۔ع)

کتاب نامہ :

※Bates: Gazetteer of Kashmir
※Cunningham: Ancient Geography of India
※Hasan: Tarikh II
※Mohibul Hassan: Kashmir under Sultans

## خانقاہ بابا نصیبُ الدّین غازی رحؒ

بابا نصیب الدین سُند خانقاہ چھُ ویٚجہِ برٛارکِس
بابہٕ محلس منزٕ کٲشرِ ہُندِ یہ تھدِ پایک دینی بُزرگ
اوس ۹۷۷ھ (۱۵۶۹ء) منزٕ سیالکوٹہٕ زامُت۔
شیخ میر حسن رازی سُند اوس اُولادتہٕ بابا داؤد خاکیؒ



شُنٛد مُرید۔ حق تعالیٰ ہٕنٛدِس عبادتَس مَنٛز اوس دوہ راتھ محو روزان تہٕ غریبَن غُرباتَن تہٕ فقیرَن اوس پلالہٕ کران۔ اَمی موٗجوٗب اَیِس ابوالفُقراء وَنان۔

بابا نصیبُ الدّین غازیؒ رٔود جایہ جایہ گَژھِتھ دینی تبلیغ کران۔ گامَن تہٕ پرگنَن مَنٛز مسجدٕ، غسل خانہٕ تہٕ بیتُ الخلاء تعمیر کرناوان۔ وَننہٕ چھُ یِوان زِ تِمَو آسہٕ باہ شتھ مسجدٕ تعمیر کرناوِمٕژٕ۔

بابا نصیبُ الدّین غازیؒ یَن چھُ علمی جہادٕ علاوٕ قلمی جہاد تہٕ کوٗرمُت۔ ژوداہ کِتابہٕ چھَن لیٚچھمٕژٕ یِمَن مَنٛز نوٗرنامہٕ" تہٕ" ضروری خورد" زیادٕ مشہوٗر چھیٚ۔ نوٗرنامَس مَنٛز چھُکھ شیخ نورالدین نوٗرانیؒ تہٕ تِہنٛدین خلیفَن ہِنٛز سوانح حیات دَرج کٔرمٕژ۔ ضروری خورد کِتابہٕ مَنٛز چھُ فِقہٕ، مَسلہٕ تہٕ تِمَن ہِنٛز تشریح۔ نوٗرنامہ تحریرَس مَنٛز آمُت، گوڈنیُک ریشِ نامہٕ۔ اَمہٕ کِنی چھیٚ اَتھ کاشرِ ریشِ تحریکہٕ مَنٛز کافی اہمیت حأصِل۔

بابا نصیبُ الدّین غازیؒ سٕنٛدِ خانقاہُک روے چھُ ۴۵ فُٹہٕ تہٕ شیر چھُس ۴۰ فُٹہٕ۔ خانقاہِچ کُرسی چھیٚ پانژھ فُٹہٕ تھز۔ گوڈنیُک پوٗر چھُس دِوری کَنین ہُنٛد۔ خانقاہ چھُ دُپوٗر، یہ چھُ سٕبٹھاہ شوبہٕ دار۔ اَتھ خانقاہَس اوس برٛونٛہہ بُرزٕ پَش۔ ۱۹۸۵ ءٕ سَنہٕ مَنٛز آو اَتھ سَب اوقاف کمیٹی ہِنٛدِ طرفہٕ ٹین دِنہٕ۔ اَتھ آسہٕ پرٛانہٕ تعمیرٕ وقتے ترٛےٚ ڈبہٕ کَڈنہٕ آمٕژٕ۔ یِمَو مَنٛز اَکھ شُمال بیاکھ جنوٗب تہٕ ترٛیٚیم مشرِقہٕ طرفہٕ چھیٚ۔ شُمال تہٕ جنوٗب طرفہٕ چَن ڈبَن چھِ اَزتہٕ زالی پنجرٕ۔ برٛونٛہہِ مہِ ڈبہٕ چھُ برٛنگ کھارنہٕ آمُت۔ خانقاہ کِس گوڈنِکِس پوٗرَس چھُ سیٚود ساد وَس تالَوٕیُس ژوٗن سٕٹھاہ موٹین دِوداری تھَمَن تہٕ لوٗمَن پیٹھٕ دٔرتھ چھُ۔ اَمہٕ کِس دوٚیِمِس پوٗرَس تہٕ چھُ بنٛٹھُے تالَو اوسُمت یُس لہٕرٕ اُڈِتھ وونی پَش چھُ تھوٚد کھارنہٕ آمُت۔ وونی چھُ اَتھ خانقاہَس أنٛدرٕ سیمنٹ پلستر کَرنہٕ آمُت، یَمہٕ سٕتی اَمہٕ تعمیرُک اَصلی اَنہار روٗدمُت چھُ۔ دوٚیِمِس پوٗرَس تہٕ چھُ ژوٗر تھَم لٔگِتھ یِمَن پیٹھ ہَچہٕ کأنی لاگنہٕ چھہٕ آمٕژ، یِمہٕ سٕتی تِمن ہُنٛد حُسن تہٕ کھٹنہٕ چھُ آمُت۔ اَتھ پوٗرَس چھیٚ ژور پنجرٕ دارٕ لأگِتھ۔ یِمہٕ کشیرِ ہِنٛز ژور ہتھ وَری پرٛانہٕ ہَچہٕ کامِ ہِنٛدی آثار مأنِتھ ہیکوکھ۔

حضرت بابا نصیبُ الدّین غازیؒ صأبنہٕ زیارژ تہٕ اَمہٕ خانقاہ کِس آنگنَس آسہٕ اوترٕ تام مشرِقہٕ مغربہٕ تہٕ شُمالہٕ کِہ پاسہٕ أنٛدرٕ تہٕ نیٚبری ڈیڈٕ۔ أنٛدرٕ ڈیڈین ہِنٛدی آثار چھِ وُنہٕ تہٕ موٗجوٗد، ییلہٕ زَن نیٚبرِمین ڈیڈین ہُنٛد نشانہٕ تہٕ کُنہٕ چھُنہٕ۔ خانقاہَس برٛونٛٹھہٕ کِنہٕ

چھُ اَمہِ کہِ تعمیر کہِ وَقتہٕ کُے کھوٗنمُت کرٕ یوٗر سرٛانہٕ
کُھٹھوسان اَز تہِ موجوٗد یِتھ ووٗنی ہینڈ پمپ چھُ
لاگنہٕ آمُت۔ خانقاہَس اَندی اَندی چھُ مزار۔ گزٕ ہتھا
دوٗر چھےٚ جامع مسجد یِیتہِ اَکہِ روائتٕ موجوٗب لَل دیدِ



ہُنٛد مقبرٕ چھُ۔ خانقاہس برٕ اَژُون دٔچھنِہ کنہٕ چھُ
کاشرِ زَبانٕ ہُنٛد بہلہِ پایہٕ شاعر عبدالاحد ناظم تہٕ
دَفن۔

وٕنیجہ بزار چھُ غازی صابنس یومِ وصالس پیٹھ پٔرتھ
وٕری یہٕ مالہِ لگان۔ یتھ منٛز طرفاتو پیٹھ دمالین ہُنٛز
جماژ شرکت چھےٚ کران۔ غازی صاب سپُد ۱۰۴۷ھ
(۱۶۳۷ء) رحمتِ حق۔ یہُنٛد مقبرٕ چھُ جامع مسجد
ہُنٛدِس شُمالس منٛز اَز تہٕ زیارژ ہُنٛدِس
صوٗرتس منٛز موجود۔ (ش۔ ا)

کتاب نامہ:


*Academy J&K: Burj-i-Noor
*Dedamari: Tarikh-i-Aazmi
*Hasan: Asrar-ul-Akhyar
*Maqbool Muqbil: Ab-ul-Fuqra (Sawaneh Hayat)
*Sufi: Kashir II
*Sarwari: Kashmir Mein Farsi Adab


## خانقاہ زڈی بل

یہٕ خانقاہ چھُ سرینگرکس زڈی بل محلس
منٛز۔ سُلطان فتح شاہ سٔندِس ابتدأیی دورس
(۱۴۹۰ء — ۱۴۹۳ء) منٛز آو زڈی بلس تہٕ خوشحال
سرس أندی پکھ زمین ملک موسیٰ رینہٕ ہس بخشنہٕ۔

تمی بناوی اَتھ منٛز مکانہٕ تہٕ پتہٕ بخشن پننہِ طرفہٕ یہ زمین
تہٕ اَتھ منٛز تعمیر سپدی ہتی مکانہٕ بیتر میر شمس الدین
عراقی ژیس۔ ملک موسیٰ رینہٕ ہن کرنوو اَتھ جایہ عراقی
صابنہِ خاطرٕ اکھ عالی شان خانقاہ تعمیر یتھ میر شمس الدین
عراقی پانہٕ نگرأنی کران روٗدی۔ خانقاہس آو ۱۴۹۶ء
منٛز کٔن دنہٕ۔ قاضی محمد قُدسی ین چھُ خانقاہس کُن ونگ
تاریخ ییتھٕ کٔنی لیوکھمُت۔ ہ

خانقاہِ چناں عمارت کرد
کہ فرشتہ درو زیارت کرد
بر رواقش نوشتہ روح الامین
سالِ تاریخ "کاشفِ امتین"
(۹۰۲ھ)
۱۴۹۶ء

خانقاہک تعمیر ووت (۹۱۰ھ) ۱۵۰۴ء منٛز أند۔
اَمیک تاریخ چھُ مولانا کمال الدین محمد گنائی ین یتھ قطعس
منٛز بووُمت۔ ہ

بترتیب عمارت خانقاہِ نوربخشیہ
مُرتب شُد زِ حسنِ اہتمام مرشدِ دانا
ولیٔ مقتدا شیخ المشایخ میر شمس الدین
کہ روشن گشت از فیضِ نوربخشش دیدۂ دلہا

اگر خواہی کہ معلومت شود تاریخِ ایں منزل
بکن از "شیخ" استفسارِ تاریخِ بنائیش را
(۹۱۰ھ)
۱۵۰۴ء

حالانکہ تحفۃ الاحبابُک "حوالہ دِتھ چھُ" بہارستانِ شاہی" منز درج زِ خانقاہ سپُد (۹۰۹ھ) ۱۵۰۳ء منز مُکمل تہٕ دروازٕ ہَنگس پیٹھ اُسس یہ عبارت لیکھنہٕ۔

بنیت ھذہِ البقعۃِ الموسومۃِ المتبرکۃ الشریفۃ الشمسیۃ النوربخشیۃ فی التاریخ سنۃ تسع وتسعمائۃ من الھجرۃ النبویہ علیہ الصلوٰۃ والتحیۃ۔

خانقاہُک تعمیر مکمل سپدنہٕ پتہٕ آو اَتھ "خانقاہِ نوربخشیہ" ناو تھاونہٕ۔

یہ دُپُور خانقاہ اوس ۱۸ فُٹہٕ چوٗرس۔ ہیُریون اوس کنیٚن ہُند تعمیر۔ گوڈنیک پور اوس ۲۰ فُٹہٕ تہٕ دوٚیُم پور ۲۴ فُٹہٕ تھوٚد۔ یتھس وسیع خانقاہَس چھتہٕ کاٗٹھہٕ تھَم اوسُت یُس فنِ تعمیرُک اعجاز اوس۔

خانقاہَس آسہٕ بابِ الطریقت، بابِ الشریعت تہٕ بابِ السلام ناوٕ ترٚے ڈیڈرٕ۔ اَتھ سیتی اوس حمام تہٕ تعمیر کرنہٕ آمُت یُس روایَتہٕ موٗجب زُین زالنہٕ ورٲئی وہرِ دوٚرِ یُس گرم اوس روزان۔ خانقاہَس شمالہٕ تہٕ مشرقہٕ پاسہٕ آسی کھوڈہٕ ہوی یِم پُروِتھ حاطس وُسعت دِنہٕ تہٕ کنہٕ فَرشس وُتھراونہٕ آو۔ حاطس اَندی اَندی آو داہ گز تھوٚد کنہٕ دیوار کھارنہٕ تہٕ کوٚنُن تَل آس خوٗبصوٗرت چبوٗترٕ تعمیر کرنہٕ۔

خانقاہُک تعمیر پُرتھ اَندٕ مُکمل سپدنہٕ پتہٕ آیہ اَتھ اَندرٕ لَبَن میر شمس الدّین عراقیٛن سٕنٛز فرمٲیشہٕ پیٹھ، قاضی محمد قدسی سٕنٛز "سلسلۃ الذہب" ناوٕ ۹۴۹ہَن شعرَن ہٕنٛز مثنوی لیکھنہٕ۔ خطاط آسی مُلا ولی گنائی تہٕ مُلا حاجی گنائی یِم خطِ ثُلثکی ماہر آسی۔ میر شمسُ الدین عراقی ہٕنٛدِ (۹۳۲ھ) ۱۵۲۶ء منز رحمتِ حق سپدنہٕ پتہٕ آو سُہ گوڈٕ اَتھی خانقاہَس منز اوسوٗدٕ کرنہٕ۔

۱۵۴۸ء منز سپُد خانقاہ میرزا حیدر کاشغری سٕنٛدِ دٕسی نارٕ بُزی یتھ منز اَندی پکھی سوٗرے محلہٕ ہینہٕ آو۔ اَتھی دوران نیوٗ زوڈری مُلکو مرزا حیدر سٕنٛدی ظُلم نظر تَل تھٲوِتھ تہٕ میر شمس الدّین عراقیٛن بے حُرمتی نِش بچاونہٕ خاطرٕ تِمی سُند جسدِ خاکی خانقاہہٕ منزٕ ہَد دِتھ ژٕوٚرِ ژٕدرِ کڈِتھ تہٕ کوٚرُکھ ژوڈرِ دفن۔ مگر خانقاہَس اَندر تِمی سٕنٛز تُربت آیہ عقیدتہٕ موٗجوب قٲیِم تھاونہٕ۔

مرزا حیدر سٕنٛدِ ۱۵۵۰ء منز قتل سپدنہٕ پتہٕ آیہ میر شمس الدّین عراقیٛن سٕنٛدِس فرزند میر سید دانیال سٕنٛز میت ڈب (گاندربل) کہ شہید مزارٕ منز کڈِتھ مٲلی سٕنٛزِ تنہ قبرِ نکھہٕ دفن کرنہٕ یتھ منز سُہ گوڈٕ دفن اوس

سُلطان اسماعیل سٔندِس دورس (۱۵۵۱ء- ۱۵۵۲ء) مَنٛز آو خانقاہ دولت چک سٔندِ ذٔریعہٕ پرانہٕ کھوتہٕ زیادٕ سنگین تہٕ پارادٕ سان تعمیر کرناونہٕ۔ ۱۵۸۵ء مَنٛز آو یہ اکبر سٔندِس دورس مَنٛز ظفر خان چک سٔندِ دٔسی بیٚیہٕ زالنہٕ۔ اَمہٕ پتہٕ رُوٗد خانقاہ واریاہس کالس بے چراغ۔

جہانگیر سٔندِس دورس مَنٛز آو خانقاہ ۱۶۲۰ء مَنٛز ملک حسن ژاڈوری سٔندی دٔسی نٔوسرٕ تعمیر کرناونہٕ۔ مگر ۱۷۱۹ء کین فرقہٕ وارانہٕ فسادن مَنٛز گو گورنر میر احمد خان سٔندِس دورس مَنٛز خانقاہ ترٛیٚیمہٕ لٹہٕ نار زٔزی۔ تہٕ اُندی پکھی سورے محلہٕ تہٕ سُپُد خاکستر۔ اَمہٕ پتہٕ آو نہٕ خانقاہ نٔوسرٕ تعمیر کرنہٕ۔ صرف چھِ ۱۹۴۳ء مَنٛز آغا سید احمدن اَمہٕ کِس حاطس خوشحال سَر پاسہٕ اَکھ ڈیڈی تعمیر کرناوِمژ۔

خانقاہ کِس حاطس مَنٛز چھہ پرانین تعمیرن ہٕندی آثار وُنہٕ تہٕ موجود۔ اکتوبر ۱۹۸۱ء مَنٛز آو اَنجمن شرعی شیعان چہ نگرانی مَنٛز آغا سید یوسف الموسوی سٔندِ ذٔریعہٕ خانقاہس نٔوسرٕ کٔن دِنہٕ۔ نٔو تعمیر چھُ ۱۷ فٹہٕ چورس رٔٹنہٕ آمت تہٕ اَز تام (۱۹۸۸ء) چھِ اَکھ داہ فٹہٕ تھزرٕ کِنہٕ ژوک تیار سپُدمُت۔ (م۔ ا۔ ا)

کتاب نامہ:


*Akbar Hydari: Ed. Baharistani-i-Shahi
*Hasan: Tarikh I, II
*Safdar: Shian-i-Kashmir
*Syed Baqir: Akhtar-i-Darakhshan


## خانقاہِ خاوندیہ

وُچھِو "خانقاہِ نقشبندی"

## خانقاہِ سوختہ

خانقاہِ سوختہ (دٔودمت خانقاہ) چھُ نُوس کدلس تہٕ صفا کدلس درمیان وۄتھہ ہٕندِ دٔچھنہٕ بٔٹھہٕ حضرتِ بابا خلیلؒ سٔندِس مقبرس نکھہٕ۔

مقامی لُوکن ہٕندٕ وَننہٕ کِنہٕ چھُ یہ خانقاہ سُلطان سِکندر سٔندِس عہدس مَنٛز حضرتِ میر محمد ہمدانیؒن (۹۴-۱۳۹۲ء) ہٕنٛزٕ تعمیر کورمُت۔ اَتھ خانقاہس اوس مہاراجہ ہری سنگھنِس عہدس تام سرکاری قبضہٕ لیس پتہٕ ۱۹۳۱ء کِس مَنٛز تلنہٕ آو۔ یہ خانقاہ چھُ واریاہ لٹہٕ نار ستی شہید گومُت یمہٕ کِنی اَتھ دٔودمُت خانقاہ وَنان چھِ۔

موجودٕ خانقاہ چھُ ۵۶ فٹہٕ چورس۔ اَمہٕ کِس تعمیرس مَنٛز چھُ دودری کنین، مہاراجی سیرین، زٔینہٕ تہٕ لکڑ کامہٕ



ہَنٛد استعمال آمُت کَرنہٕ۔ اَتھ چھ پٔژتھ اَنٛدٕ سٕتھ فُٹہٕ ترٛیے آنٛچہ زیٚچھ تہٕ پانٛژہ فُٹہٕ کھجہ ترٛیے ترٛیے تہٕ زٕزٕ دارِ۔ قبلہٕ پاسہٕ چھس ترٛیے محراب یِمَن ہُنٛد تھزر ۷ فُٹہٕ تہٕ کھجر پانٛژہ فُٹہٕ چھُ۔

خانقاہَس اَنٛدر اَژنہٕ باپتھ چھے بژوٚنہِ کالہِ ہیر اَسمژ۔ یِیٚمہِ چہ کَرِوٗنی کینٛس تہٕ اَتہِ آنٛگنَس مَنٛز ڈٔچھنی کھوٗرِ ژھکرِتھ چھے۔ (م۔ع)

کتاب نامہ :


*Hasan: Tarik I, II
*Hasan: Asrar-ul-Akhyar


## خانقاہِ سیّد بُرخوردار

سیّد بُرخوردارٕ سُنٛد خانقاہ چھُ چھتٕ بل ویٛرَس تہٕ صَفا گٔدلَس درمیان دانا مزارٕ۔

یہِ خانقاہ چھُ (۸۶۹ھ) ۱۴۶۴ء مَنٛز سُلطان زین العابدینَن سیّد بُرخوردارٕ سٕنٛدِ ین خادِمَن ہٕنٛدِ باپتھ تعمیر کَرنوومُت۔

خانقاہ چھُ ۲۴ فُٹہٕ چوٗرُس۔ اَمِہ کِس تعمیرَس چھے زٕیِنہِ مَنٛز بڈشاہی سیرِن تہٕ دِوِدارِ لکرِ ہُنٛد استعمال آمُت کَرنہٕ۔ اَتھ چھ اَنٛدری کِنی ژدشوٗنی لبَن ۲ فُٹہٕ زیٚچھ تہٕ ڈاے فُٹہٕ کھجہ محرأبی چالہِ دارِ۔ قبلہٕ پاسہٕ چھُ اتھ ۶ فُٹہٕ تھوٚد تہٕ ڈاے فُٹہٕ کھوٚل اَکھ محراب۔ اَژُن ڈٔچھنی کِنی چھ اَتھ کِنٛوی روشندان گٔڈِتھ۔ اَتھ اَنٛدر چھُ پأترِ کٔنین ہُنٛد فَرٕش گٔڈِتھ اَکھ حمام یِیٚمہِ کِس بامَس پیٚٹھ نقش نگأری کٔرِتھ اَکھ بژنگ کھأرِتھ چھُ۔ (م۔ع)

کتاب نامہ :


*Hasan: Tarikh I
*Hasan: Asrar-ul-Akhyar

# خانقاہِ شاہ نیاز نقشبندیؒ

شاہ نیاز نقشبندیؒ سُنٛد خانقاہ چھُ سرینگرَس مَنٛز سید واری خانیارٕ۔

شاہ نیاز نقشبندی اوس خواجہ سید عبدالرحیم نقشبندی سُنٛد دوٚیُم نیچوٗ، عبدالرحیم نقشبندی اوس تُرکِستان کِس اُکس شاہی خاندانَس سٟتی تعلق تھاوان۔ شاہ نیاز صاٲب چھُ جیٚنٛمہِ زامُت تہٕ پننٮ۪ن والد صاٲبَس سٟتی چھُ جیٚنٛمہِ پتہٕ کٔشیر آمُت۔ بابہٕ صاٲبُن پتھ کنُ ترووُمُت جایداد خرچاوِتھ کوٚرُن (۱۲۱۲ھ ۱۷۹۷ء) سَنہٕ مَنٛز یہِ خانقاہ تعمیرِ حسن چھُ لیکھان زِ اَستان آو (۱۲۲۵ھ) ۱۸۵۵ء مَنٛز تعمیر کَرنہٕ۔ مگر حیاتِ جاویدَس مَنٛز چھُ یہِ سَنہٕ ۱۲۱۲ ہجری ہاونہٕ آمُت۔ خانقاہَس مَنٛز چھُ اَکھ حمام، مہمان سرائے، مسافر خانہٕ تہٕ درس گاہ تہٕ شاٲمِل۔ ییٚلہِ اَمہِ خانقاہُک تعمیر مکمل سَپُد، شاہ نیاز صاٲبَن کٔڑ زاٲیرَن ہِنٛدِ اَتھہٕ بُتھ چھلنہٕ باپتھ اَستانہٕ کِہ آنگنہٕ مَنٛزی دولَت کول ناٲوی اَکھ نٔہر یِوسہٕ نالہٕ مارَس سٟتی رَلان اُس۔ وَقت گُذرنَس سٟتی چھےٚ یہِ کول خوٗشکھ گٲمٕژ۔

شاہ نیاز صاٲبنِس خدمتَس مَنٛز اوس تُرکستانہٕ پیٚٹھ اَکھ ٹھٕدِ پایُک وَفد ووتمُت ییٚمی یمَن تُرکستان پٮ۪نٛچ دعوتھ دِژاے۔ یہِ چھُ سُہ وقت ییٚلہِ کٔشیر مَنٛز سِکھ شاہی ہُنٛد دور شروع اوس سَپُدمُت تہٕ مغل تہٕ افغان دورٕکی عطا سَپدی ہٕنٛتی جاگیر اَسی لُوکَن والیَن نِنہٕ آمٕتی۔ کَرنَل مور کرافٹ سُنٛد تُرکستانُک سَفرنامہٕ چھُ خواجہ شاہ نیاز نقشبندیؒ ہِنٛدِ بحرُک تہٕ بُزرگی ہُنٛد گواہ۔

شاہ نیاز نقشبندیؒ اوس ٹھٕدِ پایُک شاعر، عالِم تہٕ فاضِل۔ اُمی چھےٚ فارسی پاٹھی کیٚنٛہہ کِتابہٕ تصنیف کٔرمٕژٕ۔ یمو مَنٛز "چاے نامہ" تہٕ "دیوانِ نیاز" زیٚوِ پیٚٹھ ہیٚنٛز لایق چھےٚ۔

شاہ نیاز نقشبندیؒ چھُ ۱۸۲۹ء عیسوی (۱۲۴۵ھ) مَنٛز کابلہٕ رحمتِ حق گومُت۔ تور اوس سُہ ولیم مور کرافٹس سٟتی گومُت۔ یہنٛز تُربت چھےٚ کابلہٕ شاہی قبرِستانَس مَنٛز یتھ پیٚٹھ یہِ جُملہٕ چھُ لیکھِتھ۔

مَن مَاتَ مِن العشق

فَقَد مَاتَ شهيداً

دُنِمبِن لُس روضہٕ چھُ تتھ اَنٛدر چھُ شاہ نیاز نقشبندی سُنٛد والِد عبدالرحیم نقشبندیؒ اوسوٚدٕ تہٕ یہِ روضہٕ چھُ خوٗشا صاٲب ناوِ لُوکَن ژٕنِس تَل۔

خوٗشا صاٲبُن اَستان اوس سیٹھاہ خوبصورت تہٕ شوبہٕ دار۔ کیٚنٛہہ کال گژھِتھ ڈٔج اَتھہٕ پرٲنی ہیٚت۔

خانقاہ شاہ نیاز نقشبندی



تہٕ ہیوٚتن مُنہدِم گژھن پیر عبدالسلام نقشبندی ین
گژٕ اَکہٕ لٔٹہٕ بیٚیہ اَکھ کثیر رقم خرچ کٔرِتھ یہ مسجدِ
نوٚسرٕ اسنادٕ۔ مقٲمی لُکھ چھہ اَتھ مَنٛز خدایہ
سٕنٛز عبادت کران۔ اَتہِ چھہ یِم تبرکات موٗجوٗد:
موے مُبارک حضرتِ خلیفہ اوّل جناب ابوبکر صدیق رضؓ
جامہٕ مُبارک حضرتِ امام اعظم، عمامہ مُبارک
حضرت شیخ سید عبدالقادر جیلانیؒ، عصا ئے
مُبارک جناب امام موسیٰ علی رضاؓ، کمر بند مُبارک
حضرت رسالت پناہ صلی اللہ علیہ وسلم، آنحضرتؐ
ہُند موے مُبارک تہٕ تمہٕ قرآنِ شریفچ ڈایہ سپارٕ
یَتھ عام پاٹھی مُصحفِ عثمانی وَنان چھہ۔ یہِ چھہ زاولس
ہرنہٕ مُسلسل پیٹھ خطِ کوفی لَیس مَنٛز لیکھتھ۔ حضرتِ
عثمانِ غنی رضؓ اَسی تمہٕ وِزِ امیچ تلاوت کران ییٚلہِ تمن پیٹھ
حملہٕ کرنہٕ آو تہٕ تمو کوٚر جامِ شہادت نوش۔ اَتھ چھہِ
کُنہِ کُنہ جایہ خوٗنہٕ چھکن ہنٛدٕ نشانہٕ تہٕ۔ اَمہِ قرآنِ
شریفچہ کینٛہہ سپارٕ چھیٚے استنبولہٕ (ترکی) منٛز تہٕ کینٛہہ
سپارٕ چھیٚے تاشقند میوزیمس مَنٛز محفوٗظ۔ ڈایہ سپارٕ
چھیٚے مُغلو خاندانِ نقشبندی لَیس بحثیت تحفہٕ دِژٕمٕژ۔
یِمہٕ شاہ نیاز صابنس استانس مَنٛز موٗجوٗد چھیٚے۔ مغربہٕ
طرفہٕ چھہ مسجدِ سیتی اَکھ سیمنٹو کُٹھ یتھ مَنٛز یِم تمام

تبرکات تھوَنہٕ آمتۍ چھہٕ۔

اَتھ خانقاہَس چھُہ بیٚین خانقاہن ہٕندی پاٹھۍ اَکھ بژنگ کھاٲلتھ یتھ پیٹھ پٔنہٕ وُکھر جالہِ سٕرتلێو ٹیٖنہٕ تہٕ ٹوٗر چھُہ۔ اَتھ تلہٕ چھےٚ بژنگَس مَنٛز ترٛتے ترٛتے دارِ کڈِتھ۔ اَستانَس چھےٚ ژوٗ پاٲرۍ شیشہِ دار۔

حال حالے چھےٚ مسجدِ ہٕندِس نٔوِمس پوٗرس مرمتھ کرنہٕ آمٕژ ۔ ۱۹۵۸ء مَنٛز چھےٚ اَتھ اَستانس ٹیٖن پوشی کرنہٕ آمٕژ۔

اَستانُک کھجُر زیچھر چھُہ شُمالہ کُنۍ ۵۵ فُٹہٕ تہٕ جنوٗبہ کُنۍ ۵۵، مشرق طرفہٕ ۱۳۲ فُٹہٕ، مغربہ طرفہٕ ۱۳۲ فُٹہٕ، شُمالہ طرفہٕ چھُس راہِ عام۔ مشرقہٕ طرفہٕ چھُس زمین یلہٕ، مغربہ طرفِ پنچ سڑکھ چھُس راہِ عام۔

اَمہٕ خانقاہِچ رٲچھ راوٕژھ آسۍ خواجہ محمد شاہ صاحب نقشبندی اسعد گران تہٕ اَز چھہ اَمی سٕندی زُری ڈاکٹر محمد اشرف نقشبندی یہ کٲم انجام دِوان۔ (ش۔ا)

## کتاب نامہ:


*Hasan: Asrar-ul-Akhyar
*Hasan: Tarikh I
*Saadat Mohammad: Hayati Javid II
*Sarwari: Kashmir Mein Farsi Adab


# خانقاہ شمس چک

شمس چک سُنٛد خانقاہ اوس سرینگرٕ بُجہ مشیدِ ہٕندِس شمال مشرقی حاطس مَنٛز سیّد محمد نورستانی ہٕندِس اَستانس نزدیک۔ شمس چک اوس بابا اسماعیل کُبروی ہٕندِ عنایتہٕ سلطان حسن شاہ (۱۴۸۴-۱۴۷۲ء) سُنٛد وزیر اعظم بنیومُت۔ پیرس خوش کرنہٕ تہٕ تسٕندین مُریدن آسٲیشس واتناونہٕ باپتھ کوٗرتمی خانقاہ تعمیر۔ یتھ مَنٛز پرانین تعمیرن ہُنٛد مسالہ اوس ورتاونہٕ آمُت۔

خانقاہ اوس دُ پوٗر تعمیر۔ کنہٕ اوسُس سیاہ کنین ہُنٛد تہٕ لداو اوسُس لکرِ سیتۍ کرنہٕ آمُت۔ افغان دورس تام گوٚو یہ خانقاہ وارٕ وارٕ دُجارٕ تہٕ اَمیُک سوٗرے مسالہ آو بُجہ مشیدِ ہٕندِس مرمتس لاگنہٕ۔ کشیر مَنٛز اوس پٔننہٕ نوعیتُک یہ گوڈنیُک خانقاہ یتھ مَنٛز دینی درس حاصل کرنہٕ باپتھ طالبِ علمن تہٕ عالمن ہٕندِ خاطرٕ الگ کمرٕ آسی۔ خانقاہس مَنٛز اوس پرتھ صُبحس فجر نمازِ پتہٕ اورادِ فتحیہ پران پرنہٕ۔ عبادت تہٕ اسلامی تبلیغہٕ علاوٕ اوس خانقاہس مَنٛز اسلامی مدرسہ تہٕ۔ عربی ہیچ اعلیٰ تعلیم حاصل کرنک اوس اَتہٕ سیٹھا رُت انتظام۔ خانقاہس سیتۍ اوس اَکھ

عالیشان کُتب خانہ یتھ مَنز دینی تہٕ درسی کِتابو عَلاوٕ منطقس پیٹھ بے شمار کِتابہٕ آسہٕ۔ خانقاہس مَنز کُر بابا اسماعیل زاہدن دُہَن وُری ین ریاضت۔

حضرتِ شیخ حمزہ مخدومؒ کشمیری ین اوس اَتی فقہٕ، تفسیر، حدیث، صَرف، نَحو تہٕ منطق ہیترِ پوٚرمُت۔ کُتب خانس دُیت پتہٕ یعقوب خان چکَن ۱۶۷۹ء مَنز نار۔ خانقاہس سیتی اوس لنگر تہٕ چلان ییٚتہِ طالِب علمَن مُفت کھین میلان اوس۔ کتب خانس سیتی دوٚد یہ لنگر تہِ نارس مَنز۔ (م۔ع)

کتاب نامہ :

*Hasan: Tarikh I, II
*Mohibbul Hasan: Kashmir under the Sultans

## خانقاہِ میر نازُک قادری

خانقاہِ میر نازک قادری چھُ نالہٕ مارکہٕ دچھنہِ طرفہٕ کُدلس نکھہ کرالہٕ ٹینگ مَحلس مَنز۔ کشیرِ اَندر قادری سِلسِلُک یہ گوڈنیُک خانقاہ، چھُ لگ بگ ۱۰۲۴ھ مَنز بَناونہٕ آمُت۔ کشیرِ مَنز چھُ میر نازک قادری، قادری سِلسِلُک بانی، یُہُند سِلسِلہٕ نسب چھُ قاضی میر



علی صائبس سیتی رلان۔ نازکی خاندان چھُ میر نازک قادری سِندی وٕ اولادو مَنز۔ یم سرینگرٕ علاوٕ بٹہ پورِ، بڈگامہٕ لولاب تہٕ لیہہ لداخہٕ بسان چھِ۔ حضرت میر نازک قادری اَسی لوکچہ وانسہِ مَنزے وجدانی حالتس مَنز روزان تہٕ بابا داوود خاکیؒ سِنزِ خدمژ مَنز روزِتھ سعادت تہٕ چھکھ حاصِل آسمٕژ۔ یم اَسی پننہِ وقتکی باکمال، مُتّقی تہٕ پرہیزگار۔ (۹ ذی الحجہ ۱۰۲۲ھ) ۱۶۱۴ء مَنز سپدی رحمتِ حق تہٕ یہُند جسدِ خاکی آو کادی کدلہ کرالہٕ ٹینگ مُحلس مَنز سُپردِ خاک کرنہٕ ییٚتہِ خانقاہس مَنزے یہُند مقبرٕ پتہٕ تعمیر سپُد۔

خانقاہُک زیچھر چھُ ۳۷ فُٹہٕ تہٕ کھجر ۳۴ فُٹہٕ۔

خانقاہ تعمیر کرنس منز چھُ لکرِ تہٕ پوختہٕ سیر لوٗ علاوٕ چوٗنہٕ
سُرخہٕ تہٕ کنہِ ہُنٛد استعمال آمُت کرنہٕ۔ اَتھ چھُ چار بام
بُرزِ پٲٹھ اوسمُت۔ یتھ بخشی غلام محمدنس دورس منز
ٹین دِنہٕ آمُت چھُ۔ پٔشُک چھَج چھُ لکرِ ہٕنٛدِ خوبصورت
براکٹن پیٹھ دِرتھ۔ اَمِچ موٗرکھ چھِنہٕ لکرِ کامہِ ہُنٛد اَکھ
شوٗبہٕ دار نموٗنہٕ تہٕ پٔشہٕ کنہِ ژونہٕ دِنی کوٗنن چھِ لکرِ ہٕنٛدی
دوٗر اویزان۔ اَستان کنہِ ژونوٗنی دٲرِ فِن چھِنہٕ محرٲبی
چالہٕ ژور ژور دارِ۔ یمن خوبصورت زٲلی پنجرٕ چھِہٕ۔
اَستانک درواز چھُ لکرِ کامہِ ہُنٛد اَکھ خوبصورت تہٕ
شوٗبہٕ دار نموٗنہٕ۔ اَمِچ دِوٲری کنہِ ہٕنز نیٚبرِم ڈیڈی
چھِنہٕ حال حالے۔ (۱۳۸۵ھ) ہجری یس منز تعمیر کرنہٕ
آیہٕ۔ زیارتس لرِ چھُ اَکھ خانقاہ یُس میر نازک
صٲبنہٕ سے عہدس منز تعمیر اوس سپدمت۔ اَتھ خانقاہس
منز چھِنہٕ لوکچہٕ لوکچہٕ سَتھ چلہٕ کوٗٹھرِ یمن منز میر
نازک قادری رحؒ عبادت کران اٲسی۔ اَستانس منز چھُ
میر نازک قادری سُنٛد عیال تہٕ دفن۔ حضرت میر
نازک قادری رحؒ ہنزِ قبرِ پیٹھ چھُ لکرِ ہُنٛد ژھر۔ اَنٛدی
اَنٛدی چھُس اَٹھ فُٹہٕ فلام گردِش یتھ ختم بنٛد تالو چھُ۔

(ش۔ ا)


کتاب نامہ:

*Dedamari: Tarikh-i-Aazmi
*Hasan: Asrar-ul-Akhyar


# خانقاہِ نقشبندی

خانقاہِ نقشبندی چھُ سرینگرس منز خانیارس
تہٕ نوٗٹس درمیان خوجہ بازرٕ سڑکہِ کھوورِ طرفہٕ۔ یہ خانقاہ
چھُ سُلطان سکندر (۱۳۸۹ء — ۱۴۱۳ء) سُنٛدِ بساوی متہ
سکندر پور محلک سُہ حِصہ یتھ منز سُلطان حسین چکن
(۱۵۶۳ء — ۱۵۷۰ء) باغ بنوومُت اوس۔ اَمہِ خانقاہُک
تعمیرس چھُ خواجہ خاوند محموٗد نقشبندی ین دس تھٲمت۔ مورخ
حسن چھُ لیکھان زِ بڈشاہن (۱۴۲۰ء — ۱۴۷۰ء) اوس
سیّد محمد امین اویسی سُنٛدِ خاطرٕ اَشم (سوٗنہٕ وار) ڈیتھ
ہٕنٛدِس ڈچھنس ٹھٹھِس پیٹھ اَکھ خانقاہ تعمیر کوٗرمُت۔
اویسی صٲبنہٕ ۱۴۸۴ء منز رحمتِ حق گژھنہٕ پتہٕ روٗد یہ
خانقاہ واریاہس کالس غیر آباد۔ خواجہ خاوند محموٗدن کرٕنوو
۱۶۳۳ء منز اَکھ شرعی فتوٰی حاصل کرنہٕ پتہٕ یہ خانقاہ
شہید تہٕ اَمی ملبہٕ سیتی آو سلطان حُسین چک ہٕنٛدِس
باغس منز خانقاہ تعمیر کرنہٕ۔ خانقاہُک تعمیرس لٔگی
اَمہِ وزِ ۴۵۰۰۰ روپیہ۔ اَتھ چھُ خانقاہِ خاوندیہ تہٕ خانقاہٕ
فیض پناہ تہٕ وَنان۔ خواجہ خاوند محموٗدنہٕ نسبتہٕ پیوٗ اَتھ
محلس خوجہ بازر ناو۔

خانقاہ تعمیر سپدنہٕ پتہٕ گیٚنٛڈری کٲلی گو خواجہ
محموٗد دلہِ پیٹھ لاہور۔ یتہٕ سُہ ۱۶۴۰ء منز رحمتِ حق



سپُد۔ خانقاہِچ نگرانی تہٕ جاگیرُک انتظام کرنہٕ خاطرٕ
سوٗز تمی پنُن فرزند خواجہ معین الدّین نقشبندی کشیرٕ
خواجہ معین الدّین نقشبندی رحؔ سپُد ۱۶۷۴ء منز

رحمتِ حق۔ سُہ آو خانقاہس ہمسایہ شُمال مغربہٕ پاسہ
دفن کرنہٕ تہٕ تس پتہٕ کٔر تٔمسٕنز آشنہٕ خانقاہِچ نگرانی۔
رحمتِ حق گژھنہٕ پتہٕ آیہ سوٗ تہٕ خواجہ صأبس نکھہٕ دفن کرنہٕ۔

فاضل خان سِنٛدِ وقتہٕ پیٛٹھ (۱۱۱۱ھ، ۱۶۹۹ء) منٛز پیغمبرِ اسلام سُنٛد موئے مُقدس نورالدین اشہ بٔری سِنٛدِ وساطتہٕ کشیرِ ووت۔ گوڈٕ تھوٗکھ موئے شریف خواجہ معین الدین نقشبندی سٕندِس روضس اندر۔ زائرن ہُنٛز تعداد ییٚتہٕ ہیۆتہٕ جایہِ تنگی نظر تل تھاوتھ آو فاضل خانس ستی مشورٕ کرنہٕ پتہٕ موئے مقدسُک قرارگاہ باغ صادق خان (حضرت بل) مقرر کرنہٕ۔ موئے مقدسہٕ کہِ کشیرِ منٛز واتنُک تاریخ چھُ:

کشمیر مدینہ گشد از موئے نبیؐ

۱۱۱۱ھ = ۱۶۹۹ء

شیخ غلام محی الدین صوبیدار (۱۸۳۶ء — ۱۸۸۱ء) سٕندِ وقتہٕ آیہٕ خانقاہس مرمت کرنہٕ۔ ۱۸۸۶ء منٛز سوٗزی نواب احسن اللہ خانن (یِمن سٕندی جدِ اجداد سرینگرٕ ناوٕ پورکی اُسی متی چھ) ڈھاکہ پیٹھٕ خانقاہہٕ کہِ مرمتہٕ خاطر خواجہ ثناء اللہ شال سٕندِ ناوٕ ژ ساس روپیہ۔ شال صابس باسیوو زِ خانقاہ چھُ خاص توجہہ منگان۔ تمس میٛج تحریک تہٕ دیُتُن پننہٕ تہٕ واریاہ رقم تہٕ لوکن نِش تہٕ کوٚرُن چنٛدٕ جمع۔ امہٕ پتہٕ سوٗزی نواب احسن اللہ خانن بییہ ترٛتے ساس روپیہ۔ ییتھہٕ پاٹھی آدکانی رقم خرچ اوتھ خانقاہ نوٚ سرٕ سیٹھا خوبصورتی سان تعمیر کرنہٕ۔ امہٕ وزِ آد اُتھ ختم گنڈتہٕ تالو تہٕ دینہٕ تہٕ نِش تہٕ بدلاونہٕ۔ نوٚ تعمیرُک تاریخ چھُ ہ

خانقاہ عجیب عالی شان

۱۳۰۴ھ = ۱۸۸۶ء

امہٕ علاوٕ چھُ جنیدؔ سُنٛد عربی قطع تاریخ تہٕ درج :-

یا اَخِي اَقبِلْ بِهٰذَا الْمَسْجِدِ
طَاعَةً بِاللّٰهِ وَاسْجُدْ وَاقْتَرِبْ
مِن بَهَاءِ الْحَقِّ وَالدِّينِ دَائِماً
فِيهِ فَيضَانٌ عَلىٰ مَنْ يَطْلُبْ!
بَانِيُ الثَّانِي ثَنَاءُ اللّٰهِ بِهِ
صَارَ اِيقَاناً بِاَجْرٍ يَرْتَقِبْ!
لَوْ اَرَدْتَ عَامَ تَعْمِيرِ الْجَدِيدِ
خَانقَاهُ النَّقشْبَندِي اِحْتَسِبْ

۱۳۰۴ھ

امہٕ پتہٕ روٗز خانقاہس مقامی اوقافہٕ کہِ اہتمامہٕ وزٕ وزٕ مرمت سپدان۔

خانقاہس چھِ نیٚبری مغربہٕ پاسہٕ ہیر زٕ پنجر دار تہٕ بونہٕ یمہٕ نے سیوٚد زٕ شیشہٕ دار۔ محرابہٕ سیوٚد چھِ پیٹھٕ کنہٕ اکھ درشُن دار یتہٕ پیٹھٕ زانتہ پانہٕ چالہٕ بِش تہٕ چھُ۔ جنوبہٕ پاسہٕ چھِ ہیٚر ترٛتے تہٕ بونہٕ ترٛتے پنجرٕ دار۔ بونہٕ کنہٕ چہٕ منٛزی مہٕ دارِ نِش چھِ امہٕ پاسہٕ ڈب تہٕ گڈتھ ییتھ پاترٕ دکھرہٕ اوتھ چھِ۔ خانقاہس مشرقہٕ پاسہٕ

چھِ، ہیٚرِ ترٛےٚ دارِ تہٕ بوٚنہٕ دَروازِس ڈٕچھِنۍ کھووٕری زٕ پَنجرِ دارِ۔ دَروازَس سیٚود چھُ دٕہلیزٕ نیبرٕ کُن گٕڈِتھ یٔتھ پٲترِ وَتھرٲوِتھ چھےٚ۔ شُمالہٕ پاسہٕ چھِ خانقاہَس ہیٚرِ ترٛےٚ پَنجرِ دارِ تہٕ بوٚنہٕ چھِ دَروازَس ڈٕچھِنۍ کھووٕری زٕ دارِ۔ شُمالہٕ پاسہٕ کِس دَروازَس تہٕ چھُ دٕہلیزٕ نیبرٕ کُن گٕڈِتھ تہٕ اَتھ تہٕ چھےٚ پٲترِ وَتھرٲوِتھ۔ خانقاہِچ کُرسی چھےٚ گرِتھ دِوٕرۍ کَنِین ہٕنٛز۔ یَتھ أندۍ أندۍ دِوٕرۍ کَنِہٕ نۍ ہُنٛد صُفہٕ چھُ۔ کُرسی ہیٚور تعمیرَس چھےٚ لکرِ تہٕ مَہرٲج سیرِ لاگِنہٕ آمٕژ۔ پٔژتھ کٔرِ وارَس پیٹھ چھِس ژور ژور مَہرٲجی سیرِ دارِ۔ اَتھ چھُ ترٛوورٕ پَش یَتھ پیٹھ اُٹھ گَب گٕڈِتھ رٔنیش طرٕزک بٕرٛنگ چھُ۔

نیٚبرِ کِنۍ یوٚدوَے خانقاہ دُپوٕر چھُ باسان، اَما پوٚز أندرِ چھُ یہِ تقریبَن وُہ فُٹہٕ تھوٚد کٔنۍ پورٕ اَمُیک خوٗبصوٗرت خَتَم بَنٛد تالو چھُ چار دیوارٕ علاوٕ ژوٕن تھَمَن پیٹھ رٔٹنہٕ آمُت۔ تھَمَن چھِ لوٕکٕٹۍ لوٕکٕٹۍ لکرِ ٹکرِ خوٗبصوٗرتی سان واٹنہٕ آمتۍ۔ ژوشوٕنۍ تھَمَن چھےٚ پیٚٹھِ مہٕ تہٕ بٕنۍ مہِ اَنٛدٲمی آتٕچ چِرۍ چِیی کٔرِتھ۔

خَتَم بَنٛد تالو چھُ جارُو سیٚود رَنگوٕ سٕتی سجاونہٕ آمُت۔ خانقاہ کِس محرابَس چھےٚ خوٗبصوٗرت پَنجرٕ کٲرۍ کٔرِتھ۔ محرابَس پیٹھِ کِنہٕ چھُ شیشہِ لٲگِتھ روشن دان۔ خانقاہِچہٕ ڈاے فُٹہٕ موٚچہِ لبہِ أندرِ چھُ لبَن ہیٚرِ بوٚن لکرِ

ہُنٛد ڈیڈٕ کٔرِتھ۔ پٔژتھ نیٚبرِ مہِ دارِ سیٚود چھےٚ أندرِ مہِ طَرفہِ تہٕ الگ دار۔ یِہُنٛد أندرٕیُم پاسہٕ گرِتہٕ تہٕ رَنگہٕ لحاظٕ لبَن ہنٛدِس ڈیڈوٕس سٕتی رَلاونہٕ چھُ آمُت۔

خانقاہَس چھےٚ أندرِ مہِ پاسہٕ شُمال مَشرِق تہٕ جنوٗبہٕ پاسہٕ ترٛےٚ فُٹہٕ کھجرٕ گیلری گٕڈِتھ یَتھ پیٹھ کھَسنہٕ خاطرٕ مَشرِقہٕ پاسہٕ کِس دَروازَس اَژوٕن ڈٕچھِنۍ تہٕ کھووٕری زٕ ہیٚرِ چھےٚ۔

خانقاہَس نیٚبرِ کِنہٕ مَشرِقہٕ پاسہٕ چھےٚ حال حالے اَکھ مسجد تعمیر کَرنہٕ آمٕژ یَتھ حمام تہٕ سٕتی چھُ۔ قِبلہٕ پاسہٕ چھُ خانقاہَس مزارِ شہداء یٔمِہ کِس شُمالَس مَشرِ اَستانَس بُرونٛہہ کِنہٕ مزارِ نقشبند چھُ۔ خانقاہُک حاطہٕ چھُ مَشرِقہٕ تہٕ شُمالہٕ پاسہٕ سبزٕ کِنہٕ دیوارٕ سٕتی گنٛڈنہٕ آمُت یَتھ مَشرِقہٕ پاسہٕ تہٕ مَغربہٕ پاسہٕ زٕ ڈیڈِ چھےٚ۔ مَغربہٕ پاسے چھُ خانقاہکہِ مُقامی اَوقافُک دَفترِ تہٕ۔

حاطَس أندَر خانقاہَس شُمال مَغربہٕ پاسہٕ چھےٚ زِیارَتِ نقشبند۔ زِیارتٕچ عمارَتھ چھےٚ اَوک پوٗرٕ اَتھ چھُ ترٛوورٕ پَش تہٕ پیٹھہٕ چھُس رٔنیش طرٕزک بٕرٛنگ کھارِتھ۔ زِیارتَس أندَر چھُ خواجہ معین الدّین نقشبندی رحؒ سُنٛد روضہٕ۔ یِمَن سٕتی چھےٚ أندرِ یِہنٛز آشیٚنہٕ تہٕ فرزَند خواجہ اشرف الدّین محمد تہٕ تِمۍ سُنٛد نیٚچو خواجہ نظام الدّین دَفن ۔ یِمَن ژوشوٕنۍ قبرَن چھُنہٕ کانٛہہ کتبہٕ کھٔنِتھ ــ

روضس اَندی اَندی چھُ شیشہٕ فُٹہٕ کھجر غلام گردِش تہٕ
پیٹھہٕ ختم بنٛد تالو۔ قبلہٕ پاسہٕ چھ غلام گردشہٕ نبہٕ
پانٛژھہ تھم یمن اَندی اَندی یچہِ وَولٕت کٔرتھ چھُ تہٕ یچن
پیٹھہٕ چھےٚ گلکاری کٔرتھ۔ تھوٗ نمبر چھےٚ قبلہٕ پاسہٕ ستھ
فُٹہٕ کھجر جاے ترٛاوِتھ پانٛژھہ محرابہٕ آیہٕ دارہٕ۔ روضس اَندی
اَندی چھےٚ پرٛتھ طرفہٕ ترٛےٚ ترٛےٚ شیشہٕ دارہٕ۔ یمن ہنٛزِ ہر
طرفہٕ فارسی شعر چھ لیکھتھ۔ روضس چھ ژورشوٗنی طرفن
خوبصورت فونوس لاگتھ۔ دروازس دچھنہٕ پاسہٕ
تہٕ چھےٚ اکھ اکھ دار۔ مشرقہٕ پاسہٕ چھےٚ استانس
ترٛےٚ دار تہٕ اکھ لوکٹ کوٹھر۔ استانہٕ چن لبن چھےٚ
خوبصورت گلکاری کٔرتھ۔ شمالہٕ پاسہٕ چھس ترٛےٚ
دارہٕ یموٗ نیٚبری کنی نورخانہٕ تعمیر کرنہٕ چھُ آمُت۔ روضس
اَندر چھُ حضرتِ ابوبکر صدیق رضؓ ہُنٛد عصاے
مُبارک یُس نقشبند خاندانس پیر مُریدی سِلسِلس
منٛز تورمُت چھُ۔ نقشبند صاٗبُن وۄرُس چھ
پرٛتھ ؤری یہٕ ۳، ربیع الاول لگان۔ (م۔ا۔ا)

کتاب نامہٕ:

- Hasan: Tarikh I, II
- Hasan: Asrar-ul-Akhyar
- Mirza Saif-ud-Din: Khulasa-tul-Tawarikh
- Sufi: Kashir II

## خانقاہ وچی

یہٕ خانقاہ چھُ زاٗنہٕ پکور ڈوٚڈر دامنس تَل پلوامہٕ
ضلعس منٛز وچہِ سرینگرٕ پیٹھہٕ پانٛژاہ تاٗجہہ کلومیٹر دوٗر۔
۱۳۷۲ء منٛز آے میر سید علی ہمدانی رح
پکھلی سٹرکہٕ شُپی ینہٕ پیٹھہٕ وچی نکھ جایہ ییتہٕ لُکن راز
گوپادتن اکھ منٛڈ تعمیر کورمُت اوس۔ کیٚنہہ کال
قیام کٔرتھ کوٚر کھ اتھی جایہ نٔش اسلامک تبلیغ۔ امہٕ
پتہٕ کوٚر (۱۴۱۳-۱۳۸۹ء) منٛز سُلطان سکندرن میر
محمد ہمدانی رح ہٕسنٛدِ ناوٕ اکھ خانقاہ تعمیر۔ یتھ خانقاہِ والا تہٕ
وَنان آسی۔

بابا نصیب الدین غازی ین کوٚر دوٚیمہ لٹہٕ
یہٕ خانقاہ تعمیر۔ ۱۹۷۴ء تام بدلے یہٕ اتھ خانقاہس
مرمتہٕ کنی وارِیاہ صورتہٕ۔ اتھی وری یس منٛز آو پرٛون
خانقاہ والنہٕ۔ زوٗل کھنن وِزِ دژایہ اتہٕ لُکن وارِیاہ
چھٹہٕ پھراٹہٕ مٔژ یمن منٛز وُنی کینہ تہٕ امہٕ کس مشرقس
منٛز اکھ تھمہٕ ٹُکرٕ موجود چھُ ییٚمینٹیک لیپیٹہٕ دوٚڈ فٹ
تہٕ تھزر ژور فُٹہٕ چھُ۔ اتھ ٹُکرس چھ گوڈس نش
مُژرن ہٕنٛدی وارِیاہ ووگنی آکار وۄتلاونہٕ آمتی۔

۱۹۷۴ء منٛز آو یہٕ خانقاہ نوٚ سرٕ تعمیر کرنہٕ۔
ییٚمینٹیک کٔرن شیخ محمد عبداللہ ہن دیت۔



طرزِ تعمیرکہِ اعتبارٕ چھُ اَتھ چار بام پَش تہٕ کھَسہٕ وِنہٕ آفتابہٕ پَنداہ فُٹہٕ تھَدی زٕ برٛنگ چھُ کٲشیرِ ہنٛدِ ین واریاہَن اَستانَن ہیتی رَلان۔

اَزٕنِک خانقاہ چھُ شیرٕ، فُٹہٕ۔ خانقاہُک ٹَن چھُ دِوٕری کنٛین ہُنٛد تہٕ باقی چھےٚ اَتھ سارۍ ہے تعمیرَس پوٚختہٕ سیرٕ، سیمنٹ، چوٗنہٕ تہٕ سکھ لاگتہٕ۔

(م۔ع)

کتاب نامہ:


*Hasan: Tarikh I
*Stein: Kalhana's Rajatarangini
*Sufi: Kashir I, II


# ختم بنٛد

سانہِ لکٕرِ کامہٕ ہُنٛد اَکھ خوٗبصوٗرت پہلوٗ چھُ ختم بندُس کھٹِہن بیترِ ہنٛدی تالَو پٲراونہٕ باپتھ وَرتاوُس روٗد مُت چھُ۔ مدین صاٗبنہِ مسجدِ ہنٛد ختم بنٛد تالَو چھُ صاف ہاوان زِ یہِ خاص قٕسمُچ لکٕرِ کٲم چھےٚ سیٹھا کالہٕ پیٹھٕ کٲشیرِ اَنٛدر مُروَج۔ ختم بنٛد تالوَن ہنٛد رِواج یوٗدوَے وۄنی سیٹھا کم چھُ گومُت مگر وُنہٕ تہٕ چھُ فنَس ستی دلچسپی تھاون والیٚ اَتھ لول باگراوان تہٕ دَنہٕ دیار خرچ کٔرِتھ پننہِ مَندورِ سجاوان۔

ختم بندس چھِ واریاہ قسم یِموٚ اَنٛدرٕ کینٛہہ یتھہٕ کٔنۍ چھِ:-



ہزار گردان، ہَشت پہلو، چار بخش، موج، ہَشت ہزار، بادام ہزار، سہ بخش، دوازدہ گرد۔

ختم بَنٛد کِہن الگ الگ قِسمن ہنٛدی ناو چھِ فارسی۔ صاف چھُ زِ لکرِ کامہٕ ہُنٛد یہِ خاص فن چھُ ژوداہمہِ صدی پتہٕ کشیرِ منٛز مُرَوج گومُت تہٕ عروٗجس ووتمُت۔ ختم بند تالوکُے بیاکھ رۄپ چھُ وَسہٕ تالو۔

ختم بَنٛدَس مُتلق چھُ وَننہٕ یِوان زِ اَتھ دِیُت کٲشرِ اَنٛدر مِرزا حیدر کاشغری یَن چلے جاو مگر کتھ چھےٚ بحث طلب۔ ختم بَنٛدکی بہترین نمونہٕ چھِ نقشبند صٲبنِس آستانَس منٛز ڈرینٛٹھ یِوان۔ انگریزن تام تہٕ گڈٕ ختم بنٛدن کَل تہٕ برطانیہس منٛز تہٕ اوس بٔرۆنہہ کالہٕ اَمیُک استعمال کَرنہٕ آمُت۔ ختم بَنٛد چھُنہٕ صِرف کشیرِ تامے یوت محدوٗد بلکہِ چھُ منٛز ایشیا ہُریانہٕ استنبول، مراکو تہٕ دوٚیمِن جاین تہٕ اَمیُک سٕخ چلے جاو۔ (م۔ل۔س)

کتاب نامہ:

*Sufi: Kashir, II

**خوشا صابُن۔** وُچھو "خانقاہ شاہ نیاز نقشبندی"

## دُتو وزیرنہٕ ہٕنٛز مسجد

پٔرۆنٛشرہ قَصبیچ یہِ مسجِد چھےٚ اَکِس ژٕکو نجل حاطس منٛز تعمیر آمٕژ کَرنہٕ یتھ زیٖچھر ٦٢ فُٹ تہٕ کھجر کینٛشر جاین ٣٧ تہٕ کینٛشَرن جاین ٤٢ فُٹ چھُ۔ اصل مسجد چھےٚ مغربی انٛدَس پیٹھٕ۔ یہِ چھےٚ ٣٧ فُٹ زیٖٹھ تہٕ ١٦ فُٹ کھنٛج۔ مسجدِ بتھ چھُ بڑانٛڈٕ یتھ مَشرقی دیوارس تژٕ سے محراب دار

دَرواز چھہ۔ برانڈس مَنٛزی چھہ دوٚشوٚے طرفو محراب دار
کوچہ۔ مسجدِ چھےٚ صرف اَکھ دار تہٕ مغربہٕ کہ طرفہٕ چھُس
منٛبرٕ یُس زمیٖنہِ نِش تھوٚد چھُ۔ برانڈس پتہٕ آنگنس
چھُ ژوٚ پاسے دیوار۔ آنگنُ چھُ اَندرِ اَندرِ ۳۲ فُٹہٕ
زیُٛوٚٹھ تہٕ ۲۷ فُٹہٕ کھوٚل۔ اَمہِ کس شُمال مَشرقی کوٗنس
نِکھے چھُ برانٛد ہیٛنہٕ یُس۔ اُفٹہٕ زیُٛوٚٹھ تہٕ اَٹھ فُٹہٕ کھوٚل
چھُ۔ یہِ برانٛد چھُ دیوارٕ نیٚبرٕ کھ شُپہٕ چالہِ تہٕ اَمی پیٚٹھی چھےٚ
مسجدِ اَندر شمالہِ طرفہٕ چہ لبہ کِنی اَندر اَژنٕچ وَتھ۔
برانٛدکس شُمال مَشرقی اَندس کُن چھُ دوٚن خانَن
ہُنٛد سرانہٕ کُٹھ۔ شُمالی طرفُک سرانہٕ کُٹھ چھُ حمامُچ کٲم
دِوان۔ حمامہٕ پیٚٹھ چھُ پیتہ کنٛتر نارہٕ مَنٛزی آب تتھ تہہ خانس
مَنٛز واتان یتہٕ مَنٛز یہِ سوٚمبرتھ تھاونُک اِنتظام
چھُ۔ تہہ خانس تہٕ چھُ پتش دِتھ۔ آنگنس پتہٕ کوٗنس
پیٚٹھ چھُ ستہ فُٹہٕ زیُٛوٚٹھ تہٕ پانٛژہ فُٹہٕ کھوٚل کمرٕ
یُس گُداموٕچ کٲم چھُ دِوان۔ برانٛدِ لبہِ چھُ لوکٕٹی لوکٕٹی
اَکہِ تاکھ خانہٕ یِم شاید کھور باپہٕ تھاونہٕ خاطرٕ بناونہٕ
چھہ آمتی۔

مسجدِ ہنٛدِس تالوس چھےٚ پلستر سیٚتی
پوشہٕ تھُر تہٕ جانا وار بناوِتھ۔ اَمہِ علاوٕ چھُ ریٲضی
ہنٛدِ کنیٚہ خاکہٕ تہٕ دریٚنٛٹھ یِوان۔ مسجدِ مُنٛدلِش
چھُ ترٛزین کاوٕ دار قُبَن پیٚٹھ ڈرِتھ۔ یمو مَنٛز چھُ مَنٛز یُم
قُبہٕ ہنا بوٚڈ پہن۔ قُبن چھُ مَنٛزِس سٕنٛگِ نَنی یمو تلہٕ
نَنان چھُ زِ قُبن پیٚٹھ چھُ ٹوٗرِ اَسی ہتی مسجدِ ہنٛدِس
پٔرتھ کوٗنس پیٚٹھ چھُ اَکھ اَٹھہ کوٗنل مینار بناوِتھ۔

وَننہٕ چھُ یِوان زِ یہِ مسجد چھےٚ راجہ بلدیو سنگھ
سٕنٛدِ محلہٕ خانُک اِنتظام چلاوَن واجنہٕ دتو یہِ بناوُمٕژ
یُس وزیرٕنی خطاب اوس آمُت دِنہٕ۔

۱۹۴۷ء بروٚنٛہہ اوس مسجدِ منٛز اسلامیہ
ہائی سکوٗل تہٕ وۄنی چھُ اَتھ منٛز ٹیچرس ٹریننگ کالج۔
(م۔ ل۔ س)

کتاب نامہ :

*Sharma N.D: Dogri Folk Literature and Pahari Art

## دُرگاناگ مَنٛدر

دُرگاناگ مَنٛدر چھُ سُلیمان ٹینٛگہٕ کس دامنس
تَل جنوٗب مغربہٕ پاسہٕ۔ روایت چھےٚ زِ یٔمہِ ساعتہٕ
راکھشسو (EVIL FORCES) کاشُرِ برٛہمن، ریشہ
تہٕ تپسی تنگ اَنی یمو لوکو کرٕ یمن بلاین نِش نجات لبنہٕ
باپتھ دُرگا ماتاہِ ہنٛز آرادھنا، ییٚمیُک نتیجہ یہِ دراو
زِ راکھسن ہُنٛد زیٚٹھ دورُکھ ختم کرنہٕ باپتھ لوٚب اَٹھ
نرٕ واجنہٕ دُرگا ماتاہِ آکار تہٕ مختلف دِوتاہن تہٕ دیوی ین

نِش شکتی پڑاُوِتھ کوٗرُن تَتھ جایہِ قرار یِوسہٕ دُرگاناگ مَنٛدَر ناوٕ مشہوٗر چھیٚے۔ مقاٗمی رِواٰیژ مۅجوٗب چھُ دُرگا ماتایہِ بدذات دُرگم راکھیُس پَہاڑَس پیٹھ مییٚژِ تَل دۆبراُوِتھ ختم کوٚرمُت۔ اَتہِ چھُ اُزی کِس مَنٛدَرس بۄرٛونٛہہ کِنہٕ شُمال مغربہٕ پاسہٕ تَتھ جایہِ اَکھ ناگ وُزان یِیتہٕ نِس دُرگا ماتایہِ قرار کوٚرمُت اوس تہٕ اَتھ ناگَس نِش اٰسی یُتھ کالہِ اَمرناتھ گژھن وٲلی یاتری پوٗزا پاٹھ کران۔

شنکر آچاریہ بالس دامنَس تَل جنوٗب مغربہٕ پاسہٕ دُرگاناگ استھاپَن چھُ داریاہ پرٛون دیوی، استھاپَن۔ اَستھاپنَس چھُ اَمرناتھ یاترایہِ ہُنٛد




گوڈنیُک پڑاو آسُنک امتیاز تہٕ حاصِل اما پۆز مَنٛدَر کوٚر مہاراجہ پرتاپ سِنگھنہِ (۱۸۸۵ — ۱۹۲۴ء) زمانہٕ شوٗرتنانَند سرسوتی یَن ناگَس پیٹھ کِنہِ تعمیر۔ اَتھ مَنٛز آیہ سنگِ سفیدٕچ نِپہٕ نِپہٕ کرٕنۍ اُٹھ نٔرِ واجنی دُرگا ماتایہِ ہِنٛز موٗرتی لاگنہٕ یِوسہٕ وُنہِ تہِ موٗجوٗد چھیٚے۔

یہ مَنٛدَر اوس سورُے لکٕرِ ہُنٛد تہٕ اَمِیُک پرٕکرم چکر اوس خاٰلِص پَچِن ہُنٛد تہٕ پَتَھس اٰسی لکرِ پیٹھ سادارَن ٹینہٕ پیٚٹی۔ ۱۹۴۵ سَنہٕ مَنٛز کوٚر شری سوامی شوٗرتَن گیرَن سَتَن نفرن پیٹھ مشتمل اَکھ ٹرسٹ قایِم یَتھ دُرگاناگ ٹرسٹ ناو تھاونہٕ آو۔ اَمی ٹرسٹَن چھُ حال حالے پرٛون مَنٛدَر مُنہدِم کٔرِتھ اَتھ جایہِ اَکھ نۆو مَنٛدَر تعمیر کوٚرمُت۔ اَمہٕ کِس تعمیرَس آو چھر اسیمنٹک تہٕ شیٖشہٕ رُک استعمال کرنہٕ۔ مَنٛدَرس نیٚبرِ کِنۍ آو سیمنٹُک تہٕ شیٖشہٕ رُک ۳۴ فُٹہٕ چوٗرس پرٕکرم چکر بناونہٕ۔ اَتھ چھِ ژٕ شوٚنی اَنٛدرن پیٹھ کُل اُٹھ سیمنٹِکی تھم یِمَن مَنٛز میٚنٛزراٰبی چالہِ اُٹھ لوکٕٹی طاقچ گنڈِتھ چھِ۔ مَنٛدَرس آژنہٕ بابَتھ چھُ شُمالہِ پاسہٕ دَروازٕ یَتھ اَنٛدرٕی تہٕ نیٚبرِ کِنۍ زِگنٹی اَلاٰنٛز چھِ۔ مَنٛدَرکِس شُمالَس مَنٛز چھیٚے سوامی شوٗرتنانَند سرسوتی جی ہِنٛز سمادھ تہٕ۔ اَتھ چھُ پیٹھہِ ٹینُو کلش یَتھ پیٹھ ژۄر ٹھُپیل تہٕ سَرتلیُو جھنڈٕ چھُ۔

شُمال مشرقہٕ پاسہٕ چھُ دُرگاناگ مَنٛدَرس پَتہٕ کِنہٕ

۱۰ فُٹہٕ چوٗرس بنیاکھ اَکھ سیمٹُو شُو مَندر یتھ مَنٛز ڈایہٕ فُٹہٕ تھوٚد تہٕ سوادنٹ لِپیٹہٕ پرٛنالہِ مَنٛز بَند کرٕتھ شِو لِنگ چھُ۔ اَتھ سٟتی چھُ دُرگاناگ مَندرس سٟدٕ سیوٚد یینیگہِ شالا۔

شری رتنانند سرسوتی ہٕنٛزٕ سمادھی بزٕ ؤنہہ کُنہٕ شُمال مغربہٕ اَندٕ چھُ رام سٹھمب یتھ پیٹھ پرٕتھ اَندٕ لِبَن رٛامایَن کھنٛنتھ چھُ۔ اَمہٕ عَلاوٕ چھِ اَتہٕ دُرگاناگ مَندرس سٟتی اَمہٕ کِس جنوٗب مَغرِبس مَنٛز دہاتامُنی بابا ہٕنٛز سمادھ یُس ۱۹۶۸ سَنہٕ مَنٛز اَتھ جایہ وُڈراونہٕ آمُت چھُ۔ اَتھ سمادٕ چھُ اَندی اَندی شٟیٖشترُو کاٹھکرِ دِتھ۔

دُرگاناگ مَندرس چھُ پیٹھہٕ سیمٹُو کلَش یتھ پیٹھ لوٚہ یہ ہٕندی ترٛنے ٹوٗپ تہٕ اَکھ جَنٛڈ کھالِتھ چھُ۔

اَمہٕ مَندرٕچ اَہمیت چھےٚ یینمہِ تِلہٕ فِکرِ ترٛان زِ سیٖہ چھڑی امرناتھ جی یاترا کرنہٕ رٛواںہٕ گژھان چھےٚ اَکھاڑٕ پیتہٕ چھےٚ گوڈٕ نیچ پوٗزا دُرگاناگس پیٹھےٚ یوان کرٕنہٕ تٕمہٕ پتہٕ چھِ یاتری امرناتھ کُن نیران۔

کتاب نامہ :-

*Sansar Chand: Amar Nath Yatra

## درگاہ

وُچھِو "آثار شریف حضرت بل" (جلد ۱)

## دبدٕمر

دبدٕمر چھُ نوٚوکدلس تہٕ صفاکدلس درمیان وٚنیتھہِ دٕچھنہِ طرفہٕ۔ اَتھ اَسی گوڈٕ دِدامَٹھ وَنان۔ یہ مَٹھ اوس دبدٕ رانہٕ بنوومُت۔ بیلہِ اَدی ہٕندِس نیٚچوی سُنٛد نیٚچو بھیمہٕ گُپت موٗد، دبدٕ رٲنی بنے یہ ۹۸۰ سَنہٕ مَنٛز کشیٖرٕ ہٕنٛز حکمران۔ سیٹھا چالاک، ڈاڈٕ تہٕ مُدبر اَس۔ ۱۰۰۳ سَنہٕ ہس تام لَگ بھگ ۲۲ ؤری ین کٔرُن حکومت، اَدی ہٕندِس دورِ حکومتس مَنٛز روٗد کشیٖرِ مَنٛز امن و امان قایم۔

دِدامَٹھ اوس تیٚوت مضبوٗط زِ باضے باضے



رادھاکرشن مَندر

# رادھاکرشن مندر ـــ پرمنڈل

پرمنڈلُک رادھاکرشن مَندر چُھ شِیکھر طرزٕکین مَندرَن ہِنٛزِ گرٛنٛزٕ منٛز یِوان۔ مَندر چُھ ١٧٩٧ ہَس منٛز گُجراتکی راجا رامَن تعمیر کوٚرمُت یَیٚمیُک نیب مَندرَس لاگِتھ دیوناگری خطَس منٛز ڈوگری کُتبہٕ سٟتی لگان چُھ۔

مَندرٕکی مۄنٛزٕ ژِٹھر چھِ جاذبِ نظر تہٕ وُچھن وٲلِس چھِ کوٗشِش کران۔ مَندرٕلِبَن پیٹھ یِم مۄنٛزٕ ژِٹھر اَسہِ نظرِ گژھان چھِ تِمَن اَندر چھِ شِو، پارۄتی، ہیٚتھہ نندی، بٕرہما، رادھاکرشن تہٕ یہیشامردنی تہٕ شامِل۔ گرٛبہ گرٛیہہٕ کِس رٕدیَس چھِ ترٛےٚ ژِٹھر۔ دَروازَس



پیٹھٕ کِنہٕ چُھ رِدھی تہٕ سِدھی ہیٚتھہ گنیش نظرِ گژھان۔ گرٛبہٕ گرٛیہکِس دَروازَس کھوورِ طَرفہٕ چُھ کرشن، گوپیَن سٟتی رِکندان تہٕ دٔچھنِ طرفہٕ چھُ وِشنو بنأوِتھ۔ گرٛبہ گرٛیہَس بُتھِ لَبہِ پیٹھ چُھ گوڈنیُک ژِٹھر شِو، دوٚیُم رام تہٕ ترٛییُم سیتایہٕ ہُنٛد۔ تالوٗس چھُس گُلکٲری کٔرِتھ۔ پٔترِم طَرفہٕ گرٛبہٕ گرٛیہہٕ کِبن دیوارَن چھِ واریاہ ژِٹھر۔ پٔترِمِس کھوٗورِ کِنُن چھِ ژور ژِٹھر یِمَن اَندر کرشن، رام، لکھشمن، ہنومان دَشرَتھہ، کیکی، نارد تہٕ وِشنو نظرِ یِوان چھِ۔

گرٛبہٕ گرٛیہَس پَتہ کِنُن دیوارَس چھِ شےٚ مُنفرِد ژِٹھر، اَکِس منٛز چُھ رازٕ دَشرَتھ وِشوامِترَس بُتھِ نیران تہٕ رام تہٕ لکھشمن وِشوامِترَس نِش پرنہِ گژھان ہاوِنہٕ آمتی۔ اَکِس بٔڈِس مۄنٛزٕ ژِٹھرَس منٛز چُھ رازٕ دَشرَتھ محل خانَس منٛز سِنگھاسنَس پیٹھ بِہِتھ تہٕ زٕ بالکٕ رام تہٕ لکھشمن چھِ محلہٕ خانٕہ اَندرٕ وِشوامِترَس سٟتی نیران۔ اَتھ سٟتی ژِٹھرَس منٛز چھِ زٕ بالک کوشلیایہِ پرنام کران، ترٛییمِس ژِٹھرَس منٛز چُھ محلہٕ خانُک نێبرِیُم پاس ہاوِنہٕ آمُت تہٕ نێبرِ کِنہٕ چُھ اَکھ نوکر آشنہٕ سٟتی بِہِتھ۔ اَمہِ علاوٕ چھِ ترٛیَن ژِٹھرَن منٛز یوٗگی تہٕ دوٚن منٛز سادھو وِشوامِترٕ سٕنٛدِس آشرمَس منٛز رازٕ کُمارَن سٟتی بِہِتھ درینٛٹھ یِوان۔

اَمہِ ہُریمانہٕ چھِ مَندرَس بێیہِ تہٕ واریاہ مۄنٛزٕ ژِٹھر یِمَن منٛز کرٛشنہٕ سٕنٛد لوٚکچار، تَسُنٛد زیٖوٚن، واسدیو

یشو دھاتہٕ نند بیترِ بوزنہٕ چھِ یوان۔ کُلس پیٹھ چھ
مَندرَس شیٹھہٕ پیٹھی مۆنی ژِتھرَ بناٲوِتھ۔ (م۔ ل۔ س)

کتاب نامہٕ:

*Mira Seth: Dogra Wall Paintings

## رادھاکرشن مندر۔ میراں صاحب

میراں صابُک (جۆم) رادھاکرشن مَندر
چھُ دیوان اننت رام سُند تعمیرِ مندر چھُ یہ ۱۸۲۰ء
منٛز تعمیر آمُت کَرنہٕ۔ مَندرُک طرزِ تعمیر چھُ شیکھر
طرزُک تہٕ اَمیُک باڈُو تہٕ چھُنہٕ زیادٕ بۆڈ۔ مَندرَس ستۍ
چھُ ۳۲ ایکٹر رو قبُک لوکُٹ موکُٹ جاگیر تہٕ۔ مَندرٕچ
اِنفرادیت چھِ اَمکۍ مۆنی ژِتھرَ بدِ کڈان، یِمن متعلق راے



چھِنے زِیم چھ کُنوٕہی مہ صٔدی ہندِس منٛز کالس منٛز بناونہٕ
آمتۍ۔

مَندرَس منٛز یۆدوَے مۆنی ژِتھرَن ہُند تعداد واریاہ
زیادٕ چھُنہٕ مگر یِہ کینٛژھاہ تہٕ چھُ تہٕ چھُ رُت۔

مَندرُک برٛاندِیُس پٔرِکرمَس بُتھہِ چھُ تَتھ چھ
زٕ لوکٕٹۍ ژِتھرَ یتھ منٛز دُچھِن کُن گنیش رِدّھا، بُدھا تہٕ
شِو چھِ ہٲوِتھ تہٕ بێیس ژِتھرَس منٛز چھُ شِو پاروتی ہیتھ
نَظرِ گژھان۔ کھوُورِکُن چھُ رام تہٕ سیتا سنگھاسنَس پیٹھ۔
بێیس اَکِس لوکٕٹِس ژِتھرَس منٛز چھُ وِراٹ رۄٗپہٕ کرشن
آمُت ہاونہٕ۔

گرٛبہ گرٛیہَس بُتھہِ دیوارَس پیٹھ چھِنے دۄن دوار
پالَن ہِنٛز صوٗرٕژ بناٲوِتھ۔ برٛونٛٹھِمس پٔرِکرمَس دُچھِنہِ
طرفہٕ چہٕ لَبہِ پیٹھ چھ زٕ بٔڈۍ مۆنی ژِتھرَ یِمَن منٛز پرسرام
سہسر باہوٗہَس ستۍ لڑٲے کران چھُ ہاونہٕ آمُت تہٕ
بێیہِ چھِنے کرشن تہٕ رادھایہ ہِنٛز صوٗرٕژ آمژٕ بناونہٕ۔ بُتھی
طرفہٕ پٔرِکرمہٕ چہٕ کھوورِ لَبہِ پیٹھ تہٕ چھ زٕ بٔڈۍ مۆنی ژِتھرَ یِمو
اَندرٕ اَکِس منٛز کرشن تہٕ زٕ گوٗپیہِ چھِنے تہٕ دۆیمِس ژِتھرَس
منٛز چھُ وراہ اَوتار ہٲوِتھ۔ مَندرٕکِس کلشَس تہٕ چھِنے
اَندرٕ رکۍ صوٗرٕژ بناٲوِتھ یِمَن منٛز سنگھاسنَس پیٹھ بِہتھ

اوس قلیعچ کأم تہٕ دِوان تہٕ لۄکھ اَسی بَچاو بایتھ اَتھ اَندَر چھپنہٕ یِوان۔ یہِ مَٹھ اوس رانی بِدآتی مأدانی علاقن ہنٛدین سوداگرن ہنٛدِ بأپتھ تعمیر کوٚرمُت۔

بھیمہٕ گُپت سنٛدِ مرنہٕ پتہٕ بَنیٚہ یہ دِدا اسٹھاہ رحمدِل تہٕ پننہِ کارکردگیہ پیٹھ کوٚرُن افسوٗس۔ کشیرِ منٛز کٔری اَمہِ مختلِف جایَن مَنٛدَر تعمیر۔ دِدا مٹھَس منٛز اوسُن بھگوان وِشنوٗشُداکھ مَنٛدَر بنوومُت تھٔقی جایہ ییٚتہِ اَز زِیارت مُلک صأب چھے۔

بقولِ کلہن پنٛڈت دیدٕ مَر اوس سنگِ سفیدُک تہٕ اَمچہ کنہٕ آسہٕ گنگا جَل کہ آبہٕ سٟتی چھکچہٕ مژہشہٕ باسان۔ اَتھ مَنٛدرس منٛز روزنہٕ بأپتھ اَسی یاتری نیٚتبرٕ پیٹھہٕ یِوان۔ لڑایہِ وِزِ اوس یہ مَنٛدَر قلیعچ کأم دِوان۔ (ش۔ ا)

کتاب نامہٕ:

※Amin Kamil: Ed. Kashir (Son Adan 1977)
※Bamzai P.A.K: Archaeological Remains in Kashmir
※Hasan: Tarikh I
※Stein: Kalhana's Rajatarangini
※Stein: Ancient Geography of Kashmir

## دیوان جی سُنٛد مَنٛدَر

جیٚیمی شہرس منٛز دیوان جی سُنٛد مندر اوس بڑوٚنہہ کافی تعدادس منٛز مۄنی ژِتھرو سٟتی یارادِتھ. مگر وۄنۍ چھ اکثر مۄنی ژِتھر چۄنہٕ لِونُس تَل گأمتی۔ خوش قِسمتی کِنۍ چھ مَنٛدرکِس آنگنس منٛز دیوان اننت رامہٕ نۍ سماز ہنٛدی مۄنی ژِتھر وُنہِ ڈٔشِجہ۔ دیوان اننت رام اوس مہاراجہ رنبیر سِنگھنہِ وَقتہٕ ١٨٧٨ء منٛز ڈوگرن ہُنٛد حأکم ییمہِ سٟتی ژینہٕ وَن لگان چھےٚ زِ مۄنی ژِتھرن ہُنٛد تعلق گژھِ کُنوٛہمہِ صدی ہنٛدِس سوٗرن کالس سٟتی آسُن۔

سماز منٛز مۄنی ژِتھرن ہنٛزِ اَکِس تَگہِ منٛز چھ کرشن تہٕ گوٗپیہ گِندان، دوٚیمہِ جایہ چھ کرشن تہٕ رادھا مَحلہٕ خانہٕ چہ ڈَبہٕ پیٹھ سنگیت بوزان تہٕ رادھا تہٕ کرشن کُلِس تَل وۄدِنۍ ہاوُنہٕ آمتی۔ باقی ترِہن مۄنی ژِتھرن ہنٛزِ تگہِ منٛز چھنہٕ سارینےٚ صوٗرژ پِچھانُنہٕ یِوان مگر سِپاہ، نندی، شیرِ وَرأے دوٚن زنین ہُنٛد دھڑ تہٕ ہنوٗمان ہنٛزٕ صوٗرژ چھےٚ صاف۔

مَنٛدرکِس گرٛیہ گرٛیٚہس تہٕ چھِ مۄنی ژِتھر بَنأوِتھ أسی مِتی مگر تِم چھ وۄنۍ ژھیتیمتی۔ (م۔ ل۔ س)

کتاب نامہٕ:

※Mira Seth: Dogra Wall Paintings

## ڈُمٹہٕ بَل

اننت ناگ ضِلعَس منٛز ہانگل گوٚنڈ نکھہٕ چھُ ڈُمٹہٕ بَل واریاہ پرٛون تیرتھ۔ ییٚتہِ ژۄنہٕ تہٕ دِوَے لگان چھےٚ۔ اَتہِ اَتھ آمژِ کرٛیٚہنہِ کِنہٕ ہنٛز وِشنوٗ سنٛزٕ مورتھ چھےٚ

مَندرَس مَنز وہ دِنی ہاونہٕ آمٕژ۔ دوٚیِم مُرتھ چھےٚ گرٕڈس سوار ہری ہَرسٕنز۔ یِمو عَلاوٕ چھےٚ اَتہٕ مہیشا سُرمردنی تہٕ شیٚش شالی وِشنو سٕنز مُرتھ تہٕ اَتھ آمٕژ۔

اکثر مُرژَن ہُنٛد تعلق وِشنوٗہس سٕتی آسنہٕ سٕتی چھےٚ ژینہٕ وَن لگان زِ استھاپنُک تعلق چھُ بڑوٚنہہ کالہِ پیٹھہٕ وِشنو عقیدَس سٕتی اوسمُت۔ مُرژَن ہُنٛد اَنہار چھُ یِمَن وَرمَن دورچَن مُرژَن سیٹھا نکھہٕ اَنان۔ (م۔ل۔س)

کتاب نامہٕ :

*Thapar B.K: Ed. Indian Archaeology, A Review 1976-77

## ڈوڈا ضلعکی قدیم آثار

ڈوڈا ضلعکِس اگرال گامَس مَنز چھِ اَکِہ پرانہِ کَنہٕ مَندرٕکی آثار تہٕ کیٚنہہ مُرژ دریافت کرنہٕ آمٕژ یِمَن مَنز لکھشمی نارایَن، شِو پاروٗتی مہیشا سُرمردنی، دُرگا تہٕ ناگی ہٕنٛزٕ مُرژ کھٕی مہٕ ہتی لچہٕ چھےٚ۔ مُرژگری ہٕنٛدِن یِمَن نموٗنَن چھُ کُنہ تام مَندرَس سٕتی تعلق اوسمُت۔

چنانچہ اُتھی گامَس مَنز چھِ باولِیَن، کوٹھٕ ٹَن تہٕ اَکِہ لکرِ مَندرٕکی آثار تہٕ بَدِ دژاہتی۔ آثارَن ہُنٛد واٹھ چھُ کُنٛوہی مہٕ صُدی سٕتی۔

سَرسِ گاکِہ چھِ اَکِہ قدیم مَندرٕکی آثار اَتھ ینہٕ عَلاوٕ شِو پاروٗتی، لکھشمی نارایَن تہٕ شِو سٕنز رٕوٗدر روٗپہٕ اَکھ مُرتھ اَتھ آمٕژ۔ مُرژ چھےٚ پوٚت پاسہٕ اَچھ پھٹٕتھ دژاتھ تہٕ کلَس پیٹھہٕ چھس ہہنگ۔ مُرتھ چھےٚ یونی پیٹھس پیٹھ وہ دِنی۔ آثارَن ہُنٛد تعلق چھُ ژوداہی مہِ، پَنٛداہی مہٕ صُدی سٕتی۔

اَکِہ باولی ہٕنٛدی آثار تہٕ چھِ موٗجود یِمَن کُنٛوہی مہٕ صدی سٕتی واٹھ چھُ۔ بنڈار کوٹہٕ چھِ اَکِہ کوٹھکی آثار موٗجود یُس چوٗنہٕ سُرخہِ مَنز کنِن ہُنٛد اوسمُت چھُ۔ مقامی لُوکھ چھِ اَتھ مُغل قِلعہٕ وَنان۔ یُس سَداہی مہٕ صدی ہُنٛد چھُ۔

ہِنٛدرابَن جایہٕ چھِ تگرِ اُٹھَن باولِیَن ہٕنٛدی آثار یِمَن ہُنٛد تعلق اَرداہی مہٕ صُدی سٕتی چھُ۔ ہَرلہٕ چھےٚ اَکھ تِژھہ جاے اتھ آمٕژ ییٚتہٕ کتیٚان آثار چھِ دژاہتی۔ اَمہٕ ہُریمانہٕ چھِ اَکِہ کَنہٕ مَندرٕکی تہٕ مُرژہ گری ہٕنٛدی آثار تہٕ دژاہتی۔ منڈی مَنز چھِ اَرداہی مہٕ صَدی ہٕنٛدی کیٚنہہ آثار یِمَن مَنز باولِیہٕ، مندَر، اَڈک مُکھی شِو لِنگ، شِو پاروتی تہٕ نندی سٕنزٕ مُرژ شامِل چھےٚ۔ (م۔ل۔س)

کتاب نامہٕ :

*Debala Mitra: Ed. Indian Archaeology, A Review 1979-80.

رام تہٕ سیتا، وُنس مَنٛز وۄشنو گۄڈان شِو تہٕ پاروتی تہٕ
راس لیلا بیترِ شأمِل چھےٚ۔ (م۔ ل۔ س)

**کتاب نامہٕ:**

*Mira Seth: Dogra Wall Paintings

## راگنیا استھاپن

وُچھو "تُلرِل" (جلد ۱)

## رام جی کا مَنٛدر

جیٚمی شہرس مَنٛز پیپرِ کھہک "رام جی کا مندر"
چھُ روایتہٕ موجوب مہاراجہ گلاب سِنگھنِس بأیِس راجہ
دھیان سِنگھن تعمیر۔ یُس پتہٕ پُنٛژ ونٛشرُھک حُکمران
بنیو۔ تِمی اوس یہ مَنٛدر اَکِس وأراگی سادھو نارائن
داسنہٕ خأطرٕ تعمیر کوٚرمُت۔

مَنٛدُرُک تعمیر چھُ عام مَنٛدرَن ہیٚتی رَلان۔
اَتھ چھُ تھوٚد کلش کھأرِتھ تہٕ نہٕ چھُس نیٚبری کُنہٕ رَنٛگہٕ
کانٛہہ پأراو۔ گرٛبہ گرٛیہس بُتھہٕ پرٛکرمس چھِس ۳۱ مۆنی
زِتھر بنأوِتھ یِمو اَنٛدر وارِیاہ صۆرژ وُنہٕ یوان چھےٚ۔
سأری مۆنی زِتھر چھِ ۴۰.۱ سنٹی میٹر کھجر تہٕ ۲۰۔ سنٹی میٹر
تھزر۔

پرٛکرمس اَژوٚنے پانژن زِتھرَن ہٕنزِ تگہٕ مَنٛز چھُ
مہابھارتُک جنگ، وُنس مَنٛز گوٚرِ تہٕ چیلہٕ، سمنٛدر منتھن
تہٕ مۆہنی رُوپہ، وِشنو دِوتہن تہٕ اسُرن امرِتھ بأگراوان۔
بٕنیِس مۆنی زِتھرس مَنٛز چھُ درۄپدیہ کورون ہٕنٛدِس
دربارس مَنٛز جامہٕ مُژرنُک منظر پیش آمُت کرنہٕ۔ امہٕ پتہٕ
یِوان پانژن مۆنی زِتھرن ہٕنٛز تگ چھےٚ۔ زِ چھِ سارِیے
صۆرژ چھِنہٕ بدنیِران۔ مگر سیتا یہ ہٕنٛدِ سویمبر وِریچ اَکرشن
تہٕ گوٗپیہ، زِ چیلہٕ ہیتھ بابا گورونانک، اشٹپشہِ ناگس پیٹھ لر
تراوِتھ وِشنو تہٕ کرشن تھٔنی زٔرِ نُوان ہِوی منظر چھِ
وُنہٕ تہٕ ٹاکارہٕ۔ کیٚہہ مس مۆنی زِتھرس مَنٛز چھِ پرسرامنہٕ اتھہٕ
سہسربا ہُو سنٛد مار گژھن، رامس تہٕ راونہٕ سنٛز لڑأیے



تہ واندرٕن سیتی کرشن ہاوُنہٕ آمُت۔ واندرٕن سیتی کرٛشن
ہاوُن چھُ عجیب پُٲس رِوائتس ڈلیتھ چھُ، اَمہ اپور ژورٕن
مۆدٕ ژتھرٕن مَنٛز چھُ وِشنو شیشناگس پیٹھ، مہاراجہ
گلاب سنگھ، دھیان سنگھ تہ سوچیت سنگھ اَکس سادھو ہَس
برٛونٛہہ کنہِ، کرٛشن لیشودا تہ گوٗپیہ۔ وۄنس مَنٛز گندان
بلرام تہ کرٛشن تہ کرٛشنہٕ سٕنٛدِس محلہٕ خانس مَنٛز
سُداما ہاوُنہٕ آمُت۔

مۆدٕ ژِتھرٕن مَنٛز چھُ اَکھ ژِتھر خاص توجہ منگان،
یتھ اَندر داند وٲیتھ کرٛشن گرٕ لیوان ہاوُنہٕ چھُ آمُت۔

پیٛر کھٕٹھک رام جی مَنٛدر چھُ مۆدٕ ژِتھرٕن ہنٛدِ
اعتبارٕ ڈۆگرٕ مۆدٕ ژِتھرٕن ہنٛدِس سفرس مَنٛز کاڈُک
تہ جہاٗرک باسس دِوان۔ (م.ل.س)

کتاب نامہٕ:

*Mira Seth: Dogra Wall Paintings

# رأے تھنکی آثار

رأے تھن چھُ سرینگرکِس جنوب مغربس مَنٛز
۳۲ کلومیٹر دوٗر۔ اَتہ چھِ سڑکہ تہ سونہٕ موے ناوچہ
کولہِ درمیان گامس نکھے اَکھ بارستہ کٔنی یتھ ژھَر
کِستہٕ کالہٕ بیٹھ بُتہٕ راگنیا یہ ہُنٛد آکار زانتھ یوٗزا چھ
کران۔

۱۹۷۵ء تام اوس نہٕ اَمہ جایہ ہٕنٛدِس توارٟخی اہمیتس
متعلق اَسہ کُنہِ قسمہٕ کانٛہہ علم، پۆز اَتھی وٲری یُس مَنٛز
کوٗر اَمہ علاقہٕ کِہو لۆکو استھاپنس اَندی اَندی دیوار
اَبنٛدی تہ دھرم سال تعمیر کرنُک فٲصلہ تہ ۱۹۷۵ ہس منٛزٕ
آو اَتہ رٲگنیا آکارس برٛونٛہہ کنہِ کھُدایہ ڈسلابہ کرنہٕ۔ اَتھی
دوران دزایہ کیٛنٛہہ مۆرژ، دۄن تھٕن مَنٛز، یٔیٹھی مہ تھٕہ
مَنٛزٕ یمہ مۆرژ دزایہ تمن ہُنٛد تعلق چھُ ہنٛدو دورس
سیتی تہ بٕنی مہ تھٕہن مۆرژن چھُ بُدھ مَتس سیتی واٹھ۔
اَمہ علاقہٕ دزاو اَتھ جایہ لکر ہٕنٛزٕ مجسمہٕ سازی ہُنٛد اَکھ
نمونہٕ تہ۔ یٔیہ اَکِہ پٕرانہٕ لوکٕٹہٕ موکٕٹہٕ تعمیرک کٔن۔ اَتھ سیتی
دزایہ مینٛزٕ ژٕنہٕ ٹھلہ رٕلہ پینٹنگ معنے یہ نیرتھ ہیکہٕ زِ کہ
تام ساعتہ چھُ استھاپنچہ تباہی ہُنٛد وجہ نار تہ اوسمُت۔
لوکٕٹہٕ موکٕٹہٕ تعمیرک کٔن چھُ پَلس برٛونٛہہ کنہِ جنوٗبس کُن
دزہنٹھی لیوان پینٹنگ گرتھ وَنان چھِ زِ شاید چھُ اَتھ پیٹھ
ستوٗپ اوسمُت۔ یہ چھُنہٕ کانٛہہ تعجب کیتھ نکیا زِ رأے تھنہٕ
گامس بوٗن یہن اَرِ گامہ اَسی اَکہ بودھ وِہارکی آثار
کٔے کال برٛونٛہہ تام موجوٗد، یمہ سیتی نَنان چھُ زِ اَتھ
علاقس مَنٛز چھے بُدھ مَتچہ سرگرمیہ واریاہس کالس چلان
آسہٕ مژ۔ رأے تھنہٕ بوٗن یہن سڑکہ کھوٗرکُن چھے اَکھ لوکٹ
وُڈرٕ یتھ اَز تہ رازٕگیر (راج گدی) چھ وَنان مقامی

لۆکَن ہُنٛد وَنُن چھُ زِ اَتہٕ آسی داند وائن وِزِ مختلف
دورَن ہِنٛدی سِکہٕ نیران یِمو مَنٛز واریاہ سِکہٕ غلام
احمد مہجورَن لُکَن نِش سٕو مبری۔ مہجور اوس رائے تھنس
سیتی اَری گامس تہٕ گرُوٹھس واریاہس کالس
پٕھٹھ آری۔

اَتہٕ یِمہٕ مُرٕژ کھُدایہ مَنٛز دِژامژ چھےٚ، احتیاط نہٕ
سیدٕنہٕ موکھہ چھےٚ تِمہٕ کھنٛڈی پھُٹیہ گامژ۔ اکثر مُرژ چھےٚ
نرم کنہٕ (چوٗنہٕ کنہٕ) ہِنٛز۔ یِوسہٕ علاقس اَندی پکھی بدس
چھنہٕ سپدان۔ بُدھ دورچہ مُرژ چھےٚ فنہٕ تہٕ کاری گری
ہِنٛد لحاظہٕ سیٹھا شوبہٕ دار باسان۔ حالانکہٕ ہِنٛدو
دورچن مُرژن چھنہٕ بُدھ مُرژن ہِنٛز ہِش نفاست،
بلکہٕ چھُ یِمَن مَنٛز پھِریک باس لگان۔ باسان
چھُ زِ یِمن ہُنٛد تعلق چھُ کُہی مہ بہی مہ صدی سیتی،
ییلِہ زَن کشیر مَنٛز مُرژگری ہِنٛزِ ہنرٕ زوال اوس
آمُت۔ اَلبتہٕ لِیُس تہٕ موکھل سبز کنہٕ ہِنٛد وِشنو
اَتہٕ چھُ دِژامُت، سُہ چھُ سیٹھا شوبہٕ دار۔ ظاہرا چھُ یہٕ
بٔلیہ کمہٕ تام جایہ پیٹھہٕ اور اَنہٕ آمُت۔ یِتھے تہٕ موکھل
وِشنو، چھُ اَمہٕ برٕونٛہہ دٕونتی لورِ تہٕ بدس آمُت۔

رائے تھن کِہن آثارَن چھُ یتھہ پاٹھی تریِیو
دورو مَنٛزی نیرن پیومُت۔ گوڈٕ چھُ اَتہٕ بُدھن ہُنٛد
استھاپن اوسمُت پتہٕ بنیوو یہٕ وِشنو استھاپن تہٕ
وُنی کِہن چھےٚ اَتہٕ دیوی ہِنٛز پوزا سپدان۔ (م۔ل۔س)

کتاب نامہ:


*Dembi: Sharda Inscriptions of Kashmir
*Stein: Kalhana's Rajatarangini


## رُپہٕ وَن

رُپہٕ وَن چھُ ژرارِ شریفہٕ پیٹھہٕ شمال مغربس
کُن تقریبن اَکھ کلومیٹر دوٗر۔ یہٕ علاقہٕ اوس کُنہِ تام رازن
حضرت شیخہٕ سندین جدن اَجدادن جاگیر پٕٹھ
عطا کورمُت مگر بدل ونہہ حالاتو کنی پیو تِمن یہٕ جاگیر



تٔرٛاوُن حضرتِ شیخ العالمؒ گُذارٕ عارفانہٕ زِندگی
ہِنٛدی آخری سٕتھ وٕری رُپہٕ وَنہٕ تہٕ اَتھی جایہٕ سیدی
۱۴۳۸ئ مَنٛز رحمتِ حق۔ اَتہِ پیٹھہٕ آو یہِنٛد جسدِ مُبارک
تٔرٛارِ شریف واتناونہٕ تہٕ اوسُودِ کرنہٕ۔

رُپہٕ وَنہٕ چھِ حضرتِ شیخہٕ سنٛز اَکھ زیارَت
یَتھ مَنٛز سوکُنٛ تہٕ چھِ موٗجوٗد یَتھ پیٹھ سُہ یادِ حق اوس
کَران۔ اَتھ کِنہٕ اَنٛدی اَنٛدی چھِ مسجد تعمیر کَرنہٕ آمٕژ
یَتھ چار بام پٔش چھِ۔ اَتھ چھِ گُنٛس بۄن چھمبَس تَل
اَکھ ناگہٕ پوکھر، یَتھ پیٹھ حضرتِ علمدارؒ وُضوٗ آسی کران۔
اَتہِ چھُ سُہ کُل تہٕ موٗجوٗد یمیہ کِس سایَس تَل حضرتِ شیخؒ
ہَنٛد آسی ژیٹان۔

کلچرل اکادمی چھِ شیخ العالم شَشِ صد سالہٕ
تقریبَن دوران اَستانَس مَنٛز اَکھ یادگاری لوَح
نَصب کٔرمٕژ۔ (ش۔ ا)

کتاب نامہ:

*Academy J&K: Burj-i-Noor
*Dedamari: Tarikh-i-Aazmi

## رِڈ زوٗنگ

کھلسی تہٕ سسپولَس درمیان گیراگامَس
بُتھِ رِڈ زوٗنگ گمپہٕ چھُ اَز برٛوٗنٛہہ ۱۱۲ وَری دوہ یُو مٔلی
پوٗتھرِ وتعمیر کوٗرمُت یمِ دوہٕ نٕ لامَن ہِنٛدی اَوتار چھ
مانہٕ یِوان۔ گمپہٕ چھُ اَکِہ نارچہِ تالہِ پیٹھہ تہٕ اوٗت واتنہٕ
باپتھ چھُ سیٛنٛدِ ہِنٛدِس شُمالَس مَنٛز اَکِہ کھوٗنہٕ مَنٛزی
کھَسُن پیوان۔

رِڈ زوٗنگ گمپُک رٕبطہٕ تہٕ ضَبط چھُ سارِی سے
لداخَس مَنٛز مشہوٗر۔ اَتھ مَنٛز چھُ ہَر ہمیشہِ لامَن ہُنٛد
اَکھ خاص تعداد موٗجوٗد روزان ییٚلہِ زَن دوٚیمَن گمپَن



## رتن پور

وُچھِو "رتن دیوی وِہار" (جلد ۱)



ہِشدی لامہٕ اَکہٕ نٕتہٕ بیٚیہٕ واپھ گُمپہٕ ترٛاوِتھ چھِ گژھان۔

گُمپہٕ کِس سمن رَوقَس (دُکھانگ) منٛز چھِنہٕ شاکیہٕ منی، مَیترے یہٕ، امِتیاس ژھونگ کھاپا تہٕ تِمنٛدِ ین دوٚن شِشَن (چیلَن) ہِنٛزٕ وصوٗرژٕ و عَلاوٕ اولوکیشور سِنٛز صوٗرتھ تہٕ لبَن ہِنٛز اکثر جایہ چھِنہٕ تبتی مُسوٗدٕ و سیٚتہٕ آورِتھ یِم جُز دانَن منٛز بٔرِتھ چھِ۔ دوٚیمِس لوکٹِس مَندرس منٛز چھِ اَکہِ طرفہٕ اتِش تہٕ بیٚیہٕ طرفہٕ مَیترے یہٕ۔ مَندرس منٛز چھِ اَکھ بوٚڈ چوٗرتَن تہٕ۔ لامَن ہِنٛدِ ین کُٹھِین منٛز چھِ جان تعدادَس منٛز تھنکہٕ (علمہٕ)۔ بیٚیِس اَکِس بٔڈِس کَمرس منٛز چھِ اَکھ بوٚڈ چوٗرتَن یتھ منٛز گُمپہٕ کِس بانی کار ژھل کٔرِمٕتس، نِی ما، ہِنٛز اُستٲد کہٕ چھِنہٕ۔ (م.ل.س)

کتاب نامہٕ :

*Franche: History of Ladakh
*Snellgrove: Cultural Heritage of Ladakh II

## رنبیر سوامی

وٕیتھ ہِنٛدِ کھوورِ بٔٹھِ ڈل حسن یارٕ موٗجوٗد ازی کہٕ روگھناتھ مَندرُک اَصلی ناو چھُ رنبیر سوامی مَندر۔ مَندرس منٛز چھِنہٕ رام چندر جیٖنی موٗرتی تھاونہٕ آمٕژ۔ شیکھر طرزُک یہٕ مَندر چھُ مہاراجہ رنبیر سنگھن ۱۸۷۵ سنہٕ منٛز تعمیر کوٚرمُت۔ رنبیر سوامی مَندرُک شُمار چھُ گوڈٕ دورکین شیکھر طرزکین مَندرن منٛز سپدان۔

رنبیر سوامی مَندرس چھُ بُتھ مشرقس کُن تہٕ اندی اندی چھِس ژھٔز پیٚنڈ کھٲرِتھ۔ وٕیتھِ ہِنٛدِ بٹھِ پیٹھ مَندرس تام چھُ دِوری کَنین ہِنٛد یارٕبَل کھٲرِتھ۔ مَندرس سیٚتی چھِنہٕ یاترین ہِنٛزِ آسایشہٕ موکھ دھرم سال تہٕ تعمیر آمٕژ کرنہٕ۔ (م.ل.س)

کتاب نامہٕ :

*Hasan: Tarikh I




# روضہٕ بل

روضہٕ بل چھُ سرینگرکِس خانیارس تہٕ
اَنزی مَرٕ مَحلس دَرمیان۔

اَتھ متعلِق چھےٚ مورخو تہٕ غیر مُلکی سیاحو کتابَن
مَنٛز مختلِف رایہِ دِژمٕژ۔ یُوز آصفس سٟتی منسوٗب
اَتھ روضس متعلِق یِموٗ عاٗلمو تہٕ مورخو لیوٚکھمُت چھُ تِمَن
اَندر چھِ خواجہ اعظم دیدہ مری، حسن، ڈاکٹر نذیر احمد،
پروفیسر فدا محمد حسنین بیتر شامِل۔ کیٚنہہ یوٗرپی لیکھن واٲلی تہٕ چھِ
اَتھ یسوع مسیحس سٟتی وابستہٕ کران۔ اَکھتٕے چھِ کیٚنہہ اَتھ تھٕہُنٛد
مقبرٕ تہٕ مانان۔

طرزِ تعمیرکہِ اعتبارٕ چھُ روضہٕ بل کشیرِ مَنٛز وارِیاہَن
اَستانَن سٟتی رَلان۔ اَمہِ کِس تعمیرس اَندر چھُ پوخت
سیرہِ بن سیمنٹک چونٛگ تہٕ کنِن ہُنٛد استعمال آمُت
کَرنہٕ۔ روضہٕ بل چھُ ۴۰ فُٹہٕ زیوٚٹھ تہٕ ۳۱ فُٹہٕ کھوٚل تہٕ کِنِ
چھُس دِوٕری کنین ہُنٛد۔ اوٚک پوٚر روضہٕ بلس چھےٚ
قِبلہٕ پاسہٕ اَٹھ فُٹہٕ زیچھ تہٕ ژور فُٹہٕ کھجہِ کُل پانٛژھ دارِ
یِمَن نقش نِگٲری کَرِتھ چھےٚ محرٲبی چالہِ اَکھ درشن دار

تہٕ چھِنے روضَس لاگِتھ۔ شُمالہٕ طَرفہٕ چھُس ہشے ژور دارِ تہٕ مَشرقہٕ پاسہٕ اَٹھ فُٹہٕ تھزٕ تہٕ ژور فُٹہٕ کھُجہ اَکی گاچہ ترٕے دارِ۔ غلام گردِشَس اندَر چھُ پنجرکارٕ گُرِتھ ۱۹ فُٹہٕ زیوٗٹھ تہٕ سَتھ فُٹہٕ کھوٗل روضہٕ۔ پنجرَس چھِنے ژوٕ پاسے نٕ فُٹہٕ چورَس اَکھ اَکھ شیشہٕ دارٕ۔

روضَس چھُ مَشرقہٕ پاسہٕ دوٗد آرٕ لکرِ ہُند ۶×۹ فُٹہٕ اَکھ سادٕ دَروازٕ۔ وَنہٕ کِنی چھِنے اتہٕ یوٗز آصف تہٕ سید نصیرالدین سٕنزٕ کھمبہٕ چھِ ژادرٕ تمٕ اوِتھ زٕ قبرٕ قبرن ہنٛدِ پیرٕ ہن نکھہٕ چھِنے جنوٗب مَشرقہٕ پاسہٕ اَکھ کَنی یتھ پیٹھ ۱۴ آنچہ زیٖٹھی دوٗن کھورَن ہنٛدی نٕ نِشانہٕ چھِ۔ اَتھ مُتعلق چھُ یوان وَننہٕ زِ یِم نِشانہٕ چھِ یوٗز آصف سٕنٛدِ کھورَن ہنٛدی۔ اَمہِ علاوٕ اُس روضَس نکھہٕ مغربہٕ پاسہٕ اَکھ مُربع چالہٕ دارٕ یتھ اَکی روزَن واَلی مہرینہٕ تہٕ مہرازٕ ہُند وُردن کامیابی باپتھ ترٛاوان آسی۔ اَزکَل چھِنے یہ دارٕ استانَس مَغربہٕ پاسہٕ سٹرک تھزراوِنہٕ سَببہٕ بنٛد گامٕژ۔ (م۔ع)

کتاب زاٛمہٕ:

*F.M. Hasnain: Fifth gospel.
*Hasan: Tarikh I, II
*Nazir Ahmad: Jesus in Heaven on Earth

## روضہ پیر حاجی محمدؐ

پیر حاجی محمد صابٕنٛ مقبرٕ چھُ سرینگرٕ میر محلٕکِس شُمالَس کُن صَراف کدلہٕ۔ پیر صاب اَسی حضرتِ امیرَس سٕتی کٲشیرِ آمٕتی۔ حافظِ کلام اللہ آسنہٕ علاوٕ اَسی عالِم دین تہٕ مُبلغ تہٕ ساری سے واُنٛسہٕ رُوٗدی اسلامُک تبلیغ کران۔ یِم گئے دَسہٕ ۷۹۲ھ (۱۳۹۰ء) مَنٛز ییٖمہٕ عالمہٕ۔ زیارت کِس حاطَس مَنٛز چھُ اَکھ کَنہٕ ژوک ییٚس گرٛتھکہٕ اعتبارٕ بُڈشاہ سٕنٛدِ ڈُمٹھکِس کُنٛس سٕتی رَلان چھُ۔ فرق چھُس صِرف ییٚژرے زِ حاطَس مَنٛز موٗجوٗد کَنہٕ ژاُکس چھِنے مَشرقہٕ تہٕ مَغربہٕ طَرفہٕ ہیر کھارِتھ، ییٚلہِ زَن ڈُمٹھس دریاوٕ طَرفہٕ اَکٲے ہیر چھِنے۔ اَتھ جایہٕ چھُ پرٛدن کُتام تعمیرٕ اوسمُت ییٚمیُک کُنہٕ پنٛنِس اَصلی حالتَس مَنٛز موٗجوٗد چھُ۔

کوٗنہٕ ژیٚنٛنہٕ مَنٛزَس بغلہٕ چھُ اَصلی تعمیر پتہٕ کَنہٕ سٕتی کھارنہٕ آمتی۔ رادٕ طَرفہٕ کِن بغلَن چھُ نکھہٕ نکھہٕ ترٕنے تمرٕنے دِلہٕ بناوِتھ۔

رام چندر کاکُن اندازٕ چھُ زِ ہیر چھِنے پتہٕ تعمیرَس سٕتی واٹنہٕ آمٕژ۔ یِموٕ پاُتر پوٗ سٕتی ہیر کھارنہٕ چھِنے آمٕژٕ تِمہٕ چھِنے دوٗیمہِ کمہٕ تام تعمیرُک حِصہٕ تہٕ بدل کمہٕ تام مَقصدٕ باپتھ اُسمٕژٕ۔ اَتھ اندازَس چھِنے یِتھہٕ کِنی پُشنے گرٛھان زِ ہیر چھِنے اَصل تعمیرِ نِش سیٚدِ سیٚودٕ ژھِنہٕ گامٕژ دٕریٛتھ یوان۔ آنگنَس مَنٛز مَشرقَس کُن چھُ اَصل حاطِہٕ نِش الگ بیاکھ لوکُٹ مکانہٕ یتھ ترٕ اُترٕ محراب تہٕ ڈورِ دار تھَم چھِ لاگِتھ۔

ارل سٹاین سٕندِ وُنُن چھُ زِ آثارن ہُنٛد تعلُق چھُ راز رنادِتیہ سٕندِس تعمیر کرِتھ متس وِشنو رَنہ سوامن مَنٛدرس سٟتی۔

کِنہ ژاکس اندر چھےٚ اَکھ قبرٕ یِیمِک پیٚوٚر وُنہ تہٕ مۄجوٗد چھُ۔ آثارن کھوٗرکھُن چھُ پرانہِ تعمیر کیٚ آثار یِم رَنگ شالایہ ہِنٛدی آسنی گژھن۔

رَنہ سوامن مَنٛدرُک ذِکر چھُ مَنکھہ پنٛڈِتَن پیٚہ وُنتھ کورمُت زِ تَسٕندِس ماُلس اُس اَکھ زبردست پَژھ تہٕ زوٗنراژن چھُ مَنٛدر پٔروٗر پوٗرٕیک خاص مَنٛدر گنٛزرمُت یِیمہ سٟتی ژینہ وَن چھےٚ لگان زِ رَنہ سوامن مَنٛدر چھُ پَنٛداہِمہِ صدی مَنٛز ڈٕنٛجہ اوسمُت تہٕ اوٚت چھُ لوٗکھ پوٗزا یہ باپتھ آسی متی گژھان۔

زیارتکِس حاطس مَنٛز حاجی صابُن دَفن آسُن چھُ سٹاین سٕنٛز نِشاندِہی رَد کران۔ زوٗنراژنہِ بیانہٕ مۄجوٗب چھُ پَنٛداہِمہِ صدی مَنٛز رَنہ سوامن مَنٛدر اکھ آباد مَنٛدر اوسمُت تہٕ آباد مَنٛدرکِس حاطس مَنٛز کیتھہٕ پاٹھی ییہ ہے اَکھ دینی بُزرگ دَفن کرنہٕ۔

(م۔ل۔س)

## کتاب نامہ:

*Hasan: Asrar-ul-Akhyar
*Kak R.C: Ancient Monuments of Kashmir

# روضہ حبیب اللہ نوشہری

یہ روضہٕ چھُ سرینگرکِس شُمالس مَنٛز گاندربل گژھہِ وُن وَتہِ وِچارناگ تہٕ شری بٹ مجلس درمیان نوشہر سڑکہِ کھوورِ پاسہٕ۔ روضہٕکِس حاطس مَنٛز اَژوُن دِچھنی کنی چھےٚ مسجد اُسمٕژ یِیمِک بوٚنیُم حِصہٕ دِوری کنین ہُنٛد چھُ اوسمُت یَتھ پیٚتہٕ مہراج سیرہن ہُنٛز لبہٕ کھارِتھ بُرزِ پیش دِنہٕ اوس آمُت۔ یہ مسجد کُر خستہٕ حالتس مَنٛز آسنہٕ کنی نورالدین بزازن سنہ ۱۹۸۱ء مَنٛز شہید تہٕ کرِن وُسعت دِتھ دوِن وٕرِین اندر نوٚسر تعمیر۔ حاطس مَنٛز اَژوُن کھوورِ پاسہٕ اوس ۲۵ فُٹہٕ چوٗرس تلاو یِیمِک نہٕ اَز کانہہ نِشانہ تہٕ چھُ۔ روٗفس چھُ شانٛدِ طرفہٕ کیٚوٚر یَتھ شوٗژ تہٕ صاف آب اوس۔ یہ چھُ گنٛدِ نالہِ تشگاف گژھنہٕ کنی خراب گومُت۔ اَستانس قبلہٕ طرفہٕ چھُ دِوری کنین ہُنٛد خانقاہ یَتھ مرمت کرنہٕ پیٚتہٕ ٹینہٕ پیش دِنہٕ آو۔ اَتھ خانقاہس مَنٛز چھُ اَز درسگاہ۔

آثارِ وِتلہِ چھُ باسان زِ خانقاہ تہٕ مسجد چھےٚ اَستانہٕ کھوتہٕ سیٹھاہ بٔڑ وٕنہہ آسہٕ متی۔ روٗفس شُمالہٕ طرفہٕ کٔژ پیرِس نکھہٕ چھُ اَز تہِ اَکھ بوٚڈ بارِ پانٛڈوٕ کل مۄجوٗد۔ خانقاہس بوٚنہٕ کنہِ آسہٕ زِ پوٚکھرِ۔ اَز چھےٚ یِمہٕ دوٚ نوٚے



پوٗ کھر گنٛد آبہٕ تہٕ ژھوٹہٕ بیتر ستی پوٚرنہٕ آمٕژ۔ اُستانس چھُ اَندرٕ نێبرٕ سفید چوٗنہٕ گچھ کٔرِتھ تہٕ چوٗنہٕ سُرخہٕ مَشٕز سیرِ بِن ہٕنٛد چھُس لداو۔ روضہٕ چھُ شیرٕ ½ ۳۵ فُٹہٕ تہٕ روٗ یہٕ ¾ ۳۶ فُٹہٕ۔ شُمالہٕ طَرفہٕ چھَس پانٛژھ محرابہٕ دار ذاوِج پێنجرٕ کاری کٔرِتھ دارِ یِمَن پیٹھ ژور مُربع روشندان چھ۔ مَشرِقہٕ تہٕ جنوٗبہٕ طَرفہٕ چھَس یِژھے ترٛێے ترٛێے دارٕ قبلہٕ طرفہٕ چھَس ژٕ دارِ تہٕ دَروازٕ یێتہٕ نوٗر خانہٕ چھُ آمُت بَناونہٕ۔

دَروازٕچ چار چوٗبی چھێے موچرٕ ¼ ۳ آنٛچہٕ یَتھ کوٚرِتھ گُل کاری کٔرِتھ چھێے۔ دَروازٕ چھُ ٹَنگَن پیٹھٕ ½ ۵ فُٹہٕ کھوٚل تہٕ ۳ آنٛچہٕ موٚٹ۔

اُتھ چھُ ترٕ وور چار بام پُش۔ یتھ حالہٕ ٹین چھُ آمُت دِنہٕ۔ بزرنگ چھُس عام رێش طَرزُک، یَتھ پیٹھٕ کَنہٕ سٕر تلیٖوُ ٹور چھُ۔ ساری ہے اُستانس چھُ ختم بَند تالو دِتھ۔

تُربتِ شریفس پیٹھ چھُ اَکھ ژُوٗزُ انٛیل پنجر کاری کرتھ
ژھرِ یتھ پیٹھ زرِ بافہٕ چہ تہٕ کمخابہٕ چہ ژادرہٕ ترٛاوتھ چھےٚ۔
اندرِمِس روضس چھےٚ ژٕ پاری پنجر کاری کرتھ تہٕ قبلہٕ
طرفہٕ چھس شیشہٕ پٹی لاگتھ دارِ یمہٕ منٛزِ زاییر تُربتِ
شریفُک دیدار کران چھ۔

غلام گرِدشہٕ کہ جنوٗب مشرقہٕ طرفہٕ چھےٚ
روضس ستی بیٚیہ اَٹھ قبرہ یمن پیٹھ بدلہٕ کنٛزِ وٕٹال
لاگتھ چھ۔ روضہٕ کہ قبلہٕ پاسہٕ غلام گرِدشس منٛز چھُ
تخت ہیوٚہ یتھ پیٹھ مقامی لوکن ہِنٛدِ ونَنہٕ کنی
خواجہ صاب بہان اَسی۔ آستانس مشرقہٕ طرفہٕ بیٚیہ
مزارس منٛز چھ اَہِنٛدی لواحقین اوسٕدِ تہٕ جنوٗبہٕ پاسہٕ
تہٕ چھس قبرستان۔

خواجہ حبیب اللہ حبّی نوشہری زاد ۱۵۵۵ع
(۹۶۳ھ) سلطان علی شاہ چک سٕنٛدِس دورس
منٛزٕ۔ یوٚدوے آبائی پیشہٕ وانیٛت اوسکھ مگر سلوٗکچہ
وَتہٕ پکنٛچ کلٕ آسکھ لوکچارٕ پیٹھے۔ خواجہ صاب اَسی کاشرٕ
علاوٕ فارسی پاٹھی تہٕ شعر ونان۔

یہنٛزٕ شاعری چھےٚ صوفیانہٕ موسیقی ہِنٛدین
مختلف مقامن منٛز شامل۔ روایت چھےٚ زِ خواجہ
صابُس اوس پانس تہٕ تار وایِنک سلیقہٕ یِم سٕندی
جہانگیر سٕنٛدِس دورِ حکوٗمتس منٛز (۱۸-۱۶۱۷ع)
(۱۰۲۷ھ) منٛزٕ رحمتِ حق۔ (ع۔غ۔ن)

کتاب نامہ:

*Azad: Kashmiri Zaban Aur Shairi II
*Hasan: Asrar-ul-Akhyar
*Sufi: Kashir II

## روضہ سید محمد عالیؒ

سید محمد عالی سُنٛد روضہٕ چھُ بڈگامُ ضلعس
منٛزٕ پکھرپورٕ ہکر یاچہ ہِنٛدِس بٹھس پیٹھ۔ یہُنٛد روضہٕ
چھُ سارِ کشیرِ منٛزٕ مشہوٗر تہٕ دوٗر دراز علاقو پیٹھٕ چھ لوکھ اور
زیارت کرنہٕ واتان۔ اَمہٕ روضک پرٛون طرزِ تعمیر اوس
بلکل تشٕے یتھ عام ریٚشن آستانن چھُ آسان، البتہٕ
پرٛانس تعمیرس اَس نفیس پنجر کاری۔ نوٚو روضہٕ
تعمیر کرنس منٛزٕ چھےٚ اَمِنک پرٛون طرزِ تعمیر برٛتھ رنگہٕ
ڈٕنجہ تھاونچ کوشش آمژ کرنہٕ۔ یتھ منٛز واریاہس
حدس تام کاری گرن کامیابی سپنٕزمژ چھےٚ۔ روضک
آنگُن چھُ حاطہٕ بنٛد یتھ منٛز اَژنہٕ باپتھ مشرقہٕ تہٕ شمالہٕ طرفہٕ
ڈیڈٕ چھےٚ۔ روضس چھُ بُتھ مشرقس کُن۔

سید محمد عالی سٕنٛدِس روضس پیٹھ چھُ پرٛتھ
وُری یہ اَگستس منٛزٕ ماٛلہٕ لگان، یُس رتھس کھنٛدس
چلہٕ وُن روزان چھُ۔ تاریخ خاص کتھ چھےٚ یہ زٕ اَتہٕ چھُ زیلن

روضہ سید محمد عالی

زراعت کماوَنس مَنز اَکار بکار ییٚنہٕ وول سامانہٕ پکنُن آسان۔ بڑوٚنہہ کالہِ اُس مالُس پیٹھ پھلوان دَب تہٕ سَپدان تہٕ دوٗر دراز علاقوٚ پیٹھہٕ ییتھ گیوٚن وٲلۍ اُسی روضَس اَندۍ یکھو گیوٚن لاگِتھ حاضری دِوان۔

سید محمد عالیؒ اُسی بذاتی بلخکی روزن وٲلۍ۔ اَوے چھِہِم سیّد محمد بلخی ناوِ تہٕ مشہوٗر۔ سیّد صابِن اوس سلطان سکندر (۱۴۱۳ - ۱۳۸۹ء) سِندِ وَقتہٕ تشریف اوٚنمُت تہٕ ناگمی پرگنَس مَنز اوس تُس جاگیر عطا کرنہٕ



آمُت۔ سید محمّد عالی صأب اُسی حضرتِ شیخ العالمؒ
ہِسندی مُرید۔ یَنُن اہل وعیال ہیتھ چھِ یِم پَتھ پورِکِس
روضَس مَنز اوسوٚد۔ (م۔ل۔س)

کتاب نامہ:

*Hasan: Asrar-ul-Akhyar

## روضہ شیخ احمد ژوگلیؒ

یہ روضہٕ چھُ سوپور پیٹھٕ کوٚپوارٕ گژھنہٕ وٚن ۲۰
کِلو میٹر دوٗر ہنٛدوارٕ تحصیلہٕ کِس ژوگُل گامَس منٛز۔
شیخ احمد اوس مخدوم صابُن خلیفہٕ۔ تمی چھِ شیخ
حمزہ مخدومؒ سٕندِ زِندگی پیٹھ رسالہٕ سلطانیہ ناوٕ کتاب لیچھمٕژ
رحمتِ حق گژھنہٕ پتہٕ آو تمی سٕندِس مقبرَس پیٹھ اَکھ روضہٕ
تعمیر کرنہٕ یُس ژوگلہٕ اَکِس لبرَس پیٹھ چھُ۔ اَتھ روضَس
گٔییہِ مختلِف دورَن منٛز مرمَت۔ سنہ ۸۳-۱۸۸۲ہٕ منٛز
آو روضہٕ احمد خان ناوِ عقیدت مَند سٕندِ دٔسی نٔوِس
تعمیر کرنہٕ۔ اَمِچ ژینہٕ وَن چھِ تمہٕ کتبہٕ سیتی لگان یُس
روضہٕ کِس دروازہٕ ہَنٛگَس کھُنٛنہٕ چھُ:

ع

روحتِ پُرفیض حضرت شیخ احمد فیض مند
ہست احمد خان بانی ایں مکانِ بہرہ ور



شد تمام انجام کار فیض بار دِل پسند
یک ہزار و سہ صد بودہ سنۂ ایں نامور

۱۳۰۰ھ =(۱۸۸۲ء - ۱۸۸۳ء)

اَمہٕ پتہٕ تہٕ گٔییہِ روضَس وَقتہٕ وَقتہٕ مرمَت۔ مگر
دارِ دروازٕ چھِس پرٛأنی لاگنہٕ آمتی۔ صِرف چھُس تالوٚ
بدلاونہٕ آمُت۔ پرٛأنِس اَستانَس چھُ اوسمُت برٛزٕ
پَش۔ یَتھ پیٹھ معموٗلی برٛنگ چھُ اوسمُت۔ روضس چھُ تقریبَن
ژٕ تھہِ وری برٛدٕ نہٕ ٹین دِنہٕ آمُت۔

أستان چھُ چوٗنہٕ سُرخہٕ لیپٕے کٔرتھ سیرِن تہٕ کنین ہُند تعمیر۔ زیٚچھر چھُس ۲۹ فُٹہٕ تہٕ کھجر ۲۲ فُٹہٕ کٔن چھُس ۱۰ فُٹہٕ تھوٚد۔ روے چھُس جنوٗبہٕ پاسہٕ۔ أستانُس تام کھسنہٕ خاطرٕ چھِنے حال حالے خوٗبصورت ٹالہٕ لاگِتھ ہیر کھارنہٕ آمٕژ۔ دَروازٕ طرفہٕ چھُس ڈٔب گنڈِتھ۔ اَتھ تہٕ چھِنے ٹالہٕ وَتھراوِتھ۔ أستانُس چھِنے مَغربہٕ پاسہٕ ژور، شُمالہٕ پاسہٕ ژور تہٕ مَشرقہٕ پاسہٕ ترٛینے پَنجرٕ دارٕ۔ جنوٗبہٕ پاسہٕ چھِنے دَروازُس دٕچھِنی کھوورِ اَمی



گاچہٕ زٕ زٕ دارٕ۔ ۹½ فُٹہٕ چورس روضہٕ چھُ خوٗبصوٗرت پَنجرٕ کاری کٔرِتھ یَتھ أندرٕ سیمنٹ کٔرِتھ پیوٚر چھُ۔ اَستانک علام گردِش چھُ مَشرقہٕ پاسہٕ ۸ فُٹہٕ، شُمالہٕ پاسہٕ ۵½ فُٹہٕ، مَغربہٕ پاسہٕ ۱۰ فُٹہٕ تہٕ جنوٗبہٕ پاسہٕ ۵ فُٹہٕ۔ علام گردِشِکِس شُمال مَغربی کوٗنس مَنٛز چھِنے صدیق بوے ناوٕ بُزرگ ہِنٛز قَبرٕ بیٚیمہ سُند ذِکر تاریخِ حسنُس مَنٛز تہٕ چھُ آمُت۔ اَمہِ علاوٕ چھِنے قبلہٕ پاسہٕ بیاکھ قَبر تہٕ یَتھ مُتلِق وَننہٕ چھُ یوان زِ یہ چھِنے شیخ احمد سُندِس کُس تام رِشتہٕ دار ہِنٛزٕ۔ دوشوٕنی قَبرَن چھُ پیٹھٕ سیمنٹ کَرنہٕ آمُت۔ دُوور چار بام ٹینہٕ پَش کٔرِتھ اَتھ أستانَس چھُ چھتراولی طرٕزُک ٹینہٕ بٔرنگ۔ أستانُس چھُ ژووا پارٕ قبرستان أتھ چھُ شُمالہٕ پاسہٕ ترٛینے پیٖرِ یمَن مَنٛز اَکھ پیوٚر شیخ مسعوٗد سُند چھُ۔ آستانُس جنوٗبہٕ پاسہٕ لامنِس مَنٛز چھِنے جامع مسجد تعمیر کَرنہٕ آمٕژ رٕسی۔ ای بیٹس سُند وَنُن چھُ زِ اَتھ جایہِ اُس بڈٕ وٛنہہ تہٕ مسجد۔

أستانُس پیٹھٕ چھِنے پرٛتھ وٕرِہیہ ۷ ار ربیع الاول ختمات معظماتَن ہِنٛز محفل سَپدان۔ (م۔ا۔ا)

کتاب نامہ:

*Bates: Gazetteer of Kashmir
*Hasan: Asrar-ul-Akhyar



## رُضہٕ مرزا اکملُ الدّین بدخشی

یہِ روضہٕ چُھ سرینگرس شمالہٕ کِنۍ علم گرؠ بازرس تہٕ خُولس درمیان سٹرکہِ پیٹھ ڈچھنہٕ پاسہٕ۔ قبلہٕ طرفہٕ چُھس اِمام بارہ زڈی بل تہٕ شمالہٕ طرفہٕ مدین صابُن۔ مرزٕ صابس علاوٕ چھِ روضہٕ کِس حاطس مَنٛز خواجہ شاہ نعمت اللہ کلو، خواجہ قایمُ الدّین پتلو، تہٕ شہزادہ خانم تہٕ آسوٗدٕ۔ یہِ اَستان کوٚر خواجہ قایم الدّین پتلوَن گوڈٕنچہِ لٹہِ مرزٕ صابنہِ رحمتِ حق گژھنہٕ پتہٕ تقریبَن دو یہِ وٕہری ۱۸۲۰ء ۱۲۳۲ھ مَنٛز تعمیر تہٕ اُتھ لٔر لوٚر شمالہٕ پاسہٕ اَکھ مسجد تہٕ بناوٕنہٕ یہِ حالے نوِ سرٕ تیر نہٕ سنبالنہٕ چھےٚ آمٕژ تہٕ پتہٕ کنہٕ مشرقہٕ طرفہٕ چُھس غُسل خانہٕ تہٕ آمُت بناونہٕ۔ اَستانہٕ کِس تعمیرس اوس میٚژرِ تہٕ مہرٔجی سیرِن ہُنٛد لداو۔ یمکی آثار اَستان کہِ درواژٕ تلہٕ چھِ نَنان۔ یہِ درواز چُھ ½۵ فُٹہٕ تھزر تہٕ ½۲ فُٹہٕ کھجر تہٕ اَنٛچہِ لبہٕ تہٕ ژٕبنی چھِ میٚژر بور گرٕنہٕ یمَن معمولی گلکارۍ کرٕنہٕ چھےٚ۔ درواژٕ اژوُن ۷ × ۵ فُٹہٕ ووٚٹ چُھ دوہنی اَستانس وُسعت دِنہٕ کِنی اَمہِ کِس حاطس ستہٕ

رَلاونہٕ آمُت۔ روضہٕ چھُ اَنٛدرٕی اَنٛدرٕی ۵۷ فُٹہٕ رُوٕ بیہِ کِنہٕ تہٕ ۴۴ فُٹہٕ شیر۔ جنوٗبہٕ پاسہٕ چھُس ڈَبہٕ ڈالانہٕ یُس وونی نورخانہٕ چھُ تہٕ اَتھ پاسَس چھِ ساری سے شیشہٕ لٲگِتھ۔ قبلہٕ طرفہٕ پاتٛژن دارِن تہٕ چھِ شیشہٕ آمتۍ لاگنہٕ۔ تالَوِ چھُس نوٚو ختم بَند طرزُک ۔ اَستانَس چھُنہٕ کُنہٕ قسمُک بٔژنگ۔

مزارِ شریف اوس گوڈٕ تہٕ ژُنٛس نَبَس تَل تہٕ اَز تہٕ چھُ تتھے کَنۍ اَماپوز مرزٕ صٲبنس تُربتہٕ شریفس چھُ ووٚنۍ سنگِ مرمرُک سرتابہٕ آمُت بناونہٕ۔ یتھ مرزٕ صٲبنۍ کینٛہہ فارسی شعر کھنہٕ چھِ آمتۍ۔

مرزٕ صٲب زاے ۱۶۴۴ء (۱۰۵۴ھ) اَنٛدر شاہ جہاں سٕندِس دورِ حکومتس منٛز۔ آدنے کٔرِکھ عرفانکۍ مَنزِل طے۔ یِم اَسی فارسی زبٲنۍ ہٕنٛدۍ صوٗفی شاعر۔ "بحر العرفان" چھےٚ اَہنٛز شاہکار تصنیف یوسہٕ شیتن ساسن بٲتن ہنٛز مثنوی بحرِ خفیفس منٛز چھےٚ۔ دۄیِم کِتاب چھےٚ "مخبر الاسرار" یتھ منٛز قصیدٕ غزل بیترِ چھِ۔ مرزٕ صٲب گٔیۍ ۱۷۱۸ء (۱۱۳۱ھ) منٛز رَحمتِ حق۔ (ع۔غ۔ن)

کتاب نامہ:

*Azad: Kashmiri Zaban Aur Shairi II
*Hassan: Asrar-ul-Akhyar

## روضہ محمّد امین اویسیؒ

سرینگرس منٛز وٕتھ ہٕنٛدِس ڈٕچھنِس بٔٹھِس پیٹھ عٲلی گدلَس نَکھہٕ چھُ سید محمد امین منطقی سٕنٛد روضہٕ۔ اَتھ چھےٚ مَشرقہٕ پاسہٕ رینچن شاہ سٕنٛز مسجد تہٕ قبلہٕ طرفہٕ گزٕ ہتھ جُرا دوٗر عبد الرحمان بُلبُل صٲبنۍ زیارَت۔ سید محمد منطقی لیس اوس اویسی تخلص تہٕ یِتھ پٲٹھۍ چھُ اویسی صٲب ناوٕ ژٲنِس تَل۔ اویسی صٲب اوس صاحبِ کمال روٗحٲنی بزرگ تہٕ پننہٕ وقتہٕ فارسی زبٲنۍ ہٕنٛد مشہوٗر صوٗفی شاعر۔ سُہ اوس بُڈشاہ صٲبن منگتہٕ نیچوٗ اویسی صٲبنۍ آو ۲۹ ذی قعد ۸۸۹ھ (۱۴۸۴ء) شہید کرنہٕ۔

روضہٕ کِس حاطس منٛز چھےٚ قبلہٕ طرفہٕ اَکھ ڈُپوٗر پوٚختہٕ مسجد۔ اَستانَس چھُ شُمالہٕ پاسہٕ چہ لَبہ کَتبہٕ لٲگِتھ یتھ آیت الکرسی تہٕ اَتھ تَلہٕ شہیدِ کشمیر عبارت کھنِتھ چھےٚ، بییمہٕ تَلہٕ اَوٕ ہٕنٛد رحمتِ حق سَپدُنُک مادہ تاریخ (۸۸۹ھ) ۱۴۸۴ء نیران چھُ۔ اَستانَس چھُ ۲½ فُٹہٕ تھوٚد کَنہٕ ژوکھ تہٕ سُرخہٕ منٛز چھُس کَنِن تہٕ سیرِن ہُنٛد لَداو۔ اَتھ چھُ غلام گردِش تریٚیوَ پاسَو ۱۴ فُٹہٕ کھجر وُسعت دِنہٕ آمُت تہٕ شمال مغربی کونس تل چھُس درواز ٔ ژٹنہٕ



آمُت۔ روضس چھُ أندرٕ ۱/۲ ۳ فُٹہٕ کھجر غلام گردش
یَتھ تالوٗس پیٖپر مأشی تہٕ لبَن گُلکأری کٔرِتھ چھےٚ۔
یہِ أس بالا ڈٔری تہٕ أتھ مَنٛز اوس اویسی صاٲب گوشہٕ
نشیٖن، ییٚلہِ سُہ شہیٖد آو کَرنہٕ۔ پیٖپر بَدَل چھُ تربتس ژٔندَن
لکڑِہٕ ہنٛد تختہٕ لاگِتھ یَتھ پیٹھ پنٛجرٕ کأری کٔرِتھ ژٔھر چھُ۔ روضہٕ
چھُ نقأشی کٔرِتھ ڈٲوفی ہَنٛچہٕ ہُنٛد۔ أتھ چھ ژٕو شوٗبے
طرفوٕ بڈٕی بڈٕی شیشہٕ پٔٹی لاگنہٕ آمٕتی۔ زیارت چھےٚ
عام رٲژش طرزِ تعمیرٕچ مٲری مَنٛز مِثال۔ أتھ چھُ ڈوٗور
چار بام ٹینہٕ پتھ یَتھ پیٹھ برٛنگ چھُ۔ اویسی صاٲبُن
وہرُس چھُ پٔرِتھ ڈٔری یہِ ۲۹، ذیقعدہ مَناونہٕ یِوان۔
(ع۔ غ۔ ن)

کتاب نامہ:

*Hasan: Asrar-ul-Akhyar
*Noor-ul-Din-Zahid: Intizamiya Kameetee Uvaisi

# روضۂ ملک صاٲب

ملک صاٲبُن روضہ چھُ سرینگرٕ وٕتیقہٕ ڈچھنہٕ
پاسہٕ ہفت یارٕبل تہٕ پالہٕ یارٕبل مَحلس دَرمیان
لال چوکہٕ پیٹھٕ ۴ کِلومیٖٹر دُور۔ اَمہٕ کِس مَشرِقس مَنٛز چھُ
صفا کدٕل تہٕ شُمالہٕ أندٕ گاش مَحلہٕ۔

خانقاہس مَنٛز چھُ ملک احمد یتو دفن، یُس
سلطان حسن شاہ (۱۴۷۲ء۔ ۱۴۸۴ء) سُنٛد وزیرِ اعظم

اوس۔ اَتھ عہدس پیٹھ رُوزتھ گوٚ اُمس بہادر فوٗجی جرنیل تازی بٹس سیٖتی اختلاف، یمہِ سیٖتی حسن شاہ سٕندِس انتظامس کھُرآو۔ اُمی سُند باغی ذہن ژیٚنتھ بوٚر حسن شاہن۔ ملک احمد یتو دوٚن وٚری ین جیل تہٕ کڈ ناوِنس اُچھ تہٕ پتہٕ سُپُد جیلس منٛزے رحمتِ حق۔ بابا اسماعیل زاہدؔ سُند ٹوٹھ مُرید آسنہٕ سببہٕ اوس صاحبِ حال تہٕ۔

ملک صابُن روضہٕ کُمی چھُ تعمیر کوٚرمُت اَتھ متعلق چھُنہٕ کانٛہہ تہٕ حوالہٕ نظرِ گژھان۔ ۲۴ فُٹہٕ چوٗرس روضس اوس دوٗری کنین ہُنٛد کُن تہٕ اَمہِ کِس لداوس منٛز اوس دوٗدار لکرِ علاوٕ زیٖنہٕ تہٕ سیرِ ہُن ہُنٛد استعمال آمُت کرنہٕ۔ روضس اوس لکہِ ہُنٛد ترٚ کوٗنٛل بژنگ یتھ نقش نِگاری ۱۹۳۴ء ہس تام لبنہٕ اُس یوان۔ بژنگس پیٹھ اوٗسس سرتلیوٗ کلش کھالتہٕ یمہِ کِس تیٛنتالِس پیٹھ سرتلیوٗ ژنٛدر بناوِتھ اوس پٚتھس اوٚسس بُرز۔ یہ روضہٕ چھُ مقامی لوکو مہاراجہ ہری سنگھنِس دورس منٛز ۱۹۳۴ء منٛز دُبارٕ تعمیر کوٚرمُت۔ طرزِ تعمیرکہِ لحاظہٕ چھُ ملک صابُن روضہٕ کٔشیرِ منٛز



واریاہن ریشن خانقاہن منز رٗلان۔ امہ کس نٔوس
تعمیرس منز چھ پرانہ خانقاہکی پٲٹھی زینہ، لکر تہ
مہاراجی سیرہن ہنٛد استعمال آمت کرنہ۔ خانقاہک
بوڈ دروازٕ چھ ۴ فٹہٕ تھوٚد تہ ژور فٹہٕ کھوٚل تہ اتھ پیٹھ
چھ پوشہ ذاژن ہنٛدی نقش وہ تلاوتھ۔ ۲۴ فٹہٕ
چورس خانقاہس چھنے ژورشوٕے پاسو ستھ فٹہٕ
کھجہ تہ ژور فٹہٕ تھز پنجرہ دار، یمن پیٹھ ڈایہ فٹہٕ کھجر
ووٚبی چھ۔

ملک صابنس روضس چھ پشس ٹین، یتھ
پیٹھ ترکونل بزنگ چھ۔ دروازس اژونے چھ ملک
صابن روضہ، ییٚمہ کس پیپرس پیٹھ "عاقبت خیر آباد"
کھٔنتھ چھ۔ روضس نکھہ چھ جنوبہ تہ مغربہ اندٕ واریاہ پرانی
پیپری نظرِ گژھان۔ یمن متعلق یہ مشہور چھ زِ یمہ قبر چھنے
ملک احمد یتو سندین انگن اشناون ہنٛز۔

مغربہ پاسہ چھنے روضس نکھے اکھ مسجد یوسہ
بقولِ مورخ حسن ملک صابن تعمیر کرٕمٕژ چھنے۔ اتھ
چھ مخدوم مسجد اوکنی ونان تکیاز اتھ متعلق چھنے اتہ کین
لوکن ہنٛز روایتھ زِ اتھ جایہ اسی حضرتِ شیخ حمزہ مخدوم
واریاہس کالس عبادت کران۔ (م۔ع)

کتاب نامہ:

## روضہ میاں شاہ صاب رح

یہ روضہ چھ سری نگرہ باغ جوگی لنگر تہ
نایدیارس درمیان دوہ در پوہ کھر ہنٛدس ٹھس
پیٹھ۔ اتھ چھ شمالہ پاسہ امام بارہ حسن آباد۔ روضس
چھ جنوب مغربہ پاسہ خانقاہ ییٚتہ میاں شاہ صاب
گوشہ نشین اسی۔ میاں عبدالرحمان شاہ صاب
چھ میشاہ صاب ناوٕ تہ ولس تل۔ اکثر ہانز چھ
ناولمن وزِ میشا صابن ناو "میشا پاشہ" دررآوتھ سوان۔
کاشر مشہور ووپ شنہ میشا، رُد بہاوالدین تہ
داوٕ بٹہٕ مول چھ ترین روحانی بزرگن کن اشارٕ کران۔

میاں شاہ صاب اوس ڈاہمہ صدی ہجری منز
مخدوم صابس نش نہ وورے ملاقاتس گژھان۔
قبلہ طرفہ چھنے ہندس روضس مسجد یتھ نہ ازتام کانٛہہ
مرمت چھنے آمٕژ کرنہ۔ غلام گردشس وسعت
دِتھ چھس جنوبہ پاسہ دروازٕ آمت بناونہ۔ یُس
مشرقہ طرفہ چھ اوسمت۔ مشرقہ طرفہ چھ غلام گردشس
وسعت دِتھ نورخانہ آمت بناونہ۔

استانس چھ اندرٕ نیٚبر سفید چونہ گچھ کرتھ
چونہ سرخہ منز نہرہ آجی سیرن ہنٛد چھس لداو۔
روضہ چھ اندری اندری ریہ یہ کنہ ۲۸ فٹہٕ تہ شیر طرفہ

۲۲½ فُٹہٕ۔ شُمالہٕ طرفہٕ چھُس ژور محرابہٕ دار زاُوِج پنجرٕ کاٗری کٔرِتھ دارِ یِمن پیٹھ روشن دان چھ۔ قبلہٕ طرفہٕ چھُس یِژھے ترٛے دارِ۔ تُربتہٕ شریفس چھُ زاُوُیل پنجرٕ کاٗری کٔرِتھ ژھر یتھ پیٹھ زر بافچہ تہٕ کمخابہٕ چہِ ژادرٕ تراُوِتھ چھےٚ۔

روضس چھِ ژُو شوے پاسو شیشہٕ لاگِتھ تہٕ زاُیر چھِ ژُو پاسے تُربتہٕ شریفُک دیدار کٔرِتھ ہیکان۔ اُتھ چھُ ساٗری سے ختم بند تالو دِتھ۔ پتس چھُس ترٛ وور چار بام یتھ پیٹھٕ عام رٕنش طرزُک بڑنگ چھُ۔ (ع۔ غ۔ ن)

کتاب نامہ:

*Hasan: Asrar-ul-Akhyar

## رگھناتھ مندر (پُرانی منڈی)

جٔیمی شہرس منز پرانہٕ منڈی ہُند رگھناتھ مندر چھُ مہارانی بھندرالی ہُند تعمیر۔ مہارانی بھندرالی اوس اصلی ناو ایشوری دیوی یس اُس بھندرال کس جاگیردارٕ سٕنز کوٗر یٔیمہٕ کنٛز سو مہاراجہ رنبیر سنگھس باگِنٛ ییٚنہٕ پتہٕ مہارانی بھندرالی ناوٕ مشہور گیہ۔



ایشوری دیوی گر ۱۸۸۰ء منز مہاراجہ رنبیر سنگھن نیتھری تہٕ ۱۸۸۴ء منز گو رنبیر سنگھ دٲیس ٹوٹھ۔ اَمہٕ وِزِ اُس مہارانی صرف سداہ وٕرِش۔

مہاراجہ رنبیر سنگھنہٕ گزرنہٕ پتے لوگ مہارانی پرانہٕ منڈی ہُند رگھناتھ مندر تعمیر کرُن تہٕ اُمیُک تعمیر کرنس منز کوٚر تمہٕ سُہ رقم خرچ یُس تس مالہٕ نٛیُک گہنہٕ پات کھٕنتھ حاصل سُپُد۔ تعمیر کٔرِتھ کوٚر تمہٕ مندر بابا پُشکر داسس ارپن یُس تس پننِس یشٹہٕ دیو رگھناتھ سُند روٗپ باسان اوس۔ بابا پُشکر داس اوس

دأژ بُترأژ کٔنی ڈٲگرتہٕ عقیدٕ کہنی اوس وِشنُو عقیدٕ کہِن
وٲرٲگِہن مَنٛز شٲمِل۔

مہارانی اَیس کینٛژرٕس کالس پانہٕ تہٕ مَنٛدرٕچہ
مۄڈی ژٕتھرُوسیتی پٲرٲوِتھ بیٹھکہِ مَنٛز روزان تہٕ اَتہٕ روزنہٕ
خاطرٕ اُس سو بابا پُشکر دأسس باقاعدٕ کرایہٕ دِوان۔ بابا
پُشکر داس اوس پَنُن پان مَنٛدرُک سر پرست مانان
تہٕ اَتہٕ یِم سادسَنت روزان اَسی تِمن اَس نہٕ کُنہٕ
رٔنٛگہٕ کرایہٕ بیترٕ ہینہٕ یِوان۔ مَرنہٕ برٛۆنٛہہ پٔھن کوٚر
مہارانی پَنُن سورُے جاداد مَنٛدرٕس اَرپَن۔

بابا پُشکر داسنہٕ گُزرنہٕ پَتہٕ بَنیو داہ ایکڑ زمین
ہیتھ یہِ مَنٛدر راماننٛد سمپرداےہ ہِنٛز مِلکیت۔

مَنٛدرٕ، دھرم سال تہٕ مہنت ہِنٛزٕ لبن۔ جاے
چھہ اَکی تعمیرٕ کِس حِصہٕ تہٕ یِمن اَنٛدر اَژنہٕ باپتھ چھہ اَکے
دَروازٕ استعمال یِوان۔ مَنٛدرُک تہٕ اَتھ سیتی وابستہٕ مَنٛدرن
ہُنٛد طرزِ تعمیر چھُ کُنُوہِمہِ صدی ہِنٛدِ پہاڑی
طرزِچ ژیٚنہٕ وَن دِوان مگر اَتھ پیٹھ چھُ راجستھانی طرزِ
تعمیرُک تہٕ اَثر۔ مَنٛدرُک کلش چھُ گوجر پرتہار مَنٛدرن
ہِنٛدِس شِکھرس سیتی رَلان۔

مَنٛدرُک نیٛبر ژِم حِصہٕ چھُ لۄکٕٹ تہٕ دوٚر مگر
اَنٛدرِم حِصہٕ چھہ اَکہِ سرتاجٕ پوشہٕ گۆنٛدنُک احساس
دِوان۔ مرکزی مَنٛدرس چھُ اَنٛدرٕ کانٛہہ پٲراد تہٕ عام
رہایشی کَمر تہٕ چھہ اَمی چالہٕ۔ مرکزی مَنٛدرس مَنٛز چھِ رام
سیتا تہٕ لکشمن ہِنٛزٕ مُرژٕ۔ اَمہِ علاوٕ چھہ مَنٛدرکس حاطس
مَنٛز بیٚیہِ سَتھ لۄکٕٹی موکٕٹی مَنٛدر یِمن اَنٛدر، شنکر،
نٹور شنکر، دُرگا، بدری نارایَن، لکشمی نارایَن، مہاراج
دھرم راج، ہنومان تہٕ بابا پشکر داسنی سمادھ شامِل
چھےٚ۔

رہایشی کَمرٕ اَنٛدرٕ چھہ ژٕ ترٕ کمرن سیٹھاہ خوٗبصورت
مۄڈی ژٕتھر بنٲوِتھ۔ یِتھے پٲٹھی چھےٚ مہنت ہِنٛز بیٹھک
تہٕ مۄڈی ژٕتھرُو سیتی شُوبراونہٕ آمژ تہٕ اَتھ چھہ تالوس تہٕ
ژٕتھر بنٲوِتھ۔

مہنت ہِنٛز بیٹھک چھےٚ داہ میٹر زیٛٹھ تہٕ ترٛے
میٹر کھٔج۔ نظرن تھکاوٹ کاسنہٕ خاطرٕ چھےٚ مصوٗرن لبہٕ

ترٛیِٚے باگنِیہٕ کرمٕژ، یِمَن منٛزٕ ژِتھرَن ہنٛز دوٚیِم تگ پٔرٛتھ باگنِیہٕ منٛز رام سٕندِ وَنواسچ باوَتھ چھےٚ کران۔ ترٛیِیم تگ چھےٚ رامَس تہٕ راونَس دَرمیان جنگچ باوَتھ۔ پیٚٹھ کنہٕ ژتگرٕ منٛز چھہٕ میوٕ آہتی ہاونہٕ تہٕ بۆنہِم تگ چھےٚ گُلکاری ہنٛز نِشاندہی کران۔ بیٹھکِہ ہنٛدِن باقی دیوارَن پیٚٹھ چھہٕ رامایَن تہٕ کرٛشنٕ لیلایہٕ ہنٛد منظر بناوِتھ، یِوز یِمَن انٛدر چھُنہٕ موضوعی اعتبارٕ تسلسُل نظرِ گژھان۔ کُٹھِکی مۆنی ژِتھر چھہٕ خاص کٔرِتھ رام سُند وَنواس ہاونہٕ خاطرٕ استعمال آمتی کرنہٕ یِمَن انٛدر وَنَس منٛز تِہنٛدی تکلیف خاص کٔرِتھ تِم اِذایِم تِمَن راونہٕ سٕندی دَسی واتی، تِہنٛز فتح مندی، اجودھیایہٕ کُن واپس یُن تہٕ رام سٕنٛز تاجپوشی شامِل چھےٚ۔ کُٹھِس منٛز دَروازس پیٚٹھ چھُ ردھی تہٕ سِدھی، ہیتھ گنیش سُند مۆنی ژِتھر۔ کُٹھِس منٛز اَژونے چھُ راجٕ دَشرتھ سٕندِ دَربارُک منظر اُچھن برٛونٛہہ کُن یِوان۔ اَتھ مۆنی ژِتھرس چھُ سوٚنہٕ پاشس کٔرِتھ تہٕ دَربارِن ہنٛدِس پوشاکَس منٛز رٔنگن ہُنٛد استعمال اُچھن شیٚہلتھ پاوان۔ رام چھُ لکشمَن تہٕ بھرت سیتی ہیتھ سنگھاسنَس پیٚٹھ بِہِتھ تہٕ شُترگن چھُ تِمَن برٛونٛہہ کنہٕ وۄدنی۔ دَربارکِہ اَمہٕ منظرٕ دٔچھن کُن چھُ اَکھ لوکٕٹ کُٹھ یتھ منٛز راجٕ دَشرتھ شاہانہٕ سان سنگھاسنَس پیٚٹھ بِہِتھ ہاونہٕ چھُ آمُت۔

رانی منڈی ہُنٛد رگھناتھ مَنٛدر چھُ کُنوُہِمہ صدی منٛز ڈوگری مۆنی ژِتھرَن ہُنٛدس پوشہٕ باغَس یتھ جہارتہٕ چھُ تہٕ رنگا رنگی تہٕ۔

مۆنی ژِتھرَن انٛدر ہرگاہ رامایَن، کرٛشنٕ لیلا تہٕ شیوی عقیدَن ہُنٛد پرتو نۆن تہٕ ٹاکارٕ چھُ، اَتھ سیتی چھُ اَسہِ مغل دورُک عکس تہٕ یِمَن مۆنی ژِتھرَن منٛز نظرِ یِوان۔ اَمہٕ طرزچ باوَتھ چھُ میوٕ کُشکابہٕ کران یُس ژۄدہِمہ تگہٕ منٛز پیٚٹھ کنہٕ نظرِ چھُ گژھان۔

مَنٛدرس منٛز چھُ کُلَس پیٚٹھ اَسہِ مۆنی ژِتھرَن ہنٛز ژتوُوُہ تگہٕ دٕرِیشٹھ یِوان۔ دوٚیِمہ صوٗرژو ہُرِیانہٕ چھُ اَسہِ مۆنی ژِتھرَن منٛز اردناری شور اَکِس سٹوٗلَس پیٚٹھ بِہِتھ تہٕ نظرِ گژھان۔ مہنت ہٕنٛزِ بیٹھکِہ تلہٕ کنہٕ چھُ بیاکھ کُٹھ یتھ منٛز اَرداہَن مۆنی ژِتھرَن ہنٛدی باقیات موجود چھہٕ۔ پانٛژھ مۆنی ژِتھر چھہٕ تِمتی یِمَن انٛدر صوٗرژ بدٕ چھےٚ نیران۔ یِمَن انٛدر گنیش، رام، سیتاہٕ ہِندی لیَس بیترٕ علاوٕ مہاراجہ رنبیر سنگھنی شبیہہ تہٕ شامِل چھےٚ۔

مَنٛدرس پٲراونَس منٛز یِیمہٕ حسابہٕ مُصوَرد رامایَن، راس لیلا، بھاگوت بیترٕ کتابَن منٛز موجود حوالٕن صوٗرتھ عطا چھےٚ کرمژٕ تِتھ داد دِلَس چھُتہٕ کانٛہہ چارٕ لگان۔

رانی منڈی ہُنٛد رگھناتھ مَنٛدر چھُنہٕ طرزِ تعمیرکہٕ اعتبارٕ تیوٗت اَہم یوت اَہمیت اَتھ مَنٛدرس مۆنی ژِتھرَن

ہٕنٛدِ اعتبارٕ چھِنہٕ، یہِ مَنٛدَر چھُ ڈوگری مۆنی ژِتھرَن ہُنٛد
اَکھ حسین باغ یُس ٹیمپُک سوٗنتھ دوہَے بَرجَستہٕ روزِ۔

(م۔ل۔س)

## کتاب نامہ :

※Mira Seth: Dogra Wall Paintings

## روگناتھ مندر (سرینگر)

وُچھو: رنبیر سوامی"

## روگھناتھ مندر سُسے سمبلی

جیٚمہِ شَہرُک شُمال مَغرِبَس مَنٛز ١٥ کِلومیٖٹر دوٗر سُسے سمبلی ہُنٛد روگھناتھ مَنٛدَر چھُ روایژ مۆجوٗب مہاراجہ گلاب سِنگھُن (١٨٤٦ء - ٥٧) تعمیر۔ مہاراجہ گلاب سنگھ اوس سُسے ہٕنٛدِس پرٛیم داسس سُنٛد معتقد یِمہِ کِنی تِمَو مَنٛدَرٕ علاوٕ اَتہٕ پرٛیم داسنی سمادھ تہٕ تعمیر کَرنٲو۔ طرزِ تعمیرکہِ اعتبارٕ نہٕ چھُ مَنٛدَر تہٕ نہٕ سمادھ کُنہٕ شانہٕ شوکتُک باس دِوان، مگر مَنٛدرٕکِس طرزِ تعمیرَس پیٹھ مُدانی علاقَن ہٕنٛدِین مَنٛدَرَن ہُنٛد اَثَر چھُ ٹاکارٕ۔ مَنٛدَرَس چھِنہٕ کُنہِ رَنٛگہٕ کانٛہہ مُرژِ گری کٔرِتھ۔ گرٛبھہٕ گرٛیہَس چھہٕ زٕ مۆنی ژِتھرٕ یِمَو اَنٛدرٕکِس مَنٛز کالی ناگ تہٕ کرٛشن تہٕ دوٚیِمس مَنٛز گُنٛ زُنی

رانی مَحلٕ خانَس مَنٛز بِہِتھ چھِنہٕ ہاونہٕ آمٕژ۔

مَنٛدرٕکِس پرٛکرَمَس چھہٕ کاہ مۆنی ژِتھرٕ۔ یِمَو اَنٛدرٕ کیٚنٛہہ واریاہ بڈی چھہٕ۔ اَمہِ مَنٛدرٕکی مۆنی ژِتھر چھہٕ ڈوٗگرٕ مۆنی ژِتھرَن اَنٛدر شاید سارِوے کھوتہٕ بڈی تہٕ کُشادٕ مۆنی ژِتھرٕ۔ سُسے سمبلی مَنٛدرٕکین مۆنی ژِتھرَن چھُنہٕ اَنٛدی اَنٛدی پوشہٕ گنٛبر بلکہِ چھِنہٕ اَکس تہٕ دوٚیِمس ژِتھرَس اکِہ زاوی جبہِ رِکھہٕ ہِتی بٲگرَن کَرنہٕ آمٕژ۔ کُنہِ کُنہِ چھہٕ مۆنی ژِتھرَن اَنٛدی اَنٛدی پوشہٕ بَنٲوِتھ۔ مۆنی ژِتھرَن مَنٛز چھُنہٕ کُنہِ تہٕ جایہِ گنٛژُک احساس دِوان تہٕ

تہٕ

منظرَن ہٕنٛز سادگی چھِنہٕ سیٹھاہ خوش کران۔



ترِبن مۄنۍ ژِتھرَن ہِنٛز گوڑنچہٕ باگنیہٕ مَنٛز
چھِنے گُل کٲری، وَنس مَنٛز شو تہٕ پارؠوتی، تہٕ چھتٕرس تَل
کرشن نَظرِ گژھان۔ مۄنۍ ژِتھرَن ہِنٛز دۆیمہٕ تگہِ اَنٛدر
چھُ پوشَل منظر، سنگھاسنس پیٹھ راز، وِشنو تہٕ کرشن
ہاوِنہٕ آمتۍ۔ ترٛیمہِ باگنیہٕ مَنٛزیمہٕ صۄرژ اَسہِ بُتھہِ پیوان
چھِنے تِمَن اَنٛدر چھُ پوشَن ہُنٛد مَنظر، چیلہٕ ہیتھ باباجی،
بھرتری تہٕ راکھسن سِتۍ لڑائے کران کرشن شٲمِل۔
ژۄرِمہِ باگنیہٕ اَنٛدر چھِ نہٕ مۄنۍ ژِتھر پَچھانہٕ یِوان اَکِس
مۄنۍ ژِتھرس مَنٛز چھُ دووٕرۍ سُنٛد گرٛہ بیتہِ تِہنٛدۍ شُرۍ
بٲژ دووٕرۍ کامہِ سِتۍ آہرۍ چھِ۔ اَنٛدازٕ چھُ کرنہٕ آمُت
زِ یہٕ چھُ بھگت کبیر سُنٛد گرٛہ۔ دۆیمِس ژِتھرس
مَنٛز چھِنے بِہنہٕ دیوی آمژ ہاونہٕ۔ پینٛژمہِ باگنیہٕ مَنٛز تہٕ چھِ
زٕ مۄنۍ ژِتھر، اَکِس مَنٛز چھُ رادھا یہٕ ترٛاوِتھ کرشن
نیران آمُت ہاونہٕ تہٕ دۆیمِس مَنظرس مَنٛز چھُ وَنس
مَنٛز کرشن گوپِیَن سِتۍ گِنٛدان آمُت ہاونہٕ۔ یُس
دَروازٕ پینٛژمہِ تہٕ شییمہِ باگنیہٕ ژھِہن چھُ دِوان،
تَتھ دَروازَس چھِ پٹھِن پیٹھ دۄشوٕنۍ طرفَن باسلاح
سِپاہ بَناوِتھ۔

سُے سمبلی ہُنٛد رگھناتھ مَنٛدر چھُ مۄنۍ ژِتھرَن
ہُنٛد نِگارخانہٕ۔ مَنٛدرس مَنٛز مۄجوٗد مۄنۍ ژِتھرَن ہُنٛد
تعلق یۆدوَے مذہبی موضوعَن سِتۍ چھُ مگر ژِترکارن

ہِنٛز ہِوِ نرمٔنٛدی چھِنے پٔرتھ جایہٕ گاہ ژھٹان مندرکین
کُلہُم مۄنۍ ژِتھرَن وۆن دِتھ چھُ باسان زِ زَن چھِنے ہِندو
دیومالایَن مۄنۍ ژِتھرَن اَنٛدر ژٕسِتھ آمژ۔ (م۔ل۔س)

کتاب نامہٕ :

*Mira Seth: Dogra Wall Paintings

# رگھناتھ مَنٛدر۔ میٛوٗل چَک

جییمہٕ پیٹھہٕ ۱۲ کِلومیٹر دۄر میٛوٗل چَک چھُ
اَکھ بۄڈ گام یِیتہِ اَکھ شۄبہٕ دار رگھناتھ مَنٛدر چھُ۔
مُقٲمی لۄکَن ہِنٛزِ روایژ مۄجوٗب چھُ مَنٛدر اَکی باپٲری
مردھان شَہن تعمیر کۆرمُت۔ مَنٛدرُک تعمیر چھُ
۱۸۸۶ء مَنٛز شروٗع سپدِتھ ۱۸۸۷ء مَنٛز اَنٛد
ووتمُت۔

مردھان شاہ اوس نِنے پۆتُر۔ روایت چھِنے زِ یُتھے
مَنٛدرُک پرٛکرم مُکمَل سپُد تَس زاو نیٚچُو یَس سُکھ
رام شاہ ناو تھوٗوُن۔

مَنٛدرَس چھِ ڈۄگری، ہندی، اُردوٗ تہٕ ہندا
زبانین مَنٛز ژۄر کتبہٕ لاگِتھ۔ کتبہٕ مۄجوٗب چھُ مَنٛدر
بیرَبل سُنٛد بۆ نیٚچو بۆ شاہ گنٛڈا تہٕ چیلاہَن تعمیر کۆرمُت۔
مُقٲمی رِوایژ مقابلہٕ چھِنے کتبچ شہادت معتبر یِتہٕ مَنٛدرٕ

لَبہٕ پیٹھ دوٚن زٕہن ہُند ژِتھر تہٕ پُشنَے چھ کران۔

مَندرٕچ خاص کتھ چھ اَکھ مۄنی ژِتھر مگر یمو أندر چھ اکثر تیتی گٹہٕ زِ وُچھتھ چھُنہٕ پَلہٕ کینٛہہ پیوان ووٚنی گوٚ یہ کینژھا پَتھ کُن بچیوٚمُت چھُ تِتھ پیٹھ چھُ لکہٕ روائیژ ہُند گوٚن اثر۔

گرٛبہ گرٛیٚہس مُنٛزٕ لبَن چھےٚ پوشہٕ تھَرٕ تہٕ مالہٕ بَناوِتھ تہٕ مَندرَس مَنٛز چھےٚ رام تہٕ سیتایہ ہٕنٛز مۄرژ گرٛبہ گرٛیٚہس کھوٗرکُن لَبہٕ پیٹھ چھ ژور مۄنی ژِتھر یِم ژٕنی تہٕ ٹاکارٕ چھ۔ گوڈنیک ژِتھر چھُ لشودایہ ہُندِ یَس وِہِسہٕ شُدرٕ سیتی چھےٚ۔ یہ مَنظر چھُ تَمہ وَقتُک ییلہٕ تَس کمے کال پتہٕ وٚنہہ کوٗر اُس زامژ۔ دوٚیِمِس مَنظرَس مَنٛز چھِ شِو، برٛہما تہٕ وِشنو نظرِ گژھان تہٕ ترٛیٚیمِس مۄنی ژِتھرَس مَنٛز چھُ رام تہٕ لَکھشمَن راگھنیہ تیٖر لایان۔ یمو مۄنی ژِتھرو ہیوٚر چھُ سید بیاکھ مۄنی ژِتھر یتھ مَنٛز شکار کرنُک مَنظر اوس ہاونہٕ آمُت مگر اَتھ چھ ووٚنی پھیٚش لوٚگمُت صِرف چھےٚ ترٕے خوبصورت روٗسی کچہ یتھ کُن روزٕ مژ۔ گرٛبہ گرٛیٚہس پتہٕ مہ لَبہٕ تہٕ چھ مۄنی ژِتھر آسی متی بَناوِتھ مگر یمو أندرٕ چھ صِرف اَکِس جایہ رام تہٕ سیتا بوزنہٕ یوان۔

گرٛبہ گرٛیٚہس مُنٛزٕ دچھُن کُن چھ ترٛےٚ نارٕ یمو أندرٕ چھ دوٚن اندر مَندر بَناوَن والیٚ سٕنٛز شبیہہ۔ یہ زَن اکثر آسان چھُنہٕ تہٕ ترٛیٚیمِس تارَس مَنٛز چھُ باغ تہٕ کینٛہہ شوٗبہٕ دار گرٛی آہتی ہاونہٕ۔

(ام۔ ل۔ س)

## کتاب نامہ:


※Mira Seth: Dogra Wall Paintings


# روٗمن کیتھولِک چَرچ

روٗمن کیتھولِک گرجہ چھُ سری نگرٕ پولوگرٛاونڈس نکھہٕ مولانا آزاد روڈس پیٹھ گورنمنٹ زنانہٕ کالجس



تہٕ وزیرِ اعلیٰ سٕندِس پرائیویٹ دفترس درمیان
مۆجوٗد۔ اَتھ چھِنہٕ بُتھِ اَکھ لوکٹ باغ ہَن۔
ہِگرچہٕ سَنٕہ ۱۹۰۰ عیسوی لیٚس مَنٛز فرینکلن
دِلکلے سٕندی دسی تعمیر۔ ۱۹۲۸ ہَس مَنٛز آو یہِ کُشادٕ
کَرنہٕ تہٕ ۱۹۳۲ ہَس مَنٛز آیہِ اَتھ مزید وُسعت دِنہٕ۔
ہِگرجس آو اَکھ نوٚو درگاہ ہُر راونہٕ تہٕ یتھٕ پاٹھۍ چھُ گرجِک
اَزٕیُک تعمیر کرنہٕ آسہٕ کہٕ اَصلی ڈِزاینہٕ مطابِق باسان۔
۱۹۳۱ ہَس مَنٛز آو مُقامی عیسایَن تہٕ نیٚببرٕ پیٹھٕ ینہٕ
والین عیسایَن ہٕنٛزِ کوٗشِشَو سٕتی اَتہِ پادرٕی خانہٕ
تہٕ تعمیر کَرنہٕ۔

(م۔ ل۔ ن)

کتاب نامہٕ:

*Biscoe: Kashmir in Sunlight and Shade.
*Christian Conference: Christianity in J&K.

## رینچَن پۆر

رینچَن پۆر اوس تبتی شہزادٕ رینچَنن (یُس



سُلطان صدرُالدّین ناوٕ (۲۳-۱۳۲۰ء) کٔشیرِ ہِندِس تختس بیوٗٹھ، پننِس ناوَس پیٹھ بَسووُمُت۔

رینچن پۆر اوس أزی کِس بُلبُل لنکر مَحلس ہَمسایہِ۔ اَتھ نو آباد مَحلَس اوس بچاوٕ باپتھ ژوپأرِ خندُق دِتھ یَتھ آب بُرِتھ اوس روزان۔ مَحلس أندی أندی خندق آسُن چھ ژینہٕ وَن دِوان زِ تمہِ وَقتہٕ چھ رینچن پۆر یا تہٕ راژٕ دأنی اوسمُت نتہٕ چھ بادشاہ أتھی مَحلس مَنٛز روزان اوسمُت۔ رینچن شٲہنہِ مسجد یوسہٕ تمہِ وَقتہٕ جامع مسجد أس تہٕ چھِنہٕ رینچن پۆرِس نکھے آسمٕژ۔ تحقیقہٕ موٗجوب أس یہ کشیرِ مَنٛز تعمیر کرنہٕ آمٕژ گوڈنِچ مسجد۔ وُنی کین چھِنہٕ بُلبُل لنکرس أندی أکھ خشت تھکر یا کُنہِ پرانہِ تعمیرٕ کہ آثار موٗجوٗد، مگر کشیرِ مَنٛز تعمیر سپدَن وول گوڈنِیُک خانقاہ، خانقاہ بُلبُل شاہ یا بُلبُل لنگر چھ یا تہٕ رینچن پۆرِس مَنٛز اوسمُت نتہٕ اَتھ نکھہٕ۔ رینچن پۆرِس مَنٛزٕ أس سُلطان شہاب الدّین (۱۳۵۵-۷۳ء) سٕنٛز شأہی مندورٕ بہٕ دِگر تہٕ تعمیر سپدے مٕژ۔

(م۔ ل۔ س)

## کتاب نامہٕ:


*Dhar K.N: Ed. Glimpses of Kashmiri Culture V
*Dutt J.C: Kings of Kashmir
*Kaul S.K: Jonaraja's Rajatarangini


# زأنہٕ پۆر

سرینگرٕ پیٹھٕ ۶۰ کلومیٹر دۆر زأنہٕ پۆر چھُ وینجہ بِیارِ پیٹھٕ شُپی یَن گژھہ وُن وَتہِ مَنٛز یوان۔ یہ گام چھُ بڈشاہَن (۱۴۲۰-۱۴۷۰ء) بَسووُمُت۔ زأنہٕ پۆر آباد سپدَنہٕ برٛونٛہہ اوس یہ علاقہٕ راجہ سورَن ہٕندِس دورَس مَنٛز آباد کرنہٕ آمتہٕ أرٛونی پرگنُک حِصہٕ۔ سورَن ہٕندِ وَقتہٕ أس علاقَس سگنا وِنہٕ باپتھ ویشوِ مَنٛزٕ سورَن مانہٕ کُلانا وٕ نہر کڈنہٕ آمٕژ، یوسہٕ پَتہٕ سعہٕ نہٕ مأنی ناوٕ وُنِس تل أس۔ سٹین ہٕندِ بیانہٕ مُطابِق آس ۱۸۹۵ءتام تہٕ سعہٕ نہٕ مأنی ویشوِ مَنٛزٕ کھٔسِتھ نِلو، پأری گوم تہٕ گُجر گامہٕ مَنٛزی وَسان۔

جونراج تہٕ شری وَر ہٕندِ موجوب أس زأنہٕ پۆر بَسا وِنہٕ یِنہٕ برٛونٛہہ اَتھ علاقَس "کرٛال" نہر سأراب کران یوسہٕ شُپی یَنہٕ پیٹھٕ راموہ تام واشس کڈتھ أس۔ یہ نہر أس ویشوِ مَنٛز وَسان یَتہِ موٗجوٗب علاقَس کرٛال ویشوِ پرگنہٕ تہٕ وَنان أسی۔

زانہٕ پۆر بَسا وِنہٕ پَتہٕ آیہ اَتہِ عالی شان عمارژ تعمیر کرنہٕ تہٕ سیٹھا وسیع تہٕ خوٗبصوٗرت باغ بَناوِنہٕ پَتہٕ آیہ تِمَن مَنٛز تہٕ بجہ بجہ مَندورِ تعمیر کرنہٕ۔ زأنہٕ پۆرٕ ژیک تحصیل دفتر اوس جنوٗب مغربس کُن صفانگر گامس

مَنٛز قٲیِم کَرنہٕ آمُت ۔ زانہٕ پورکہِ شُمالہٕ پاسہٕ شٲلی
وُڈٕر پیٹھ چھےٚ وُنہٕ تہٕ رازٕ دٲنی ناوٕ اَکھ جاے وُنٕس تَل،
یمہِ سٟتی یہ ترینہٕ وَن چھےٚ لگان زِ اَتہِ آسہٕ ہَن بٔڈشاہ
ہٕسنٛدِ وَقتہٕ شٲہی محل تعمیر کَرنہٕ آمتی ۔ وُڈٕر ہٕنٛدِس
دامنَس تَل قبرِستانہٕ مَنٛز چھُ اَکھ پیٚوٗر نَنٛبوٗمُت یَتھ اَکہِ
پاسہٕ ذی الحج ۱۱۲۰ھ ہجری تہٕ دوٚیمہِ طرفہٕ (یا غفار غفورؔ)
کھٔنِتھ چھُ ۔ سَنہٕ حسابہٕ چھُ پیٚوٗر مغل بادشاہ قطب الدین
محمد معظم شاہ ہٕسنٛدِس دورَس (۱۷۱۱- ۱۷۰۷ء) مَنٛز
جعفر خانِ صوبیدار ہٕسنٛدِ وَقتُک ۔

شٲلی وُڈٕر پاسہٕ آسٕ بٔڈشاہ صٲبن
سیٚٹھاہ تھٔدی سوٚتھ دِتھ اَکھ نہر کٔڈنٲوٕمٕژ یَتھ کَترٕ دِی
نٲرٕ آسی لاگنہٕ آمتی ۔ ژوداہ میل زیچھ اَتھ نہرِ آسہٕ
زٲنہٕ سوٚتھ وَنان ۔ زٲنہٕ پوٗرِس نکھہٕ زٲنہٕ سوٚتھٕس
کھَنان کھَنان چھےٚ اَکھ مُرتھ دراٛمٕژ یوسہٕ سرینگرٕکِس
ایس ۔ پی ۔ ایس میوزیمَس مَنٛز موجوٗد چھےٚ ۔ مُرژ مَنٛز
چھُ دشہِ اوتار ہاوِنہٕ آمتی تہٕ انداز موجوٗب چھےٚ مُرتھ
نوٚی مہِ صدی ہٕنٛز ۔ زٲنہٕ سوٚتھٕس اَندی پَکھی چھےٚ بَجہٕ بَجہٕ
پٲترِ تہٕ دراٛمٕژیم زٲنہٕ پورٕ ناگہٕ ہیٚر پاوٕن لاگنہٕ چھےٚ
آمٕژ ۔ وَننہٕ چھُ یِوان زِ اَتہِ چھِ ۳۶۰ ناگ، یِمَن مَنٛز
وَرناگ تہٕ شٲمِل چھُ، یِیمِنٛک ذِکر نیلہِ مَت پُرانَس
مَنٛز چھُ ۔ ناگَس پیٹھ چھےٚ پَرتھ وٕری یہٕ نوٗ رٟیہہٕ مادسہٕ کالہٕ
(ژِتھرٕ گٹہٕ پچھکہِ اَخری دوہہٕ) دِوَے لگان ۔ اَتہِ چھےٚ
واریاہ پرٲنہِ مُرژ موجوٗد ۔

زٲنہٕ پوٗرِس مَنٛز چھُ شیخ شمس الدّین
بغدادی سُنٛد اَستان ۔ سُہ اوس بٔڈشاہ ہٕسنٛدِ وَقتُک
اَکھ تھَدِ پایُک رۄحٲنی بُزرگ ۔ تٔمی ہٕسنٛدِ رۄحٲنیتُک
اعتراف کٔرِتھ ٲسۍ بٔڈشاہ صٲبَن تَس اَکھ مَنٛدر آیتَن
یَتھ مَنٛز بغدادی صٲب روزان اوس ۔ اُمی ہٕے بُزرگہٕ
ہٕسنٛدِس وَننَس پیٹھ آو بٔڈشاہ زٲنہٕ پوٗر ترٲوِتھ سرینگر
بَسنہِ ۔ بغدادی صٲبنہِ خٲطرٕ آو اَتہِ اَکھ لنگر قٲیِم کَرنہٕ
یِیمکی اخراجات شٲہی خزانہٕ مَنٛز دِنہٕ آسی یِوان ۔

## حُسین شاہ چَکَن ییٚلہِ (۱۵۶۹- ۱۵۶۲ء)

سرینگرٕ باغ حسین شاہ چَکَس (یَتھ حسین آنگن تہِ آسی
وَنان) مَنٛز مدرسہ حسین شاہ قٲیِم کوٚر، تٔمی تھوو زٲنہٕ پوٗر
اَمہِ مَدرسہٕ خٲطرٕ جاگیر پٔرِتھ ۔ سلطان علی شاہ ہٕسنٛدِ
۱۵۶۹ء مَنٛز تختَس بیٚہنہٕ پتہٕ ژوٗل حسین شاہ چک
زٲنہٕ پوٗر تہٕ کینٛژَس کالَس بیمار روزنہٕ پتہٕ موٗد اَتی ۔

زٲنہٕ پوٗرِس آو سِکھ دورَس مَنٛز اَکِہ الگ
پرگنُک دَرجہ دِنہٕ ۔ تَمہٕ پیٹھ چھُ یہ علاقہٕ پرگنہٕ زٲنہٕ پوٗر
ناوٕ وُنٕس تَل ۔

زٲنہٕ پوٗرِس چھےٚ جنوٗب مغربہٕ پاسہٕ ویٚشوٕ مَنٛز
گٔڈنہٕ آمٕژ نونگرٕ نہر وسان ۔ یہ چھےٚ اَمہِ کِس شُمال مغربی علاقَس سٲراب

کران ۔ زیٚنش پوٗرِنِش چھُ نہرِ ہُنٛد شاخ شیٚچھِیَن کُن گژھان ۔ ۱۹۵۳ءَ پتہٕ چھنٛے مُرٛٹی ٹگ ، یارِ پوٗرِ نہر تہٕ کَڈٕنہٕ آمٕژ یوسہٕ زاٗنہٕ پورِکِس جنوٗبَس مَنٛز بُجہ وُڈٕر ٹَسگ واتناوان چھنٛے ۔ (م ۔ ا ۔ ا)

## کتاب نامہ :


※Bates: Gazetteer of Kashmir
※Hasan: Tarikh I, II
※Hasan: Asrar-ul-Akhyar
※Parmu: Muslim Rule in Kashmir
※Stein: Ancient Geography of Kashmir
※Sufi: Kashir II


# زاٗنہٕ کدٕل

زاٗنہٕ کدٕل چھُ وۄیتھِ پیٹھ فتح کدلَس تہٕ عاٗلی کدلَس دَرمیان لال چوکہٕ پیٹھٕ ترٛیٚن کِلومیٹر دوٗر ۔

رِوایژ کِنۍ چھُ شَہرُک ساروٕے کھوتہٕ پرٛون کدٕل عاٗلی کدٕل ۔

سِری نگر شہرَس اَنٛدرٕ کولَن تہٕ دَریاوَن پیٹھ مُستقِل پاٗٹھۍ کدٕل تارُنُک رِواج چھُ دورِ سلاطینَس مَنٛز شروٗع سپُد مُت ۔ شاہمیری خاندانہٕ برٛونٛہہ اُسی دَریاوَن پیٹھ ناوَن ہٕنٛدی کدٕل یِم کُنہٕ تہٕ حملہٕ وِزِ وَٹنہٕ اُسی یوان ۔ شاہمیری دورُک گوڈنیُک دوٚر کدٕل چھُ سُلطان زین العابدین بڈشاہن ۱۴۲۷ء مَنٛز تعمیر کَرنوومُت ۔ ۹۶ گز زیٛٹھِس اَتھ کدلَس اُسی دوداٗری لکٕرِ ہٕنٛدی ۱۶ فُٹہٕ تھدی ترٛیٚے ٹھٕٹھی ۔ اَمہٕ پتہٕ آیہٕ اَتھ مختلِف دورَن مَنٛز مَرمتھ کرنہٕ ۔

اَمِچ خستہٕ حالتھ تہٕ تِجارتی اَہمیَت نظرِ تَل تھاٗوِتھ آو پرٛون زاٗنہٕ کدٕل مہاراجہ پرتاپ سِنگھنِس



دوٗرس (۱۸۸۵ء - ۱۹۲۵) مَنٛز لہراونہٕ۔ اَمہِ پتہٕ کَرنوو مہاراجہ ہری سِنگھن (۱۹۲۵ - ۲۹ء) بلکُل اُتھی جایہِ اَکھ نوٚو تہٕ دوٗر کدٕل تعمیر۔ کدلس آیہ جان پاٹھی بخشی غلام محمد سٕندِس دوٗرس (۱۹۵۳ - ۶۲ء) مَنٛز نوٚ سَرٕ مرمتھ کرنہٕ۔ ڈوٗگر دورِس گوٚڈ کالس مَنٛز اَسی لۄکَن اَتھ کدلس پیٹھ پکھہ دِوان۔

دِوٚد اَری تھَمبَن تہٕ پٔچَن ہُنٛد یہِ کدٕل چھُ وُنی کھین ۳۰۰ فٹہٕ زیوٗٹھ تہٕ ۳۴ فٹہٕ کھوٚل۔ اَتھ چھہ دولہٕ کرِتھ ہٕنٛدی ژور ٹھٔھٹھ یمَن تَلہٕ تڑسنے ٹھُٹھو بَناوِتھ چھہ۔ (م۔ع)

کتاب نامہ:


*Biscoe: Kashmir in Sunlight and Shade
*Hasan: Tarikh I
*Lawrence: Valley of Kashmir
*Mohibbul Hasan: Kashmir under the Sultans


# زٲنہٕ کوٚٹ

زٲنہٕ کوٚٹ چھُ سرینگرس شُمال مغربہٕ پاسہٕ شٕنے کِلومیٹر دوٗر خوٚشٕس پۄر وُڈٕر دامنٕس تَل ۶۔ ۳۴ ہِ عرضِ بَلد تہٕ ۷۴۔۴۶ ہِ طول بَلدس درمیان آباد یہِ گام چھُ زین العابدین بڈشاہَن (۱۴۲۰ء - ۱۴۷۰ء)

زینہٕ کوٚٹ ناوٕ بسوومُت یِیتہٕ تِمی عالیشان عمارژ تہٕ خوٗبصورت باغ تعمیر کرناوی متی آسی۔ گامس اَنٛدی پکھہٕ اُس یتھ کالہٕ نمبل۔ پادشاہ سٕندِ حکمہٕ کرناوٕ رۄہٕ بھٹَن خٔتہٕ گامتین مکانن مرمتھ تہٕ نوٚ سرٕ کرناوِن مَندورٕ تعمیر یمَن پیٹھ جَنٛڈٕ لہراونہٕ آے۔ اَنٛدازٕ چھُ سپدان زِ اَتہٕ چھےٚ بڈشاہس بڑوٚنہہ تہٕ بستی آسمٕژ۔ زٲنہٕ کوٚٹس مَنٛز تعمیر سپٕنٛز مژمَنٛدورٕ چھےٚ مغل دوٗرس تام موجوٗد آسمٕژ۔ مگر وُنی کینٛہہ چھیہٕ اَتہٕ بڈشاہ سٕندِ زمانکی آثار دریٛیٹھ گژھان۔ یِیمہِ تَلہٕ ژینہٕ وَن چھےٚ لگان زِ تعمیر چھِ ناپائیدار مسالکی آسی متی۔ ۱۸۹۰ سنہٕ مَنٛز چھِ زٲنہٕ کوٚٹہٕ سٕداہ مکانہٕ تہٕ اَکھ مسجد آسٕمٕژ تہٕ اَتھکی لۄکھ آسی سرکٲری بارۄد خانَن ہٕنٛدِ خٲطرٕ شور ہیتھ تیار کران۔ ۱۵۰۵ء مَنٛز سیٚد فتح شاہس دۄیمہِ لٹہٕ تختس بیٛہنہٕ کِہ غرضہٕ سُلطان محمد شاہس سیتی زٲنہٕ کوٚٹہٕ سخ جنگ یتھ مَنٛز فتح شاہ کالہٕ پسپا گو مگر دۄیمہِ دۄہہٕ جنگ لگنہٕ پتہٕ زیوٗن۔

۱۵۷۰ء مَنٛز ییلہٕ سُلطان حُسین خان بیمار پیو، سخ جنگہٕ جدل سپدنہٕ پتہٕ کوٚر نجی مُلکن تہٕ علی کوکن زٲنہٕ کوٚٹس مَنٛز رٲژتھ مشوٗرٕ تہٕ حُسین خانُن بوے علی خان آو تختس بیٛہناونہٕ۔

أزٕئیک زآنہٕ کوٗٹ چھُ یہِ ڈُپِ زِ تہٕ اَکھ صنعت نگر بنیوٗمُت ییٚتہِ مرکزی سرکارُک گرِ بناوُنک کارخانہٕ تہٕ بیٚیہِ وارِیاہ فیکٹرِی چھےٚ۔ یِمو کارخانو خاطرٕ چھےٚ اَتہِ وارِیاہ عمارژ تعمیر کرنہٕ آمژٕ ییٚمہِ سیٖتی زآنہٕ کوٗٹس جدید قصبُک رونق چھےٚ آمُت۔ (م۔ ا۔ ا)

کتاب نامہٕ:


*Akbar Hydari: Ed. Baharistan-i-Shahi
*Hasan: Tarikh I, II
*Parmu: Muslim Rule in Kashmir
*Sufi: Kashir I, II


## زآنہٕ گیٖر

زآنہٕ گیٖر چھُ پُہرِ نالہٕ کہِ کھووُرِ بٹھِ پیٹھٕ وولرس تام سوپور قصبس شُمالہٕ تہٕ شُمال مغربہٕ پاسہٕ۔ اَتھ پرگنس مَنٛز اُسی ۱۸۶۰-۱۸۵۶ء چہ سروے مُطابق اَکہٕ ترٛہہ[31] گام۔ یہِ پرگنہٕ چھُ زین العابدینن بسوومُت۔ اَمہِ پرگنُک کاڈ چھُ ہندواڑٕ تحصیلہٕ کہِ سُگو پور گامہٕ پیٹھٕ کڑالہٕ سنگرٕ (شیر کوٹ بالس) تام۔ اَتھ کریوٗس کیا اوس بڈشاہس برٛونٛہہ وَننہٕ یوان، تتھ مُتعلق چھِنہٕ شہادت دَسیاب۔

زَوُنہٕ راز چھُ وَنان زِ وولرٕ بٹھی بٹھی اُسی بڈشاہن زآنہٕ کوٗنڈل تہٕ زآنہٕ پٹن ناوی بیٚیہِ زٕ قصبہٕ تہٕ آباد کٔری ہٕتی مگر یِمن دوشوٕنی قصبن متعلق چھُنہٕ بیٚیہِ کانٛسہِ مورخن تذکرٕ کوٗرمُت۔ بڈشاہن اوس زآنہٕ گیٖرٕ زٕ مُربع میٖل باغ بناوِتھوومُت، ییٚتھ وارِیاہ میوٕ کُلی تہٕ رنگا رنٛگی پوشس لاگنہٕ اُسی آمتی۔ باغہٕ کِس ژورن کوٗنن پیٹھ آسہٕ ژور عالی شان عمارژ تہٕ اَتھ أنٛدی أنٛدی امیٖرن وزیٖرن ہٕنٛدِ خاطرٕ کوچہٕ تعمیر کرناونہٕ آمژٕ۔ باغچ آمدنی اُس عالمن فاضلن ہٕنٛدِ خاطرٕ وَقف۔ بڈشاہن بنوو کینٛژن کالس زآنہٕ گیٖر پنُن دار الخلافہٕ۔ ۱۴۵۴ ءس منٛز کڈناوِن پُہرِ نالہٕ پیٹھٕ وولرس تام اَکھ نہر، ییٚمِکی شاخ سأری ہے زآنہٕ گیٖرس وہراونہٕ آے تہٕ ییٚمہِ سیٖتی علاقس سگ واتان اوس۔ زآنہٕ گیٖر نہرِ ہُنٛد تأریخِ تعمیر چھُ ییٚمہِ شعرٕ مَنٛزٕ نیران ؎

چو شد تحفیر آں جوئے گرامی!
خرد تاریخ گفتا "جوئے خرم"!

۸۵۹ھ = ۱۴۵۴ء

یہِ نہر اُس پُہرٕ پیٹھ (ہندوور) گامہٕ نِش پُہرِ نالہٕ مَنٛزٕ نیران، تہٕ وُٹلب نِش اُس وولرس سیتی رلان۔ یہِ چھےٚ وۄنۍ خستہ حالتس مَنٛز۔ ڈوگرٕ دورس مَنٛز (۱۹۰۱ء) آیہ سونرٕ ڈٕنۍ (بنٛڈپور

نالہٕ پیٹھٕ نۄنہٕر کڈناونہٕ یوسہٕ وُنی کِنٛس زاُنہٕ گیٖرس ساُراب چھےٚ کران۔

ییٚلہِ بڈشاہ سٕندِس زمانَس مَنٛز سوپورس نار لۄگ تہٕ سورُے سَرکاری رِکارڈ نارٕ بُزی گو، تِمہٕ وِزِ کھٔنہٕ نوو بُڈشاہَن تٔرامہٕ پٔٹس پیٹھ اَکھ کتبہٕ یتھ مَنٛز یِنہٕ والین پادشاہَن ژیٖنہٕ وَن دِنہٕ آیہٕ ز زاُنہٕ گیٖر پَرگنَس گٔژھہِ پاداوارُک سٔتیُم حِصہٕ لگانہٕ کٔنہٕ ہیٚنہٕ یُن (ییٚلہِ زَن اَمہٕ برٛوٚنٛہہ ژۄدٕرِیُم حِصہٕ ہیٚنہٕ اوس یِوان)۔ یہ کتبہٕ آو زاُنہٕ گیٖر چہٕ کِنٛہ تام مُقدس جایہِ لاگناونہٕ۔

بُڈشاہ سٕندِ زاُنہٕ گیٖر یِنُن دارالخلافہ بَناونہٕ کہٕ شُرارتہٕ دِیاوٕیوو تٔرہگام کہٕ ژُک قبیلکی زٕٹھی پانڈو ژکَن زاُنہٕ گیٖرس مَنٛز شاہی عمارژن راتھ کیٚژِت نار۔ بُڈشاہَن کَرناوِ یِم عمارژ نَوِ سَرٕ تعمیر۔ مگر پانڈو ژکنہٕ زاُنہٕ گیٖرس دوٚیمہِ لٹہِ نار دِنہٕ پتہٕ چھُنہٕ نَنان زِ یِم عمارژ کیا سپنہٕ نَوِ سَرٕ تعمیر۔ زاُنہٕ گیٖرکین بُڈشاہی تعمیرَن ہٕنٛدی چھِنہٕ وُنی کُنِس کُنہِ جایہِ آثار دریٖنٛٹھ یِوان ییٚمہِ تِلہِ یہ ژیٖنہٕ وَن چھےٚ لگان زِ تعمیر چھِ ناپایدار مسالکی اُسی ہمتی۔

بُڈشاہ سٕندی سے دورَس مَنٛز آو تُمہٕ پیٹھ مذہبی عالِم سید حُسین قُمیؒ دعوتَس پیٹھ اَنناونہٕ۔ بادشاہَن دِژ تِمس باغ زاُنہٕ گیٖرس مَنٛز روزنہٕ خاطرٕ جاے۔ یتھ اَدٕ سٕندِس ناوَس پیٹھ سیدہ پورٕ ونان چھِ۔

زاُنہٕ گیٖر پَرگنَس مَنٛز چھُ سلطان العارفین شیخ حمزہ مخدومؒ سُنٛد آبائی گام تُجر (یِیٚتہِ تِہنٛدِس بابہٕ صاب بابا عثمان رینہٕ سُنٛد اَستان چھُ) خواجہ حسن قاری سٕنٛز زیارت گاہ ہَردوشو، سید فتح اللہ صاُبنی زِیارت بُجے تہٕ کٔرالہٕ سنگرِ (شیر کوٹ بالس) پیٹھ بابا شکورالدین صاُبنی زِیارت ناو ہیٚنی لایق۔ اَمہٕ علاوٕ چھُ اَتھی کٔرالہٕ سنگرِ دامنَس تَل وٹلب ہِش شفا شاے۔ اَتہٕ چھ ساُلانَن ہٕنٛدِ روزنہٕ باپتھ واریاہ ریسٹ ہاوس تہٕ تعمیر کرنہٕ آمتی۔ (م۔ ا۔ ا)

کتاب نامہٕ :


*Akbar Hydari: Ed. Baharistan-i-Shahi
*Bates: Gazetteer of Kashmir
*Dutt J.C: Kings of Kashmir
*Hasan: Tarikh I, II
*Parmu: Muslim Rule in Kashmir
*Sufi: Kashir I, II
*Stein: Kalhana's Rajatarangini
*Stein: Ancient Geography of Kashmir


## زُکُر

زُکُر چھُ سِرینٛگرٕکِس شُمالَس مَنٛز لال چوکہٕ پیٹھٕ ۱۲ کلومیٹر دۄر۔ اَمِکِس شُمال مغربَس مَنٛز چھُ آستانِ

شریف حضرت بَل تہٕ مغربہٕ اَنٛدٕ نسیم باغ۔ اُزی کِس زُکرِس اُسی پتھ کالہٕ جشکہٕ پوٗر وَنان۔ اَتہٕ اوس کشان راز جشکَن (دوٚیم صٔدی) اَکھ قصبہٕ آباد کوٚرمُت یتھ جوٗکر وتہٕ وَنان اُسی۔ یہٕ قصبہٕ اوس حسن سٕندِ مُطابِق پرگنٕے پھاگس سیتی شامِل تہٕ اَتہٕ اوس کلہن سٕندِ وَننہٕ مُطابِق راز جشکَن اَکھ مضبوٗط بُدھ وِہار تہٕ تعمیر کرنوومُت۔ اَمہِ علاوٕ اُس اَمی رازَن سیٚنٛدِ مَنٛز اَکھ نہر تہٕ کڈنآوِمٕژ یمہٕ سٟتی سارے قصبس سیراب کران اُس۔

۱۸۴۷ء مَنٛز ییٚلہِ جنرل کنِنگھم اَتھ جایہِ آس ووت تمیٚ وُچھ اَتہٕ مشیدَن کیٚنہہ تِمہٕ کَنہٕ لاگتھ یِمَن پیٹھ مختلِف شکلَن ہٕنٛدی آکار لَبنہٕ اُسی یوان تہٕ اَمہِ مُزید گیہِ تِمس قبرستانَن مَنٛز تہٕ ترٛشہٕ کَنہٕ نظرِ ییٚمہٕ تَلہٕ تمیٚ یہِ اَخذ کوٚر زِ پنڈت کلہن سٕنٛد وَنُن چھُ پوٚز زِ اَتھ جایہِ کیا اوس راز جشکَن اَکھ وِہار بَنادنوومُت۔ (م۔ع)

## کتابیات:


※Cunningham: Ancient Geography of India.
※Hasan: Tarikh II
※Stein: Kalhana's Rajatarangini


## زِنٛدٕشاہ مسجِد

زِنٛدٕ شاہ مسجد اُس سِرینگرکِس رَینٛہ واڑی علاقس



مَنٛز حسی بٹہ محلس، کوٗنٛدبلس تہٕ کلہ کھٔہس نکھہٕ۔

یہٕ مسجِد اُس سُلطانُ العارفین شیخ حمزہ مخدوم سٕنٛدِس وقتس (۱۴۹۶ ـ ۱۴۷۶ء) مَنٛز میاں عبدالرحمان مانک شاہ المعروف شٔہن تعمیر کٔرمٕژ۔

زِنٛدٕ شاہ مسجِد اُس ۲۴ فُٹہٕ زیٚوٹھ تہٕ ۲۰ فُٹہٕ کھُلہِ۔ اَتھ اوس دِوٕری کنین ہُنٛد کٔن تہٕ تعمیرس مَنٛز اوس بڈشاہی سیرِن، چوٗنکُ تہٕ لکرِ ہُنٛد استعمال آمُت کرنہٕ۔ اَتھ اُسی مشرقہٕ طرفہٕ چُناپہٕ مَنٛز ترٛےٚ سرانہٕ کھٹو تہٕ آب جمع روزنہٕ باپتھ خزانہٕ۔ مسجِد اوس دِو دارِ لکرِ ہُنٛد تالوٗ تہٕ بامس اوس بُرزہٕ پوٗش دِتھ۔ مغل دورس مَنٛز سپز اَتھ واریاہ لَٹہٕ مرمتھ۔ ۱۹۵۶ء تام گیہِ

یہ مسجد سأرِے مُنہدِم۔ اَمِچ خستہٕ حالتھ وُچھِتھ کرٕ ۱۹۵۶ ہَس مَنٛز اَتہٕ کِہو مُقأمی لُکو پرٛانہٕ جایہ نۆو مسجد تعمیر۔ مسجدِ چھِ مَشرقہٕ اَنٛدٕ میاں عبدالرحمان مانک شاہ سُنٛد مَقبرٕ یتھ ساڈ ژور فِٹہٕ زیوٚٹھ تہٕ ڈوڈ فُٹ کھوٚل پیوٚر چھُ۔ (م۔ ع)

کتاب نامہٕ:

*Hasan: Asrar-ul-Akhyar

# زۄٛنگ کھوٚل

زۄٛنگ کھوٚل گُمپہٕ چھُ بالہٕ کھوٚنہٕ مَنٛز زالسکارکس اتینگ گامَس مَنٛز۔ گُمپِچ سأرِے عمارتھ چھےٚ کِتہ کھنگرن پیٹھ یِیمہِ چِہ بُنیاژ مُتلق اَتہٕ کین مُقأمی لُکن ہُنٛد خیال چھُ زِ یہ گُمپہٕ اوس اَصلی سوٚے گوٚپھ یِیتِھن ہِنٛدُستانہٕ پیٹھٕ آمُت مشہوٗر گیٖانی نرٛوپا دیان کران اوس۔ زۄٛنگ کھوٚل گُمپَس مَنٛز چھےٚ وُنہٕ تہٕ زٕ گوٚپھ یِمَن پیٹھٕ زِ مَنٛدَر بناوِتھ چھِ۔ گوٚڈنِچ گوٚپھ ہِنا بوٚن یُہَن چھُ ستھ میٹرٕ چوٗرُس سمن رَدق یِیمہِ چِہ لَبہٕ ژوٚ وایأری ژِتھرَو سِتی بَرِتھ چھےٚ۔ اَمہِ چِہ کھوورِ دارِنٛش چھِ اَکشوبے تہٕ سم ورینٛہٕ نِمن زٕنانَن سِتی نَظرِ گژھان۔ یہنٛزٕ مُرٛژ

چھےٚ سبٕٹھاہ خۆشُونہِ تہٕ لُوٚبہٕوِنہٕ۔ اَمہِ چِہ ڈچھِنہِ دارِنٛش چھُ لاما پَدم سمبھو تہٕ مہاکال سُنٛد خوٚبصوٗرت ژِتھر۔ اَمہِ چِہ اَکِس لَبہِ مَنٛز چھُ آدمی قدَس برابر اولوکیشوٗرکاہ کَلہٕ کرِتھ نَظرِ گژھان۔ اَمی سٕنٛزِ ٹَنہٕ پیٹھ چھِ مختلف رَنٛگن ہِنٛدی پلو لأگِتھ۔ کھوورِ پاسہٕ لَبہِ نِش چھُ اَکِہ کمرُک دَروازٕ یتھ اَنٛدر دیان جاے تہٕ تبتی کِتابن ہِنٛدی چھأپِتھ مُسوَدٕ چھِ۔

سمن رَوقَس پیٹھہٕ یُہَن چھِ دوٚیمِس مَنٛدرَس مَنٛز مرپا تہٕ وجردھرٕ سٕنٛدی خوٚبصوٗرت مۆنی ژِتھر تہٕ مُرٛژ۔ اَمہِ عَلاوٕ چھےٚ پتی مہِ لَبہِ مَنٛز خوٚبصوٗرت ژور مُرٛژ سجأوِتھ تہٕ کھوورِی کِنی چھےٚ لاما کرما، اکشوبے تہٕ لاما نربوٕ سٕنٛزٕ مُرٛژ یِم سارِیے مُرٛژ چھےٚ۔ سٕنٛٹی میٹر ٹھز یِمَن ہِنٛدی بتھی نوٗرٕ بَرِتھ تہٕ اِظہارُک زُو چھُ۔ اَمہِ عَلاوٕ چھِ بروک پا سِلسلَس سِتی وابستہٕ واریاہن دوستادن ہِنٛزٕ مُرٛژ المارِین مَنٛز سجأوِتھ۔

نرٛوپا گوٚپھ تام واتنہٕ باپتھ چھُ سمن روفہٕ کِہ مَشرِقہٕ اَنٛدٕ بالَس پیوان کھسُن۔ اَمہِ گوٚپھِ ہِنٛزٕ سارِیے لَبہٕ چھےٚ دٕہرِ سِتی کژیہنہِ سپنٕ مُرٛژ۔ اَتھ گوٚپھِ مَنٛز چھےٚ کینٛہہ پھٹہٕ پھرٛاٹہٕ مُرٛژ یِم مُشکلَن پَچھانٕنہٕ یوان چھےٚ یِمَن مُرٛژن مُتعلق چھُ یوان وَننہٕ زِ یِم چھےٚ سارِوے کھوتہٕ پرٛانہٕ مُرٛژ یِم اَکِس کالَس مَنٛز بناونہٕ آمژ چھےٚ۔ گوٚپھ سوٗترس

منٛز چھےٚ اَکھ بُڈ گُنی دٕہ برٕتھ یتھ پیٹھ نٔرتیاپٕنٛدٕ ین
کھور رن ہنٛدی نِشانہٕ لبنہٕ یوان چھ۔ اَکِس انٛدس
کُن چھ شیشوپن المارٕ ین منٛز گرِتھ ژٔرِتھ مُرٕژ یمن
متعلق اَتہِ کین لامَن ہنٛد خیال چھ زِ یم مُرٕژ چھےٚ
شاکھیہ مُنی، اکشوبھے، ناگ بنگ شیرنگ، گگ
بنگ، گورو رن پوچی تہٕ نٔرتیا سنٛز چھےٚ ناگ بنگ سٕنٛز
مُرتھ چھےٚ بلکل زُنتہٕ زٕنٛدٕ انسان سٕنٛز تصویر۔ ناگ
بنگس متعلق چھ یوان وَننہٕ زِ سُہ اوس اتنگ گامس
منٛز زامُت۔

دوٚیم گوٚمپہ یس چرتنگس ہیوٚر بہین چھےٚ اَتہِ
چھےٚ نٔرتیا سٕنٛز مۄرتھ۔ اَژوٗنے چھےٚ اَتہِ می لاریسپا،
ایتاب تہٕ اولوکیشور سٕنٛدی ژِتھر۔ وجردھر سٕنٛز
مُرتھ چھےٚ دچھنہٕ طرفہٕ لبنہٕ منٛز استادٕ۔ امہِ علاوٕ
چھِ اَتہِ امہِ چِن لینَ منٛز واریاہن دوتاہن تہٕ لامَن
ہنٛدی ژِتھر تہٕ تصویر بناوِتھ۔

اَتھ گوٚمپہ منٛز یتھ نٔرتیا گوٚمپہ تہٕ وَنان چھ)
یم مختلف لامَن ہنٛدی خوبصورت ترین ژِتھر تہٕ مُرٕژ
موجود چھےٚ تم چھےٚ فن کاری تہٕ کاری گری ہنٛد اَکھ
خاص نموٗنہ۔ (م۔ع)

## کتاب نامہ:


*Franche: History of Ladakh
*Snellgrove: Cultural Heritage of Ladakh, II


# زیارتِ باباشکورالدینؒ

یہ زیارت چھےٚ سوپورکس شُمال مشرقس
منٛز، اکلو میٹر دوٗر شیر کوٹ بالہٕ ٹھنگِس پیٹھ۔ شیر
کوٹ چھ دٕہ وولرکس شُمالی بٹھِس سٕتی۔ اَتھ چھ کرالہ سنگرٕ
تہٕ وَنان۔ یہ بال چھ پرانِس زٲنہٕ گیر پرگنس تہٕ
کھیہ ہامی پرگنس تہٕ اَزی کِس سوپور تحصیلس تہٕ بانٛڈی پورٕ
تحصیلس منٛزس۔

باباشکورالدینؒ اوس مانچھہامی پرگنہٕ کِہ
آرُت گامُک روزن وول۔ (آرُت چھ اَز بُڈگامی تحصیلک
گام) بشکور صاب اوس بابا زین الدینؒ سُنٛد خلیفہٕ
مُرشد سٕنٛدِس وَننس پیٹھ رودٕ سُہ کھیہ ہامی پرگنس
منٛز شنگہ پال بالس پیٹھ بہن وٕری ین ریاضت کران۔
زندگی ہنٛدِ پتی ہن وٕری ین رودٕ شیر کوٹ بالس
پیٹھ اَکِس گوٚمپہ منٛز یاد خُدا کران یتھ منٛز تمی ییٚمہ
عالمہٕ گُزرنہٕ پتہٕ دفن کرنٕچ وصیت کٔرمژ اَس۔ مگر
پتہٕ آو سُہ اَتھ گوٚمپہ نزدیک بیٚیِس جایہ دفن کرنہٕ
ییٚتھ تمی سُنٛد روضہٕ تعمیر کرنہٕ آو۔

باباشکورالدینؒ سٕنٛدِس روضس اَسی
اَنٛدی اَنٛدی ساری سے بنٛجر پٹی۔ پیٹھ اوسُس بُرزٕ
پش۔ روضہٕ منٛز اَس ۱۹۴۶ء تام کُنہٕ کُنہٕ ساعتہٕ



تۆپھ نیران، یہ سہ کُنہٕ ناگہانی بلایہ ہِنٛز ژینہٕ وَن اُس آسان۔ روایت چھےٚ زِ کُنہٕ وِزِ آس تیتہٕ زورٕ سان تۆپھ نیران زِ پنجرٕ پٔٹۍ آسی ووٚلرس مَنٛز لاینہٕ یِوان۔

روضس آیہ مختلف دوٚرن مَنٛز مرمت کرنہٕ۔ ۱۹۴۶ سنہٕ مَنٛز تہِ چھےٚ اَتھ مرمت سپنٛز ہٕریٹیمنٹیک پےٚ تمہِ کتبہٕ تلہٕ سیدان چھُ یُس حال حالے تعمیر کرنہٕ آمتس اَستانس دَروازس کھووٕری کنی لٲگِتھ چھُ۔

۱۹۷۴ سنہٕ مَنٛز سپُد اَستان نوٚ سرٕ تعمیر۔ یَتھ اَنٛدۍ اَنٛدۍ وُسعت دِتھ سوٚ گوو پھ تہِ عمارژ تَل ہینہٕ آیہ یَتھ مَنٛز باباشکورؒ عبادَت کران اَسی۔ نوٚو تعمیر سپدنہٕ برونٛٹھے اُس صادق صٲبنِس دوٚرس مَنٛز (۷۱-۱۹۶۴ء) اَستانس تام سَڑک تہِ کھارنہٕ آمٕژ تہٕ اَکھ تہٕ بجلی ہُنٛد انتظام تہِ سپُد مُت۔ نوٚس تعمیرس دوران چھےٚ تِم وۄنٛچھِ

ضایع کرنہٕ آمژ۔ یمن منز بڑ وٚنہہ زاینہ گیر نہر منز یا وولرٕ منز آب کھارتھ زایرن ہندِ استعمالہٕ خاطرٕ تھوٚ نہٕ اوس یوان۔ استانس جنوب مغربی کونس تل پرانی مسجد شہید کرتھ چھےٚ ۱۹۷۶ء منز نوٚ مسجد تعمیر کرنہٕ آمژ۔ مسجد مغربہٕ پاسہٕ چھےٚ نقش کھنتھ لکرٕ ہنز بڈ ڈیڈی یتھ متعلق ونن چھ یوان زِ یہ چھےٚ بابا پیام الدین ریشی ین پننس پیرباجس زندگانی منزے سوزمژ۔ ڈیڈی چھےٚ تمہٕ آیہ لاگنہٕ آمژ زِ اتہ پیٹھہٕ چھ بابا ریشی سُنٛد آستان بوزنہٕ یوان۔ استانس مغربہٕ پاسہٕ چھ بوٚنہِ مِس طبقس منز لنگر۔ حال حالے چھ امہٕ بون یہن زایرن ہندِ روزنہٕ خاطرٕ مسافرخانہٕ تہٕ تعمیر کرنہٕ آمُت۔ مسافرخانس بون یہن مغربہٕ پاسہٕ چھےٚ بابا ریگی ریشی سٕنز قبر۔ امہٕ علاوٕ چھےٚ شیرکوٹ بالس وولرٕ طرفہٕ کس تھنگس پیٹھ بابا رذٕپی ریشی سٕنز قبر تہٕ۔

زیارت چھےٚ ۲۳½ ۵ فٹہٕ چوٚرس، ۵ فٹہٕ تھزرٕ کنہٕ ژاکس پیٹھ کھارنہٕ آمژ۔ پیٹھہٕ چھس لوٚہچہ سیرین ہُنٛد لداو۔ استانک روے چھ جنوٗبہٕ پاسہٕ۔ دروازس تام چھےٚ دوٚ یوٚ اندٕ و دوٚری کنین ہنز ہیر۔ دروازس ڈٕچھنی کھووٕری چھےٚ ۱'×۵' اکھ اکھ شیشہٕ دارٕ ییلہٕ زن باقی ترین طرفن امی کاچہ ترٚےٚ ترٚےٚ دارٕ چھےٚ۔ محرابی چالہٕ دارن ہُنٛد پیٹھمیُم حصہٕ چھ پنجرٕ دار۔ استانس اندر چھےٚ ۲ فٹہٕ تھزرس تام ٹالہٕ لاگتھ۔ روضس اندی اندی چھےٚ ½۱۴ فٹہٕ کھجرٕ غلام گردش۔ یتھ ختم بنٛد تالو چھُ۔ غلام گردشک فرش چھ رنگا برنگی چپس ترٲوِتھ سیمنٹک۔ بابا شکورالدین سُنٛد روضہٕ چھ ½۱۷ فٹہٕ چوٚرس۔ اتھ تہٕ چھ ختم بنٛد تالو۔ روضس چھےٚ ۲ فٹہٕ تھزرس تام ٹالہٕ لاگتھ تہٕ پیٹھہٕ چھس شیشہٕ فریم۔ روضس اندر قبر چھ نقشہٕ کرتھ لکرٕ ہُنٛد گنٛبز چالہٕ ژھر۔ یُس ۸ فٹہٕ زیوٗٹھ، ۵ فٹہٕ کھوٗل تہٕ ۶ فٹہٕ تھوٚد چھ۔ ژھرس اندی اندی تہٕ چھ چپس ترٲوِتھ سیمنٹ کرنہٕ آمُت۔

بابا شکورالدین سٕندِس زیارتس پیٹھ چھ وُہری وٲریس زایر یوان۔ ییمہٕ کنی اتہ لنگر تہٕ چلان چھ روزان۔ (م۔ا۔ا)

کتاب نامہٕ:

- Dedamari: Tarikh-i-Aazmi
- Hasan: Asrar-ul-Akhyar
- Hasan: Tarikh, I

## زیارت بٹہ مالی صاب رح

بٹہ مالی صابنی زیارت چھےٚ سری نگرکس بٹہ مالیُن

مَحلَس مَنٛز۔ بٹہ مالیُن اوس یَتھ کالہِ اَکھ گام یُس اَز سرینگرکہِ اَکہِ مَحلہٕ ژَنگی زانٕنہٕ چھُ یِوان۔ بٹہ مٲلی صٲبُن اَصلی ناو اوس شیخ داؤد ریشی۔ خواجہ یوسف کاٹجو سٕنٛدِ ذریعہ بنیاو اللہ داد ریشی سُنٛد مُرید تہٕ پیشہٕ اوُسُس زمیندارٕی۔ دَیان تہنٛزِ زِندگٲنی مَنٛز ییلہٕ کشیرِ سَنٛخ ڈراگ وۄتھ، شیخ داؤد اوس صُبحس ڈگمہٕ دیگ تیار کرناوان تہٕ دۄہی دۄہس اوس اَپارٕ یکن والین بوچھہِ ہَتین کھیاوان۔ یَمہِ موجُوب تَس لۄکھ "بتہٕ مول" وَنان آسی۔ یوہے ناو گوٚ ڈرِتھ تہٕ شیخ داؤد سٕنٛد یتہٕ بتہٕ مول ناوٕ مشہوٗر۔ اَمی نِسبتہٕ پیو اَتھ گامس "بتہٕ مالیُن" تہٕ اَدٕ بٹہ مالیُن ناو۔

بٹہ مٲلی صٲبنہِ (١٠٧٠ھ) ١٦٦٠ء مَنٛز رَحمتِ حق گژھنہٕ پتہٕ آو سُہ پَنٕنِس اَتھ لنگرس نکھہٕ دفن کرنہٕ تہٕ عقیدت مَنٛدو کوٚرہَس روضہٕ تعمیر۔ شیخ داؤد سٕنٛدِس گُزرنَس پتھ شیخ مومن سُنٛد یہ قطعہ تٲریخ چھُ اَستانہٕ کِس نقش کرِتھ دَروازٕ ہٕنٛگَس خطِ نستعلیقس مَنٛز کھَنِتھ ؎

سالِ تاریخِ وفاتش ہاتفی
داد الہامی مرا از بہرِ آں
شیخ مومن باسرِ اخلاص گفت
"بتہ مالو کردہ ماوا درجناں"

١٠٦٩

سَرِ اخلاص یعنے "ا" تہٕ "بتہ مالو کردہ ماوا درجناں" چھُ ١٠٧٠ھ سمان۔ یُس بٹہ مٲلی صٲبُن تٲریخِ وفات چھُ۔

بٹہ مٲلی صٲبنہِ زیارتہِ چھِ موجوٗد عمارت چھےٚ اَلہ پَلہ ہَتھ وَری برٛونٛہہ عمر خان ناوی اَکی عقیدت مَنٛدن تعمیر کرٕناوٕمٕژ۔ یُس پانہٕ تہِ زیارتَس جنوبہٕ پاسہٕ حاطس مَنٛز دفن چھُ۔ یہ چھےٚ ٣٨ × ٤٠ کَنہٕ ژاُکس پیٹھ رٹہٕ آمژٕ۔ پیٹھہٕ چھُس چۄنہٕ سُرخہِ مَنٛز پوختہٕ سیرن ہُنٛد لداو۔ اَتھ چھےٚ مشرق، شُمال تہٕ مغربہٕ پاسہٕ پانژہ پانژہ پنجرٕ دارٕ ییلہِ زَن جنوبہٕ طرفہٕ روٗہہِ پاسہٕ دَروازٕس ڈُچھنی کھووٕری زٕ زٕ دارِ چھَس۔ بٹہ مٲلی صٲبُن روضہٕ چھُ اَستانہٕ کہِ فرشہِ تھۄد ٤ فُٹہٕ۔ اَتھ چھُ شُمال، مغرب تہٕ جنوبہٕ پاسہٕ ٦ فُٹہٕ کھجرٕ غلام گردِش ییلہِ زَن مشرقہٕ پاسہٕ اَمیُک کھجر ١٥ فُٹہٕ چھُ۔ روٗہہِ پاسہٕ چھُ زیارتس برٛانٛدِ کَڈِتھ یمیُک چھجہٕ خوبصورت تھمن پیٹھ رٹنہٕ چھُ آمُت۔ برٛانٛدس پیٹھ کھسنہٕ خاطرٕ چھےٚ سنگِ مرمرٕچ ہیر۔ زیارتَس چھُ ترٛوور چار بام یَتھ یتھ پیٹھ رٛیش طرزُک لکرِ ہُنٛد سیٹھا تھۄد برُنگ چھُ۔

زیارتَس مغربہٕ پاسہٕ حاطس اَنٛدر چھُ بٹہ مٲلی صٲبُن خانقاہ۔ اَتھ چھُ لنگرخانہٕ تہِ وَنان۔ خانقاہس چھُ کرِ ٹوٹکہٕ ژاکین ہُنٛد رٛیش طرزِ تعمیر۔

بٹہٕ مالٕ صأبنس زیارتکس طرزِ تعمیرس منز چھہٕ بلاک طرزٕ تہٕ نوٚن ۔

بٹہٕ مالٕ صأبُن ووٚرُس چھُ پرتھ ؤری ییٚہ اپریلس منٛز لگان ۔ ووٚرسہٕ کِنہِ دوٚہَن چھنہٕ یہنٛدی عقیدت مند مازٕ رنان بلکہٕ چھہٕ ہوکھہٕ سنی ژامن تہٕ ٹھوٚل کھیوان تہٕ کیاز بٹہٕ مالٕ صأب اوس نہٕ پانہٕ تہٕ ماز کھیوان ۔ ووٚرسہٕ کِنہِ دوٚہَن چھُ عام طور وادٕ کڈان ییٚمہٕ موٚجوٗب شیخ داؤد ریشی کیٚس" واوٕ بٹہٕ مول " تہٕ وَنان چھہٕ ۔

(م ۔ ا ۔ ا)

## کتاب نامہ :

❊Dedmari: Tarikh-i-Aazmi
❊Hasan: Asrar-ul-Akhyar
❊Parmu: Muslim Rule in Kashmir

# زیارت خان صأب

خان صأبنہِ زیارت چھےٚ سرینگرکس جنوٗب مغربس منٛز ٢٣ کلومیٹر دوٗر ، بڈگامٕ ضلعکِس اَتھ گامَس چھُ زیارژ ہنٛدِ نسبتہٕ خان صأبُن ناو پیوٚمُت ۔ روایژ موٚجوٗب اُس یہِ زیارت گوڈٕ اَکِ مُقامی عقیدت مند عبدالرحمان المعروف مٔتی، تعمیر کرمژٕ ١٩٤٣ء منٛز لوٚگ سأری سےٚ گامَس نار ، یِیٚمِچ ژھٕٹھ خان صأبنِس روضس تام واتِ تہٕ گوٚو یِتھہٕ کنٕ سوزرے آستان شہید ۔

خان صأبُن اصلی ناو اوس سیٚد صالح خان یُس اَکہِ روایژ موٚجوٗب سلطان نازک شاہ (١٥٤٠ ۔ ٥١) سِندِس عہدس منٛز پکھلی پیٹھہٕ اَزی کِس خان صأب گامَس منٛز آمُت اوس ۔ یہِ جاے اُس تتھ وقتس منٛز گوٚن جنگل تہٕ اَتہِ اُسی چھرا بال ، نار تہٕ وُڈرییٚمہٕ کِس دامنس منٛز اَکھ گوٚپھ براہرٕ خان صأبنِس روضس تام زیٖٹھ چھےٚ ۔ اَتھ گوٚپھہِ منٛز اُسی سیٚد صالح خان آخری دمس تام ریاضت کران ۔ گوٚپھہِ نکھہٕ چھُ اَمہٕ کِس مشرقس منٛز اَکھ ناگ یتھ بادشاہ ناگ وَنان چھِ تہٕ یہِ ناگ چھُ روایژ موٚجوٗب سیٚد صالح خان سِنٛزِ کرامژ ہُنٛد نتیجہٕ ۔

خان صأبنہِ زیارت چھےٚ مُقامی لوٚکو ١٩٨٥ء منٛز نوٚسرٕ تعمیر کٔرمژ ۔ اَلبتہٕ چھُ رو منٛز پرانہٕ تعمیرُک مسالہٕ استعمال آمُت کرنہٕ ۔ اَمہٕ کِس تعمیرس منٛز چھُ سیاہ تہٕ سفید کنہِ ، دِوری کنہِ ، ہہارأجی سیرہِ ، ڈوٗنی ہیچہٕ تہٕ دِودأری لکرِ ہنٛد استعمال آمُت کرنہٕ ۔ یہِ زیارت چھےٚ کُل ٢٣ فُٹہٕ چوٗرُس تہٕ اَتھ اَندر چھُ خان صأبُن روضہٕ ١٤ فُٹہٕ زیٖچھر تہٕ ½١٢ فُٹہٕ کھجرٕ ۔ روضس چھےٚ ٣ فُٹہٕ تھزر کِس

زیارت خان صأب



تام سنگِ سفیدٕچ کُرسی کھاٗلِنہٕ تہٕ اَتھ چھےٚ ژوٕپأرۍ
نقش نگأری کٔرِتھ ۔ رٔنس چھہِ دٕو دأری لکرِ ہٕنٛدی ژور
تھَم تہٕ ۳×۳ فُٹہٕ ۲۳ شیشہٕ دارِ۔ روضَس چھُہ جنوٗبہٕ
پاسہٕ ڈٗوٗنی ہچہِ ہُنٛد دَروازٕ یتھ پیٹھ زأوِج لکرِ کأم کٔرِتھ

چھےٚ روضَس نِبٕرِ غلام گردِشَس چھُہ کُل نوٕ جالکرٕ اأنٛدرٕ۔
روضٕکس تالوَس چھُہ سأری سےٚ پُلےٚ وُڈٕ تہٕ غلام گردِشَس چھہِ
وسہٕ تالوَ دِتھ۔ جنوٗبہٕ طَرفہٕ چھُہ روضَس سنگِ سفیدُک
ڈوٗڈُنٹ چوٗرُس آبہٕ خزانہٕ یتھ اَتکی روزن وألی آبِ زَمزَم

ونان چھہٕ۔

طرزِ تعمیر کنی چھےٚ یہ زیارت کٔشیرِ منٛز ریٚش طرزس ستیٚ رلان۔ اتھ چھُ دٕ دور چار بام یٚش تہٕ تتھ پیٹھ چھہ ژورو طرفو ترٛٲنے ترٛٲنے محرأبی چالہٕ دار کدٕٹھ تہٕ زٲدِج لکرٕ کٲم کرِتھ کلسہٕ دار برنگ۔

زیارتس جنوب مغربس منٛز چھےٚ مسجد ییتہ اکھ لوکھ بڈ مشید وَنان چھہ۔ خان صابنس روضس ستیٚ چھےٚ زنانن ہنٛدِ باپتھ بیاکھ مسجد ییتہ منٛز اتہٕ ووٚرسس پیٹھ وعظ خوانی یوان چھےٚ کرنہٕ۔

اتہٕ چھُ پرٛتھ ؤری یہ ۲۱ جوٗن بوڈ بارٕ ٲلہِ لگان اتھ دوٚہس پیٹھ چھہ اتہٕ دٕ مٲلی تہٕ کرنہٕ یوان۔ (م ع)

کتاب نامہ :

※Hasan: Tarikh, I

## زیارت خواجہ حسن قاریؒ

خواجہ حسن قاریؒ ہٕنٛز زیارت چھےٚ زٲنہٕ گیر پرگنس منٛز شیوگامہ چہ بالہ کھوٚنہٕ منٛز۔ شیو چھُ سوپورکس شمالس منٛز اتہٕ پیٹھ ۱۲ کلومیٹر دوٗر۔ قاری صاب اوس سری نگرٕ کہ برٛینڈی مرٕ محلک روزن وول، سہ اوس شیخ حمزہ مخدوم صابنو



خلیفو منٛز۔ خواجہ حسن قاری اوس عالم دین، اَسنس ستیٚ ستیٚ حافظ قرآن تہٕ۔ یتن قرأتن انٛدر قرآن پرانٛچ اسس مہارت۔ پننس مرشد مخدوم صابنہٕ زندگی پیٹھ چھےٚ تمیٚ "راحت الطالبین" ناوی کتاب لیچھمٕژ۔ زندگی ہنٛدین آخری ؤرین روٗد شیوگامہ کس بالس پیٹھ گوشہ نشین تہٕ اتی رحمتِ حق سپدنہٕ پتہٕ آد اتھ جایہ دفن کرنہٕ۔

خواجہ حسن قاریؒ ہٕنٛز زیارت چھےٚ ۲۲ فٹہٕ زیچھر تہٕ ۱۹ فٹہٕ کھجر۔ اتھ چھُ جنوبس کُن بتہٕ کٮ۪ کال برٛونٛہہ چھُ اتھ ووٚہ یہ طرفہٕ ڈالان کڈنہٕ آمت ییتہ منٛزس استانس انٛدر اژنہٕ خاطرٕ ہیر چھےٚ۔ استانس انٛدر چھُ قاری صابُن روضہٕ یُس ۵ افٹہٕ زیچھر تہٕ ۱۳ افٹہٕ کھجر چھُ۔ روضک ژھر چھُ خوبصورت زٲلی پنجرٕ دار۔ روضس

نیئبرِ چھُہ غلام گردِش لیُس پژتھ طرفہٕ اَکی کھجرٕ چھُنہٕ۔ غلام گردِشس چھُس ختم بند نالو۔ اَستانہٕ نیئبرٕمٕنٕ لبن چھ ژورو فُٹؤ ہیئور شیشہٕ لأگتھ تہٕ تمہٕ پیٹھٕ چھس چورس زٕ فُٹہٕ تھزرٕ پنجرٕ۔ گوڈٕ چھنے یمہٕ لبہٕ لُکرِ دار پنجرن ہنٛزے اَسمٕژ۔ اَستانس چھنے پژتھ طرفہٕ زٕ زٕ پنجر دار۔ اَستانس اوس گوڈٕ تژٕ وورچار بام برزٕ نُش یتھ پیٹھ کترِ ژُو خوبصورت بژنگ اوس۔ ٹین دِنہٕ ورِ چھنہٕ پرٛنچ ہیئت ڈالنہٕ آمٕژ تہٕ کترِ ژُو پژون بژنگ چھُ اَتھ پیٹھ تہٕ کھارنہٕ آمُت۔ مورکہٕ پنچہٕ تہٕ زیٹھہ ڈکھ چھُ لُکرِ کامہٕ ہنٛدی خوبصورت نمونہٕ۔

قاری صأبنس اَستانس سیتی مغربہٕ پاسہٕ چھنے خواجہ اسحاق قاری ہنٛز سو کوٹھر یتھ منٛز سُہ چلس اوس بیہان۔ خواجہ اسحاق قاری اوس خواجہ حسن قاری سُندکوٗنس بوے تہٕ مخدوٗم صأبن مُرید۔ تمی چھنے مخدوٗم صأبنہٕ زندگی پیٹھ "چلچلتہ العارفینؔ" ناوی کتاب لیچھمٕژ۔ کوٹھر اَندی اَندی چھنے ازبرٕ وٕنہٕ اکہٕ پلہٕ ڈوہ ڈہتھ ڈری شیوکی ڈکھی جل عقیدت منٛد شُہر ڈارن مسجد تعمیر کرناوہٕژ۔ یہ چلہٕ کوٹھر چھنے مسجدِ منٛز وُنہٕ تہٕ موجود۔

اَمہٕ مسجدِ ہنٛدین کیشہٕ تانن منٛز چھُ تمہٕ ناو ہنٛزٕ پنچہٕ تہٕ یتھ متعلق روایتھ چھنے زِ خواجہ حسن قاری اوس اَتھ (ناوِ) منٛز خوشکی پیٹھی لیکان۔

خواجہ حسن قاری ہنٛدِس اَستانس پیٹھ چھُ پژتھ ؤری یہ ۲۷، صفر ووہ رُس لگان۔ اَتھ موٗقس پیٹھ چھ اَتہٕ تمی سُندِ عاصِہ شرٕیفچ تہٕ کمر بندچ زیارت ہاونہٕ یوان۔ (م۔ ا۔ ا)

کتاب نامہ:

*Hasan: Tarikh, I
*Ishaq Qari: Chilchila-tul-Aarifin
*Lawrence: Valley of Kashmir

## زیارت خواجہ مسعود پانپوریؒ

یہ زیارت چھنے سری نگرٕکس جنوٗبس منٛز ۱۳ کلومیٹر دوٗر پانپر۔ خواجہ مسعوٗد وَلی اوس پانپرٕکیو تھدٕ پوٗتاجرو منٛز۔ خُدایہ سُندِس یادِس منٛز سُپُد محو تہٕ ترووُن دُنیأوی لوہ لنگر۔ اُکس غارس منٛز کرِن خلوت نشینی اختیار۔ غارِ منٛز سپُدس حضرت شیخ بابا داوٗد خاکی سُندِس خدمتس منٛز حاضر گژھنک ارشاد، یمو تمِن خلوتس منٛز بیہنک تاکید کوٗر تہٕ روٗدی پانپرے۔

خواجہ مسعود وَلی اوس سیٹھا روشن ضمیر۔ یہ تہٕ

نذرٕ نیاز پِوان اُوسکھ تہٕ اَسی غریبَن تہٕ مسکینَن پیٹھ خرٕچ کران۔ سنہ ۱۰۲۱ ہجری بمُطابِق ۱۶۱۲ءَ سپدی رحمتِ حق تہٕ پانٕپرے آیہ اوسوٗدٕ کَرنہٕ۔

خواجہ مسعود ولی سُند یِژرون آستان چھُ ترٛیٚ دُری یِمہٕ وٕنہٕ منہدِم کَرنہٕ آمُت۔ یِژرون تعمیر چھُ عام رٛیٚش طرزُک اوسمُت۔ یہ اوس خام سیرِ بن ہُند تعمیر یَتھ بُرزٕ پَتھ، ژور درشَن دارِ تہٕ کَنترٕ ژُو بٕرٕنگ اوسُمت چھُ۔ نوِس تعمیرَس چھُ سیمنٹَس مَنٛز پوٚختہٕ سیرِ بن ہُند لَداو۔ زیارتَس چھُ زیچھر ۹۰ فُٹہٕ بیٚلہِ زَن کھجر مَشرِقہٕ پاسہٕ ۴۷ فُٹہٕ تہٕ مَغرِبہٕ پاسہٕ ۳۳ فُٹہٕ چھُس اَژَس



چھُس ٹین دِتھ یِتھ پیٹھہٕ اسلأمی طرزُک سیمٹ لاگنہٕ آمُت۔ کلش چھُس ترامُو یِتھ رِوٕ پہٕ بڑنگ چُھ۔ بڑنگس چھ أندرٕ سیمٹ تہٕ نیٖبرٕ سنگِ مرمر گِلٕٹھ کھاڑِتھ چُھ۔ بڑنگس چھپے اٹھ شیشہٕ دارِ تہٕ مورکہ



پچھن چھِنے ژالنہٕ چالہِ لکرِ دشہِ الُاثرز۔ آستانُس چھِنے محرٲبی چالہِ ۲۷ دارِ یمَن شیشہٕ لٲگتھ چھ۔ جنوٗبہٕ طرفہٕ چھُ آستانُس مَنز اَژنہٕ باپتھ دَرواز۔ اَمہِ کِس غلام گردِشَس مَنز چھِ مسعوٗد صابٕنی خلیفہٕ دَفن تہٕ روضہٕ شریفَس مَنز چھِ خواجہ مسعوٗد ولی، یہنٛدی فرزند باباعلی تہٕ یمَن لرِ شیخ محمد شریف (شوگہ بابا)۔ اَمہِ عَلاوٕ چھِ روضَس مَنز یہنٛدی باہ خلیفہٕ تہٕ دَفن۔ روضَس چھِنے محرٲبی چالہِ کاہ شیشہٕ دار۔ اَتھ چھ ختم بنٛد تالو تہٕ بییہ چھُس جنوٗبہٕ طرفہٕ محرٲبی چالہِ اَکھ دَروازٕ بییہٕ کِس داسَس سنگِ مرمر لٲگتھ چھُ۔ غلام گردِشَس تہٕ چھُ ختم بنٛد تالو تہٕ اَمہِ کِس پتھرِس چھُ سنگِ مرمر لاگنہٕ آمُت۔

استانُس سِتی مغربہٕ طرفہٕ چھُ فاتحہ خانہٕ حاطس مَنز چھُ شیخ مسعود ولی ہٕندِ وَقتُک کیوٗر۔ اَمہِ عَلاوٕ چھِنے اَتہٕ زٕ مُشیدٕ، اَکھ پرٲنی تہٕ بیاکھ نُو۔ آستانُس لرِ لوٗر چھُ خانقاہ، یُس پرانہٕ لکرِ طرزِ تعمیرُک اَکھ ہاوُن لایق نموٗنہٕ چھُ۔ زیارتچہ اَکِس کوٗٹھرِ مَنز چھِ خواجہ مسعوٗد ولی تہٕ شیخ محمد شریف (شوگہ بابا) ہٕندی تبرکات۔ ہیٚنٛدی مہٕ صفر چھِنے خواجہ مسعود صابٕنین تبرکاتن ہنٛز تہٕ ۲۱ صفر خواجہ محمد شریف (شوگہ بابا) ہٕندین تبرکن ہنٛز نشاندہی سپدان۔ (ش۔و)

کتاب ناٚمہ: ❊Hasan: Asrar-ul-Akhyar

## زیارت سید حاجی مُرادؒ

یہ زیارت چھِنے سرینگرٕ کِس شُمال مغربس مَنز ۳۹ کلومیٹر دوٗر وُرملی تحصیلہِ کِس کرِیرِ گامَس مَنز۔ سید حاجی مُراد بُخاریؒ اوس بیرو پَرگنَس مَنز کانٛدہوم گامہِ کِس سید فخر الدین بیہقی سٕنٛد فرزند۔ لوکہٕ چار سے مول مرنہٕ پتہٕ کُرٕنس سید ضیاء الدین زیرک نٲوی پٔتیرن روحٲنی تربیت۔ حاجی مُراد صابن اُسی ترٕنے حج کٔری متہٕ یمَن گژھنَس دوران کوٚر تمی ایران، روم تہٕ شام بیترِ علاقن ہٕنٛد سفر یتھ مَنز تٔمس ابو اسحاق شطاری تہٕ کُبروی سلسلہٕ کِس میر عبداللہ برزشس سِتی مُلاقات سَپد۔ ترٕییم حج کرنہٕ پتہٕ آو واپس کشیر تہٕ کانٛدہوم



تژاوِتھ کرٕن کژٕہن پرگنہٕ کِس کژٕپرٕ گامَس منٛز سکوٗنت۔
حاجی مُراد سُنٛد رُوحانی کمال نظرِ تَل تھاوِتھ اوس بابا
پیامُ الدین ریشی تہٕ تَس نِش مُلاقاتَس وآتان۔

سید حاجی مُراد سٕنٛدِ (۱۷، ذی الحج ۸۸۹ھ
۵ جنوری ۱۴۸۵ء) رحمتِ حق گژھنہٕ پتہٕ کرٕنوٗ سُلطان
محمد شاہَن (۸۶۱۔ ۱۴۸۴ء) کژٕپرٕ تمٕی سُنٛد روضہٕ تعمیرٕ۔
اَمہِ پتہٕ کوٚر روٗفس میر حمزہ صأبَن مزید پٲراو۔ ۱۶۷۳ء
منٛز آو اَستان رحیم صوٗفی ناوی عقیدت مَنٛد سٕنٛدِ
دٕسی نوٚوسرٕ تعمیر کرٕنہٕ۔ دیوان لچھمن داس سٕنٛدِس
دورَس منٛز آو یکم جون ۱۸۸۵ء کشیرِ شدید بُنٛیُل
ییٚمہِ سیتی حاجی مُراد صأبنی زیارت تہٕ شہید سپٕز۔
۱۹۰۲ء منٛز کرٕنوٗ حاجی میر احمد بخاری ین اَستان
نوٚوسرٕ تعمیر۔ تعمیرُک تأریخ چھُ ییٚمہِ شعرٕ منٛز نیران ؎

شُد بجہدِ میر احمد لعبدِ عزیزِ بامُراد
ہر کہ ومہ گفت اکنوں "روضۂ حاجی مُراد"

۱۳۲۰ھ = ۱۹۰۲ء

اَمہِ پتہٕ روٗد زیارتَس مُنٛزی منٛزی مزید پٲراو
سپدان۔ اَتھ دوران چھُ مولوی ثناء اللہ ناوی عقیدتمند
سٕنٛدی دٕسی اَتھ ٹین تہٕ دِنہٕ آمُت۔

زیارتَس چھُ جنوٗبہٕ پاسہٕ روٗے۔ اَنٛدرِمِس
حاطَس اَژنہٕ خاطرٕ چھےٚ استانَس مشرقہٕ پاسہٕ ڈیڈی



ییٚتہٕ پیٹھہٕ زیارتہٕ کِس دروازس تام اَلہٕ پلہٕ ہتھ فُٹہٕ زیوٗٹھ
ٹین دِتھ بڑانٛد چھُ۔ مغربہٕ پاسہٕ چھَس ۸۲ فُٹہٕ زیٖچھر
تہٕ ۱۵ فُٹہٕ کھجرٕ فاتحہ کوٗٹھر ناوٕ عمارت۔ ییٚمہِ منٛزٕ اَستان چھُ
شیشہٕ دار یوٚکِنی روٗضچ زیارت کرٕنہٕ چھےٚ یِوان۔ فاتحہ
کوٗٹھرِ منٛزَس چھےٚ لکرٕ ہُنٛد ژھر لٲگِتھ میر حمزہ بُخأری
سٕنٛز قبر۔

اَستانَس اَنٛدرٕ چھُ سید حاجی مُراد سٕنٛدِس
روٗفس نمبرٕ تمٕی سُنٛد زٕ فرزنٛد سید حیدر تہٕ سید سعید

دُفن۔ ۸ × ۷ روضس أندی أندی چھُ مغربہ طرفہ، فُٹہ شُمالہ پاسہ ۴ فُٹہ، مشرقہ طرفہ ۲ فُٹہ تہٕ جنوبہ طرفہ ۴ فُٹہ کھجر غلام گردش۔ روضہٕ چھُ خوبصوُرت نقش کٔھنتھ لکرٕ ہٕنٛد۔ حاجی مُراد صابٕنس روضس مشرقہ پاسہ چھِنے زیارتس منٛز لکرٕ ہٕنٛز بینہٕ تأرِتھ۔ یِتھ منٛز مستوُرات دفن چھِنے۔ اَتھ حِصس چھُ تالوٗ اکِس ٹرنہٕ کُلِس پیٹھ رٹنہٕ آمُت۔ یُس زیارت تعمیر سیدنہٕ وِزِ تازٕ چھُ اوسمُت۔ زیارتس منٛزی مُنٛزی مرمت سیدنہٕ باوُجوُد چھُ لکرٕ ہٕنٛدِ گرتھ تہٕ نقاشی تلہٕ باسان زِ یہ چھِنے سیٹھا پرأنی۔ زیارتس دروازٕ نیٚبر کنہٕ ٹرانٛدس



پیٹھ چھِنے تبرکات ہٕنٛز المأری۔ اَتھ منٛز چھِ اَکھ کانگر، زِکھراوِ، کترِ وِزوٗر، شمعدان، ہانگل ہینگ، کانیوٗ جار تہٕ شمعدان چالہ بیاکھ زوٗر شأمِل۔ تبرکاتن ہٕنٛز زیارت چھِنے پرٛتھ وُرِ کرِ یہ ۱۷ ذی الحج دوہ رسہ کِس موقس پیٹھ کرناونہٕ یِوان۔

زیارتس چھُ دُوور چار بام پکش یِتھ پیٹھ رٛیش طرزُک بڑنگ چھُ۔ صحنس منٛز چھُ بٔرانٛدس نکھہٕ سواد پانٛژھ فُٹہ موچر تہٕ زمینہٕ ہیٚور ۲/۱، فُٹہ تھزر اَکھ اَٹھِ پاسٕل کنہٕ تھم وودِنی۔ یِتھ "چراغ پا" چھِ وناں۔ چراغ پاہس چھ پرٛتھ طرفہ ہیٚرِ بون گورِتھ ژأنٛگی تار کَڈنہٕ آمتی۔ یِمن منٛز ووٕرسس پیٹھ زوُل کرنہٕ خأطرٕ ژأنٛگی چھِ تھاونہٕ یِوان۔ چراغ پاہس چھُ ۶ شوال ۱۳۰۱ھ کھُنتھ۔

(م۔ا۔ا)

کتاب نامہ :

*Gauhar Bukhari: Gulshan-i-Murad
*Hasan: Asrar-ul-Akhyar
*Sarwari: Kashmir Mein Farsi Adab

## زیارت سیّد حسن منطقیؒ

یہ زیارت چھِنے سرینگرٕکِس جنوبس منٛز ۲۶ کِلومیٹر دوٗر وٕوٕنتی پورہ۔ سیّد حسین منطقی چھُ بیہقی



سادات تہٕ اَندرٕ اوسمُت۔ اُمی سُند بابہٕ صاب اوس
سلطان سکندر سُندِس دورس مَنٛز (۱۴۱۲-۱۳۸۹ء)
کشیرٕ آمُت تہٕ پتہٕ کوٚرُن یتی قرار۔

سید حسن اوس وٕانٛسہٕ ہٕنٛدٕ بن آخری دورٕ بن
وٕنتی پورٕ دینی تبلیغ کران تہٕ اَتی سپُد رحمتِ حق۔
اُمی سُندِ مرنہٕ پتہٕ آو اَتہٕ روضہ بناونہٕ یُس زیارت
سید حسن منطقی ناوی وُنِس تَل چھ۔

اَستانس چھ بزوٚنہٕ کالہٕ بُرزٕ پِش اوسمُت،
تہٕ ووٕنی چھس ٹین پوشی کرنہٕ آمژ۔ پِش چھس شہٕ دور
تہٕ اَمِیُک ٹینُم حِصہٕ چھ لکرِ ہٕنٛدٕ بن خوبصورت براکٹن
پیٹھ ڈٕرِتھ۔ برٛنگس چھُس تالہٕ پیٹھ سرتلہٕ ہُنٛد
ٹور یتھ سونہٕ گلمٹھ کھاٛلتھ چھ۔ آستانس چھ ختم بنٛد
تالو تہٕ روضہ شریف چھ لکرِ ہُنٛد کھاٛرِتھ، یتھ اَنٛدی
اَنٛدی غلام گردِش چھ۔ آستانہٕ کِس حاطس چھ ژوٚپاٛری
دِوٕری کنٛین ہُنٛد دیوار۔ زیارتس چھ کُن تہٕ براٛنٛد
تہٕ دِوٕری کنٛین ہُنٛدُے۔ اَتھ چھےٚ ترٛیوٚ طرفو پاٛنژھ
پاٛنژھ شیشہٕ دارٕ ییلہٕ زن جنوبہٕ پاسہٕ دروازس
ڈٕ چھنہٕ کھووری زٕ زٕ دارِ چھُس۔ زیارتس چھ دِوٕری
کنٛین ہُنٛد ۳۸ فُٹہٕ چورس کنہٕ ژوک تہٕ پیٹھ چھُس
پوخہٕ چناپہٕ مَنٛز لداو۔ آستانہٕ کِس حاطس مَنٛز چھ
قبرِستان، یتھ اَنٛدر کینٛہہ بُزرگ تہٕ اوسوٚدٕ چھ۔ ۱۱
ہار چھ آستانس پیٹھ وورس لگان۔ وٕنتی پورٕ چ
جامع مسجد چھےٚ امچی آمدنی پیٹھ تعمیر سپدان تہٕ بیٚیہ
چھ واریاہ درس گاہ تہٕ آستانہٕ چہ آمدنی پیٹھ چلان۔

(ش۔ا)

کتاب نامہ:

*Hasan: Asrar-ul-Akhyar
*Hasan: Tarikh, I, II

## زیارت سید حسین قمیؒ

سید حُسین قمیؒ سُنٛز زیارت چھےٚ سرینگرٕ
پیٹھ ۵۸ کلومیٹر دوٗر سوپورکہٕ شمال مشرق پاسہٕ زاٛنہٕ گیر

زیارت سید قمیؒ



پرگنہ کس سعدہ پورگامس
منز قمیؒ صاب اوس قم
(ایرانک) روزن وول حکیم
صفدر علی سندی کنی اوس
قمی صاب دینی تبلیغہ کس
سلسلس منز بڈشاہ
سندس زمانس (۱۴۲۰-۱۴۷۰)
منز کشیر آمت۔ مگر تسندی
لکھہ مطابق چھ سہ (۸۲۱ھ)
۱۴۱۸ء منز کشیر آمت۔ یس سلطان علی شاہ سند دور
(۱۴۱۳-۱۴۱۹ء) اوس۔ امہ حسابہ چھنہ نشاط انصاری
سند یہ ونن صحی زِ قمی صاب آو (۷۶۱ھ) ۱۳۵۹ء
منز یور۔ کشیر ہندین واریاہن علاقن دینی تبلیغ
کرنہ پتہ ووت قمیؒ صاب سعد پور۔ اتہ قرار کرِتھ روٗد
دینی تبلیغ کران۔ عالم دین آسنس سیتی سیتی اوس
سہ تھدِ درجک روحانی بزرگ۔ قمی صابس سیتی
چھے واریاہ کرامژ منسوب۔ "صراط المستقیم" چھے تمی
سنز مشہور تصنیف۔ قمیؒ صابنہ رحمتِ حق گژھنہ
پتہ آو تمی سندس مرقدس پیٹھ روضہ تعمیر کرنہ یتھ برزِ
پشس پیٹھ برنگ چھ اوسمت۔ واریاہس کالس
خستہ حالتس منز روزنہ پتہ کرناو اتھ مرحوم مولوی
جواد صابن مرمت۔ امہ وزِ چھ حاطس منز اکھ مسافر
خانہ تہِ تعمیر کرنہ آمت۔ ۱۹۱۲ء منز آو اتھ آغا سید
حسین سابق گورنر سندی دسی وسعت دنہ۔ امہ
وقتہ آو اتھ سنگلہ پیش دنہ۔ کینہہ وری برونہہ چھ اتھ
آغا مظفر صابن مرمت کرِتھ مزید پاراو کرنومت۔
قمی صابنی زیارت چھے نیٹبری نیٹبری ۳۵ فٹہ
چورس۔ اتھ چھ کنہ کنس پیٹھ سیمنٹ پلستر کرِتھ۔
استانس چھ مشرقہ پاسہ دروازہ۔ دوری کنین ہندس
براندس دچھنی کھووری چھ زِ خوبصورت پایہ۔ اتھ چھے
شمالہ مغربہ تہ جنوبہ پاسہ پانژھ پانژھ محرابی پنجر دارِ۔
یمن پیٹھ شیشو روشن دان چھ۔ مشرقہ پاسہ چھس
براندس دچھنی کھووری امی گاچہ اکھ اکھ دار۔ تارس

چھ ژوہ پاڑی روشن دان۔ اَتھ چھُ دُوور چار بام ٹینہ
پَش یتھ پیٹھ ژیٔش طرزُک بڑنگ چھُ۔

اَستانس اندر اَژوُنے چھُ ۱۵ ۱/۲ فُٹہ
کھجر غلام گردِش یتھ نوِ طرزُک ڈیڈوتالو چھُ۔ مَنزس
چھُ قمی صابُن روضہٕ یُس ۲۲ فُٹہٕ چورُس چھُ۔ اَتھ چھِ
ڈایہ فُٹہٕ تھزر پیٹھہ پرتھ طرفہٕ خوٗبصوٗرت پنجرٕدارِ۔
روضس اندر اَژنہٕ خاطرٕ تہٕ چھُ مَشرقہٕ پاسے دَرواز۔
اندر چھُ شُمالہٕ پاسہٕ قُمی صاب تہٕ جنوٗبہٕ طرفہٕ تمی سنز
خانہٕ داریٚنی تہٕ نوٗش دَفن۔ یمن ترین شوٗنی قبرن
چھُ پنجرٕ کاری کٔرتھ کُنی ژھر اوسمُت۔ مگر قمی صابنہٕ
قبرِ ہُنٛد ژھر چھُ تمہٕ وِز تلنہٕ آمُت ییلہٕ اَتھ سیمنٹ
کرنہٕ آو۔ ژھرکہ پنجرٕ پٹی چھِ قبرِ پیٹھ وُنہ تہٕ موٗجوٗد۔
قمی صابنہٕ قبرِ پیٹھ چھُ لکرِ ہُنٛد معموٗلی ژھر۔ روضہٕ کِس
تالوٗس چھِ پیپر ماشی کٔرتھ یتھ وۄں مُرش چھِ
لجمِژ۔ روضہٕ چھ چار دِیوٲری مَنز چھِ پیٚٹھاہ تھم یمن لبہٕ
نیٚبرِ نیٚبرِ کوٗلکھ چھُ کڈِتھ۔

روضس مغربہٕ پاسہٕ غلام گردِشس مَنز
چھِ اَکھ پاٹھر یتھ تل قمی صابُن اَکھ فرزندٕ دفن چھُ۔
اَستانہٕ نیٚبر مغربہٕ پاسہٕ چھُ تمی سُنٛد دۆیُم فرزندٕ
دَفن تہٕ اَمِنٛز قبرِ پیٹھ چھِ ژور بونہٕ یِم رِوایتہٕ مُطابق
خود رُو چھِ۔

زیارتس پیٹھ چھِ بُرج اسد کس موقس پیٹھ
جلسے یا اگستس مَنز مرثی ہنز محفل سپدان۔ (ام۔ا۔ا)

کتاب نامہ:


*Akbar Haidri: Ed. Baharistan-i-Shahi
*Hasan: Tarikh, I, II
*Parmu: Kashmir Under Muslim Rule
*Sufi: Kashir, I, II


## زیارت شاہ صادق قلندرؒ

سرینگرکس شُمالس مَنز لال چوکہ پیٹھ ۲۵
کلومیٹر دوٗر دِتہٕ لارٕ (گاندربل) چھُ بالہٕ لاز پیٹھ شاہ
صادق قلندرؒ سُنٛد اَستان۔ قلندر صاب اوس اندرابی
خاندانہٕ مَنز پننہٕ وقتہٕ کھدِ پایک عالم تہٕ حافظِ قرآن۔
سُتن قرأتن ہُنٛد اوس ماہر۔ فارسی زبانی ہُنٛد شاعر
تہٕ رو پہ بھوانی ہُنٛد ہمکال شاہ صادق قلندرنہٕ رٕود
زندگی ہِنٛد بن ہتیہ مین دوٚہن شہر ترٲوِتھ لارٕ پرگنس
منز گوشہٕ نشین یِیتہٕ ماہ ذی قعد (۱۰۹۳ھ) ۱۶۸۳ء
مَنز رحمتِ حق سپُد۔

اَستان چھُ حاطہٕ بنٛد۔ شُمالہٕ پاسہٕ چھس اَکھ پُر
مسجد یتھ ہسِتی از بناکھ دُپور مسجد زیرِ تعمیر چھِ۔ آستانس





چُھ ژوک ۱½۲ فُٹہٕ تہٕ چوٗنہٕ سُرخہٕ مَنٛز چھُس سیرِ ہن ہُمٛشہ لداو۔ آستان چُھ اَنٛدری اَنٛدری ۳۲ فُٹہٕ چوٗرُس۔ قلندر صابٔنۍ روضہٕ چُھ رہ یہِ۔ ۱ فُٹہٕ تہٕ شیر۱۳ فُٹہٕ۔ تُربتِ شریف چُھ حال حالے نوٚو آمُت لاگنہٕ یَتھ پیٹھ پنٛجرٕ کاری کٔرِتھ پٔروِن ژُھر چھُہ۔ روضس چھُ مَنٛزٕ مَنٛزٕ شیٖشہِ ہُٹی لاگِتھ۔ غلام گرٕدِشکِس جنوب مغربی کوٗنس پیٹھ چھےٚ شاہ صادق ہٕنٛدِ ہن یارن ہٕنٛزٕ پانٛژہ قبرٕ یمَن اَنٛدی اَنٛدی ژٕ فُٹہٕ تھزٕرٕ ڈنٛگہٕ کھارِتھ چُھ۔ اَستانَس چُھ ترٛزُوور چار بام ٹینہٕ پٔش۔ اَتہِ چھُ پٔرتھ ؤری یہِ ۲۹، ماہ ذی قعدہ ووٚرُس لگان یَتھ مَنٛز

شاہ صأبُن عاصہٕ شریف، کھیٚنہٕ بانہٕ، قلَم تہٕ پٔننہِ اَتھہٕ لیوٚکھمُت قرآنِ شریف بیترِ ہاوان چھِ۔ (ع۔غ۔ن)

کتاب نامہ :

*Hasan: Asrar-ul-Akhyar
*Sarwari: Kashmir Mein Farsi Adab

## زیارتِ شاہ ولیؒ

یہِ زیارت چھےٚ کوٚہ پوٚارٕ کہِ تحصیلہٕ کِس دژوگہٕ مُلی گامَس شُمالہٕ پاسہٕ۔ شاہ ولی سُنٛد اَصلی ناو اوس زیتی شاہ۔ اُمی ہٕنٛدِس ناوَس سٟتی منسوٗب اَتھ گامَس چھُ مُقام شاہ ولی وَنان۔ زیتی شاہ اوس کوٚہ پوٚارکہِ چَک خاندانُک۔ مجذوٗب حالتس مَنٛز چھےٚ زیٚتی شاہ صأبنہِ واریاہ کرامژ مشہوٗر۔ علی شاہ چَک (۱۵۷۰ء ــ ۱۵۷۹ء) نہِ اوس حاجتھ روأنی خاطرٕ اَمِس نِش یوان۔

رَحمتِ حق گژھنہٕ پَتہٕ آو شاہ ولی ہٕنٛدِس مَقبرِس اَنٛدی اَنٛدی روضہٕ کھارنہٕ۔ یَتھ مختلِف دوٗرن مَنٛز مرمت سَپدان روٗز۔ (۱۳۲۳ھ) ۱۹۰۵ء مَنٛز آو یہِ نوٚوسرٕ تعمیر کرنہٕ۔ یہِ زَن پَکہٕ پیٹھ کھُنتھ یٟمہِ کتبہٕ تلہٕ ننان چھُ :

اِیں روضۂ مُنور      سر نو کہ شُد معمر

دِنہٕ، مگر لکرٕ ہٕت خوٗبصوٗرت پنجرٕ کاری کرِتھ روضہٕ آو قائیم تھاونہٕ۔

۱۹۷۳ سنہٕ منز آیہٕ زِیارت نوٗسرٕ تعمیر کرنہٕ۔ ۴۶×۴۲ اَتھ زِیارتَس چھ کنہٕ ژوٗک تہٕ پیٹھٕ چھُس سیرہٕ بن ہنٛد لداو۔ اَتھ چھ جنوٗبہٕ طرفہٕ روٗے۔ اَندر چھُ خوٗبصوٗرت پنجرٕ کاری کرِتھ ۱۲ فُٹہٕ چوٗرس روضہٕ۔ روضس اَندی اَندی غلام گردِش چھُ مغربہٕ طرفہٕ ۱۷ فُٹہٕ۔ شُمالہٕ طرفہٕ ۱۴ فُٹہٕ، مشرقہٕ طرفہٕ ۱۴ فُٹہٕ تہٕ جنوٗبہٕ طرفہٕ ۲۰ فُٹہٕ۔ روضس اَندر چھُ قبرِ پیٹھٕ پنجرٕ کاری کرِتھ ژھرتہٕ پیرس چھُ سیمنٹ کرِتھ۔ غلام گردِشس چھُ ختم بنٛد نالو۔ روضس جنوٗب مغربی کوٗنس منز چھُ غلام گردِشس اَندر شاہ ولی سُنٛد بوے میر مسعوٗد تہٕ بابہٕ تھہٕ میر حسین دفن۔ یِمن دوشونٛی قبرن چھُ پیٹھٕ لکرٕ ہٕنٛد کھنٛے ژھر۔ آستانس چھنٛے مشرقہٕ، شُمالہٕ تہٕ مغربہٕ پاسہٕ پانٛژھ پانٛژھ محرابی شیشہٕ دارِ ریلہٕ زن جنوٗبہٕ پاسہٕ دَروازس ڈیچھنٛی کھوورِ اَمی گاچہٕ زٕ زٕ دارِ چھنٛے۔ دَروازس سیوٗد دہلیزس اوس بُروٗنٹھ مسجدِ سیتی واٹھ مگر زیرِ تعمیر نوٗ مسجدِ تہٕ آستانس چھتہٕ اَزٕ پلو۔ آستانس چھُ دُوور چار بام پُش یتھ پیٹھ زیش طرزُک بڑنگ چھُ۔ زیارتَس نیبرٕ کنہٕ جنوٗب مشرقی کوٗنس پیٹھ چھُ ۱۲ فُٹہٕ چوٗرس ناگ یتھ دِوری کنٛین ہنٛد سام چھُ۔ ناگہٕ ہٕنٛدس پیٹھ چھُ سہٕ تلہٕ کُلیُس



تاریخ شُد مُقرر
درگاہِ فیض بار

ہر جسم را کہ جاں است
گویا ہمیں بیاں است

کایں وردِ زباں است
درگاہ فیض بار

شاہ ولی عالی
ہر کہ آمدش سوالی

کے رفت باز خالی
درگاہ فیض بار

سایل امام الدین است
از دور بس قریں است

بر آستاں جبیں است
درگاہ فیض بار

"درگاہ فیض بار" ۱۳۲۳ھ چھُ نوٗ تعمیرُک تاریخ۔ تاریخ لیکھن وول امام الدین چھُ یِمن دوہن امہٕ علاقک رینجر اوسمُت۔ امہٕ وزرٕ آو آستانس ہنا وسعت

شاہ ولی صائبَن پانہٕ چھُ دُبت مُت۔ ناگس متعلق چھےٚ روایتھ زِ اَتھ مَنٛز چھُ زیٚتی شاہ صائبَن اَکھ ہوگاڈ لۆک ژُھنمُت یمَن ناگس مَنٛز گرٕژھتھ زُوژاو۔ زیارژتک انتظام چھُ کینٛژہ کالہٕ پیٚٹھٕ مرکزی ادارۂ اوقافِ اسلامیہ کِہ اہتمامہٕ چلاونہٕ یِوان۔ اَتہٕ چھِ کاسۂ شریف کُلاہ تہٕ تسبیح یِمَن ہٕنٛز زیارت ۱۴۔ زیٹھ ہاونہٕ چھےٚ یِوان۔ بڑ ڈُنہٕ کالِہ چھُ وہ رُسک تارِیخ ۱۴ ار ژِہر اوسمُت۔ (م۔ا۔ا)

کتاب نامہ :


*Hasan: Tarikh, I, II
*Mohibbul Hasan: Kashmir Under the Sultans
*Parmu: Muslim Rule in Kashmir
*Lawrence: Valley of Kashmir


## زیارت شوگہٕ باباصاؑبؒ

وُچھِو "زیارت خواجہ مسعود پانپوری"

## زیارت قمر صاؑبؒ

قمر صائبُن اَستان چھُ سری نگرکس شمالَس کُن لال چوکہٕ پیٚٹھٕ اَرداہ کِلومیٖٹر دُور گاندربل، دوو رہامہٕ رٮ۪یش پۆر محلس مَنٛز۔ قمر صاب آو شہرِ بیہق خُراسانہٕ پیٚٹھٕ میر سید منطقی یَس سیتی سُلطان سِکندر (۱۳۸۹ - ۱۴۱۳ء) اِسنٛدِس عہدس مَنٛز کشیرِ۔ اَوہُنٛد یومِ وِصال چھُ ۱۱ ماہِ صَفر۔ اَستان چھُ انتظامیہ کمیٹی نَوِ سرٕ وُسعت دِتھ ۱۹۴۷ سنہٕ مَنٛز تعمیر کۆرمُت، اَوکنی چھُ پرانہِ طرزِ تعمیرُک آثار نابوُد۔ اَستانَس چھُ دوری کَنِہ ہُنٛد ۲½ فُٹہٕ تھزر ژوٚک تہٕ چوٚنہٕ سُرخہٕ مَنٛز سیرِ ہُنٛد چھُس لَداو۔ اَندرٕ نیٚبر چھُس سفید چوٚنہٕ گچھ کرِتھ۔ اَستان چھُ اَندری اَندری ۳۱ فُٹہٕ چورُس تہٕ مَنٛزَس روضۂ شریف چھُ ۹ فُٹہٕ چورُس۔ یتھ پِلیے وُوڈ لاگتھ چھُ تہٕ ژوہ شِیے پاسو شیٖشہٕ لاگتھ درشَن دارِ چھےٚ۔ تُربتِ شریف چھُ پژون یتھ



کھنجہِ چھہٕ وو ژھمٕژ تہٕ اَتھ چھہٕ مخملی غِلاف پیٹھہٕ
یَتھ پیٹھ قرآنِ شریفکہٕ آیات تہٕ نعتِ شریف
لیٚکھتھ چھہٕ۔ غلام گردِش چھُس ۱۱ فُٹہٕ کھجہٕ۔ اَستانَس
چھہٕ دَروازَس دُچھنی کھووٕری اَکھ اَکھ شیشہٕ دأر تہٕ
باقے ترٚیشوٕے پاسو چھُس ترٚےٚ ترٚےٚ بارٕ وجہِ
شیشہٕ دارِ۔ اَستانَس چھُہ دُوور چار بام ٹینہٕ پٔٹھ
یَتھ پیٹھ عام رٔیش طرزُک برٕنگ چھُہ۔ اَستان چھُہ
حاطہٕ بَنٛدٕ یٚیمہِ کِس جنوٗب مغربی کوٗنَس تَل اَکھ دُلوٗر
مَسجد چھہٕ تہٕ جنوٗب مَشرقی کوٗنَس پیٹھ دِوٕری کَنٛین
ہٕنٛز ڈیڈی چھہٕ۔ قَمر صائبُن ووٗرُس چھُہ پٔرتھ وٕری یہِ
اَگستَس مَنٛز لگان۔ (ع . غ . ن)

کتاب نامہٕ:

*Hasan: Asrar-ul-Akhyar

## زیارت کیموہ

کیموٗہ ہِچ زیارت چھہٕ وٕیچہِ بٔرارِکِس
مُغرِبَس مَنٛز سرینگرٕ پیٹھہٕ اسلام آباد وَتہِ ۶۲ کلومیٹر دوٗر
کیموہ گامَس مَنٛز۔
کیموہ چھہٕ سو بابَرکت جاے یٚیتہِ علمدارِ
کشمیر حضرتِ شیخ نورالدّین نوٗرانی رحؒ یَنُن لُکچار گُزوٗر
تہٕ یاوُن چھوو۔ اُتھی عِرفانہٕ کھوہ نہِ مَنٛز چھُہ حضرتِ شیخَن رحؒ
نَفسِ اَمارَگہِ رٔٹنہٕ خاطرٕ غارٕ نشینی ہُنٛد سُنت پولمُت۔
نوٗر نازِل سَپدُنُک مَرکز چھُہ کیموہَس سیتی گوہ کھٕبل یٚیتہِ
حضرتِ شیخَن باہن[12] وٕریَن خلوت نشیتی اختیار کٔرتہٕ بیہاے
چھہٕ سو جاے یٚیتہِ یِہُنٛدی والدِ مُحترم شیخ سالارالدینؒ
قابلِ تعظیم والِدٕ شُدرِ مأج، پاک سیرت گرداجیٚنی
زٕے دِہ، فرزَندِ ارجمند بابا حیدر تہٕ ڈٔکہٕ بُڈ کوٗر زوٗن
دِہ ڈاف ترٕاوِتھ چھہٕ۔
زیارت کیموٗہُک نوٗرخانہٕ چھُہ مُجاوِرِ خاص
مولوی سکندرَن اَلہٕ پلہٕ اَکھ ہتھ وٕری برٕونٛہہ تعمیر کوٚرمُت۔
پٔرانِس تعمیرَس چھُہ کَنٛین، سیرہن تہٕ دِوداری لکرِ ہُنٛد
استعمال آمُت کرنہٕ۔ پٔرأنی زیارت چھہٕ شمال جنوٗب
طرفہٕ ۲۷ فُٹہٕ تہٕ مَشرق مغرب طرفہٕ ۱۳ فُٹہٕ زیٚٹھ۔ مغربہٕ
طرفہٕ چھہٕ اَتھ کُل ترٚےٚ دارِ۔ مَنٛزِم دأر چھہٕ شٔے فُٹہٕ
زیٚٹھ تہٕ ترٚےٚ فُٹہٕ کھج محرابی چالہِ یَتھ مَنٛزَس شیشہٕ
لأگِتھ چھہٕ۔ اَتھ چھُہ دُچھنہِ طرفہٕ پیٹھ کَنہٕ، یا شیخ نورالدین
نوٗرانی رحؒ تہٕ کھووٕرِ پاسہٕ، یا غوث الاعظم دستگیر رحؒ لیٚکھتھ۔
مَغربہٕ پاسہٕ چھُہ اَتھ دارِ شیخ العالم رحؒ سُنٛد یہِ شعر
لیٚکھتھ ؎

دِل چھُہ گاڈتے ہِوکھ موتھاوُن
ذِکرِ ہُنٛد پوٚنی دِس لَسِہ پوٚتوٚے



نۆرخانَس چھ ژوشوٚنی اندَن پیٹھ کُل ۳۶ دِوداری

تھم یِم داہ فُٹہٕ زیٖٹھی تہٕ ڈوڈ فُٹہٕ لیٖیٹہٕ۔ جنوٗب پاسہٕ

چھُ نۆرخانَس ۴ فُٹہٕ کھوٚل تہٕ اٚٹھ فُٹہٕ تھوٚد دِوداری

لکرِ ہُنٛد نقشہِ نِگاری کٔرِتھ دَروازٕ۔ زیارٕژ چھُ ژُ دور

پَش دِتھ اَکھ ہیٚچھو بڑنگ کھاٚلِتھ یَتھ پیٹھ تیٖنتالِس

'اللہ' بَناوِتھ چھُ۔ بڑنگس چھےٚ وُروٗسی دِتھ ژوپارِی

کُلَ نوکٕتی چہِ بَناوِتھ۔

زِیارت کیموٗ ہُک جدید تعمیر چھُ خالِص سیمٹُو۔ اَتہٕ کیٚو

مُقامی لوٗکَو چھُ اَمہِ جُدید تعمیرُک دَس ۱۹۸۴ء مَنٛز تُلمُت

تہٕ وُنہِ چھس تعمیرِچ کام جاری۔ اَمیُک غلام گردِش چھ

۴۵×۴۹ فُٹہٕ تہٕ اَتھ چھُ نۆرخانَس اَژنہِ باپَتھ جنوٗبہٕ

پاسہٕ محراٗبی چالہِ گیٹ۔ اَتھ چھےٚ اَکس اَنٛدَس پیٹھ یہِ عبارت

لیکھت ۔ 'زیارت شریف شیخ نورالدین نورانیؒ' تروٲہ فُٹہٕ کھوٚل اَکھ گُنڈٕتھ ناگ یتھ اَتھکی لۆکھ ماچھ ناگ
تہٕ مَنٛزَس چھِس 'یا احد' لیکھتھ۔ اَتھی گیٹس سٟتی چھُ وَنان چھہٕ۔ اَتھ مَنٛزٕ چھےٚ شُمال مغربی اَنٛدَس بیٹھ اَکھ ٹیٹ



جنوب مغربہٕ اَنٛدٕ کلچرل
اکیڈیمی ہٕنٛدِ طرفہٕ
شیخُ العالم شش صد سالہ
تقریبات کمیٹی سٟتی وابستہٕ
ترٕ ئے فُٹہٕ تھٔز تہٕ ڈۄڈ
فُٹ کھٕج اَکھ سفید کٔنۍ
نَصب آمٕژ کَرنہٕ یتھ پیٹھ
روفس اندر شیخ العالمؒ
سٕنٛدِ آسوٗدٕ خانٕچ
تاریخ درج چھےٚ۔ اُتھ
کَنہِ تلہٕ کَنہِ چھےٚ بیاکھ
اَکھ کرٕ ہنٛز کَنۍ یتھ پیٹھ
حضرت بابا نصیب الدین
غازی سُنٛدِ یہٕ شعر کھٔنِتھ
چھُ ؎
'کیموٗ کِس شیخ نوٗردیٖنس کرِمٕن
کھوٚر بوٚرنَس سٕنٛزس تام!'
زیارتہٕ کِس جنوٗبس مَنٛز
چھُ یَنٛداہ فُٹہٕ زیوٗٹھ تہٕ

یَتھ مُتلِق یِہ رِوایَتھ چھےٚ زِ اَتھ تختَس پیٹھ چھُ اَتہِ آسوٗدِ گاٗمتین پانٛژٕ وٕنی صاحبَن غُسل آمُت دِنہٕ۔

روضَس سیّدِ سیوٗد چھےٚ مغربہٕ پاسہٕ اَکھ ہَتھ وٕری پرٛاٗنی جامع مسجد یۄسہٕ سابقہٕ ذیلدار کیموٗہ غلام احمد میرَن تعمیر کرٕمٕژ چھےٚ۔ (م۔ع)

کتاب ناسہِ :

*Hasan: Tarikh, I, II
*Mohibbul Hasan: Kashmir Under the Sultans



## زیارتِ میر بابا حیدر (تُلہٕ مُلی)

میر صاٗبُن اَستان چھُ سری نگرٕکِس شمالَس مَنٛز لال چوکہٕ پیٹھہٕ ۲۲، کِلومیٹر دوٗر تُلہٕ مُل گاندربلہٕ اَتھ چھُ قِبلہٕ پاسہٕ کھیر بھواٗنی ہُنٛد استھاپَن۔ میر صاٗب چھُ میر حیدر گجرٲتی ناوٕ تہٕ ڈُنس تَل۔ میر صاٗبنی اجداد اٲسی گجراتکی حَسبی نَسبی سیّد۔ میر صاٗب اٲسی شیخ حمزہ مخدوٗمؒ سٕنٛدی خلیفہٕ، صاحبِ کمال تہٕ تھدِ پایکی بُزرگ۔ شیخ حمزہ سٕنٛدِ ن حالاتَن تہٕ کراماژَن پیٹھ چھےٚ تِمَو "ہدایت المخلصین" ناوٕ کِتاب لیٖچھمٕژ۔ یہِ کِتاب آیہِ اورنگ زیبَس پیش کرنہٕ تہٕ اَتھ مَنٛز چھُ تِمَو پنُن کٲشرِ داتنکُ حال تہٕ لیوٗکھمُت۔ اَستانَس چھُ رٮ۪تش طرزِ تعمیر تہٕ یہِ چھُ حاطہٕ بَنٛد۔

أنٛدی أنٛدی چھُس ساٗری سے قبرستان۔ دیوارِ نیبرٕ چھُس قِبلہٕ پاسہٕ اَکھ دُپوٗرِ مسجِد یٮ۪تھین اَستانہٕ کِر حاطُک دَرواز چھُ۔ اَستانَس چھُ ڈاہ فُٹہٕ تھوٚد کَنہٕ ژوک تہٕ چوٗنہٕ سُرخہٕ مَنٛز چھُس کَنَین تہٕ سیرِن ہُنٛد لداو۔ أنٛدرٕ چھُس سفید گچھ کرِتھ۔ یہِ اَستان چھُ انتظامیہ کمیٹی نوِ سَرٕ وُسعت دِتھ ۱۹۲۵ء مَنٛز تعمیر کوٗرمُت، یٮ۪میہٕ کِنی مَشرِقہٕ پاسہٕ غلام گردِشہٕ کِس حاطَس مَنٛز اَکھ قَبر چھےٚ آمٕژ۔ اَستان چھُ أنٛدری أنٛدری ۲۶½ فُٹہٕ چوٗرُس تہٕ روضہٕ چھُ ۵، فُٹہٕ روٚد یہِ تہٕ ۸، فُٹہٕ شیر یَتھ حالے ۱۳، آنٛچہٕ تھزرٕ ژوکھ تہٕ ساٗری سے غلام گردِشَس سنگِ مرمر وٕتھراونہٕ چھُ آمُت۔ تُربتہِ شریفَس پیٹھ چھُ لکرِ ہُنٛد

زاوٕل پَنجر کاٚری کرِتھ ژھریُس ازٕ ختہٕ چھُ گومُت۔
روضہٕ چھُ ییٚژ کولُ لکرِہنٛد یتھ موٗلی شیشہٕ پٔٹی لاگِتھ
دَرشَن دار چھِنے۔ غلام گردِشس چھُ تالوس پُلہِ وُڈٕرِتھ۔
دَروازس ڈٕچھنی کھووُری چھ زٕ زٕ طاق تہٕ باقے
ترٛییو پاسو چھس پانژھ پانژھ طاق، یمن زاوٕلہِ
پَنجر پٔٹی چھ۔ سارنے طاقن چھ پیٹھہٕ روشندان تہٕ یمن
تہٕ چھ زاوٕلہِ پنجرٕ پٔٹی لاگِتھ۔ اَستانس چھُ دُوور چار
بام ٹینہٕ پَش یتھ رٔنِس طرٕزک کھوٚد بژنگ چھُ تہٕ
بژنگس پیٹھہٕ کنہٕ چھ سرٕ تَلیُو بوٚڈ ٹوٗر دُبہٕ لاگِتھ۔ غلام
گرٛدِشس وُسعت دِنہٕ وِزِ چھُ امیک طرزِ تعمیر ڈٕنجہٕ
آمُت تھاونہٕ۔ میر صاب سَیُد، محرم (۹۹۷ھ)
۱۵۸۸ء رحمتِ حق۔ پرٛتھ وٚری یہِ اگست رٔتس مَنٛز
چھُ قمری رتہٕ کہِ سُتی میرِ تارٕ یخہٕ امی سُند وٚہرُس
مناونہٕ یوان۔ (ع۔ غ۔ ن)

**کتاب نامہ:**

*Hasan: Asrar-ul-Akhyar

## زیارتِ میر سید دانیالؒ

میر سید دانیال ہنٛز زیارت چھِنے گاندربل
تحصیلِ کِس ڈٕب گامس منٛز۔ ڈٕب چھ سرینگرٕ پیٹھہٕ
اکہٕ ترٕہہ کلومیٹر دوٗر شادی پورٕ ویتھ ہنٛدِ ڈٕچھنہِ
بٔٹھہٕ۔ مرزا حیدر کاشغری ہِندٕ ڈسی سَیُد میر
دانیال اشم تہٕ اندرکوٹس درمیان مہاپَدم جایہٕ
فروری ۱۵۵۰ء (۹۵۷ھ) منٛز شہید۔ حَسَن چھُ قتل
سپدنہٕ چہ جایہ شوش مَروٗنان۔ شہید سپدنہٕ پتہٕ
تُج دانیال صاٚبنی مَیت تمی ہِندو مُرید و تہٕ ژوٗرِ
ژوٗرِ کرِتھ ڈٕب گامہٕ چہ وُڈرٕ پیٹھ دفن۔ میر دانیال ہِندو
مُریدو تھوو دُشمنن ہنٛدِ خوفہٕ اَتھ مقبرس 'ریشہ بابہٕ'
صاٚبُن ناو۔ میر دانیال ہِندِ شہید سپدنہٕ پتہٕ دہہ
رٔیتی (نومبر ۱۵۵۱ء منٛز) حیدر کاشغری ہِندِ قتل سپدنہٕ
پتہٕ آیہٕ دانیال ہنٛز مَیت ڈٕب گامہٕ منٛز کَڈِتھ
زڈی بل کِس خانقاہس منٛز دفن کرنہٕ۔ ییٚتہٕ تمی سُند
مول میر شمس الدین عراقیؒ گوڈٕ دفن کرنہٕ اوس
آمُت۔ خانقاہس منٛز دانیال صاٚبنِس مقبرس چھُ
اَکھ کتبہٕ لاگِتھ اوسمُت یتھ پیٹھ ائمہ معصومینن ہنٛدی
اسمائے مبارک تہٕ یہ شعر چھُ کھٚنِتھ اوسمُت ؎

آنکہ جاں باخت زِ بہرِ ربِ مجید
حضرتِ شیخ دانیال شہید

کتبس پیٹھ چھُ دانیال صاٚبُن مَرن سنہٕ ۹۵۷ھ
تہٕ کھٚنِتھ اوسمُت (تہٕ گو۔ ۱۵۵۰ء)۔
ڈٕبہٕ کِس زیارتس چھُ وُنی کینہٕ تہٕ پیوٗر لاگِتھ

زیارت میر دانیال



دانیال صأبنی سوٚ قبر موٚجوٗد یتھ منٛز تِم گوڈٕ دفن أسی کرنہٕ آمتی۔ اَتھ قبرِ أندی پکھو آسہٕ بیٚیہٕ ترٛکینٛہ قبرٕ یِم ۱۹۸۳ سنہٕ منٛز زیارژتک تعمیر سپدنہٕ وِزِ زمینس تَل ہینہٕ چھیٚے آمژٕ۔ حُسین شاہ چَک (۶۹-۱۵۶۲ء) سٕندِ دَسی

اوٚس اَتھ استانس أندی أندی اکھ مضبوٗط فصیل تعمیر کرنہٕ آمٕژ۔ امہِ وِزِ اوٚس قبرٕ ہنٛزِ کِنہٕ پیٚٹھ اکھ کتبہٕ کھنٛنہٕ آمُت یتھ زٕ اوٚنگُل مُربع اکھ سوٚنہٕ ہنٛز موٚہر کھنٛنِتھ جرنہٕ أس آمٕژ۔ یہٕ کتبہٕ چھُنہٕ اَز اَتہِ موٚجوٗد. اندازٕ چھُ زِ حُسین شاہ چَک سٕندِ فصیلٕ چہٕ کِنہِ چھیٚے حال حالے تعمیر کرنہٕ آمٕژ استانہٕ کِس صٔفس أندی لاگنہٕ آمٕژ۔

دأنیال صأبنِ حاطٕکِس خستہٕ حال دیٖوارِس پیٚٹھ چھیٚے قبلہٕ پاسہٕ اکھ بٔڈ پأتر وُنہٕ تہٕ موٚجوٗد یتھ پنٛجتَنِ پاکَن ہنٛدی ناو خوٗبصوٗرت خطَس منٛز کھٔنِتھ چھِ۔ اَتھ کِنہِ چھُ بوٚنہٕ کِنہِ ۱۰۸۱ھ (۱۶۷۰ء) کھنِتھ یہِ اوٚس اورنگ زیبہٕ سٕندِ وَقتہٕ (۱۷۰۷-۱۶۵۸ء)

منٛز سیف خانہٕ گورنری ہُنٛد دوٚیُم دور۔

دأنیال صأبُن استان چھُ نوِ سرٕ ۱۹۸۳ سنہٕ منٛز تعمیر کرنہٕ آمُت، یُس وُنہِ (۱۹۸۸ء) تہٕ مکمل چھُنہٕ سپُدمُت۔ ۲۲ فُٹہٕ چوٗرُس اَتھ زِیارتَس چھُ جنوٗبہٕ پاسہٕ تہٕ دروازٕ تہٕ شُمالہٕ پاسہٕ تہٕ۔ یِمَن دوٚشوٕنی پاسَن چھیٚے دروازَن دِچھنی کھووٕری اکھ اکھ دأریٚلِ زَن مشرِقہٕ تہٕ مغربہٕ پاسہٕ اَتھ ترٛےٚ ترٛےٚ دارِ چھیٚے۔ پرٛتھ کانٛہہ دأر چھیٚے ۴ فُٹہٕ تھزرٕ تہٕ ۳ فُٹہٕ کھجرٕ۔ استانس أندی أندی چھُ ۶ فُٹہٕ کھجرٕ صُفہٕ کھارنہٕ آمُت۔ اَتھ چھُ چار بام ٹینہٕ یُس یتھ پیٚٹھ ٹینِ دِتھ چار بام بژنگ چھُ۔

استانس أندرٕ قبرِ کھووٕرِ پاسہٕ چھیٚے کنٛو زٕدٕر تہٕ اَتھ شانٛدٕ طَرفہٕ چھُ کَنیوٗ ژُکوٗنجل ٹھٔل ہیوٗہ

یَتھ استخارٕ (مشوٗرٕ دوٚب) وَنان چھ۔

زِیارتَس چھ مقاٰمی لوٗکھ شہید سُند وَنان۔

حاطَس مَنٛز چھےٚ جنوٗبہٕ پاسہٕ اَکھ مَسجد اُسمٕژ یوٚسہٕ وونی مُنہدِم چھےٚ گاٰمٕژ۔ مہراٰج سیرَن ہنٛزٕ اَمہ خَستہٕ حال مسجدِ ہنٛز قِبلہٕ پاٚسچ اُڈلَب چھےٚ وُنہٕ ووٚنی یَتھ محراب تہٕ موٗجوٗد چھُ۔ (م۔ا۔ا)

کتاب نامہ:

*Akbar Hyderi: Ed. Baharistan-i-Shahi
*Parmu: Muslim Rule in Kashmir
*Safdar: Shian-i-Kashmir
*Syed Baqir: Akhtare-i-Darakhshan

## زیارت ہۆنٛژۍ پۆر

ہۆنٛژۍ پۆر چھُ کھاگہٕ تہٕ پوشکرس دَرمیان توسہٕ ماٰدانہٕ کِس دانَس تَل سُہ گام یَیتہٕ حضرتِ شیخ العالمؒ ستَن وُریَن عبادَت کَران روٗد۔ ہۆنٛژۍ پۆر ووت حضرتِ شیخؒ تَمہِ ساعتہٕ یێلہِ مو کھتہٕ پوکھر شبن رٔتَن قیام کٔرِتھ تمۍ نشہٕر ترٛوو۔



ہۆنٛژ پورٕ اوس حضرتِ شیخ اَکِس گوٚپھ مَنٛز عبادت کران، مگر وۄنی چھنہٕ یہِ گوٚپھ موجوٗد۔ کینٛہہ کال برٛۄنٛہہ اوس اَمیُک گوٚل نوٚن مگر وۄنی چھُ سُہ تہٕ پرُوَنہٕ آمُت۔ گوٚپھ ہُرِیانہٕ چھِہ ہیُنٛد اَستان تہٕ یُس کشیرِ ہِنٛدین تمام رٛیش اَستانن نِش مُختلِف چھُ۔ ہۆنٛژی پورِ چ زِیارت چھےٚ عام کأشرِ مکانکی پأٹھۍ زٕپش کٔرِتھ تہٕ زِیارتہٕ کِس کمرس مَنٛزٕ چھےٚ اَکھ پأترٕ بَتھ پیٹھ حضرتِ شیخ زٕبہان اوس۔ اَتھ پأترِ پیٹھ چھُ ژٕھرٕ تہٕ نتھ پیٹھ غلاف۔ دٕیان برٛۄنٛہہ کالہٕ چھےٚ زِیارت نارٕ ہتی شہید گأمژٕ۔ شہید گأمژٕ زِیأرٕژ ہِنٛدِس طرزِ تعمیرس متعلق چھُنہٕ کینٛہہ تہٕ معلوٗم سپدمُت۔ وُنی کِین چھےٚ زیارتس سِنگل دِتھ تہٕ برٛانٛدس چھُس رٛیش طرزُک سِنگلِ یَش۔ ہۆنٛژی پورٕ تہٕ چھُ ۲۶ ، پچھ ہٕزتھ وُری یہِ تِتھے پأٹھۍ مأٹلہٕ لگان یِتھہٕ کٕنی حضرتِ شیخہٕ ہِنٛدین دوٚیمین اَستانن پیٹھ لگان چھُ۔

(م۔ ا۔ ا)

## کتاب نامہٕ :


*Amin Kamil: Ed. Shiraza (Number Riosh No.)
*Baba Kamal: Noornama (Mans)
*Rahman Rahi: Ed. Anhar, 1979


## ژٕمبر

ژٕمبر چھُ کھوٗرنار واوِ علاقہٕ کِس اَنٛدس پیٹھ ہۄنٛزی ہینگہٕ



دانَس پیٹھ۔ اَتھ گامَس مَنٛز چھُ حضرتِ شیخ العالمؒ سُنٛد اَستان یَتھ جایہِ تعمیر کَرنہٕ آمُت یَتھ جایہِ گوپھہِ پٕٹھ نیبر یتھ حضرتِ شیخنؒ ترٛہن ؤری یَن قرار کوٚر۔ اَمہِ زمانٕچ یادگار چھیٚ علام گردِشَس مَنٛز باگ سو کٕنۍ یَتھ پیٹھ علمدار قرار اوس کران۔

ژٕمبر اَستان چھُ سُتٕمس ہجری ہتِ لِس مَنٛز تعمیر کَرنہٕ آمُت۔ اَمیُک طرزِ تعمیر چھُ عام رٮ۪شِ اَستانَن سٕتی رَلان۔ اَتھ جایہِ یُس بٔڑ وُنٛتھُم اَستان اوس تِتھ تہٕ چھُ یوہے طرزِ تعمیر اوسمُت۔ اَستانَس أنٛدی ٹیکھ آسہٕ ۱۹۷۶ء تام تہٕ پرٛانہٕ پأترٕ یَن پیٹھ پمپوش بیترِ کھٔنتھ آسی۔ پأترٕ ہن ہُنٛد موٚقَس پیٹھ موٗجوٗد آسُن چھُ ثرینہٕ وَن دِوان زِ حضرتِ شیخہؒ سٕنٛد اور واتنہٕ بٔڑ وُنہہ چھُ اَتہِ کُس تام پٔرون تعمیر اوسمُت۔ ژٕمبرکِس اَستانَس پیٹھ تہٕ چھُ حضرتِ شیخنسؒ سٕتی منسوٗب باقی اَستانَن ہنٛدی پأٹھۍ ۲۶، پوہ مٲلہِ لگان۔ (م۔ ا۔ ا)

کتاب نامہ:

*Amin Kamil: Ed. Shiraza
(Nund Riosh No.)
*Baba Kamal: Noornama (Mans)
*Rahman Rahi: Ed. Anhar, 1979

## ستکنہ

لیٚہہ کلوٗسٹرکہِ پیٹھ مرسلانگ تہٕ شَشش ہوٗتَس مَنٛز باگ واقعہ سَتکنہ گُمپہٕ چھُ دَرمیأنی دَرجہِ کین گُمپَن مَنٛز شُمار سپدان۔ سپٕنٛدہٕ پتھر مَنٛز کوہس تالہِ پیٹھ تعمیر کَرنہٕ آمتہٕ اَمہِ گُمپہٕ پیٹھہٕ چھیٚ دوٗر تام نَظر پلان۔

ستکنہ لَفظُک معنے چھُ "سہہ نُس" مگر یہ چھُنہٕ معلوٗم زِ یہ ناو کیاز چھُ گُمپَس پیوٗمُت۔ گُمپَس سٕتی وابستہٕ تعمیر چھِ سیٹھا موٚختصر۔ گُمپکی ذأتی استعمالکی کَمر چھِ تازہٕ تازے تبتی طرزکیو موٗفی ژِتھَر و سٕتی سجاونہٕ آمتی۔ اَمہِ ہُریمانہٕ چھُ سَمن رَوٗق (دُکھانگ) تہٕ لامَن ہنٛدِ دو تھَنہٕ بیٚہنکی کَمر گُمپُک حِصہٕ۔ سَمن رَوٗقَس مَنٛز چھِ روٗ پیہٕ مُلہِ مایہ کٔرِتھ سَتھ فُٹہٕ تھوٚد چورتَن یُس از بٔڑ وُنہہ ترٛہہ ؤری ہیوٗہ چھُ بناونہٕ آمُت۔





چورتَن وُچھتھ چُھ ہعہ نرمٔشدی ہُشد جان باس لگان۔

(م۔ل۔س)

کتاب نامہ :

⁂Bates: Gazetteer of Kashmir
⁂Snellgrove: Cultural Heritage of Ladakh, II

# سخی میدان

وُچھو "میٖنہ ڈر آثار" (جلد ۲؍۱)

# سُدھ مہادیو

چنینی ہیٚندِس شُمالَس کُن جرنیلی سٔڑکہِ پیٹھ ۲۰ کِلومیٖٹر دوٗر دیوکایہ ہیٚندِس بٔٹھس پیٹھ سُدھ مہادیو چُھ سیٹھاہ پرٛون تیٖرَتھ۔ یُس یتھ کالہِ پیٹھٕ مشہوٗر چُھ۔ پوٗرانَن مَنٛز چُھ دیوکایہ تھوٚد دَرجہ دِنہٕ آمُت۔

استھاپَنَس پیٹھ چُھ عقیدَت تہٕ احترام ظأہر کَرَن وول ترِشوٗل یُس شِوشُند آکار چُھ مانٕنہٕ یِوان۔ کٔشیرِ تہٕ اَمِہ کِنہ اَندی پکھ علاقَن مَنٛز شِوہٕندِ آکارِ کَنہٕ ترِشوٗل نَصب کَرٕنٛچ رِوایَتھ چھےٚ سیٹھا پرٛأنی۔ کٔشیرِ ہیٚندِس توٲرِیخَس مَنٛز چُھ اَسِہ گوڈٕ انوارِ آریہ راج سندھومتی ہٕندِ وَقتہٕ ترِشوٗل نَصب کَرنُک حوالہ میلان۔ تَس پتہٕ اوس راز انَنت دیو (۶۳-۱۰۲۸ء) ہٕنٛزِ مہارٲنی سوریہ متی کٔشیرِ مَنٛز شِوہٕندِ آکارِ کَنہٕ کُنہِ تام جایہِ ترِشوٗل نَصب کوٚرمُت۔

سُدھ مہادیوٗک مقدَس تہٕ مُتبرک ترِشوٗل چُھ توٲریٖخی اعتبارٕ تہٕ سیٹھا اَہَم۔ اَتھ پیٹھ چُھ براہمی خَطَس مَنٛز اَکھ کَتبہٕ کھٔنِتھ یُس سارِی سیٹھ رِیاستَس مَنٛز پَننہِ قِسمُک واحِد تہٕ سارِوے کھوتہٕ پرٛون کتبہٕ چُھ۔ کَتبُک طرزِ تحریر چُھ راز اشوکنہِ وَقتہِ مُروج طرزِ تحریرس سٕتی رَلان تہٕ لیکھُتک یہِ طرز چُھ ترٛیٚیمہِ ژوٗری مہٕ صدی تام مُروج روٗدمُت۔ کَتبُک



کیٚنہہ حِصہٕ یتھ مَنٛز اَمہِ کہِ تحریرُک سَنہٕ بیترِ رتہ شامِل چھُ، چھُ مرشہ تہٕ رۆدٕ بیترِ سٕتی پھیش لگنہٕ کِنی نہوَنہٕ آمُت اَما پوٚز کَتیٖکی کاہ حرف چھ وَنہٕ تہٕ ڈَنٛجہٕ۔ حرفَن معنے کرنہٕ سٕتی چھُ نَنان زِ تتہٕ شوٗل چھُ شِو تہٕ پاروٗتی میٖل سَپدنہٕ کِس سِلسِلَس مَنٛز نَصب کَرنہٕ آمُت۔ اَمہِ ہُریمانہٕ چھُ دوٚن زَنٛین (وِکھوناگ تہٕ بھائی ناگ) ہِنٛدِ ناوٕ تہٕ آہتی پَرنہٕ۔ خیال چھُ یِوان کَرنہٕ زِیم چھ پانہٕ وأنی مألی پوٚتھر اُسی مٕتہٕ تہٕ اَتھ علاقَس مَنٛز چھہ راج اُسی مٕتی کَران۔ یِتھٕ کٕنی چھُ اَنداز سَپدان زِ تتہٕ یمہِ ژُوری مہِ صدی مَنٛز چھُ شُدھ مہادیوس اَنٛدی پٔکھ علاقہٕ ناگ حکمرانَن ماتحت اوسمُت۔ اَتھ علاقَس مَنٛز چھ واریاہ ناگ استھاپَن۔ بھدرواہک واسکی مَنٛدر چھُ علاقَس مَنٛز ناگ پوٗزایہِ ہِنٛدِس مُروَج آسنَس تصدیق کَران۔

شُدھ مہادیوٕ چھُ ہارُ پنٛم کیٛشت بارٕ مألہِ لگان۔ لُیس ترٕہن دٕہن چلان چھُ۔ مألس کیٛشت چھ پہاڑی علاقَن ہِنٛدِ ساسہٕ واد لوٗکھ اور واتان تہٕ پوٗزایہِ گَنٛدنَس تہٕ گِوۄنَس مَنٛز حِصہٕ نِوان۔ شُدھ مہادیوٕ پیٖٹھہٕ ترٕئے میل دوٗر چھےٚ مان تلائی ناوِچ جلے۔ اَتہِ چھےٚ یِتھ کالہٕ چہِ واریاہ کَنتر تہٕ کَنترِ مُرتٕر دزامٕژ مگر باقاعدٕ کھدائے تہٕ کَنترِ مُرتٕن ہُنٛد سَنہٕ وٕتر کھرکٕرن چھُ وُنہٕ باقی۔ مان تلائی ہِنٛدی آثار چھ اَکہِ پھِر بیٚیہ ثابت کَران زِ بڑوٗنہہ کالہِ تہٕ چھُ یہِ علاقہٕ آباد اوسمُت۔ (م۔ل۔س)

کتاب نامہ:

*Stein: Kalhana's Rajatarangini
*Saraf: Jammu Darshan

## سری پرتاپ سنگھ عجائب گر

سری پرتاپ سِنگھ عجائب گر چھُ لال منڈی سری نگرٕ وٕتھہِ ہِنٛدِس کھوورِس بٹھس پیٖٹھ۔ اَتھ چھُ مغربہٕ طرفہٕ کشیر کلچرل اکادمی ہُنٛد دفتر، مشرقہٕ اَنٛدٕ نہنا دوٗر پیٚہن کانوینٹ سکوٗل تہٕ جنوبہٕ طرفہٕ ایگریکلچر محکمک لال منڈی باغ۔

مارچ ۱۸۹۸ءس مَنٛز کوٚر جنرل راجہ امر سِنگھن تہٕ کیپٹن ایس ایچ گاڈ فرے ین مہاراجَس اَکھ میمورنڈم پیش یتھ مَنٛز یہِ تجویز کَرنہٕ آو زِ سرینگرس مَنٛز گژھہ اَکھ عجائب گر قائم سَپدُن یَتھ مَنٛز ریاست جموٗں کشمیرکی، بلتستانکی تہٕ گلگتکی نموٗنہٕ تہٕ آثارِ قدیمہ دستیاب سَپدَن وألی مختلف موٗلی چیٖز جمع کرنہٕ ین۔



پتہٕ آو تجویز کرنہٕ زِ سِری نگر تہٕ جۆمہِ کیو سرکاری توشہِ خانو پیٹھہٕ گژھن عجائب گرٕ خاطرٕ تحفہٕ سوزنہٕ ینٕی۔ مہاراجن تہٕ حُکمران خاندانہٕ کیو شہزادو کۆر تجویزس وَرٕژھ وانٕجہِ استقبال تہٕ یتھہٕ پأٹھی گئیہ عجایِب گرس مَنٛز پرٛانین شالن تہٕ پرٛانہِ قسمہٕ کین جُنگی ہتھیارن ہنٛز اَکھ شاندار سۆمبرٕن تیار۔ الگ الگ سیکشنَن سیتی تعلق تھاوَن وألی مختلِف نوادرات آیہ وارِ وارِ اَتہٕ تھاونہٕ۔

عجایِب گرس مَنٛز چھِ واریاہ سیکشن۔ قدیم آثارَن تہٕ ضربَن ہُنٛد سیکشن چھُ خاص کرِتھ قابلِ

ذِکر۔ قدیم آثارَن ہُنٛد سیکشن اوس ۱۹۱۳ءٕ تام اَکھ معمۆلی سیکشن مگر اُتھی ؤری یَس مَنٛز آو محکمہٕ آثارِ قدیمہ رائے بہادر لالہ دیارام ساہنی ہِنٛزِ نِگرانی تَل نۆوِ سرٕ مُنظم کرنہٕ۔ یُس ریاستَس مَنٛز سائنسی طریقو کُھدائے کرن وول گوڈنیک تربیت یافتہٕ ماہرِ آثارِ قدیمہ اوس۔ یِم چیز پانٛدرٕیٹھنہٕ، پرٕہاس پورٕ تہٕ وۆنتی پورٕ ڈُسی باب ہیٚدی تمو مَنٛز آے اکثر چیز عجائِب گرس مَنٛز تھاونہٕ۔ یِم چیز چھِ ییٚسلہٕ پأٹھی وسطی زمانکی۔

کھدائے کٔرِتھ یِم چیز حاصِل کرنہٕ آے تمو ورأے چھِ کیٛنہہ چیز پبلِک ورکس محکمہ تہٕ محکمۂ مالس نِشہِ حاصِل کرنہٕ آمتی تہٕ کیٛنہہ چھِ مُلی ہیٚنہٕ آمتی۔ قدیم آثارَن ہِنٛدِ سیکشنَن مَنٛز چھِ لداخٕکہِ بودھ علاقکی پرٛأنی نوادِر تہٕ موجود۔ یِمَن مَنٛز کیٛنہہ تِم لوہٕ پہِ مُرٛتژ تہٕ شأمِل چھےٚ یِم سرکأری توشہِ خانہٕ پیٹھہٕ اوٚت سوزنہٕ آمژ چھےٚ۔ تہٕ تمو علاوٕ چھِ واریاہ کِتر۔ مۆہرِ یمہٕ آثارِ قدیمکی ڈایریکٹر جنرل سَر جان مارشلن عجائِب خانَس مَنٛز تھاوناوی۔

عجائِب گرٕ آو گوڈنیتھ مسٹر بلیسرجی ہِوِس قأبِل نفرس ماتحت تھاونہٕ یُس تمہِ وقتہٕ کشیرِ ہُنٛد اکونٹنٹ جنرل اوس۔ اُمی کۆر پرتاپ سنگھنِس میوزیمس





مَنٛز سکن ہُنٛد اکھ فرستہٕ تیار

## ضرب

اَتھ مَنٛز چھ کُشان دورٕ پیٹھٕ ڈاگرٕ دورس تام اکثر سکہٕ موجود۔

## مُرٛژ

اَتھ سیکشنس مَنٛز چھےٚ مختلف دورن ہٕنٛز مختلف جاین لبنہٕ آمٕژ لو یہ، کَنہٕ تہٕ کتژ مُرٛژ۔ ڈہی مہ کٕہی مہٕ صدی عیسوی دوران بَناونہٕ آمٕژ وَروچِنا تہٕ سگات سدھرشنا لوکیشور لو یہ مُرٛژ چھےٚ ایس۔ پی اِیس میوزیمس مَنٛز محفوظ تھاونہٕ آمٕژ۔

دوٚیمٕ لبنہٕ آمٕت ڈہی مہٕ صدی عیسوی ہُنٛد ۱/۲ ۶ فُٹہٕ تھوٚد لو یہ اَوتار پوٚٹ تہٕ چھ عجائب گرس مَنٛز ژھرٲوِتھ۔ اَتہٕ چھےٚ یمہٕ کَنہٕ مُرٛژ :

کارتکی (۷-۶ صدی عیسوی، وٕنیجہ بیژور)۔ وشنو (۱۲ صدی عیسوی۔ ویرناگ)۔ شِو (۸ صدی عیسوی، گُپکار، پاندریٹھن)۔ بُدھ (۸ صدی عیسوی۔ پاندریٹھن، پَرہاس پور) لکشمی (۹ صدی، وٲنتی پور)۔ پاروتی (۸ صدی عیسوی، پاندریٹھن)۔ اندھرا (۸ صدی عیسوی، پاندریٹھن)۔

وُشکرٕ لبنہٕ آمٕژ ژوٗرِ مہٕ صدی عیسوی ہٕنٛز اُپاشِکا، بُدھ تہٕ بودھ ستو، کتژ مُرٛژ تہٕ چھےٚ اتھ میوزیمس مَنٛز۔



## کتبرِ ٹایلہٕ

عجائِب گرس مَنٛز چھےٚ دۄیمہِ، ژۆرِمہِ تہٕ پَنٛدأہمہِ صدی عیسوی ہنٛزٕ کٔشیرِ ہنٛزٕ مختلف ٹایلہٕ۔ ہٹہٕ مَرِ، ہٕیہ نارٕ، پہَلگامہٕ، ہأرؤتہٕ تہٕ مدین صأبنہٕ لَبنہٕ آمژٕ کتبرِ ٹایلہٕ تہٕ چھےٚ اَتہِ سۆمبراونہٕ آمژٕ۔

## کتبہٕ

نۆمہِ صدی عیسوی پیٹھہٕ بڈشاہ (١٤٢٠-٧٠ء) ہٕسنٛدِس دورِس تام یِم کُتبہٕ فارسی، عَرَبی تہٕ شاردا ہَس مَنٛز چھِ تِمو تلہٕ چھےٚ کٔشیرِ متعلق کیٚنٛہہ دِلچسپ کتھہٕ معلوم سپدان۔

## مُسوَدٕ

اَتھ سیکشنَس مَنٛز چھِ فارسی، عَرَبی تہٕ شاردا ہَس مَنٛز لیکھتہٕ آمتی قلمی نُسخہٕ۔ فارسی یَس مَنٛز چھِ مثالے یِم مُسوَدٕ:

بحرِ طویل، فارسی جغرافیہ، فالنامہ زلزلہ، ریشی نامہٕ، شہنامہ، دیوان حافِظ، سکندرنامہ، ہفت پیکر، یوسف زلیخا، مثنوی تہٕ علمِ فلکیات۔

اَمہِ علاوِ چھِ بالی تہٕ شاردا ہَس مَنٛز کیٚنٛہہ بُرزکی نُسخہٕ مۆجوٗد۔ میوٗزیمَس مَنٛز چھُ فارسی یَس مَنٛز جہانگیرنہِ (٢٨-٥-١٦ء) اَتھ لیکھتھ اَکھ قلمی دستاویز ژھراوِتھ۔

## ڈاک ٹکٹہٕ، روپیہ تہٕ اشٹام

اکہٕ آنہٕ پیٹھہٕ پانژن روپین تام ڈاک ٹکٹہٕ چھےٚ اَتہٕ۔ اَمہِ علاوٕ چھےٚ اَتہٕ مہاراجن ہٕنٛزٕ روپیہ، روپین ہٕنٛدی قالب تہٕ بیٚیہِ اشٹام تہٕ۔

## ہَتھیار تہٕ جنٛگی سامانہٕ

۱۹ صدی عیسوی ہٕنٛدی یِم ہتھیار تہٕ جنٛگی سامانہٕ میوزیمس منٛز تھاوِنہٕ آمتی مثالے:

بۄندوٗق، پستول، تلوار، توپ، چھُری، تبر، شٕژاک، نیزٕ، سپر، شیشترٕ ٹوٗپی۔



## بانہٕ بَنٛڈھ

اَتہٕ چھِ ۱۸ تہٕ ۱۹ صدی عیسوی ہٕنٛدی کشیرِ ہٕنٛدی کنٛزی، زُہَر مُہرکی، چینٛی، تراموی تہٕ روپہٕ ہٕنٛدی بانہٕ بَنٛڈھ بیترِ۔ ۱۹ صدی عیسوی ہٕنٛدی لداخکی لو یہ بانہٕ بیترِ تہٕ چھِ موجود۔ ترامی یِم چیزٕ تہٕ چھِ اَتہٕ کندہٕ کٲری سماوار کندہٕ کٲری ٹوٗری تہٕ طَش نالہٕ بیترِ۔

## فرنیچر تہٕ سجاوٹی چیز

۱۸ تہٕ ۱۹ صدی عیسوی ہٕنٛدی ڈۄنی ہیچو فرنیچر بیترِ تہٕ چھِ اَتہٕ عجائب گرس منٛز نظرِ گژھان۔ مُزید چھِ اَتہٕ ڈۄنی ہیچو تہٕ پیپرِ ماشی ہٕنٛدی سجاوٹی چیز تہٕ۔



## ساز

۱۹ صدی عیسوی ہٕنٛدی یِم ساز چھِ اَتہٕ مثالے:

سنطور، نے، سِتار، رُباب، طبلہٕ، چَنٛگہٕ،
طُنبخ ناٹر، سارنگ، باجہ بیتر۔

زیور۔

۱۹ صدی عیسوی ہٕندی یم زیوٗرات چھِ موجوٗد
تھاونہٕ آمتی۔ مِثالے: ہار، جھُمکہ ہار، ڈیجہ ہوٗر، کَنہٕ واژ
تالہٕ رز، تعویزٕ، حلقہٕ بَند، پٕٹر بٕنگرٕ، ٹوکہ کوٗر،
کرشہٕ کرٕ بیتر۔

چَمروی، گاسوی تہٕ کانوی چیز۔

۱۹ صدی عیسوی ہٕندی، چمرٕ بوٗٹ، پاٗزار، بیگ
تہٕ اٹیچی چھِ اَتھ میوٗزیمس مَنٛز۔ امہٕ علاوٕ چھِ گاسُو
پلہٕر ہور تہٕ پاٗزار تہٕ اَتہٕ۔ کانوی بیگ، ٹوکرٕ، صوٗندوٗق
بیترِ تہٕ چھِ اَتہٕ۔

پَلَو، پوشاک تہٕ فرشہٕ فروشہٕ

۱۹ صدی عیسوی ہٕندی پَلَو تہٕ فرشہٕ فروشہٕ
تہٕ چھِ عجائب گرس مَنٛز۔ مِثالے: پھیرَن، پشمینہٕ
گوٗن، کامہٕ دار شاہ پسند شال، کانی شال، پارچہٕ
کمخاب، زَر باف، بنارس، کیپرس پیٹھ بناوتھ
سِری نگرُک نَقشہِ، بیرٕوی قالینہٕ، ریشمی قالینہٕ
بیرٕوی نَمدٕ، گبہٕ تہٕ مختلف کَپرٕ ژادرٕ۔

وٕٹٕسی آثار

اَتھ سیکشنس مَنٛز چھِ جانوٗرن تہٕ کُلین کٹین
ہٕندی وٕٹسی آثار موجوٗد۔

کَنہِ ذاٗژ

اَتہٕ چھِ مختلف کَنہِ ذاٗژن ہٕندی نموٗنہٕ جمع
کرنہٕ آمتی مِثالے: سنگِ مرمر، سنگِ سیاہ تہٕ
رنگ برٕنگی کَنہِ ذاٗژ۔

جانوٗر، جاناوار تہٕ کیٖمی کرٕپل

اَتھ سیکشنس مَنٛز چھِ جیٖمکی، لداخکی تہٕ
کٲشرٕ ہٕندی جانوٗر، جاناوار تہٕ کیٖمی کرٕپل تھاونہٕ آمتی
مِثالے: سہہ، ہاپٕت، ہانگُل، زٕہ مبہٕ گاو،
جنگلی تھاوج، خرگوش، پوٗتر، شال، پوژھہ لوٗو،
اٗنز، بطٕخ، گانٹھ، راتہٕ موغُل، کاو، ژُر، ٹار، کوتُر،
بُلبُل، جَل، دیدر، ستُت، شوگہٕ، طوطہٕ، سوہٕ
پچُر، کھمبہٕ سپر، شینہٕ پیپنز، ژرنہٕ ہاگُر تہٕ کولہٕ ٹوٗنچ۔

(م۔ن۔ن)

کتاب نامہ :

*Kak R.C: S.P.S. Museum Srinagar

## سکندر پوٗر

سکندر پوٗر اُسی شاہمیری دورس مَنٛز سرینگر کہٕ
کوہِ ماران کہٕ دامنہٕ پیٹھ ییتہٕ ساری سے علاقس وَنان
ییتھ اَز کل نالہٕ کھاہ، گوجوٗر، نوٗشِٹ، خوجہٕ بازر تہٕ

مُلا روٗٹ وُنان چھِ۔ اَتھی علاقس منٛز اوس (۱۳۸۹ء
۱۴۱۳ء) منٛز سلطان سکندرَن پننٛس ناوس پیٹھ سکندر پور
ناوٕ اَکھ محلہٕ بسووُمُت۔

شاہمیری دورِ برٛونٛہہ اَسی اَتھ علاقس منٛز
واریاہ مندرٕ یمن منٛز تارا پیڈ تہٕ مہاشری مندر زیادٕ
پہَن مشہوٗر اَسی۔ سر والٹر لارنس تہٕ ایچ فرینکی
ہِنٛدِ مُوجوٗب چھیٚ اَتھ جایہ ژھنگ ژھبلک
(TSNANG THIBLAK) ناوٕ اَکھ بودھ زیارت تہٕ
اَسمژ۔ سِکنٛدر پورٕ ژٕل سلطان سکندرَن (۱۳۹۸ء)
کٔشیرِ ہنٛز ساروٕے کھوتہٕ بجہٕ مشیٖد (جامع مسجد)
تعمیر کرنُک دَس۔

سکندر پورِ اوس سلطان سکندرَن بجہٕ
مسجدِ نکھہٕ اَکھ عالی شان محل تعمیر کرنووُمُت۔ ۱۳۹۳ء
یلہِ میر محمد ہمدانی رح کشیرِ آیہ تمن آو اَتھی جایہ
سلطان ہِنٛدِ طرفٕہ مایہ بوٚرُت استقبال کرنہٕ تہٕ
پتہٕ آو تہُندِ روزنہٕ باپتھ اَزی کس نوٗٹس منٛز اَکھ
عالی شان محل تعمیر کرنہٕ۔ ۱۴۷۰ء منٛز آو سلطان
حیدر شاہ سنٛز تاجپوٗشی ہُنٛد رسم تہٕ سکندر
پورکِس شاہی محل خانس منٛز انجام دِنہٕ تہٕ اَتھی محلس
منٛز کوٚر سلطان حیدر شہن پنٕن بوے بہرام خان
پننِس وزارتس منٛز شامل۔ اَتھی محل خانس منٛز آو
سلطان حیدر شاہ سُنٛد نیٚچو حسن خان کٔشیرِ ہُنٛد
ولی عہد بناونہٕ۔ تاجپوشی برٛونٛہہ اوس سلطان حسن
شاہ سکندر پوری روزان۔

سلطان حسن شاہ ہِنٛدِس دورَس
(۱۴۷۹ء) منٛز لوٗگ سِکنٛدر پورَس تہٕ علاوٕ الدین پورَس
نار ییٚمہ سیتی داہ ساس مکانہٕ دٔدی۔ اَمہٕ نارچ ژھٕٹھ
وٲژ جامع مسجد تہٕ خانقاہِ معلی تام۔ نارٕ سیتی ووت
سلطان سکندر ہِنٛدِس تعمیر کرِ مِتِس شاہی محل
خانس تہٕ سخ دٔدار۔

موغل بادشاہ جہانگیر ہِنٛدِس دورَس
(۱۶۱۹-۲۰) منٛز لوٗگ سکندر پورَس دوٚیمہ لٹہِ
نار ییٚمچ ژھٕٹھ سٲری سے شہرس وٲژ۔

ملک شمس الدین ژکن (۱۴۹۴-۹۶ء)
کوٚر سکندر پورِ جامع مسجدِ ہِنٛدِ شُمالہ پاسہ اَکھ
خانقاہ تعمیر یُس بابا اسمٰعیل زاہد ہِنٛدین خادمن
ہِنٛدِ باپتھ وقف تھاونہٕ آو۔ اَتھی خانقاہس منٛز کٔر
سلطان العارفین رح دُہن وُرین عبادتھ۔ اَتھ
خانقاہس نکھہٕ اوس اَکھ لنگر تہٕ چلان ییٚمہ باپتھ
واریاہ گام وقف تھاونہٕ آمتی اَسی۔

(۱۵۶۳ء - ۱۵۷۲ء) منٛز اوس سلطان حسین
ژکن سکندر پورِ (اَزی کس خوجہ بازرس منٛز) اَکھ

اِسلاًمی درسگاہ مدرسۂ حسُین تہٕ اَکھ باغ بنوومُت۔ یِتھ مَنٛز خواجہ خاوند محمود نقشبندی سُنٛد خانقاہ ۱۶۳۲ء مَنٛز تعمیر چُھ سپُدمُت۔

سِکندر پوٗر چُھ شہری تہٕ ژِک دوٗرِس مَنٛز اِسلاًمی تبلیٖغُک تہٕ عِلمہٕ فَنُک مرکز رُودمُت۔ یِیٚتھٕ کینٛہہ اَتھ جایہ بَہلہِ پایِکی بُزرگ دَفن چھہ یِمَن مَنٛز یِم حضرات چھہ : سیّد بُرہان۔ سیّد تاج الدینؑ، سیّد محمدؑ، سیّد محمد احتاج۔

(م۔ع)

کتاب نامہ :

*Hasan: Tarikh, I, II
*Hasan: Asrar-ul-Akhyar
*Mirza Saif-ud-Din: Khulasa-tul-Tawarikh
*Sufi: Kashir, II

## سلال قلعہ (تہٕ چرِے نا)

دریاسی ہٕندِس شُمالس مَنٛز ۲ کلومیٹر دوٗر چُھ سلال۔ یَتِہٕ ووٚنی چنابس پیٹھ بجلی گھر بَنان چُھ۔ سلال اوس برٛوٚنٛہہ کالہٕ لوکُٹ گام یَتھ مَنٛز مہاراجہ گلاب سِنگھ (۱۸۴۶-۵۷ء) سُنٛدِ قلعکی آثار چھہ۔ ژرینہٕ وَن چھِنے لگان زِ یہ چھِنے اَکھ اہم فوجی چوٚکی اُسمٕژ۔ کوٚٹک فصیل چُھ پھاٹُتھ کَنین ہُنٛد اوسمُت اگر یہ وَنُن چھُنہٕ ووٚنی حکمن زِ کوٚٹچ وُسعت بیتر کیاہ چھِنے اُسمٕژ۔ آثار وُتلہٕ چھہ ٹُکر ہُنٛد مَنٛدر یَتھ "چرِے نا" دیوتا وَنان چھہ۔ مَنٛدرس چُھ اَکھ کمرٕ تہٕ کُن چھُس ڈُلہٕ کنین ہُنٛد۔ اَندیٚ اَندیٚ چھُس پرٛیٚدی کھیمن دِنہٕ باپَتھ برانٛدٕ گُڈتھ۔ برانٛدٕچ تھمبہٕ تہٕ ندٕل چھِنے مَنٛدرکِس پَتس ڈٲکھ رٹِتھ۔ مگر پشیچ اِکل تہٕ دُتھر چھِنہٕ موقس پیٹھ موجود۔ تھمبہٕ بیٚہن چھہ پوشہٕ نموُنہٕ بناوِتھ مَنٛدرس اَندری ہیٚچہٕ پیٹھ مُرژٕ گری چھِنے جنگی منظرَن ہٕنٛز باوتھ کران۔ جنگک تعلق گژھہ شاید ڈاوگرٕ دوٚرس ستی اُسُن۔ آدمی قد سیٚیہن ہٕنٛز شبیہہ چھِنے اَکِس اَکِس کِنہٕ پٲلس تہٕ ہیٚچہٕ موٗنٛڈِس پیٹھ کوٗرنہٕ آمٕژ۔ مَنٛدرکِس حاطس مَنٛز چھِنے پرٛژھہ ہتہٕ پیٚٹھی شبیہہ اِستادٕ تہٕ مَنٛدرس مَنٛز چھہ پرٛژھن شبیہن ہُنٛد تعداد سَتھ یمو مَنٛز چھہ اَکِس شبیہہ مَنٛز زنانہٕ تہٕ مَرد اَکھ اَکی سُنٛد اَتھ رٹِتھ ہاوُنہٕ آمٕتی۔ زنانہٕ چُھ اَکھیٚتُھ کھوورِس اَتھس مَنٛز آبہٕ نوٹ ہیوٚتامتھ زَن ہیٚچہٕ پیٹھ مُرژٕ گری ہُنٛد تعلق چھہ اَتھ اَندر چھِنہٕ کانٛہہ خاص نفاست۔ مَنٛدر چھہ شاید کوٚٹکے حصہٕ اوسمُت۔

(م۔ل۔س)

کتاب نامہ :

*Gosh A: Ed. Indian Archaeology, A Review, 1965-66



# سمتھن

سنگمس تہٕ ویچہ برٲرِس درمیان سری نگر جوم گشرہ ون جرنیلی سٹرکہِ سیتی کھوورِ اَنٛدٕ سمتھن گام چھُ . برۄنٛہہ کالہٕ ثمہٕ تمدٕنی ووسہٕ دژوسہٕ ہُنٛد مرکز روٗدمُت، یوسہٕ ووسہٕ دروس ژکھ دورس اَنٛدی پکھی پتھ کالہٕ چلان اُس۔

اَمہِ گامچ توارٟخی اہمیت سپنز ۹۔۷۸۔۱۹۷ء منٛز تمو آثار وستی نوِسرِ کھریم آثار اَتہِ آرکیالوجکل سروے آف انڈیاکیو مٲہرو بدٕ گڈی۔

سمتھنہٕ کھدٲے کرنس دوران آیہِ کینٛہہ خاص چیز برۄنٛہہ کُن یمن پیٹھ غور کرٕنٛچ ضروٗرت چھےٚ. اولین دورس چھےٚ پانٛژھ باگنہِ آمژ کرنہٕ تہٕ تقرٟبن چھُ پژرِتھ دورس منٛز یہِ پزر برۄنٛہہ کُن یوان زِ اَتہِ چھ رہٲیشی علاقس یا حاطس انٛدر پیٚوٹھُس پیٹھ واریاہ بأڈرن تاہ نظرِ گژھان ییٚمہِ سیتی صاف نشان چھُ زِبستی چھےٚ واریاہس کالس ڈٟنچہ روٗزمژ۔ گوڈنکس مرحلس پیٹھ بستی ہنٛدِس مٔرِس وۄن دِتھ چھ کترِوی تہٕ اٚڈی جَن ہنٛدی مالہِ کھلی تہٕ بٲنیہِ اَکھ تژامہٕ ٹکرٕ اَتھ آمُت۔ اَمہِ دورچ کرالہٕ کام چھےٚ گوڈٕ انوارِ

موٚٹ تہٕ رنگ چھس ووزُل۔ کترہن کرنہٕ آمُت رنگُک تاہ چھُ موٚٹ، اما پوٚز کُنہِ کُنہِ چھ سنگٹری تہٕ کُنہِ شُس سنگٹری۔ کترِ بانن منٛز چھےٚ دلچسپ دریافت کیٚشنہٕ کرِتھ سُہ بُشکابہ یتھ نیٚبری کنہ زٕ ڈورِ چھےٚ۔ باقی بانن انٛدر چھ مرتبان، تھپہِ دار ٹھانہٕ کرِتھ جار پیالو تہٕ چِنبوٕ ہریمانہٕ رنٛنہٕ پاکوٕنٛی بانہٕ برتن شٲمِل۔ اَمہِ پتہٕ چھ کوٚنٛدِ گڈی ہتی رنگ کرِتھ کترِ بانہٕ نظرِ گژھان۔ بانہٕ تھرٕنس منٛز چھُ نفیس کرالہٕ میٚژِ ہُنٛد استعمال آمُت کرنہٕ۔ بانو اَنٛدرِ چھ کینٛہہ کاژری تہٕ کینٛہہ شوخ ووزلی۔ رنٛنہٕ پاکوٕنہٕ کیٚن بانن چھُ ژٕرِس تمُن گوٗمُت یا چھُکھ کوٚنٛڈ آمُت کرنہٕ۔

بیاکھ مرحلہٕ چھُ سُہ ییٚلہِ سمتھن آثارو اَنٛدرِ باڈٲمی رنگہٕ بانہٕ بُتھِ چھُ پیوان، یمو اَنٛدرِ کینٛژن بانن پیٹھ رِکھن ہنٛدی ڈیزاینہِ ہی چھ بنأوِتھ۔ اَتھ آمتین بانن اندر

چھ گلہِ کھٔلی بانہٕ تہٕ شأمِل۔ کٔتر یانٛو أنٛدرِ چھُ اَمہِ پتہٕ سوٗن توجہہ تِمَن بانَن کُن گژھان یِمَن انٛدر کینٛہہ یانہٕ ژٔنٛدرِ موٚٹُو چھ تہٕ رَنٛگ چُھکھ کاٹُر۔ عام کاٹرِ رَنٛگہِ بانہٕ تہٕ چھ اَتھ دوٗرَس مَنٛز نَظرِ گژھان۔ بانَن مَنٛز چھ تِتھی بانہٕ تہٕ شأمِل یِم اَتھہٕ سٟتی تھٔرِتھ فَلَط طریقہٕ پٔینہٕ چھ آمتۍ۔ یِمَن بانَن چھےٚ مٟٔثر تہٕ خراب تہٕ سیکہٕ ہٕنٛز مِش چُھکھہٕ سٟتی۔ بانَن پیٹھ صوٗرژ بَناوٕنٛچ چھنہٕ کانٛہہ مِثالا نَظرِ گژھان۔

کَنہِ کأنۍ نتیجہ ہُنٛد تجزیہ کٔرِتھ چھُ نَنیومُت۔ زِ سِمتھَنہٕ چھُ تِمہٕ زمانہٕ کُنِکھ، وُشکہٕ تہٕ دانہِ بوہوان اوسمُت۔ اُکھتٕۍ چھےٚ تِمہٕ کُچھ ذأژ تہٕ بوہوان آسمٕژ، یِمہٕ کُنکَس تہٕ وُشکہِ سٟتی مخصوٗص چھےٚ۔ بیٚیہِ چھ تِتھۍ آثار تہِ اَتھ آمتۍ یِمو سٟتی نَنان چھُ زِ اَمہِ زمانہٕ چھےٚ اَتھ علاقَس مَنٛز یار تہِ آسمٕژ۔

گوڈنِکہِ دورٕکۍ مَرحلہٕ طے کٔرِتھ چھ اَتھ سِمتھَنہٕ تِتھۍ کٔترِ بانہٕ نَظرِ گژھان یِم شُمالہٕ علاقہٕ کین کرٛیٚہنین رَنٛگہٕ بانَن سٟتی رَلان چھ۔ باڈرن تِہَو ہُریکانہٕ چھُ دوٚیِمہِ دورُک اَکھ کَنہِ دیوار تہِ اَتھ آمُت سوٚتھرِس پیٹھ چھ اَمہِ دورٕکۍ ٹھَپہٕ کَڈۍ متۍ ژامہ سِکہٕ تہٕ ٹٔنۍ دژاہتی۔

ترٛیٚیُم دور چھُ زاوجہِ کٔترِ کامہٕ سٟتی بدِ نیران یَتھ شوٗح ووزُل تہٕ سنگٔٹری رَنٛگ چھُ کٔرِتھ۔ اَتھ دوٗرَس مَنٛز چھ نٔوی بانہٕ قِسم تھالن تہٕ پیالَن ہٕنٛدِس صوٗرتَس انٛدر دژینٛٹھ یوان۔ پیٚٹھِمہِ تہٕہہٕ پیٹھ ژامہ سِکہٕ اَتھہِ ییٚنہٕ ہُریکانہٕ چھےٚ اَمہِ دورٕچ خاص دریافت سوکٔترِ موہر یَتھ پیٹھ اَکِس یُونٲنی دِوتاہٕنٛز صوٗرَت چھےٚ بَناوِتھ۔ اَمہِ پتہٕ یُس دور شروٗع گو تَتھ انٛدر روٗدی پرٛأنۍ بانہٕ قِسم چلہٕ وٕنۍ۔ اَمہِ دورٕچہ کٔترِ شبیہہ، سِکہٕ تہٕ کٔترِ موہر چھےٚ سوٚتھرِ پیٹھ تہِ اَتھ آمژٕ تہٕ کھُدایہِ دوران تہِ اَتھہِ آمٕژ صوٗرژ چھےٚ اَکے قالبہٕ کَڈنہٕ آمژٕ۔ اَمہِ ہُریکانہٕ چھ اَمہِ زمانٕکۍ کٔترِ و مالہٕ کھٔلی، نیم قیمتی جواہر، ژامہ وی تہٕ شیٖشرِ وی چیز تہِ بدِ دژاہتی۔ اَتھ دوٗرَس انٛدر چھُ سِمتھَنہٕ مَنٛدر تعمیر کَرنُک تہٕ مُرژِ گری ہُنٛد سِلسِلہٕ شروٗع گومُت۔

(م۔ل۔س)

کتاب نامہ :

*Debala Mitra: Ed. Indian Archaeology, A Review, 1980-81.

## شُمُدگمپہٕ

شُمُدگمپہٕ چھُ زانسکارکِس شُمال مَشرقی حصَس مَنٛز تعمیر آمُت کرنہٕ۔ زانسکارکہِ مٔنٛزی مہ حصہٕ پیٹھ چھےٚ اور گژھن واجینۍ وَتہٕ مُشکِل۔ اَلچی

پیٹھ نگیا لا پیٹھی سیٚنٛدِ ہٕنٛدِ کھوورِ بٹھی گمٕپس تام گژھن چھُ ہنٕا سہل۔

سُمٕد گمپُک بُنیاد چھےٚ ریٖنچن۔ زنگ بٕرنگ پوٚہن تژاوِ ژِ۔ رہٲیشی مکانو ہٕریمانہٕ چھُ گمپس سیٖتۍ ترٛےٚ مٔنٛدرٕ سُمن رٕوقس، میترٕیہ تہٕ اولوکیتشوٕرسٕنٛدِ مٔنٛدرس منٛز چھُ فنکو کینٛہہ نادِر نموٗنہٕ ژٕژھراوِتھ۔ سُمن رٕوقس منٛز وروچن سٕنٛزٕ مرکزی مُرتھ چھےٚ ایلچی ہٕنٛدِس سُمن رٕوقس منٛز موجود وروچن سٕنٛزِ مُرژ کھو تہٕ زیادٕ جان پاٹھی پارٕ اوِتھ۔ مُرتھ چھےٚ پوشہ گنٛدِکی پاٹھی سجاوِتھ۔ ژکس تل چھُس گملہٕ یتھ منٛز ژور ڈکھی سہہ چھ ہاوِتھ تہٕ یمن منٛز باگ چھُ تاج دِتھ وامُن (ژھوٹینگہٕ)۔ امہٕ ہیٚور چھےٚ ژور کلہٕ کٕرِتھ وروچن سٕنٛزٕ مُرتھ۔ وروچن سٕنٛدِس سِہاسنس دوشوٕے طرفو چھےٚ پوشہٕ ڈیزاینس منٛز تنٛدلہٕ دیوی یہ بناوِتھ۔ یمہٕ دیوی یہ چھےٚ تھدٕ بن دِتھن پوٗز کران۔ خاص مُرژ ہیٚور چھُ گرٛڈ امُت ہاونہٕ یس اُسس منٛز زٕ کٕرِم چھُ کلہٕ کڈان۔

کھوورِ طرفہٕ چہٕ لبہٕ پیٹھ چھُ رتن سمبھو تہٕ اکھشوبیہ سٕنٛدی مجسمہٕ یم اشوٗ (گدی) آسن تہٕ گج (ہٲسی) آسنس پیٹھ چھِ۔ یتھےٚ پاٹھی چھُ ڈچھنہٕ طرفہٕ امیتابھ میور (مورٕ) آسنس تہٕ اموگھ سدھی گرٛڈ آسن دارِتھ۔ گمپس منٛز موجود مُرژن منٛز چھُ منجوشری، پدم پانہٕ، شاکھیہ منی تہٕ جمبھالہٕ شٲمِل۔

ہتی مہٕ لبہٕ پیٹھ چھ ساسن بُدھن ہٕنٛدی نکی نکی ژِتھر تہٕ یمن بون کُن چھُ ڈچھنہٕ طرفہٕ اکھ کتبہٕ اتھی سیٖتی چھِ شاکھیہ منی، بودھی کُل تہٕ بُدھ سٕنٛدِ بن بکھتین ہٕنٛدی مونی ژِتھر کھووُر کُن بناوِتھ۔ ہتی ہن دوٕن کونن پیٹھ چھ واریاہ اصلی مونی ژِتھر ژٕژھراوِتھ۔ کھوورِ طرفہٕ چھُ واگیشوٕر دھرم داتو سٕنٛد منڈُل۔

سُمن روقچ اہم مُرتھ چھےٚ منجوشری سٕنٛزٕ یمس ژور بُتھی تہٕ اٹھ نرِ چھےٚ۔ منجوشری سٕنٛدی ژور بُتھی چھ ژورِ رٕنگہٕ یانے لیٚودُر، وٕزُل، نیوٗل تہٕ سفید۔





سمَن روقَس چھےٚ دٕچھنہِ تہٕ کھوورِ لبہٕ ہنٛدِس
خٲلی حصَس تازٕ تانٛرے تٕرِتھر کٲرِی آمٕژ کٔرنہٕ۔ دَروازس
پیٹھ چھُ شاکھیہ مُنی سُندٕ تٕرِتھر یُس دٕچھنی کھووِری نٕ
شُش (مُرید) چھہ۔ سمَن رَوقَس دوٕشوٕے طرفو چھ لوکٕٹی
مَندٕر یم ژرہ پاسے ڈاے میٹر چھ۔ اَکِس مَندرس مَنٛز
چھےٚ اولوکیشور تہٕ دوٚیمِس مَنٛز چھےٚ میترے یہٕ ہٕنٛز
مُرتھ۔ یمہٕ دوٕشوٕے چھےٚ گٔچھ مُرتژ، یمو اَندرٕ واریاہ سٹھا
خوٗبصوٗرت چھےٚ۔

گُمپک یٔش چھُ نوٚسرٕ شیرنہٕ آمُت۔ مندو رہیوٗہ
چھُ اکھ پژون چوٗرتن یینٛمکی موٗنی تٕرِتھر خراب چھہ گٲمتی۔
چوٗرتنہٕ برٛوٚنٛہہ پکیتھ چھ اَکھ پرانہٕ قلعکی آثار۔ (م ل س)

کتاب نامہٕ:


※Franche: History of Ladakh
※Snellgrove: Cultural Heritage of Ladakh


# سوٗپور کوٹ

وُچھو "سوٗپور" (جلد ۱)

# سوم تیرتھ

وُچھو "شُدرہٕ مُر" (جلد ۱)

# سوٗنہٕ دژنگ

سوٗنہٕ دژنگ آس کوٗپوارکِس شُمالس کُن ہایہٕ ہٲمی پَرگنس مَنٛز ۷۴°۱۸ طول بلد تہٕ ۳۴°۳۴ عرض بلدس درمیان اَلہ پلہٕ ۱۲۰۰۰ فُٹ تھزرس۔ اَز کل چھُ اَتھ پرگنس مَنٛز سوٗنہٕ دژنگہٕ بوٗن" دژنگ" ناوُک گام آباد۔ دژنگ گامہٕ ہیور یَہَن چھُ ہرناگ" یتھ سہہ کلہٕ تشکلہٕ اکہِ کنہٕ مَنٛزٕ آب وُزان چھُ۔ پتھ کالہٕ اوس سوٗنہٕ دژنگ شاردا تیرتھ تہٕ چلاس گژھن والین ہنٛدٕ خاطرٕ اکھ پڑاو۔ مہاتمَن مَنٛز چھُ سوٗنہٕ دژنگہٕ سوٗورنہٕ دژنگہٕ کا وَننہٕ آمُت۔ سوٗنہٕ دژنگہٕ اَندی پکھی چھ پٹھان دورس مَنٛز جنگجو لوکھ بسان آسہٕ متی۔ یم بمبین تہٕ چلاسین امہٕ وَتہٕ کشیر ترٛنٛس رٔٹ آسی کران۔ دژنگ گامس اَندی پکھی چھ اَزتہٕ پانڈو دوٕ سہہ ناوٕ آثار دژینٹھ یوان۔ دپان پتھ کالہٕ آسی دَردستانہٕ پیٹھ ینہٕ والی سوٗنہٕ بپاری

اُتھ وژنگہِ آسس پاس سوٗن چھلان۔ وژنگہ" سوٗنہٕ وژنگ" ناو پٮ۪ٹھنک ہیٚکہِ یہ تہٕ اکھ وجہہ آستھ (م۔ا۔ا)

کتاب نامہ :

*Quarter Master: Gazetteer of Kashmir and Ladakh
*Stein: Ancient Geography f Kashmir

## سینٹ لیوٗکس چٔرچ

سینٹ لیوٗک سُنٛد گرجہٕ چھُ کشیٖرِ مشنٔر عیسایَن ہُنٛد ساروٕے کھوتہٕ پرٛون عبادت خانہٕ۔ یہ اوس گوڈٕ سری نگرٕکس درو گجٔن سی۔ ڈی ہسپتالس نکھٕ تعمیر سپُدمُت۔ گرجہٕ چھُ علمِ طبہٕ کس سرپرست سینٹ لیوٗکس سٟتی منسوب۔ گرجُک افتتاحی رسم دیُت ۱۲ ستمبر ۱۸۹۶ عیسوی کیُٛت لوٗہور کی لشپ میتھوٗین انجام۔ ڈاکٹر ارنسٹ تہٕ ڈاکٹر آرتھر نیو روٗدی امہٕ کس تعمیرس دوران خاص کٔرتھ سرگرم۔ وقت گُزرنس سٟتی بنیوو یہ "مشن چرچ" یتھ ہندُستانی گرجہ، تہٕ ووٗنکھ۔

سی۔ ڈی ہسپتالہٕ کیو اکثر ابتدائی مُبلغو کرناوِ گرجس منٛز پننہٕ پننہٕ ناوی یادگاری لوحہ نصب۔ یمَن مُبلغن اٲسی ڈاکٹر اہلمسلی، ڈاکٹر آرتھر نیو،



ڈاکٹر فینی بٹلر (گوڈنچ مشنری زنانہٕ ڈاکٹر تہٕ مُبلغ)، مس ایرین پیٹری، ڈاکٹر ڈونر تہٕ ریورنڈ سیٖسِل بارٹن شأمِل۔

۱۹۵۰ء ہس منٛز آو درو گجٔن ہسپتال ریاستی سرکارس حوالہ کرنہٕ تہٕ سینٹ لیوٗک گرجس منٛز عبادت کرنُک سِلسِلہٕ گوٚ وارٕ وارٕ کم۔ مقامی عیسایے اٲسی امہٕ پتہٕ آل سینٹس چرچس منٛزے عبادت کرنس ترجیح دِوان۔

۷، جون ۱۹۶۷ء آیہٕ فسادٕکس نتیجس منٛز گرجہ زالنہٕ تہٕ امہٕ چِھن دارِن تہٕ یادگاری لوحن زکھ واتناونہٕ

کوٗشِش کرنہٕ، مگر گرجہ چہ عمارژ ووت نہ کانٛہہ دداہ۔ خاص موقو وراۓ آو نہ گرجہ ۱۹۷۸ءس تام زیادہ استعمال کرنہٕ۔ امہٕ پتہٕ سپُد کرِسچن فیلوشپ سنٹرس تہٕ آل سینٹس چرچس پانہٕ وٲنی فاصلہٕ ییٚمہٕ موجوٗب گرجس منٛز عبادت کرنٕک سِلسِلہٕ باقاعدہٕ جاری سپُد۔ ۱۹۸۰ءٕ پتہٕ سپُد گرجس اندر مختلِف زبانن منٛز عبادت انجام دِنٕک سِلسِلہٕ شروٗع۔

(م۔ن۔ن)

کتاب نامہ :

*Biscoe: Kashmir in Sunlight and Shade
*Christian Conference: Christianity in J&K .

# شاہ کوٗٹ

شاہ کوٗٹٕکۍ آثار چھہ ہیرپ پانٛژال دٲرِکس مشرِقس منٛز۔ علی آباد سرایہٕ پیٹھہٕ چھُ آثارن تام ستھ کلومیٹر پکُن۔ اصلی کُنٹھ چھُ ژۄنبی آرکہٕ ڈٲچھنہٕ بٔنہِ تھزرس اوسمُت، ییٚتہٕ پیٹھہٕ رٔٹپری پیتھر پیٹھ سیٚدِ سیٚود نظر چھیٚپے۔ کُنٹکۍ آثار چھہ ۱۴۱ میٖ، طول بلد تہٕ ۳۹°، ۳۳ عرض بلدس درمیان اَسی متی ہیکم وۄنی سیٹھا ہے خدس تام کمٕ چھُ گٲمتی۔ چھکرِتھ سیر چھٹوٗ تلہٕ چھیٚپے ژینہٕ ون لگان زِ کوٗٹ چھُ سیرِ پنٛ ہندِ تعمیر

اوسمُت تہٕ باڈوِکنی چھُ لوکٹٕے اوسمُت۔ انداز چھُ زِ کُنہِ چھ راۓچھ چوکہٕ ہنٛز کٲم اوسمُت دِوان تہٕ یہٕ آسہٕ ہے مُغل دورس منٛز تعمیر سپُدمُت۔

ہندو دورِ پتہٕ کرٕ مُغلو اتھ وَتہٕ پیٹھ جایہٕ جایہٕ سرایہٕ تہٕ کوٗٹ تعمیر ییٚمہٕ کنی اتھ مُغل روڈ ناو پیو۔

(م۔ل۔س)

کتاب نامہ :

*Bates: Gazetteer of Kashmir
*Stein: Ancient Geography of Kashmir

# شوپیٔن

مرازٕک قصبہٕ شوپیٔن چھُ سرینگرٕ کس جنوٗبس منٛز پنٛژاہ کلومیٹر تہٕ اسلام آباد پیٹھہٕ ۳۲ کلومیٹر دوٗر۔ قصبہٕ چھُ ژۄنبی آرکہٕ ڈٲچھنہٕ بٔٹھ تھٕ وَتہٕ پیٹھہٕ آباد یوسہٕ ہیرپ پانٛژال دٲرٕ اپور گژھان چھیٚ۔ عرض بلد چھُس ۴۴ ۳۳° تہٕ طوٗل بلد ۵۳ ۷۴°۔

شوپیٔن قصبہٕ کہ پاکھلی علاقہٕ پیٹھہٕ اَلہٕ پَلہٕ ۲ کلومیٹر دوٗر چھُ لہن کھوٗر۔ دِوداروٗ وُلتھ اَمہٕ تھوٗنگہٕ پیٹھ چھیٚ پٲرٕ کٕ شہر بوزنہٕ یِوان۔

موغلن ہندِ وقتہٕ اَسہٕ شوپیٔنی وَتہٕ شاہراہ

(یعنے پادشاہن ہنٛز وتھ) وُنان ، ہکیاز موغل حکمران ۔
اَسی اَپاری کشیٖر تران تہٕ اَپاری ییٚتہٕ پیٚٹھ واپس گژھان ۔
ڈوگرن ہنٛدِس دورس تام اوس اَتہٕ اَکھ فوجی دستہٕ
تعینات تہٕ اَکہِ وقتہٕ چھُ اَتہٕ نائیب گورنر ہنٛد دربار
ٹھِک بسان اوسمُت ۔

شُپیٖنہٕ پیٚٹھ یمہٕ وَتہٕ مختلف طرفن گژھان

چھےٚ تمو مَنٛز چھےٚ سرینگر گژھن واجنہٕ اہم ترین
پوختہٕ تیلہٕ سڑکہِ علاوٕ ۶۰ میل زیٚٹھ نہایت دشوار
گذار پیدل کوٚہی وتھ پرٛونژھ واتان ۔ یہ وتھ چھےٚ
صِرف ریتہٕ کالہٕ کینہہ ژٕون رٔتن یلہٕ روزان ۔ بیاکھ
وتھ چھےٚ قصبہٕ کِس جنوٗبس منٛز ہاپتھ کھوٚڈناوکوٚہس
نکھہٕ بدل گژھان ۔ اَمہِ وتہٕ چھےٚ رالے نیوٗر ناو اَکھ
کاٗفی کُشادہٕ مرگ یوان ۔ اور چھِ ریتہٕ کالہٕ شُپیٖنہٕ علاوٕ
جموٗں صوٗبہٕ کہِ راجوری علاقہٕ پیٚٹھ تہٕ جب گاسہٕ کھیٚنہٕ
واتان ۔ بیاکھ وتھ چھےٚ قصبہٕ کِس جنوٗبس کُن دیوسر
پرگنہٕ مَنٛزی زوجہ مرگہٕ پیٚٹھی پکِتھ ریاسی تہٕ تتہٕ پیٚٹھ
جموٗں واتان ۔ یمو علاوٕ چھےٚ بییہٕ اَکھ وتھ شُپیٖنہٕ
پیٚٹھ باہاج کُن نیران ، یہ چھےٚ ونیشو نالس ترٛرتھ تہٕ ۲۰
کرٛوہ کڈنہٕ پتہٕ کھل نار واو واتان ، تہٕ تتہٕ پیٚٹھ دوٚن
شاخن منٛز تقسیم سپدتھ وادی ہنٛدیو مختلف
علاقو علاوٕ مختلف دُشوارگُذار طرفو جوٗمس ستی تہٕ
ژلان ۔

قصبس نکھے چھُ موضع ڈلجن یینتیک تتہٕ وأتی
ناگ اَوکنی مشہور چھُ زٕ امیٚک آب چھُ وہری وٗدیس
دُشن آسان ۔ دپان ہرگاہ کانہہ تھٕنہ لدٕ آتھوار دوہ
اَمہٕ ناگہٕ وانہٕ سٔران کرِتس چھےٚ تھٕنہ ژلان ۔

شُپیٖن ناوکس لفظ مولس متعلق چھےٚ مختلف
رایہ ۔ وینی چھُ وَنان زٕ غالبن چھُ یہ ترکی لفظ "ژوٗ"
(مطلب آب یا آر) تہٕ پاپن (مطلب بوٗن کُن ،
بنیٖم یا دانس تل) لفظچ ملہٕ مشہ صوٗرتھ ۔ کینٛہہ زانی کار
چھِ اَتھ شُپر ساٚن ناوکس پرگنس ستی واٹان ۔

حسن چھُ اَتہٕ چن عمارژن تہٕ کُشاد بازرن
ہُنٛد ذکر کران لیکھان زٕ شُپیٖن چھُ کشیٖر تہٕ
ہنٛدُستانس درمیان اَکھ تجارتی منٛڈی تہٕ باقے
واریاہو قصبو مُقابلہ چھےٚ اَتہٕ ژٕر تجارتی رونق ۔ لارنس
چھُ تجارتہٕ ژٕنگ شُپیٖنس ، اِسلام آباد ، ورمل ہیری نگر
تہٕ بنٛڈپورس ستی شُمار کرتھ لیکھان زٕ اَتہٕ چھُ پنجابی
تاجرو تہٕ پنُن کاربار شروٗع کوٚرمُت ۔ چنانچہ پنجابہٕ
پیٚٹھ یُس درآمدی مال شُپیٖن واتان چھُ تتھ منٛز چھُ
ہستھر ، سرتل ، ترام ، شیشتر ، نوٗن ، مدریر چلے تہٕ
تموکھ ، آسان ۔ اَمہِ علاوٕ چھُ دوہہ پتہٕ دوہہ ژٕوٗر
ژٕوٗر پیٹرول واتان ۔ شُپیٖنہٕ پیٚٹھ یُس برآمدی مال

پنجاب گژھان چھُ تَتھ مَنٛزٕ چھ دوأیاتھ، میوٕ، دالہٕ، پستہٕ، گیوٕ، تِلہٕ گوگلُ، تیل تہٕ اُلی شہٕ تیل، ییرٕ کوٕنگ بیتر۔

پرانیو آثارو ژٕ نگی چھےٚ شُپۍ یَنٕچ قدیم جامع مسجد سیٹھاہ اَہم گنٛزرنہٕ یِوان۔ یہٕ پرأنی جامع مسجد آس ۱۹۴۴ عیسوی یَس تام شاہ صابنِس مَحلَس تہٕ ٹاکہٕ مَحلَس دَرمیان تِتھہٕ جایہِ آباد۔ یِتھ پتہٕ اَزچ جامع مسجد تعمیر سپنٕز مِژ چھےٚ۔ (م۔ن۔ن)

## کتاب نامہ :

*Bates: Gazetteer of Kashmir
*Hasan: Tarikh, I, II
*Hasan: Asrar-ul-Akhyar
*Parmu: Muslim Rule in Kashmir
*Stein: Ancient Geography of Kashmir

# شنکر آچاریہ مندر

وُچھو " گوپادری " (جلد ۱)

# شِوبھویش

وُچھو " ناراں ناگ "۔ (جلد ۱)

# شوپاروتی مندر (پرمنڈل)

پرمنڈلک شِو پاروتی مندر چھُ مہاراجہ گلاب سنگھن ۱۸۴۰ منٛزٕ تعمیر کوٚرمُت۔ مندرٕچ توجہہ طلب کتھ چھےٚ اَکی موٗنی ژِتھر۔ گرٛبہ گرٛیہس بُتھہٕ دیوارس چھ موٗنی ژِتھر بنأوِتھ یَمو اَندرٕ داہ وُنہٕ ڈٕنجہ چھہٕ۔ دچھنہِ لبہِ پیٹھ ژِتھرس منٛزٕ چھےٚ کرٛشنُس رٕوٗشتھ رادھا ہأوِتھ تہٕ کھوورِ طرفہٕ چہ لبہِ پیٹھ چھہٕ سنگھاسنَس پیٹھ رام تہٕ سیتا ہأوِتھ تہٕ پوٚت منظرَس منٛزٕ چھُ دوٗر قصبُک منظر نظرِ گژھان۔ اَمہٕ بوٚن چھُ کُلس تَل بہِتھ شِو ہأوِتھ۔ بنٛیِس ژِتھرس منٛزٕ چھےٚ کُلس کوم کٔرِتھ نایکہٕ ہأوِتھ۔

گرٛبہ، گرٛیہچہ لبہِ پیٹھ چھ رام ہِنٛدِ دربارٕکی زٕ منظر، تہٕ ترٛےٚ تِم مَنظر ہأوِتھ یِمَن ہُنٛد تعلق کرٛشنہٕ سنٛزِ زِندگی سیتٕ چھُ۔ یِمو اَندرٕ چھُ اَکس موٗنی ژِتھرس منٛزٕ سَتہٕ زاو کرٛشن پتہٕ وُتھرس پیٹھ ہأوِتھ۔ بنٛیِس ژِتھرس منٛزٕ چھ سُداما، نندٕ گوٗر، کرٛشن تہٕ بلرام۔ تِمس موٗنی ژِتھرس منٛزٕ چھےٚ برٛہما سنٛزٕ صوٗرتھ بنأوِتھ۔

صوٗرژو عَلاوٕ چھ پوشَن تہٕ پوشہٕ تھرَن ہِنٛدی منظر تہٕ اَمہٕ مندرٕچَن لبَن پیٹھ نظرِ گژھان۔ (م۔ل۔س)

## کتاب نامہ :

*Mira Seth: Dogra Wall Paintings



# شہام پۆر

سِکندر پۆرِس، ئلہٕ کھائس تہٕ نقشبند صابٕنِس محلس دٕرمیان شہام پۆر بسوو سُلطان شہاب الدینٕن شہمیری دوٗرس مَنز۔

شہام پۆر اوس شہمیری دوٗرس مَنز مشرقہٕ پاسہٕ اُزی کس پٕرنی دور تہٕ حسن آباد تہٕ مغربہٕ پاسہٕ حول تہٕ راجوری کدل تام آباد۔ یتھ ساس گرٕ آباد کرتھ بنوو یہِ علاقہٕ سلطان شہاب الدینٕن کشیرِ ہنٛز راز دانی۔ چونکہ یہِ جاے اُس میر محمد ہمدانی ؒ سٕند تشریف آوری ستی اِسلامی تبلیغک اگر بنے مُت، لہٰذا اُس سُلطان شہاب الدینٕن اتہٕ اکھ جامع مسجد تعمیر کرٕمٕژ۔ امہٕ علاوٕ آسہٕ اتھ جایہِ سلطانٕن فوجہٕ بابتھ اکھ ساس چھاونہٕ بناونہٕ آمٕژ۔

(م۔ ع)

کتاب نامہٕ:

*Mohibul Hasan: Kashmir Under the Sultans

# شیلہ پُتری

شیلہ پُتری ہُنٛد اِستھاپن چھ وٕرملہٕ کس مغربس مَنز خان پورس نکھہٕ وٕنیتھ ہنٛد کھوورِ بٔتھٕ۔ عام لوکن چھُ یہِ اُستھاپن دیوی بَل ناوٕ وَنس تل۔ شیل پُتری چھ پاروتی ہُنٛد اکھ ناو تہٕ بھوانی سہسر نامَس مَنز چھنٛے دیوی ہنٛز تہِ تا شیلا ناوٕ تہٕ آمٕژ کرنہٕ۔

یوٚدوَے دیوی ہُنٛد موجوٗدٕ مَندر اکھ تازٕ تعمیر چھُ اَما پۆز روایتہٕ موجوب چھ یہِ استھاپن سیٹھا پرٛون۔ اَمیک تصدیق چھُ تمو کنہٕ مُرژو ستی سیدان یِم دُتہٕ تہٕ مَندرٕ کِس آنگنس مَنز موجوٗد چھنٛے۔



استھاپن چُھ اٚنٛدری اٚنٛدری ۱.۵ فُٹہٕ زیچھر تہٕ ۴۷ فُٹہٕ کھجر۔ وٚنیتھ ہشٕد طرفہٕ چھےٚ ہیوٚر کھسنہٕ خاطرٕ پاٛتر وَتھراٛوِتھ ہیر۔ دیوی بلس اٚندی اٚندی چُھ شمالہٕ طرفہٕ ۱۶، مشرقہٕ تہٕ مغربہٕ پاسہٕ وُہ وُہ فُٹہٕ تہٕ جنوبہٕ پاسہٕ ۶ فُٹہٕ پرٛیدکھین چکر یتھ سنگِ مرمرُک پاٛترٕ چھےٚ وَتھراٛوِتھ۔ منٛزس چُھ ۶۵×۲۵ ناگ یتھ اٚندی اٚندی شیٛنسترٕ جنگلہٕ دِتھ چُھ۔ ناگس ستےٚ منٛزس چُھ دیوی بیٹھ۔ دیوی چُھ مغربس کُن بتھ تہٕ یہ چھےٚ نندی ٲس سوار۔ دیوی تہٕ نندی ہنٛز مُرٕژ چھےٚ نیبرٕ پیٹھٕ اٚنِتھ آمٕژ۔ البتہٕ منٛدرس نیبرٕ کنہٕ مُرٕژ چھےٚ

مُرژگرٕی ہنٛز نُمایندگی کران۔ منٛدرس اٚنٛدرٕ چھےٚ دیوی علاوٕ شوناتھس تہٕ پوٗزا سپدان۔ (م۔ا۔ا)

کتاب نامہٕ:

*Stein: Kalhana's Rajatarangini

# صَفاکدٕل

صَفاکدٕل چُھ ونیتھ پیٹھ نوٚو کدٕلس تہٕ وٕرِس درمیان لال چوکہٕ پیٹھ ۳ کلومیٹر دوٗر۔ امہٕ کِس شمالس منٛز چُھ عیدگاہ، شُمال جنوبہٕ پاسہٕ خانقاہِ سوختہٕ تہٕ مغربہٕ اٚنٛد شاہ نعمت اللہ قادری سُنٛد روضہٕ تہٕ خانقاہ۔ ونیتھ کھوورِ پاسہٕ چھےٚ امہٕ کِس بُٹھس پیٹھ یارقند سرائے۔

صفاکدٕل اوس گوڈٕ مغل بادشاہ اورنگزیب سٕندِس دورس (۱۶۵۸ء - ۱۷۰۷) منٛز کشیرِ ہٕندی گورنر سیف الدین خانن ۱۶۷۱ء منٛز تعمیر کرنوومُت۔ ۶۰ گز زیٛٹھس اَتھ کدٕلس ٲسی دِوداٛری لکٕرِ ہٕندی ۱۶ فُٹہٕ تھدی ژور ٹھُٹھ۔ اَتھ آیہٕ مختلف دورن منٛز مرمتھ کرنہٕ۔

تجارتی لحاظٕ اوس صفاکدٕل اَہمی تہٕ مشہور زنکیاز اَتھ کدٕلس نکھہٕ یارقند سرایہٕ نِش ٲسی مغل دورس تہٕ پٹھان دورس منٛز بڑی بارٕ تجارتی مالہٕ لگان ییتہٕ لس



تبتی، تُرکی تہٕ یارقنٛدی تہٕ شامِل اُسی سپدان ۔ یِمن تاجرن اُسی مقامی لوٗکھ حاجی وٚنان تہٕ کیٚنہہ تہٕ یِموٚ منٛز اوس اکثرٕ وِ ج کورمُت آسان تہٕ امی تجارتی رِلہٕ ژارُک اثر اوس اَتہٕ کیٚن لوٗکن تیوٗت پیوٚمُت زِ اوٚترٕ تام اُسی اَتِکی لوٗکھ تبتی، تُرکی تہٕ یارقنٛدی زبانہٕ بولان۔

کدٕلِچ خستہٕ حالتھ تہٕ تجارتی اہمیتھ نظرِ تل تھاوِتھ آو پرٛون صفاکدٕل مہاراجہ پرتاپ سنٛگھنِس دورس (۱۸۸۵ - ۱۹۲۵ء) منٛز لُہراونہٕ تہٕ آو بِلکُل اَتھی جایہِ نوٚ سرٕ تعمیر کرنہٕ۔ یہ کدٕل اوس ۱۸۰ فُٹہٕ زیوٗٹھ تہٕ ۱۶ فُٹہٕ کھوٚل دِوداری تھَمبن تہٕ پَچَن ہنٛد بَناوِتھ۔ امہِ پتہٕ آیہِ اَتھ کدٕلس مہاراجہ ہری سنٛگھنِس دورس (۱۹۲۵ - ۴۷ء) منٛز مرمت کرنہٕ۔
۱۹۶۰ء منٛز آو اَتھ جایہِ نوٚ سرٕ کدٕل تعمیر کرنہٕ یُس ۳۷۰ فُٹہٕ زیوٗٹھ تہٕ ۲۸ فُٹہٕ کھوٚل چھُ۔ اَتھ چھ ڈُنی کنٛنس تہٕ دِوداری لُکرٕ ہنٛدی شٔنٛے ٹھُنٛٹھ کدٕلس دِچھنہٕ کھوٗوری چھِ شیٚنٛسٹروٚ جنٛگلہٕ دِتھ ۔ (م-ع)

## کتاب نامہ :


※Bamzai P.N.K: History of Kashmir
※Hasan: Tarikh, I
※Mohibbul Hasan: Kashmir Under the Sultans


# عالی کدل

عالی کدٕل چھُ سرینگرس منٛز زٔینہ کدٕلس تہٕ نوٚ کدٕلس درمیان اُویسی صابنِس مقبرس تہٕ رینچن شاہ سنٛزِ مسجدِ نکھہٕ وٚنیتھ پیٹھہٕ۔
مُسلمان دورُک یہِ گوڈنیُک کدٕل چھُ سُلطان زینُ العابدین سنٛدی بایے سُلطان علی شاہن (۱۴۱۳-۱۴۲۰ء) منٛز وٚنیتھ پیٹھہ پننِس ناوس پیٹھ تعمیر کرنوومُت۔ لہٰذا



پنٛنوس عاۄکدل ناو۔

فوق ہنٛنز "شباب کشیر" مطابق اوس یہ کدل سورے پچن ہنٛد۔ تاریخ حسن مطابق اوس یہ ۸۲ گز زیوٚٹھ تہ ۶ گز کھوٚل۔ ہسی بڈر آیہ اَسس ترٛنے ٹھنٛٹھو شراہ ۱۶ فٹہٕ تھدی۔ اَمہ پتہ آیہ اَتھ مختلف دوران منٛنز مرمت کرنہٕ۔ اَمِچ خستہ حالتھ وُچھتھ آو پٔرون عاۄکدل مہاراجہ پرتاپ سنگھنس دورس (۱۸۸۵ء- ۱۹۲۵ء) منٛنز لہراونہٕ تہ بلکل اَتھی جایہ آو نوٚو سر دوداری تھمبن تہ پچن ہنٛد بناونہٕ۔

۱۹۶۴ء منٛنز آو اَتھ جایہ بیاکھ کدل تعمیر کرنہٕ یُس ۲۳۸ فٹہٕ زیوٚٹھ تہ ۲۲ فٹہٕ کھوٚل چھُ۔ اَتھ چھِ وُنی کینس ۲۰ فٹہٕ تھدی ژور ٹھنٛٹھہ۔ کدلس چھ دۄنوٚنی طرفن شیشرو کاٹھکر دِتھ تہ فرشس چھُس پچن پیٹھ روڑی ترٛاوتھ۔

(م۔ع)

کتاب نامہ:

*Biscoe: Kashmir Under Sunlight and Shade
*Stein: Klhana's Ragatarangini

## علی آبادسرائے

علی آبادسراے چھنے سرینگرٕکس جنوب مغربس منٛنز شوپیانہ ہیوٚر ہرپورٕ پیٹھٕ ۲۳ کلومیٹر۔ مغل روڈس پیٹھ یہ جاے چھنے ۳۹ ، ۳۳ طول بلد تہ ۳۹ ، ۷۴ عرض بلدس درمیان تہ سطح سمندرٕ کھوتہ چھنے ۹۷۰۰ فٹہٕ تھزرس۔

علی آبادسراے اَس پیر پانٛژال وَتہ منٛنز ہنا شمالس کُن بھمبر پیٹھٕ ۱۳۰ کلومیٹر تہ سرینگرٕ پیٹھٕ ۹۰ کلومیٹر دوٗر۔ یہ اَس مغل دورس منٛنز پیر پانٛژال وَتہ (یتھ اَمہ برٛونٛہہ نوٗنہٕ وَتھ تہ وَنان اَسی) پکن والین لوٚکن ہنٛز آسائشہِ موکھ وِلنگ تہ خوفناک جایہ تھکہٕ پھینجہٕ ژنگی تعمیر کرنہٕ آمٕژ۔

مغل بادشاہ اکبرن آسہ پننس دورس (۱۵۸۶ء- ۱۶۰۶ء) منٛنز لاہوٗرٕ پیٹھٕ کشیرٕ ینہٕ گژھن

علی آباد سرائے

والہن ہنٛدِ سہولیتہٕ خاطرٕ تہٕ مَنٛز ستھ سرایہ تعمیر
کرناوِمژٕ۔ یِم سرایہ آیہ شاہ جہان سنٛدِس دورس
(۱۶۲۸-۱۶۵۸ء) مَنٛز علی مردان خان سنٛدی ذٔسہ
شیرنہٕ۔ اَتھی وقتس مَنٛز آیہ علی آباد سرائے
وُسعت دِتھ نوٚ سَر تعمیر کرنہٕ۔ علی مَردان خان
سُنٛد تعمیر آسنہٕ کِنی چھُ اَتھ علی آباد سرائے
ناو پیوٚمُت۔

یہ سرائے اُس پیر پانٛژالس پیٹھ
اُسی وَنج نارٕ ہیوٚر صرف اوڈ کلو میٹر تہٕ وٕرِیس
مَنٛز اُس قرٕ بَن شبن رٕہتَن شینس تَل ہینہٕ
یوان۔

۱۸۸۱ء مَنٛز چھ علی آباد ناوی گامس مَنٛز
پَنٛداہ گرٕ بسان اُسی ہتی تہٕ گامس بون پہٕن چھِنے
اَمہ وزِ ۱۴ × ۲۶ اَکے کمرٕ واجینی اَکھ سرائے
اُسمژٕ۔ اَتھی سرایہ اَندٕ پکھی اَسی علی آباد سرایہ
ہنٛدی آثار نظرِ گژھان۔

علی آباد سرایہ تہٕ ہیر پورس درمیان
چھِنے کژم وژت دزنگ اُسمتر یتھ کمرٕ لُن کوٹ
تہٕ دُنان اَسی۔ کھیمشدرٕ سنٛدِ بیانہٕ مُطابق
چھُ پانٛژال دھار اَمِتھ تہٕ علی آباد سرایہ نکھے اوسمُت۔

علی آباد سرایہ چھِنے یہ بٔڑ بارٕ اہمیت
زیبیٛلہِ اورنگ زیب سنٛدِس دورس مَنٛز ۱۶۹۹ء
حضرتِ محمد صلعم سُنٛد موئے مُبارک کشیرِ اَننہٕ آو، تمہ
وِزِ چھ کشیرِ ہنٛدی اکابر ہیرہ پورِ تہٕ علی آباد سرایہ
مَنٛز اَمہِ کہِ استقبالہٕ خاطرٕ پژاران رٕوٗدی متی۔

علی آباد سَرائے چھِنے مُغل طرزِ تعمیرُک اَکھ
نموٗنہٕ اُسمژٕ۔ طرزِ تعمیرِ کہِ اعتبارٕ آسہِ ہا یہ سرائے تہٕ
تِمے اَنہارٕ یُس اَنہارٕ چینگس بیترِ سرایَن اوس۔ یتھ قسمٕ
جورُس اَتھ سرایہ چھُ چوٗنہٕ سُرخہٕ مَنٛز سیرَن ہُنٛد لداو
اوسمُت۔ اَمہِ کِس تعمیرس مَنٛز آسنہٕ کُنہٕ قسمُک لکھراستعمال
کرنہٕ آمژٕ۔ سرایہ ہنٛدِس جورُس تعمیرس اوس اَنٛدرِمِس
آنگنس دزمُن لاگنہٕ آمُت۔ اَتھ چھ کُل ترٕہ کمرٕ اَسی متی۔

رٔنبی آرِکس کھوورِس بٔٹھس پیٹھ واقع یہ
سرائے اُس تھدبوشینہ باوسیتی وُلیتھ، یُس سالانَن
ہنٛز گٔشنہٕ ہُنٛد بٲعث اوس بنان۔ آرٕ بٔٹھس نکھٕ چھِنے وُنہ
تہٕ اَکھ لوح لاگِتھ۔ اَتہِ نس چھُ الفرڈ جان ناوی کُس تام
فوجی اَفسر دفن۔ یُس لوحچہِ عبارتہٕ مطابق ۲۵ اگست ۱۸۷۶ء
موٗدمُت چھ۔

( م. ر. ا )

**کتاب نامہ:**

*Bates: Gazetteer of Kashmir
*Duke Joshua: Kashmir Handbook
*Hasan: Tarikh I, II
*Hugel: Kashmir and the Punjab
*Stein: Kalhana's Rajatarangini
*Stein Ancient Geography of Kashmir

عیسائے قبرستان

# عیسائے قبرستان

عیسائے قبرستان چھُ سرینگرس منٛز
لال چوکس نکھہٕ وینتھہ ہیٚنٛدرس ڈٕچھنس بٔٹھس پیٹھ۔ اَتہِ
چھِ مُلکی تہٕ غٲر مُلکی کرٛیسچن دَفن۔ قبرستانس ہیٚتی محلہٕ چھُ
شیخہٕ باغ ناوٕ مشہوٗر۔ شیخہٕ باغ چھُ سِکھ دورس منٛز
کٔشیرِ ہٕنٛدی گورنر شیخ محی الدین (۱۸۴۴ء) منٛز
آباد کوٚرمُت یتھ منٛز انگریزی مشنری ہٕنٛدی دفتر بیتر
قٲیِم کرنہٕ آے۔ اُتھی جاطس منٛز آو یہ حِصہٕ قبرستانہٕ خٲطرٕ
وقف تھاونہٕ۔ کٔشیرِ منٛز آسہِ شایدٕے بیٚیہ کانٛہہ قبرستان
اَمہِ اہتمامہٕ رٔژھراونہٕ آمُت۔ مرگُذارس چھےٚ کنین
ہُنٛز تھزٕ دیوار بٔنٛدی کرِتھ۔ دیوارس اَنٛدی اَنٛدی چھِ
پھرلس لٲگتھ۔ قبرستان چھُ قداوار یار بوٚتہٕ بونہٕ سیتی
سَجاوِتھ۔ قبرستان چھُ سیٹھا صاف شفاف تہٕ اَتہِ چھِ




رنگ برنٛگی پوشہ تہٕ پوشہٕ تھَر۔ ریتہٕ کالہِ چھُ مرگُذارُک
دٔرمُن سبز مخمل ہیوٗ باسان۔ قبرن ہنٛدی پیٚری چھِ کنوی
تہٕ سنگِ مرمرٕکی یمن پیٹھ مختلف قسمچ گُلکٲری تہٕ نقش
نِگٲری کرِتھ چھےٚ۔ میبل ایملی (MABEL EMILY)
یوسہٕ لیفٹننٹ کرنل جے۔ اے کننگھم سٕنٛز ۲۵ ؤرِش
نوجوان آشنٕی آسمٕژ چھےٚ تہٕ یوسہٕ ۲۰-۷-۱۹۰۴ء منٛز
یتیمہِ عالمہٕ گُذرے مٕژ چھےٚ۔ تٔمسنٛز قبرِ پیٹھ چھےٚ تٔمسنٛز
سنگِ مرمرٕچ خوبصوٗرت تہٕ دِلکش موٗرتی سیٹھا کٲریگری
سان بناونہٕ آمٕژ۔ زنانہٕ ہٕنٛدِس بُتھس پیٹھ چھُ غم باسان،
تہٕ تٔمسنٛد حال وُچھتھ چھُ باسان زَن چھےٚ سو لوٗت لوٗت
اوٗش ہاران۔ اَتہِ چھِ واریاہ مُلکی تہٕ غٲر مُلکی عیسائے
دَفن۔ کینٛژن ہٕنٛدی ناو چھِ یِتھہٕ پٲٹھی:-

۱۔ جانی JOANIE وفات ۹-۷-۱۸۴۲ء

۲ ٹامس ولیم پرلیسٹ۔ پٲدٲیش ۱۸-۷-۱۸۳۹ء



وفات : ۱۹۰۰ء ۹ ۔ ۲۳

۳۔ میبل ایملی۔ لیفٹننٹ کرنل جے۔ اے۔ کننگھم

سنز آشئیز۔ وفات : ۱۹۰۴ء۔ ۷۔ ۲۰۔ ڈائنس : ۲۵ ڈری

۴۔ میری لؤ الپسا لیپارڈ

پیدائش : اپریل ۱۸۳۰ء وفات ۱۹۰۷ء

۵۔ کرنل ہربارٹ کیمپل

وفات : ۱۹۰۹ء۔ ۳۔ ۹ ڈائنس : ۴۹ ڈری

۶۔ ہنری اگنیشئس بوایڈ

وفات ۱۹۱۲ء۔ ۸۔ ۱۲۔

۷۔ کیتھرین میری

وفات : ۱۹۱۸۔ ۵۔ ۲۲۔ ڈائنس : ۳۲ ڈری

۸۔ ہنری رابارٹسن سپفورتھ

وفات : ۱۹۲۷ء۔ ۴۔ ۲۴

۹۔ جوزف ہیرالڈ فلپس

وفات : ۱۹۲۱ء۔ ۵۔ ۱ ڈائنس : ۵۷ ڈری

۱۰۔ میبل چلنڈھ

وفات : ۱۹۳۱۔ ۹۔ ۱۹

۱۱۔ مارکس جرارڈ وال

وفات : ۱۹۳۲۔ ۷۔ ۲۵ ڈائنس : ۵۲ ڈری۔

۱۲۔ ہیلن کیمپ

وفات : ۱۹۳۵۔ ۳۔ ۲۴

۱۳۔ ابھوری

وفات : ۱۹۳۶ء۔ ۷۔ ۳۔ ڈائنس : ۸۱ ڈری

۱۴۔ چارلی ایڈوارڈ ڈیوپس

پیدائش : ۱۸۸۱۔ ۵۔ ۸ وفات ۱۹۳۶۔ ۷۔ ۱۲

۱۵۔ آبرڈ کرسٹی ہیلی

وفات : ۱۹۳۶۔ ۷۔ ۳

۱۶۔ ایڈتھ میریا ہارٹ

وفات : ۱۹۳۸۔ ۷۔ ۸

۱۷۔ جان ٹامس ڈیوس

پیدائش : ۱۸۹۴۔ ۷۔ ۴ وفات ۱۹۳۸۔ ۱۱۔ ۲۸

۱۸۔ چارلس ارل بیون پیٹمین

پیدائش : ۱۸۶۶۔ ۹۔ ۹ وفات ۱۹۳۹۔ ۵۔ ۲۴

۱۹۔ جینی نیڈو

پیدائش : ۱۹۷۸۔ ۵۔ ۲ وفات : ۱۹۴۰۔ ۱۱۔ ۶

۲۰۔ ایلفرڈ ولیم ہینسن

وفات : ۱۹۴۰۔ ۹۔ ۲۔ ڈائنس : ۵۸ ڈری

۲۱۔ مارگریٹ نیتھرسول

وفات : ۱۹۴۱۔ ۸۔ ۲۰

۲۲۔ الیکزانڈر دپورسینڈی

وفات : ۱۹۴۲۔ ۱۲۔ ۱۰ ڈائنس : ۸۰ ڈری

۲۳۔ ریتا کوبولڈ RITA COBBOLD وفات : ۱۹۴۲ء۔ ۲۔ ۱۱

عیسائے قبرستان

۲۴۔ ایم للیتا جانسن

پیدائش : ۱۸۷۵ء وفات: ۲۶-۹-۱۹۴۳

۲۵۔ لیفٹننٹ کرنل فرانسس سیٹن

پیدائش: ۱۴-۷-۱۸۸۱ وفات: ۲۲-۱۲-۱۹۴۶

۲۶۔ لیڈی جیمز

وفات : ۱۱-۱۱-۱۹۴۷

۲۷۔ ریورنڈ سڈنی ای ہکاکس

وفات : ۸-۱-۱۹۴۸

۲۸۔ مسز نیلی گریس تھارنیبی

وفات : ۲۴-۳-۱۹۵۱

۲۹۔ رسمانی ڈچن

پیدائش : ۲۳-۱-۱۸۹۸ وفات: ۲۱-۱۲-۱۹۵۵

۳۰۔ فلائیٹ لیفٹننٹ ریلف۔ ڈیریک فرنانڈیز۔

وفات : ۱۹-۹-۱۹۶۰ وائنس: ۲۶ ڈوی

۳۱۔ مسز ایس۔ پریم ناتھ

وفات : ۸-۱-۱۹۶۳

۳۲۔ اعجاز اختر

پیدائش ۶-۱۰-۱۹۴۲ وفات: ۲۲-۷-۱۹۶۴

۳۳۔ ولیم آرتھر نیڈو

پیدائش : ۱۲-۱۲-۱۸۷۹ وفات: ۱۳-۱۰-۱۹۶۷

۳۴۔ مسز ایس۔ ایل۔ شکلا

پیدائش: ۲۳-۵-۱۸۹۹ وفات : ۱۷-۲-۱۹۶۷

۳۵۔ گاڈ فریڈ راتھ

پیدائش : ۱۹۰۷ء وفات : ۱۹۶۹ء

۳۶۔ فرانسس برتھا ریمزے

پیدائش: ۲۰-۸-۱۸۹۶ وفات: ۲-۳-۱۹۷۱

۳۷۔ جے۔ رڈچن

پیدائش : ۱۴-۴-۱۸۹۵ء وفات : ۱۲-۱۱-۱۹۷۳

۳۸۔ ہینری پیٹرسن کارس

پیدائش: ۵-۷-۱۹۱۲ وفات: ۵-۵-۱۹۷۳

۳۹۔ افتخار ابنِ آذر

وفات : ۲-۴-۱۹۷۶

۴۰۔ ڈاکٹر میری ہاروی

پیدائش: ۲۵-۴-۱۹۱۸ وفات: ۲۱-۴-۱۹۷۷

۴۱۔ غلام قادر وچھو

وفات : ۳۰-۳-۱۹۷۷

۴۲۔ کارلز اپڈال

وفات : ۱-۲-۱۹۷۹

۴۳۔ مسز میری دھر

وفات : ۱۹-۱-۱۹۷۹

(م-ن-ن)

کتاب نامہ :

*Hasan: Tarikh I, II

# فتح کٔدل

فتح کدٕل چھُ وٕیتھہِ پیٹھ حبہٕ کٔدلس تہٕ زٲنہٕ کٔدلس درمیان لال چوکہٕ پیٹھہٕ ۲ کلومیٹر۔ فتح کدٕل اوس گوڈٕ ۱۵۰۰ء منٛز فتح شاہن تعمیر کرنووُمت۔ ۱۸۹۳ گۆڑنیٚتھس اَتھ کٔدلس اٲسی دۄ دٲری لکڑ ہٕنٛدی ۱۷ فُٹہٕ تھدی ترٛنیہ کھٔنٛھی۔ امہٕ پتہٕ آیہٕ اَتھ مختلف دورن منٛز مرمتھ کرنہٕ۔ مہاراجہ پرتاپ سِنٛگھنس دورس (۱۸۸۵ء - ۱۹۲۵) منٛز آو پٔرون کدٕل لٔہراونہٕ تہٕ بلکل اَتھی جایہِ نوٚو سٕر بناونہٕ۔ یُس سورُے دِوداٲری کھمبن تہٕ پیٚکَن ہُنٛد اوس۔ اَتھ اٲسی دوٕلہٕ کرن ہٕنٛدی ترٛنیہ ٹھٕٹھو یمن تلہٕ ترٛنیہ چوب بناونہٕ اٲسی۔ جنگلہٕ دِتھ کٔدلس آسہٕ دۄہۆنٛی طرفن اوک پٔڈری تہٕ دُپٲری دُکانن ہٕنٛز تگہٕ۔ یِم دٔورِ پیٹھ زانیاہ ہوری باسان اٲسی۔ یہ کدٕل اوس ۲۰۰ فُٹہٕ زیوٗٹھ تہٕ ۳۲ فُٹہٕ کھول تہٕ اَتھ اٲسی ٹم ٹم تہٕ ٹانگہٕ آسٲنی سان ترٛان۔

ڈوگرہ دورس منٛز بنیہِ ہتَس کٔدلس پیٹھ اوس لکڑہُنٛد موٹ کوٹ استادٕ یتھ وٕیتھہ کُن رزٕ الاٗنٛز آسہٕ۔ یمو رزو سیتی اٲسی تمن لُکن کھیٚہ دِوان یمن ہتیٚ ہُنٛد رٕٹہٕ کھسہٕ ہے۔

۱۹۵۱ء منٛز آو ترٛیٚبیہ لٔٹہٕ اَتھی جایہِ شیخ محمد عبداللہ سنٛدِس دورس منٛز فتح کدٕل نوٚو سٕر تعمیر کرنہٕ یُس وۄنی خراب حالتس منٛز موجود چھُ۔

ہاؤس بوٹ چالنہٕ ترٕٛپن کھٹھٕن ہُنٛد یہ کدٕل چھُ دۄداٲری لکڑ ہُنٛد جنگلہٕ دِتھ ۲۴۵ فُٹہٕ زیوٗٹھ تہٕ ۱۶ فُٹہٕ کھول۔ اَتھ چھیٚ منٛز باگ دِچھنہٕ تہٕ کھوٚورِ ترٛنیہ ترٛنیہ ڈبہٕ کٔڈتھ۔ یمن پیٹھ مقامی لُکھ من رٔٹزوٚنہٕ موکھ بیٛہان اٲسی۔

۱۹۸۲ء منٛز آو کٔدلس نکہٕ حبہٕ کدلہٕ پاسہٕ سیمنٹو کدٕل تارنہٕ یتھ بسکو میموریل برج ناو تھاونہٕ آو تکیاز اَتھ جایہِ اوس سُہ سکول یتیٚتھ بُنیاد بسکو صابن تراوٕمٕژ اٲس۔ (م-ع)

کتاب نامہ :


*Anand M.R: Ed. Marg Kashmir Number
*Biscoe: Kashmir in Sunlight and Shade
*Hasan: Tarikh I




# فرح بخش

(وچھو "شالہ مار" (جلد ۱)

## فیروزپور دڑنگہِ ہنٛدی آثار

یتھ درنگہِ رام چندر کاکن فیروز پور درنگ ناو دِتھمُت چھ سو چھے دراصل کارکوٹ دڑنگ۔ دڑنگہِ چھےٚ اکھ لنڈ یوسہٕ بربلہٕ نیرتھ اٗزی کہِ فیروز پوٗری کنہ بوٚن چھےٚ وسان۔ بربلہٕ یمہٕ دوٚیمہِ لشنجہِ اتھ وتہٕ نیران چھےٚ تمو اٚندرٕ چھےٚ اکھ وتھ کھاگہِ دوٚیم پوشکر، ترٛییم دڑنگہِ تہٕ ژوٚرم ستہٕ ہارنی کنہ پاتھلس وسان۔ یمہ سارینے وتہٕ آسہٕ کارکوٹ دڑنگہِ نش رلان، یتھ ازکل دمامہٕ تہٕ ونان چھ۔ بذاتی اٚسی بڑوٚنہہ کالہٕ تمن گامن دڑنگ ونان یم گُزر چھ کین یا یمن ہنٛدین دامنن تل آباد آسہن۔ راج ترنگنی منز چھُ دڑنگ لفظ صرف گُزر چھ کہِ ہنٛدس معنےٚ لس منز استعمال سپدمُت۔

فیروز پور دڑنگ گامس اٚندر چھ پرانہٕ اکہِ لوکٹہِ مندرہٕ کی آثار۔ مندرس چھےٚ انداز موجوب بڑوٚنہہ کالہِ تھمہ تشدل اٚندی اٚندی اٚسمر یوسہٕ ووڈ کُنہ دزینٹھ یوان چھنہٕ صرف چھےٚ ڈیڈی کم کاسہٕ ڈنجہٕ، یتھ زکتھی چھ اٚسدہتی۔ ڈیڈ ہنٛدین آثارن چھنہٕ لمبہٕ پیٹھہِ کھوتمُت یتیمہٕ کنی یم آثار نٔنی چھہ۔ مندر وُچارہٕ گرٛدھنس منز چھُ وسنی گاسک تہٕ کلین کٹین ہُنٛد خاص وجہ۔ واریاہن ڈونی کلین ہنٛدی مول چھ اصل تعمیرس پھٔراٹہٕ کرتھ نیبر دڑاہتی۔

مندرس چھُ بُتھ مشرقس کُن۔ پتھ چھس آمُت وستھ ییمہٕ ستی مندر چھُ اٚندرٕ سوٗرے پرٛونہٕ آمُت۔ امیک سوٚتھرتہٕ چھُ ولنہٕ آمُت تہٕ بُدرٕ پیٹھہٕ تہٕ چھُ ملبس تل گوٚمُت۔ انداز چھُ زِ مندر آسہٕ ہے وِشنو سُنٛد۔

مندر چھُ اٚندی اٚندی ۱۱ فُٹہٕ مُربع اوسمُت تہٕ اتھ چھُ پتھ نارستان مندرس ہیوٗہ اوسمُت نیٚبری کنی تہٕ چھُ مندر نارستانس ستی رلان۔ اتھ چھ اٚندن ہنٛدی ژینی رژھا نیبرٕ تہٕ اٚندریُم تہٕ تہٕ کرمحراب چھُ ڈالانہٕ کہِ محرابہٕ نشہٕ لوکٹ۔

مندرس منز اڑنہٕ باپتھ چھےٚ ہیر اٚسمر یتھ لب کھارتھ چھےٚ۔ مندرچ ڈیڈی چھےٚ نیٚبری نیٚبری ۱۵ ۱/۲ فُٹہٕ۔ ڈکرِ ہیوٚر چھُ کھلہٕ مادان یتھ اٚندی اٚندی گوٚن جنگل چھُ۔ مادانہٕ کس اکس کونس پیٹھ چھُ اکہِ لوکٹہِ مندرہٕ کی آثار۔

گامس تہٕ مندرس درمیان قلایہ ہنٛدین دیوارن ہنٛدی آثار چھ یتھ کالچہ گُزر چھ کہِ ہُنٛد مُشر۔

کارکوٹ دژنگہِ ہٕنٛزِ وَتہٕ اوس یُن گژھن یُتی مہٕصدی مَنٛز تہٕ جاری مگر اَتھ وَتہٕ لُج لوہر خاندانہٕ کِہ بارٕسس پِنہٕ پتہٕ ژُر اہمیت، خاص کٔرِتھ تَتھ زمانٕس مَنٛز ییلہِ لوہر کوٹکین راژن کٲشرٕ راژن ہٕتی رِشتہٕ داری ہیٚنٛدِ بَرکتہٕ نزدیکی رٲبطہٕ پٲدٕ گو۔

انٛدازٕ مۆجوب گژھہ فیروز پور مَنٛدر کہیٚ مہٕ صدی ہُنٛد تعمیر آسُن، تہٕ کیٛازِ باڈ و چھس لہ کُٹ۔ کٔشیرِ انٛدر چھ پانٛدریٹھن تہٕ پایرکی مَنٛدر تہٕ باڈٕ حسابہٕ اَتھ مَنٛدرس ہٕتی رلان۔ اَکھ کتھ چھےٚ صاف زِ فیروز پور مَنٛدرکی آثار چھ گاندھار طرزِ تعمیرٕچ ژرینہٕ دٔن دِوان یہٕ زَن ڈورِ دار تھمَو تہٕ ترٕ ڈُ تربو محرابَو ہٕتی نَنان چھُ۔

(م۔ل۔س)

کتاب نامہ:

*Kak R.C: Ancient Monuments of Kashmir

## کاشی وشواناتھ مندر (پرمنڈل)

کاشی وِشواناتھ مَنٛدر چھُ پرمنڈلچہٕ مَنٛدرٕ ترٕو نبرِ مَنٛز شٲمِل، اَتھ مَنٛدرس اوس مہاراجہ گلاب سِنگھن (۱۸۴۶ – ۱۸۵۷ء) جاگیر تہٕ تھوومُت مَنٛدرس مَنٛز شِو تہٕ پاروتی ہٕنٛزٕ مورژ چھےٚ پہاڑی مورژگری ہیٚنٛدی نموٗنہٕ وِشواناتھ مَنٛدرٕچہٕ شِو ہٕنٛزِ مۆرتی مَنٛز چھےٚ شِو ناتھس گونٛژہ۔ گونٛژہ کٔرِتھ شِو ہٕنٛز صوٗرت چھنہٕ ہندوستانی مورژگری مَنٛز نظرِ گژھان۔ (م۔ل۔س)

کتاب نامہ:

*Mira Seth: Dogra Wall Paintings



## کالی شری

وٕیتھہِ ہیٚنٛدِ دچھنہٕ بٹھہٕ خانقاہ معلیٰ ہٕنٛدِس شمالہٕ پاسہٕ کالی شری استھاپن چھُ کُم کاسہٕ ژوداہ شتھ وُری پرٛون۔ کالی شری ہُنٛد مَنٛدر اوس راجہٕ پرورسین ثانی ین شیٚیمس ہٕتی لس مَنٛز تعمیر کۆرمُت۔ یہٕ دیوی مَنٛدر اوس تِمَن دیوی مَنٛدرن انٛدر شٲمِل یِم راژن پرٛوَر پورس مَنٛز تعمیر کٔرِمتہٕ آسی۔

کالی شری ہُنٛد مَنٛدَر کمہِ اَنہارٕ اوس تمیٖک چُھنہٕ اَسہِ نِش کانٛہہ رِیکارڈ موٗجوٗد اَلبتہٕ اورٕ یوٗر ژھکرِتھ بۄرٛتھہ کالچِہو کَنہو سٟتی چُھ پَے لگان زِ مَنٛدَر چُھ کَنیو اوسمُت۔ کالی شری مَنٛدَرس أنٛدۍ پکھۍ مُحلس اوس بۄرٛتھہ کالہِ کالی شری پوٗرناوتہٕ أزِ چھِ اُتھۍ کلاشیوٗرَ وَنان۔ (م۔ل۔س)

کتاب نامہٕ :

*Bamzai P.A.K: Archaeological Remains in Kashmir
*Stein: Kalhana's Rajatarangini

# کپالہٕ موٗژَن

سرِی نگرٕ کِس جنوٗب مَشرِقس مَنٛز ۲،۷ مِیل دوٗر کپالہٕ موٗژَن چُھ وارِیاہ پرٛوَن تہٕ مشہوٗر استھاپَنَے زٕنٛبی آرس کھوٗدرِ بُٹھہِ دِگامہِ شُپیٖنہٕ چُھ مہاتمہٕ تہٕ لُکہٕ عقیٖدٕ تٕ موٗجوٗب بھگوان شِوَن تمہِ ساعتہٕ مُس کوسمُت یێلہِ تَس برہمہٕ ہتیایہ ہٕنٛز ہان کھٕژ۔ ووٕنۍ چھِ شراونہٕ پنٛنم پیٹھ لوٗکھ اَتھ استھاپَنَس پیٹھ شرٛاد ہاونہِ گژھان۔ استھاپَنَس نِش اُسی زٕ شاردا کُتبہٕ یِم پنٛڈت آنند کول بامزٕیٖ یَن کھنٛنتھ لبۍ متۍ اُسی۔ کتبَن ہٕنٛز عبارَت چھپے رایل ایشیاٹک سوسائٹی ہٕنٛدِ رسالہٕ کِس اُتی مس جِلدس مَنٛز چھپیمٕژ۔ مگر

اَصل کُتبہٕ چھُنہٕ ووٕنۍ ڈٕنس تَل۔

گوڈنیٖک کُتبہٕ اوس تتھ جایہِ اَتھہ آمُت یێتھ ترٛیشوٗنۍ ناگَن ہُنٛد پوٗنۍ چُھ سمان۔ کُتبہٕ چُھ تیوٗت کھنٛڈۍ پھٹ گومُت زِ اَچھرَن معنے مطلَب کڑُن چُھ مُشکِل۔

دوٚیِم کُتبہٕ چُھ یێمہِ حسابہٕ اَہَم زِ اَتھ چُھ تارِیخ دِتھ۔ کُتبہٕ چُھ باوان تھ کران زِ ناگَن مَنٛز شرٛان کرنہٕ سٟتی چھِ تِمَے کُنۍ پاپھ یِوان چھلنہٕ یِتھہٕ کُنۍ سَرُکھ کرٕٛ دٕژمہ چُھ ترٛاوان۔ اندازٕ موٗجوٗب چُھ کتبہٕ ۸۹ سنہٕ مَنٛز لاگنہٕ آمُت۔ (م۔ل۔س)

کتاب نامہٕ :

*Bamzai P.A.K: Archaeological Remains in Kashmir
*Dembi: Sharda Inscriptions of Kashmir
*Stein: Kalhana's Rajatarangini

# کرالہٕ چک

کشیرِ اندر یِمَن جایَن پٲراوِتھ ٹایِلَن ہٕنٛدۍ آثار اَتھہِ چھِ آمتۍ، تِمَن مَنٛز چُھ کرٛالہٕ چک (اننت ناگ) تہٕ شامِل۔ ٹایِلَن ہٕنٛدۍ یِم آثار کرٛالہٕ چکہٕ اَتھہِ چھِ آمتۍ، تِمَن چُھ ہارَوَن ٹایِلَن سٟتی سیٹھا ہشَر۔ ٹایِلَن پیٹھ چھِ رنگارنگ آکار بناوِتھ یِم سیٹھا دِلچسپ چھِ۔ اَکِس





ٹایلہِ پیٹھ چھےٚ
دَچھ راُنٹھ
بَناُوِتھ یَتھ
دَچھ تٕرٛوٗنگی
چھ اَویزان۔
اُتھی ٹایلہِ
کھنٛجہِ پیٹھ
چھُ اکھ وُدُو ڈان

جاناوار بَناُوِتھ تہٕ بوٚنہٕ کَنہِ چھُس کھروشتی گرٕنٛد درج۔
بیٚیِس ٹایلہِ پیٹھہ چھُ ڈُلامہِ گمکلہٕ منٛزٕ کھوٚتمُت پوٚشہِ کُل
بَناُوِتھ یَتھ پَنہٕ وُٹھر چھ دزٕامتی۔ پوٚشہِ کُلس کھوٗرکُن
چھےٚ کھروشتی گرٕنٛد کھٔنِتھ۔ اَکِس دوٚیمہِ ٹایلہِ کھنٛجہِ پیٹھ
چھُ پوٚش بَناُوِتھ ییٚمِچ پچھان سَپدان چھِنہٕ۔ اَتھ پوٚشس
چھےٚ مَرکزٕ پیٹھہٕ راُٹھ ہِشہِ نیران۔

یہٕ کَتھ چھےٚ پھرٕنی لایَق زِ کھروشتی خَط اوس
ٕپٛنٛشری مس اٚتی لس تام مُرَوج ییٚمہِ کِنی یہِ انداز کرنہٕ ہیٚکہِ
یِتھ زِ کرٛالہٕ چک آثارن ہُنٛد تعلُق چھُ ٕپٛنٛشری مہٕ صدی
بٕرٛوٚنہہ زمانس سیٚتی۔
(م۔ ل۔ س)

کتاب نامہٕ :

*Thapar B.K: Ed. Indian Archaeology, A Review 1973-74



کشتوار

# کشتوار

کشتوار چھُ چناب دٔریاوِکِس کھوورِس بٹھِس نکھہٕ اکِس تھٔدِس سۄتھرِس پیٹھ ریاست جموں وکشمیرُک اکھ مشہوٗر قصبہٕ۔ اسلام آبادٕ پیٹھ چھُ یہ جنوٗب مشرقس کُن ۴۰ میل، بھدرواہ پیٹھ شُمالَس کُن ۴۶ میل تہٕ جۆمی شہرٕ پیٹھ ۱۲۹ میل۔ عرضِ بلد چھُس ۱۰ْ، ۳۳ْ، طوٗلِ بلد چھُس ۲۵ْ، ۷۵ْ تہٕ سمندرِ سۄتھرٕ پیٹھ چھُس تھزر ۵۳۰۰ فُٹہٕ۔

کشتوار چھُ کوٗہی علاقہٕ یتھ منٛز اکھ لوکٕٹ وادی چھےٚ۔ مشرقہٕ پیٹھ مغرب تام چھےٚ یہ وادی ۶ میل پھٔہلِتھ تہٕ شُمالہٕ پیٹھ جنوٗب تام ۲ میل۔ شکلہِ کنی چھےٚ یہ زمینہٕ چھَل ٹھوٗلہٕ چالہِ۔ اتھ چھُ شُمالَس منٛز مڑبوٕ واڑون تہٕ کشیرِ ہٕنٛز وادی، جنوٗبس منٛز بھدرواہ۔ مشرقس منٛز ژٔندر بھاگا دٔریاو تہٕ مغربس منٛز رامبن تہٕ بانہال۔

کشتوار وادِ یہ چھِ اندٕ اندٕ قداور بال آرٕ کرِتھ یِم جنگلوٕ سٟتی ڈلِتھ چھِ تہٕ یہنٛدی ٹھنگی سفید شینہٕ کنی ناپان آسان چھِ۔ اصلی اوس یہ اکھ بۆڈ بارٕ جنگل تہٕ ناو اوسُس "سمرتھ گڈھ"، جغرافیٲیی تبدیلیو ذریعہ ہیٚشرن اتھ زمین بنیٚ لوٕ یا زیرِ زمین شہلابن ہشدِ زورٕ ڈسی ڈسی گژھنی تہٕ پھٔڑاٹو کنی ہیٚوتُن آب وُزُن یئیمی وقت گذرُنس سٟتی سورُے علاقہٕ پھاٹو تہٕ یتھٕ کٔنی بنیٚو پژون جنگل اکھ بۆڈ سَر یتھ "گبرُون سَر" ناو پیو۔ اما پۆز یہِ سَر تہٕ رۄد نہٕ ڈٕنٛجہ۔ بیاکھ شہلابہٕ ذکہٕ آو، کشتوار بون کُن کھاٹھری نزدیک آو بالَس چار تہٕ اکھ بۆڈ وٕژھر گو پادٕ۔ گبرسَرُک آب دژاو امی وٕژھرٕ کنی تہٕ زمین دژایہ ننی تہٕ ادٕ لٔج بستی۔

کشتوارس متلق چھُ وننہٕ یوان زِ اتہٕ دِژ گوڈنیتھے اکی برٛہمن بستی یَس ہنگپت ناو اوس۔ روایتھ چھےٚ زِ کشیرِ ہٕنٛز وادی ییلِ سٟتی سَراُس تمہِ وقتہٕ اوس کشپ ریوٗشن کشتوارے قرار کرِتھ تہٕ اتی پیٹھ روانہٕ سپدِتھ بیوٹھ سُہ کونسرناگ بالَس پیٹھ تپھ کرنہٕ یتھ زَن سٟتی سَرُک آب کُنہِ انٛدٕ نیبر نیرِ تہٕ آبہٕ تلیٚ زمین ہۆکھِتھ بستی لایق بنہٕ۔

راج ترنگنی منٛز چھُ امہٕ علاقُک ناو کاشٹھ واٹ درج۔ سنسکرتک یہ مرکب لفظ (کاشٹھ واٹ) مانٛنتھ چھُ ہیچِھس اتھ "جنگلی باغ" معنہ کران۔ یَسلہٕ پاٹھی چھُ امیک معنہ یتھہٕ پاٹھی کرنہٕ یوان۔

کشٹ: کریچھر تہٕ واٹ معنہ جاے، مطلب سُہ علاقہٕ یتینہٕ لُسن بُسن کرٛوٗٹھ چھُ۔ شاید چھُ اَوے یہ

لۆکہ دُنٛن عام گوٚمُت زِ :

" کشتواڑ، کشٹ کا بھانڈا دِن کو کھوکا
رات کو ٹھانڈا ۔" بہارستانِ شاہی مَنٛز چھُ
کشتوارَس "کاٹھوار" ناو دِنہٕ آمُت تہٕ کٲشِرِ مَنٛز
تہٕ چھ واریاہ لۆکھ اَتھ جایہ 'کاٹھہ وار' تہٕ اَتہٕ کہِن روزَن
والین 'کاٹھہ واری' وَنان۔ کاٹھ معنے لُکڑ تہٕ وار معنے
جاے یعنے سو جاے یَیتہِ لکڑ یا جنگل آسہِ۔ کیٚنٛہہ
لۆکھ چھس "کشتہٕ وور" تہٕ کیٚنٛہہ "کشتوار" وَنان،
مگر یا نہٕ کشتوارَس مَنٛز روزَن والی چھس یُسہٕ پاٹھۍ
'کشتواڑ' یا "کشتوار" وَنان۔

کشتوارِکہِن بسکیٖنٛن ہِنٛدِس نسلی بَتھ
کالَس مُتلق چھُ خیال زِ یِیلہِ کٲشِرِ مَنٛز ناگو
اِقتدار پھٕرود تہنٛزِ اَکہِ چھو کہ کوٚر کشتوار تہٕ پالَس
ماتحت۔ چنانچہ کشتوارِ چھےٚ کیٚژ جایہ یہنٛدِس ناوَس
"ناگ" لفظ اِستی چھُ۔ مثالے: گودرشں ناگ، کانی
ناگ، ڈامرناگ تہٕ ناگ سین، ناگو پَتہٕ آے آریا۔
آریا ہو کُر ناگن شِکَس دِتھ دوٗر اُفتادِ پہاڑی
علاقن کُن لار تہٕ یِم کیٚنٛہہ ناگ یَتھ کُن روٗدی تم
شرٛیٖپی اَتھی تہٕ ناگن تہٕ آریاہن ہِنٛدِس باہمی
اَتھ واٲسَس لۆگ گوڈ۔ سایہٕ بَدی وری گذرنہٕ
پَتہٕ تہٕ چھُ اَنہارَس مَنٛز پھیر ہوٗ جاوٕد۔

دُنیاہچین مختلِف جاین ہِنٛدی پاٹھۍ اُسس
کشتوارَس مُتلق تہٕ پَتھ کالہِ یہ افواہ عام سپنز ہشرا (یا کرنہٕ آمُژ ا)
زِ اَتہٕ چھےٚ ڈٲنہٕ بسان یِمہٕ شکلہِ کِنی خوٗبصوٗرت زنانہٕ چھےٚ
آسان مگر کھوٚرِ چھکھ آسان پَتہٕ کُن پھِرتھ۔ وَننہٕ اوس
یوان زِ یِمہٕ چھےٚ سینٛہ کران تہٕ ماران۔ چنانچہ کٲشِرِ مَنٛز تہٕ
اُسی کیٚنٛہہ لۆکھ اَمہِ وَہمہٕ کِنی کشتوار گژھنس کھوژان۔
مگر یہ بےٚ بُنیاد خوف سپُد دوٗر یِیلہِ ڈوگرہ دورَس مَنٛز
مہاراجہ گلاب سنگھن (۱۸۵۷-۱۸۴۶ء) اَمیک باضابطہٕ
تدوٗرک کوٚر۔

کشتوارِکہِن مُقدس مقاماتن مَنٛز چھےٚ مسلمانن ہِنٛزِ
زِ زیارژ خاص کرِتھ قابلِ ذِکر ۔ سید شاہ محمد
فرید الدین بغدادیؒ تہٕ تہِنٛدِس صاحبزادٕ سیّد شاہ
اسرار الدین بغدادیؒ صابَن ہِنٛدی زِ روضہٕ۔ گو ڈنیک
چھُ قصبَس مَنٛز تہٕ دوٚیُم قصبہٕ ہنا نیبرٕ پہَن۔ یِتھے پاٹھۍ
چھُ قصبَس مَنٛز شری نیل کنٹھ مَنٛدر تہٕ ہٹہٕ گامہ
اَشٹا بھدی مَنٛدر اَتہٕ کہِن ہیٚنٛدین ہِنٛدی یِیٚژ ہِژھ
ہِنٛدی مرکز۔

قصبَس نیبرٕ پہَن چھُ چوگان ناوُک اَکھ کھُلہِ
ڈُلہِ سبزٕ زار یَتھ مَنٛز پَتھ کالہِ راجہٕ کِہو اُمیر لۆکھ ہالہِ گنٛدان
اُسی۔ اَتہٕ چھ لۆکھ وُنہٕ تہٕ دسمبرَس تہٕ جنوری مَنٛز سمان بہ تہٕ
ہالہِ گنٛدان۔ اَتہٕ اوس کٹک جاترٕ ناوٕ ہالہٕ تہٕ لگان چوگاس



مَنٛزٕ باگ آسی ہُسی سٕنٛزٕ شکل بناوان تہٕ نٔژنہٕ گیوٕنہٕ ہُریکانہٕ اوس کٔٹہٕ ٹھولن ہُنٛد مُقابلہٕ تہٕ لگان۔ چوگانس مَنٛزٕ آسی کٔمے کال بڑٕ وٕنہہ تام ژورکٕنوی تھم گول پوسٹو ژٔنگی اِستادٕ۔ یہٕ چوگان ہٕسے نٔش چھنٕے سرکوٹ جایہ اکھ قبر یتھ مُتلق یہٕ وَننہٕ چھُ آمُت زِ اتھ مَنٛزٕ چھ کٔشیرِ ہُنٛد آخری تاجدار یعقوب شاہ ژَک دفن۔ حالانکہٕ دوٕنی چھُن اتھ برعکس یہٕ خیال گٔژھُن ہیوٚتمُت زِ یعقوب شاہ ژک چھ پنٕنہِ نٔسے مالِس یوسف شاہ ژکس سٕتی بہارکس لسوک علاقس مَنٛزٕ دفن۔

ڈوگرٕ دورٕکین اِبتدائی ایامن تام اوس اَتہِ تھزرس پیٹھ مستطیل شکلِ اکھ قلعہٕ یُس کشتوارکی رازن ہِنٛزن جاین اٗنٛدی کھڑا اوس تہٕ ییٚمہ پیٹھ سارٕ ہسے قصبس نظر پلان آس قلعس آسی گوشن پیٹھ بُرج تہٕ کینٛژن جاین نسبرکُن پلوگڈِتھ ڈبہٕ۔ قلعس مَنٛزٕ اوس

کمٕ از کمٕ ترٛہن نفرن پیٹھ مشتمل فوجی دستہٕ رؤزِتھ ہیکان تہٕ اتھ مَنٛزٕ آسہٕ زِ توپہٕ تہٕ۔ ییٚلہِ کشتوار سِکن ہِنٛدِس قبضس مَنٛزٕ آو اتھ قلعس آو قادخانہٕ بناونہٕ تہٕ پتہٕ آو مہاراجہ گلاب سِنٛگھنِس دورس مَنٛزٕ مُکمل پاٹھُو لُہراونہٕ۔

دپان پرانین رازن ہُنٛد کانہہ تہٕ نیب نِشانہٕ بلقیٕ نہ تھاونہٕ کہِ غرضہٕ آو رازٕ املوک سِنٛگھ لیتے سعادت مَنٛد خانن سٕہ عالی شان شالہٕ مار باغ تہٕ تتھ مَنٛزٕ بناکورمُت تعمیر تہٕ برباد کرنہٕ یُس قصبس مشرقہٕ طرفہٕ اکس شیٚہجار دار نارس مَنٛزٕ اوس۔ دپان اتھ باغس اوس مَنٛزس اکھ آبہ تلاو تہٕ تلاوس مَنٛزٕ آسہٕ کٔشیرِ پیٹھ تارِ مٔژ زِنٛدہٕ گاڈٕ تراونہٕ آمٕژ۔

کیٚنہہ ؤری بڑٕ وٕنہہ تام آسی اَتہِ اکثر مکانہٕ اوٚک پوٚری تہٕ معمولی آسان۔ کٔشیرِ ہِنٛدی پاٹھُو اوس مسالہٕ کنہٕ کٔنی، میٚژ تہٕ لٔکرٕ استعمال سپدان۔ اما یوٚز کاشرِن مکانن ہِنٛدٕ پوٚد وٕنہٕ پٔشو بجایہ چھ اَتہِ کٔرِن ہِنٛدی پٔش کوٹھن ہِنٛدی پاٹھُو ہموار آسان۔ کشتوار چھُ مولہٕ لیو معدنی خزانو سٕتی مالامال۔ اوٚبرُ، زٕمُرد، نیلم تہٕ چوٚنہٕ کنہٕ چھنٕے اَنہِ نٔنہٕ درٛامٕژ تہٕ مزید تلاش چھ جاری۔

یتھ کالہٕ چھنٕے کشتوارس مَنٛزٕ شالباُفی نہٕ آسمٕژ۔ چنانچہٕ کشتوارکس

خاص بازرس منٛز تہٕ چھ شال وونہٕ ہِکی کینٛہہ وان
اَسِہ متی مگر پتہٕ چھنہٕ یہ صنعت ختم سپنز مژ تہٕ امہٕ بدلہٕ
چھےٚ نرم نفیس تہٕ رنٛگین تزادر کمہٕ وونہٕ یِچ صنعت
پھانپھلیمژ۔

کشتوارُک آب وہوا چھ ریتہٕ کالہٕ خوشگوار
تہٕ وَنٛدہ کالہ سرد۔ خاص کشتوارس منٛز چھُ تیز ہوا لگان،
یُس ریتہٕ کالہٕ تاپہٕ تژرس اعتدالہٕ چھُ تھاوان، مگر
وَنٛدہ کالہٕ چھےٚ امہٕ سببہٕ تہٕ سر ناقابلِ برداشت بنان۔
کلُہم کرِتھ چھُ اَتیُک آب وہوا صحت افزا۔ موسمی
لحاظہٕ چھُ کشتوار بٔدرواہ کھوتہٕ وُشنٕے پہٕن تہٕ تتہٕ مقابلہٕ
چھُ اَتہٕ رُود تہٕ کم پیوان تہٕ شین تہٕ۔ شین پیٚنُک
امکان چھُ وَنٛدہٕ کیٚن ترٕن رٕتن روزان مگر پیتھ چھِنہٕ
ژُرس کالس پتھرس پیٹھ دران۔ مادانی علاقس منٛز
چھِنہٕ عموماً ژُٚنہٕ دہ ہو علاوٕ دران تہٕ ژٔندرِ پھاگا
ذری یاوس کنُ وَسہٕ وِنس سوٚتھرِس پیٹھ چھ
گژھن تام دہ ہنیے ٹھہرتھ ہیکان۔ واریاہ آرِ چھ کانٛی تھزرٕ
پیٹھ ذری یاوس منٛز وسان تہٕ قصبس بُتھ چھ اَکھ
آرِ ہتہٕ بَزر فٹو پیٹھہٕ ژھال دِتھ وسان تہٕ یہ چھ خاص
کرِتھ شین وٕگلنہٕ کیٚن دوہَن اَکھ بڈ پال تزادر بنان۔
میوٕ چھ کشتوارس منٛز سلسلہٕ پاٹھی، ژیرٕ، ژونٛٹھ،
ٹنگ، ژُنن تہٕ داں۔ کم کاسہٕ چھ کونگ تہٕ کھسان۔

آزادی پتہٕ ووت جنگلن تہٕ جنگلی جانورن
سیٹھا ذدار مگر بزرٕ نٕہہ اَسی اتکی بال کاپرلو، دِودارٕ
تہٕ بدلیو سیتی ڈلیتھ تہٕ جنگلن منٛز اوس پزتھ کٔنہ
قِسمُک لوکُٹ کھو بوٚڈ شکار میلان مثالے اسہہ،
ہاپتھ، شال، پوژھ لوو، خارپشت، وَن ژھاوج،
رٕوس، بجور، ہانگُلُ تہٕ خرگوش۔ چنانچہ اَزبرٕ نٕہہ
شیٹھ ستتھ وُری تام اَسی انگریز شکاری دُشوار وَتہٕ
سفر کرِتھ کشتوارٕ کیٚن اندروٗنی کوٗہی علاقن منٛز شکار
کرنہٕ واتان۔

کشتوار کیٚن عام جاناوارن منٛز چھےٚ ہار بو
ژُربو تہٕ کانٹھو کاوٕ کولاو ککلہٕ تہٕ آسان تہٕ کُنہٕ کُنہٕ چھ
مورٕ سُند آلو تہٕ کنن گژھان۔ پتھ کالہٕ چھ اَتہٕ سوہٕ چرو
تہٕ اوسمت۔

کشتوارِچ اَصلی تہٕ اکثریتی زبان چھےٚ لسانیاتی
اعتبارٕ کاشُر زبانی سیتی تیٚژ رلان زٕ زبان شناس
چھ اَتھ کاشُر زبانی ہنٛزے اَکھ بوٗلی مانان۔ (م۔ن۔ن)

کتاب نامہ:


*Ishrat Kashmiri: Tarikh-i-Kishtwar
*Pathik: Cultural Heritage of the Dogras
*Quarter Master: Gazetteer of Kashmir and Ladakh
*Sufi: Kashir I
*Stein: Kalhana's Rajatarangini
*Stein: Ancient Geography of Kashmir
*Tikoo P.N. Story of Kashmir

# کنبل وَن

وٕنیچہِ بڑارِ پیٹھہٕ شیٚنے کِلومیٖٹر دوٗر پہلگام سڑکہِ پیٹھ کنبل وَنہٕ چھہ پرٛانہِ زمانکۍ آثار بدِ کڈنہٕ آمتۍ۔ اَتہِ چھہ کرٛالہٕ کامہٕ ہنٛدۍ تِتھۍ نموٗنہٕ دراٚمتۍ، یِم مارتنٛڈ سوٗن تام کھُنہِ دراٚمتین کرٛالہٕ کامہٕ ہنٛدین نموٗنَن سٟتۍ رَلان چھہ۔ اَمہِ چالہِ کتر چھیٚپے بُرزہٕ ہامہٕ تہٕ دراٚمژٕ کنبل وَنہٕ یِم چیٖز حاصل سپدۍ مِتۍ چھہ تِمَن مَنٛز چھہ سادٕ ڈنٛدرِ بِشکابہٕ تہٕ لاٚز دار بِشکابہٕ شاٲمِل۔ تھزکارِ گُل دانہٕ تہٕ تکارِ تہٕ چھیٚپے موقس پیٹھ اَتھ آمژٕ کترٕ ہِن مَنٛز چھیٚپے ترٛژہٕ کترِ تہٕ شاٲمِل یِمَن رَنٛگ وۄزُل تہٕ سوٚتھر پشُل چھُہ۔ یِژھن کترٕہِن پیٹھ چھہ نیٚبٕہٕ ٹمہٕ چالہِ آکار بناٲوِتھ۔ اَتہِ چھہ اَکہِ خاص قِسمُک کرٛیٚہنہٕ رَنٛگہٕ بِشکابہٕ اَتھ آمُت، یَتھ گوٚل پھرِتھ چھُہ۔ اَمہِ ہُریمانہٕ چھیٚپے گٕٹہٕ کاژرِ رَنٛگہٕ کترِ تہٕ اَتھ آمژٕ۔ اَتھ آمتین چیٖزَن مَنٛز چھہ کُنیُو بوٚڈ کاجہٕ وُٹھ تہٕ شاٲمِل یُس گرِتھ کِنۍ ژُکوٚنجُل چھُہ مگر بوٚنیُم اَنٛد چھُس ڈُلوم۔ آثار چھہ واریاہ کالچہ برٛوٚنٛہہِ مہٕ کُنہٕ بٔستیہ کُن اِشارٕ کران۔

(م۔ل۔س)

کتاب نامہٕ :

*Thapar B.K. Ed. Indian Archaeology, A Review
1976-77.

# کوٗٹی تیٖرتھ

کوٗٹی تیٖرتھ چھُہ وَرمُلہِ قصبہٕ کِس مغرِبَس مَنٛز وٕنیٚتھہِ ہنٛدِ دچھنہٕ بٹھہٕ۔ اَتھی جایہِ چھُہ سُہ مشہوٗر وراہ مَنٛدَر اوسمُت یَمیُک ذِکر کلہنن واریاہن جاین کوٚرمُت چھُہ۔ سِٹاینہٕ سٕنٛدِ وَقتہٕ تہٕ چھہ تیٖرتھس اَنٛدۍ اَکھ پرٛاٚنۍ آثار چھکرِتھ آسۍ متۍ یِمن مَنٛز لِنٛگ تہٕ مورژ شاٲمِل آسہٕ۔ وَراہ مَنٛدرس اَنٛدر یوٗسہٕ مورتھ لاگِتھ اَس تَتھ متعلِق چھُہ زوٗنراز لیکھان زِ سو آیہٕ پنٛداہِمہِ صدی ہنٛدِس گوڈٕ کالَس مَنٛز تباہ کرنہٕ۔

آرکیالوجِکل سروے ین چھُہ تاہم اَتھ تیٖرتھس پیٹھ کرٛیٚہنہٕ کَنہِ ہُنٛد بنیوٗمُت اَکھ مکھ لِنٛگ لوٚبمُت۔ وَراہ چھُہ بڈٲتی وِشنوٗ سُنٛد روٗپ مگر تیٖرتھس پیٹھ اَکھ بُتھ کرِتھ شو لِنٛگ اَتھِ یُن چھُہ ہاوان زِ اَتھ جایہِ چھہ شو مَنٛدَر آسۍ متۍ۔ (م۔ل۔س)

کتاب نامہٕ :

*Stein: Ancient Geography of Kashmir
*Thapar B.K. Ed. Indian Archaeology A Review
1976-77.

# کوکرناگ

کوکرناگ چھُہ شہر سِری نگرٕ پیٹھہٕ ۷۹ کلومیٖٹر دوٗر۔

جنوٗبی برنگ پرگنس مَنٛز واقع ۔ یہ ناگ چھُ چۄن بالہٕ
دامنٕ تلہٕ بکہٕ وٕلنس آبہٕ کِس صوٗرتس مَنٛز شبن ستٕن
جایَن نیران ۔ اُمیُک طوٗل بَلد چھُ ۲۰'۵° تہٕ عرضِ بَلد
۳۳'۳۶ ۔ اَمہٕ ناگُک آب چھُ سیٹھہٕ مزدار تہٕ ہاضم ۔
اُمیُک اعتراف چھُ ابوالفضل "آیٔن اکبری" مَنٛز
کران ۔ اَمہٕ بکہٕ وٕنہٕ ناگچ شکل چھےٚ کوکرٕ پنجس ہیتی زٕلہٕ وُزٕ
یِیتہٕ کِنی اَتھ کوکرناگ ناو چھُ پیوٗمُت ۔ اَمہٕ ناگہٕ پیٹھٕ
چھُ اَز واریاہَن علاقن چینہٕ آب فراہم یِوان کرنہٕ ۔ اَتہٕ
چھُ گنٛدک آبُک اَکھ ناگ تہٕ یَتھ سراہٕ کٕنٛڈ بٔنتھ چھُ ۔
لوکھ چھِ اور علاجہ بأپتھ سران کرنہٕ یِوان ۔

اَمہٕ ناگُک یَتھ کُن موٗزوٗمُت آب چھُ
برٛدٕنہٕ پکتھ برنگ نالس ہیتی رَلان ۔ ناگس ژھنی
چھُ سیٹھا مأری موٗنٛد باغ یُس بخشی غلام محمدنس دورِ
حکوٗمتس مَنٛز بناونہٕ آمُت چھُ ۔ اَمہٕ ناگُک آب چھُ
تروٗٹ گاڑ رَچھنہٕ خاطرٕ سیٹھا مفید تہٕ مُناسب ۔
مُلکی غأرمُلکی سالأنی چھِ اَتھ جایہ گاڑ شکار کران ۔

دش ۔ و

کتاب نامہ :

*Hasan: Tarikh, I
*Quarter Master: Gazetteer of Kashmir and Ladakh
*Sufi: Kashir, I
*Vigne: Travels in Kashmir and Ladakh

## کوٗنٹلُن

وُچھو "پٔری محل" (جلد ۱)

## کھنموہ

کھنموہ چھُ پانپرِکِس شُمال مغربس مَنٛز
زیوٗن کِس شُمال مَشرقس کُن ترٛنےٚ کِلومیٹر تہٕ سرینگرٕ
پیٹھٕ ۹ کلومیٹر دوٗر ۔

کھنموہُک پرٛون ناو چھُ کھون موٗش اوسمُت ۔
اَتھی جایہ چھُ کٔہی مہٕ صدی ہُنٛد مشہوٗر سنسکرت شاعر
تہٕ توأریخ دان بلہن زامُت ۔ بلہنن چھُ پنٕنہٕ مشہوٗر
تصنیف ، وکرمانک دیوچرت ، نأوی کتابہٕ مَنٛز اَتھ
جایہ کوٗنگ کھُنگ تہٕ کیسٔرن ناگن ہُنٛد ذِکر
کوٚرمُت ۔ کھنموکِس بالأی حصس مَنٛز چھُ اَکھ مُقدس
ناگ یَتھ داموٗدر ناگ وَنان چھِ ۔ اَمہٕ علاوٕ چھےٚ اَتھ جایہ
کیٖنٛہہ پھٕٹہٕ پھرٛاٹہٕ کَنہٕ تہٕ لینٛہٕ آمٕژ یِمَن پیٹھ عبارتھ
وٕتلأوتھ اَس ۔

کھنموہ ہیوٗر یہن ہرشور تیرتھس گرٛٹہٕ وُن
بھوٗنیشور رجایہ نش چھےٚ اَکھ کوٗل وسان یَتھ نکھہٕ ۱۴۵
میٹر زیٖوٕٹھ تہٕ ۳۰ سنٹی میٹر تھوٚد اَکھ کنیوٗ کتبہٕ اصلی
حالتس مَنٛز محفوٗظ چھُ ، یَتھ پیٹھ شاردا خطس مَنٛز داہ

لأنہٕ کھٕنتھ چھےٚ۔ پَنٛدأہی مہٕ صدی ہُنٛد یہِ کتبہٕ چھُ بڈٕشاہ زین العابدین (۱۴۲۰ء - ۷۰ء) سنٛدِ وقتُک۔ اَتھ کتبَس پیٹھ چھُ کٲشیرِ منٛز ژون راژن ہنٛدِ دورِ حکومتُک ذکر کرنہٕ آمُت۔ یم ژور راژ چھِ گھاگیندر، راژہ جےپیڈ، سُلطان سکندر تہٕ بڈٕشاہ زین العابدین۔

(م۔ ع)

کتاب نامہٕ :

*Hasan: Tarikh I
*Quarter Master: Gazetteer of Kashmir and Ladakh
*Sufi: Kashir I
*Vigne: Travels in Kashmir and Ladakh I

## گُپت گنگا (بھدرواہ)

گُپت گنگا مَنٛدر چھُ بھدرواہ علاقُک پرٛزون تیٖرتھ۔ مَنٛدر چھُ نوساس فُٹ تھدِ آشاپتی بالہٕ کِس دامنَس تل نیرٕ نالہٕ کِس بٛٹھِس پیٹھ۔ یہِ چھُ بھدرواہ کہِ واسک ناگ مَنٛدرٕ پیٹھٕ اکھ کلومیٹر ہیوٚہ دوٗر۔ روایژ موجوب چھُ گُپت گنگا مَنٛدرُک استھاپن پانڈوَن ہنٛدِ وقتہٕ تہٕ اوٚسمُت وَنان۔ چھُ زتم چھُ کٲشیرِ کہِ گوپھہِ منٛزی داتی آمتی ییمہٕ گوپھہِ منٛز گُپت گنگا یہِ ہُنٛد ناگ وُزان چھُ۔

ناگہٕ کِس بٛٹھِس پیٹھ چھُ پلَس پیٹھ اِنسانہٕ سُنٛد پدٕ اکھ۔ لُکہٕ عقیدٕ چھُ زِ یہِ پدٕ اکھ چھُ بھیم سُنٛد۔ ناگُک پوٚنی چھُ اکہِ نلکہٕ منٛزی مَنٛدرَس انٛدر آمُت نِنہٕ تہٕ تَتہِ چھےٚ پاں دار سیٚدِ سیوٚد شولِنگَس پیٹھ پیوان۔ شولِنگ تہٕ پرنالی دوشوٚے چیز چھِ کرٛیہنہٕ کَنہٕ ہنٛدی تہٕ فنکٲری سان چھِ تیار آمتی کرنہٕ۔

گُپت گنگا یہِ ہُنٛد ژوکوٗنجُل مَنٛدر چھُ ژرکہٕ مُربع تہٕ اَتھ چھُ ڈولوم کلش۔ کشتوار تہٕ بھدرواہ علاقَس منٛز چھُ دوٚیُم گُپت گنگا تیٖرتھ بھنڈارکوٹ گُدلَس بوٚنہٕ کَنہٕ ژنٛدرٕ بھاگایہِ ہنٛدِس بٛٹھِس پیٹھ۔ کٲشیرِ منٛز تہٕ چھِ اِشہٕ برٕ ہنٛدِس استھاپنَس گُپت گنگا وَنان۔

(م۔ ل۔ س)

کتاب نامہٕ :

*Ganhar J.N: Jammu Shrines

## گچھ

خاص قسمُک چوٚنہٕ یُس بُتھِ پرٛزوٚن شیٖن ہیوٚہ اوس آسان۔ یہِ اوس مکانَن ہنٛز لبہٕ پٲرادَنس منٛز استعمال یوان کرنہٕ۔ گچھِ سِتی آسی لبَن پیٹھ ڈزاین تہٕ نقش نِگار تہِ دِتھ لان۔ گچھِ سِتی مکانہٕ پٲراوُن اوس

اِمتیاز پِوان مانُنہٕ تہٕ گژھ کڈُن یا گژھ سٟتی کُنھ بیتر پٲراوُن اوس آسن لبن وول آسنیچ علامت۔ کاشرِس مَنٛز چھ واریاہ مُرکب تتھی یِمن گژھ کہ نسبتہٕ زاپُن چھُ لوگمُت۔ گژھُک استعمال چھُ پیپر ماشی منٛزتہٕ سِیدان قالبہٕ کڈنہٕ پیپر ماشی ہنٛدِس سامانس چھُ تُتریر گرتھ گژھ کرنہٕ پِوان۔ لیعنے کارِ گر چھُ اَتھ گژھ سٟتی رلوان۔

(م۔ل۔س)

کتاب نامہ:

*Sufi: Kashir II

## گداُدھر مندر

وُچھِو "شیر گڈی" (جلد ۲)

## گردوارہ پرن پیلاں

پرن پیلاں چھُ ورمُلہٕ پٮ۪ٹھہٕ ۵۰ کلومیٹر دٕر وورِ تحصیلک گام۔ یہ گام چھُ وینٛتھہٕ ہنٛدِ ڈھتہٕ بٹھہٕ۔ اَتہٕ اُس جہانگیر سٕنٛدِس دورس (۱۶۰۵-۲۷) منٛز اَکھ سرائے تعمیر کرنہٕ آمٕژ یمکی آثار وُنہٕ تہٕ موجود چھ۔ جہانگیر سٕندی ہے دورس منٛز آو گرو ہر گوبند صٲب کشیر۔ ورمُلہٕ کینٛشرِس کالس پرٛچار کرنہٕ پتہٕ دزاوُسہٕ وورِ ہنٛز وتہٕ واپس۔ واپس گژھہٕ وُن تژوون پرن پیلاٮ۪س منٛز پڑاو۔ سِکھ دھرمُک پرچار کرنس دوران سپُد تمس اَتہٕ کینٛشرن مُسلمان بُزرگن سٟتی مُلاقات۔

پرن پیلاٮ۪س منٛز یتھ جایہ سُہ پرچار کران اوس تتھِن آو تمی سٕنٛدِ نیرنہٕ پتہٕ اَکھ گُردوار تعمیر کرنہٕ۔ یتھ ۱۹۴۷ء پتہٕ وُسعت دِتھ نُوِ طرزک گُردوار بناونہٕ آو۔ اَتھ چھ گُردوارہ چھٹی پادشاہی تہٕ وَنان۔

گُردوارُک اِنتظام چھِ ورمُلی ضلیچ سِکھ پربنٛدھک کمیٹی چلاوان۔ اَتہٕ چھُ پرتھ ؤری یہ بیساکھی تہٕ گُرو ہر گوبند صٲب ہنٛدِس زادُہس پٮ۪ٹھ دیوان لگان۔

(م۔ا۔ا)

کتاب نامہ:

*Baramula De Gurdawarian
*Gyan Singh: Guru Khalisa

## گُردوارہ چھٹی پادشاہی

کاٹھی دروازس نکھہٕ ہارِ پربتہٕ کس دامنس تَل گُردوارہ چھٹی پادشاہی چھُ کشیر ہنٛد اَکھ اَہم گُردوار۔ یہ گُردوار چھُ تتھی مُقامس پٮ۪ٹھ تعمیر آمُت کرنہٕ، یتھ تن شیٚمُم گورو ہر گوبند صٲب جی سدا آہم

صدی مَنز بیوٚٹھمُت اوس۔ گرُو ہرگوبند صاحب جی اوس شہنشاہ جہانگیرَس (۱۶۰۵۔ ۱۶۲۷ء) سٟتی کٔشیر آمُت تہٕ یوٚت وٲتِتھ اوسُن قلعہ بَنٛد موغَل شَہر ناگر نگرس نٟببر ٹھِکانہٕ کوٚرمُت۔

گرُدوارَس نَظر گُذر تھاوَنہٕ باپَتھ اوس ہرگوبند صاحبٕ جیٚن ماتا بھاگ بھری ہُنٛد نیٚچُو بھائی سیوارام مُقرر کوٚرمُت۔

یہ مُقدَس گرُدوارٕ چھُہ سِکھ گورنر سردار ہری سنگھ نَلوَن (۱۸۱۹۔ ۱۸۲۱ء) گوڈٕ اَنوارِ تعمیر کوٚرمُت تہٕ تَمہٕ پَتہٕ اَز تام چھےٚ گرُدوارَس واریاہ پھِر مرمَت کرنہٕ آمٕژ تہٕ خاص مَرمَتھ کام آیہ ۱۹۴۷ء پَتہٕ اَنجام دِنہٕ۔

گرُدوارہ چھٹی پادشاہی ہُنٛد طرزِ تعمیر چھُہ عام گرُدوارَن ہیوٚہ۔ یُس اِسلٲمی تہٕ ہِنٛدی طرزِ تعمیرٕچ ملہٕ مِشہٕ وۄتلیٛومُت چھُہ۔ خاص کٔرتھ چھُہ گرُدوارَن ہُنٛد کلش واریاہَس حدَس تام ایرٲنی طرزِ تعمیرَس سٟتی رَلان۔

چھٹی پادشاہی ہِنٛدِس گرُدوارَس پیٚٹھ چھُہ عقیدَتہٕ تہٕ احترامہٕ سان بھجَن کیرتَن تہٕ گورو سُنٛد لنگر چلان۔

کتاب نامہٕ : (م۔ل۔س)

*Parmu: Sikh Rule in Kashmir
*Sufi: Kashir I



# گُردوارہ تھڑا صاحب

وُرملہِ کِس جنوٗب مشرقس منز ۸ کلومیٹر
دوٗر چھُ یہ گُردوارٕ کلمپور سنگھ پورٕ۔ کلمپور چھُ سرینگرٕ
پیٹھٕ وُرمُل گژھن وٲلِس قومی شاہراہس کھوورِ پاسہ
وُڈر پیٹھ۔

گرو ہرگوبند صاحب آو جہانگیرس سٕتۍ
دورس (۱۶۲۷ – ۵۔۱۶۰ء) منز کشیر۔ وُرملِس منز
پرچارس دوران اوس یہ کلم پوٗر گژھان ییٚتہٕ تِمس
پیر بلوٗل نادی اَکس بزرگس سٕتی رٲژھانی کتھ باتھ سپدان
اُس۔ اَتہِ کھٔنہٕ نوو گُرؠ جی یَن اَکھ کژ کوٗلیس وٕنہٕ تہٕ
موجوٗد چھُ۔ کُنوہِمہِ صدی ہٕندِ ین آخری وریِ ین
منز آیہ کلمپورِ گرؠ جی سٕندِ ناوٕ ۲۵ × ۲۰ اَکھ پیٚنٹھ
تعمیر کرنہٕ۔ اور اُسی کلم پورس اَندۍ پکھی بَسن وٲلی
سِکھ بیساکھی مناونہٕ یوان۔ ۱۹۲۷ء منز کرنو پنجابچ
مشہوٗر عالمو بھائی ویرسنگھ، سردار گورمکھ سنگھ،
سردار ہردت سنگھ تہٕ سردار دامودر سنگھن اَتہٕ
گُردوارٕ تعمیر۔ یُس ۱۹۳۱ سنہٕ تام مکمل سپد تہٕ اَمی وریِ
بیساکھی ہٕندِس موقس پیٹھ سپدس اِفتتاح۔
وونہٕ چھُ اَتھ مزید پٲراو کرنہٕ آمت۔ نوو گُردوارٕ
چھُ طرزِ تعمیرکہ اعتبارٕ پنجابس منز تعمیر سپدیمتین

عام گُردوارن سٕتی زُلان۔ (م۔ ا۔ ا)

کتاب نامہ:

*Baramula: Baramula De Gurdawarian
*Gyan Singh: Guru Khalisa

# گُردوارہ شاجہ مرگ

گرو ہرگوبند صاحبنہٕ جہانگیرس سٕندِس
دورس (۲۷ – ۵۔۱۶۰ء) منز کشیرِ ییٚنہٕ وِزِ تژ ووتھی گوڈنیک
پڑاو شاجہ مرگہٕ۔ شاجہ مرگ چھُ شُپیٚن کِس یارِ
کپلم پورس نش موغل روڈس نکھہٕ۔ محکمۂ مال کین
کاغذن منز چھُ شاجہ مرگ گامس کپلمپور وننہٕ آمت۔
یہ گام چھُ بھائی کٹھو شاہ سٕندِ ناوٕ منسوب۔ اَمہ
موجوٗب اُسی اَتھ شاہ جی مرگ تہٕ وَنان۔ شاجہ مرگس
چھہ شادِ مرگ تہٕ اَسی ہتی وَنان۔ اَتھ جایہ اوس ییٚتھ
کالہِ ویرِ یارناوٕ استھاپن۔ اَتھ استھاپنس نکھہٕ
بونہٕ نِش آو اَکھ گُردوارٕ تعمیر کرنہٕ۔ یُس کشیر منز
ہرگوبند صاحب ناوُک گوڈنیک گُردوارٕ چھُ۔
گُردوارٕ لُہراو تہٕ آو کینہہ کال برونٹھہ اَکھ نوو طرزُک
گُردوارٕ بناونہٕ ییٚتھ سٕتی زایرن ہٕندِ خاطر روزن
جایہ تہٕ تعمیر کرنہٕ آیہ۔ گُردوارُک اِنتظام چھُ پُلوامی

ضلع چہ سکھ پربندھک کمیٹی ہنٛدِ اہتمامہ سپدان۔

(م۔ا۔ا)

کتاب نامہٕ :

*Gyan Singh: Guru Khalisa.

## گردوارہ شری گرو سنگھ سبھا

گرُدوارہ شری گورو سنگھ سبھا چھُ سری نگرس منٛز لال چوکس تہٕ امیرا کدلس درمیان۔

گرُدوارہ چھُ مہاراجہ پرتاپ سنگھنٕس دورس منٛز (۱۸۸۵ء - ۱۹۲۵ء) مُقامی سِکھو تعمیر کورمُت۔ مہاراجہ پرتاپ سنگھُن چیف انجینیر شری گنڈا سنگھ اوس اَمُنیک چیف آرکیٹیکٹ۔ اَمہِ کِس تعمیرس اندر چھُ زینہٕ، سیمنٹ، دٲری کٔنہِ تہٕ مہراج سیرہن ہنٛد استعمال آمُت کرنہٕ۔ گرُدوارٕ چھُ "تھزپور" ییمُنیک کنۍ دِہری کنہِ ہُنٛد چھُ۔ بُنہٕ مِس پورس منٛز چھےٚ یاترین ہنٛدِ باپتھ روزَن جاے۔ اَمہِ کِس جنوب مغربس منٛز چھُ جموں وکشمیر گردوارہ پربندھک بورڈُک آفس۔ دوٚیمس پورس منٛز چھہ شبد تہٕ کیرتن کرنہٕ باپتھ زٕ دیوان (ہال)۔ اَکھ دیوان چھُ مردن ہنٛدِ باپتھ تہٕ بیاکھ زنانن ہنٛدِ باپتھ۔ دوشوٕنی دیوانن منٛز چھُ گرنتھ صاب سجاوتھ۔ شُمال مغرب اَنٛدُک دیوان چھُ جنوب مغرب اَنٛدِکہِ دیوانہ کھوتہٕ بوٚڈ تہٕ جان پاٹھۍ سجاوتھ۔ گرنتھ صاب چھ جاے چھےٚ ساےٚ شنیلہٕ سیٖتۍ پارٲوِتھ۔ بٔروٚنہہ کنہِ چھُس اَکھ تھال یتھ منٛز ٲلوٚ بیترِ تھاونہٕ یوان چھُ۔ اَتھ نکھے چھےٚ بڈ تلوار تہٕ اکھ لوکٹ کرپان۔ شُمالہ اَنٛدِ چھُس تخت پوش یتھ پیٹھ بہتھ راگی شبد کیرتن کران چھِ۔ گرنتھ صاب چھ جایہِ چھہ ژوٚن اَنٛدن پیٹھ ژور دوٚدٲری تھم یمن سیٖتۍ اَستانچ چوٚکُر دُرنہ چھےٚ۔ دیوانس (ہالس) چھےٚ دوٚدٲری لکرِ ہٕنزِ داہ دارِ یم ڈایہ فُٹ کھجہ تہٕ ژور فُٹہٕ زیچھ چھےٚ۔ مشرقہ تہٕ جنوبہ پاسہ چھس اَٹھ دروازٕ یم ڈایہ فُٹہٕ کھلی تہٕ، فُٹ تھدی چھِ۔ دیوانس چھُ سنگتٕری رنٛگہٕ وسہٕ تالو۔ گردوارس چھُ مغربہ اَنٛدِ "نشان صاب" (لیٖدرِ رنٛگہٕ جنڈ) کھارتھ تہٕ پتس چھُس ٹین۔

(م۔ع)

کتاب نامہٕ :

*Paramu: Sikh Rule in Kashmir
*Sufi: Kashir I, II

## گرُدوارہ گرونانک دیوجی (مٹن)

گرُدوارہ مٹن صاحب چھُ اسلام آبادکِس مشرقس منٛز سرینگرِ پیٹھٕ، ۵۸ کلومیٹر دوٗر۔

گرو نانک جی چھُ شُرٲہِمہِ صٔدی مَنٛز امرناتھ یاترایہ گژھ وُن مٹن ووتمُت تہٕ وِدھوان پٔنڈتن ستی چھُن مُلاقات کوٚرمُت۔ مٹنہٕ کوٚر تمو ترُوٲہن[13] دوہَن قیام تہٕ اَتھ دوران کوٚر تمو پنڈت برہم داسَس ستی مُلاقات۔ اَمہِ ساعتہٕ ٲسی مَردانہٕ تہٕ بالا ناوی زٕ شاگرد تمِن ستی۔

گُردوارہ مٹن صاحب چھُ گوڈٕ ڈنٛجہِ لٔنٛڈہٕ سردار ہری سِنگھ نلوان ارداہِمہِ صٔدی ہندِس ٲخرَس کیٛتھ سوٚریہ مَنٛدرٕکِس جنوٗب مَغربی حاطَس مَنٛز تعمیر کوٚرمُت۔ اَمہِ پَتہٕ کوٚر مہاراجہ پرتاپ سِنٛگھن (۱۸۸۵ - ۱۹۲۵ء) پرانہِ گُردوارچہ جایہ نوٚو گُردوارٕ تعمیر یُس ڈنٛجہ چھُ۔ اَمہِ کِس تعمیرَس چھےٚ کنہٕ تہٕ دوداُر لُکمر لاگتھ تہٕ پٔشَس چھُس ٹین دِتھ۔

ہریہ مَنٛدرَس اژُونے ناگَس ڈٕچھنہٕ پاسہٕ چھُ ۳۵ فُٹہٕ تھوٚد تہٕ ۳ فُٹہٕ لیٚپیٹہٕ لیٛوٚدُر رنگ کرِتھ نِشان صاحب۔ یێمِچ کُرسی اَٹھ فُٹہٕ چوٗرُس چھےٚ۔ نِشان صٲبَس چھُ ۱۴ گز لیٛوٚدُر ساٹن وٕلِتھ تہٕ تیٚنٛتٲلِس پیٹھ چھُس ٹینُو وٕتھر یتھ کھنڈا وَنان چھِ۔ نِشان صٲبَس بِلکُل نکھہٕ چھِ ترٛےٚ کمرٕ یمن مَنٛز لنگرٕ تہٕ سٹورٕ علاوٕ اَکھ بوڑ ہال چھُ، یتھ مَنٛز گروٗ گرنتھ صاحب سُند پرکاش چھُ۔ اَتھ چھُ، فُٹہٕ تھدی تہٕ ترٛےٚ فُٹہٕ کھٔلی کُل ستھ درواز تہٕ ڈاے فُٹہٕ چوٗرُس شٕشنے دارٕ۔ ہالس مَنٛز چھُ مَغربہٕ طرفہٕ ۶×۸ فُٹہٕ دِوداری لُکرِ ہُند استھاپن، یتھ مَنٛز گروٗ گرنتھ صٲب سٕندی شٕشنے بیڈس (گرنتھ صحب) چھُ۔ یمَن مَنٛز دوٚن گرنتھ صاحبَن ہُند پرکاش پرتھ دوہہ کرنہٕ یوان چھُ۔ یمَن گرنتھ صاحبن مَنٛز چھُ اَکھ گرنتھ صٲب ساڈ ترور ہتھ وری پرون یُس بھائی گُرداس جی ین پننہٕ اَتھہ لیٛوکھمُت چھُ۔ اَکی گوڈنکی زٕ صفہٕ چھِ سونہٕ سٕنٛز میلہٕ ستی آمتی لیکھنہٕ۔

اَستھاپنَس چھُ ساری سے کُپٕر ولِتھ تہٕ مشرقہٕ پاسہٕ گرو نانک جی سٕنٛز تصویر الانٛزٕ تہٕ اَمہِ کِس شُمال مَغربہٕ طرفہٕ چھےٚ گرو گوبند سنگھ جی سٕنٛز تصویر الانٛزٕ۔ استھاپنَس نکھہٕ مَغربہٕ طرفہٕ چھےٚ لَبہٕ اُردوٗ پاٹھی یہ عبارت لیکھنہٕ؛

"گُردوارہ پہلی پاتشاہی نانک سر مٹن صاحب کشمیر یہاں گروٗ جی نے برہم داس پنڈت سے گوشٹی کی"۔

(م - ع)

## کتاب نامہ:

*Sufi: Kashir I, II



# گردوارہ ننگالی صاحب

ننگالی صاحب گُردوارِ چھُ پرٛونٛژھ قصبہٕ کِس شمالَس منٛزٕ پیر پانٛژال چہ کھوٚنہٕ منٛز لنگلی ہنٛدِس بٔٹھِس پیٹھ ۲/۱ ۶ کلومیٹر دوٗر۔ ساری ریاستس منٛز چھُ یہ گُردوارِ سیٹھاہ مشہوٗر تہٕ لوٗکھ چھِ اَمِچ سیٹھا یژھ تہٕ پژھ۔

ننگالی صاحب گُردوارِچ بُنیاد چھےٚ بابا روچا سنگھ (۱۸۰۳ء) سُندی چیلہٕ سنت بھائی سِنگھ تراو ہژ۔ یُس ۱۸۵۴ء منٛز ییمہٕ عالمہٕ گوٚ۔

گردوارِکِس ہِنٛتس متعلق چھےٚ اَندٕ پیٹھٕ روایتھ روٗزِ ہژ زِ یُس گُرژھ برٛہمچاری آسُن ضٲطس اَندر چھُنہٕ ماز کھیٚنٕک تہٕ شراب چیٚنک اجازَتھ۔ پرٛژتھ آتھوارِ چھُ اَتہٕ دیوان لگان ییتھ منٛز سیٹھا تعدادَس منٛز لوٗکھ شامِل سپدان چھِ۔ اَمہٕ دۄہہٕ چھُ گُرو سُند لنگر جاری روزان تہٕ اَکہٕ ساس تامتھ یاتری چھِ لنگرٕ منٛز کھیوان چوان۔ بیا کھ اَہم کتھ چھےٚ یہ زِ ہِنٛتس منٛز گدی چھنہٕ موروٗثی۔ گردوارٕ سے ننگالی صاحب کِس بانی کارِس نِش چھُ ۱۸۱۴ء منٛز مہاراجہ رنجیت سنگھ تہٕ وۄتمت تہٕ تمی اَسی گُردوارِ باپتھ کیٚنٛہہ گام جاگیر کِنہٕ مقرر کٔری مٕتی۔ ۱۸۲۵ء ہس منٛز ووت مہاراجہ گلاب سنگھ سنت نیلار سنگھُن درشُن کرنہٕ باپتھ ننگالی تہٕ کٔرِن پانٛژھ گام گُردوارِ باپتھ جاگیر مقرر۔

۱۹۴۷ء یس منٛز کوٚر حملہٕ آورو گُردوارَس لوٗٹھ تہٕ نار دِتھ کوٚرُکھ تباہ۔ حالات ڈٲنجہ ییتھ آو گُردوارِ نوٚسرٕ تعمیر کرنہٕ تہٕ اَتھ پیٹھ ہیٚپدی ہنٛداہ لچھ روپیہ خرچ۔ گُردوارِ چھُ ڈگیانہ (رجمہٕ) یتیم بچَن ہُنٛد اَکھ سکوٗل تہٕ جیٚنمیٹک خالصہ ہائی سکوٗل تہٕ بچَن اَتھ کامِن ہِنٛز تربیت دِنک تہٕ وٗرملیٚک آشرم تہٕ چلاوان۔ موجوٗدٕ گُردوارِ چھُ دوٗپور تہٕ پیٹھٕ چھُس اَکھ شاندار گُنبد تعمیر آمُت کرنہٕ یُس ڈبہٕ

پمپوشس چالہِ چھُہ۔　(م۔ل۔س)

کتاب نامہٕ :

*Ganhar Jammu Shrines
*Mani K.D: Poonch

## گُردوارہ ہرگوبند صأب (وُرمُل)

گُردوارہ گروہرگوبند صأب چھُہ وُرمُلی قصبہٕ کس شُمال مَغربی اَندَس پیٹھ ییتھِ ہٕنٛدِ دَچھنہِ بٔٹھِ کوٹھی تیپرتھِس تہٕ وَراہ گنٛگہِ نکھہِ۔ اَتھ چھِہ گردوارہ چھٹی پادشأہی تہٕ وَنان۔

گروہرگوبند صأب آو جہانگیر سٕنٛدِس دوَرَس مَنٛز (۱۶۲۷ء - ۱۶۰۵ء) کٔشیرِ۔ دپان اَمہٕ وِزِ اوس سُہ جہانگیرَس سٟتی کٔشیرِ تۄر مُت۔ پننِس سفرَس دوران بیوٚٹھ سُہ سرینگرہِ نیبرِتھ اُتھی جایہِ ییتین گُردوارٕ چھُہ۔ تِمو رُدا اَتہِ تٔس پننہِ اَتھہِ بوٗنی، ییتھ نکھہِ سِکھ دورٕکی گورنر ہری سنگھ نلواہَن (۱۸۱۹ء۔ ۱۸۲۱ء) اُمی سٕنٛدِ ناوٕ گُردوارٕ تعمیر کوٚر۔ مہراجہ رنجیت سنگھنہِ حُکمہِ آو یِمہٕ نِشہِ دۄہَن گُردوارٕ خأطرٕ جاگیر تہٕ مُقرر کرنہٕ تہٕ گرنتھی تہٕ۔ وُرمُلہِ کیو سنگتہ اشو کوٚر گردوارٕ خأطرٕ کَنٛیو گُرسی چالہِ اَکھ تخت پیش۔ گُردوارٕ اوس کَنین ہُنٛد تعمیر یَیتھ اُندرٕ ۴ فُٹہِ کھجر



گیلری تہٕ آس۔ ویٚتھِ پاسہٕ اُس سنت مہاتماہ سٕنٛدِ روزنہٕ خأطرٕ اَکھ کُٹیا یوسہٕ ویٚتھِ کھجر دِنٕس دوران لُہرنہٕ آیہِ۔ گُردوارَس نکھہِ وَنٛدَس مَنٛز اِجتماعَن ہٕنٛدِ خأطرٕ تعمیر کرنہٕ آمُت ہال چھُہ وُنہِ تہٕ ڈَنٛجہ۔

۱۹۸۵ء مَنٛز آو پرٛون گُردوارٕ لُہراونہٕ تہٕ اَتھ جایہِ آیہِ دِلہِ ہٕنٛدِس سنت ہربنس سنگھ سٕنٛدِ دسی کارسیوا ذریعہِ نوِس گُردوارَس کأم لاگنہٕ یُس وُنہِ زیرِ تعمیر چھُہ۔ نۆو گُردوارٕ چھُہ ۵۴ فُٹہِ چوٚرس۔ یہِ چھُہ ہیٚرِ بون شیٖشتر تہٕ سیمنٹک تعمیر۔ گُردوارٕ چھُہ دُپوٚر ییتھ ژۄ شویو پاسو دَروازٕ چھِہ۔ دۄیمِس پوٚرس چھِہ اُندرٕ اُندرٕ اُنٛدی

گیلری یِتھ پیٹھ کھسنہٕ خاطرٕ جنوٗبہٕ پاسہٕ کِہ دَرواز اَژٕوٕن
کھووُرِ طرفہٕ ہیر چھِنہٕ۔ گُردوارس چھِ ژٕو شوٗزٕ کوٗنٕن
پیٹھ ژور لوہٕکٕٹی برنگ یِم وُنہ زیرِ تعمیر چھِ۔ مَنٛزِ باگُک
تھوٚد برٛنگ چھُ سَنگِ مَرمرُک یُس مکمل سُپدمُت
چھُ۔ نوٚو گُردوار بناونہٕ وِزِ چھِنہٕ سوہ بُوٚنٛی ژٕٹنہٕ آمٕژٕ یوسہٕ
گُرہٕ ہرگوبند صابن رٕوہمژٕ آس۔ پرانہٕ گُردوارکہٕ
تختہٕ چھِ پاترِ چھِنہٕ اَتہٕ محفوٗظ تھاونہٕ آمٕژٕ۔ (م۔ا۔ا)

کتاب نامہ:

*Baramula De Gurdawarian
*Gyan Singh: Guru Khalisa
*Hugal: Travels in Kashmir and Punjab

## گرٛھی ہٕنٛد کوٹ

گرٛھی ہٕنٛد کوٹ چھُ تھار کَدوال قصبہٕ کِس
اَنٛدس پیٹھ جیٚنٛبر صوٗبہٕ کِس اُچ علاقس مَنٛز۔ کوٹ
چھُ ژٕکوٗنجَل تہٕ اَتھ چھِ کوٗنَن پیٹھ اَٹھ کوٗنَل ٹاوَر
بنٲوِتھ۔ دیوارٕ نیبرٕ چھُس ۵ فُٹہٕ کھوٚل خنٛدق
اوسمُت۔ قلایس چھِنہٕ ژٕ پاسے زٕدٕن ہٕنٛز دُوار
تنٛدرٕ ل یُتھ قلایس اَنٛدر روزٕن وول فوج دُشمنَس
پیٹھ گولہٕ چلاوِتھ ہیکہٕ۔ کوٹس چھِنہٕ مَشرِقہٕ طرفہٕ
ڈیٛڈی۔ ڈیٛڈِ نِش چھُس کَدرٕ تارِتھ خنٛدُق اوسمُت۔
یُس ضرورژ وِزِ تھوٚد تہٕ تلنہٕ ییہٕ ہے۔ ڈیٛڈِ بُتھ خنٛدقس
اُپور چھِ ژور تھمبہٕ بیٚہہٕ۔ خبر اَتھ جایہٕ کیاہ چھُ اوسمُت۔

کوٹچہٕ ڈیٛڈِ چھُ دُوور محراب تہٕ دوہؠ پاسو
چھُس دوٕن زٕنہٕن سُنٛب بہٕن جاے۔ یہ طرز چھُ
اکثر مُغل کوٹن مَنٛز ڈرینٛٹھ یِوان۔ ڈیٛڈِ ہٕنٛزن ہاکن
پیٹھ چھُ دَچھنہٕ طرفہٕ بأرو تہٕ کھووُرِ طرفہٕ گنیش بناوِتھ۔
ڈیٛڈِ ہٕنٛز شیشتر ہانکل چھِنہٕ توتام ڈٕنجہٕ آسمٕژٕ یوتام
رامچنٛدرٕ کاکن اَمہٕ علاقُک دور کوٚر۔

کوٹس اَنٛدر ڈیٛڈِ نکھے چھُ اَکھ ژٕکوٗنجل تعمیر
اوسمُت یُس راچھ کوٹھر ہٕنٛز کام آسہٕ ہے دِوان۔ اَمہٕ
علاوٕ چھُ کوٹس اَنٛدر اَکھ ژٕکوٗنجل مَنٛدر تہٕ گول کٕرٕور
تہٕ فصیلس اَنٛدر یہِن چھِنہٕ ہیر ہِش کھأرِتھ، یہ گژھہٕ
یا تہٕ کٕنہٕ پرانہٕ مکانُک ملبہٕ آسُن نتہٕ ما آسہٕ ہے
اَتھِن قلکُک دوٚیُم قلاے۔ آثار چھِ دوہٕنی کلو گٕہٕلی تل
اَنٛزٕہتہٕ۔ (م۔ل۔س)

کتاب نامہ:

*Kak R.C: Antiquities of Basohli and Ramnagar.

## گنپت یار مندر

گاڈو کَدلس تہٕ حبہٕ کَدلس درمیان ویتھہٕ ہٕنٛدِ
دَچھنہٕ بٹھِ گنپت یارُک اَزٕنیک مَنٛدر کرٛاوس گوڈنیتھ



تعمیر سپدمت نتھ متلق چھنہٕ اَسہِ کانٛہہ کتھا شقہٕ پاٹھی معلوٗم، مگر گنپتی سُنٛد یہ استھاپن چھُ واریاہ پرٛون، تہٕ اُہ کنی زِ وِتستا مہاتمس منٛز چھُ اَمہِ استھاپُنک ذِکر آمُت۔ گنپت یارُک استھاپَن چھُ پتھ کالہِ تہٕ سیٹھاہ مشہوٗر اوسمُت۔ اَمیُک ثبوٗت چھُ وِتستا مہاتمکُ سُہ حوالہٕ یتھ منٛز وَنہٕ چھُ آمُت زِ وَردھ مانیش مَندر چھُ گنپتی تیرتھس نکھہٕ۔ گنپت یار مَندر کوٗر نوِ آیہِ شیکھر طرزس پیٹھ مہاراجہ گلاب سنٛگھَن ۱۸۵۴ءہس منٛز تعمیر تہٕ اَمہِ کس تعمیرس آے پرٛانہِ گداھر مَندرٕکی تھَمب لاگنہٕ۔ تَنہٕ پتہٕ ازتام آیہ مَندرس واریاہ پھِر مرمت کرنہٕ، اَما پوز پرٛانی کنہِ تھَمب چھِ وُنہِ تہٕ اَمہِ تعمیرُک حِصہٕ یِم مَندرٕکس برانٛدس لگِتھ چھِ۔ جَلاو دِتھ یِم ڈوٗرٕ دار تھَمب چھِ ڈوٗرِک طرزِ تعمیرٕچ ژھینہٕ وَن دِوان تہٕ باسان چھُ زِ گداھر مَندرس لاگنہٕ برٛونٛہہ چھِ یِم تھَمب بَدل کِتھ تام تعمیرس لاگِتھ آسہِ مِتی تہٕ کیازِ ڈوٗرِک طرزِ تعمیرُک چلے جاو گوٗ کشیرِ منٛز واریاہ برٛونٛہہ کُم، یوٗدوے لکرٕ تعمیرَن اَنٛدر اَمہِ طرزِ تعمیرٕچ ژھلے ہُتہٕ یِیتہٕ نَظرِ گژھان چھےٚ۔

گنپت یار مَندرس چھُ صِرف اَکھ کرٕیتھ منٛز گنیش سٕنٛز موٗرتی چھےٚ۔ مَندرس چھےٚ اَنٛدرِ کنی پرٛیدکھِن دِنس گُنجایش، یہَے صوٗرت چھےٚ نیٚبرِ کنی تہٕ۔ اَتھ چھُ جنوٗب مغربہٕ پاسہٕ وییتھہِ کُن شوالے یتھ منٛز شولنگس چھےٚ پوٗزا سپدان۔

گنیش مَندرس چھُ پچھمس کُن بُتھ تہٕ برٛونٛہہ کنہِ چھُس وَرنٛڈا یتھ پیٹھ وو پاسک بیٚہان چھِ۔ مَندر چھُ سوٚتھرِ نِش ژور فُٹہٕ تھَدس کنہِ کنس پیٹھ تعمیر کرنہٕ آمُت۔ مَندرس بُتھہِ آنگنس چھےٚ پاٹرِ وَتھراوِتھ تہٕ وییتھہِ طرفہٕ چھُس ڈب گَڈِتھ۔ (ام۔ل۔س)

کتاب نامہ :

※Hasan: Tarikh I
※Stein: Kalhana's Rajatarangini

# گوہ پھ کرال

سرینگرکس جنوب مشرقس منز ۴۱ کلو میٹر دور تۄرالس نکھہ گوہ پھ کرال چھ بُرزہامہ پتہ دُنستام دریافت سپدمت کنہ کالی تھذیبک اکھ اہم پڑاو، یتھ کشیرِ ہٕندس تمدنی سفرس سیتی سون واٹھ چھُ۔ ۵۴ء ۳۵ عرضِ بلد تہٕ ۴ء ۵۷ طول بلدس درمیان آباد امہ جایہ ہٕند مؤجوٗدٕ ناو چھُ تمن کرالن ہٕنز ذٕیت یم یتر وٕنہ کالہٕ اتہ گوہچن منز لسان بسان اُسی۔ کرال چھ وٕنہ تہ اتہ آباد، پانہ چھ یم مکانن منز روزان، مگر پرانہ گوہ پھ چھکھ بانہ کُھٹہ زنگی استعمالس۔

گوہ پھ کرالہٕ چھ اُسہ کینہہ تتھی چیز اتہ آمتی یمن چیزن ہنٛد بُرزہامی آثارن منز کانہہ وجوٗدے چھُنہٕ۔

یتھ وڈر پیٹھ ماہرو قدیم آثار ننی چھ کڈی ہتی تمہ وڈر ہٕنز تال چھےٚ شمالہٕ پیٹھہ جنوبس کُن ۴۰۰ میٹر زیٹھ تہٕ مشرقہٕ پیٹھہ مغربس کُن ۵۷ میٹر کھج۔ مغربی طرفہٕ چھ وڈر ۳۵ میٹر تھزر۔ وڈر ہنٛز مشرقی ڈٕند ربون چھےٚ وار یاہ کنہ کھنگرِ ووہٕنی آسمنز، مگر ووہٕنی چھنہٕ یمہ ووہٕنی حالتس منز کینہہ کنہ آسہ کھدایہ وزلر پیسٹر تہٕ کینہہ آسہ اُڈ کھنگرٕ آثار بد کڈنہ باپتھ آبے یہ موقس پیٹھ شتےٚ

ژکونجل دوب دِنہٕ یم ۴۰۲۵ میٹر مربع اُسی۔ پانژھ دوب آیے یہ وڈرِ تالہٕ پیٹھ کھننہٕ یمِلہٕ زن شیٖیم دوب اُکس کھنگرِ اُندی اُندی کھننہٕ آیوو۔ گوہ ڈٕنکین پانژن دوبن آو تیوت سنہر دِنہٕ یتھ پیپر ننی دژایے یہ۔

کھدائے کرِتھ دٲتی یتھ کالی آثارن ہنٛدی ماہر یتھ نتیجس پیٹھ زِ گوہ پھ کرال چھ لُستی بُستی ہنٛدو تریٖیو دورو منزی دژامت۔

گوہ ڈٕنکس دورس منز چھُنہٕ کانہہ کتر بانہٕ بیتر بُتھہ بنومت یمہ سیتی پے چھ لگان زِ امہ ساتہٕ اوس نہ اتہ کرالہٕ کامہ دس وۄتھمت۔ لُکھ چھ دوبن منز اُسہ ہتی بسان۔ دوبن اُسی سوتھر اُندری کنی زِ باڈرن تاہ۔



گوڈنیک ۳۵ سنٹی میٹر موٹ تہٕ دوٚیُم ۱.۱۰ سنٹی میٹر
فرشکو زٕ سطہٕ تاہ چھ آبادی ہندِ ین دوٚن دورن
ہُند پے دوان۔ یہ کتھ چھےٚ پھرنی لایق زِ ییٚمہٕ گرچہ میٹر
ستی دوب باڈرنہٕ آمتی چھ، تمہ چھےٚ جوٚینہٕ مش ستی۔
دوین ہُند گوڈنیک باڈرن تاہ چھُ ژکی میٹر
پیٹھ ییلہٕ زن دوٚیُم تاہ گوڈنکہٕ تہہ نِش ۳۰ پیٹھہٕ ۳۵
سنٹی میٹر ہیوٚر تتھ مَلبس پیٹھ چھُ، یُس گوڈنکس تہس
پیٹھ پیوٗمُت چھُ۔ اَتکو کَنہٕ کاڈی بسکین چھ بُڈین کھولوکٹین
دوین اندر اَسیہہ بسان۔ لُتی اُبتی کرنہٕ باپتھ دوب
چھ سیوٚمب ژٹتھ آمتی کھننہٕ۔ دوین ہُند گرتھ تہٕ چھنہٕ
اکی انہار۔ کینہہ دوب چھ ژرکہٕ تلہٕ ڈلاڈ تہٕ کینہہ
ٹھولہٕ چالہٕ مگر اکھ کتھ چھےٚ سارنے دوین منز مشترکہ زِ
ساری دوب چھ ژرکہٕ کھلی تہٕ گلہٕ تنگ۔ کینژن دوین
چھُ گلہٕ تل ۳.۸۰ میٹر قطر تہٕ کینژن ۱.۸۰ میٹر۔ بُڈین
دوین ہُند واڈھ چھُ اُبتی ہندِس آدن کالس ستی۔
دوین اَندی اَندی چھ باہہٕ گُٹھچھ کام ونہٕ والی زسی تہٕ
رَننہٕ پاکوٚنہٕ چھ جایہ تہٕ بدر دراہٕ مژ۔ دوین تہٕ رننہٕ پاکوٚیکن
جایِن اَندی اَندی چھ تھم دِنکی دوب موجود، یم دوین
پیٹھ ژھوڈن آسنچ باوتھ چھ کران۔ ماہرن ہُند انداز
چھُ زِ ژھوڈن کرنہٕ باپتھ آسہ ہے گاٹسک یا ژرک بیتر
استعمال سپدان۔ کسرِ زبہ ستی باڈزنکی آثار چھ ژھوڈن

جایِن اُتھ آمتی۔ ستی چھےٚ یمن جایِن اَندی اَندی کسر زبہ
ستی بیر اَسمژ کھاڑتھ یُتھ زِ ووٚنی یا شینہٕ ووٚنی ساری سے
پروہے نہٕ۔ دوٚن گُٹھین ہندی دوب تہٕ چھ موقس
پیٹھ بدر دراہتی مگر یمن چھ دوٚیمس مرحلس ستی واٹھ۔
ابتدائی دور چھ یمہٕ رنن یا پاکون جایہ آسمژ چھےٚ، پینہٕ
آسمژ میٹر چھےٚ تمن جایِن ہنز نشاندہی کرنس منز اتھ رٹ
کران۔ اَدِ اکھ کتھ چھےٚ زِ کُٹنہٕ تہٕ دوبن منز ژھپنہٕ سر
ثوبوتھ چوٗلہٕ اُتھ آمُت۔

ابتدائی دورکی یم چیز موقہ پیٹھ اَتھ چھ آمتی تمن



اَندر چھ جلاو دِتھ تہٕ جلاو دِنے کنہٕ تیغ تہٕ کنُوی تیٖشتی،
یِمَن اندر چھ کیٖنٛشرَن کھمبرَن دوٚہ یُو اندو تیٖنٛتی کڈِتھ تہٕ
کیٖنٛشرَن اَکی اَند۔ نرم کنہٕ کاجہ وٹھ، پھٹہٕ ہتر کٔنی یتھ منٛز
واجِ چھنے شامِل۔ اَکہ لبَن دوٚہ ہنٛش چھنے اَکھ نیٖٹِی نہٕ
اَتھ آہٕتر یوسہٕ گسہٕ آہٕتر چھنے، اَتھ اوس کیاہ تام ووٚن جاہ سان
گرٹ مایہ لاگرتھ ۔

اڈی جَن تہٕ ہنگَن ہنٛدی ٢٧ وٚسلہٕ تہٕ چھہٕ اَتھ آمتی۔
یم یاتہٕ ساری رنٛگ کرِتھ چھ تہٕ نتہٕ تیٖنٛتس یا دارِ نش۔ وٚسلہٕ
چھ نہ یِکھَن اڈی جَن۔ اڈی جہ ٹکرَن تہٕ ہنگَن آمتی بناونہٕ
اَتھ آمتہٕ سامانک اکثر حصہٕ چھ یا تہٕ کانہٕ پھل نتہٕ سکر
چالہ۔ اَمہٕ ہنٛز بماہ چھنے نہٕ آر نہٕ بَرمہٕ کنترا ونہٕ یاپتھ کامہٕ ینہٕ واکی
نہٕ وٚسلہٕ تہٕ بَدہٕ دراہتی۔ خاص دریافت چھنے رنٛگ
کرتھ سو اڈی جہ ہشرَن ییتھ پوٚہ گھٹمُت چھ۔

اڈی جہ ہتھیار چھ اکثر تیر، ژھاوِلی، مارخور،
بیتر اڈی جَن آمتی بناونہٕ۔ کانہٕ پھل چھ سیٹھا نکی
زنتہٕ کنہٕ ژرن ہمَن ہندی ہنٛشتی چھ تیز کرتھ تہٕ
کھرن دِتھ۔ گہنہٕ یاتہٕ ژنگی چھ کھدایہ دوران کنُوی ترٛشنے
مالہٕ پھلی اَتھ آمتی یہٕ اَندرٕ اَکھ بوڈ چھ۔ اَتھ دورس
منٛز یم پتَش تہٕ جانور گوفہ کرالہٕ آسہٕ متی چھ تِمَن اندر
اَسی جنگلی تیر، جنگلی ژھاوِلی، ڈرِند، ووزُل ہانگل،
رامہٕ ہوٚن، مارخور، ہاپتھ بیتر شامِل، تیر تہٕ ژھاوِلی
اَسہٕ سوی آمتی کرنہٕ۔ مگر یمَن ہُنٛد تعداد چھنہٕ پانژہ فیصدی
کھوتہٕ زیادٕ اوسمُت۔ شکار چھ اکثر تتھَن جانورَن
ہنٛد سپدان اوسمُت یم دوچھَن تہٕ زٕنڈن پیٹھ پلان
چھ اَسہٕ متی مگر رامہٕ ہوٚن تہٕ چھ شکار اوسمُت ۔
اَما پوٚز زیادٕ تر چھ وَن تیرَن تہٕ ژھاولین ہُنٛد شکار سپدان
اوسمُت۔ نمونہٕ سپتی چھنے ژرینہٕ وَن لگان زِ گوفہ کرالہٕ چھ
چار وأے تہٕ ژھاوِلی باڈو بڈی اَسہٕ متی مگر تیر اَسی باڈو
کنی کم۔ ژرینہٕ وَن چھنے لگان زِ کٹہٕ ماز چھ کاشرِ ہن سیٹھا
بڑو نہٕ کالہٕ پیٹھ پٔریان۔

چاروائن ہنٛدی آثار چھ سیٔدِ سیوٚد باوان زِ
کرالہٕ کامہٕ نش نچھ دورس منٛز چھ لوٚکھ شکارس پیٹھ
زوان اَسہٕ متی تہٕ چارواے سوی کرنس اوس دس ووٚتھمُت۔



فصلن اندر چھیٚ وُشکہٕ، کنکھ، موٗنگ
بیتر تم اناج یم اَتہٕ خاص طریقہٕ وَرتاوِتھ اَتھ چھ آمتی
اَکھٕتُھ چھیٚ۔ تمہٕ کِنہٕ ذاتہٕ تہٕ بدٕ درامتیٚ یمن ہُنٛد بوٗن
آباد کھۄہن تہٕ دَجن سیٚتی مخصوص چھ۔

گوڈنکہٕ مرحلہٕ پیٹھ چھ ژھینہٕ وراے
گوپھ کرالک دوٚیُم مرحلہٕ شروٗع گومت۔ دوٚیمس
مرحلس پیٹھ چھ ملبہٕ ۴۰ سنٹی میٹر موٚٹ اوسمت۔ یٚمیہ
اَندرٕ وارياه ژٕرنہٕ اَتھ چھیٚ آمتیٚ۔ امہٕ مرحلک وَق چھ
مسیحس بروٚنٹھ ۲۰۳۰ ہیوٚہ کھۄر سُپدمت۔ اَتھ
مرحلس پیٹھ چھیٚ اَتھ درامتیٚ کرالہٕ کام ظاہر گژھان۔
اَتھ آمتیٚن کترٕ ین مَنزٕ کاتر ریرسان کترٕ ین ہُنٛد
تعداد چھ ہرتہٕ شُمس ووزلہٕ رنگہٕ کترٕ ین ہُنٛد تعداد چھ
بوٚزی سٕتھے۔ بانن منٛز چھ مرتبان، لُشکابہٕ تہٕ نیامہٕ
پرژربس آسمتیٚ۔ بانن پیٹھ چھ سجاوٹہٕ کِنہٕ ژکس تل
پَنتھن ہنٛدی نشانہٕ، گُلس نش ژمچہ ہنٛدی آکار
تہٕ گاسکی نشانہٕ نظرِ گژھان۔ کترباںہٕ چھنہٕ پوٚر پاٹھی پینہٕ
اُسی میتی یوان۔

امہٕ زمانہٕ کِہن لسنہٕ بسنہٕ کہن طور طریقن ہُنٛد
پے چھ تمہٕ ۵ پیٹھ، سنٹی میٹر تام موٹہٕ باڈرن تہٕ ہے سیٚتی
لگان یُس گرچہ میٹرہ ہُنٛد چھ تہٕ چوٚنہٕ ژٕہس سیٚتی ہٕلناونہ
تہٕ کم کاسہٕ چھ یہ چینہٕ سار تے دوہن اندر وُحیبہٕ آمت۔

کینٹرن جاین چھ باڈوس پانژہ شینیہ پھر پیٹھ بنیہ باڈرنہ
آمُت۔ امہٕ وقتچ خاص دریافت چھ زٕینہٕ اندر کھارنہٕ
آمت کِنہٕ دیوارِیُس اَندٕ وَند۔ سنٹی میٹر کُشادٕ چھ۔

لسنہٕ بسنہٕ کہن دوہن ہُنٛد نظر وتلہٕ ڈلُن چھ
ہاوان زِ دوہد شیچہ زندگی ہنٛدِس طور طریقس منٛز چھیٚ
امہٕ زمانہٕ مکمل تبدیلی آمژ۔ اکہٕ دوہہ اَندرٕ چھیٚ کافی ژٕرنہٕ تہٕ
اُڈٕ دز لکر تہٕ تُنی درامژ، یٚیمہ تلہٕ نتان چھ زِ اَتہٕ چھ زبر دس
نار لوگمُت۔

امہٕ زمانکی یم چینہٕ بدٕ درامتی چھ تمن اندر چھ
اکھ کِنہٕ سٹیک، اکھ چھٹہٕ واج کرتھ کُنی، کُنوہ تینتبن
کھۄہن دتھ اُڈی جبہ وُسلہٕ، زٕ آرٕ تہٕ اکھ شنٛزاکہٕ پیچ شامل۔
یہ کنہٕ نہٕ چھیٚ توجہ طلب زٕ تیر، گُپن، ژھاولی بینٛز سوی
کرنس منٛز گو امہٕ زمانہٕ وُچھان وُچھان کافی ہُرہِ پر مگر
ژھاولین گو باڈو کم۔ جنگلی تیرن، ژھاولین ہُنٛد شکار
روٗد محدوٗد بیمانس پیٹھ سیدان۔ ہوٗنی اُڈی جن ہُنٛد تعداد
گو ہران ییلہٕ زن رامہٕ ہوٗنی اُڈی جبہ کم گییہ۔ ژھوٹو
ہہنگو چاروایِن ہنٛز اُڈی جبہ تہٕ چھیٚ اَتھ آمژ۔ دوہ زلس
ہانگلہٕ سٕنزرن، ہانگلہٕ سٕنزرن، مارخور سٕنزرن تہٕ ژھاولی
اُڈی جن ہُنٛد اَتھ یُن چھ ہاوان زِ کھینہٕ چینک خاص
ذریعہٕ چھ ماز اوسمت۔ سوی کوہ کرہ سٕنزٕ اُڈی جبہ تہٕ چھیٚ
امہٕ زمانہٕ نظرِ گژھان۔ پرانین فصلن لرِ لڈر چھ امہٕ دور گ

کرٕ تہٕ اَتھ آمُت ۔

گوٗپھ کرٛالہٕ گوٗڈنکہِ دورکہِ ترٛیٚیمہِ مَرحلُک وَق چُھ کُنہِ کالچہ پوٚختگی ہُنٛد زمانہٕ ۔ اَمہِ وَقتہٕ کیٚن ۷۰ پیٚٹھہٕ ۸۰ سنٹی میٹر موٗٹین بُستی ہٕنٛدِ ین آثارن چُھ سفیدی سان موٚٹ باڈٕرن تاہ پیٚٹھہٕ اَتہِ چھ اَمہِ وَقتکو واریاہ ژھوٚٹہ دوٗب تہٕ ژھوٚٹہ ڈیر نظرِ گژھان ۔ اَمہِ دورُک زمانہٕ چُھ مسیحس برٛونٛہہ ۱۶۰۰ ؤری تہٕ ۱۳۰۰ ؤری دَرمیان مُقرر سپُدمُت ۔

ترٛیٚیمہِ مَرحلچ کرٛالہٕ کأم چھےٚ واریاہ رٕنٛگ ہاوان ۔ اَسہِ چھ کاژرِ ین رنگ دِتھ ، کاژرِ ین کھیٚرِ ین وو زلہِ رٕنٛگہٕ بانَن لِرلوٚر کرٛیٚیہنہِ رٕنٛگہٕ بانہٕ ، ژرٛژچہ پیٚٹھ تُھرِ ہٕ آہتی کرٛہٕنی بانہٕ بُتھہِ پیوان ۔ سیکہِ مِشہِ وو زلہِ رٕنٛگہٕ

کینٛہہ کترِ تہٕ چھےٚ موقس پیٚٹھ اَتھہِ آمٕژ ۔ پرٛانین کترِ بانَن ہُرِ یمانہٕ چھ اَتھ دورس اَنٛدرگلہِ تھوٚد کترِ مَرتبان تہٕ نظرِ گژھان ۔ اَمہِ وَقتکی جلاو دِتھ ژرٛژچہ تُھری ہتی بانہٕ تہٕ چھ اَتھہِ آہتی یِمَن پیٚٹھ ڈزاین چھ بناٛدِتھ ۔

کَنہِ ساماٛنچ چھےٚ اَتھ دورس مَنٛز وِژھےٚ صِرف چُھ کنیٛو اَکھ اَڈِ گوٚر تیغ اَتھہِ آمُت ۔ اَمہِ دورکس کَنہِ ساماٛنس مَنٛز چھےٚ نیامہِ ، کاجہ وَٹہ بیترِ شأمِل ۔ اَمہِ برٛونٛہہ یِم کَنہ وُسلہِ مَنٛز آسی غأب گأہتی تِم چھ ترٛیٚیمس مَرحلس پیٚٹھ بیٚیہ ظأہر گژھان ۔ تِکلی چھےٚ اَمہِ زمانہٕ اَتھہِ آمُت خاص چیٖزٕ ۔ تہذیبی اعتبارٕ اَتھہِ آمتین چیٖزن مَنٛز چھ کترِ بالشانہٕ دار کَترِ تہٕ تِمہٕ ٹالہٕ یِمَن پیٚٹھ ڈزاین چھ شأمِل ۔ لَبنہٕ آمژ تراپچہ مَس پِنہِ چھےٚ واریاہ اَہمیت یِتھ پیٚوت اُسترادِتھ چُھ ۔ یِہ مَس پن چھےٚ تِتھ مَس پنہٕ ہسّتی زلان ۔

یِوٚسہٕ موہنجوڈاروٕ اَتھہِ چھےٚ آمژ ۔ اَمہِ دورکی چھ ۱۴۱ اُڈیٖجہ وُسلہِ اَتھہِ آہتی یِمَن تیز ٹیپنتی چھ ۔ اَتھہِ آمتین چیٖزن مَنٛز چھےٚ آرِ بیترِ تہٕ شأمِل ۔

اَمہِ دورکیٚن پُشَن اَنٛدر چھ تیٖر ، ژھاوٕلی ، چاروأے ، ہٕلوٗنی تہٕ سور شأمِل ۔ یِم ساری جانوٗر چھ سوٗی آسی مَنٛز سپتی چھ اَمہِ برٛونٛہہ تِم ساری اناج



قسم تہٕ بوٗ وان اُسی ہتی۔

چار وٲے گرٕس منٛز رٕچھنی، ترٛکُن تہٕ فصل لوننُک ساماناہ اَتھہ یُن چھُ ہاوان زِ گوپھ کرالہ کھوٗ کنہٕ کاکُل لسکپنو اُس اَتھ دوٗرس منٛز باقاعدٕ رہٲیشی زندگی اختیار کرمژٕ۔ تم اُسی باقاعدٕ پاٹھی زمین کمناوان، چار وٲے رٕچھان تہٕ پوٚٹ وونان۔ شکار اوس صرف وِہ زلس ہانگلہٕ سُند تہٕ مارخورُ سُند سیدان۔ دوٚیمو پٲشو ہُریمانہٕ چھِنے گوپھ کرالہ گاڈٕ گنڈی تہٕ خرگوش اٲڈی حبہٕ تہٕ دزامژٕ۔ اَمہٕ علاوٕ چھُ گگرن ہندی مختلف قسم تہٕ اَتہٕ اُسی ہتی۔

جانورن ہُند تعداد اوس وارِیاہ حدس تام اَتھہ مرحلس پیٹھ کم گومُت، یوٚز اَتھ ہتی اوس بیرُونی دُنیاہس ستیٚ رٲبطہٕ قٲیم گومُت۔

گوپھ کرالُک دوٚیُم دور چھُ شہمار پلن ہُند دور۔

موقس پیٹھ چھِنے اَسہٕ کھنگر کنہٕ نظرِ گژھان یمن تل ۵۰ پیٹھہٕ ۶۰ سنٹی میٹر تام موٚڈی تاہ نظرِ گژھان چھُ یمو ستی لسنہٕ لسنک پیے چھُ لگان۔ اکس لرِ شاہ پلس لش آو اکھ ژکو تجل دوب دِنہٕ یتھ ترٛے تاہ دزاے۔ اَمہٕ دوہہٕ اندرٕ دزلے وارِیاہ بڑس تعدادس منٛز ہینکہٕ یمو ستی ژینہٕ ون چھِنے لگان زِکُن چھُنہٕ زیادٕ سوٚن اوسُمت۔ دوٚیمس دوٗرس منٛز چھُ یار تاہ داہ سنٹی میٹر ہیوٚہ موٚٹ یتھ منٛزی منٛزی دوب دِنہٕ ستی ژھہن چھُ لوگمُت نتہٕ چھُ بور اندٕ وندٕ اکے چالہٕ اوسُمت، دوہو اندر چھُ کینٛژن دوہن ہُند استعمال ژھوکھ تہٕ کوڈٕ سوٚمبرنہٕ باپتھ سیدان اوسُمت، ژھوٹہٕ دوہو اندرٕ چھِنے وارِیاہ کترِ تہٕ اٲڈی حبہٕ اَتھہ آمژٕ۔ پتمس دوٗرس منٛز لوسہٕ ذاژ وار کرالہٕ کام مروج اُس سو چھِنے دوٚیمس دوٗرس منٛز تہٕ چلان روزمژ مگر دوٚیمس دوٗرس منٛز گٹہٕ وِہ زلہٕ رنگہٕ تہٕ ژرچہ پیٹھ نُقرنہٕ آمژ کرالہٕ کامہٕ ہُند مقدار چھُ ژوٚر۔ بانن اندر چھُ مرتبان یمن وٚندرٕ بنے سوٚم چھِنے۔ گلہٕ تھدی جار، بشکابہٕ، نیامہٕ، کینژ، گول مرتبان تہٕ دوٚیمی بانہٕ تہٕ چھِ ہتھہٕ پھوان۔ بانن چھُ گلس پیٹھ ژچہ ہندی تہٕ گاسہٕ ہرٕ ستی لگہٕ متی نشانہٕ نظرِ گژھان۔ گدی دار گول کنین ہُند تعداد چھُ ہریومُت یمو اندرٕ



چھٕنۍ کینٛہہ جلاو دِتھ تہٕ کینٛہہ پھُٹہرِ. کَنہٕ سِکو چھ کَم کاسہٕ
غاٗب گاٚمتۍ. دۆیِمِن چیٖزَن مَنٛز چھ ترٛامُک سُٹیک،
ہاٚچُو مالہٕ پھوٗل، کاجہٕ وَٹھ، لوٗکُٹ زرٕد گٔرِتھ ترٛکُن تہٕ اَکھ
لوٗکُٹ بانہٕ شاٲمِل. نوٗکتہٕ چھٕنۍ یہٕ زِ اَسہٕ چھٕنۍ وَسہٕ دار
اُڈۍ جَن ہٕنٛز کینٛہہ تھَپہٕ دۆیِمِس دورَس مَنٛز بُتھہٕ
پیوان. اَکھ نفیٖس کاٚنٛٹھٕ اَر چھٕنۍ اَمہِ دورٕچ یادگار.
پرٛانین اَناجَن لِہ لوٗر چھ دۆیِمہِ دورٕکِس سورَن کالَس مَنٛز
گوٗپھ کرالہٕ دانہٕ تہٕ دۆیُم اَناج تہٕ بوٕوان. یِمَن اَندر چھ
گوکہٕ رُسٕنٛد اِضافہٕ سَپدان، باسان چھ زِ بسکیٛنو چھ شِکار
کَرُن ترٛوومُت. اَمہِ دورٕچہ چھٕنۍ صِرف مارخہٕ رٕاُڈۍ جَبہٕ
اَتھ آمٕژ.



گوٗپھ کرالُک ترٛیٛیُم دور چھ توٲرٟکھی دورٕچ
نِشاندِہی کَران. اَسہٕ چھ سفیٖدی سان مێٚژہٕ ہُنٛد
باڈرَن تاہ اَنٛدہٕ وَنٛد دٕریٛنٛٹھ یِوان یِیٛمی شہہار کِل
دورَس یہٕ ڈٕپِ زِ تہٕ وُرٕن چھ کوٚرمُت. اَمہِ
دورٕکۍ آثار چھ صِرف فَرشہٕ کِس صوٗرَتَس مَنٛز اَتھ
آمٕتۍ. توٲرٟکھی دورَس مَنٛز چھٕنۍ اَتھٕ چہٕ کرالہٕ کامہٕ
سِیتۍ ژٕژہٕ ہُنٛز کرالہٕ کاٚم تہٕ نظرِ گژھان. یوٚسہٕ
گٔرٕژنہٕ کِنۍ ژٕر تہٕ بہتر چھٕنۍ. کرالہٕ کامہٕ مَنٛز چھ بُشکابہٕ،
مَرتبان، نٔکۍ بانہٕ، ژٲنٛگی، گَملہٕ چالہِ بانہٕ، رِکابہٕ، تھَپہٕ دار
ٹھانہٕ، اَنٹۍ، حاشیہٕ دار بانہٕ تہٕ کھٕنٛژہٕ شاٲمِل. روغنی
بانَن ہٕنٛز کَترٕ تہٕ چھٕنۍ اَتھ آمٕژ. یِمَن ٹھَپہٕ سیتۍ نقش نِگار
گٔرِتھ چھ، اُڈِگٔری اُڈۍ جبہٕ سِکۍ، اَکھ جَلاو دِتھ اُڈِجہٕ ہِشٕرٕن،
زٕدی دار گول کَنہٕ، کاجہٕ وَٹھ، کینٛہہ کَنہٕ سِکۍ تہٕ اَکھ کَترٕ وٕبُڈ
دٲیِرہٕ چالہِ ٹاٚل ہِشہٕ تہٕ چھٕنۍ اَتھَس مَنٛز آمٕژ. اَتھی دورَس
مَنٛز چھ گوٗپھ کرالہٕ شیٖشترہٕ تہٕ ظاہِر گژھان. ژرٛاٚنی ساری
اَناج چھ بوٕوان، تہٕ دانہٕ کاشت سَپدُنُک چھ اَمہِ
دورکہٕ سَنہٕ تہٕ نِش شَقہٕ ثبوٗت میلان. اَمہِ دورٕچہ تیٖرَن،
ہونین، ژھاولین، سورَن، بٕرارِن، کوکرَن تہٕ اَنہٕ گٔگرَن
ہٕنٛز اُڈۍ جبہٕ چھٕنۍ کھُدایہٕ دوران گوٗپھ کرالہٕ اَنٛتھٕ آمٕژ.

(ام. ل. س)

کتاب نامہٕ:

*Debala Mitra: Ed. Indian Archaeology, A Review 1981-82.

# لامایُر

لامایُر گمُپہٕ چھُ سپدٕ پتھر منز لیہہٕ پیٹھٕ ۹۶ شُنمتھ کلومیٹر دوٗر تٕژواہ ساسس ژور ہتھ تہٕ دوہ تژہہ ( ۱۳۴۳۲ ) فُٹہٕ تھزرس لامایُر چھُ ۵.۷۶° طول بلد تہٕ ۲۰ ،۳۴ عرضِ بلدس درمیان بُستھ۔ تھزرس آستہٕ سببہٕ چھُ لامایُر گمُپہٕ سالاٗنین دوٗری یوزنہٕ یوان۔ ۱۹۶۲ء تام اُس گمُپس نکھہٕ ٹُٹ والین ہنٛز تھکہٕ پێنڈ۔

لامایُر چھُ بروک پا فرقس سٟتی تعلق تھاوان۔ یُس تبتی بُدھ متکُ اکھ شاخ چھُ یتھ کھے۔ گے۔ پا دنان چھ۔ اَمہِ سِلسِلکر بانی کار چھُ تانترک ووستاد تِلو پا تہٕ تٔسٕند ژاٹھ نروپا اوسُمت۔ تبتہٕ پیٹھٕ آیہِ اَتھ سِلسِلس گُر نروپاسٕندیو پارو کارو جانہٕ مالہٕ حفاظت تہٕ اَمہِ سِلسِلچ تعلیم عام کرنہٕ باپتھ کرِکھ ژشے سکوٗل قایم۔ یمہٕ نے سکوٗلن منٛز آو بروک پا سکوٗل تہِ قایم کرنہٕ۔ یتیمچ بُنیاد (۱۲۱۲-۱۱۴۳ء) منٛز جگ تن گُپس تراو۔

لامایُر گمُپہٕ (خانقاہ) چھُ دوٚن بالہٕ نیٚزن بوٚنہٕ کنہٕ۔ یہ چھُ مغربہٕ پاسہٕ سوٗرے حاطہٕ بنٛد۔ اَمہِ کس جنوٗبس کُن چھُ دُکھانگ (اَسمن ردق) تہٕ دچھنہِ پاسہٕ اولوکیشور مندر۔

لامایُر گمُپس منٛز چھِ کُل پانٛژھ چُرتن (مندر) یمَن منٛز بودھ دیوتاہن تہٕ تانترک دیوی ہن ہنٛز مُرژ چھےٚ۔ یم ساری چُرتن چھ بالہٕ چہٕ اٹھ مُرژ میٚژ ہنٛدی۔ اَکِس لوکٹِس چُرتنس منٛز چھےٚ کینہہ تژھہ مُرژ موجود یمہٕ رینچن زنگپو ہٕندِ دٔ قتیج باسن دِوان چھےٚ۔ یمہٕ نے مُرژن منٛز چھےٚ وروچن ہنٛز مُرتھ سٕہس پیٹھٕ بہتھ نظرِ گژھان۔ مُرژ منٛز چھُ وروچن اَکِس اَتھس منٛز جوٗری (سمندری دیوتا) ہیتھ ہاونہٕ آمُت۔ دیوتاہن چھُ اَنٛدی اَنٛدی منڈُل بناوِتھ۔

چُرتن چن لبن پیٹھٕ بناوِتھ منڈُل تہٕ ژتھر کاٗری چھےٚ شاکھیہ مُنی (مہاتما بُدھ) سٕنٛز زندگی ہنٛز لوٚبہٕ وٕنی منظر کشی۔ بُدھس سٟتی وابستہٕ یم ژتھر چھ چُرتنس اَژوٗن دچھنہِ پاسہٕ۔ اَتھ ژتھر کاٗری متعلق چھُ محققن ہُند خیال زِ باتہٕ چھےٚ یہ ژتھر کاٗری تمن تبتی ژتھر کارن ہٕندِ محنتُک ثمر یمو ہندوستاٗنی روایتُک



کتاب نامہٕ :

*Franche: History of Ladakh
*Snellgrove: Cultural Heritage of Ladakh II



## لدٕو مندر

بالہٕ دامنس تَل آباد لدٕو چھُ سرینگرٕ پیٹھہٕ ۳۵ کِلومیٖٹر دُور کھڑوٕ وَس تہٕ شارَس دَرمیان آباد۔ اَتھ گامَس اَندر اٰسی پرٛانٛی زِمَنٛدَر، یِمَو اَندرٕ چھُ بۄڈ ہیوٗہ مَنٛدَر اَکِس وۄہ گَنٛس تلاوَس مَنٛز باگ یَتھ مَنٛزٕ سُہ آب سَمان چھُ یُس اَمہِ کِس شُمال مَشرقی کوٗنَس تَل چھُ وُزان۔

تلاوَس مَنٛز باگ تعمیر کرنہٕ آمُت مَنٛدَر چھُ سیٚود ساد تعمیر تہٕ یہِ چھُ نیٚبرٕ نیٚبرٕ ۲۵ فُٹہٕ مُربع۔ ییٚمہٕ تہٕ شَکلہٕ صوٗرَژ کِنی چھُ لدٕوُک مَنٛدَر کٔشیرِ ہِنٛدیو تمام پرٛانیو مَنٛدَرو نِشہِ بیٚون تہٕ بدٕلُن۔ لیکن ہُنٛد نیٚبرٕ کِنی چھۄن تہٕ چھۄت اُسُن چھُ تِمہٕ کَرو چہٕ سٕتی کَم گژھان یوٚسہٕ تژٕ دارِ بن کَنِہ بن ہُنَر چھےٚ۔ مَنٛدرٕکِس گَنٛس کَنِہ بن ہُنَر لاد چھےٚ شۄبہٕ دار مگر اَنٛدَرٕ ہِنٛدی ژیٚتی چھِ بِلکُل سادٕ یِم لَبوٗتش رَژھ کھَنٛڈ نیٚبرٕ چھِہٕ۔

علم مَنٛز ایشیاہَس مَنٛز حٲصِل اوس کوٗرمُت۔ نَتہٕ چھےٚ یہِ کٲشرِ بن ژِتھر کارَن تہٕ فنکارَن ہُنَر کامِ مِیٚن تِبتی اَتھہٕ روٗٹ کرُنٕس آسہٕ ہَن۔ یِم اٰسی تِمےٚ کٲشرِ فَنکار یِمَو ژِتھر کٲری ہُنَر ردایَتھ تبت تہٕ شُمال مَغربی علاقَس مَنٛز واتناو۔ مَنٛز ایشیاہَس مَنٛز چھُنہٕ اَمہِ قِسمُک کانٛہہ نمونہٕ نظرِ گژھان۔

یہِ کَتھ چھےٚ ژٕہ تنَس تھَونٛس لایق ژٕ ژِتھرَن ہُنٛد تعلق چھُ رینچِن زَنگپو سَنٛدِس زمانَس سٕتی۔ چُرتَنَس کھووَرِ پاسہٕ سُمَن رَوق (دُکھانگ) چھُ سورُے نوٚو تصویرَو سٕتی سجاوِتھ۔ اَمہِ کِہ دَچھنِہ پاسہٕ چھےٚ اَکھ گوٗمپھ یَتھ نروپا گوٗمپھ وَنان چھِ۔ یَتھ مَنٛز نروپا مریا تہٕ مِل رسیا سٕنٛز مُورژ چھےٚ۔ (م ع)

مَنٛدرَس چُھ جنوٗب مغرِبَس کُن دَرواز یتھ ہٮ۪نٛگَس
پیٹھ اَڈٕ ژٔرکرٕ چُھ بَناوِتھ۔ ژٔنٛدرٕ چالہِ محرابَس پیٹھ چھےٚ
ترٕ وُترٕ کھارِتھ یوسہٕ زیادٕ نُنبر چھےٚ۔

مَنٛدرٕ چُھ اَنٛدرٕ اَنٛدرٕ گول تہٕ اَتھ چھےٚ ۱/۲ ۱۷ فُٹہٕ
گولأیی۔ گولأیی ہٕنٛدِ حِسابہٕ چُھ لدُوی مَنٛدرٕ شنکر آچاریہ
(جیٚشٹ رُدّرٕ) مَنٛدرَس ہِتی رَلان۔ اَنٛدرٕ کِنہِ تہٕ
چھےٚ مَنٛدرَس لَبہٕ بِلکُل سادٕ، اَلبتہٕ چھس سوٗتھرٕ ہیوٚر
داہ فُٹہٕ ہانٛکلہٕ چالہِ لاد کٔڈِتھ یتھ پیٹھ اَمیُک قُبہٕ
چُھ دٔرِتھ، یُس ڈٕلامہٕ رسان چُھ۔ اَنٛدازٕ چُھ زِ اَتھ آسہِ ہے
وانٛگت مَنٛدرَس ہِتی ہشٕر۔

مَنٛدرُک تعمیر چُھ اَڈلیوٚکے رٕوٗدمُت یٔمیُک
باس تمہٕ دلیو تہٕ دٔرزٕ ہِتی لگان چھُیم مَنٛدرٕ تعمیر
سٔپدِتھ پَتہٕ پُرٕونے چھ رٕوٗدی متی۔

مَنٛدرٕچ تعمیرِی سادگی وُچھتھ چُھ اَنٛدازٕ زِ مَنٛدرٕ
چُھ کٔشیرِ ہٕنٛدین مَنٛزٕ کالہٕ کین مَنٛدرَن اَنٛدرٕ سارِوٕے
کھوتہٕ پرٛون تہٕ اَتھ دورَس مَنٛزٕ مروج تعمیرِ کأری ہٕنٛزٕ
روایَت چھ اَچھَن برٛونٛہہ کُن اَنان۔ لدُوی مَنٛدرُک
طرزِ پوٚک مارتنٛڈ تہٕ وٕوٗنتی پور مَنٛدرَن ہٕنٛدِس صوٗرتَس
مَنٛزٕ برٛونٛہہ کُن۔

مَنٛدرَس اَنٛدرٕ اَنٛدرٕ تلاو چُھ صِرف کٔژ تام آنٛچہِ
سوٗن یتھ اَنٛدرٕ رَنٛگارنٛگ گاڈٕ چھےٚ۔

ہیوٚر بالَس کُن چُھ مسجِد ہِتی بِناکھ مَنٛدرا اُمُت
یُس کَم کاسہٕ بٔڈِس مَنٛدرَس ہِتی رَلان اوس۔ یہٕ مَنٛدرٕ
چُھ تعمیرَن اَنٛدرٕ پاترَن ہٕنٛدِ ابتدأیی استعمالُک مِثال۔
سوأتَس اَنٛدرٕ گُنٛزٕ یار وِہار چُھ لدُوی مَنٛدرَس ہِتی رَلان،
یتھ متعلِق اَنٛدازٕ چھوٗزِ یہٕ چُھ ژٔنٛژِمہِ صدی ہُنٛد تعمیر،
اَتھ بُنیادَس پیٹھ لدُوی مَنٛدرٕ شیٚیمہِ صدی ہُنٛد تعمیر مانُن
چُھ اَنٛدازَس نکھہٕ۔

(م۔ ل۔ س)

کتاب نامہٕ:


※Bamzai P.A.K. Archaeological Remains in Kashmir
※Kak R.C. Ancient Monuments of Kashmir
※Stein: Ancient Geography of Kashmir




# لیۆدرِ پتھرٕ ہنٛدی کَنہٕ کالی آثار

پہلگامہ تہٕ لیۆدرِ ہنٛزِ پتھرِ مٔنز چھہٕ گوڈٕ کَنہٕ کالکی آثار، تمو خشارو أندرِ اَتھ آمتی یمن ہُنٛد تعلق دۆیمس شیٖنہٕ کالس تہٕ اَمہِ کِس مٔنزی مس حِصس سیتی چھُہ۔ پہلگامہ چھُہ اَمہِ دورُک اَکھ کَنہٕ تیغ آمُت اَتھ یِیلہِ زَن ہیوٚر لیۆدرِ پتھرِ مٔنز دۆیمہِ کَنہٕ کالکہِ دَرمیانی دورچ اَکھ کٔرٕ تہٕ کاتُر میٛیٹرٕ ہٕنٛدی تاہ وُچھنہٕ چھہٕ آمتی۔ کَنہٕ تیغ چھُہ بٔنے سو مہ کھٔنگرٕ ہُنٛد یتھ اَکہِ کھوتہٕ زیادٕ جایَن دار چھٕنے گَنڈتھ۔ اَتھی علاقس اَندر چھُہ مالیشو رٕ مٔندرس أندیٖ یکھی بَرٕ دَہہ کالہِ کَنہٕ ساماناہٕ گرنہٕ اوسمُت یوان۔ مٔندرس نکھے ٹینگس چھٕنے وو ڈی یارِ کھٔر مٔر۔ اتہٕ پیٹھٕ چھٕنے لیۆدرِ ہنٛز پتھرِ پیٹھ نظر پیوان۔ ٹینگرِ پیٹھ یم آثار بَرٕ چھہٕ دٔرامتی تِمن مٔنز چھٕنے رِکابن تہٕ بُشکابَن ہنٛز کھٔنجرٕ، کھمبرٕ اَڈٕ گرٕی بُشکابہٕ تہٕ رِکابہٕ بیتر شأمِل۔

قدیم آثارَن ہٕنٛدِ بِن ڈاکٹر سنکلیا ہِوَن ہٕرن ہُنٛد چھُہ پیتہٕ وَنُن زِ سائنس مُلکس مٔنز یمن جایَن ابتدائی انسانَن زایُن لوٚب تِمن مٔنزِ چھٕنے لیۆدرِ ہنٛز پتھرٕ تہٕ سون دُری یادٕ وک علاقہٕ گوڈٕ أنوار یوان۔ (م-ل-س)

کتاب نامہٕ:

*Gosh A: Ed. Indian Archaeology, A Review, 1965-66

# مارتنڈ ــ نوکھُدائے

مرکزی آرکیالوجکل سروے یہ کٔر مٔٹن وُڈٕر پیٹھ مارتنڈ مٔندرس ڈُچھنہٕ أندٕ پیٚمہٕ صدی ہٕنٛدِس اُستٕرِمس ڈٕہرِس مٔنز تجرُباتی کھُدائے یِیمِچ نگرأنی ٹی۔ این۔ خزانچی تہٕ سَرداری لال شالی اُسی کَران۔ تجرُباتی کھُدائے کٔرتھ سٕپدی تِمن اَتھ جایہِ کینٛہہ تِتھی چیٖز حأصِل یِمو سیتی کٔشیرِ ہٕنٛدِس پَتہٕ کالہِ کِس دورس مُتعلق زان کأری سپدان چھٕنے۔

گوڈٕ نیٖتھے دٔرائے میٛیٹر تلہٕ پرٛانہٕ کٔنٛکی آثار یتھ کُن کلہٕنَن یہ وُنتھ اِشارٕ چھُہ کوٚرمُت زِ مارتنڈ مٔندر چھُہ پرٛانِس کھنڈراتَن پیٹھ تعمیر آمُت کرنہٕ۔ پرٛانہٕ کٔنٛکی آثار اُسی سوٚتھرِ بوٚن ۱.۳ میٛیٹرٕ کھُدائے کٔرتھ چھہٕ تِم چیٖز بَرٕ دٔرامتی یم آبادٕ بٔسی تِمَن مٔنز چھہٕ آسان۔ دۆیمہِ وارِکی چیٖز چھہٕ سوٚتھرِ بوٚن ۲.۶۵ میٛیٹرٕ سٔنرِس تام





اَتھِ آہتی تہٕ اَمہِ بعٕد چھُ اصلی سۅتھُر۔

سۅتھرِ تل ۲.۴۰ میٹر ڈرامٕژ زِ بجہٕ دۄنٛچہِ چھِنہٕ گوڈٕ رچہِ لَٹہٕ کٔشیر مَنٛز اَتھِ آمٕژ۔ دوٚ بوٚ اُندرِ رچھنہٕ تعمیرن ہٕنٛدی آثار ڈرامتی۔ کھُدایہ دوران چھِنہٕ اَکھ کُنترِ مُرتھ تہٕ اَتھِ آمٕژ یَتھ پیٹھ باٗرٕ رۄروٚپہ شوٗنٛزٕ ٹُھہرٕ شبیہہ چھِنہٕ بنأوِتھ۔ تاہ بتاہ یِم کُنترِ چینٛز نُنی ڈرامتی چھِ تِمَن مَنٛز چھِنہٕ وہِ زلہٕ رنٛگہٕ تَنہٕ کُنترِ ہِنٛز کہٕنٛز، کٔنٛز یَہنہٕ زاأدی جہ کُنترِ ہٕنٛدی بُشکابہٕ تہٕ سنگہٕ مشہٕ وہ زچہِ کُنترِ ہِنٛز نیأمی تہٕ شوخ وہِ زلہٕ رنٛگہٕ کُنترِ ہِنٛدی لوکٹی بانہٕ شأمِل۔ مٔمُلی رنٛگہٕ اَکھ کُنترِ چھِنہٕ موٗقس پیٹھ اَتھِ آمٕژ۔ (م ل س)

کتاب نامہ :-

*Thapar: Ed. Indian Archaeology, A Review, 1976-77.

# مان سَر آثار

مان سَر چھُ جیٚنیہٕ کِس مشرقس مَنٛز ۵۹ کلو میٹر دوٗر۔ یہ سَر چھُ دوٚن میل زیٚوٹھ تہٕ اوٚڈ میل کھوٚل۔ روایتھ چھِنہٕ زِ یہ سَر چھُ شیشناگس پتہٕ دوان ارجن ہٕنٛدِ تیر ہٕتی وُجوٗدس آمُت۔ ناگ رازس شِکست دِنہٕ خأطرٕ وۄتھ سُہ مان سَر کِنی پاتال سَر بِن سَر کِنی کھوٚت والِس۔ وَنہٕ چھُ یوان زِ لفظ ڈوگرُک آگُر چھُ "دوگرٕت" یعنی زٕ کھوڑٕ۔ یِم زٕ کھوڑٕ چھِ مان سَر تہٕ سَرین سَر۔ مان سَرکِس بٔٹھس پیٹھ چھُ اَکھ پرانہٕ محلہٕ خانکی آثار یَتھ سیٹھا جان موٗنی زٕتھر چھُ اُسی مَنٛز۔ آثارَن نکھے چھِنہٕ بیاکھ مَندوٕ یَتھ مَنٛز شیشناگ یاترایہِ ہٕنٛدی نہٕنت چھُ روزان۔ سَرس نکھے چھِ اوماپتی مہادیو، نرسمہہ تہٕ دُرگایہِ ہٕنٛدی واریاہ پرأنی مَنٛدر۔ اَتہِ چھُ زیٚٹھ زوٚنہٕ پچھُ سَتَم دوہ بوٚڈ مألہ لگان۔ یَتھ مَنٛز شأمِل سپدن وألی نزان گنٛدان تہٕ گیوان چھِ۔ سَرس اَنٛدی اَنٛدی ٹرینٛدی کھِین ڈیُن چھُ تازٕ کار نیٚتر گرأکَن ہٕنٛدِ باپتھ رُت یوان مانِنہٕ۔ بٔرۄنٛہہ کالہِ چھُ مان سَرُک اَنٛدی پَکھی علاقہٕ نیل پور ناوِ ویٚود اوسمُت۔

راج ترنگنی مَنٛز چھُ اَمہِ علاقُک ذکر نیل پور تہٕ باپہ نیل ناوِ آمُت۔ کٔہِ مہٕ صدی عیسوی مَنٛز اوس اَمہِ علاقُک راز کِرتی راج۔ کِرتی راز ہِنٛز کوٗر بھوٗن



أَسِ کٲشیرِ ہِندِس راز کلشَس (۱۰۶۴-۹۰) نیتھرِ

ڈوٗگرِ دورَس مَنٛز اوس یہِ علاقہٕ راجہ سوچیت سِنگھَس (۱۸۲۲ء) ماتحت تہٕ تٔمۍ آسہٕ سَرِ بٹھَس پیٹھ واریاہ سَرایہٕ تعمیر کَرَمٕژ یِمَن پۆرانَن مَنٛز درج واقاتَن پیٹھ مَبنی سیٹھا جان مۆنی ژِتھر بَناوِتھ أَسۍ۔ یِمَن ہِندۍ آثار تہٕ چھ اورِ یور ژھکرِتھ۔ موقس پیٹھ مۆجوٗد مَنٛدر چھ سیٹھا پژاۆنۍ باسان۔ (م۔ل۔س)

کتاب نامہٕ:


*Stein: Kalhana's Rajatarangini
*Stein: Ancient Geography of Kashmir


## مخدوٗم صاٰبُن

وچھو "زیارت شیخ حمزہ مخدومؒ" (جِلد ۱)

## مزارِ سیّد حسین منطقیؒ

سیّد حُسین منطقی سُنٛد مقبرٕ چھُ سرینگرِکِس مہراج گنج محلَس مَنٛز مزارِ سلاطینَس اَنٛدر۔ سیّد حُسین منطقیؒ اوس سیّد نورالدیٖنُن نیٚچُو تہٕ سیّد تاج الدیٖنُن زُر۔ بیہقی یِم بُزرگ سادات آسۍ اصلی وَطنہٕ پیٹھہٕ پَنُن عیال ہیتھ ہِجرت کٔرِتھ سُلطان سِکندرِ سنٛدِس دورِ حکوٗمتَس (۱۳۸۹-۱۴۱۳ء) مَنٛز کٔشیر آمتۍ۔ یِمَن یِم عزتھ سان رٔٹی۔ بلکہِ سیّد محمد کانٛد ہاکی ہِشٕرِ کورِ کوٗرِ کھ سُلطان زین العابدینَس سٕتۍ نیٚتھر۔ سیّد حُسین منطقیؒ اوس علمِ منطقُک عالم تہٕ فاضل۔ یِمَن کِنۍ ہیٚنٛدِس خاندانَس منطقی ناو پیو۔ اَما ناسازگار حالاتو کِنۍ دٕراو سیّد حُسین منطقیؒ کٔشیر تراوِتھ تہٕ دوت چاوچہٕ ناوی گامَس مَنٛز یِتہٕ یِہنٛدی والِد بزرگوار رحمتِ حق سپدی۔ یِیلہِ زین العابدین (۱۴۲۰ء) مَنٛز تختَس بیوٚٹھ، تٔمۍ کوٚر کٔشیرِ یِنہٕ باپتھ مجبور، یِمہِ کِنۍ سُہ کٔشیرِ پھیرِتھ آو تہٕ یِتی اوسُو سپدی۔ (ش۔ل)

کتاب نامہٕ:


*Dedamari: Tarikh-i-Aazmi.
*Hasan: Asrar-ul-Akhyar

# مزارِ مُلّا محسن فآنی

مُلا مُحسن فآنی سُند مقبرٕ چھُ سرینگرٕ گرگڈی محلہٕ وٕنیتھ ہٕنڈِ کھوورِ بٔٹھہٕ۔ اتھ مزارس چھ مُسافرٕ مزار وَنان۔ زانٕہ کٲلس نکھٕ گرُی گڈی محلس اَسی بزرٕگ قُطب الدین پٲر وَنان۔

محسن فآنی اوس کٔشیرِ ہُنْد مشہوٗر فارسی شاعر تہٕ عالم۔ شیخ یعقوب صَرفی سُند اوس شاگرد۔ غنی کشمیری اوس فآنی سُند شاگرد۔ مزید علم حاصل کرنہٕ خاطرٕ گو فآنی صاب کٔشیرِ نیبر۔ بلخس منٛز کٔر تِمس نذر محمد خانَن حدٕ روٗس قدر ییمہ سٟدس مدحس منٛز تِمی قصیدٕ لیٛکھ۔ ہندوستان واتِتھ بنیوو سہ شاہ جہانَن (١٦٣٩ – ١٦٥٧ء) الہ آباد کہ صدر۔ شہزادہ مُراد بٔنْدِ بلخس منٛز نذر محمد خانَس شکست دِنہٕ پتہٕ آو فآنی نوکری منٛز کڈنہٕ۔ کٔشیرِ ینہٕ پتہٕ تہٕ رُود سہ کینٛژَس کالس صدر۔ یتھ دوران تمی اَکھ مدرسہٕ قایم کوٗر۔ فآنی صاب گُزرِیو ١٦٧١ ہس منٛز تہٕ آو گرگڈی محلہٕ مسافر مزارس منٛز دفن کرنہٕ۔ تمی سٕنٛز قبرٕ چھِنے مزارٕ ڈٕنٛڈس پیٹھ وٕنیتھ کُن گژھہ وُن ڈٕچھنہٕ پاسہٕ، یتھ پیٹھ پژرون گرایہ دار پیٛور وُنہ تہٕ موجود چھُ۔ ریاستی کلچرل اکیڈیمی چھُ حال حالے فآنی صآبُن مقبرٕ نوٚو سرٕ تعمیر کرنک فاصلہٕ کوٗر مُت۔

(م۔ ا۔ ا)

کتاب نامہٕ:

*Sufi: Kashir II
*Sarwari: Kashmir Mein Farsi Adab



# مست گڈھ (مسجد)

روایژ موجوب چھنے جینیمِ مست گڈھ مسجد نہٕ ہتھ وری کھوتہٕ زیادٕ پرٲنی۔ یہ چھنے جینیمِ تواریخی مسجد ییمیُک تعمیر کار راجہ رنجیت دیو (١٧٣٥ – ٨١ء) گنزرنہٕ چھُ یِوان۔

مسجد چھنے ٧٠ فُٹہٕ زیٛٹھ تہٕ کھجر چھُس ٢٨ فُٹہٕ اندری

أنٛدری چھُس زیچھر ترٛہاٹھ فُٹہٕ ژور آنٛچہ تہٕ کھجر اکوٗہہ
فُٹہٕ ژور آنٛچہ۔ گرٕ تھکہٕ اعتبارٕ چھِ اَتھ ترٛنے ہوی
طاق یِموٕ منٛنٛز چھُ منٛنزِیُم، افُٹہٕ تھوٗد تہٕ داہ فُٹہٕ
کھوٗل، ییلہٕ زِن اَندن ہنٛدی طاق ۱۴ فُٹہٕ تھدی
تہٕ ساڈ سہ فُٹہٕ کھُلی چھ۔ مسجد چھےٚ اَندرٕ محراب دار
شاہ نشینوٕ سیتی ترٛین حصَن منٛنز باگرتھ۔ پرٛتھ باگس
چھُ پیٹھہٕ قُبہٕ چالہٕ پُش۔ منٛنزِیُم قُبہٕ چھُس زیادٕ ہَن بوٚڈ
تہٕ تھوٗد ییٚمہ کِنی یہ زیادٕ رے توٗن چھُ۔ پرٛتھ قُبس چھُ
نقش نِگار کٔرِتھ داتکی ٹوٗری اَسی متہِ لاگتھ۔ اماپوٚز ووٚنی
چھےٚ ساٗرے نقش کاٗری نُہوٗنہٕ آمٕژ۔ اَز چھِ قُبوٕ نیبر
ژُھری سیٚخ وٕزینٛٹھ لیوان۔ (م۔ ل۔ س)

کتابیات:

*Sharma N.D. Dogri Folk Literature and Pahari Art.

## مسجد بابا داوٗد خاکیؒ

شیخ حمزہ مخدوٗمؒ سٕندِس خلیفہ
اول بابا داوٗد خاکیؒ سٕنٛز یہ مسجد اُس ناگر نگر قلاے کہ
باچھ دَرواز اَژُدن کھوورِ پاسہٕ۔ یہ مسجد کٔر خاکی
صاٗبن پنٕنِس شفیق پیرٕ سٕندِ لولہٕ تمہٕ پتے
تعمیر ییلہٕ مخدوٗم صاٗبن ۱۵۶۴ء (۹۷۲ھ) ذام کٔر
مسجد بَناونہٕ آو۔

بابا داوٗد خاکیؒ سٕنٛز مسجد اوس حمام تہٕ سیتی۔
مسجدِ دَروازٕ اَژُون کھوورِ پاسہٕ اوس مسجد شیرٕتھ تہٕ
پیرتھ اکھ ہرِس آٹھ فٹہٕ زیچھر تہٕ پانژہ فٹہٕ کھجر اوس۔
اَتھ جنوٗبہٕ پاسہٕ اُس درشن دار تہٕ درشن دارٕ سیتی
اُسس پینٛڈ کھارتھ۔
اَتھ مسجدِ اُس اَوٕکِنی سیٹھہ ہے اہمیت
تِکیاز ییلہٕ ییلہٕ تہٕ مخدوٗم صاٗب کُنہٕ جایہ پیٹھہٕ پھیرتھ
یِوان اوس۔ سہ اوس اَتھ مسجدِ منٛنز ہنا قیام کران تہٕ
عقیدت مَندن ہنٛز یُتھ بر آسنہٕ کِنی اُسی رتم
درشن دارٕ پیٹھہٕ ہتہٕ تِمن تسلا کران۔
یہ مسجد اُس عام رٔیش طرزِ تعمیرٕ چ باوتھ
کران۔ اَمیُک ژوک اوس پوٚختہٕ چِنایہ مُنٛد تہٕ باقے
سوٗرے لداو اوُس ہُپراجی سیرہٕ بن مُنٛد۔ اَتھ اوس
چار بام بُرزٕ پُش ییتھ اکبر شاہ فاروقی ناوکی اَکی مُقامی
بُزرگن ۱۹۵۸ء منٛنز ٹین دیت۔
یہ مسجد تعمیر سپدنہٕ پتہٕ تقریبن ترٛہہ وری
آو ناگر نگر قلاے ۱۷۹۰ء منٛنز مسجدِ ہنٛد شُمال مشرقی
کوٗنہٕ طرفہٕ ہنا کوب کٔرتھ بَناونہٕ۔ ییٚمہ کِنی مسجدِ
ہنٛدِس جنوٗب مشرقی کوٗنس تہٕ ناگر نگر قلائِس صرف
ڈایہ فُٹہٕ فاصلہٕ روٗد۔ راجو تہٕ مہراجو کریایہ سٹرکہٕ
وُسعت دِنہٕ موکھ یہ مسجد ڈالینچ کوٗشش مگر لوکھ

گے نہٕ تتھ پیٹھ آباد۔

۱۹۷۰ ءَ منٛز ننیہ یہ مسجد مخدوم صابنہٕ انتظامیہ کمیٹی پننِس تحویلس منٛز تہٕ کرِکھ شہید۔ اَزچھتہٕ اَمکی آثار کُنہٕ تہٕ لبنہٕ یوان۔ (ع۔غ۔ن)

کتاب نامہٕ:

*Hasan: Tarikh I, II
*Hasan: Asra-rul-Akhyar

## ملنگ پور ستوپ

ملنگ پوٗر چھُ ونیتھ ہنٛدِ کھووُرِ بٹھہٕ وۄنتی پورہٕ پیٹھٕ ترٛے میل دوٗر کوٚیل وُڈٕر ہنٛدِس دامنس تل۔ گامس ستی چھِ وُڈرِ پیٹھ منٛز کالہٕ کہ اکہ ستوٗپکی آثار۔ اکثر آثار چھِ آورِ واورِ گامتی۔ مگر ستوٗپُک مربع کُن چھُ ڈیٚنجہ لِیُس اَتھ منٛز کالہٕ کِنہ یتھنے تعمیرن نکھہ چھُ اَنان۔ ستوٗپُک کُن چھُ دوٚ یو اَندہٕ چھِجل۔ ستوٗپس چھِ ہیرِ پاوی بُڈی بُڈی یوستی اَندازٕ چھُ سیدان زِ اَصل تعمیر چھُ باڈو بوڈ اوسمُت۔ آثارن ہنٛد ساروے کھوتہٕ دلچسپ چیز چھِنے سوٗ مرنٛڑگرٕی یوسہ ہیرن نیٚبری لاگتھ کنہٕ دِلن کرِتھ چھِنے۔ ہیرِ ہنٛزن کھووُرِ اَندچن پاترن ہنٛز سارِیے کھٔنجِ چھِنہٕ موقس پیٹھ موجود۔ مکمل صوٗرتس منٛز چھُ پاترن پیٹھ اَکس ژٕلہٕ وِنس شخصس اَکھ ترٛہ بلاے پٮ۪تہٕ دوان ہاوِنہٕ آمٕتِس ہنگ، توٚتھ تہٕ یکھ اَسنہٕ ہریمانہٕ نِصف جِسم ڈرِنٛد سُنٛد تہٕ نِصف کھوکھشہٕ یکن واجنہٕ ذات ہُنٛد چھُ تہٕ اچھ چھس کُھٹتہٕ دزامژٕ سنگتراشن چھُ تمہٕ ساعتہٕ لڑایہ ہُنٛد عروج ہوومُت ییلہٕ بلاے ژٕلہٕ وِنس شخصہٕ ہنٛزٕ کھووُرِ زنگہٕ پنجس منٛز ژٹِتھ کرُپس چھِنے کران بلاے چھِنے دنتھ مژرِتھ انسانس کلہٕ کنی نپنگلاونس تیار۔ ناوومیدی ہنٛدِس حالتس منٛز چھُ انسان کھووُرِ اَکھ بلایہ ہنٛدِس اَسس منٛز کھوکھرٕ ٹھُکان ہاونہٕ آمُت۔

مغربہٕ طرفہٕ چہ ہیرِ ہنٛزن پاترن پیٹھ چھِنے بلایہ ہنٛز صوٗرتھ تہٕ آرالیشی ژکر زیادٕ جان پاٹھو ژٕرتھ یوٚددوے پاترِ دلک بڑٕ ونہٕ ٹھیٚم اَڈٕ چھُ پھٹمُت، یتھ پیٹھ انسان اوس بناوِتھ۔ امہٕ ہیرِ ہنٛزن پاترن پیٹھ بناوِتھ بلایہ چھِنے گانگنہٕ داریال، نالی ہار تہٕ یکھ چھس وتھرل۔ یتی مس پنجس چھس پانژھ اونٛگجہ یمو منٛز ترٛے بڑٕ ونہہ کُن تہٕ اَکھ پتھ کُن سید سیوٚد بوزنہٕ چھِنے یوان۔ امہٕ صوٗرژ پتہٕ پہن چھُ پارٕ اوِتھ منڈل بناوِتھ۔ (م۔ل۔س)

کتاب نامہٕ:

*Kak R.C. Ancient Monuments of Kashmir

منڈا

# منڈا

جیٚنِمہِ کِس شُمال مغربَس منٛز ٢٨ کِلومیٖٹر دوٗر منڈا (اکھنور) چھُ چناب دٔری یاوچہِ وٕتہِ پیپر پانٛژالہِ کِس دانَس تَل اَکھ گام۔ اَتہِ آیہِ یِیٚمہِ صدی ہٕنٛدِس اِکٹھِمِس دٔہی لِس منٛز آرکیالوٗجِکل سروے آف انڈیاچہِ نِگرانی منٛز کھُدائے کرنہٕ۔ کھُدایہِ دوران نَنیٚ پیہِ بیہِ کتھ زِ اَتہِ چھِ ترٛیہِ پھِر بُستی لِجہٕرِ۔ یِنی مہِ تہہِ تلہِ یِم تمدُنی آثار بَرِ چھِ دٕراہتی تِم چھِ اولین دوٗرُک مِثرِ۔ اَمہِ تہہِ تلہِ یِیٚمہِ ذیلی تمدُنکی آثار اَتھِ چھِ آہتی تِموٗ سٕتی چھیٚنے ہڑپاکین لِکیٚنَن ہٕنٛدِ اور واہنیچ ژٕینہِ وَن میلان۔ اِبتدائی بُستی ہٕندین آثارَن ہٕنٛد تہہ چھُ اَکھ پیٚٹھہ ١٠٤٠ میٖٹر تام موٚٹ۔ کٔژالہِ کامہِ وُچھتھ چھُ دوٚن روایژَن ہُنٛد وٕوٚن پِوانٕ یِمَو منٛز گوڈنِچ روایژ ہڑپا بٔرٛوٗنٛٹھِمہِ دوٗرِچ ووٗزِچ کٔژالہِ کامہِ سٕتی واٹھ چھُ، اَتھ سٕتی چھیٚنے ہڑپاہیچ ووٗزلہِ رَنٛگہِ کٔژالہِ کام تہِ بُتھہِ پِوان۔ آثارَن منٛز چھُ ہڑپا بٔرٛوٗنٛٹھِمین آثارَن ہُنٛد تناسب ١٥ پیٚٹھہٕ ٢٠ فیصدی تام یُس ہیوٗر ہیوٗر وارہِ وارہِ کم چھُ گژھان۔ اَتہِ چھِ مرتبان تہِ دٕراہتی، یِمَن ڈُبہِ پیٚٹھ چھُ موٚٹ رَنٛگین حاشیہِ یِیٚمیٚک تعلق ہڑپاکہِ تحفظی دوٗرِ بٔرٛوٗنٛٹھِمِس دوٗرَس سٕتی چھُ۔ مرتبانو ہُریکانہٕ چھیٚنے بلٕتیٚ کٔژالہِ کام تہِ نظرِ گژھان۔ ہڑپا کٔژالہِ کام چھیٚنے ووٗزلہِ رَنٛگہِ، یِتھ منٛز روغنی بانہٕ تہِ شامِل چھِ تہِ سادٕ کٔتر بانہٕ تہِ۔ یِم کٔژالہِ کامہِ ہٕنٛدی نموٗنہٕ دٕراہتی چھِ تِمَن اَنٛدر چھِ مرتبانو ہُریکانہٕ رِکابہِ، کینٛزہِ، جگ تہِ کھاسی تہِ شامِل۔ ترٛہِ مبوٗ سٕتی پارٔدِتھ مرتبانہٕ چھِنہٕ اَتھِ آمتین آثارَن منٛز شامِل یِیٚمیٚک وجہ یِہ ہیٚکہِ آستھ زِ کھُدائے آیہِ محدُود پیمانَس پیٚٹھ کرنہٕ۔ کاژرِ رَنٛگہِ کٔترِ تہِ چھیٚنے آثارَن منٛز شامِل۔ موٗقَس پیٚٹھ چھیٚنے ترٛاہو ڈُکلہِ سٕتہِ اَتھِ آمٕتی تہِ مغربی ایشیاکین آثارَن سٕتی ہشر چھُ۔ اُڈی جہِ ہٕنٛدی نوکدار پھل، کٔترِ دُبنگرِ، کٔترِ وُکلی جہِ چالہِ چھینٛزِ تہِ ترٛشہٕ کٔترِ یِمَن پیٚٹھہ ہڑپا خط کورِتھ چھُ، زٕمکھکو تیٚغ، اَکھ نامکمل موہر، کاجہِ وٕٹھ تہِ گرٛٹہِ گٔنہ تہِ چھیٚنے آثارَن ہُنٛد اَکھ حِصہ۔ کھُدایہِ وُسعت نہٕ آسنہٕ موکھہٕ دٕراو نہٕ کانٛہہ خاص تعمیر نوٚن پوٚز اَکھ دٔسی پیٚنٛمُت گٔنہٕ دیٖوار دٕراو بَرِ۔

دوٚیِمہِ ذیلی تہک موجِرِ چھُ ١٠٦٠ پیٚٹھہٕ ١٠٧٠ میٖٹر تام۔ اَتھ تہَس چھیٚنے کٔترہِ بوٚحسابہٕ زِ خصوٗصیژٕ گوڈ چھیٚنے ہڑپا طرزِچہ ووٗزِچہِ تہِ کاژرِ کٔترِ پِوان یِمہٕ عام پاٹھٕ دوٚیِمِین جاین ہٕنٛزٕن روغنی بانَن ہشیٚ چھیٚنے۔ ہڑپا طرزِچہِ کٔترِ کامہِ منٛز چھیٚنے رِکابہِ، کینٛزہِ تہِ جگ شامِل

مگر کھاسی چھےٚ نظرِ گژھان ۔ کاژرن کترن ہنٛز
نُمایندگی چھ بُشکابہٕ تہٕ رِکابہ کران یِمن مَنٛز تتھی بانہٕ
تہٕ شامِل چھ یِمن ہنٛز ڈب سادٕ چھنے ۔

وِیژھنہٕ پتہٕ چھُ ننیوٗمُت زِ کرالہ کامہ اَنٛدر
چھُ ہڑپا کترن ہُنٛد حِصہٕ ستہٕ پیٹھہٕ ۱۹ فیصدی
تام سیٖتی چھنے کینٛہہ موچہ کتر تہٕ اَتھِ آمترٕ یِمہٕ تاوٕ
کاژرِ چھنے ۔ کرالہ کامہ ہنٛزن دوٚن رِوایژن ہُنٛد
میٖل چھُ یتھہٕ پاٹھی ٹاکارٕ اَچھن تل یِوان ۔

دۆیمہٕ دورٕچ نِشاندہی یُس تہہ کران چھُ،
تمیک موچر چھُ ۰۰٫۱۰ پیٹھہٕ زٕ میٹر تام ۔ اَتھ دورس
مَنٛز چھنے توٗاریٖخی دورکہ گوڈٕ کاہچ کترٕ کام،
یتھ مَنٛز رِکابہٕ، بُشکابہٕ، لیٖنجہٕ تہٕ لوکٕٹی لوکٕٹی ڈوٗمہٕ
بانہٕ شامِل چھ ۔ یِمن بانن ہنٛزٕ ڈنٛدرٕ چھنے آکارو تہٕ
آرائیشہٕ روٚس ۔

ترٛیٖیمہٕ دورٕچ نِشاندہی یُس تہہ کران
چھُ تتھ چھُ ۰۷٫۱۰ پیٹھہٕ ۹۰٫۱ میٹر تام موچر ۔ اَمہ دورٕچ
بستی ہنٛدی لوکھ چھ کُشان طرزٕکی کرالہ بانہٕ
استعمالس لاگان آسی ہتی ۔ یِمن پیٹھ چھاپہ تہٕ گورنہٕ
سیٖتی نقش نِگار بنأوِتھ چھ ۔ نقش نِگارن مَنٛز
چھ پوشن تہٕ وُتھرن ہنٛدی نمونہٕ نظرِ گژھان ۔ اَمہ
دورکین آثارن مَنٛز چھنے کاژرٕ بنگرٕ، کترٕ مُہرٕ زین ساز

کرِتھ گر) مالہٕ پھلی، ٹھانہٕ، جاناوار، وصوٗل دایان زنہٕ
ہنٛز شبیہہ، اُڈی جبہٕ کانہٕ پھل، کنیوٗ ڈبہٕ، شیٖشترٕ
کٔری تہٕ کانہٕ پھل ۔ ترٛامِ وسو رمہٕ تجہٕ، ترٛامہوی سِکہٕ تہٕ
گرٛ ٹہٕ کنہِ بیتر شامِل ۔

اَمہ دورکیو تعمیرو اَنٛدرٕ چھ اَکِہ مکانہٕ چہٕ کنہٕ
دوسہ اوڈانہِ کڈنہٕ آمٕژٕ ۔ یِمن اَنٛدٕ اَنٛدٕ ترٛےٚ میٹر
کھوٚل کوچہ چھُ ترٛاوِتھ ۔

کُشان دورٕ پتہٕ چھ لوکھ یہٕ جاے ترٛاوِتھ
کوٚت تام ژٔلی ہتی ۔ سوٗتھرس پیٹھ موجوٗد واریاہ دوب
چھ اَرداہی مہٕ تہٕ کُنوہی مہٕ صدی مَنٛز سرگرِمیَن ہنٛز
ژھینہٕ وَن دِوان ۔

(م ۔ ل ۔ س)

کتاب نامہ :

*Thapar B.K: Ed. Indian Archaeology, A Review
1976-77

## مہاراجہ پرتاپ سنگھنی سمادھ

سری نگرٕ پیٹھہٕ بڈگوم گژھہ وُن رام باغ سڑکہ
کھوورِ پاسہٕ دۆدھ گنگایہ ہنٛدِ ڈچھنہٕ بٔٹھِ چھنے مہاراجہ
پرتاپ سنگھنٕز (۱۸۸۵ء ۔ ۱۹۲۵ء) سمادھ ۔

مہاراجہ پرتاپ سنگھ گوٚ ۲۳ ستمبر ۱۹۲۵ء شامچہٕ
شیٖیہ بجہ سوٚرگہ واس ۔ ۲۴ ستمبر آیہٕ اَہنٛز ارتھی

رام باغ شمشان بھوٗمی تام واتناونہٕ ییٚتہٕ داہ سنسکار آس کرنہٕ۔ مہاراجہ ہری سنگھن کرٕ ۲۰ ستمبر ۱۹۲۵ عیسوی داہ دِنچہ جایہِ سمادھ تعمیر۔ سمادھ چھِنےٚ دٕوٕرٕ کنٕہن ہنٛزٕ تہٕ اَمێک طرزِ تعمیر چھُ شُمٲلی ہندستانٕہ کین عام مَنٛدرَن ستی رَلان۔ پۄزٕ ایہِ باپتھ چھُ اَتہِ اَکھ پُنزٲرۍ دھرم اَرتھ ٹرسٹہٕ طرفہٕ مُقرر۔ سمادھ چھِنےٚ حاطہٕ بَنٛد تہٕ حاطَس أندۍ أندۍ قلایہ چھِ دَروازَن نَکھہٕ اَیوان کھاٚرِتھ یِمَن مَنٛز لُوکھ لَسان بَسان چھِ۔ سَماز أندۍ أندۍ پۄختہٕ سیرِن ہُنٛد دیوار چھُ ووٚنۍ خَستہٕ گومُت۔ (ع۔غ۔ن)

کِتاب نامہٕ :

*Hasan: Tarikh, I, II

## مہاراجہ گلاب سِنگھنی سمادھ

سِرینگرِ پیٹھہٕ بڈگوم گَژھہٕ وُن دٕوٕدھ گنٛگاہہِ ہنٛدِ دٕچھنہِ بَٹھہِ رام باغ سَڑکہِ کھوورِ پاسہٕ چھِنےٚ مہاراجہ گلاب سنگھنی (۱۸۴۶ - ۱۸۵۷ء) سمادھ۔ مہاراجہ گلاب سِنگھ گوٚ ۲ اگست ۱۸۵۷ء سوٚرگہٕ واس۔ دۄیمہِ دۄہہ آیہِ ٲمی سٕنٛز ارتھی شیر گڈھِ پیٹھہٕ سرکٲرۍ اعزازٕ سان رام باغ شمشان بھوٗمی نام واتناونہٕ ییٚتہٕ داہ سنسکار آس کرنہٕ۔ ٲہنٛدِ مَرنٕچ شینیچھ بۄزِتھ آو مہاراجہ رنبیر سنگھ ۲ اگست سِری نگرِ تمی کرۍ پانٛژھہ لچھ روپیہ ٲہنٛدِ ناوۍ خیرات۔ مہاراجہ رنبیر سنگھن کرٕ ٲہنٛدِ داہ دِنچہ جایہِ سمادھ تعمیر تہٕ لنگرٕ خٲطرٕ کرِن شێنےٚ ساس روپیہ مُقرر۔

سمادھ چھِنےٚ دٕوٕرٕ کنٕہن ہنٛزٕ تہٕ اَمێک طرزِ تعمیر چھُ شُمٲلی ہندوستانٕہ کین عام مَنٛدرَن ستی رَلان۔ یَتھ عام پٲٹھۍ شیکھر طرزِ تعمیر چھِ وَنان۔ اَتہِ چھُ اَکھ پُنزٲرۍ پۄزایہِ باپتھ دھرم اَرتھ ٹرسٹہٕ طرفہٕ مُقرر کرنہٕ آمُت۔ سَماز چھُ أندۍ أندۍ پۄختہٕ سیرِن ہُنٛد دیوارُس ووٚنۍ خَستہٕ چھُ گومُت۔ دَروازَن نَکھہٕ چھِس ایوان کھاٚرِتھ یِمَن مَنٛز لُوکھ لَسان بَسان چھِ۔ (ع۔غ۔ن)

کتاب نامہٕ :

*Hasan: Tarikh, I, II

## مہتاب گڈھ

مہتاب گڑکۍ آثار کٔرۍ آرکیالوجِکَل سروے ہنٛدۍ وٲہرِ دییٚمی صدی ہنٛدِس شٔتی مس دٔہی لِس مَنٛز دریافت۔ آثار چھِ لکھٕہن پوٗرس نَکھے تھٔزرِس پیٹھ تہٕ مُقامی لُوکھ چھِ یِمَن آثارَن مہتاب گڑھ وَنان۔

یُس بنیاتی مَحلہٕ خانہٕ چھُ اوسمُت ۔ مَحلہٕ خانہٕ اَندرٕ چھِہ
دُنی کین صِرف اَکہٕ کٹھکو مشرقی تہٕ شُمالی دیوارٕ ووہدنی
یِمن پیٹھ سُونٛدٕ ژٕتھر چھِ بنیٖوِتھ ۔ مؤنی ژٕتھرن اَندر چھِنے
مُقامی سَردارٕ ہِنٛز شبیہہ ، گنیش ، دُپھہ وِنی گندھرو
تہٕ عشقہٕ بازی ہِندی کینٛہہ منظر شامِل ۔ مؤنی ژٕتھرن
مَنٛز چھِنے نفاستیچ تہٕ نزاکتیچ کُمی باسان تہٕ باسان
چھُہ زیٖم چھِہ پہاڑی مُصوری ہِندِ تَمہِ دورٕکی یادگار
ییٚلہِ اَتھ زوال اوس آمُت ۔ مَحلہٕ خانہٕ علاوٕ چھہ
نکھے اَکہٕ کوٹھکی تہٕ آثار موجوٗد ۔ کوٹ چھُہ ڈُلہ کنین
ہُنٛد تعمیر اوسمُت ۔ قلایہ نبر چھُہ دُنہٕ تہٕ اَڈ
ژٕکرٕ چالہٕ بُرجکی آثار موجوٗد ۔ (م ۔ ل ۔ س)

کتاب نامہ :

*Gosh A: Indian Archaeology, A Review 1965-66.

## مہیش کدٕل

چودھری مہیش شنکر داس اوس
اورنگ زیب عالمگیر (۱۶۵۸ ـ ۱۷۰۷ء) ہِنٛدِ
وَقتہٕ کشیرِ ہُنٛد اَکھ بارسوٗخ آسَن بَنَن وول
شخص ۔ سُہ اوس رٕنی وارِ بسان تہٕ اَتہٕ اوسن
پننِس ناوس پیٹھ اَکھ خوبصورت باغ بنوومُت ۔

اَمی شخصَن اوس چودٕری باغ ناوی دوٚیُم باغ نشاط
باغہٕ کِس شُمالس منٛز بنوومُت یَتھ متعلق ونان
چھِہ زِ یہ اوس ڈَل دَہرٕ پیٹھ بالہ لاز تام کاڑ دِتھ تہٕ
وارِیاہن طبقن منٛز اوس بناگراوِتھ ۔

چنانچہ رٕنی وارِکِس تہٕ نشاطکِس باغَس درمیان
رابطہٕ قایم تھاونہٕ باپتھ دِتی تَمی سوٚتھِس زِ کنہٕ کدٕل
اَکھ رٕنی وارِ نِش تہٕ دوٚیُم نشاطس نکھہٕ ۔

رٕنی وارِ نِش یُس کدٕل تَمی بنوڑس تور
نتھ چھُ ٹھٹھِمن منٛز کھسا دِتھ پاترن پیٹھ یہ کتبہ
لیکھتھ :

ہست تاریخ ایں خجستہ اساس
بانی پل مہیش شنکر داس

مادہ تاریخ شُد مصرعہ پیراستہ
باد پُل چودری قایم و آراستہ

شعرِ منٛز چھُہ کدٕلُک مادہ تاریخ ـ ـ ۱۰۸۶ھ
نیران یُس انگریزی ۱۶۷۵ ـ ۱۶۷۶ء بنان چھُہ ۔

یہ چودھری مہیش شنکر باغ چھُنہٕ ووٚنی موجوٗد
مگر سوٚتھ تہٕ کدٕل چھِہ اَز تہٕ تَسنٛدِ یاد تازٕ کران (م ۔ ل ۔ س)

کتاب نامہ :

*Bamzai P.A.K. Archaeological Remains in Kashmir

# ناراں تھل

وینتھ ہندِ ڈچھنہِ بٹھہ ورمُلہِ بون ژور کلومیٹر چُھ "ناراں تھل" گام۔ یہ گام چُھ تتھ ڈیدی وَتہ پیٹھ یوسہ ورمُلہِ پیٹھہ مظفرآباد اُس گژھان۔

گامس نکھے چُھ اکھ مندر ییتہ متعلق وننہ چُھ یوان زِ یہ اوس تلاوُس منز باگ مگر پتہ روُد نہ تلاوُک وُجوُدے کُنہ۔ وُنی کین چُھ صِرف مندرُک پیٹھئیم تھہ زمیننہ نیبر۔ یہ چُھ ساد سلیٹہِ پاَترن ہُند تعمیر یمن وونی پکرِ پاٹھی سو سر چُھ ژامت۔

مندرس چُھ صِرف مشرقہ کنی محراب دار درواز۔

اندرِ مہِ کنہِ فرشکی آثار تہ چُھ وُنہِ موجوُدے، مندرُک دوُیم وارُیس اُمنیک پیٹھئیم اَند چُھ سُہ چُھ کُنی پاَترہُند۔ پاَتر چھِ ساڑھ ستہ مربع فٹہ تہ موٹر چھس ڈوڈ فٹ۔ مندر چُھ اَندری اَندری ساڑھ ستہ فٹہِ مربع تہ تھزر چھس نو فُٹہ ۵ انچہ۔ مندرس چُھنہ تالو دِتھ۔

پُشہ چھ ووگہ کنہ چُھ مندرس زوٗدلیُس علم تھاونہ باپتھ اوسمُت چُھ۔ مندر چُھ ژیری منز کالک تعمیر لوِہ ئے ہِہ مہ صدی ہُند ہیوہ بلکہ امہ تہ پتے یہن تعمیر سپدمُت۔

مشرقس کُن بتھ آسنہ کِنی چُھ صاف باسان زِ یہ چُھ وِشنو مندر اوسمُت۔

(م۔ل۔س)

کتابہ نامہ:

*Bamzai P.A.K. Archaeological Remains in Kashmir

# نانکی باولی

نانکی باولی چھےَ جینہ کِس شمالس منز بنتو باغس نش تہ اتھ جایہ چھےَ از تہ برابر پوٗزا سپدان۔

نانکی اُس راز ہری دیونی (۱۶۸۸ - ۱۵۵۲) نوکرانی۔ حدکھوتہ زیادہ حسین آسنہ کِنی اُس سو راز س سیٹھا ٹاٹھ تہ سُہ اوس پننہ اکثر وق اَمی سے ستی گزاران یمیہ کنی سارنی آیہ تہ نوکرانہ تیُسند دزان تہ پزاران زِ تس کرہن کانہہ وکانہ۔

ہری دیو ییلہِ اورنگ زیبس ستی کشیر گو، راٗنیو اوٗن وزیر دلپت اَتھس منز یتھ سُہ نانکی مار۔ تس ییلہ پےَ لوگ سو گیہ راج پروہتن ہُند چھپنہ مگر وزیر دلپتن اُنی سو یہ ڈُنتھ والپس زِ تس گژھہ نہ کانہہ خدشہ۔ مگر محلہ خانس منز واتنا وتھ ونیت تس راٗنیو تیژت تکلیف زِ سو گیہ مرتھ تہ زالنہ بدل کرِکھ تیُسنز لاش دفن۔ والپس یتھ گو راز س تہ سیٹھ دوکھ تہ وزیر دلپت اوس پننس پانس مجرم زانان۔ چنانچہ جُرمُک احساس دوٗر کرنہ باپتھ کرِ تمی اتھ جایہِ نانکی ہنز سمادھ تعمیر تہ راز ن کوٗر پنڈت بیاس اتھ جایہ پوٗزا کرنہ باپتھ مقرر تہ تنہ پیٹھہ از تام چُھ یاتری اتھ جایہ واتان۔

(م۔ل۔س)

کتابہ نامہ

*Nargis: Duggar Desh

## نرٕماگُمپہٕ

نرٕماگُمپہٕ چھُ تھکٕسےٚ برٛوٚنٛہہٕ یہَن
کھَہو اَپور۔ اَمہِ گُمپُک تعمیرکار چھُ رِینچِین۔
بزنگ پوٚ (دٔہِم صٔدی) [ لیٚسُنٛدناولداخَس مَنٛز
سبٛھاہ عِزتہٕ سان ہیٚنہٕ چھُ یِوان۔ یِتھٕ کٕنی چھُ یہِ گُمپہٕ
لداخہٕ کیٚن سیٚٹھا پرٛانیٚن تعمیرَن مَنٛز شُمار سپدان۔
اَلچی گُمپکو بٲنی کارکھالدن شُش رِبنَن اَس
نرٕماگُمپس مَنٛزٕے تعلیم حٲصِل کرٕمِژ۔ حوالہٕ تلہٕ چھُ
صاف ظٲہِر زِ اَلچی چھےٚ نرٕماپتک تعمیر۔ اَلچی،
ٹابو، تھولنگ تہٕ ژھیرانگ گُمپَن ہٕنٛدی پٲٹھی چھُ
نرٕماگُمپہٕ تہٕ ئستریَرس، گُمپَس یَتھ کُن چھُ ڈکرِ پیٚٹھ اَکہِ
پرٛانہٕ کوٹھکی آثار مَوجوٗد۔

وُنِکیٚن چھِ پرٛانیٚن آثارَن ہٕنٛدی ٹُھپٕٹھ
پھرٛاٹھ اور یور ژھٔکرِتھ مگر تِہنٛزن چیزَن ہٕنٛز چھےٚ
وِژھٕے یِموٚ سیٚتی اَسہِ تفصیلات سَرکھٕر کرنُک
موقع بَدَس ییہِ ہیٚے۔ وُنِستام چھُنہٕ یِتہٕ موٚلوم سپدمُت
زِ نرٕماگُمپہٕ کیتھٕ پٲٹھی گوٚ وُجار۔ (م۔ ل۔ س)

کتاب نامہٕ:


※Franche: History of Ladakh
※Snellgrove: Cultural Heritage of Ladakh


## نسیم باغ

نسیم باغ چھُ سرینٛگرٕ حضرت بل کِس
شُمالس مَنٛز ڈلہٕ کِس شُمال مغربی دٔہس پیٹھ حبک
علاقس نکھہٕ۔ روبروٗ چھُس ڈلہٕ اَپار شُمال مشرقی
بٔٹھس پیٹھ شالہٕ مار باغ تہٕ تِتھ باغس پُشتہٕ کنہٕ
وہ دٕنی قداوار زَبرَوَن بالہٕ تھنٛگ تہٕ برٛوٚنٛہہ کنہٕ کھوٚور
طرفہٕ چھُس ڈلہٕ کِس شُمالی اَنٛدس سیٚتی رَلہٕ وُن تیل بل
نالہٕ۔ باغ بَناوِنو مغل پادشاہ شاہ جہانَن تہٕ مادٔ
تٲریخ چھُس یِتھٕ کٕنی:

در جہاں چوں بہ حُکم شاہجہاں
روضۂ تازہ از نسیم آمد
کرد گلگشت آں چو شاہجہاں
بُلبُل از شاخِ گُل کلیم آمد
گفت تاریخ روضۂ شاہی
اَز بہشتِ عدن نسیم آمد!

۱۰۴۵ھ

تہٕ زَن گوٚ: ۱۶۳۵ء

دپان آفتاب اوس حمَل بُرجس مَنٛز اژان تہٕ
باغس مَنٛز آیہِ باہ ژشتھ بوٗنہٕ قلم رُونہٕ تہٕ تِمَو بدلہٕ اوٗسکھ
دوہ دِترٛاونہٕ یِوان ییٚمہِ کِنی اَکھ قلم تہٕ ضایہ گوٚنہٕ۔

پٹھرس آس سبز مخمل ہیوٗ ہ دژمُن لاگنہٕ ۔ راژ جشکہ (اَدٕویم صدی عیسوی) ہِسندِ وَقتہٕ کڈٕنہٕ آمتہٕ ژٕرکری نالہٕ مَنٛز آیہٕ اَکھ جوے کڈنہٕ یوٚس ہٕ نسیم باغہٕ مَنٛزی نیران اُس ۔ بژٕونہٕ کُن پکتھ اُس یہ کول آثارِ شریف حضرت بل کہ مُغربی صحنہٕ تہٕ پرانہٕ عمارژ مَنٛزی پکتھ زیارتس روٗ یہ طرفہٕ اَکہ لوکچہ پال ژادرِ ہٕنٛز شکلہِ نٕی نیران تہٕ چھیکرس ڈلس سیتی رلان ۔ باغس اَندی اَندی آو قلاے کھارنہٕ تہٕ مَنٛزس آے فموار تہٕ پال ژادر تعمیر کرنہٕ ۔

پٹھان دورِ حکومتس مَنٛز سپُد باغ پٹھان گورنر امیر خان جوان شیر (۱۷۹۵ء) ہِسندِ دَسہ وٲران ۔ باغہٕ مَنٛز آیہٕ سنگِ سیاہ تہٕ باتھے قیمتی کنہٕ زنہٕ تہٕ سعہ نہٕ لاٹکہ تہٕ شیر گڈِ لاگنہٕ ۔

ڈوٚگرن ہِنٛدِس دورِ حکومتس مَنٛز پیلہٕ دیوان ہری چند تہٕ وزیر پُنوں (۱۹۲۲ - ۱۸۵۷ء) ہِنٛدِ دَسہ لداخکی بخشی اچھنجوٹ تہٕ کرن شاہ لڑایہٕ مَنٛز ہارٕ ناوِتھ قاد کرنہٕ آے تِم دوٚشوے آے اَتھی باغس مَنٛز ڈوٚگرہٕ مہاراج گلاب سنگھس (۱۸۵۷-۱۸۴۶) بژٕونہٕ کُن پیش کرنہٕ ۔

ملک تقسیم سپدنہٕ بژٕونہٕ تام اُسی ساری مٕتی باتھے باغن پھیرنہٕ تھورنہٕ علاوٕ نسیم باغ تہٕ واتان تہٕ اَتہٕ بونہٕ شینہِ بہار چھاوان تہٕ قدرتہٕ کین نظارن موج تُلان ۔ رہتہٕ کالہٕ اُسی کشیر مَنٛز روزن والی عیسائے پادرٕ بوٗ علاوٕ مغربی مُلکو پیٹھ آمتی سیاح اَتہٕ چھولدارن مَنٛز روزان ۔ سرینگرکی کینہہ سکول اُسی اَتہٕ ہفتہٕ وادن سکاوٹ کیمپ منعقد کران ۔

آزادی پتہٕ بنیوو یہ باغ سرینگرکہ ریجنل انجنیرنگ کالجُک گوڈنیک کیمپس تہٕ اَز کالہٕ چھ ۸۰۰ گز راد تہٕ ۴۰۰ گز ہوٚنز یہ بونہٕ باغ کشمیر یونیورسٹی ہِنٛدِس حاطس مَنٛز شامِل تہٕ اَتہٕ چھ یونیورسٹی ہِنٛدی کینٛہہ شعبہٕ چلان ۔ یوٚدوے باغہٕ چہ پٕرژ بونہٕ وِز وِژ ژٕٹنہٕ آیہٕ مگر تہٕ سپدِ تھ تہٕ چھیٚ وُنہٕ واریاہ چھجدار تہٕ واُنسٕٹھ بونہٕ دٕری گنڈِتھ باغس مَنٛز اِستادٕ باغہٕ کہ پرانہٕ عمارژ مَنٛز رُک نیب دِوان ۔ باغہٕ مَنٛزی وُسن واجنہٕ پرانہٕ آبہ جوہ یہ ہُند چھُنہٕ وونی نشانہٕ تہٕ نظرِ گژھان ۔

(م۔ ن۔ ن)

## کتاب نامہٕ :

*Amin Kamil: Ed. Kashir (Son Adab 1977).
*Hasan: Tarikh I
*Kak R.C: Ancient Monuments of Kashmir
*Mirza Saif-ud-Din: Khulasa-tul-Tawarikh.
*Quarter Master: Gazetteer of Kashmir and Ladakh

# نیموگو پھ

نیموگو پھ چھنے سرینگر لیہہ سڑکہ
کھوورِ پاسہٕ نیمو گامہٕ کس مشرقس منز اَتہٕ پیٹھ چھ نیموگام
۱۳ اکلومیٹر۔

اَتھ چھ پدمہ سمبھو گوپھ تہٕ وَنان۔ یہ گوپھ
چھنے اِنسٲنی قدس برابر اَکس بُڈس کنہٕ پلس منز
یتھ مغربہٕ پاسہٕ صرف اَکھ اِنسان بیہتھ ہیکہٕ۔ مُقامی
روایژ موجوب ییلہِ اِٹھمہٕ صدی منز بُدھ دھرمک
عظیم گیانی پدمہ سمبھو ہندوستان پیٹھہٕ تبتہٕ کیو سنسان
دَتو لداخ دوت اَمس پیو جایہ جایہ بد روحن ستی
مُقابلہٕ کرُن تہٕ یمن نش بچنہٕ باپتھ بناونہٕ اَمی گیایہ
باپتھ کینہہ گوپھ۔

دُپان ییلہِ پدمہ سمبھو اَزی چہ نیموگوپھ نش
ووت اَمس پیو اَکس بد روحس ستی سخ مُقابلہٕ
کرُن تہٕ اَمہٕ بلایہ نش بچنہٕ باپتھ کوٚر پدمہ سمبھوَن
پنُن پان اَتھ جایہ موجود اَکس بُڈس کنہٕ پلس حوالہٕ۔
تبتی عالم چھ پدما سمبھوس گوروان پوچی تہٕ وَنان ینیُک
مطلب، پایہ بوڈ لامہ گو۔ اَتھ گوپھ مُتلق چھ یتہٕ
مشہور زِ ییلہِ لداخِچ نش سکھو اَتھ جایہ گوروان پوچی
بوز، یمن گیہ رائے زِ اَتھ جایہ ما آسہِ ہے گرو نانک جی
ووتمُت ییمہِ کنہٕ اَتھ جایہ سرینگر پیٹھ لداخ گژھن واجلی
سِکھ ڈرایور سیٹھاہ ہے تعظیمہٕ سان رُکان تہٕ اَتھ جایہ
عبادت کران چھ۔

اَتھ گوپھ پیٹھہٕ کنہٕ چھ سِکھو اَکھ لوکُٹ موکُٹ
گرُدوارہ تہٕ بنوومُت۔ ییتہٕ نش سِکھ گرُو نانک جی
سُند ناو احترامہٕ سان ہیوان چھ۔ (م۔ع)

**کتاب نامہ:**

*Frenche: History of Ladakh
*Snellgrove: Cultural Heritage of Ladakh-II

# وجے الیشور

وجے الیشور چھُ کشیر ہند سیٹھا پرون تیرتھ
اوسمُت تہٕ اَمہٕ ناوُک مندر تہٕ اوس تتھ جاطس
منز یتھ اندر اشوک الیشور مندر اوس کشیر اندر
چھنے شوس وجلش تہٕ الیشان ناوتہٕ پوٗزا اَسمژ سپدان۔
استھاپنس پیٹھ کوٚر گوڈنیک مندر آریہ راج اشوکن
مسیحس برٛونٛہہ ترٛییمہ صدی منز تعمیر تہٕ پتہٕ واریاہ
کالی بسوو راز وجے ین استھاپنس اندی اندی قصبہٕ
یتھ وجیجہ بژور ناو پیو۔

مندرس اندی اندی حاطہ بندی چھنے کافی
مضبوط آسمژ چنانچہ راز ششل (۱۱۲ء – ۱۱۲۰ء) ہندِ

دقتہٕ کرٕی باغیو حاطہٕ بنٛدی ہٕنٛدی درواز بنٛد تہٕ
ہیۆمُتکھ اُتھی اندر پناہ۔

وِجیشِ ایشور مندر چھُ وِیتھہٕ ہنٛدِ کھوورِ
بٹھہٕ اُزی کِہ ہرِیشچندر مندرِ بون پہن اوسمُت ۔
مندرس بون پہن چھُ وِیتھہٕ کدل تارتھ اوسمُت۔
مندر چھُ واریاہ زیر تام ڈنٛجہ اوسمُت۔ راجہٕ اننت
دیوس پتہٕ اوس راجہٕ کلشن (۱۰۶۳ء - ۱۰۸۹ء) اَتھ
مندرس سوٗنہٕ سُند چھتر کوٗرمُت۔

ڈاکہٕ دورس منٛز بنیو ہرِیش چندر مندر
تہٕ امیٚک تعمیر سپُد ۱۸۷۱ء منٛز مہاراجہ رنبیر سنٛگھ
سٕندِس دورس منٛز مکمل۔ نوٚو مندر تعمیر کرنس
منٛز چھےٚ پرانین تعمیرن ہٕنٛز کنہٕ استعمال کرنہٕ آمژٕ۔
یمیٚک انداز مندر وُچھتھ سپدان چھُ۔ چنانچہ
پرانین مندرن ہٕنٛدی مُرژٕ گرٕی ہٕنٛدی واریاہ نموٗنہٕ
چھ دُنہٕ تہٕ ہرِیش چندر مندرکِس حاطس منٛز موجوٗد۔

وِجیشِ تیٖرتھس پیٹھ مُرن چھُ سیٹھاہ رت
اوسمُت یوان مانہٕ۔ چنانچہ راجہٕ اننت دیو تہٕ گوٚ
زندگی ہٕنٛدین آخری دوٚہن وِیژہٕ برورِ تہٕ آتی گوٚ
پننہٕ وُتہٕ۔ (م۔ل۔س)

**کتاب نامہ:**

※Stein: Kalhana's Rajatarangini

# وُرمُل

وُرمُل چھُ سرینگرٕ کِہ شمال مغربہٕ طرفہٕ ۳۱
میل دوٗر کشیرِ ہُنٛد اَکھ مشہوٗر قصبہٕ۔ یہ اوس گوڑٕ ویتھہٕ
ہنٛدِس دچھنِس بٹھس پیٹھ تمہٕ تنگ کوٗہی درٕ کِس
دہانس پیٹھ واقع یمہٕ منٛزٕ وِیتھہٕ ہُنٛد آب کشیرِ ہٕنٛز
وادی پیٹھ کُن تراوِتھ نیران چھُ۔ مگر وُنی کینس چھُ وُرملی
قصبہٕ ویتھہٕ ہنٛدِس کھوورِس بٹھس کُن پھہلیومُت۔
عرضِ بلد چھُس ۱۲ ، ۳۴° ، طول بلد ۲۲ ، ۷۴° تہٕ سمندر
سوٗتھرِ پیٹھہٕ تھزر ۵۲۰۰ فُٹہٕ۔

وُرمُل چھُ بارہ مولہ ناوٕ تہٕ مشہوٗر تہٕ یتھ کالہٕ
آسی اَتھ وراہہ مولہ وَنان ۔ یہ ناو تہٕ چھُ بجایہ خوٗد قدیم
وشنوٗ آدِ وراہہ ناوِچ صوٗرتھ یُسٕند اتہٕ ویتھہٕ دچھنہٕ
طرفہٕ وراہہ ناوُک تیٖرتھ اوس تہٕ یمیٚس اتہٕ سیٹھا پرانہٕ
وقتہٕ پیٹھہٕ پوٗزا سپدان آس۔ امی ہٕنٛدی کِنی اوس اَتھ
قصبس تہٕ امہٕ اندٕ پکھٕ علاقس بیاکھ ناو وراہکھیتر
پیومُت۔ اَتھ متعلق چھےٚ نیل مت پرانس تہٕ مہاتمن
منٛز واریاہ دلیلہٕ درج۔ یمو موجوٗب اَتھ مقدس جایہ
تہٕ اَتھ ہمسایہ علاقس منٛز موجوٗد تیٖرتھن وِشنوٗ ہنٛدِس
وراہ روٗپس سٟتی نسبت دِنہٕ یوان چھےٚ۔ امہٕ مندرٕ
ہنا بون کُن چھےٚ ڈرٕی یاو بٹھس پیٹھ اَکھ قدیم دژنگ

وُرمُل

آسمٕژ۔ اَتہٕ چھُ کوہَس پیٹھ اَکھ مَنٛدر اوسمُت یَتھ مَنٛزٕ وارِیاہ لوٗکھ یِہ مُرٕژ چھےٚ آسمٕژ۔ یِم پتہٕ اَکِس نارَس مَنٛزٕ بُرباد چھےٚ سَپٕنٕز مٕژ۔

توٲرِیخی حَوالہٕ وُچھِتھ چھُنہٕ اَتھ کَتھِ کانٛہہ شَک زِ وُرمُل چھُ اَکھ سیٹھاہ قدیم قصبہٕ۔ وۄنیتہٕ ہٕنٛدِس ڈُچھنِس بٔٹھِس پیٹھ آسنہٕ کِنی اُس اَتھ اَکھ خصوٗصیتھ یِہ زِ اَتہٕ پیٹھٕ یوٗسہٕ قدیم وَتھ بوٗن مَغرِب کُن نیران چھےٚ تمہِ کِنی چھُ یِہ عَلاقہٕ وادی ٔبنی ہِنٛزن علاقَن سیٖتی رَلان۔ مگر بیٚیہِ طَرفہٕ چھُس یِہ کوتاہی رُوزمٕژ زِ کھوٗرِ کِنی چھُس وۄنیتہٕ ڈُچھنی کِنی پہاڑ تہٕ مَنٛزٕ باگک علاقہٕ چھُ کھۄجرِ کِنی تنٛگ یِیمہٕ کِنی نہٕ یتھ کالہٕ یِہ پٔرون قصبہٕ پھٲلِتھ چھُ ہیوٚکمُت۔ توٚے کِنی چھُ وۄنیتہٕ ہٕنٛدِس کھوٗرِس بٔٹھِس پیٹھ موجوٗد وُرمُلہٕ قصبہٕ کہِ جنوٗب مَشرِق طَرفہٕ لگ بَگ زٕ میل دوٗر یتھ کالک ہُشک پوٗر قصبہٕ اَتھ مُقابلہٕ وارِیاہ بوٚڈ قصبہٕ اوسمُت۔ کُشن راز ہُشک (دۄیِم صدی عیسوی) سُنٛد یتھ کالک بَسوومُت ہُشک پوٗر گوٚ اَزٕکیٚتھ "وُشکر" یُس یتھ کالہٕ وُرملہٕ کھوتہٕ وارِیاہ بوٚڈ اوسمُت چھُ۔ زمانہٕ گُذرنَس سیٖتی سیٖتی ژھیوٚو ہُشک پوٗر اَزی کِس لوٗکَن گامَس "وُشکرس"، مَنٛزٕ یِیلہٕ زَن وُرملی جَہار لبتھ اَکہِ تجارتی مَرکزٕ آسنٕچ خاص اہمیتھ پرٲو۔ کشیرِ ہٕنٛدی راز کھیم گُپتَن (۹۶۰ - ۹۵۱ء) اُسی ہُشک پوٗرَس

نکھہٕ زٕ مَٹھ بَناوی مٕتی یِمَن سٕری کنٹھ مَٹھ تہٕ کھیمہٕ مَٹھ وَنان اُسی۔

وۄنیتہٕ ہٕنٛدِس ڈُچھنِس بٔٹھِس پیٹھ چھےٚ جامع مسجد یوٗسہٕ زین العابدٕنَن (۱۴۷۰ - ۱۴۲۰ء) تعمیر کَرنٲوِمٕژ چھےٚ۔ وۄنیتہٕ ہٕنٛدِس کھوٗرِس بٔٹھِس پیٹھ چھُ جانباز صابُن مشہوٗر آستان اَستانٕچ خوٗصوٗصیتھ چھےٚ یِہ زِ کانٛہہ قِسم دٔرے کَرنہٕ وِزِ یا اَمہِ قسمٕچہ بیٚیہِ کُنہٕ کَتھہِ وِزِ چھِ عقیدت مَنٛد اَستانہٕ چہ اَکِس سیٹھاہ بَجہِ دیگہِ مَنٛزٕ بَتہٕ رَنان یُس تیار سپدِتھ غریب غُرباتَن مَنٛزٕ بٲگرنہٕ یِوان چھُ۔ دُرٲنی گورنر عطا محمد خانَن (۱۸۱۳ - ۱۸۰۶ء) اوس اَتہٕ اَکھ لوٗکُٹ قِلعہٕ تعمیر کوٚرمُت۔ سِکھ دورَس مَنٛزٕ تہٕ اوس سِکھو اَکھ قِلعہٕ تعمیر کوٚرمُت، مگر یِمَن دۄشوٚنی قِلعَن ہٕنٛدی آثار چھِنہٕ وۄنی نظر گژھان۔

گورنر عطا محمد خانٕنہِ حُکمہٕ یُس کٔدل تعمیر کَرنہٕ آمُت اوس سُہ اوس زیٚچھرِ کِنی ۱۴۶ گز تہٕ کھۄجرِ کِنی ۵ گز، ٹھٔٹھِ اُسس ۶ تہٕ تھٔزرِ ۳۴ فُٹ۔ موجوٗدٕ وقتَس مَنٛزٕ آو وۄنیتہٕ اَپارِ یہور قصبہٕ کِس مَشرِقی ڈُنٛدِس پیٹھ بیاکھ کٔدل بَناونہٕ یُس مُقابلتَن لوٗکُٹ چھُ۔

کوہالا پیٹھٕ وُرمُل تام آیہٕ اَکھ پوٗختہٕ سَڑک آزادی برٛونٛہہ بَناونہٕ، یوٗسہٕ گوٚڈنیتھے ۱۸۸۹ء مَنٛزٕ آوَن جاوَن باپتھ یِلہٕ ترٛاونہٕ آمٕژ اُس تہٕ یِیمہِ کِنی کشیرِ ینہٕ واہ لین

سیاحن سہوٗلیت سپنہٕ تہٕ کٲشرِ ہُنٛد تجارت ہُرِتھو۔ آزادی برونٛہہ اوٚس کٲشرِ باقٕے مُلکن سٟتی رلاوَن واجِنہٕ سارِوے کھو تہٕ اَہم پہاڑے وَتہ تہٕ وٲنٛدکالس منٛز اوٚس نہٕ منٛز دسمبر پیٹھہٕ منٛز مٔنی تام اَمہِ سڑکہِ وَرٲے کانٛہہ وَتہ کٲشرِ واتنہٕ باپتھ یلہٕ روزان۔

آزادی برونٛہہ اوس وَرُل کٲشرِ ہنٛدِن تجارتی مرکزن منٛز اَکھ سٹھاہ اَہم مرکز گنٛزرنہٕ یوان۔ مگر قبٲئلی حملہٕ پتہٕ یلہٕ دورِ بوٚن سڑک بنٛد سپنہٕ اَمہِ چھہ اَتھ اَہمیتھ منٛز آیہ وارِیاہ فرق۔ تاہم چھے دوٚنی اَتہِ چہ تجارتی سرگرمیہ نوِ سرِ ہران، یمہِ کِنہٕ قصبہ وٚیتھہِ ہنٛدِن دوشوٚنی بٹھِن پیٹھ رتھہِ رژہ پھہلان چھہ۔ چنانچہ اَزکل چھہ وٚیتھہِ ہنٛدِس کھوورِس بٹھس پیٹھ موٗجوٗد اَتھِک پژون بازر تہٕ نو رونق لبتھ دوٚہہ پتہٕ دوٚہہ ہُرِ وٕہِن سرگرمِیَن ہُنٛد مرکز بنان تہٕ کاڈ کڈان۔ اَمہِ اَنٛدٕ تہٕ چھےٚ نوِ نوِ بسی تیہ آباد سپدان۔ برونٛہہ اوس وَرُل، شوپیَن، اِسلام آباد، تہٕ بانٛڈی پورِ کِ پاٹھی کٲشرِ ہُنٛد تجارتی مرکز۔ وَرُلہِ وَتی اوس کٲشرِ توٚن، مدریر، چاے، تموک، ستھر، ترام، شیٖشتر، سرتل، میٹھر تیل، پیٹرول بیترِ ضروری مال واتان تہٕ یورِ پیٹھ میوٕ، دوا جرم، بستہ، گبو، تلہٕ پھل، پیرِ، پیرس ووٚنی متی چینہ بیترِ ہندوستان تہٕ افغانستان سوزنہٕ یوان۔ اَتہِ اوس اَکھ سٹھاہ اَہم چُنگی۔

کٲشرِ پیٹھہٕ یوسہٕ تہٕ عمارتی لٔکر کٲشرِ نیبر سوزنہٕ یوان اوس سو اوس وٚیتھہِ ہنٛدِ ذٔریہ یَسلہٕ پاٹھی وَرُلہِ کِنی سوزنہٕ یوان۔ وَرُلہِ اوس گنٛدھک ڈبہ بناوِنک گوڈنیک تہٕ واحِد ریاستی کارخانہٕ۔ وَرُل چھہ چوٚنہٕ کانو باپتھ کٲشرِ منٛز مشہوٗر۔ اَزکل چھہ وَرُل پنٛنہِ میوٕ صنعژ کِنی کٲفی اَہم بنیوٗمُت۔ (م۔ ن۔ ن)

کِتاب نامہٕ:

*Kaul S.K. Jonaraja's Rajatarangini
*Lawrence: Valley of Kashmir
*Lawrence: Gazetteer of Kashmir
*Quarter Master: Gazetteer of Kashmir and Ladakh
*Stein: Kalhana's Rajatarangini
*Stein: Ancient Geography of Kashmir

ووٗنتہٕ بھوَن

وُچھو "امرِ یتھ بھوَن" (جلد ۱)

## وٚیِجہِ بڑور

وٚیِجہِ بڑور چھُ سرینگر جوٚم جرنیلی سڑکہِ پیٹھ ووٗنتی پورس تہٕ اِسلام آبادس درمیان وٚیتھہِ ہنٛدِن دوشوٚنی بٹھِن پیٹھ آباد کٲشرِ ہُنٛد اَکھ اَہم قصبہٕ یُس اَکہِ وَقتہٕ مرازُک مرکز اوسمُت چھُ۔ یہٕ چھُ اسلام آبادٕ پیٹھہٕ ۴ میل، ووٗنتی پورِ پیٹھہٕ ۹ میل تہٕ سرینگرٕ پیٹھہٕ ۲۶ میل دوٗر۔ طول بَلد چھُس ۹ ،۵ ،۷ ۔عرض بلد ۴۸ ،۳۳۔ روایتھ چھےٚ زِ اَتہٕ اوس وجیش، وِجیشور ،

وِجیشوٗر، وِجےٚ ایشوٗر یا وِجےٚ بھٹارک ناوٕ اکھ شو
مَنٛدرُیس سیٹھا قدیم کالہ پیٹھٕ کٔشیرِ ہنٛدِ پوٚسارٕ وے
کھوتہٕ مشہوٗر تیٖرتھو مَنٛز اکھ تیٖرتھ مانہٕ یوان اوس۔
اَمہِ مَنٛدرچہِ قدامژ ہٕنٛز تریٚنہِ وَن چھےٚ کلہن نہٕ یٔمہِ
بَیانہٕ تٕلہٕ لگان زِ راژ اشوکن (۲۲۸ - ۲۶۱ ق م) اوس
اَتھ اَنٛدۍ اَنٛدۍ چوٗنہٕ مسالہٕ سٕتی پلستر کرنہٕ آمژ پرانہٕ
حاطہٕ بٔنٛدی یہ بدلہٕ اکھ نوٚکٕنوٚ حاطہٕ بٔنٛدی تعمیر کٔرمٕژ تہٕ
اَکھتُھ اُسن تتھ حاطس اَنٛدر اشوک ایشوٗر ناوٕ
زٕ مَنٛدر بنٲوِمٕتۍ۔ وِجیشوٗر مَنٛدرس اَنٛدۍ پٔکھی
بَسٲوٲکۍ راژ وِجےٚ یَن (۱۰۶ - ۱۱۴ ق م) اکھ سیٹھاہے
مٲرۍ مُنٛز بستی یوس مَنٛدرٕ نِسبتہٕ مشہوٗر سپنٕز تہٕ تھی
بُسی تیہ بنیوو اَزُیک وٚنیجہ بزٕور۔

قدیم وِجیشوٗر مَنٛدر چھنہٕ اَتہٕ وۄنۍ موجوٗد،
اَلبتہ چھ دپان زِ تَمہِ جِہ کُنہ آیہ وار یاہ کٲنۍ نووٚ مَنٛدر
بَناونہٕ وِز وَرتاونہٕ، یِمن گُلاب سِنٛگھن (۱۸۴۶ء-
۱۸۵۷ء) کٕنۍ دٕیت تہٕ مہاراجہ رنبیر سِنٛگھنہِ زمانہٕ
دوت اَمنِک تعمیر ۱۸۷۱ء یس مَنٛزٕ اَند۔

وِجیشوٗرس (اَزِکِس وٚنیجہ بزٲرِس)
چھےٚ بزٕوٚنہٕ کالہٕ پیٹھےٚ اہمیتھ۔ مہر کُلن کٔرۍ وِجے
کھیتٕرس مُنٛز گاندھارۍ برہمنَن اکھ ساس جٲگیر
عطا۔ راژ اننت دیو (۱۰۲۸ - ۱۰۶۳ء) ینِلہٕ سِنٛس نیٚچوِس
کلشٕس ہِنٛدِ دسی بتنگ یتھ پٔنتی راژ دٲنی ترٲوِتھ
دژاو تمی کوٚر پٔنُن سوٗرُے دربار، مَحلہٕ خانہٕ، فوجہٕ قشونہٕ
ہیتھ اَتھی جایہ قرار۔ ترژھن کیشرِن خانہٕ جنٛگی یَن ہنٛد
ذِکر چھُ آمُت کرنہٕ یِمن مَنٛز وٚنیجہ بزٕور حاصل
کرنہٕ باپتھ فوجی تصادم سپدی متی چھ۔

ظاہر چھُ زِ یِتی مِین ہتہ بدہن وَری یَن
دوران آسن اَمی قصبَن سیٹھا ہیٚور بوٚن وُچھی متی۔
۱۰۸۱ء یس ہنا برٕوٚنہہ یہن دٕیت راژ کلشن وِجیشوٗر
مَنٛدرس نار یُس بِلکُل تُسنٛد مول راژ اننت دیو اَنہٕ
ڈیرِ دِتھ بیہتھ اوس۔ نارٕ سٕتی گو مَنٛدر تہٕ تتھ اَنٛدۍ
پٔکھی سارٕے بستی خاکستر۔ اَما پوز کینہہ کال پتہٕ
سپنٕز کلشٕ ہِنٛدِ حکمہٕ تیہ تَمس اَنٛدۍ پٔکھی بستی نوٚسر آباد
تِہی مہِ صدی مَنٛز چھُ قصبس وٚنیتھ اپارِ پیوٚر
کدٕل اوسمُت۔ ۱۰۴۱ ہجری (مطابق ۱۶۳۱ء) کیٚنٛتہ
اوس مغل شہزادٕ داراشکوہن یہ کدٕل وٚنیتھ پیٹھ
تعمیر کوٚرمُت۔ زیٖچھر اوسُس ۱۰۰ گز تہٕ کھجر ۶ گز۔
ٹھٕنٛٹھی اَسِس ترٕژ، یِم ۶ فُٹ آبس مَنٛز کھاریتھ آسی۔
سِکھ گورنر کرنل میان سِنٛگھنِس دورس مَنٛز
(۱۸۳۴ - ۱۸۳۶ء) کھوت وٚنیتھ تیتھ پُپ زِ کدٕلے
نیوُن ڈٕہتھ۔ بیٹس چھُ لیکھان زِ لنگ بگ ۱۸۷۲ء مَنٛز
تہٕ اوس قصبہٕکِس درمیانس مَنٛز وٚنیتھ اپارِ پیوٚر کدٕل

یتھ ترٚنے ٹھٹھٕ آسی۔ زیچھر اوسس یوہ ہے .. اگز ہیوہ تہٕ کھجر، افنٹہٕ تام تہٕ تعمیرِ اعتبارٕ اوس یہ کٔدل سرینگرکین کٔدلن سیتی رلان۔

کُنٛوہمہِ صدی منٛز اوس وینچہ بڑور اکھ بوٚڈ قصبہٕ اَتہٕ آسہٕ ..۴ لرٕ یمو منٛزٕ اکثر خام سیرہن تہٕ لکرِ ہنٛزٕ بنے ہٕتر آسہٕ تہٕ پشن آسکھ ترٕھپے دِتھ۔ یہنٛز بے ترتیبی چھےٚ اکھ دِلکش اِنتشار باسان آبادی چھےٚ زیچھرٕ وینتھ بٹھٕ بٹھٕ کاَنی علاقس پھہلتھ آسمٕژ یوٚز کھجر کنی اوس قصبہٕ ژھوٚٹ۔ وتہٕ آسہٕ تنگ، ہچہ کچہ، ناسہٕ ترٛاس تہٕ سیٹھہٕ ہے ناصاف۔ اما عمارژن ہُنٛد گتجار، تجارژ رونق تہٕ بازرن ہنٛز ترتیب نظرِ تل اَنتھ اوس وینچہ بڑور اکھ آباد قصبہٕ۔ ڈچھن پوٚرنیک کھودری پوٚرنیک تہٕ دیوسرک تجارتی ہیوٚن دِین اوس یسلہٕ پاٹھی وینچہ بڑاری سپدان۔

اَتکی اکثر روزن وألی آسی شالباف تہٕ کم قلیلا دانٛدر، غلہٕ دار تہٕ زمیندار۔ وینچہ بڑور اوس لکرِ ہنٛزِ نوٚزک جافرِ یوٚ تہٕ اعلا قسمہٕ چہ ژادرٕ ووتہٕ باپتھ کلہم کشیرِ منٛز مشہور۔ قصبس منٛز آسہٕ بسیار وارِ یمہٕ کژیری وانہٕ سگو تہٕ یوان آسہٕ تہٕ کژیرہن اوس وٚہ فنٹہٕ سنزِ پیٹھہٕ آب یوان۔

۱۶۵۰ءیس منٛز اوس مغل شہزادہٕ داراشکوہن وینچہ بڑارٕ وینتھ بٹھہٕ اکھ شاندار باغ بنوومت یمیکی ووٕنی سیٹھہٕ کم آثار موجود چھہ۔ ووٕنی چھہ امہٕ کھوورِ بٹھنیک چھرا اکھ مٲدان۔ شاہی باغہٕ کیو نِشانو منٛزٕ چھےٚ ووٕنی تمہ کینٛہہ لانٛن منٛز اِستادٕ شاندار بونہٕ یمہٕ سیٹھا واٚنسٹھ چھےٚ۔ تمو علاوٕ چھہ آبہٕ جوٚین تہٕ دوٚن پوختہٕ حوضن ہنٛدی نِشانہٕ موجود تہٕ وینتھ نکھہٕ چھہ اکِہ بالادرِ ہنٛدی کھنڈراتھ نظرِ گژھان۔ یگرو وینتھ ہنٛدِ دچھنہِ بٹھہ داراشکوہ باغ چھہ اَز تہٕ سرسبز تہٕ شاداب۔ باغس چھہ لِدرِ دری یاوکس بٹھس پیٹھ واقع "بنگل" گامہٕ پیٹھہٕ آب واتان اوسمت۔

وینچہ بڑارکین تواریخی تعمیرن منٛز چھےٚ اَتھ جامع مسجد تہٕ شامِل یتیمہٕ کس اکس انٛدس کُن پیوٚر لاگتھ اکھ قبر چھےٚ یوٚسہٕ اکِہ رداٗیژ موجوب لل دیدِ کُن منسوب سپدان چھےٚ۔

قصبس منٛز چھےٚ اٹھ زیارژ یمو منٛزٕ زِیارت بابا نصیب الدین غازیؒ مشہور چھےٚ۔ یہ زیارت چھےٚ وینتھِ کھوورِ پاسہٕ قصبہٕ کس جنوبی انٛدس پیٹھ جامع مسجدِ نکھہٕ۔ (م۔ن۔ن)

کتاب نامہٕ:

*Bates: Gazetteer of Kashmir
*Hasan: Tarikh I
*Stein: Kalhana's Rajatarangini
*Stein Ancient Geography of Kashmir
*Sufi: Kashir II

# ویرناگ

ویرناگ چھُ وۄنِتھ ہُنٛد اصلی ناگہٕ آگُر
یُس اِسلام آباد ضِلعہٕ کِس شاہ آباد پرگنٕس منٛز
ویرناگ ناوِ معروٗف گامَس منٛز چھُ۔ بانہاٲج باڵپۍ
اَکھ نیبر کُن پلوٗ گٔڈِتھ چھَل چھِنہٕ اَتھ پُشتنہٕ کِنہٕ اِستادٕ
یوسہٕ اَنٛدٕ وَنٛدٕ سرسبز یارِو، زُنٛڈو تہٕ جنٛگلی دوٗ پھو
سیتی ڈٔلِتھ چھِنہٕ۔ بانہاٲج ڈرٕکہِ تھَنٛگہِ پیٹھٕ چھُ اۆتام
مغربَس کُن ۳ میل تہٕ اِسلام آبادٕ پیٹھٕ جنوٗب
مشرقَس کُن، ۱۷ میل دوٗر۔ عرض بلد چھُس ۳۳°، ۲۲'
تہٕ طوٗل بلد ۷۵°، ۱۸'۔

ویرناگُک پرٛون ناو چھُ نیل کُنٛڈ ( یعنے
نیل ناگہٕ سُنٛد تلاو) شوٗل گھات (یعنے ترٛشوٗلہٕ ترٛگ)
تہٕ اَسَس وَنان۔ اَمہِ اَنٛدرٕ نیرِونٕس دریاوَس
پیوٗ وِتَستا ناو (یعنے سُہ دریاو یُس اَکہِ تیتھہِ وۄلہِ
منٛزٕ نیرِ دزاو یُس اَکِس وِتستی (مطلب اَکھ پاد)
برابر کُشادٕ اوس۔

موجوٗدٕ " ویرناگ " ناوُک مطلب گوٚ
" ویر " پرگنُک ناگ۔ برٛوٚنہہ کالہِ اَسی شاہ آباد پرگنس
ویر وَنان۔

ابوالفضل تہِ چھُ اَمیُک تذکرٕ ویرناوَے
کران، تہٕ اَمیُک موجوٗدٕ ناو " شاہ آباد " چھُ اَتھ تمہِ وَقتہٕ
پیوٚمُت ییلہِ مغل بادشاہ شہنشاہ جہانگیرنہِ اَتھنہِ
نوٗرجہاں بیگمہِ اَتہِ اَکھ شاہی روبہٕ خانہٕ بنوو۔ غالبَن
گوٚ پتہٕ اَوَے کِنی یہِ ناگ تہٕ ویرناگ ناوَے مشہوٗر۔

ویرناگس متعلق چھِنہٕ اَکھ دلیل سیٹھا مشہوٗر۔
نیل مَت پُران چھُ وَنان زِ ییلہِ کشیر وۄجوٗدس
اَنہٕ آیہٕ کشپَن کۆر شوٗس وٕہنتی زِ چوٗنکہِ کشیرِ ہنٛدی
بکین چھِ پِشاچَن سیتی میل جول تھاونہٕ کِنی زٕہیٹھی
تۆ کِنی گژھِ تسنٛز آشینی پاروٗتی تمَن شوٗزرٕ اونہٕ بابتھ
دریاوُک رِیکھ ژٹھہٕ کشیرِ منٛز نیبنی نیرِنی۔ شوٗ سُنٛد
اَمہِ بابتھ رضامنٛد تہٕ پاروٗتی پرٛوو شوٗ سُنٛدِ دِنہٕ پاتالس
منٛز اَکہِ دریاوُک رِیکھ تہٕ شوٗس وۄنُن زِ سُہ کرِن
زمینَس کانٛہہ وُل (وٕژھر) پادٕ ییمہِ منٛزٕ سوٗ پاتالہِ
کھسِتھ ہُبترِ اَتھ پیٹھٕ نیبنی نیرِ۔ چنانچہِ شوٗن دیُت
پَنُن ترٛشوٗل تُھتھ سیوٗد دٲرِتھ ییٚتِھیَن اَز ویرناگ
دزان چھُ۔ ترٛشوٗلہِ ترٛگہِ سیتی گوٚ یُتھِرِس اَکِس وِتستی
(یعنے اَکھ پاد) برابر کھوٚل وُل تہٕ اَمی وُلہِ کِنی دزاییہِ
پاروٗتی۔ وِتَستا آبہٕ ہُبراے بنِتھ نیرِ۔

باسان چھُ ویرناگ آسہِ ہے مغل بادشاہ
شہنشاہ اکبر (۱۵۸۶ - ۱۶۰۶ء) ہنٛدِس زمانس منٛز
تہٕ ہیٚنٛدِ بن ہُنٛد اَکھ اَہم تیرتھ گنٛزرنہٕ یوان۔ ابوالفضل

چھُ اَمہِ کِس مَشرِقس مَنٛز کینٛشرِن کَنہٕ مَنٛدرَن ہٕنٛزِ موٗجوٗدگی ہُنٛد تَذکِرٕ کَران۔ یوٚز یِمَن مَنٛدرَن ہُنٛد چھُنہٕ وونی کانٛہہ نیب نِشانہٕ موٗجوٗد۔ خوٗد ویرناگَس متعلق چھُ سُہ لیکھان زِ" یہ چھُ اَکھ حوض یُس جُرَیب کھوٚل چھُ تہٕ اَتھ چھ حارَان کُنٛ گزٕ زہیتھ پُسی دار لَمبکھ ووتھان۔ اَتھ چھُنہٕ وونٛتُے تہٕ اَنٛدی اَنٛدی چھُس کَنیوٗ نَفَر۔ موٗقس پیٹھ موٗجوٗد وِشنوٗہ سنٛز موٗرتی چھِنٛے کاشرِ مُرتزگری ہُنٛد اَکھ مٲری موٚند نموٗنہٕ تہٕ تہٕ اَتھ شعبَس مَنٛز ہُرہ کرتہٕ۔

اکبرَس پَتہٕ یِیلہِ جہانگیرَن (۱۶۲۷ - ۱۶۰۶)

ویرناگ وُچھ تٔمی کوٚر یکدَم اَتھ شیرِ پٲر کَرنُک فٲصلہٕ چنانٛچہ تٔمی کَرنوو اَتھ اَنٛدی اَنٛدی گَرِ مَژَن کَنین ہُنٛد اَکھ اَٹھہٕ پاسَل حوض تعمیر یتھ ناگُک سور یے آب گوڈٕ اَتھی مَنٛز سَمہِ۔ سِٹاین سُنٛد خَیال چھُ زِ حوضَس اَنٛدی اَنٛدی یُس تھَر کھارنہٕ آو تتھ آسہٕ ہَن تِمہٕ نے مَنٛدرَن ہٕنٛزِ کَنہٕ لاگنہٕ آمٕژ یِمَن ہُنٛد تَذکِرٕ ابوالفضل کَران چھُ۔

جہانگیر چھُ ویرناگُک تَفصیل بَیان کَران لیکھان :-

" یہ چھُ اَکھ اَٹھہٕ پاسَل حوض یُس رادِ ہونٛزِ ۲۰ گز چھُ۔ اَتھ نَکھہِ چھ گوشہِ گیرَن ہٕنٛدِ باپتھ تعمیر سپدی مَتہِ اَکہِ عبادت گاہُک آثار، پَل تہٕ شیلہِ کوٗرتھ بَناونہٕ آمٕژ کوٗٹھرٕ تہٕ وارِیاہ گوپھہٕ موٗجوٗد۔ اَمیُک آب چھُ شوٚد۔ یوٚدوَے مٔنٛے ہیوٚک نہٕ اَمہِ کِہ سَنٛرُک اَنٛدازٕ لَگاوِتھ مگر اَتھ مَنٛز ہے خشخاش دانہٕ ترٛاوان چھُ سُہ چھُ توٚت تام بوزنہٕ یوان یوٚت تام ژُکِس بہان چھُ۔ اَتھ مَنٛز چھِنٛے وارِیاہ گاڈٕ نَظرِ گژھان۔ چوٗنکہِ مٔنٛے اوس بوٗزمُت زِ اَتھ چھُنہٕ وونٛتُے۔ میانہِ حکمہِ آیہِ اَتھ مَنٛز گنٛڈِتھ رَز ترٛاونہٕ تہٕ ییٚلہِ یہ رَز مینٛنہٕ آیہِ اَدٕ نیٚیوو زِ سُنبراوُس نہٕ ڈوڈ آدمی قَدِ کھوتہٕ ژوٚر۔ تختَس بیٚہنہٕ پَتہٕ دِیُت مٔنٛے ناگُکی بُٹھی کَنیو سیتی تعمیر کَرنُک حُکُم تہٕ تِموٚ بَنوو اَکھ باغ یینٛمہِ مَنٛزی ناگُک آب کولہِ ہٕنٛدِس صورتَس مَنٛز وَسان چھُ۔ باغَس اَنٛدرٕ آے ایوان تہٕ لَرِ تعمیر کَرنہٕ تہٕ اَکھ ترٛٲوہ جاے گَرٕ کھ تیار زِ دُنیاہَس سٲل کَرَن وٲلی ہیکَن مشکلنے یَژھہٕ ہِشہِ بِلیٚہ کَنہٕ جاے ہُنٛد نیب دِتھ،"

دِیان کَشیرِ پیٹھہٕ واپسی سَفرَس دوران ییٚلہِ جہانگیرَس راجورِ نَکھہِ چِنگَس گامَس مَنٛز وَقتِ نَزَع ووت،

تمی کوٚر تمتاز ٕ مرتھ گژھ تمی سٕنٛز میت ویرناگ و اتناوٕنی تہٕ تتی وُڈراوٕنی۔

ویرناگہٕ کِس اَٹھہٕ پاسٕل تعمیرِ کِس جنوٗبی دیوارَس لاگتھ اَکھ کتبہٕ چھُ جہانگیرن ہٕنٛزِ حکمہٕ تعمیرِ بنا سپدنُک واقعہٕ تہٕ تارِیخ یتھہٕ کٔنی یاوان :۔

" پادشاہِ ہفت کشوَر، عدالت گُستر ابوالمظفر نورالدین جہانگیر ابنِ اکبر شاہ غازی بتاریخ ۱۵ سنٕہ جلوس دریں سرچشمہ فیض آئین نزولِ اجلال فرمودند۔

تارِیخ :۔

اَز جہانگیر شاہ اکبر شاہ
ایں بنا سرکشید بر افلاک
بانیِ عقل یافت تاریخش
قصرِ آباد چشمۂ ورناک !

آخری مصرعہ " قصرِ آباد چشمۂ ورناک " تلہٕ چھُ تارِیخِ بنا ۱۰۲۹ ہجری مطابق ۱۶۲۰ عیسوی نیران۔

اَمہٕ پتہٕ ستہٕ وہری بناونہٕ جہانگیرنی نیچوی شاہ جہانن (۱۶۲۷ - ۱۶۵۸ء) ژوڈرکِس حیدر ملکس حکم دِتھ ناگَس برونٛہہ کنہٕ اَکھ نفیس باغ یتھ منٛزَس تہٕ اَندٕ وکنہٕ لوہ کچہ پاں تراو تہٕ پاں جوہ یہ سٕنٛزن لاگنٕ منٛز تعمیر کرناونہٕ آیہ۔

اَمہٕ تعمیرُک کتبہٕ چھُ مغربہٕ طرفہٕ دیوارَس لاگتھ حالانکہٕ یہ اوس اصلی اَٹھہٕ گوشل تعمیرَس منٛز اَژنہٕ باپتھ مشخص ایواہ کِس دیوارَس لاگتھ مگر موجودٕ صدی ہنٛدِس ابتداہس منٛز آو یہ ریاستی پبلک ورکس محکمہٕ کہٕ دسی یَنہٕ جایہ پیٹھٕ تُلتھ موجودٕ جایہ لاگنہٕ۔ کتبَس چھِ یِم شعر کھٔنِتھ :

حیدر بہ حکم شاہ جہاں پادشاہ دہر
شکرِ خدا کہ ساخت چُنیں آبشار و جوی !

ایں جوی دادہ است زِ جوئ بہشت یاد
زیں آبشار یافتہ کشمیر آبِ روی

تاریخ جوی گفت بگوشم سروشِ غیب
از چشمۂ بہشت بروں آمدہ است جوی

" چشمۂ بہشت " منٛزٕ چھُ تارِیخِ بناء ۱۰۵۵ ہجری موین سیدان مطابق ۱۶۴۵ء نیران۔

چارلس ایلیسن بیٹس چھُ کنوہمہٕ صدی ہنٛدِس اِکھمِس ڈہیلس منٛز لیکھان زِ حوضُک آب چھُ زمینہٕ تلی اَکہٕ سنگین نہرِ منٛزی نیران یوسہٕ کاہ فُٹہٕ کھُج تہٕ ترٛے فُٹہٕ تُنی چھےٚ۔ اَمہٕ کِن دَندرن پیٹھ چھےٚ کینٛژن محرابن ہٕنٛز بنیاد تہٕ گُرسہٕ موجود یمن متعلق وَنہٕ یِوان چھُ زِ یمن پیٹھ آسہٕ نوٗرجہاں بیگمِہ ہٕنٛدِ باپتھ کینٛہہ جایہ بناونہٕ آمژٕ۔ ناگُک آب چھُ حوضہٕ منٛزٕ نیران نیرانے دوٚن جوین منٛز بأگرنہٕ یِوان۔ اَکھ جوے چھےٚ گوڈٕ زمینہٕ

ٹلۍ وُسان تہٕ پتہٕ ووٚن جاین فوارن ہٕنٛز شکلہِ ہِکہٕ
کرِتھ نیران پتہٕ چھےٚ تتھ جوٚہ یہ ستی نوٗ سہٕ رلان یوٚس
باغہٕ منٛزی وُسان چھےٚ تہٕ چھپ کرِس اکہِ۔ اگر کُشادٕ
کوٗلہِ ہٕنٛز صوٗرتھ پڑا وِتھ ساندرن نالس منٛز
واتان۔ رام چندر کاک چھ ۱۹۳۳ عیسوی یس منٛز
لیکھان زِ دوٚیم جوٚے اَس باغس منٛز بناونہٕ آمہٕ تہٕ
تعمیرِ وٹلۍ ٹلۍ نیرِتھ باغہٕ منٛزی وُسان تہٕ یتھ کُنی اوس
آب ہمَن شاہی سرانہٕ گُٹھین واتان یم باغس نیٚبر
کنہٕ بناونہٕ آہتی اَسی تہٕ یُہند ووٚنی مشکلے کانٛہہ نشانہٕ
لبنہٕ یوان چھ۔

اَز کل چھےٚ ناگہٕ پیٹھہٕ نیرن واجنی ۱۲ فُٹہٕ
کھٔج آبہٕ جوٚے باغہٕ کہِ اکہِ اندہٕ پیٹھہٕ بٔنیس اندس
واتان۔ جوٚہ یہ درمیانس منٛزر تہٕ شمالی اندس پیٹھ چھےٚ
زِ جدید بالا در تعمیر کرنہٕ آمژ۔ قیاس چھ زِ باغہٕ کہِ حاطہٕ
نیٚبر نیرنہٕ برونٛہہ یتھ منہدم وٗسہٕ وِنہٕ جایہ پیٹھی
جوٚہ یہ ہُنٛد آب دگہٕ وُسان چھُ سوٚہ جلے چھےٚ باس
دِوان زِ یتھ کالہِ آسہٕ ہے باغہٕ کہِ موجود طبقہٕ نیٚبر بون
یہن باغک بیاکھ طبقہٕ بٔنیمیک نہٕ ووٚنی کانٛہہ نشال
باقے چھ۔ وُنی کین چھ بأغک ہیٚری میٚ یوت طبقہٕ
دیوار بند۔

جہانگیر نہٕ حکمہٕ بناونہٕ آمتو تعمیرو منٛز چھےٚ
ووٚنی صرف ناگس اَندی اَندی پکنہٕ باپتھ ۶ فُٹہٕ کھٔج
تہٕ ۱۳۰ گز گیر واجنی وتھ کم زیادٕ رُژھرِتھ یتھ کنہٕ
فرش کرتھ چھ تہٕ یٚیمہٕ کِس نیٚبرِمس ڈَندس پیٹھ
۲۴ لوکٹی محرابہ دار طاق موجود چھےٚ یم ۱۲ فُٹہٕ
کھٔلی تہٕ ۶ فُٹہٕ سنی چھ تہٕ تھزر چھکھ تیوٚت زِ اکھ قداوار
اِنسان ہیکہِ یمن منٛز کاڈ کڈتھ ووٚدنہٕ روٗزتھ۔ یم محراب
اَسی اصلی کنوی بناونہٕ آہتی تہٕ دیوارن پیٹھ اوس
مأری منٛدری پأٹھی گرنہٕ آمہٕ تہن تتھپن کنہٕ وین براکٹن
ہُنٛد اکھ سلسلہٕ تعمیر کرنہٕ آمت یم ذٔیہن ٹلہٕ
ڈکھ کام دِوان اَسی۔ یمو براکٹو منٛز چھ وُنہٕ تہٕ واریاہ
موجود۔ اَٹھ گوشل تعمیرس چھ ووٚیو پاسو زِ بڈی ایوان
تہٕ پتھ ایوانہٕ منٛزر چھےٚ اکھ ہیر ہیٚری مس پورس
کھسان یٚیمہٕ ہیٚری مہٕ پورک نہٕ ووٚنی کانٛہہ خاص نشانہٕ
برقرار چھ۔ اکثر محرابن یُس پوٗختہٕ سیر نوٗ روٚے
لبنہٕ یوان چھ تہٕ اَٹھ گوشلس منٛز داخل سپدنہٕ کُس
ایوانس پیٹھہٕ کنہٕ تعمیر سپدی متہٕ دوٚیمہٕ پورکی یم چھٹہٕ
پھرٕاٹھ دیوار انہٕ نظرِ گژھان چھےٚ تمن ہُنٛد تعلق چھُ
تتھ مرتس ستی یُس ڈوگرہ مہاراج رنبیر سنگھنس دورس
منٛز وزیر پُنوں سنٛدِ ہدایتہٕ موجوب تمن کرنہٕ آد
زمانن یوٚدوے ویرناگس سُہ پڑدن ادہٕ بہر
گوٚبہر تہٕ مأری منٛزر برقرار تھوونہٕ اما پوٚز دُنہٕ تہٕ چھ

کأشرِ لۆکھ تہٕ نیٚبرِم سیاح وِزِ وِزِ اور واتان تہٕ
اَتہِ سرۄر تہٕ حَظ پرٛاوان۔ (م۔ن۔ن)

کتاب نامہٕ :


*Abul Fazl: Ain-i-Akbari II
*Bamzai P.A.K: Archaeological Remains in Kashmir
*Beveridge Henry: Ed. Tuzuk-i-Jahangiri
*Hasan: Tarikh I
*Kak R.C. Ancient Monuments of Kashmir
*Kaul Manohar: Kashmir
*Quarter Master: Gazetteer of Kashmir and Ladakh
*Stein: Kalhana's Rajatarangini
*Stein: Ancient Geography of Kashmir
*Ved Kumari: Nilamata Purana I


## ویرناگ باغ

ویرناگ باغ چھُ جوٗاہرٹنلہِ ہٕنٛدِس دامنَس تَل شاہ آباد پرگنَس مَنٛز۔ باغہٕ کِس یۆت مَنظرس مَنٛز چھُ ویرناگُک اَٹھہٕ کوٗنَل تعمیر ووٚدنی تہٕ تَتھ پُشتہٕ کَنہِ چھےٚ یانہاج بائِلچ اَکھ نیٚبر کُن پلوٚ گڈِتھ چھَل اِستادٕ یوسہٕ اَنٛدٕ وَندٕ سَرسَبٕز یاربوٕ، زُنٛڈوٕ تہٕ جَنٛگلٕ بوٗٹو سٟتی وٕلِتھ چھےٚ۔ عَرضِ بلد چھُس ۲۲، ۳۳° تہٕ طول بلد ۱۸ ، ۸۵°۔

ویرناگ باغ چھُ مُغل شہنشاہ جہانگیرَن (۱۶۰۶ء — ۱۶۲۷ء) بنوومُت۔ چنانچہ "تُزکِ جہانگیری" مَنٛز چھُ درج زِ تٕمی سٕنٛدِ تختَس بیٚہنہٕ پَتہٕ آیہِ ناگَس سام گَنٛڈنہٕ تہٕ باغَس اَندر آیہِ پان ژادرٕ تہٕ بالادَر تعمیر کَرنہٕ۔ ویرناگہٕ کِس اَٹھہٕ کوٗنَل تعمیرس یُس کَتبہٕ لٲگِتھ چھُ تَمہِ مۆجوب چھُ ویرناگکی پٲٹھی تَتھ سٟتی وابستہٕ باغ تعمیر سَپدَنُک تأریخ تہِ ۱۰۲۹ ہجری بمطابق ۱۶۲۰ عیسوی۔

جہانگیرَنِ اَکھ ہَمکال فرہٕنٛگی فرانسِسکوپیلسی آرٹ چھُ باغکی تعریف کَران لیکھان زِ "یہ اوس اَکھ سٮ۪ٹھاہ فرحَت واتناوَن وول عیش گاہ، یَتہِ پادشاہ سٕنٛدِ باپتھ اَکھ تَیُتھ شِکارگاہ اوس یُتھ نہٕ ساریسے ہِندوستانَس مَنٛز جورے اوس۔"

باغَس مَنٛز چھُ اوسمُت اَکھ صوٗرت خانہٕ یَتھ مَنٛز ہمایوٗن، اَکبر، جہانگیر تہٕ ایرانی پادشاہ شاہ عباسُن شبیہہ آسہٕ۔ وَننہٕ چھُ یوان زِ کٔشیرِ پیٹھٕ واپسی سَفرس دوران ییٚلہِ جہانگیرس راجوری نکھہٕ چینگس گامَس مَنٛز وقت نزع ووت تمیٚ کۆر تمنا زِ مرِتھ گژھِہ تَسنٛز میّت ویرناگ واتناونہٕ تہٕ تَتی وُڈراونی۔

جہانگیرس پَتہٕ سَتھ وُری گژھِتھ دٕیُت شاہ جہانَن (۱۶۲۷ء — ۱۶۵۸ء) ژوڈرِ کِس حیدرِ مَلکَس باغَس وُسعت دِنُک حُکُم یَمِہ مۆجوب ناگَس برٛونٛہہ کَنہِ اَکھ نفیس باغ یَتھ مَنٛزَس تہٕ اَنٛدٕ وَنٛنہِ



لہ کچہ پاں ژادر تہ پال جوہ یہ سبزن لائن منز تعمیر کرنہ آیہ۔ امہ تعمیرک کتبہ چھُ باغس مغربہ طرفہ دیوارس لاگِتھ، حالانکہ رام چندر کاکنہ ونہٕ موجوب اوس یہ کتبہ اصلی ویرناگہ کس تعمیرس منز اژنہ باپتھ مُشخص ایوان چہ لبہ لاگتھ۔ ووہی مہ صدی ہندِس ابتداہس منز آو یہ ریاستی پبلک ورکس ڈپارٹمینٹ کہ ڈسی پننہ جایہ پیٹھہ تُلتھ موجودہ جایہ لاگنہ۔ کتبس چھ یم شعر لیکھتھ :-

حیدر بحکم شاہِ جہاں پادشاہ دہر
شکر خدا کہ ساخت چنیں آبشار و جوی!
ایں جوی دادہ است ز جوی بہشت یاد
زیں آبشار یافتہ کشمیر آب روی

تاریخ جوی گفت بگوشم سروش غیب
از چشمۂ بہشت بروں آمدہ است جوی

"چشمۂ بہشت" منز چھُ تاریخ بنا ۱۰۵۵ ہجری معین سپدان۔ (تہ زن گو : ۱۶۴۵ء)۔

ویرناگک آب اوس اکہ سنگین نہر منزی نیران نیرانے دون جوین منز باگرِنہ یوان۔ اکھ جوے اُس گوڈٕ زمینہ تلی وسان تہ پتہ دون جاین فوارن ہنزِ شکلہ نبکہ گرتھ نیران تہ پتو تتھ جوہ یہ ستی نو سہر ژلان یوسہ ویرناگ باغہ منزی وسان چھنے تہ چھکرس اکہ۔ اگر کُشادہ کولہ ہنز صورت پژ اوتھ سانْدرینہ منز داتان، سنگین نہر ہندین دندین پیٹھہ اُسی محرابن ہندی کٹ موجود یمن متعلق ونہ یوان اوس زیمن جاین اُس نورجہان قرار کران۔

باغس اندر اُس دویم جوے یوسہ باغہ کیو باتہ تعمیر و تلی نیبر تھ باغہ منزی وسان اُس، پتھ کنی اوس آب تمن شاہی حمامن واتان یم باغس نیبر کنہ بناونہ آمتی اُسی تہ یمن ہند ودنی مشکلنے کانہہ نشانہ لبنہ یوان چھُ۔

از کل چھنے ناگہ پیٹھہ نیرن واجینی ۱۲ فُٹہ کھج آبہ جوے باغہ کہ اکہ اندہ پیٹھہ بییس اندس واتان۔ جوہ یہ منزس تہ شمالی اندس پیٹھ چھنے نہ جدید

بالا دٔرِ تعمیر کرنہٕ آمژ۔ باغٕکہِ حاطہٕ نِیبر نیرنہٕ بڑوٚنہہ
یمہٕ منہدِم وٚسہٕ ونہِ جایہ پینٹھی جوٚیہ ہُنٛد آب دٔگہ
وَسان چھُ ہو جاے چھنےٚ باسس دِوان زِ یتھ کالہِ
آسہے باغکہِ موجودٕ طبقہٕ نِیبر بوٚن پہٕن باغک
بٔیاکھ طبقہٕ یِمنیک نہٕ وونی کانٛہہ نِشان تہٕ باقے
چھُ۔ وُنی کینس چھُ باغک ہیٚرِیمے یوٚت طبقہٕ
دیوار بنٛد۔

(م-ن-ن)

## کتاب نامہٕ:


*Beveridge Henry: Ed. Tuzuk-i-Jahangiri
*Hasan: Tarikh I
*Kak R.C. Ancient Monuments of Kashmir
*Kaul Manohar: Kashmir
*Quarter Master: Gazetteer of Kashmir and Ladakh,
*Stein: Kalhana's Rajatarangini
*Stein: Ancient Geography of Kashmir


# وۄچار ناگ

وۄچار ناگ چھُ سرینگرٕکِس شُمالس کُن
لال چوکہٕ پیٹھہٕ ۱۲ کلومیٹر دوٗر نوشہرس نکھہٕ کشیرِ
ہُنٛد اکھ مشہوٗر تہٕ مُقدس ناگ۔ شُمالہٕ طرفہٕ چھُس
صوٗرتہٕ مشرقہٕ پاسہٕ وونتہٕ کھوٗن۔

وۄچار ناگس چھُ یہ ناو اوٚکِنی پیومُت زِ
دٔپان کاینات بناونہٕ وِزِ چھُ شوٗن دیوی دیوتاین
ستی اٹھی جایہ وۄچار کوٗرمُت تہٕ امی موکھہٕ چھ
ناگس اندٕ یکھ محلس وۄچار ناگ محلہٕ وَنان۔

وۄچار ناگکہِ چھُ ژِہتر مادسہٕ (ژِہتر گٹہٕ پچھکہٕ آخری دۄہہ)
کینٛہہ مالہٕ لگان تہٕ پٔڑھہٕ واٗلی چھ ناگَن منٛز سٔران تہٕ
پوزا پاٹھہٕ کران۔

وۄچار ناگس چھُ ستہٕ رٕس ناگ تہٕ وَنان،
تکیازِ دپان اتہٕ چھُ ستھ ناگ آسی ہتی یمو منٛزٕ دُنہٕ تہٕ
ژور ناگ وُزان چھِ۔ سارِوے کھوتہٕ بوٚڈ ناگ چھُ ۵۴
فُٹہٕ چورس۔ اتھ چھےٚ ژوشوٗنی اندَن ترٛےٚ فُٹہٕ زیچھ
تہٕ ڈوڈ فُٹ کھجہ کنہٕ لاگتھ۔ ناگ چھُ ۸ فُٹہٕ شروٗن،
یتھ منٛز باگ آبس بوٚن ژُکس تَل سفید کنیٚن ہُنٛد
ژکوٗنل آسن چھُ یتھ ژوشوٗنی اندَن سفید کنہٕ
لاگتھ چھےٚ۔ ناگکِس شمال مشرقی کوٗنس چھےٚ زِ
فُٹہٕ زیٹھ تہٕ اکھ فُٹ کھٕج اکھ کٔرِہنی کٔنی وودِنی یتھ
پیٹھ شاردا عبارتھ لیکھتھ چھےٚ۔ ناگس چھُ اندٕ اندٕ
سیمنٹُو پلستر کٔرتھ سیر ژوٚ جالہٕ دار جنگلہٕ۔

دوٚیم ناگ چھُ وۄچار ناگکِس حاطس منٛز
اژوٚنے کھوورِ کِنی مذکوٗر ناگس جنوب مشرقہٕ طرفہٕ۔
یہ چھُ ۱۵ فُٹہٕ زیوٚٹھ تہٕ ۱۲ فُٹہٕ کھوٚل۔ اتھ چھ ژوشوٗنی
اندَن دِوری کنیٚن ہنٛدی پاوڑی بناوِتھ۔

ترٛیٚیم ناگ چھُ بُڈس ناگس مغربہٕ پاسہٕ
تہٕ ژوٗریُم چھُ شمالہٕ طرفہٕ۔ یِم دوشوے ناگ چھ کُنہٕ
سامہٕ بیتر ورائے۔

وېژارناگس مَنٛز چھِ ژٕ مَنٛدر یِمو مَنٛز
بۆڈ ہیوٗ مَنٛدر سارِوے کھوتہٕ بٔڑس ناگس سیٚتی
شمالہ پاسہٕ چھُ تہٕ یُس ڈوٗگرِ مہراج پرتاپ سنگھنس
(۱۹۲۵ – ۱۸۸۵ء) دورَس مَنٛز بناونہٕ چھُ آمُت۔
مَنٛدر چھُ ۵۴ فُٹہٕ زیوٗٹھ تہٕ ۱۵ فُٹہٕ کھوٚل تہٕ اَمہِ کِس
تعمیرَس مَنٛز چھےٚ کَنہِ تہٕ مُہر اَجی سیرِ استعمال سپزمٕژ
تہٕ أندرِ نیٚبر چھُس سیمنٹُو پُلستر کُرِتھ۔ مَنٛدرَس مَنٛز
چھےٚ ژور مُرتٕژ، ژور شو لِنگ تہٕ اَکھ نٔندی، اَمہِ
ہُر سیانہٕ آسی وېژارناگ (موکھتہٕ پوکھر) پرانہِ تعمیرِ
ہِنٛدی آثار موجوٗد یِم گانٛدھا طرزِچ باوتھ کران
آسی۔

بیاکھ مَنٛدر چھُ بٔڑس ناگس شمال
مغربی کوٗنس نکھہٕ۔ یہ چھُ ڈوٗگرِ مہراج رنبیر سنگھنس
(۱۸۸۵–۱۸۵۷ء) دورَس مَنٛز تعمیر سپدمُت۔
مَنٛدر چھُ دِوری کَنہِ ہُنٛد تہٕ اُمنیک گرتھ چھُ
شیکھر طرزُک۔ مَنٛدرَس مَنٛز باگ أندری کَنی چھُ
اَکھ شو لِنگ ووہ دِنی یتھ بیٹھہ کَنہِ تالوس اَکھ سرتلیٚو
گاگر الاُنزِ چھےٚ۔

ناگس چھُ مَشرِقہٕ طرفہٕ خام سیرہ بن ہُنٛد
دیوار دِتھ تہٕ اَمی پاسہٕ چھُ ناگہٕ کِس حاطس مَنٛز اژنہٕ
باپتھ اَکھ لوکُٹ دَرواز تہٕ اَکھ ڈیڈی۔ حاطس مَنٛز چھےٚ

کیٚنہہ وأنسٕٹھ بونہٕ تہٕ موجوٗد تہٕ اَمہِ عَلاوٕ اَکھ بٔڈ نَمبل
یَتھ وپرِ ڈووتھ چھےٚ۔

وېژارناگہٕ کِس اصل حاطس نیٚبر شمال
مَشرِقہٕ أندٕ اوس اَکھ بۆڈ بونہٕ باغ یُس حال حالے
ہموار کٔرِتھ اُکس نوٚبستی مَنٛز تبدیل کرنہٕ آو۔ (م۔ن۔ن)

کتاب نامہ:

*Stein: Ancient Geography of Kashmir
*Ved Kumari: Nilamata Purana I

# ہٹہ مُرکی بودھ آثار

اَز کالُک ہٹہ مُر چھُ یَتھ کالُک شکتی مٹھ ییٚمینیک



کیھمندرن کنکالی ہنٛدِس سِلسلس منٛز ذِکر کوٚرمُت چُھ۔ لیٚدرِ ہنٛدِ دچھنہِ بٹھِہ آباد ہٹہٕ مرچُھ تتھ علاقس منٛز یوان یتھ کھووٕری پوٚر ونان چھ۔ شکتی مٹھ کمٕ اوس تعمیر کوٚرمُت، تتھ متعلق چُھنہٕ کانٛہہ حوالہٕ میلان۔ سِٹاینٛن ییٚلہِ یتیمہٕ ہتی لہٕ کِس گوڈٕ کالس منٛز ہٹہٕ مُرُک دوٕرِ کوٚرتس آونہٕ اَتہِ خوٗبصوٗرت مُرژٕگری گرِتھ کینٛشرٕ وکنبو ورٲے کینٛہہ تہٕ اَتھٕ یمن کنین ہنٛد استعمال تہٕ اوس اُکس تعمیرس اَنٛدر کرنہٕ آمُت۔

تازٕ تازٕ ے کرِ ریاستکی آثارِ قدیمن ہنٛدی محکمن اَتہِ کھُدٲے تہٕ کھُدایہ دوران دژٲیہ ٹایلہٕ یمن مُتلق اَنٛدازٕ چھُ زِ یمن ہنٛد تعلق گژھہِ ترٛیمہِ صدی عیسوی سٕتی آسُن۔ یمہٕ ٹایلہٕ چھےٚ اُکس طبقہٕ بنٛد حاطس لاگِتھ۔ قالبو دژٲمژٕ یمہٕ ٹایلہٕ آسہٕ اَٹھی ہیتھ ہیرِ بوٗن سٲری سٕے وتھرٲوِتھ۔ کوٚن تہٕ بیرِ ترٛوٚپرنہٕ خاطرٕ چھےٚ خاص قسمہٕ چہ ٹایلہٕ لاگنہٕ آمژٕ یمو سٕتی کاری گری ہنٛد باس چھُ لگان۔

اُکِس جایہ چُھ ٹایلو سٕتی برجستہٕ پمپوٚش وٕتھ تلاونہٕ آمُت۔ یتھ منٛز باگ پمبہٕ لوٕ کھرِ چھےٚ بنٲوِتھ بٮ۪یس اُکِس ٹایلہِ پیٹھ چُھ آب وسان آمُت ہاونہٕ۔ ٹایلہِ ہنٛد یُس سادٕ حِصہٕ چُھ تتھ پیٹھ چُھ منٛزس وُڈان پٔچھن بنٲوِتھ۔ یَس اَنٛدی اَنٛدی ترٛےٚ مُربع چھِ تہٕ مُربعہن نیٚبرِ چُھ پوشن ہنٛد ڈیزاین بنٲوِتھ۔ دوٚیمہٕ اُکِس ٹایلہٕ چھِ ترٛےٚ حِصہٕ۔ پیٚٹھِمِس حِصس منٛز چھِ ترٛکونٕ ڈیزاین، ترٛکونہٕ کنہِ اَنٛدن پیٹھ چھ دَندہی دریٚنٹھ یوان تہٕ مُنٛزِمِس حِصس منٛز چھےٚ پمپوشن ہنٛز ٹنگ۔ ترٛیٚیم ٹایِل تہٕ چھےٚ پننہِ جایہ سٮ۪ٹھا دِلچسپ۔ اَتھ پیٹھ چھےٚ دچھ راٲنٹھ دچھ ترٛوٚنگی ہیتھ نظرِ گژھان۔ یوٚتام زَن ٹایلن ہنٛد تعلق چھُ یمن وُچھتھ چھ کاری گری ہنٛد پوٚرٕ پوٚرٕ باس لگان، یوسہٕ کاری گری تمہِ زمانہٕ کشیرِ منٛز اَسمٕژ چھےٚ۔ ٹایلن ہنٛد اَتھِ یُن چھُ ثابت کران زِ قالبہٕ دژٲمژن پوختہٕ سیرن ہنٛد رواج چھُ عیسائے سنہ کہِ گوڈٕ کالہٕ



پیٹھے کشیرِ مَنٛز اوسُمت۔

ہٲپٹہٕ مَرٕ تہٕ دوٚیمِین جایَن اَمہِ چالہِ ہِنٛزَن ٹٲیلَن ہُنٛد اَتھِ یُن چھُ ہاوان زِ ٹایلہٕ بَناوَنہٕ چھُ تمہِ زمانہٕ کشیرِ اَنٛدر اَکھ کاروبار اوسُمت تہٕ اَمِیُک دٲیرٕ اوس نہٕ کُنہِ خاص علاقس تام محدوٗد۔ اَتھ ستی چھِ یہِ کتھ تہٕ کھَرٕ گَسِپدان زِ شکتی مَتھٕ بَننہٕ برٕوٚنٛہہ تہٕ چھُ ہٲپٹہٕ مر بودھ دَھرٕمُک مرکز اوسُمت۔ لیٚدرِ پَتھرِ مَنٛز پَننہ کاہلکی واریاہ آثار اَتھِ یِنی چھُ یِیٚمہِ کتھِ ہِنٛز ثَرینہٕ وَن زِ اَتھ پَتھرِ مَنٛز چھُ تہذیبی تہٕ تعمیری سَرگرمیَن سیٹھا برٕوٚنٛہہ دَس دوٚتھمُت۔ چنانچہٕ سارٕے پرٲنی کَنہِ کٲلی آثار تہٕ آے اَکھی پَتھرِ مَنٛز اَتھِ۔ ٹایلہٕ کرِ محمد حسین مخدومی تہٕ روشن لال صفایاہَن ۸۸ ہِتھرٕ دریافت۔ ہپٹہٕ مرِ ٹٲیلَن پیٹھ تہٕ چھےٚ کھرُوشتی گرنٛد صحی طریقس مَنٛز نَظرِ گژھان۔ یِیٚمہِ ستی ٹٲیلَن ہُنٛد زمانہٕ کھَر کرنس مَنٛز اَتھِ روٚٹ چھُ یِدان۔

(م۔ل۔س)

کتاب نامہٕ:

*Stein: Ancient Geography of Kashmir

## ہوٗے نار آثار

ہوٗے نار آثار چھِ پہلگامُس نکھٕ اَکِس وَن چھیٚپہِ اَنٛدرٕ یِوسہٕ بالہٕ کھوٚنہِ مَنٛز چھےٚ۔ بالہٕ کھوٚنہٕ

آسہٕ دولہٕ دولہٕ رَنٛدٕ دِتھ یِمَن مَنٛز سِتوٗپ چالہِ میٚٹرٕ ڈیرٕ آسی۔ میٚٹرٕ ڈیٚرن ژوٚ پاسے چھُ سیرِ کُھٹ تہٕ گَترُونہٕ تہٕ چھکرِتھ۔ اَکہِ ڈیرٕ ہِچ میٚٹرٕ ڈالنہٕ پتہٕ دڑاو فرش نوٚن یِتھ توٚنہٕ آہٕژ کرٕ ہِنی میٚٹرٕ پیٹھٕ اُس۔ یِیٚمہِ ستی اَنٛدازٕ کرٕنہٕ چھُ آمُت زِ اَمہِ جایہِ ہِنٛز مَنٛدرٕ چھےٚ سیٹھا برٕوٚنٛہہ کالہٕ نارٕ بُزری گٲمژٕ۔ موقس پیٹھٕ چھےٚ ژٕنٛدرٕ چالہِ ٹایلہٕ تہٕ سیرِ تہٕ اَتھِ آمژٕ۔





گرٛتھہٕ چَن ٹاٹِلَن تہٕ چھُ دُپاسے حاشیہ ترٛاوِتھ ٹاٹِلَن پیٹھ مۆجوٗد علامژ چھےٚ وُنِستام کٲشِرِ اَنٛدرِ جورِ روٗس تہٕ یِمَن عَلامژَن چھُ چیٖنَس سٕتی واٹھ لگان۔ کٲشِرِ تہٕ چیٖنَس دَرمیان تمدُنی لین دینُک سِلسِلہٕ چھُ وارِیاہ پرٛوٗن، یَیمیُک تصدیق بُرزِہامی آثارو تہٕ چیٖنی توٲرِیخہٕ سٕتی سَپدان چھُ۔ ٹاٹِلَن پیٹھ کھرۄشتی گرٛنٛد چھےٚ یِمَن کُشان دورَس سٕتی واٹان۔ اما پوٚز بیٚیہ سُم ژٕترٕ کاری تہٕ ٹاٹِلَن ہُنٛد ثُھہر گرٛتھ چھُ ہاوان



زٕ ہوٚسے نار آثار چھ ہارٕون آثارَن ہٕنٛدِ کھوتہٕ تہٕ پرٛاَنی۔

ہوٚسے نار آثارَن ہٕنٛز نِشان دِہی کٔر گوڈٕنچہ لَٹہِ محمّد حُسین مخدوٗمیَن مگر سائنسی طرٖیقہٕ موٗقَس پیٹھ کھُدٲے کَرٕنۍ چھےٚ وُنہِ باقے۔ (ام۔ل۔س)

## کتاب نامہ:


❋Basham A.L. Date of Kanishka

❋Press note of State archaeology-1988


یِمو سیرہِ بوتہٕ ٹاٹِلو سٕتی چھُ نَنان زِ آثارَن ہُنٛد تعلُق چھُ بودھ دَھرمہٕ کِس ہین یان فِرقَس سٕتی اوسُمت۔ اَکِس ٹاٹِلِہ دۄیَو اَنٛدو ہاونہٕ آمتین شِکارن چھُ کُشَن طَرزُک وۄلُت۔ پوٚتُس چھُ شِکٲری نَرِ تھوٚد ژٹِتھ شادمٲنی ہُنٛد اِظہار کَران آمُت ہاونہٕ۔ ٹاٹِلِہ یوٚنۍ مہ اَنٛدٕ دِچھنِس کوٗنَس مَنزِ چھُ دَھرمہٕ ژٔکرٕ بناوِتھ یتھ اُٹھ کَمرِ چھےٚ۔ دھرمہٕ ژٔکرٕ چھُ سیٚد سیٚود آثارَن ہُنٛد بودھ دَھرمَس سٕتی تعلُق ہاوِتھ دِوان۔ باقے ٹاٹِلَن پیٹھ چھُ اَجدَر چالِہ جانوَر جنٛگہٕ جنٛگ کَران آمتی ہاونہٕ۔ اَمہ

## BIBLIOGRAPHY

*Aazam Dedamari: Tarikh-i-Aazmi, Lahore,?
*Abul Fazal: Ain-i-Akbari, I,II,III, Delhi, 1977.
*Academy J and K: Burj-i-Noor, Srinagar, 1981.
*Academy J and K: Stone Inscription Laid by Academy, Srinagar, 1977.
*Akbar Hydari: Ed. Baharistan-i-Shahi, Srinagar, 1982.
*Amin Kamil: Ed. Kashir (Son Adab-1977), Srinagar, 1977.
*Amin Kamil: Ed. Shiraza (Nunda Riosh), Srinagar, 1978.
*Anand M.R.: Ed. Marg Kashmir Number, Bombay, 1956.
*Andarabi M.A.: Ed. Hamara Adab (J and K NO.), Srinagar, 1985.
*Ashok Jairath: Folk Art of Duggar, Delhi, 1983.
*Azad Abdul Ahad: Kashmiri Zaban Aur Shairi, II, Srinagar, 1962.
*Baba Daoodi-Khaki: Virdul Muridin, Srinagar, 1959.
*Baba Kamal: Rishi Nama (Manuscript).
*Baldeve Kumar: Early Kushans, Delhi, 1973.
*Bamzai, P.A.K.: Archaeological Remains in Kashmir, Lahore, 1935.
*Bamzai P.N.K.: A History of Kashmir, Delhi, 1973.
*Baramula De Gurdawarian.
*Basham A.L.: Date of Kanishka, London, 1980.
*Bashir. K: Ed. Tameer, XIV, Srinagar, 1988.
*Bates C.E: A Gazetteer of Kashmir, Delhi, 1980.
*Bernier Francois: Travels in the Mughal Empire, 1972.
*Beveridge Henry: Tuzuk-i-Jahangiri, 1968, Delhi.
*Biscoe Tyndale: Kashmir in Sunlight and Shade, Delhi, 1959.
*Brown Percy: Indian Architecture, I, II, Bombay, 1942.
*Charak. S.S: History and Culture of Himalayan States, IV, Jammu, 1978.
*Charak. S.S: Gulab Nama of Divan Kripa Ram, Jammu, 1974.
*Christian Workers Conference J and K: Christianity in Jammu and Kashmir.
*Cunningham. A: Ancient Geography of India, Delhi, 1969.
*Debala Mitra: Ed. Indian Archaeology, A Review, 1980-81, Delhi, 1983.
*Debala Mitra: Ed. Indian Archaeology, A Review, 1981-82, Delhi, 1984.
*Debala Mitra: Ed. Indian Archaeology, A Review 1979-80, Delhi, 1983.
*Dembi. B.K: A Corpus of Sharda Inscriptions of Kashmir, Delhi, 1984.
*Dhar K.N: Glimpses of Kashmir Cultural Series, v, Srinagar, 1982.

*Drew Frederic: The Jammu and Kashmir Territories, Delhi, 1971.
*Duke Joshua: Kashmir Handbook, London, 1883.
*Dutt J.C: Kings of Kashmir, Delhi, 1985.
*Franche A.H: History of Ladakh, Delhi, 1977.
*Ganhar J.N: Jammu Shrines and Pilgrimages, Delhi, 1973.
*Gauhar Bukhari: Gulshan-i-Murad, Srinagar, 1969.
*Gosh A: Ed. Indian Archaeology, A Review, 1965-66, Delhi, 1973.
*Gyan Singh: Guru Khalisa.
*Hasan Khoihami: Tarikh-i-Hasan, I, II, Srinagar, 1960.
*Hasan Khoihami: Asrar-ul-Akhyar, Srinagar, 1960.
*Hasnain F.M: Buddhist Kashmir, Jammu, 1973.
*Hasnain : Fifth gospel Delhi-1988,
*Hugal B.C: Travels in Kashmir and the Punjab, Delhi, 1972.
*Ishaq Khan: History of Srinagar, Srinagar, 1979.
*Ishaq Qari: Chilchi-lat-ul-Aarifin, Srinagar, 1982.
*Ishrat Kashmiri: Tarikh-i-Kishtwar, Jammu, 1973.
*Kak R.C: Ancient Monuments of Kashmir, Delhi, 1971.
*Kak R.C: Antiquities of Basohili and Ramnagar, Delhi, 1972.
*Kak R.C: Handbook of the Archaeological and Numismatic Sections of the Sri S.P.S. Museum, Srinagar, Calcutta, 1923.
*Koul Manohar: Kashmir, Delhi, 1971.
*Kaul S.K: Jonaraja's Rajatarangini, Hoshiarpur, 1967.
*Kaul Sansar Chand: Amar Nath Yatra, Srinagar, 1954.
*Khan G.H: Freedom Movement in Kashmir, Delhi, 1980.
*Lal B.B: Ed. Indian Archaeology, A Review, 1969-70, Delhi, 1973.
*Lawrence Walter: The Valley of Kashmir, Delhi, 1979.
*Lawrence Walter: Provincial Gazetteer of Kashmir, Delhi 1985.
*Mani K.D: Poonch, Jammu, 1980.
*Maqbool Muqbil: Abu-ul-Fuqra Ki Mukhtasar Sawaneh Hayat, Srinagar.
*Mira Seth: Dogra Wall Paintings in Jammu and Kashmir, Bombay, 1987.
*Mirza Hydar: Tarikh-i-Rashidi, Patna, 1973.
*Mirza Saif-ud-Din: Khulasa-tul-Tawarikh, Srinagar, 1984.
*Miskeen Mohi-ud-Din: Tarikh-i-Kabir, Lahore, 1921.
*Mohibbul Hasan: Kashmir Under the Sultans, Srinagar, 1974.
*Nargis N.D: Tarikh-i-Jadeed, Duggar Desh, Jammu, 1963.

*Nazir Ahmad: Jesus in Heaven on Earth, England, 1952.
*Noor-ud-Din Zahid: Intizamiya Kameetee Ziyarat Hazrat Sayed Amin Uvaisi, Ali Kadal, Srinagar, 1967.
*Pandey K.C: Abhinava Gupta, Varanasi, 1963.
*Parmu R.K: A History of Muslim Rule in Kashmir Delhi, 1961.
*Parmu R.K: A History of Sikh Rule in Kashmir, Srinagar, 1977.
*Pathik Jyoteeshwar: Cultural Heritage of the Dogras, Jammu, 1980.
*Quarter Master General: Gazetteer of Kashmir and Ladakh, Delhi, 1974.
*Rahman Rahi: Ed. Anhar (Shaikh-ul-Aalam No. 226), Srinagar, 1979.
*Saadat Mohammad: Hayati Javid, II, Srinagar, 1923.
*Safdar H.G: Shian-i-Kashmir, Delhi, 1970.
*Saraf M.R: Jammu Darshan, Jammu, 1974.
*Sarwari Qadir: Kashmir Mein Farsi Adab Ki Tarikh, Srinagar, 1968.
*Sharma N.D: Dogri Folk Literature and Pahari Art, Srinagar, 1969.
*Sidiqi Tayub: Zik-rul-Aarifin, Srinagar, 1959.
*Snellgrove: The Cultural Heritage of Ladakh I, II, Delhi, 1980.
*Stein M.A: Kalhana's Rajatarangini, Delhi, 1979.
*Stein M.A: Ancient Geography of Kashmir, Delhi, 1979.
*Sufi G.M.D: Kashir, I, II, Jammu, 1974.
*Syed Baqir: Akhtar-i-Darakhshan, Bombay, 1971.
*Thapar B.K: Ed. Indian Archaeology, A Review, 1976-77, Delhi, 1980.
*Thapar B.K: Ed. Indian Archaeology, A Review, 1977-78, Delhi, 1980.
*Thapar B.K: Ed. Indian Archaeology, A Review, 1973-74, Delhi, 1979.
*Tikoo P.N: Story of Kashmir, Delhi, 1979.
*Ved Kumari: The Nilamata Purana, I, Delhi, 1988.
*Vigne G.T: Travels in Kashmir, Ladakh, Iskardo, I, II, Delhi, 1981.
*Wakefield W: History of Kashmir and the Kashmiris (The Happy Valley), Delhi, 1975.

# کٲشِر ہِنٛدی ضرب

## پوٚت منظر

تہٕذیٖبی اِرتقاہچہ دۄہ دۄ مُنٛز اوس سکنؠ ہٕند بارٕسس یُن اکھ اِنقلٲبی قدم ۔ اَکھ تیٚتھۍ اِنقلٲبی قدم یٖیٚمی سٟتۍ تانہٕ سمٲجی رِشتَن زایُن دیُت، سمٲجی ترٛقی مَنٛز گۄ وُڑھ پٲدٕ، باپارکِہ ذرلیٚو کوٚڈ کاڈ، اکھ نوٚو طبقہٕ آو بارٕسس یٖیٚمی بٔڑ وٕنہٕ نیٚکۍ سماجس مَنٛز ہَنٛگ دارٕن تہٕ جاگیر دارَن ہِنٛز جاے رُٹ۔ جِنٛسٕس بَدل جِنٛس دِنہٕ کہٕ لین دیٚنگ موڈ گو تمے ساعتہٕ تبدیل یٖیلہٕ سکہٕ بازر پیٚو، یۄدوے وُنہٕ تہٕ جِنٛس اَدلہٕ بَدل کرنُک طریقہٕ دوٗر گامَن گُٹھن مَنٛز مُروج چُھ پوٚز شہرَن تہٕ قصبَن مَنٛز لوٗگ پرٛٲنِس طریقس وار وارٕ ٹھکہ تہٕ تجارتُک تہٕ باپارُک بنیٲدی ذریعہٕ بنُن سکہٕ۔ سکہٕ سٲزی ہِنٛدی ترٛےٚ موٗلہٕ آگر چھ یوٗنان، ہندوستان تہٕ چیٖن۔ ترٛیٚشوٕے تہٕذیٖبو چھُ ترقی ہِنٛدِس اَکِس خاص مقامس وٲتتھ کھہٕ کوٚرمُت زٕ موٗلس صوٗرت عطا کرنُک سارِوے کھوتہٕ تہٕ مُناسب ذریعہٕ چھُ دات۔

ترٛیٚیو تہٕذیٖبو اَندر کوٚر نہٕ گُنٛڈہہٕ صدی تام چیٖنَن بیرۄنی اَثر قبوٗل مگر ہندوستٲنی سکہٕ سٲزی روٗٹ یوٗنٲنی، روٗمی تہٕ اِسلٲمی تہٕذیٖبو نِش وار یاہ کینٛہہ۔ یِمہٕ کِنۍ وار یاہو عالمو سوال چُھ تُلمُت زِ ہِندوستانس چھا سکہٕ سٲزی ہِنٛز کانٛہہ پنٕنۍ رِوایتھ۔

داتکی سکہٕ بازر پیٚنہٕ بٔرونٛہہ اٲسۍ دوٚیمی کینٛہہ چیز ضربہٕ کنہٕ وَرتاوس۔ مِصری، سُمیری، بازنطینی تہٕ یوٗنٲنی تہٕذیبَن ہِنٛز ترٛقی اُچھن تل اٲستھ تہٕ چھیٚنہٕ یہ کتھ ژٕتراوٕنۍ لایق زِ یمَن جاین اوس نہٕ سکہٕ ژٕنگی کانٛہہ چیزاہ بارٕسس بلکہ اٲسۍ مختلف چیز قیمتچ اکٲیی یِوان مانٛنہٕ تہٕ اَتھی بُنیادِ پیٚٹھ اوس لین دین سپدان۔ ہومرٕ سِنٛدِ زمانہٕ اوس یوٗنانس مَنٛز داند تہٕ ہندوستانس مَنٛز گاو موٗلک مُقرر میٚنٛنہ یا اکٲیی۔ یِتھے پٲٹھۍ اوس سوٗن، روٗپہ، ترٛام، لُستہٕ تہٕ غلام تہٕ لین دین کِس معاملس مَنٛز تبادلچ بُنیاد۔ افرِیقہس مَنٛز اوس کیٚہ کال بٔرونٛہہ تام کُپر گنٛز موٗلچ اکٲیی۔ خود کٲشِرٕ زبٲنۍ چھِ یتھی کینٛہہ بیان ژٕژھرتھ تھٲوی مَتۍ: "نوش لوٗنہٕ ہار تہٕ کھوٚرتل ماری توس ہوٚنٛڈ"، "ہارٕ ہٕدٕس تہٕ ہار نہٕ یا کور ہار"، بیا نوٚسیتی چُھ یہ لگان زِ بٔرونٛہہ کالہٕ چھیٚنہٕ ہار سکو بدلہٕ وَرتاوس اٲسمٕژ تہٕ از تہٕ چھ اٲسۍ "ہار" لفظ نقدی کِس

معنیس منٛز استعمال کران مثلن "ہارِ وول" "ہارِ دیار"۔
کھُدایہ دوران چھےٚ کشیرِ اندر واریاہَن جایَن ہارِ مٕچہ تہٕ
ہارِ لیٖچہ دٔرامٕژ یِیمہٕ سیتی ہارِ سکوٗژنگی وَرتاوَس آسنٕس
پُشنَے چھےٚ گژھان۔ ژٕ تِھی پَنٛژاہ ڈٔری بٔرٛونٛہہ آسہٕ شُری
پھیر وٕنہِن ہانٛزہِن ہارَن بدلہٕ کِنہٕ بوٚبۍ، "ترٕ بوٚدی"
"پمبہٕ لوکھرٕ" تہٕ "لأر" بیترِ ہیوان۔

ہارِ آسہٕ سکو کِنہٕ چینَس، جنوٗبی ایشیاہَس تہٕ
اَفریقہَس منٛز تہٕ بٔرٛونٛہہ کالہِ مُرَوج، تُرکستانَس منٛز
اُس چلاے تبادلٕچ کھرِ اکأیی۔

"ہارٕ" ہُریمانہٕ چھےٚ "وِرنی" تہٕ کُشیرِ اندر سِکہٕ
کِنہٕ یا تبادلکہِ ذریعہٕ کِنہٕ بارٕسس اَہمیتٕ یِیمٕنیکی یِیمہٕ
اِظہارٕ تلہٕ لگان چھُ "مے چھنہٕ وِرنی تہٕ چَنٛدَس" مگر وِرنی
چھےٚ سیٹھاکم مولٕچ اَہمیتٕ تہٕ ہارِ آسہٕ ہے وِرنہٕ کھوتہٕ زیادٕ
مول، تہٕ اُدٕ موکھہٕ زٕ ہار چھےٚ عام پأنٛسن ہِنٛدِس معنیَس منٛز
استعمال سپدان یِیلہِ زَن، وِرنی، دُمبرِ ہِنٛدِس
معنیَس منٛز استعمال چھےٚ سپدان۔ "وِرنہٕ" "ہُنٛد ذِکرِ
پِنَس سیٖتی چھےٚ یہ کتھ تہٕ پھرٕنی لایَق زِ پأیلی زبأنی منٛز
آستو حوالو موجوٗب چھُ ہِچہٕ ہِنٛدی سِکہٕ تہٕ مُرَوج اُسی مٕتی۔
کَتر سِکہٕ تہٕ چھُ کینٛشٕرِن جایَن عالمو دٔریافت کٔری مٕتی۔
رِگ ویدَس تہٕ اَتھر ویدَس منٛز چھُ "نِشکہٕ" ناوی
اَکِہ سوٗنہٕ چیٖزٕک ذِکرِ آمُت۔ کینٛشٕرِن عالمَن ہُنٛد
خیال چھُ زِ "نِشکہٕ" اوس سوٗنہٕ وَس مگر اَکس جایہ چھُ
حوالہِ آمُت دِنہٕ زِ گأو وہُریمانہٕ آے ۱۰۰ نِشکہٕ برٛہمنَس
انعامہٕ کِنہٕ دِنہٕ۔ بیانہٕ موجوٗب چھُ باوَر پیوان کَرُن زِ نِشکہٕ
چھُ یا تہٕ سِکہٕ اوسمُت نَتہٕ لین دینٛچ اَکھ مُقرر اکأیی۔
نِشکہٕ اوس باقاعدٕ سِکہٕ، تمِچ باوتھ چھےٚ پرٛانیٚن کتبَن تہٕ
اَدبی ماخذَن وٚون دِنہٕ سیٖتی سپدان۔ "کارشاپَن" اوس
بٔرٛونٛہہ کالہِ اَکھ سوٗنہٕ سُنٛد سِکہٕ یتھ نِشکہٕ تہٕ اُسی وَنان۔
یہ سِکہٕ اوس رِگ ویدکہِ دورِ پتہٕ تہٕ واریاہَس کالَس
استعمال سپدان۔ "کارشاپن" لفظُک اَگُر چھُ
کرکش یتھ رَژھ وَزن اوس آسان۔ "کارشاپن" اوس
سوٗنہٕ علاوٕ روٗپہٕ سُنٛد تہٕ ترٛامُک تہٕ آسان۔ روٗپہٕ سُنٛد
"کارشاپن" اوس پُرانا تہٕ دھرنا ناوٕ تہٕ لوکَن وٚلو دییلہٕ زَن
اَمہِ چالہِ ہِنٛدِس ترٛامہٕ سکَس "پنا" اُسی وَنان۔ ژٔری
حوالہِ بدَس اَستھ سیٹھاکم تعدادَس منٛز اَمہٕ قسمکی سِکہٕ
بدَس آسنی چھُ ہاوان زِ یِم سِکہٕ چھنہٕ زیادٕ پرٛژَرَس اُسی مٕتی۔
تہٕ یِمَن ہُنٛد استعمال آسہٕ ہے زیورٕ یا داتہٕ کِنہٕ سپدان۔
مسیحَس بٔرٛونٛہہ شیٖیمہِ صدی منٛز آسی ہِنٛدُستانَس
منٛز ٹھپہٕ دٔرامٕتی سِکہٕ وَرتاوَس تہٕ اَمہِ چالہِ ہِنٛدی
سِکہٕ اُسی پنٛژٕمہِ صدی تام جنوٗبی ہندوستانَس منٛز
چلان۔
گوڈٕ اَنوارِ یِیمہِ وقتہٕ سِکہٕ جأری آے کَرنہٕ، یِمَن جأری

کَرَن دۄل اوس نہٕ راز یا سردار بلکہٕ زَردار تہٕ باپاری۔

یہٕ سِلسِلہٕ رُود شیٖیمہٕ صدی تام چلان تہٕ اَمہٕ پتہٕ نیٖوٗ یہٕ کارِ حکوٗمتن پننِس اتھس منٛز۔ باقاعدٕ سِکہٕ جٲری کَرنہٕ برٛونٛہہ اُس یہٕ کٲم داتہٕ چاٹھن سونہٕ یا روپہٕ لاٹھن بیتر لوان ہینہٕ۔

## ضربہٕ مسالہٕ

مغربی دُنیاہَس منٛز سِکہٕ جٲری کَرنُک ابتدا، سُپدمسیحس برٛونٛہہ سَتہِ مہ صدی منٛز، ییٚلہِ ایشیاے کوچکہِ مغربی ساحلہٕ پیٚٹھہٕ سِکہٕ جٲری آے کَرنہٕ۔ یم سِکہٕ اُسۍ الیکٹرم داہکی، الیکٹرم چھہٕ سونُک تہٕ روپُک رَل، اَتھ منٛز چھہٕ سونُک مقدار اُڈکہٕ کھوتہٕ ہُرِ یمانہٕ یعنی ۷۰ فیصدی سون تہٕ ۳۰ فیصدی روپھ مگر یہٕ مقدار چھُنہٕ تمام الیکٹرم سِکن منٛز اَکھ ؤنٛد ڈٔنٛجہ رُودمُت۔ اَمہٕ پتہٕ آے سونہٕ ہٕنٛدۍ تہٕ روپہٕ ہٕنٛدۍ سِکہٕ تہٕ جٲری کَرنہٕ۔ الیکٹرم سِکہٕ اُسۍ چانٛدِ ہٕنٛدِن دَہَن سِکن برابر۔ سونہٕ سُنٛد اَکھ سِکہٕ اوس ۱۳ چانٛدِ ہٕنٛدۍ سِکہٕ لوان۔ پۄز یہٕ مول تہٕ تناسُب رُود وَقتس سیتۍ سیتۍ ہُران تہٕ چھوان۔

برٛونٛہہ کُن پکتھ آو سِکہٕ جٲری کَرنہٕ باپتھ ترام، ناگ، لوہے، زِسُد تہٕ شیٖشتُر تہٕ استعمال کَرنہٕ۔

جٲری کَرنہٕ آمتین سِکن منٛز چھُ ترامہٕ سِکن ہُنٛد تعداد سارِوٕے کھوتہٕ زیادٕ۔ کم تعداد چھُ سونہٕ ہٕنٛدِن سِکن ہُنٛد۔ سونہٕ ہٕنٛدِن سِکن ہُنٛد تعداد کم آسنکۍ ہٕکن زٕ وَجہ آستھ، اَکھ یہٕ زِ سون اوس پتہٕ کالہٕ پیٚٹھے کم دستیاب دۄیِم یہٕ زِ سونہٕ ہٕنٛدۍ سِکہٕ گالِتھ اُسۍ زیوَر بناونہٕ یوان۔

سِکن ہٕنٛدِ وَزنُک دار و مدار اوس اکثر دات فراہم آسنَس پیٚٹھ۔ کٔشیرِ منٛز مُروج برٛونٛہہ کالہٕ کین سِکن منٛز چھہٕ ترامہٕ سِکہٕ بڈِس تعدادَس منٛز موجوٗد۔ اَسہِ چھُنہٕ پَے زِ ترام اوسا مقامی طور دستیاب سپدان کِنہٕ نیٚبرٕ پیٚٹھٕ اوس اَناونہٕ یوان۔ اَسہِ برٛونٛہہ کَنہٕ چھہٕ تواریخی حوالہٕ موجوٗد یِمَن منٛز وَننہٕ چھُ آمُت زِ برٛونٛہہ کالِہ اوس کٔشیرِ منٛز ترام نیران۔ مگر وۄنۍ چھُنہٕ واریاہ کالہٕ پیٚٹھہٕ کٔشیرِ منٛز اَمیُک نیب نِشانے۔ اَمہِ کِنۍ چھُنہٕ سانہٕ باپتھ ممکن زِ اُسۍ کَرَو کانہٕ منٛزٕ کَڈنہٕ آمتِس ترامَس تہٕ سِکن ہٕنٛدِس ترامَس مُقابلہٕ، یُتھ کیمیائی تجزیہٕ کٔرِتھ اُسۍ وُچھتہٕ ہیکہٕ ہو زِ یُس ترام سِکہٕ جٲری کَرنَس منٛز وَرتاونہٕ چھُ آمُت سُہ چھا مقامی ترام کِنہٕ نیٚبرٕ پیٚٹھٕ اَننہٕ آمُت۔

سِکہٕ چھُ مُلکہٕ چہ بجائی تہٕ پاپَر جاٮ۪ی ہِنٛز علامَتھ تہٕ یِموٗ بادشاہو سلطنتَس وُسعت دِتھ دولتَس ہُرٕ بَر کوٚر تِموٗ کٔرۍ سونہٕ ہٕنٛدۍ تہٕ روپہٕ ہٕنٛدۍ وَزن دار سِکہٕ جٲری۔

پوٗز یُتھے کاٗنسہ بادشاہس ژھکس ہیوٚتُن یُن تمہٕ کرٕ
پننہِ ؤتھر ہوی ترامہ سکہٕ جاری۔ یُتھے یوت ہٕ
وارِیاہو بادشاہو کرٕ پننہِ وقتہٕ پرٛانین بادشاہن
ہندی سکہٕ نوٚو سر جاری۔ یتھہٕ پاٹھو چھِ سکن ہند بتدریج
مُطالعہ سیٚد سیوٚد مختلف دورن منٛز بجاٗیی یاختہٕ
حالی ہند نقشہٕ اُچھن برونٛہہ کُن انان۔ کھوٚٹی سکہٕ
(خاص کرِتھ سون ہٕ سُندی تہٕ روپہٕ سُندی) جاری کرٕنی
چھُ صاف ہاوان زِ سکہٕ جاری کرن وول چھُنہٕ اقتصادی
اعتبارٕ زیادٕ خوش حال کینہہ۔ چنانچہ اَتھ چھُ ٹاکارٕ مثال
چھےٚ کشیرِ اندر درانی دورکی سون ہٕ سُندی تہٕ روپہٕ
سُندی سکہٕ۔ اقتصادی بدحالی موجوٗب تراو برطانوی
حکوٗمتن ہندوستانس منٛز دوٚیمہ بڑ جنگہ پتہٕ گلٹھ
کرِتھ ترامہ روپیہ بازرس پاسہ چاندِ ہنٛز روپیہ کرُن
بنٛد۔

## ٹکسال

ابتداٗیی دورس منٛز آسی ٹھپہٕ گڈی متی سکہٕ
مُروج مگر پتہٕ لوگ قالبہٕ ذریعہ متین سکن چلیے جاو۔
ٹھپہٕ گڈی متین سکن ہُند گرِتھ اوس اکثر بےٚ سوٚم
آسان مگر قالبہٕ گڈی متین سکن منٛز چھُ سمبر درینٛٹھ یوان
یُس زن نفاستس کُن اَکھ قدم اوس۔ ٹھپہٕ گڈی متی
ژُکوٗنجل سکہٕ تہٕ چھِ اَتھ آمتی تہٕ ڈلاوی سکہٕ تہٕ۔ ٹھپہٕ سکن
اُس کوٗن کرٕ پتھہٕ گولاٗیی یوان کرنہٕ۔ امہ چالہٕ ہندی ژُکوٗنجل
سکہٕ چھِ بانتھے سکو کھوتہٕ پرٛانی۔

سکن وُچھتھ چھےٚ عقیدن تہٕ ہوٚنرمندی
ہُنرزان کاری تہٕ سپدان۔ سکہٕ چھُ تہذیبی ترقی ہُند
رفتار بدِ کُڈلنس نہٕ زانِنس منٛز اَتھ روٚٹ کران۔ سینٛدہٕ
پتھرٕ منٛزیمہٕ علامژ اَسہٕ مختلف کتبرٕ موہرن پیٹھ درینٛٹھ
چھےٚ یوان تمے علامژ چھےٚ پتہٕ وارِیاہن علاقاٗیی سکن
پیٹھ تہٕ کھنہِتھ۔ مثلن، اَندی اَندی جنگلہٕ دِتھ کُل، نندی
شوبیتر۔ علامژن ہُند سکن پیٹھ کھنہِتھ آسُن چھُ صاف
ہاوان زِ قدرتہٕ کین مختلف روٗپن ہنٛز یوسہٕ پرستش
سینٛدہٕ پتھرٕ ہندِس تہذیبس منٛز مروج اُس سینٛدہٕ
پتھرٕ ہُند تہذیب ختم گژھتھ نہٕ آسی قدرت پرستی
ہندی عقیدٕ زِندٕ۔

فریکی تحریر چھِ واٗنسہ وادن موجوٗد روزان،
چنانچہ وارِیاہ رازٕ چھِ تتھی یمن ہُند ناو صرف سکوکنی زِندٕ
چھُ نتہٕ چھُنہٕ تواریخس منٛز تہنٛد سرسری ذکر تہٕ
آمت۔ منٛدورن گنٛس تل سکہٕ دوب تراونک
رواج تہٕ اوس نہٕ بلی۔ یہ رواج اوس مکانہٕ کہ تعمیرک
زمانہٕ دٔلس تل تھاونک اَکھ ذریعہ۔ کشیرِ ہندین
پرٛانین سکن پیٹھ چھُ اَسہٕ کھروشتی، یوٗنانی، براہمی

گپتا، شاردا، عربی تہٕ فارسی بیتر خط نظرِ گژھان۔ کھروشتی خط چھُ ہارَون ٹایلَن پیٹھٕ تہٕ کھنِتھ سِکہٕ چھےٚ سوٗ واحِد شہادت یُس یمہِ سٕتی پے چھُ لگان زِ کشیٖرِ تہٕ امہِ کِس اندِس پکھس مَنٛز چھِ تتھ رسم خط تہٕ مُروَج آسٕمتی یمَن ہُنٛد ووٚنی کانٛسہٕ وۄن تہٕ چھُنہٕ۔ کشیٖرِ مَنٛز جاری کرنہٕ آمُت گوڈنیُک سِکہٕ یتھ پیٹھ شاردا خطَس مَنٛز رِوایت دٔرِج چھےٚ، چھُ وَرمَن خاندانہٕ کہِ دوٗرُک یُس یتھ کتھِ کُن اشارٕ چھُ کران زِ شاردا خطَس لوٚگ کشیٖرِ مَنٛز نوٛیمہِ صدی یا امہِ برٛونٛہہ یہَن چلے جاو۔ امہِ برٛونٛہٕ ٹھِمَن سِکَن پیٹھ چھےٚ براہمی تہٕ گپتا خطَس مَنٛز روایت دٔرِج۔ مختلِف علاقَن مَنٛز مُروَج سرکٲری زَبانٕ ہَن تہٕ طرزِ تحریٖرس متعلق زان پَچھان کرنہٕ کِس معاملَس مَنٛز چھِ یِمھِ پأٹھی سِکہٕ معتبر دستاویزَن ہُنٛز گژھِ نٛز مَنٛز یوان۔ سِکہٕ یوٚت شوٗبہ دار گژھِتھ تہٕ پأرٲوِتھ آسہٕ تیوٚت چھُ کٲری گری مَنٛز ترقی ہُنٛد باسِس لگان۔

شُمال مغربی ہندوستان اوس اکہِ زمانہٕ ایران چہ اکھیمینی سلطنتُک ہُنٛد حِصہٕ۔ تمو اوس شُمالی علاقَن مَنٛز پَنُن ضَرب مُروَج کوٚرمُت۔ تِہُنٛدِس روپہٕ سُنٛدِس سِکَس اوس سگلوس تہٕ سوٚنہٕ ہُنٛدِس سِکَس ڈارِک ناو۔ سِکندرِ اعظم روٗد ہِندوستانَس مَنٛز مسیحس برٛونٛہہ ۳۲۷ پیٹھہٕ ۳۲۴ ہَس تام تہٕ تَس متعلق چھُ وَننہٕ یوان زِ تمی کوٚر اَتھ دوران پَنُن تراہہٕ ضَرب مُروَج۔ روپہٕ سُنٛد سُہ سِکہٕ یتھ پیٹھ ایتھنی راتہٕ موغُل بناوِتھ چھُ آوتِمے زمانہٕ ہندوستانَس مَنٛز جاری کرنہٕ۔ محقِقَن ہُنٛد خیال چھُ زِ سِکندرٕ سُنٛد ہم کال ساوبھوتی چھُ سُہ بادشاہ یمی یوٗنانی روایت ہیتھ سِکہٕ جاری کٔری۔ چنانچہ سِکَن ہُنٛدِس گرٛانَس تہٕ تھرنَس مَنٛز روز برٛونٛہہ پیٹھے یوٗنانی نٕہجہ بارسس؛ خاص کرِتھ کشیٖرِ اندر ییٚتہٕ یہ سِلسِلہٕ ہندو دورٕکِس سوَرن کالَس تام مُروَج روٗد۔

## کشیٖرِ ہُنٛد نقدی نظام

تحریٖری حوالو تہٕ ییٚتھ کٲلی آثارو چھُ ہوٚدمُت زِ کشیٖرِ اُس موریا سلطنتُک حِصہٕ مگر کشیٖرِ اندر چھُنہٕ موریہ دوٗرُک اکھ تہٕ سِکہٕ اَتھِ آمُت۔ یہ وِچھِ ہیٚکہٕ ہےٚ کشیٖرِ موریہ سلطنتَس مَنٛز شأمِل نہٕ آسنُچ دلیٖل بَنِتھ مگر یِزر چھُ یہِ زِ سأری سے ہندوستانَس مَنٛز چھُنہٕ وُنِستام موریہ دوٗرُک کانٛہہ تہٕ سِکہٕ اَتھِ آمُت — اَمیُک وَجہ ہیٚکہٕ یہِ آستھ زِ یا تہٕ آسہٕ ہےٚ نہٕ تتھ دورَس تام سِکہٕ سازی سرکٲری تحویلَس مَنٛز ننہٕ آمٕژ نَتہٕ

آسہٕ ہن تمے سکہٕ مُروج یم اَمہٕ بڑو ژنہہ بازرس مَنٛز
آسی مثلن سوورن، کارشاپن تہٕ پن بیتر۔ اَز بڑو ژنہہ
ژتجی پانژہ تاجی وری سپدی عالمن کینہہ سکہٕ بدس
یمن پیٹھ کانہہ عبارت درج چھنہٕ مگر اَکہٕ طرفہٕ چھ بالس
پیٹھ ژنڈر تہٕ دوٚیمہٕ طرفہٕ ہوٚس بناوِتھ۔ یتھی سکہٕ
چھ ٹیکسیلا پیٹھہٕ کوسامبی تام دراہمتی تہٕ اندازٕ چھُ
یوان کرنہٕ زِ یمن سکن ہُند تعلق چھُ موریا دورس
سیتی۔ گوڈے چھُ اشارٕ کرنہٕ آمُت زِ شیٚیمہٕ صدی تام
اوس سکہٕ مختلف ادارن ہندِ ذٔسی بازرتزادنک
رواج ڈنجہ۔ مگر کینشرن جاین آیہ اَمہٕ بڑو نٹھے
سکہٕ ساژی سرکاری تحویلس مَنٛز ننہٕ۔ یہ ہے
وجہ چھُ زِ سترپ دورٕ بڑو نٹھمی سکہٕ چھنہٕ اَسہٕ بدس
تہٕ بڑوژنہہ کالکی یم سکہٕ اَسہٕ حاصل سپدی متی چھ تم
چھنہٕ اَسہٕ تواریخی موڈ بدرکڈنس مَنٛز اَتھہٕ روٹ
کران۔ یمن یتھ کالہٕ کہن سکن پیٹھ چھنہٕ کانہہ
روایت درج صرف چھکھ ٹھپہٕ ترأوِتھ یتھ متعلق پے
چھنہٕ زِ یہ چھا سرکاری کِنہٕ پرائیویٹ۔

موریہ دورسورنس سیتی یا اَتھہٕ اَندی یکھی روز
کشیر تہٕ اَکھی دچھتی کھووری علاقہٕ یونانی سترپن تابین۔
ییٚنیچ نشاندہی قدیم آثار، کشیرِ ہُند طرزِ تعمیر تہٕ سترپن
ہندی رتم سکہٕ کران چھ یم کشیر اندر مختلف جاین یمن
مَنٛز ژکھ درتہٕ شامل چھ اَتھ چھ آمتی۔ حالانکہ سکہٕ
اَتھ ہنی چھنہٕ لازمی طور یتھ کتھہٕ پُشنٹے کران زِ ییمہٕ
علاقہٕ اَندر یم سکہٕ اَتھ چھ آمتی سُہ علاقہٕ کیاہ چھُ تس
رازس ماتحت اوسمُت ییمی سکہٕ جاری چھ کری متی۔
اَمہٕ کنی زِ سکہٕ چھ سوداگارن تہٕ سالانین ہندِ دستہٕ اَکہٕ
جایہ پیٹھہٕ دوٚیمہٕ جایہ واتان روودی متی۔ تحقیق کرن والین
چھ مالابار ساحلہٕ پیٹھہٕ جان تعدادس مَنٛز پرانی رؤمی
سکہٕ اَتھ آمتی حالانکہ مالابارس پیٹھ چھنہٕ زانہہ تہٕ
رؤمی حکومت اوسمُت۔ او مالابار ساحل چھُ یتھ کالہٕ پیٹھہٕ
مغربس تہٕ مشرقس درمیان، تجارتک مرکز اوسمُت تہٕ
رؤمی سکہٕ تہٕ دوٚیمی آثار اَتھ ینی چھ یتھ کالہٕ کہن تجارتی
تعلقاتن بییہ ہن ڈکھ کران۔ مگر مختلف تحریرن مَنٛز گاندھار
جاتک تہٕ اشوک اودان بیتر کتابہٕ شامل چھنے، تمہٕ چھنے
یتھ کتھہٕ پُشنٹے کران زِ کشیر آس تمہٕ جن یدک اَکھ حصہٕ یتھ
جن یدس بودھ گرنتھن مَنٛز گاہے گاندھار کشیر تہٕ
گاہے گاندھار وننہٕ چھُ آمُت۔ تواریخی شہادژ، قدیم
آثار، سکو تہٕ کتبو چھُ ثابت دیتمُت کرِتھ زِ اَتھ علاقس
پیٹھ آس یونانی سترپن ہنز بالادستی۔ ساری سے شمالی
ہندوستانس مَنٛز بلکہ مشرقس مَنٛز چھنے کشیر سوٚ واحد
جاے ییٚتہٕ وُنستام ڈورک طرزِ تعمیرکی آثار ڈنجہ چھ، یہ
طرزِ تعمیر چھُ یونانک قدیم ترین طرز۔ کشیر اندر ڈورک

طرزِ تعمیر زٕٹھرِتھ آسُن چھُ اَکھ فِکرِ انگیز معاملہٕ تہٕ باسان چھُ زِ یوٗنانی ما آسہٕ ہَن تمے زمانہٕ کشیرِ واتی ہتی ییلِہ تِمو باختر تہٕ اَمُیک اَنٛدی پکھی علاقہٕ پانَس تابین کوٚر۔ سترن پتہٕ آیہٕ کٔشیر کُشانَن ہندِس اِقتدارَس تَل تہٕ بنے یہ تِمہِ عظیم سلطنتُک حِصہٕ یمہِ منٛز ایشیا پیٹھ خلیج بنگالَس تام کاڈ اوس کوٚڈمُت۔ گاندھارٕ پٔنٕنۍ حکومت قایِم۔

## ضربک گوڑ انہار

کأشرِ پانہٕ نوو روٗمی دینار گوڑ دینار تہٕ پتہٕ "دیار" وَنِتھ۔ "دیار" لفظ چھُ وُنہٕ تہٕ نقدی ہندِس معنیَس منٛز عام کأشرِس زیوِ پیٹھ۔ اَمہِ ہُر کانہٕ اُسی بٔیہٕ تہٕ کینٛہہ سِکہٕ یِمَن کأشرِ ناو اُسی تہٕ یِمَن ہنٛز ووہ فی یاد باقے چھِ۔ یِتھین سکَن منٛز اُس "باہ گنی" پنٛشرہ ہتیٖشُن تہٕ سأیشُن شامل۔

سِکَن ہنٛدِ مطالعہ سیتی چھے ژینہٕ وَن لگان زِ کُشانو پتہٕ بنے یہ کِدار کُشان کُشیرِ ہنٛدی حُکمران۔ کِدار کُشانَن ہُنٛد تعلق اوس کُشانَن ہنٛزِ تتھ دٔیمہِ چھوکہِ سیتی یِمِکو بادشاہ محموٗد غزنوی (کہم صدی) ہِنٛدِس وَقتَس تام کابلَس پیٹھ حکومت اُسی کران۔ کِدار کُشان چھِ تواریخَس منٛز لوکٹو کُشانو یا کأنسو کُشانو نأوی تہٕ وُلِنس تَل۔ کأنسو کُشانو کٔر ۴۳۰ءَ منٛز

## کِدار ضرب

کِدار کُشانَن ہِنٛز سوٗنہٕ موہر آسہٕ بِلکُل تِتھی یِتھہ شأہی کُشانو رأیج کٔرمٕژ آسہٕ۔ یِمَن ہُنٛتھی پاسہٕ ووہ دِنہٕ راز چھُ ہأوِتھ تہٕ تُھر طرفہٕ ہِیتھ دیوی چھے۔ موہرِ پیٹھ چھُ لفظِ کِدار، برہمی خطَس منٛز لیکھتہ یُس ژوٗرِ مہِ پانٛژِمہِ صدی منٛز مُروج خطچ نِشاندہی چھُ کران۔ کِدار رِوایت ہیتھ پانہٕ نوو کأشرِ بادشاہو سِکَن ہُنٛد یہ طرز۔ شیٖیمہِ صدی پیٹھ چھُ کأشرِن سِکَن منٛز کُشان سِکَن مُقابلہٕ گرتھ تہٕ کأریگری رٕنگہٕ پھیریہ درٛینٹھ یوان۔ نوِمہِ صدی تام روٗد یہ مُروج۔ باسان چھُ زِ یِتھی سِکہٕ آسہٕ ہن شیٖیمہِ صدی برونٛہہ کٔشیرِ منٛز چلان۔ چِنانچہ کُٹنہِ مَتَس منٛز چھُ لیکھتھ زِ اٹھِمہِ صدی منٛز اُسی کٔشیرِ اَنٛدرِ سِکَس کِدار وَنان۔ کِدار کُشانَن ہنٛدِس کٔشیرِ پیٹھ اِقتدارَس متعلق چھے راج ترنگنی خاموش مگر مختلِف زمانَن منٛز اُسی اَمہِ قبیلکی لوٗکھ کٔشیرِ منٛز تھدِ ہن عہدَن پیٹھ تہٕ تِمو چھُ کٔشیرِ منٛز کینٛہہ تعمیر تہٕ کٔری متی۔ یِدَس شہادژ مۆجوب اُسی کِدار کُشانَن برونٛہہ پیٹھ کٔشیرِ سیتی واریاہ جان تعلقات۔ کِدار کُشانَن ہِنٛز واریاہ موہرِ چھے مختلِف سوٗمبرَن منٛز موجوٗد مگر یہ وَنُن چھُ مُشکل زِ کٔشیرِ پیٹھ جأری کَرنہٕ آمٕژ موہر کوسہٕ اَکھ چھے۔

کَنِنگھم چھُ کٲشرِ پیٹھٕ ہِندُ دوُرُک گوڈنیُک سِکہٕ مِہرکُل (شیٚیِم صدی) ہُند سِکہٕ مانان۔ مِہرکُل ووت تمہِ ساعتہٕ کٲشرِ یِلہِ تَس باتھ ہِندوستانَس مَنٛز دکہٕ کوٚڈُکھ۔ تَس اَس گوڈٕ سیالکوٹ رازدٲنی۔ کَنِنگھم ہُنٛد وَنُن چھُ زِ سُہ سِکہٕ یِتھ پیٹھ "جیَیہ۔ تہٕ۔ مِہرکُل" روایت دَرٕج چھےٚ، سُہ سِکہٕ کیاہ چھُ کٲشرِ ہٕنٛزِ ٹکسالہِ مَنٛز دزامُت، چھُ بحث طلب۔ گوڈنیتھ اوٚکنی زِ اَمِس رازٕ ہُنٛد کانٛہہ تہٕ سِکہٕ چھُنہٕ کٲشرِ ہِنٛدِ علاقہٕ مَنٛز اَتھ آمُت۔ دوٚیُم اوٚکنی زِ مِہرکُل بنیوو کِدار کُشانو پَتہٕ کٲشرِ ہُنٛد حُکمران۔ کِدار کُشانَن ہٕنٛز ژِینہٕ وَن "کِدارا" چھُنہٕ تِہنٛدِس سِکَس پیٹھ نظرِ گژھان حالانکہِ تَس پَتہٕ چھُ کِدار لفظُک اندراج اَسہِ رازٕ پَروٕرسین تہٕ دوٚیِمِن رازَن ہِنٛدِس ضربَس پیٹھ دِرینٛٹھ یِوان۔ مِہرکُلَس پَتہٕ چھُ کھِنکھِل ہُنٛد بَدَس سِکہٕ تہٕ تمے گاچہ یِیمہٕ گاچہ مِہرکُل ہُنٛد سِکہٕ چھُ۔ کھِنکھِل چھُ نریندرا دتیہِ ناوٕ اَسہِ وُلِس تَل یَس متعلق کَنِنگھم چھُ لیکھان زِ یہ ناو چھُ تِہنٛدِ سیٖتھی ناو کھِنکھِلُک ہِندوستٲنی ترجمہٕ۔

## تورمان ضرب

کٲشرِ اَنٛدر چھ سیٹھا بڈِس تعدادَس مَنٛز تورمان ہِنٛدی سِکہٕ اَتھ آمتی۔ یِم ساری سِکہٕ چھ تراہوی تورمان ہِنٛدی سِکہٕ چھ گرٕ تھکہٕ اعتبارٕ بلکُل کِدار کُشانَن سیٖتی رلان۔ اَہنٛدِن سِکَن پیٹھ چھُ بُتھی پاسہٕ ووٚدی راز تہٕ دوٚیمہِ طَرفہٕ پمپوش اَتھہِ ہیتھ دیوی بِناوِتھ۔ سِکَس پیٹھ دَرٕج رازٕ ہُنٛد ناو چھُ براہمی خطَس مَنٛز "شری تورمان"۔ براہمی خط چھُ اَمہِ خطُچ پنٛشرِ مہ، شیٚیِمہِ صدی مَنٛز مُروج ٲسُن تھ۔ سِکَس چھُ تھَر اَنٛدٕ سیٚد سیٚود کھوٚورُکُن کِدار لیکھتھ۔ راج ترنگنی مَنٛز چھُ دَرٕج زِ تورمانَن کٔری تمِے سِکہٕ پننہِ ناوٕ جٲری یِم سِکہٕ تَس برٛوٚنٛہہ کٔمی نام رازَن کٲفی تعدادَس مَنٛز جٲری کٔری ہتی آسی۔ گوڈنیتھ سِکہٕ جٲری کَرَن وول آسہِ ہے کانٛہہ سیٖتھی رازٕ۔

یہِ کَتھ چھےٚ بحث طلب زِ یَس تورمان ہُنٛد ذِکرٕ راج ترنگنی مَنٛز آمُت چھُ، سُے تورمان چھا مِہرکُل ہُنٛد مول تورمان۔ مگر اکھ کَتھ چھےٚ پھِرنی لایق زِ گوڈنیتھے چھُ کلہنَن مِہرکُل ہِنٛدِ پَتہٕ تورمانُن ذِکرٕ کوٚرمُت۔ دوٚیُم یہِ زِ اَسہِ نِش چھُنہٕ کانٛہہ ترٛٹھہ شہادتھ زِ مِہرکُل ہُنٛد مول تورمان کیاہ چھُ کٲشرِ پیٹھ حُکمران اوسمُت، ترٛیِم کَتھ چھےٚ یہِ زِ تورمان ہِنٛدِس سِکَس پیٹھ چھُ لفظ "کِدار" دَرٕج، یِیمہِ سیٖتی تِہنٛدِ سیٖتھی یا کُشان آسنُچ ژِینہٕ وَن لگان چھےٚ، خَیر۔ تورمان ناو چھُ تِہنٛدِ ترک آسنُک پےٚ دِوان۔ ضربَس پیٹھ "کِدار" دَرٕج آسنہٕ سیٖتی چھےٚ یہِ ژِینہٕ وَن تہٕ میلان زِ ہرگاہ تورمان پانہٕ سیٖتھی اوس نہٕ مگر یِتھ علاقَس پیٹھ

تٕمہ حکمران اوس تیتہِ چھِنے کُشانن ہنٛدی سِکہٕ مُروج آسنٕچ

روایت زِنٛدٕ اٰسمٕژ۔

## پٕرورسین ثانی ہنٛدی سِکہٕ

راز پٕرٛوٕرسین (دوٚیُم) سُنٛد ضرب چھُ سوٚنہٕ سُنٛد

تہٕ نٕہ روٗپہٕ سُنٛد تہٕ۔ بٕتھِ پاسہٕ چھِنے اَتھ بِہِتھ دیوی ہاٰوِتھ

یَس کھووٕرِس اَتھَس کیٛتھ پمپوش چھُ۔ سِکَس چھُ

دٕچھنہِ پاسہٕ بٕرٛہمی خطس مَنٛز شری پرور دٕرٕج۔ دیوی

اَتھَس کیٛتھ پمپوش آسُن چھُ لکشمی ہٕنٛز ژینہٕ وَن تہٕ دِوان

تہٕ شاٰہی تھپکہٕ تھپکٕچ تہٕ۔ تٔھر پاسہٕ چھُ سِکَس ہیٛٹھ راز

بِناٰوِتھ یَس کھوٗوٕرکُن بٕتھ چھُ۔ کھووٕرِس اَتھَس کیٛتھ

چھُس بَلَم یَتھ پیٚتِس پیٛٹھ ژٕنٛدرمہٕ چھُ بِناٰوِتھ۔ رازَس

چھُ دٕچھنہِ نٕرِ واشِس کَڈِتھ تہٕ نٕرِ پیٛٹھ کُن چھُ ترِشوٗل

نَظرِ گژھان، اَمے پاسہٕ دٕچھُن کُن چھُ سِکَس پیٛٹھ

لَفظِ "سین" لیٛکھِتھ تہٕ رازٕ سٕنٛدِس کرٛژھس بوٚن کُن

چھُ کھووٕرِ طرفہٕ کِہ۔ دارا لیٛکھِتھ۔ ترِشوٗل تہٕ ژٕنٛدٕر چھ

شیوی عقیدٕ ہٕنٛز باوَتھ تہٕ رازٕ سٕنٛدِ شیوی آسنٕچ

ژینہٕ وَن چھِنے پرٕوَرپورس مَنٛز تٔسٕنٛدِ گوڈنیُک شِو

مَندر تعمیر کرنہٕ یِتی تہٕ لگان۔ دِلچسپ کتھ چھِنے یہِ زِ

تورمان سٕنٛدِ ضرٕبک بٕتھِ پاس چھُ رازٕ پرٕورسین

دوم سُنٛد تٔھر پاس تہٕ یِتھے پاٹھی چھُ تورمان سٕنٛدِ

سِکک تٔھر پاس پرٕورسین سٕنٛدِ ضرٕبک بٕتھِ پاس۔

رازٕ پرٕورسین دوٚیُم سُنٛد سوٚنہٕ ضرٕب چھُ روٗپہٕ ضرٕبہٕ

نِش ؤکھٕر۔ اَتھ سِکَس پیٛٹھ چھُ رازَس بٕتھ برٛوٚنٛہہ کُن۔

رازٕ چھُ وٕدہٕ وِنی، اَمِس چھُ کھوٗوٕر اَتھ ہٕلِس پیٛٹھ تہٕ دٕچھُن

اَتھ چھُس تھوٚد کھاٰرِتھ۔ رازَس دٕچھنی تہٕ کھووٕری چھِ زٕ زٕنی

بِہِتھ ہاٰوِتھ۔ رازٕ سُنٛد ناو پرٕوَرسین چھُ بٕراہمی خطس

مَنٛز دَرٕج۔ اَتھی سِکَس چھِنے تٔھر پاسہٕ سِہس سوار دیوی

ہاٰوِتھ یَس کھووٕرِس اَتھَس کھیٛتھ پمپوش چھُ تہٕ کھوٗوٕرکُن

چھُس پھوٗلدان۔ 'کِدار' روایت چھِنے کھووٕرِ پاسہٕ سِکَس

پیٛٹھ سیدِ ہیٛرِ پیٛٹھ بوٚن کُن لیٛکھِتھ۔ دیوی چھِنے کنِنگھمن

لکشمی مانٛز مگر یہِ چھُ امیکایہِ ہٕنٛد روٗپ باسان۔ سِکک

تٔھر پاس چھُ گُپت طرزَس سیٚتی رَلان۔ کنِنگھم یوٚدوَے

لیٛکھان چھُ زِ سِکَن پیٛٹھ دَرٕج طرزِ تحریر چھُ پٕنٛژمہٕ

صدی ہُنٛد مگر بذاتی گژھہٕ یہِ اندازِ تحریر شیٛیمہٕ صدی ہُنٛد

آسُن، قیاسس تہٕ شہادت چھِنے یتھ کتھِ ڈکھ کران زِ

پرٕورسین دوٚیُم سُنٛد دوراوس شیٛیمہٕ صدی ہُنٛد اَنٛد۔ اَتھ سِلسِلَس

مَنٛز چھِنے گوڈنٛچ شہادت ہیون سانگ سٕنٛز یُس

(۶۲۹-۳۱ء) مَنٛز کٔشیرِ آو۔ تٕمہ چھُ اَمہِ وَقتہٕ پرٕوَرپورس

نوٚو شہر وَنان۔ یٕمیُک معنے یہِ ہیٛکہِ اَسِتھ زِ

تِہنٛدِ یِنہٕ برٛوٚنٛہہ کیٚہہ کال اوس پرٕوَرپور لَسا ونہٕ آمُت۔

نہٕ یہِ کیٚہہ کال ہیٛکہِ نہٕ ہتھ دوٚہ ڈ ہتھ وٕری اَسِتھ۔ تہٕ کیاز

تم گیہ کم کاسہٕ شِنٛٹے پیسر تہٕ شیٖتیو پیسر لوٗ پیتہٕ آسہٕ ہے نہٕ
نوٗوٗ شہر نوٗوٗے شہر رٲوٕمت۔ دوٚیم کتھ چھےٚ
یہ زٕ جدید تحقیقہٕ موجوب اوٗ مہر کُل ۵۵۵ء پتہٕ کشیر
مہرکُلس پتہٕ بیوٚکھ راز پرٕورسین دوٚیم تختس پیٖٹھ کِنہٕ
تسُنٛد دورِ حکومت شیٖیمہ صدی ہُنٛد سورن کال تہٕ
ستمِہ صدی ہُنٛد گوڈٕ کال اسِتھ ہیکہٕ۔ راز پرٕورسین
لس تہٕ کارکوٹ خاندانہٕ کِس دُرلبھ وردھن نس وقتس
دوران چھ ووڈنی رازٕ تہٕ بھتھ دلوی طرزٕکی کینٛہہ پھِیرِ
سِکہٕ تہٕ ۔ اتھ آمتی۔ یمن منٛز چھُ اڈن پیٹھ بھتھ
پاسہٕ شری نریندر تہٕ تھر پاسہٕ کِدار درٕج۔ امے طرزٕکی
بیٚیہ کینٛہہ سِکہ تہٕ چھ یمن بھتھ پاسہٕ شری گوکرن تہٕ تھرٗ
پاسہٕ کِدا لیکھِتھ چھُ۔ یہ چھُسے نریندر دتیہ یُسنٛد
ذکر گوڈے چھُ آمُت، مگر یہ کتھ چھےٚ شک آور
باسان زِ یہ نریندر دتیہ چھا سے لُیس کشیر ہُنٛد راز
اوس کِنہٕ نہٕ۔ مگر کارکوٹ تہٕ گوکرن سِنٛدین سِکن
یُس ہشر نریندر دتیہ سِنٛدین سِکن سیتی چھُ تتھ بنیاز
پیٹھ چھےٚ شک کرنس سیٹھا کم گنجٲیش روزان۔

## کارکوٹ ضرب

کارکوٹ دورٕکی سِکہٕ چھ موٚٹ دروٚٹ مگر کاری گری
ہنٛدِ اعتبارٕ چھِ یم پھِیرِ۔ امہِ دورٕکین سونہٕ دینارن
چھُ روپہ تہٕ لوٚہے رلہٕ۔ کینٛہن سِکن چھُ لوہ یہ ہُنٛد
تیوٗت مقدار سیتی زِ سونہٕ کھوتہٕ چھ تم دینار لوہ یہ ہنٛدۍ
باسان۔ امہِ دورٕکی ترامہٕ سِکہٕ تہٕ چھ بدس تہٕ یموٚ سکو
اندرٕ چھ اکثر تمتھی یمن گڈکھ چھےٚ دتھ مگر بذاتی چھِ یم سِکہٕ
نقلی۔ راج ترنگنی منٛز چھُ درٕج زٕ راز جیاپیڈن
(۷۵۱ - ۷۸۵) لبٕ ترامہٕ کان تہٕ کرِن امہِ کم اکھ از
ترامہٕ سِکہٕ جاری۔ تسِنٛدی جاری کرٕی ہتی ترامہٕ سِکہٕ چھ
کنشک تہٕ ہشک سِنٛدین جاری کرٕی متین سونہٕ
سِکن تہٕ روپہ سِکن ہنٛزِ چالہٕ مگر یمن سِکن چھِنہٕ کُشان
سِکن ہنٛز ہش شوٗب۔

کارکوٹ خاندانُک بانی کار رازٕ اوس دُرلبھ
وردھن یٖیمی پننہٕ ناوُک سِکہٕ جاری کوٚر۔ امی سِنٛدس
سِکس پیٹھ چھےٚ دلوی ہنٛزِ بنے سوٚم شبیہہ، لیوٕ سہ
شاید لکشمی چھےٚ۔ بھتھی پاسہٕ چھُ سِکس پیٹھ دُرلبھ دیو
لیکھِتھ۔ تھر پاسہٕ چھےٚ ووڈنی رازٕ سِنٛزِ بنے سوٚم شبیہہ
تہٕ امے پاسہٕ چھُ سِکس پیٹھ جیَہ تہٕ کِدار لیکھِتھ۔ امہِ
خاندانہٕ کیو دوٚیمو رازو تہٕ کرٕی امہِ چالہٕ سِکہٕ جاری۔ فرق
چھےٚ صرف ناوَن ہنٛز۔ پرتاپ دتیہ اوس دُرلبھک
سُنٛد لقب۔ مشہور راز للتادتیہ (۶۹۵-۷۲۱)
اوس امی سے دُرلبھکا سُنٛد نیچو تہٕ یمن سِکن پیٹھ
پرتاپ دتیہ روایت درٕج چھےٚ تم سِکہٕ چھ شاید للتادتیہ

مُکتاپیڈ ہندی نہ زِ تِہندِس ماٗلِس دُرلبھ ہندی
جاری کٔری ہتو۔

دُرلبھ پرتاپ دتیہ سندِ پتہٕ بنیو چندراپیڈ
راز تہٕ تٔس پتہٕ تاراپیڈ۔ یِمَن دوشوٕنی رازن ہندِ
ناوُک کانہہ سِکہ چھُنہٕ بدس۔ اوٕکنی زیم رٕدی سیٹھا
کم وقتس حکمران۔

یِمَن رازن پتہٕ بنیو راز للتادتیہ مُکتاپیڈ
کٔشیرِ ہُند حکمران۔ اُمس راز سِند یعنی للتادتیہ
سِند ناوُک کانہہ تہٕ سِکہ چھُنہٕ وِلستام بدس
سپُد مُت۔ للتادتہن کر ۳۶ ؤری ین حکوٗمت
تہٕ بُڈی بُڈی تعمیر اَند واتناوِتھ نموٗن ناوزِندہ۔ تہندِ
وقتہٕ اُس کٔشیر سیٹھا بجا۔ خبر تمی کیازِ کری نہٕ پننہِ
ناوِ سِکہٕ جاری، حالاں کہٕ پرتاپہٕ ناوٕ جاری کرِنہٕ آمتی
اُمی ہندی سِکہٕ چھِ ہندوستانس منز بسیار جاین
میلان۔

یہ کتھ باور کرنس چھےٚ بُنیاد زیم سِکہ شری
پرتاپ ناوٕ بدس سپدی ہتی چھِ تِمن سِکَن ہُند
تعلق چھُ راز للتادتس سیتی نہ زِ دُرلبھس سیتی
یُس پرتاپ دتیہ ناوٕ حکمران بنیو۔ اتھ سلسلس منز
چھُ کنِنگھم راج ترنگنی ہنز ژورمہ ترنگہِ ہندِ ۱۲۴ مہ
شلوکُک حوالہٕ دِتھ ونان زِ یشو ورمن سِنز
سلطنت زینِنہٕ پتہٕ کھوو للتادتن پرتاب ادت لقب۔
سٹین تہٕ آر۔ ایس پنڈت چھِ اتھ شعرس بدل معنے
کران۔ آر۔ ایس پنڈت چھُ شعرُک ترجمہ یِتھہٕ کٔنی دوان:

" یشو ورمن سُند دوِ دوِ کرن دول فوج
پیو للتادتیہ سِندِ تیز سیتی تِتھے کٔنی ہرتھ
یِتھہٕ کٔنی بالی کول تاپہٕ سیتی ہوکھان چھےٚ"۔

سٹین چھُ شعرُک یِمہٕ چالہٕ ترجمہٕ کران۔:

"پہاڑس سومب یشو ورمن سُند فوج ژمبو
اکس برژرُس منز۔ راز للتادتیہ اوس تتھ دزونس
افتابس ہیوٗ یُس بالی کوہ لہ ہوکھناوِتھ چھُ تھاوان۔"

مگر شلوکس وارٕ پاٹھو سٔنِتھ چھُ بقولِ ڈاکٹر اے
کنِنگھم منز ورژھنے اندازس نکھہٕ پاسان۔ شلوکس
منز چھُ پرتاپادتیہ پایو، محاوٕر استعمال کرِنہٕ آمُت تہٕ
اتھ محاورس چھُنہٕ للتادتیہ سندِس ماٗلس سیتی کانہہ
تعلق۔ یہ چھُ محض للتادتُن اکھ گوٗن تہٕ معنے چھُس زِ للتادتیہ
بنیو پرتاپ دتیہ۔ یا یہ زِ للتادتن پژوو یشو ورمن زیر
کٔرِتھ پرتاپادتیہ لقب یِتھ کٔن ۱۲۳ مس شلوکس منز
اشارٕ چھُ آمُت کرنہٕ۔

## پرتاپہ ناوکی سکہ

"شری پرتاپ" روایژِ والی سِکہٕ چھِ کافی تعدادس

مَنٛز ہندوستان کیو مختلف حِصو اَندر اَتھہِ آمتیہ۔
یِمَن جایَن یِم سِکہٕ اَتھہ چھ آمتیہ تِمَن مَنٛز چھُ فیض آباد
ضِلعس مَنٛز بھٹاویر، باندا ضِلعس مَنٛز ماو تحصیل،
سارناتھ، راج گھاٹ، مونگیر تہٕ نالندہ بیتر شامِل۔
دُرلبھکا پرتاپا دتیہ اوس کٔشیرِ ہِنٛد مُقامی راز۔ تَس
اوس نہٕ وسطی ہندوستانَس سٟتی کانٛہہ تعلق۔ بڑِس
تعدادَس مَنٛز اُتر پردیش تہٕ بِہار اَتھہِ پینہٕ واٲلی سِکہٕ
ہیکہٕ ہَن نہٕ دُرلبھکا پرتاپا دتیہ سٕندی اَستھ اَلبتہٕ
یِم سِکہٕ للتادتیہ سٕندی مانٛنَس چھینہٕ کانٛہہ اَٹھکاو۔ اَمہٕ
بَرونٛہہ کنہٕ چھ واضح تواریخی حوالہٕ موجود، یِموکہ نی للتادتَن
نہٕ صِرف وسطی ہندوستان فتح کوٚر بلکہ گوڈن بنگال تہٕ
دَکَن تام تہٕ ژھٕٹھ تہٕ گُجرات علاقَس تھاہ ہیتھ پھیور
واپس۔ یینمِنک تصدیق مختلف ذٔری یِوکھ نی سپدمت
چھُ۔ راز للتادتیہٕ سٕندی سارِوے کھوتہٕ زیادٕہ سِکہٕ
چھ اُتر پردیشہٕ اَندر اَتھہِ آمتیہ، یِیمہٕ سٟتی ثریتہٕ دَن
لگان چھِنہٕ زِ یہٕ علاقہٕ چھُ للتادتَس ماتحت اوسمُت۔
سِکہٕ آسہن ظاہرا فوجی خرچہ یا کاربارہ باپتھ استعمال
کرنہٕ آمتیہ۔

باندا ضِلعکہ ماو تحصیلہٕ تہٕ وارانسی ضِلعَس مَنٛز
راج گاٹھ اَتھہ آمتی سِکہ تہٕ چھِہ راز للتادتہٕ نی مانٛنہٕ
یِوان۔ تِم چھ عام کاشرِن کُھبرِن سِکن ہوی یِمن ٹھَریاے

بِہِتھ دیوی تہٕ مُبتی پاسہٕ ووٕدِنی راز چھ بناوتھ "شری
پرتاپ" روایت چھنہٕ ڈیچھن کُن لیکھِتھ۔ کینٛژَن سِکن
پیٹھ چھ کھوٚد وُرکُن "کہٕ تہٕ "دار" دیوی ہِنزن زنگن مَنٛز بِگ
لیکھنہٕ آمٕت۔ تھُر پاسہٕ چھُ سِکن پیٹھ کدا دِچھنہٕ
طرفہٕ۔ یِمہٕ نے ووٕن جایَن اَتھہ آمتین کینٛژَن سِکن
پیٹھ چھ شری تہٕ پرتاپ لفظن مَنٛز بِگ لفظ 'ج'
لیکھتھ۔ پُریاگ دیال سٕند تجویز چھ زِ "ج" چھ شاید
جیّا ناوک ژھوٹُر۔ جیّا اوس جیاپیڈن سُہ اُشناد
بیٚیمی رازِ ہٕنٛز غار حاضری مَنٛز کٔشیرِ ہِنٛدِس تختَس قبضہٕ
کوٚر۔ اَلبتہٕ کر سٕندِ موجوب چھ "ج" جے پیڈ ناوک
ژھوٹُر۔ جے پیڈ اوس للتادتُن زُریُس شُمالی ہندوستان
زینٛنچہ پٔتہٕ مَنٛز راز س سٟتی اور گومت اوس۔ بطورِ
گورنر شُمالی ہندوستانس پیٹھ حکومت کرِتھ زینٛنن
مزید علاقہٕ تہٕ بڈی بب سٕندن سِکن پیٹھ کوٚرن 'ج'،
لفظُک ہیر پھیر۔ پُنزر کیاہ چھ اَتھ متعلق چھنہٕ بوز شوژ
باقے مگر بزم پوچھ کرس پُھٹِتھ زِ للتادتَن کیا اُسی
نہٕ پننہٕ ناوٕکی سِکہٕ جاری کری متی۔

## یَشو وَرمن ہٕندی سِکہٕ

راز یشو ورمن سٕندی کینٛہہ کارکوٹ طرزٕکی سِکہٕ
چھ پنجابس مَنٛز تہٕ اَتھہ آمتیہ۔ کینٛژن لوٚکن ہُند تہٕ ماہرن

ڈاکٹر ہورنے سند خیال چھُ زِ یم سِکہٕ چھ مَندسورکِس راز یَشو ورمن سندی یِمیٚمہ مِہرکُلس شکست دِیُت. مگر یِمیٚمہ رازن مِہرکُلس شکس دِیُت سُہ اوس یشو دھرمن نہٕ زِ یشو ورمن یمیٚمہ موکھہ یہ دعوا رَد چھُ گژھان. کھُدایہٕ دوران دژاو مانکیالے ستوٗپہ تلہٕ تہٕ یشو ورمن سُند اکھ سِکہٕ. کنِنگھم چھُ اتھ سِکس تنوٚژ کِس رازِ یشو ورمنس لونچہ گنڈان. مگر اکھ دِلچسپ کتھ چھےٚ زِ یشو ورمنَن چھُنہٕ گوڈٕنیتھے پنُنہٕ ناوُک ضربہٕ جارٕی کوٚرمُت. دوٚنی اگر تمی پنُنہٕ ناوُک ضرب کوٚڈمُت تہٕ آسہٕ ہے تیٚلہٕ گژھو ییتھو سِکہٕ وسطی ہندوستانہٕ منٛز اتھہ ینی یہ زن سُیُد نہٕ بلکہٕ چھُ یہ سِکہٕ پنجابہٕ دژامُت. بنیہٕ چھےٚ بیا کھ کتھ زِ تنوٚژ کِس رازِ یشو ورمنس کوٚسہٕ مجبوٗری آسِ زِ سُہ کرِہے کارکوٹ خاندان کِس جارٕی کرٕی متِس سِکس نقل. دوٚنی چھُ سوال زِ یہ سِکہٕ کِس یشو ورمن سُند چھُ. جینِٹ بھٹّہ ٹیس رازِ شنکر ورمن (۹۰۲-۸۸۴) سُند کالہٕ بوٗج اوس چھُ پنِنس مشہوٗر ڈرامہ "آگم ڈمبرس" منٛز لیکھان زِ راز شنکر ورمنس اوس اکھ ناو یشو ورمن تہٕ. یہ کتھ چھےٚ اندازس نکہٕ باسان زِ تٔسند یہ سِکہٕ کیاہ زِ آد پنجابہٕ اتھ. اتھ سِلسِلس منٛز چھُ واضح زِ اکھ چھُنہٕ پنجاب کشیرِ نِش زیادٕ دوٗر دوٚیُم یہ زِ پنجابس خاصکر تھ کانگڑا بیتر علاقن پیٹھ رازِ شنکر ورمن سند حملک حوالہٕ چھُ تواریخی اعتبار کھٔر. کارکوٹ، یہنٛدیم ہم کال یا نکھہٕ ہم کال رازٕ آسی تموٚ کرٕی کم کاسہٕ اکی گاچہ سِکہٕ جارٕی. یہنٛد یوٚ سکو منٛز یم سِکہٕ سوٚنہٕ سندی گنٛزرنہٕ چھ آمتی تم سِکہٕ چھ بذاتی الیکٹرم سکن ہنٛز گوٚنز منٛز یوان. اَڈبن سکن منٛز چھُ سوٚنُک مقدار دہہ پیٹھ باہ فیصدی، روپھ، تژواہ پیٹھہ پنٛداہ فیصدی تہٕ باقی حِصہٕ تژام. تژامس سیتی چھےٚ قلایہ ہنٛز تہٕ مِش. باقی ساری سِکہٕ چھ چھرا تژام. اُتر پردیشس منٛز چھ کھُدایہ دوران کارکوٹ طرزکی نہٕ صرف الیکٹرم بلکہٕ چھ تژامہٕ سِکہٕ تہٕ کافی تعدادس منٛز دژامتی. ورمن خاندانہٕ پتہٕ چھُ راج ترنگنی منٛز سکن ہُند اندراج کُنہٕ وکانہٕ روٗس تہٕ رازن ہنٛز لیوسہٕ ترتیب امہٕ پتہٕ اتھ منٛز دِنہٕ آمٕژ چھےٚ، تتھ چھ سِکہٕ تہٕ تائید کران.

شنکر ورمنس پتہٕ کشیرِ ہندی سِکہٕ چھ اکی گاچہ تہٕ روایتی، یمیٚمہ کنی یمن ہنٛز اہمیت تہٕ بوٗزی چھےٚ.

## دِدّا کھیمہ ناوکی سِکہٕ

کھیمہ گپت (۹۵۰-۵۹) سندِ وقتُک ضرب چھُ نِبرل تہٕ کیاہ زِ یہ سِکہٕ چھُ دوٚن ناوَن پیٹھ جارٕی

کُسُپدُمُت۔ اَتھ سِکَس چھےٚ بُتھِ پاسہٕ بٔہِتھ دیٖوی بَناوِتھ، سِکَس پیٹھ چھُ دِ تہٕ کشیمہٕ کھوٚورِ تہٕ دٔچھِنو کِنی دَرِج۔ دٔ چھُ 'دِدّا' ناوُک تہٕ "کشیمہٕ"، کشیمہٕ گُپتٕک ژھوٚٹ تھٔر پاسہٕ چھےٚ سِکَس پیٹھ شاہی رَخت لاگِتھ ووٚدِتھ راز ہِنٛز شبیہہ، یوٚسہٕ کِنہِ چھُ دٔچھِن کُن گُپت لیکھِتھ، یِیمہٕ سِتی راز سُنٛد ناو پوٗر چھُ گژھان۔ دیدہٕ رانہِ ہُنٛد ناو سِکَس پیٹھ دَرِج آسُن چھُ صاف ہاوان زِ رٔنی ہِنٛز زِندگی مَنٛز تہٕ چھےٚ سوٚ سیٹھا طاقتوَر تہٕ با اَثَر اُسمٕژ تہٕ کشیمہٕ گُپتَس چھےٚ نہٕ تَس بَژروٚتھہ کِنہِ پَکَن پاے اوسُمت۔ اَوَے تہٕ چھُ کلہَن تَس 'دِدّا کشیمہ'، وَنِتھ لُسنہٕ ژٔٹان۔ دیدہٕ رانہِ مُتعلِق چھےٚ یہ کَتھ ژٕہِتَس پاوِنی لایق زِ اَکِس کِتابَس مَنٛز چھُ تَس دِدّا دیٖوی بَدَل" دِدّا دیٖو" وَننہٕ آمُت، یِیمہٕ سِتی ژٕینہٕ وَن لگان چھےٚ زِ یِنہِ وَقتہٕ چھُ تہُنٛد اَہَر اوسُمت تہٕ عام لُوکھ چھِ تَس زَنانہٕ کھوٚتہٕ زیادٕ مَردِ گَنٛزران اُسی ہِتی۔

# ہرش دیوُ سُنٛد ضرب

راز ہرشن (۱۰۸۹ء۔ ۱۱۰۲ء) کوٚر ترٛامہٕ سِکو ہُریمانہٕ سوٚنہٕ سُنٛد تہٕ چانٛدِ ہُنٛد ضرب تہٕ جٲری۔ تِنٛدی سوٚنہٕ ضرب اَسی دوٚن قِسمہٕ۔ اَکِس قِسمَس چھُ بُتھِ پاسہٕ گُری سوار بَناوِتھ یَس دٔچھِن کُن بُرِتھ چھےٚ۔ تھٔر پاسہٕ چھُس دیٖوی یوٚسہٕ بٔہِتھ چھےٚ۔ بُتھِ پاسے چھُ سِکَس پیٹھ ہَرشہٕ دیوٚ لیکھِتھ۔ دوٚیِمہِ قِسمکہ سِکَس چھُ بُتھِ پاسہٕ شری ہَرشہٕ دیوٚ لیکھِتھ۔ تہٕ تھٔر پاسہٕ چھُس دٔچھِن کُن کھوٚنٛکھِن کَرِتھ ہوٚس بَناوِتھ۔ ہِسی طَرزٕ اوس ہَرشہِ دیوَن ہُم کال کَرناٹ ضرب دٔچھِتھ پانہٕ نووُمُت۔ اَتھ کَتھِ کُن چھُ کلہَنَن تہٕ اِشارٕ کوٚرمُت۔ ژٕینہٕ وَن چھےٚ لگان زِ کَرناٹکَس تہٕ کٔشیرِ دَرمیان چھِ تعلقات اُسی ہِتی۔ ہَرشہِ سُنٛد ترٛامہٕ ضرب چھُ سوٚنہٕ ضربہٕ کِہ دوٚیِمہِ قِسمکہ تہٕ اَتھ چھُ بُتھِ پاسہٕ ہَرش لیکھِتھ تہٕ تھٔر پاسہٕ چھُس ہوٚس بَناوِتھ۔

ہَرشہٕ سِنٛدی ترٛامہٕ سِکہٕ چھِ گُنٛجارٕ سان بَدَس مگر سوٚنہٕ سِنٛدی تہٕ روپہٕ سِنٛدی سِکہٕ چھِ عنقا۔ باسان چھُ زِ تِمی آسہٕ ہَن چانٛدِ تہٕ سوٚنہٕ سِنٛدی سِکہٕ صِرف ٹھیکہٕ ٹھیکہٕ مُوجوٗب گَڈی ہِتی تہٕ یِہُنٛد چَلَن آسہِ ہے اَکِس خاص حلقَس تامے محدوٗد۔ تاہَم چھُ سوٚنہٕ سِنٛدی تہٕ روپہٕ سِنٛدی سِکہٕ تہٕ مُرَوَج اُسی ہِتی۔ یِم یا تہٕ گہنہٕ پات بَناونہٕ خاطرٕ گالنہٕ چھِ آمِتی۔ نتہٕ آسن کِنہہ سِکہٕ نَوِ سَرٕ جٲری کَرنہٕ آمِتی۔ سوٚن تہٕ روپھ موٗلُل تہٕ نایاب آسنہٕ موکھہ آسہِ ہے عام لُوکَن ہِنٛدی پٲٹھی رازَو تہٕ پٔرٲنی سے مال مُوجوٗدَس کَم ہیٚژٕمُژ۔ یشسکر (۹۴۰ - ۹۴۹ء)

ہرش دیوُنٛد ضرب

ہِندِ زمانٕہ چھُ اَکھ سوٗنٕہ ضرب مُروج اوسمُت یُتھ "روٗپک" ناو اوس. ڈکشنری موٗجوٗب اوس، روٗپک سوٗرَن سِکٕک ہ۱ ، مگر یہِ باگنے چھَنٕہ ہَٹہٕ وَسنٕہ لایق.
آیَنِ اکبری مَنٛز چھُ روٗپیہٕ سٲسیٛن روٗپیہٕ ہُنٛد سِکہٕ آمُت گٔنٛزرنٕہ.

آیٔنِ اکبری موٗجوٗب چھُ اکبرٕ ہِندِ وَقتہٕ فَرٕنٛک نِظام ییٚمہِ چالِ اوسمُت :

| | |
|---|---|
| ژٕ باہ گنٛہ | اَکھ پٔنٛشرٕہ |
| ۴ پٔنٛشرٕہ | اَکھ ہَتھ یا ۂتیٛن |
| ۱۰ اشتھ | اَکھ سٲسیٛن |
| ۱ ہ سٲسیٛن | اَکھ روٗپیہٕ سٲسیٛن |
| | یا سِکہٕ |

پٔنٛشرٕہَن اُسرٕ" لِسرٕ" تہٕ وَنان یوٗسہٕ مِسہٕ یا ترٛاہہٕ سِکہٕ آسہنیٚچ ژیٖنہٕ وَن چھَنٕے. پٔنٛشرٕ اوس" دام" فَرٕنٛک ژوٗرٕیُم حِصہٕ یُتھ ۸۰ گرین وزن آسُن گوٚژھہ. مگر کنِنگھم سٕنٛزِ سوٗمبرٕنہٕ مَنٛز شامِل ییتھیٚن سِکَن چھُ ۸۵ پیٚیٹھہٕ ۹۵ گرین تہٕ ترٕٛہَن راژن ہِنٛدیٚن ۲۰ سِکَن ہِنٛدی نموٗنہٕ چھِ وَزنہٕ کِنہٕ ۹۱ گرین ییٚلہِ زَن کشیٖرٕ کٔیت نٕین سِکَن ۴۵ گرین وَزَن چھُ.

ہَرشہِ دیوٕنہٕ وَقتُک روٗپیہٕ ضرب اوس ۱ ہ ۲۳ گرین وَزنٕہ یُس روٗپیہٕ ہُنٛد اُٹھیُم حِصہٕ یا پانٛژَن

دامَن برابر اوس. اَتھ سِکَس اوس اوڈ سٲسیٛن یا پانٛژہ ہَتھ موٗل. اَما پوٗز مُسلمانَن ہِنٛدی روٗپیہٕ سِکہٕ چھِ وَزنہٕ کِنہٕ ۹۴ گرین تہٕ یِمَن ہُنٛد موٗل چھُ ژٕ ساس یا دُ سٲسیٛن. اندازٕ موٗجوٗب آسہٕ ہے روٗپیہٕ فَرٕنٛک موٗل ییٚمہِ چالِہ.

۱ ہ سٲسیٛن = پانٛژہ ۂتنی =
۲۲.۴ گرین اَکھ کون یا ۱ ہ کرش
اسٲسیٛن = ژٕ پانٛژٕ ۂتنی =
۴۴.۵ گرین = اکھ کرش (کھٹہ ترٛاوِتھ)
ا روٗپیہٕ سٲسیٛن = پٔنٛداہ شتھ =
۶۷.۲ گرین = اَکھ یوٗنانی دٕراکھم
۲ سٲسنی = ژٕ ساس = ۸۹.۶ گرین یا کرش

ابوالفضل ہِندِ بیانہٕ موٗجوٗب اوس روٗپیہٕ سٲسنس ۹ ماشہِ وَزَن. یہِ کتھ زانٛنہ زِ روٗپیہٕ ماشہِ چھُ صِرف دوٗن رَژَن ہُنٛد (رَژٕ چھِ سوٗ رکھہٕ وَنان) اَمہِ موٗجوٗب اوس ۹ ماشہِ وَزنٕک سِکہٕ ۱۰۸۲ x ۲ x ۹ = ۳۲۰.۷ گرین وَزنٕہ آسان مگر کنِنگھم سُنٛد بیان چھُ زِ ماشہِ آسہٕ ہے پانٛژَن شیٚن رَژَن ہُنٛد آسان تہٕ اَمہِ موٗجوٗب آسہٕ ہے سِکہٕ ۹۸۰۲۸ تہٕ ۱۸۰۹ اگرین دَرمیان وَزنٕک آسان. پوٗز سِکٕک اَصلی وَزَن بَدِ کڈنٕچ بیاکھ وَتھ چھَنٕے ییتھہٕ کُنہٕ. اَکِس روٗپیہٕ سٲسنس اوس پٔنٛداہ شتھ

موٗل یُس پُنٛداہ دام تہٕ چھُ واتان۔ دام اوس روپیہٕ ہُنٛد ۰.۴/۱۵ حصہٕ۔ روپیہٕ اوس ۱۷۹½ گرین شوٗد روٗپھ وَزَن۔ یتھٕ پأٹھۍ آسہٕ ہے روپہٕ سأیسؤن $\frac{۱۷۹½ \times ۱۵}{۴۰}$ = ۶۷.۰۳۱ گرین وزنہٕ تہٕ یہ وَزن چھُ یُوٗنأنی دَرمہٕ کِس وَزنَس سیتی رَلان۔ ہَرشہٕ دیوُسُنٛد اَتھ آمُت روٗپہ سِکہٕ چھُ روٗپہٕ سأسہ نٛیُک ترٛہُیم حِصہٕ تہٕ کیاژ اَتھ چھُ ۲۲.۴ گرین وَزن۔ اَمہٕ اعتبارٕ آسہٕ ہے روٗپہٕ سِکَن ہُنٛز بأگرَن ترٛہن حِصَن مَنٛز، اَوٚڈ سأسیؤن تہٕ روٗپہٕ سأسیؤن تہٕ سأسیؤن۔ یہ ہَے میٖزان نَظرِ تَل تھأوِتھ آسہٕ ہے پٔرٛوٗرسیٖن دوٚیِم ہِندِس روٗپہٕ سِکَس پنٛژرٛہ شَتھ یا ڈٲے سأسنٛز موٗل۔

کٔشیرِ ہٕنٛدِ ضرٛبچ زان کرنہٕ باپتھ چھِے لہاذا یہ کُنہٕ زانہٕنۍ زِ سوٗنہٕ ہِندٕن مُروَج سِکَن مَنٛز چھُ سووَرن روٗپہٕ ہِندٕن سِکَن مَنٛز روٗپہٕ سأسیؤن، سأسیؤن تہٕ اَوٚڈ سأسیؤن تہٕ ترٛامہٕ سِکَن مَنٛز پنٛژرٛہ تہٕ باہ گَنٛڈ مُروَج آسمٕتۍ۔

سفید داتکۍ یِم سِکہٕ دِدّہٕ رانہٕ، سنگرام دیون، اننت دیوَن تہٕ کلشن ۹۸۰ء پیٹھٕ ۱۱۰۱ء تام جأری کٔری، تِمَن ہُنٛد موٗل چھُنہٕ کنِنگھَم کھۄر ہیٚوکمُت کٔرِتھ۔ سِکَن ہُنٛد یہ قسم چھُ ترٛامہٕ کھوٚتہٕ موٗلُل بِگرأمُت مگر موٗل چھُ روٗپہٕ کھوٚتہٕ کَم، اَمہٕ حِسابہٕ چھُ یہ دٔکھٕر ضرب۔

کَنِنگھَم سُنٛد خیال چھُ زِ یِم سِکہٕ آسہٕ ہَن ہیٚتنہٕ تہٕ موٗل آسہٕ ہَکھ پانٛژھ پنٛژٕہی ترٛامہٕ سِکہٕ۔ یِتھۍ سِکہٕ آسہٕ ہَن روٗپہٕ چیر وِتھِیہ موٗکھ جأری آمتۍ کرنہٕ تہٕ آسہٕ ہَن روٗپہٕ ضربہٕ چیہ جایہٕ وَرتاوَس۔ کٔشیرِ اَنٛدر مُروَج سِکَن ہِنٛدِس زُمرَس مَنٛز چھُ گوٚڈنیُتھ ترٛامہٕ دِینار لِوان۔ راژ ہَرنیہ چھُ پانَس بَڑوٚنٛہہ مُروَج ضربَس بَلاہٕت ناو یاد کٔرِتھ پننہٕ ناوٕ دینار جأری کٔران۔ "آہَت" لفظُک معنی چھُ ضرب ییٚمہٕ کِنۍ یہ عام ضربہٕ باپتھ وَرتاوَس اوس۔ کٔشیرِ اَنٛدر اوس اَکِس خاص سِکَس ہُتیٚؤن ناو اَمہٕ کِنۍ چھُ کَنِنگھَمس اَنٛدازٕ زِ "بَلاہَت" وَنِتھ چھُ ہِنٛد سیٖتھۍ راژن ہُنٛد ترٛامہٕ ضرب مُراد تہٕ یہ ضرب چھُ ہَرنیہ ہِنٛدِس زمانَس تام مُروَج اوسمُت۔ یِمَن سِکَن چھُ سُے وزَن یُس عام ہِنٛد سیٖتھۍ سِکَن چھُ تہٕ کٔشیرِ اَنٛدر چھہٕ اَمی گاچہٕ ہَرنیہ کُل، مِہرکُل تہٕ گوکرنَس بیٚترٕ ہِنٛدۍ سِکہٕ۔

راژٕ اننت ہِنٛدِس دوَرس مَنٛز چھُ اَسہٕ ٹَنک ناوٕ اَکِس سِکَس حوالہٕ میلان۔ ترٛامہٕ ضربُک یہ ٹَنک اوس روٗپیہٕ ہُنٛد ہٕتیُم حِصہٕ۔ مُمکِن چھُ زِ سفید داتُک یُس ضرب راژٕ اننتَن جأری اوس کوٚرمُت تِتھۍ ما آسہٕ ہَن ٹَکہٕ وَنان۔ آزأدی پَتہٕ نوٚو ضرب مُروَج سَپدنَس تام آسۍ دُیاٚنٛسِنس ژُکوٚنجَل سِکَس ٹَکہٕ وَنان یُس روٗپیہٕ ہُنٛد ۱/۶۴ اوس آسان۔ یہ سِکہٕ اوس گوٚڈٕ گوٚڈٕ سَرتلہٕ ہُنٛد تہٕ پَتہٕ گِلٹہٕ

کرٕتھ ترٛاوِکھ آسان۔

کٔشیرِ ہٕنٛدِ ضربُک اصلی اگر چھُ سیٚتھی تہٕ یہ اوس گُپت دورٕکیو راژو تہٕ پانہٕ نوومُت۔ یمَن سکَن پیٚٹھ چھُ مہر کُل بیتریٚ سٕندِس زمانَس منٛز راژ برٛونٛہہ کُن بُتھ کٔرِتھ تہٕ کھوورِس اَتھَس منٛز چھس سیدٕ برٛش تہٕ دٔچھِنِس اَتھَس منٛز تیُتھے سیدٕ ہوٚنہ کھونٛڈ چھُ سِکَس تھَر پاسہٕ چھپیٚ اردٕ ناک شو دیوی یوسہٕ ماجہ بُتراژ ہنٛز علامتھ چھےٚ۔ یہاے دیوی آیہ گُپت دورس منٛز لکشمی مانٕنہٕ۔ اَمِس چھُ کھوورِس اَتھَس منٛز پمپوش پوٚز اردٕناک شو دیوی اوس پمپوشہٕ بدل ظفرٕ اَتھَس منٛز آسان۔ کٔشیرِ اندر چھُ یہ سِلسِلہٕ تورمانہٕ تہٕ راژٕ پٔرورسین نہٕ پیٚٹھٕ شروٗع سپدیومُت۔ اَمہٕ پتہٕ یِم سِکہٕ جاری کرٕنہٕ آے تِموٚ منٛز آیہ وارٕ وارٕ نٔرِن ہنٛزٕ جایہ عبارت لیکھنہٕ۔ گوڈٕ آیہ کھوور نٔرکھ کرنہٕ یہ زَن اَسہٕ شنکر ورمن تہٕ گوپال ورمن سٕندِین سکَن پیٚٹھ نظرِ چھُ گژھان۔ اَمہٕ پتہٕ کیٚن سکن پیٚٹھ آو دٔچھنِس نٔرِ ہنٛزٕ جایہ لقب "شری" لیکھنہٕ۔ لفظ "شری" چھُ اکثر ناوَن ہٕنٛد گوڈٕ لگ، سیٚتی گو سکَن ہٕنٛد طرز تہٕ بگران یِیٚمہ کِنی اصلُک وٚونے روو۔

کٔشیرِ ہٕنٛدی تم ضرب اَسی نوِ طرزٕکی یِم ہرش دیوَن سوٚنہٕ سٕندی تہٕ روپہٕ سٕندی جاری کٔرِ سوٚنہٕ سٕندی تہٕ روپہٕ سٕندی یِم نوی سِکہٕ اَکہٕ پاسہٕ ہیوٗس ہاوان چھِ تم چھِ کرناٹی سکَن ہٕنٛد نقل تہٕ گرُی سوارا قسمکی سِکہٕ چھِ کابُل کِین کدار راژن ہٕنٛدِس طرزس پیٚٹھ۔

کٔشیرِ منٛز مروج معیاری سکہٕ روٗدی کنشکَس (۶۷۸) پیٚٹھ ۱۳۳۹ء تام اَکی ڈٔنٛجہ پیٹھ کٔشیرِ منٛز شاہمیری سلطانَن ہٕنٛد دور شروٗع گو۔
کٔشیرِ ہٕنٛد ضرب روٗد کم کاسہٕ ترٛوٗہن شتَن وریین اَکی ڈٔنٛجہ۔ اما دہہ پھتہٕ دہہ آو سِکہٕ تھَرنَس صاف یِیٚمہ کِنی ضرٕ نچ شُبہ ونہٕ ہیٚنز مشکِل گیہ۔

# یوٗنٲنی دورٕکی سکہ

| گرٕنٛد | دات | بُتھ | کھٔر | سنہٕ | راز | وٕبڑھنے |
| --- | --- | --- | --- | --- | --- | --- |
| ۱ | روٗپھ | تاج ووڈِتھ بادشاہ سُند شیر یتھ اُندی اُندی پھلہن ہُند ژٕکر چھ بناوِتھ بادشاہ ہنٛز شبیہہ چھےٚ جوانی ہنٛز۔ | بُرش، ہیتھ ہرکیولس اُمس چھےٚ نظر کھوٗورکُن، یتھ کھنگرٕ پیٹھ ہیتھ تہٕ سہہ مُسلہٕ چھس وٕتھرُن بُرشہ ہُند دَن چھس کھووِس کوٹھس پیٹھ۔ ڈِچھن کُن بیسیلیوس کھووُرکُن یوتھ ڈیمو۔ اَچھر K K.M چھ دِچھنہٕ طرفہٕ بوٚن کُن۔ | م۔ب ۲۲۰ | لوتھی ڈیمس | لوتھی ڈیمس اوس باختروک حُکمران |
| ۲ | روٗپھ | دٕچھن کُن وُچھان بادشاہ سُند مٔرژاڈیَس ووڈِ تاج تہٕ اُندی اُندکی پھلہن ہُند ژٕکر چھ بنٲوِتھ۔ | ڈایوسکہ رائے چھ گُرِس سوار۔ اُمس چھےٚ کھنزٕ لٹ ڈ تہٕ ساوُتھ نیزٕ اَتھِ پیٹھ کنہٕ۔ بیسیلیوس بوٚنہ کنہٕ: یوکرٹائڈو۔ طغرٕ: | م۔ب ۱۷۵ | یوکرٹائڈس | یوکرٹائڈس اوس (دپنہٕ کالہ کہٕ) باختر تہٕ شمال مغربی ہندوستانک حُکمران۔ |
| ۳ | روٗپھ | دٕچھن کُن پھیران ہوٚس کھوور طرفہٕ بیسلیوس پیٹھ کنہٕ: اپالوڈوٹو۔ ڈِچھن کُن: سوتی روس۔ بوٚنہٕ کنٹیک طغرٕ | ڈِچھن کُن وُچھان پھینکہٕ تھوٚد داند۔ کھروشتی روایت (ڈِچھن کُن) مہاراجش۔ کھووُرکُن: تژاورت پیٹھ کنہٕ: اَپالوڈتس | | اپالوڈتس | (دپنہٕ کالہ کہٕ) شمال مغربی ہندوستانک بادشاہ |

| گرٛنٛد | دات | بُتھ | تھر | سَنہٕ | راژ | وٕہرِژھنٕے |
|---|---|---|---|---|---|---|
| ۴۔ | روٗپھ | بادشاہ سٕنٛز اَڑُمُرتھ<br>یَس تاجہ چالہِ فوٗجی<br>ٹوٗپی چھِنٛے دِتھ۔<br>یوٗنانٕی روایت<br>پیٹھٕ کَنہٕ : بسیلیوس<br>سوتروس۔<br>بوٛنہٕ کَنہٕ : مناندرس | کھوٗورکُن وُچھان پلاس (اَڑاے<br>ہٕنٛز راٗچھدَر دیوی) اُمِس چھنٛے کھوٗور<br>نُرمُژرِتھ ...... روایِتھ چھُس<br>پیٹھٕ کَنہٕ کھروشتی پاٗٹھۍ۔<br>پیٹھٕ کَنہٕ : مہاراجسٕ، ترٛاتراشا<br>بوٛنہٕ کَنہٕ : مناندر اسا<br>دُچھنہِ طَرفہٕ : سۄتھرِس پیٹھ طُغرا | | مناندر | شُمال مَغربی<br>علاقُک<br>بادشاہ |
| ۵ | روٗپھ | پکھل نَژَن گریوسہٕ<br>ووٛہٕنی چھنٛے تہٕ کھوٗورکُن<br>چھُس بُتھ۔ اُمِس چھُ<br>مُژرِتھ دُچھنِس اَتھَس<br>مَنٛز چھَک۔ روایت<br>چھنٛے دیوی ہِندِ شیر<br>نِش شرٛوٗع گژھان<br>تہٕ یہ چھنٛے دُنٛدرِ ہٕتی<br>ہٕتی لیکان۔ بسیلیوس<br>نکی پھورو انٹی ماکھو<br>کھوورِطرفہٕ چھُس بُتھہِ<br>طُغرٕ | گرِس سوار بادشاہ<br>دُچھُن کُن پھیرِتھ کھروشتی<br>روایت، یوٛسہ راژٕ ہٕندِ شیرٕ<br>نِش شرٛوٗع چھنٛے گژھان۔<br>مہاراجسٕ۔ جے دھراش<br>اہتمماکستا | | انٹی ماچوس<br>نکی پھروس | (پتھ کالہٕ کہٕ)<br>شُمال مَغربی<br>ہندوستانُک<br>راژٕ |

| گژند | دات | بُتھ | تھر | سَنہٕ | راز | وٕژھنے |
|---|---|---|---|---|---|---|
| ۶. | روٗپھ | وۄڈِ تاج دِتھ، ڈٕچھُن<br>کُن وُچھان راز ہٕشنز<br>اَڈ مُرتھ ۔ روایت چھےٚ<br>اَڈ ہَنا ژھینہٕ مٕژ<br>(بیسلیوس) سوتروس<br>(اۤپو) ستراتو | شٕہرٕچ دیوی کھوٗورکُن پھیرِتھ<br>وۄدٕنی، اُمس چھےٚ برکژٕہنز<br>علامت اَتھہ ۔<br>گُھنڈٕ ی پھُٹ کھروشتی روایت<br>مہاراۤجش، ترٗاتراس (ہیوستراتشا)<br>کھوٗورکُن طُغرٕ<br>ڈٕچھُن کُن کھروشتی ۔ اۤ |  | ہپوس ترٗاتس |  |
| ۷. | روٗپھ | وۄڈِ تاج دِتھ ڈٕچھُن<br>کُن بادشاہ ہٕشنز اَڈ<br>مُرتھ، یوٗنٲنی روایت<br>بیسلیوس میگالو<br>سوتروس اپوس تراتو<br>(یہِ سِکہٕ چھُ اَصلی حالتس مَنٛز) | ڈٕچھُن کُن وُچھان گُرِس سوار<br>زٕرٕہ بکتر گَنڈِتھ بادشاہ ۔<br>کھروشتی روایت ، مہاراجسا، ترٗاترٗتشا<br>(مہاتسا جیامتاسا) ہپوتراشا<br>گُرٕ ہٕشنزَن بٕژوٚنٛٹھمِن زٕنگَن نِش<br>طُغرٕ |  | ہپوس ترٗاتس |  |

# ہند سیتھی سِکہٕ

| گژند | دات | بُتھ | تھر | سَنہٕ | راز | وٕژھنے |
|---|---|---|---|---|---|---|
| ۸. | روٗپھ | ڈٕچھُن کُن وُچھان<br>گُرِس سوار راز ییَس<br>غِلاف گٕرِتھ بُرِش اَتھہِ | پلاس چھےٚ کھوٗورکُن نَظر تھاوِتھ<br>وۄدٕنی، اُمس چھےٚ ڈٕچھنی ٲرٕنچہ کُن<br>ڈزٕملہِ ہیتھ تہٕ کھوٗور اَتھۍ چھُس بٕژوٚنہٕ |  | اینزِس |  |

| گرٛنٛد | دات | بُتھ | تھر | سٔینہ | راز | وٕنٛژھنے |
| --- | --- | --- | --- | --- | --- | --- |
| ۸۔ | روٗپہٕ | چھِنے۔ یوٗنأنی روایت: بیسلیئون۔ بیسلیئوٗن میگالو ازوا | کُن یَتھ مَنٛز ہِسپر چھُس: کھروشتی روایت: مہاراجش راج راجش۔ مہاتشا اُبلشہٕ کھوورکُن طغرٕ | | | |
| ۹۔ | روٗپہٕ | زیٛوس چھُ کھووُرکُن پھیپرتھ ووہٕ دِنی۔ اُمِس چھِنے کھووٕرِس اَتھَس مَنٛز شاہی پٕرِس تہٕ ڈچھنی نٔر چھَس نیبر کُن مُژرِتھ یوٗنأنی روایت: بیسلیوس بیسلیون میگالو ازوا | یَکھَل صوٗرتھ ڈچھُن کُن بُتھ کٔرِتھ ووہٕ دِنی۔ اُمِس چھُ اَتھَس مَنٛز پوشہٕ گوٚنٛد تہٕ کھُنٛزر لٔنٛڈ۔ کھروشتی روایت: مہاراجسٚ راج راجسٚ۔ مہاتسٚ رِشٚ عبارتھ چھِنے رژھا کرِ پتھ۔ ڈچھُن کُن طغرٕ۔ | | ایزلِس | |
| ۱۰۔ | روٗپہٕ | گُرِس سوار راژٕ ڈچھنِس اَتھَس مَنٛز سِکی دار لوٗر چھِپے یِتی کِنی چھُس کان تہٕ ترکش یوٗنأنی روایت: بیسلیوِس، بیسلیون | ووہٕ دِنی زیوس، ڈچھنی نٔر مُژرِتھ تہٕ کھووٕرِس اَتھَس مَنٛز چھُس زیٹھی سِکی دار لوٗر۔ کھروشتی روایت: مہاراجسٚ راج اتراجش، مہاتش ایلشش ڈچھنِس سوٚتھرِس کھروشتی۔ اَ | | ایزلِس | |

| گرٛنٛد | دات | بُتھ | تھَر | سٔنہٕ | راز | وہرٕ ھنٛے |
| --- | --- | --- | --- | --- | --- | --- |
| | | میگالوو۔ ازیلِسو<br>ڈُچھُن کُنُ طغٕرٕ:<br>سوٗے عبارَت یوٚسہٕ<br>نمبر۔ا اسِکَن پیٹھ چھنٛے۔<br>ڈٕچھنِس سوٚتھرِس<br>پیٹھ طغٕرٕ: | کھوورِس سوٚتھرِس،<br>کھروشتی یا ڈالیسکورے<br>بُرشہِ ہیتھ ووٗدٕنی۔ کھروشتی<br>عبارت سوٗے یوٚسہٕ داہ نمبر<br>سیتھی سِکس پیٹھ چھنٛے | | ایزِلسِس | |
| ١٢۔ | روٗپھ | زیوٗس لیَس ناکے<br>(فتحمندی ہٕنٛز دیوی)<br>داش گٔڈِتھ ڈٕچھنِس<br>اَتھَس مَنٛز چھنٛے۔ اَمِس<br>چُھ کھوورِس اَتھَس مَنٛز<br>زیوٗٹھ شاہی ڈنٛڈٕ۔<br>روایت سوٗے یوٚسہٕ<br>نمبر اَکس سِکس پیٹھ چھنٛے۔<br>ڈٕچھنِس سوٚتھرِس پیٹھ<br>طغٕرٕ: | سوار ڈالیسکورےیُس ڈٕچھُن کُنُ چھُ<br>وچھان کھروشی روایت سوٗے<br>یوٚسہٕ داہ نمبر سِکس پیٹھ درج چھنٛے | | ایزِس | |
| ١٣۔ | روٗپھ | سوٗے عبارَتھ تہٕ<br>طغٕر بیترِ یوٚسہٕ نمبر۔ا | روایت تہٕ نمبر۔ا ہَس ہِش۔ ہِمپوشِس<br>پیٹھ ووٗدٕنی لکھشمی دوٗن لوکٹین ہِمپوشَن | | | |

| گرند | دات | بُتھ | تھر | سُنہٕ | رازٕ | وٕہڑھنۍ |
|---|---|---|---|---|---|---|
| | | سِکس پیٹھ چھُہ ۔ | پیٹھ۔ یِم بڑٕ پمپوشہٕ نِش وِزامتی چھ، نٕہسی چھِ ووہِنی یِم دیوی گوڈ چھ دِوان. کھروشتی اٛ تہٕ اچھر تہٕ یا اچھر چھُ سِکس ڈچھنی تہٕ کھووِری۔ | | ایزلیس | |
| ۱۴ | روٗپھ | سوٗے عبارت تہٕ طغرٕ بیترِ یُس نمبر۱۰ سِکس پیٹھ چھُ۔ | اٛتھ چھےٚ رِوایت کُم کاہہٕ کرِٛپنہٕ آہرٕ بزرٛونہہٕ کُن بُتھ کرِتھ دیوی تہٕ دیوتا ہِنٛز شبیٛہہ۔ دِوتہٕس چھُ ڈچھنہِ نرِ واشس گڈِتھ تہٕ کھووِرِس اتھس مَنٛز چھُس شاہی ڈنٛڈٕ۔ دیوی چھُ ووڈِ تاج تہٕ ڈچھنِس اتھس مَنٛز چھس پوشہِ مال۔ کھووِرِس سوٛتھرِس پیٹھ طغرٕ [illegible] کھووُرکُن۔ کھروشتی ے | | ایزلِس | |
| ۱۵ | روٗپھ | سوٗے عبارت تہٕ طغرٕ یوسہٕ نمبر ۱۰اہس پیٹھ چھےٚ۔ یوٗنانی روایت: بیسِلیئوس بیسلیئوٗن میگالو تولوو | ووہِنی زیوس یُس گاہ چھُ ژھٹان اُمس چھُ کھووِرِس اتھس مَنٛز شاہی ڈنٛڈٕ۔ ڈچھُن اتھ چھُس مُژراوِتھ یتھ مَنٛز کوو کرِتھ وُزملِہِنٛز علامتھ چھُس۔ کھروشتی روایت سپل ہورا (پنٛتر اسادھرمیسا) سِپل گداماسا | | ونونس تہٕ سِپل گرامِس | |

| گرند | دات | بُتھ | تھر | سنہٕ | راز | وِہِژھنۓ |
|---|---|---|---|---|---|---|
| ۱۶ | روپھ | سوار بادشاہ یٚمیٚس نِشانہٕ باپتھ اَتھس مَنٛز بُرِش آیہ وِتھ چھےٚ۔ | گاہ ژھٹہٕ دُن زیٚوس ووٚدنی اُمِس چھ کھوورِس اَتھس مَنٛز زیٚوٹھ شاہی ڈنڈٕ تہٕ دچھنِس مُٹرٲوِتھ اَتھس مَنٛز چھس کاوی دار وُزمٕلہِ ہٕنٛز علامت۔ کھروشتی رِوایت مہاریش مہاسا ایاسا کھوورِس سٕوتھرِس پیٹھ طغرٕ ▭ | | سپل رٔشیس تہٕ زیٚوس | |
| ۱۷ | روپھ | گُری ہٕنٛزِ تھر پیٹھ ووٚدنی راز اُمِس چھےٚ دچھنی نُرواش کڈِتھ تہٕ بُتھ دچھِن کُن۔ یوٗنٲنی رِوایت۔ بیسلیوٗ ننتش بیسلیو اخوابداگاش۔ دچھنِس سٕوتھرِس پیٹھ طغرٕ | دچھِن کُن وُچھان، ووٚدنی زیٚوس یٚمیٚس دچھنی نُرمُٹرِتھ چھےٚ۔ کھروشتی روایت: گدو پھارا برات پُترِ اسا۔ مہاراجش اوا ادگاش | | ابداگیشس | |

نوٗٹ:۔ یِم ساری سِکہٕ آسیا کٲشیرِ اَندر مُرَوج کیٚنہٕ نہٕ، اَتھ متعلق چھےٚنہٕ کانٛہہ شقہٕ ثبوت بدس، مگر یِمن بادشاہن ہِندی سِکہ چھِ کٲشیرِ مَنٛز اَتھ آمٕتی تہٕ وُذکین چھِ سری پرتاپ سنگھ میوزیمس مَنٛز موجوٗد۔ اَمہِ کِنۍ یِم سِکہ کٲشیرِ مَنٛز اَتھہِ ینہٕ تہٕ بدس آسنہٕ کِنۍ سٕوممبر نہٕ مَنٛز شامل تھوٚوِ واریاہ تواریخی حوالہ چھِ موجوٗد یِمو موجوٗب اَنداز چھُ لگان زِ گاندھار کشمیر جن پَدٕ دورس یا اَمہِ پتھ برٛونہہ ما آسہِ ہے کٲشیر یوٗنٲنی سترپن ہِندس دٲیرٕ اقتدارس مَنٛز۔

# کُشان دورٕکۍ سِکہٕ

| گرنڈ | دات | بُتھ | تھر | سَنہٕ | راز | وِبُرٛھنے |
| --- | --- | --- | --- | --- | --- | --- |
| | سون | کھوُورکُن پھیپرتھ رِلش کُرِتھ راز، اُمِس چھِنے وِدٕ ڈِکھنگرِ دار ٹوٗپی، زَنگن ہیٚزارتہٕ موٚٹ یار کُرِتھ کھوٗربانہٕ ۔ یہ چھُ ہَونہٕ کوٗنڈِس نِش تہٕ کھوُورِس اَتھس مَنٛز چھَس زیٚٹھ ہُرِش سکیس پیٹھ چھِنے یوٗنانی رِوایت شاہان شاہو کَنشک کُشانو۔ | ژُنٛدرٕ دِوتا سٕنٛز ژُنٛدر کُرِتھ شبیہہ، ژُنٛدر چھُ کھوُورِس اَتھس مَنٛز ڈوٗرِدار شاہی عاچہٕ یُس ژمکان چھُ اُمِس چھُ ڈٕچھِن اَتھ مٔر اَوِتھ یُس رٕیٚہہ ژھٹان چھُ باسان، ڈٕچھِن کُن۔ ناو کھوُورکُن طغرٕ | | کنشک | کنشکس متعلق چھُ وِدٕ ذِکرُ کاہسہ پھرزِ سہ بنیٖو ۷۸ مَنٛز بادشاہ. راز ترنگنی مَنٛز چھُ کنشک راز سِلسِلُک اَخری راز. مگر سُہ چھُ ترتیبہٕ حِسابہٕ گوٗڈنیُک بادشاہ۔ |
| ۲ | سون | ″ | ژور تُرِ کُرِتھ کھوُورکُن پھیپرتھ شِو یَس پِتِی کِنی مَنٛڈُل چھُ. اُمِس چھُ اَکِس اَتھس مَنٛز دآیِرٕ دوٚیمِس مَنٛز کشکول، تریٚیمِس مَنٛز کمنڈل تہٕ ژوٗرِمِس مَنٛز ترشوٗل ۔ | | کنشِک | |

